# نجاسات

یا ذوالید خبر کری یا زہ عادل گواہی دنہٕ اکس عادلہ سنزہ گواہی کرِ احتیاطاً مسئلہ پاک
چھُہ ناپاک لباس یلہٕ وکیل تطہیر کرِس اطمینان سان بے اطمینان چھُہ مشکل تکس طہارتس اعتماد
کرُن پاک چیز ناجس گژھِنس بعینہٖ یقین کرنہٕ ذوالید خبر دنہٕ زہ عادل یا اکی عادل
گواہی دنہٕ ظن تِمے آسہ مہ نرِ اُتھ ناپاک واجب چھُہ ازالۂ نجاست جامس تہ بدنس
نمازِ باپت بیہ خانہٕ کعبکہ طوافہ باپت اُتھن تنت منزِ واجب بیہ مسجدہ اُتھ نہ باپت
برنہٕ بیہ نجاستہٕ سیت بیہ خوردنی تہ آشامیدنی چیزن کھنہ چنہ باپت بیہ تہندن باتن
کھیہ تمن منز نجاستِ سُربہٕ آسِت حرام چھُہ ناپاک چیز کھین تہ چین بیہ چھُہ واجب نجاست
ازالہ کرُن مصحفس بیہ مسجدن بیہ نورانی ضرایحن کم آسنہٕ نجاست یا بسیار بیہ چھُہ واجب
پاک آسُن مکانِ نماز نجاستِ سُربہٕ نشہ محلِ سجود مُسربہٕ تہ غیر مُسربہٕ نشہ حرام چھُہ
معاملہ کرُن یمو نجاسو سیت تہ پانہٕ چھِنہ جایہ لیکہ تفصیل بیہ تمو نجاسو سیت زہ تطہیر
آسن نہ قبول کران نجس روغنہٕ سوا ازالنہ باپت بیہ تہ ورای حلال منفعتو باپت باطل
چھُہ نماز کرزی جامہ یا بدن نجس آسِت عمداً النسیاناً تہ صحیح چھُہ نماز کرزی بخبر آسِت تم نجس
آسنس احوط رِیے چھُہ سہ نوی کرن خصوصاً یلہ ناپاکی آسہ ناپاکی حرام گوشت ہرگاہ نماز منز معلوم
سپن تہند نجس آسُن یا نماز منزہ نجاستہٕ تمن عروض کرُ یا نمازِ منزہ لب تہند نجس آسُن اما معلوم چھِنہ
نماز کرن ہِنہ بروںہ نجاست عارض آسن اَدہ نماز منز نیہ نہ ازالہ کرن کنہ شرعی عذرہ نو کرہ سہ
نماز ازالہ کرِت ہرگاہ وقتس آسہ تیوت وسعت نہ کرہ تتہٕ کنہ نماز تمام ہرگاہ پاک
جامہ مشتبہ سپنہ نجس جامس سیت پاک جامہ آسنہٕ بیاک تہٕ سوا پرت اکس منز گژھِ کرن
اک نماز ادا وقتس وسعت آسہ تیو تاہ نتہ اکس منز یمو منزہ نماز کرہٕ نس چھُہ اختیار کیتھن
جاین چھِہ نجاست دور کرن نماز باپت معفو آک سہ جایہ زہ شخص آسہ زخمہ یا دُملہ خون نیران
ازالہ کرہٕ نس آسِس نوعی مشقتاہ زخمی جایہ خونہ برتھہ آسنہٕ جامہ تہ بدن یا دورتان زہ عادت
آسہ تت تان برنہ یوان دیم سہ جایے زہ جامس یا بدنس یا دُنون آسہ خونہ کمتر از

در ہمِ بغلی آسنہ حیض تہ نفاس تہ استحاضہ نہ خون حرام گوشت اِنسانہ سندِہ خونہٕ سوا
درہم بغلی چھِہ کفِ دستکِہ سنٛزِ مقدار تریم چھِہ محمول زِہ نجس آسِہ گومُت زیورِ طلاتہٕ نقرہ
ہنٛہ یا چند کِن چیزن ہِنہ ساترہ سِوا ژ ورم چھِہ ہرگاہ کران آسِہ زنانہ تربیتِ صبی جاہ
آسِنہٕ اگہ سِوا سُی آسِس تس صبی سنٛدِہ بولہ ناپاک صحیح چھِہ نمازتس تت جامس منٛز
چہلسہٕ شبانہ روزی اکہ مرتبہ پاتر تم چھِہ سہ جاے زِہ شخص سپنٛہ مضطر نجس جامہٕ ولنس
عاجز آسِہ تطہیر کرنس تت نماز کرِہ تت منٛز ادا **فصل** چھِہ مطہراتن منٛز مطہرات
چھِہ شراہ گٕنڈہ یُک چھِہ آب مطلق تہ پاک اکِہ روان تہ کثیرہ چھِہ پرت متنجاہ قابلِ
تطہیر پاک سپنان آب مطلق تت سیت میلِت آب مضاف تت منٛز اِضافتہٕ نیرت بابتہٕ
متنجات تت ل لگِت بعد زوالِ نجاست یا نجاست لگِت تتی زوال ہرگاہ نہٕ تمِہ
جایِہ پنٛہ آب نجاستہ سیت تغیر لبِہ متنجہ سیت سپنِہ مضاف تتی پاک سپنٛہ یُس
چیز اہ تمو منٛزہ آسِہ نبرِ سے نجس نتہ گژہ نبرِ سے پاک واتسنہٕ اندر آب طلاو نقرک پاٹہ
زِہ کارِ تہ آب گرہنہ گژہن نجس نتہ تمِہ چیزک پاٹہ زِہ باطنی رطوبت تیچ رٹ کرہ آب تت
نفوذ کرِہ نس یا نفوذ گرِسنہ آب با اطلاق اندرہ نبرہ سپنِہ پاک واتِسہٕ اعماقن آب
با اطلاق روشن گومِہ جایِہ طریقِ تطہیر تہ پاکی جسمِ صلب بیہ بدن تہ پوست تہ گوشت
ہندوانہ تہ خربوزہ خیار ساری میوہ تہ ساری سبزیہ تہ ساری پھل بیہ لباس تہ نمد
تہ گلیم تہ لحاف تہ تکیہ بیہ بوریاتہ خشک گاسہ تہ ہیچو چیز بیہ چرمِ کفش پاپوش نعلین
چوبی چرمی ریسمان خمیر نیر نان زمین گل آرد صابون کاغذ بیہ یہ کینہ مِن ہنٛہ چھِہ
حوض تہ بانہ ساری چوبی چرمی مسی سفالی لوک تہ ہٕڈ آب جاری تہ کثیرہ سیت اما
ضرور چھِہ متنجس آسِہ وضوٗلگ مانع چربی ہش گٕنڈہ دور کرن مانع نفوذ تہ آسی ممکن تہ طہارت
باطنی بکار اسستی رطوبت مانعِ نفوذ تہ زوال لبِہ ہگہ ناوِہ سیت بیہ چھِہ ضوٗ آبس منٛز توت
کال آسن سہ زِہ اعماقن کرِس نفوذ آب یتہ سپنٛہ پاک خمیر نیر بیہ گل تہ زٹ تہ سفالِ تہ

بانہ آسہ ہونسندہ ولوغ تہ دہانہ نجس ثرمتھنہ تہ احتیاط
گل نجس بیہ یہ کینہ تمن ہہ چھہ
لازمہ اتہ دُیہ چھلنہ سپنہ پاک پاک سپنن باقی متنجسات اکی چھلنہ احوط تے چھہ تمن چھلنک عدد
تہ فشار برداک فشار نجس اعماق مانند نان وگل تہ خمیر وپنیر پاک سپنن نہ سوائے آب وارن
تہ کثیر پاک سپنن نبری گرہکہ آب قلیلہ قطہیر معلوم گوزہ آب قلیلک تطہیر چھنہ کثیرک
یوت اما آب قلیلہ تطہیر کرنچ طریق چھہ یہی زہ گڈہ کرن متنجس نجاست تہ آبکہ وضولک مانع تہ
سبب اضافہ دور آدہ گرہ آب مطلق تہ پاک تتھ پٹھ ورود اطلاقس پٹھ باقی آستہ گرہ
تمہ نشہ جدا پانہ یا فشارہ یا بیہ کنہ سیت اتے چھہ پاک تطہیر یک آواکہ مرتبہ بیہ ای گرنہ چھہ
پاک تطہیر یک آد دُیہ مرتبہ ترییتہ ای گرنہ چھہ پاک تطہیر یک آد تریہ مرتبہ حساب مراتب چھہ
ازالہ تپہ تطہیر بولِ صبی شیرخوار زہ دُنہ آسنہ غذا خوار چھہ آب ہارُن تیوت زہ پھیرہ
بولہ چن جاین اکہ مرتبہ دُیہ مرتبہ احتیاطاً تطہیر بولِ غیر این صبی چھہ دیہ مرتبہ تطہیر چھہ بین
نجاساتن نشہ پرت متنجس بانوسہ اکہ مرتبہ تطہیر بانن ہند چھہ پرت نجاستہ باپت تریہ مرتبہ
اندرکن اما آسی بانہ ہون سندہ دہاتہ ولوغ گومُت نجس ثرمتھنہ تہ دیہ مرتبہ پیہ چھلن تت
نشہ مرتبہ چھلن بانہ آسی موش دشتی مرنہ یا خوکہ سندہ آب چنہ گومت نجس تمس منز خاک
مال کرت بغیر وجوب نجس چھہ غسالہ مزیلہ مفید طہارت تہ احتیاطاً معلوم گوزہ تطہیر مخرج
چھہ دُیہ مرتبہ لازم چھہ گڈہ ازالہ کرُن شہ آب غلیظ یس بعد از بول یا پیش از بول
چھہ نیرِوان مالش تہ چھہ تتھ لازم دورنہ سپنہ تمہ سوا ضرور چھنہ تفحص منجیر آستہ
تکس نیرنس مخرج بولک غسالہ چھہ پاک آسنہ بول مخرج نبر پھلیومت متعارفہ خوتہ
زیاد ضرور چھنہ آبہ سیت مخرج غایطک تطہیر آلودہ نہ آسہ میاہ ظاہر تمک
مختار چھہ آبہ سیت چھلنس تہ پاک تہ غیر مستعمل ترِیو کنو یا تریو ٹو جو یا ترِیو دجو سیت
مسح کرنس آسی برتہ دایرہ مخرج نبر پھیلنہ سوا یہ مسح اکہ باٹہ گرہ مخرج پاک اتراہ
تے تہ روزہ غیر محسوس اما سُنت چھہ امہ وزہ آبہ سیت چھلن غایط آسی کترہ

نبر پھلیوت مشخص چھہ مخرج ادہ آبہ چھلن اما غسالہ تہِ مُک چھہ پاک برونہہ صورتک
پاٹہ چھلی تلہ تہ آبہ مخرجس تعدیہ غایط مخرجس فاحش آسنہ وِزہ چھہ غسالہ تمک نجس احتیاطاً
اطرافِ مخرج یلہ بَرتہ آسن سُنّت چھہ مخرجن گڈہ سُہ مسح کرُن ادہ آبہ چھلن کلہِ پٹہ
تھنبہ تھنبہ استنجاء کرُن چھہ استنجاء بآبِ قلیل تطہیر کرُن لباسس چھہ تِیہ کہ زہ
تتھ پٹہ ہارن آب تیوتاہ زہ کیتراہ گژھ تمہ نشہ پانہ جدا گیژراہ فشار دِوان یا بانن
منز تھاو تہ آب ہارِس تہ فشار دِس اِتے پاک سپنہ آسی اگی چھلن بکار تِمکس پاک
گژھن نتہ سپنہ پاک بیہ کرنہ اِی تطہیر ظرف چھہ تیہ زہ بانس آبہ پُر کرُن تہ سُہ
تتھہ تراون یا کم آباہ بانس ژِکس منز تراوُن تہ گرایہ سیت یا اتھہ سیت پھرہ ون
تت سارِن جاین تہ تتھہ تراون یا اند اند ہارن آب بانچہ لبہ ستھرہ سیت یا دِچھ سیت
یا ژِکس سوراخ کرتہ کڈن غسالہ نبر یِموتو دوبارہ چھلت تہ ترٛبارہ چھلت سپنہ پاک
سُہ ظرف نجس اما یمہِ ستھرہ یہ دِچھ سہ گڈہ نِک غسالہ کڈن تم پاک کرتہ یا
بدَلاوتہ دیم غسالہ کڈِس ان بکار تریم غسالہ کڈن تہ کرن اِی پاک سپنن ساری
بانہ لوگ بڈ منصوب تہ غیرِ منصوب یموتو آب قلیلہ سیت ترِیہ مرتبہ چھلن
بانہ اندرکن نبرکن سارِن تنجاتن ہند پاٹہ اکہ مرتبہ یا دویہ مرتبہ یُس چیزاہ بوزنہ
اِیہ نجس غسالہ اکِہ چھلنہ پاک سپنہ بآب قلیل تہ کثیر دیم چھہ مطہراتو منزہ آفتاب
آفتاب چھہ پاک کران زمین بیہ گرہ تہ تھند بر تہ پنجرہ ہاکہ داس کرایہ
طاق ساری تان میخہ تان بیہ کُل گاسہ میوہ سبزیہ تہ پھل وقت تی آسہ
تم ژٹہ نک بیہ یُس چیزاہ عادتہ آسہ غیرِ منقول منقولہ منزہ حصیر تہ بوریا پاک
کرِک تیتھہ پاٹہ تم ترآست آفتاب پیک تمہ زنگہ زہ نجاست زایل کرکھتہ نکہ ناوک
ادہ سپنن پاک تریم چھہ نار نار چھہ پاک کران یت چیزس سور کرہ یا دُہ یا بخار زوم
چھہ زمین زمین چھہ پاک کران کھرکتہ کھرہ بانختہ عصاک تلم طرف زہ مس چھہ کران

طریق تطہیر لباس

طریق تطہیر ظروف

زمینہ سُی یلہ آسہ نجس گوٗمُت زمین پٹ پَچنہ پاک سپَنہٕ ہُچھہ زمین پٹ پَچنہ یا تت
متھفنہ لبہٕ سہٕ نجاست زوال پانژم چھہ استحالہ اِستحالہ چھہ پاک سپنان نطفہ تہ
عَلقہ یلہ حیوانا ہ سپنک طاہرالعین بیہ یُسہ نجاستاہ زٕہ نوٗن سپنس یا خاک
شیم اِسلام اِسلام چھہ پاک کران کافرس یلہِ مسلمان سپنہٕ ستم اِنقلاب
یہ چھہ پاک کران شرابس یلہ سیرکہ سپنس آٹھم چھہ نقصان یلہ شیرۂ انگور جوش
کھیہ پلید زانُن احتیاطاً اتوی چھہ پلید نہ آسُن حرام آسُن چھہ بے اسکال زٕ ثلث
ژٕمنہ چھہ پاک تہ حلال نوم چھہ اِستبراء یہ چھہ پاک کران مخرج یوٗلکس مشتبہ
رطوبتس بیہ حیوانِ جلالہ سندس بولستہ برازس تہ عرقس دہم چھہ زوال یہ
چھہ پاک کران باطنِ انسان تہ بدنِ حیوان یلہ نجاست زوال لبِ کھہم چھہ انتقال
یہ چھہ حیوان صاحب خوٗنِ جہندہ سُند نجس خوٗن پاک کران یلہ سہٕ درحیوان
صاحب خونِ غیرِ جہندہ چھہ واتان ھہم چھہ سنگ وگہنہٕ اِستنجا تطہیر ہیندِ سِن
بیان ترا وھم چھہ بیرون آمدنِ خون متعارف ازذبح حیوان یہ چھہ ذبحہ سندِس
پس ماندہ خونس تطہیر دِوان ژداہم چھہ تبعیت تبعیتہ چھہ پاک سپنان اَتھہ اِستنجاس
منز بیہ لباسکس تطہیرس منز بیہ یہ کینہ تتہ ہہ چھہ کافر یلہ مسلمان سپنہٕ فرزند
سپنس تبعیتہ پاک تفصیلِ تطہیر تبعیت چھہ بڈِ کتابن منز ذکور پندا ہم چھہ
انفصالِ غسالہ یہ چھہ پاک کران متنجس مغسولکس پس ماندہ رطوبتس شراہم چھہ
غایب سپنُن مسلمان بااحتمالِ تطہیر یہ چھہ پاک کران تس غایبس پانس بیہ زِندانِ
جاہن تہ فرستہ بانہٕ بیہ یہ کینہ تمن ہہ چھہ تسند وتابعِ منزہ غیبۂ سپنہٕ ژہ نشہ
تھنز نجاست زانت پاک چھہ اَدٕ ژہ نشہ احتمالہ کرگ تسندِس تمن تطہیر کرنس
بیہ وُچھن استعمال کران تتی زٕہ پاک آسن تم چھہ ضرورتہ **فصل** چھہ خلاکن
آدابن منز واجب چھہ بوستہ برازس بہنہ وِزِہ بین حالن ہند پاٹھہ متر عورت کرن

استحالہ
اسلام
انقلاب
نقصان
استبراء
زوال
انتقال
تبعیت
انفصال
غیبت
وآداب جائے خلا

پرت حرام نظرِ نشہ حرام چھہ اَمہ وِزِہ بُت تہ تھر قبلس کُن کرُن واجب چھہ استنجاء
یتہ پاٹہ سیٹھُن بیان مکرُوہ چھہ بُولس تہ برازس بِہنہ وِزِہ رُوے بقرصِ آفتاب تہ
ماہتاب کرُن ہیہ بُولہ وِزِہ واوُس کُن رُوے کرُن بیہ برزمینِ صلب بول کرُن بیہ ایتیادٔ
بُول کرُن بیہ بوستہ برازس وتن پٹ تہ یارہ بلَن پٹ بہُن بیہ تمَن جاین زِہ یتھیا چھہ
قافلکہ نزولہ باپت بیہ میوہ دارکُلس تَل بیہ یتیہ تمَن بہنس لعنت کرَن گرَن ہندر بر
ہِہ بیہ آبِ جاریستہ ایتادس منز حدث کرُن بیہ جانورن ہندن سُوراخن آلن
بُول کرُن بیہ بلند مکانہ پٹہ بُول ہواس کُن لایُن بیہ بوستہ برازس بہت کہُن تہ چُن بیہ کلام
کرُن سوایے ذکرِ خدا تہ آیۃ الکرسی سوا تہ اذانکہ حکایتہ سوا تہ عاطسہ سندِ تسمیہ
سوا تہ جوابِ سلامہ سوا تہ امرِ ضروریکہ کلامہ سوا بیہ چھہ مکروہ بوستہ برازس قبرہ
پٹہ قبرن منز بہُن بیہ خلاس منز مسواک کرُن بیہ پانس سیت درہم تہ دینار کیسہ نبر آسُن
ہرگاہ نام خدا لکھت آسِک سُنّت چھہ تمہ وِزِہ سر پوشیدہ تھاوُن بیہ مردس پوز لگ
استبراء کرُن یتہ پاٹہ زِہ پھش کھارہ مقعدہ پٹہ تا بیخ قضیب تریہ مرتبہ تمہ بنجہ پٹہ سرِ
حشفس تان تریہ مرتبہ اَدہ دِنہ سرِ حشفس تریہ مرتبہ حرام چھہ استنجاء کرُن استخوانہ
تہ سرگین تہ خوردنی سیت پاک تی گژھہ تمو مخرج مکروہ چھہ استنجاء کرُن دچھنہ اتھہ کھوورہ
اتھہ تہ یلہ تنت آسہ واجاہ زِہ نقش آسِس نام خدا یتعالے یا کانسہ پیغمبرہ سُند نام یا
کانسہ امام سُند نام برنہ نہ ایہ نجاستہ سیت نتہ چھہ حرام کُنہ وقتہ چھہ کفر مکروہ
چھہ ہمراہ تھاوُن خلاس منز کنیشراہ زِہ منز آسس نام خدا یتعالے سُنّت چھہ خلاس
منز اژنہ وِزِہ گُڈہ ژاُن کھوور کھُر بیہ پرُن یہ دعا بسم اللهِ وَ بِاللّٰهِ اَعُوْذُ بِاللّٰهِ مِنَ
الرِّجْسِ النَّجِسِ الْخَبِيْثِ الْمُخْبِثِ الشَّيْطَانِ الرَّجِيْمِ استنجاء کرنہ وِزِہ یہ دعا پرُن اَللّٰهُمَّ
حَصِّنْ فَرْجِيْ وَاسْتُرْ عَوْرَتِيْ وَحَرِّمْهُمَا عَلَى النَّارِ وَوَفِّقْنِيْ لِمَا يُقَرِّبُنِيْ مِنْكَ
يَا ذَا الْجَلَالِ وَالْاِكْرَامِ وتھنہ وِزِہ تہ اتھہ پھرہ وُن تمکس نہ پرُن اَلْحَمْدُ لِلّٰهِ الَّذِيْ اَمَاطَ

عَنِي الأَذَىٰ وَهَنَانِي طَعَامِي وَشَرَابِي وَعَافَانِي مِنَ الْبَلْوىٰ تہٖ نیرہ وُن گڈہ دچھن
کھر کڈُن تہٖ پرُن اَلْحَمْدُ لِلّٰهِ الَّذِي عَرَّفَنِي لَذَّتَهٗ وَاَبْقَىٰ فِي جَسَدِي قُوَّتَهٗ وَاَمَاطَ
عَنِّي اَذَاهُ يَا لَهَا نِعْمَةً لَا يَقْدِرُ الْقَادِرُوْنَ قَدْرَهَا **فصل** چھیہ در احکام

وضو وضو چھیہ شرطِ نماز صحیح چھنہ نماز اہ واجب تہٖ سُنّت بغیر جنازہ وضوہ سوا واجب
چھیہ وضو واجب نمازِ باپت بیہ واجب طوافہ باپت بیہ نذر تہٖ نذرکہ شبیہ سیت بیہ
قرآنس مس کرنہ باپت یلہ مس تمک واجب آسہ سُنّت چھیہ وضو سُنّت نمازِ باپت تہٖ سُنّت
طوافہ باپت بیہ حج چوکامہ باپت طوافہ سوا تہٖ نمازِ سوا بیہ قران پرنہ باپت بیہ نماز
جنازہ باپت بیہ طلبِ حاجت کرنہ باپت بیہ زیارتِ قبور کرنہ باپت بیہ قرآن لکھنہ
یا تُلنہ باپت یا حاشیین تمکن مس کرنہ باپت بیہ ہمیشہ بر طہارت آسنہ باپت بیہ
مہیا ے نماز پیش از وقت آسنہ باپت بیہ زوجہ حائلس جماع کرنہ باپت بیہ مسجدہ
اَژنہ باپت حضوصاً یلہ ارادہ آسُن بہن تہٖ مشاہدِ مشرفن تہٖ چھیہ یہی حکم بیہ سفرس
اِنہ مسافرس گرہ اَژنہ وزِہ بیہ مردس تہٖ زنانِ زُفافہ باپت بیہ قاضیس مجلسِ قضا
بہنہ باپت بیہ میت قبرہ والنہ باپت بیہ سُنّت غُسل کرنہ برونہ بیہ سجدہ شکرہ باپت
بیہ سجدہ تلاوتہ باپت بیہ دعا پرنہ تہٖ زیارت از دور کرنہ باپت بیہ شُنگنہ باپت بیہ
وضوکہ تجدیدہ باپت نمو سُنّت وضوٗ منزہ پرت اکہ سیت زانِزہ نماز واجب تہٖ ادا
کرِت بیہ چھیہ وضو سُنّت جُنبس شُنگنہ باپت بیہ کھنہ تہٖ چنہ باپت بیہ یلہ ارادہ گرِہ میتس غُسل
دِن بیہ یلہ جُنب آسہ مجامعت تمی حالہ بیہ مقاربت کرنہ باپت بیہ مُختلمس نِنِس حلالس سیت مقاربت کرنہ
باپت بیہ میت سندِس غاسِلس غُسلِ مس کرنہ مقاربت کرنہ باپت بیہ حائضس وقتِ نماز ذکر خدا
کرنہ باپت بیہ میت سندِس غاسِلس غُسلِ مس کرنہ برونہ میتس تکفین کرنہ باپت بیہ تس میت قبر والنہ باپت
یمو وضو منزہ کُنہ اکہ سیت چھنہ نماز مباح **باطل** چھیہ گژان وضو بولہ سیت تہٖ رطوبتِ مشتبہ سیت اِستبرا
نہ آسہ کرمُت بیہ غایط نیرنہ بیہ نیرنہ بادِ بے صدا تہٖ با صدا مخرجِ معتادہ بیہ نندرہ سیت

احکامِ وضو

ترٛژہ زٕہ زوٗرانہٕ اَچھن تہٕ کنٛن پوتاہ زٕہ اَچھواِیہٕ نہٕ نظرٕ کنٛواِیہٕ نہٕ بوٗزنہٕ ۔ بیہ بیہوشی تہٕ دیوانگیہٕ نہٕ اِستحاضہ
قلیلہ ہیت بیہ حیضہ تہٕ نفاسہٕ نہٕ اِستحاضہٕ متوسطہ تہٕ کثیرہ ہیت بیہ مس کرُنہ سیت میتس آسی سرد سُنٛمت
تہٕ غسل رُت بیہ جنب سپنٛنہٕ تہٕ مرنہٕ وضو واجب نہٕ آسنٛس پیوٗدیو ہرگاہ شخص یقین آسہ حدث کرنس
تہٕ شک آسس تمہٕ پتہٕ وضو کرنس اَتھ وضوس اعتبار کرنہٕ وضوانہٕ بجا ہرگاہ یقین آستہ وضو
کرنس شک کرہ تمہٕ پتہٕ حدث کرنس اَتھ حدثس چھنہٕ اعتبار تہٕ وضوک چھنہٕ احتیاج **فصل** چھہ
وضوس منز حقیقتِ وضو چھہ زٕہ چھلن تہٕ زٕہ مسح کرن گوڈہ نیت کرتہٕ بُتھ چھلُن موے سرک منتہا
پٹہٕ ہُگنہٕ ہندس اندرس تام درازی کنہٕ پنہ کن پوتاہ تل رٹہٕ وہرت نٹ تہٕ منز م اُنگج میانہ خلقتہ
سُند واجب چھہ چھلُن یہ کینہہ ہیت مقدارس منز آسہ یہ تمہٕ نبر آسہ واجب چھنہٕ چھلُن سہ تنک ریش
واتناوہ مویہ تل آب ہرگاہ احاطہ موے صادق پیٚیہٕ کثیف موی مویک ظاہر چھلنس کرہ اکتفا
ہرگاہ بکانہ پیش سرس آسنہٕ موی یا آسس ڈکھتہ وتہمت تتہٕ پٹہ بُتھ چھلہ زٕہ زٕلوک آسن
چھلان اَدہ دچھن زہ چھلن کھنہٕ ونہ پٹہ اُنگجہ ٹنڈن تام تمہٕ پتہٕ کھوٗر زنہ تتہٕ پاٹہ ہرگاہ آب
واتنگ مانعاہ آسہ تھس یا زن ضرور چھہ سہ دور کرُن یا تت حرکت دِن بیہ چھہ ضرور
بُتھ تہٕ زہ ہیرہ پٹہ بن تام وُسن چھلان تت منز چھہ صدق عُرفی بس کُنہ جایہ تہٕ تلم ہناہ ہیرہ
برونہ چھلن وضوک آب واتناوُن پرت جنرؤس تمن پس چھہ ضرور تمن تام چھلان واتت
بمہ چھلت بُمو تل اتھہ پھرہ وہ تہٕ واتناوِہ اَچھہ کھابخرن تہٕ بُتہ کس نٹرس آب تتہٕ پاٹہ
زٕہ یلہ ہیرہ چھلان وسہ اُنگجن ہٹ واتتہ چھلہ ہیلو تھند اَدہ کرُن مسح پٹھس سرس پوشس
تہٕ کس یا مویس تتہٕ نکس تتی آسِت ناماہ مسحک دچھنہ اَتھہ اندرمہ طرفہ وضوچہ تریہ
سیت اَدہ مسح کرُن کھرن اُنگجہ ٹنڈ وپٹہ مفصلن تام ناماہ مسحک احتیاطا دچھنہ اَتھہ دچھنس کھرہ
کھوورہ اَتھہ کھوورس وضوچہ تریہ سیت یہ احتیاط ترک کرن نہ ہرگاہ سہ تریہ اتھن باقی آسنہ
ریشہ پٹہ نتہ بموپٹہ تُلہ تہٕ مسح کرہ وضوکرہ مخالفن ہندپاٹہ تقیہ چہ جایہ جبیرہ آسنہٕ وزٕہ کنہ جائے
عضوس بنی تمہ تل چھلت جبیرہ تُلنہ یا آبس تل والنہ واجب چھہ کرُن تیے یکنہ ضرر کرہ

حقیقت وضو

خوفہ یا ازالہ نجاست ممکن نہ آسنہ تَت تان چھلِہ عضوستہ پوٚر پاٹھ کرِو مسح جبیرس اَدٕ چھلہ
باقی عضوس زخمن تہ پھرن پٹ آلِتھ سَپنہ جبیرٕچ عمل پیٹھ نہ آسِت چھہ اَقوے عضو
تُت تان چھلُن تہ تمَن پانس مسح کرُن برونہم پاٹھہ تے متعذر آسہ خرقاہ پیٹھ تراوِتہ کرک
مسح جبیرہ کی حکم چھُہ تَتِ زِہ لور آسہ عضوس ضرورتہ وِزِہ بلکہ ظاہر چھُہ ای پوٚستکس پرت
حاجتس زِہ دشوار آسہ اِزالہ تمک شرط چھہ وضوس آب مُطلق تہ پاک آستہ سُہ مباح
بیہ وضوک اعضا پاک آسن بیہ وضوچ جاے مباح آسن بیہ جاے ریختنِ آب وضو تہ
ظرفِ آب وضو مباح آسن در ہر حال تَتِ پیٹھ آب ہارنس بانیت وضو کرنس غرفتہ
تصرف دِین بیہ نہ وضوک بانہ طلاتہ نقرہ آسُن تمو وضو کرنہ اِستعمالِ ظرفِ طلاتہ نقودین
بیہ آب استعمال کرنس مانع نہ آسُن بیماری ہش تہ تشنگی ہش ہِنِن یا نفس مُحترمہ سنز تشنگی
وقت گرِنے قصد وضوسیت مباح آسن سُہ نماز زِہ وقت تمِک چھُہ تنگ بیہ اَنہ وضوچ
کامہ ترتیب بجا یتھہ زِہ گڈہ چھلِہ بعد نیت بُت اَدہ دچھن زر اَدہ کھوور زر اَدہ کرِہ مسح سر
اَدہ مسح پا بیہ چھُہ موالات سُہ گو وضوچہ کامہ تِمَس پت کرَہ نہ ہرگاہ کُنہ کامہ تیوت تاخیر
کرِہ زِہ برونہم عضو ہُکہ وضو کرِہ بیہ از ابتدا ہرگاہ سُہ عضو تِمُس پت چھلت ہُکہ تیوت
تاخیر کرَ نہ سِوا اقوے چھُہ زِہ وضو چھُہ صحیح ہرگاہ نہ باتاخیر برونہم عضو ہُکہ آتا تاخیر
سَپنہ حدہ نیرِت وضو چھُہ باطِل بیہ چھُہ وضوستہ سارِن عبادتن نیت شرط نیت نہ
قصد تہ عزم تہ اِرادہ چھُہ معنی کِن کُنی کاشُر یات چھُہ کامہ ہنز راے سُہ رای زِہ مختارہ سنز
کوٚم چھُہ تمی کِن کرَنہ یوان مثلاً دیکھ کانسہ کمہ رایہ گرُت کمہ رایہ وَنُت کمہ رایہ آک کمہ رایہ
گوک کمہ رایہ کرِت تعظیم یس کمہ رایہ کرِت ترکِ تعظیم یمِس یعنے کمہ نیتہ جواب دِنی یمہ نیتہ گومُت
آسہ یا آمُت آسہ مثلاً دلیل چھُہ یہ سوال تہ جواب یتہ پٹھہ زِہ اختیاری کوٚم چھُہ آسان نیتہ سوا
بے شعوری تہ غفلتہ تہ سہو نہ آسنہ وِزِہ بیہ یت پٹھ زِہ نیت چھُہ رایاہ باعثِ کار
نفطس تمکِس دِلس خطوٗرِ نہ سوا ازوہ پھرہ وَنہ سوا مثلا لوسک یلہ پکان تہ بہک یہ بہن ہونُن

چھہ لوسہ نیر نچہ نیتھ نہ نیتہ سوٗا تھکنہ وزہ ہینہ لوسہ نیرن ژہ نظرہ تل آسنہ را یاہ گژھ دِنس
چینس باعث ہینہ نس تہ بیٹھک تھپھر تمہ وزہ امہ نیتہ ہند لفظ دِل پرہ ناونہ سوا ژ وہ پھرہ
سوا پس لغو چھہ ہرگاہ نیتھ منزتہ کرہ یمہ کن چھہ وقتِ نمازِ پیشین مثلاً نیت کرنہ باپت تمک
بندس پس وُتھن تہ تکبیرِ احرام پرُن نظری آسن یہ نماز چھم کرن خدا یتعالان منظور کرن
تسندی اطاعتہ باپت یمہ حالہ بے نیت چھنہ اصلا نہ چھس بکار اخطار بال تہ حرکت
لسان در جمیع عبادات چھہ یہی حال پس چھنہ امر نیتہ کرنس مگر تس ژہ جاہل آسیہ
دُنونِ امرن نہ اگس یا غافل پس چھہ واجب بندس گڈہ زانُن ژہ یہ کوم چھم عبادت
یعنے خدا یتعالان چھم کرن منظور ادہ تعیین تمک آسے کُنہ رنگہ مشترک یتہ پاٹھہ ژہ
یہ نماز پیشین چھمہ کُنہ دِگر پس واجب چھنہ نیت ادا تہ قضا بینہ قصر تہ تمام
نہ وجوب نہ ندب مگر یلہ موقوف آسہ تعیین اتھ پٹھ ادہ یتہ کرن آسس
تت کرہ ادا برائے اطاعتِ خدا بعبادت کرہ اطاعتِ خدا اونے ژہ
سزا وار عبادت چھہ یا عظیم چھہ تہ عظمتہ تسندہ باپت یا شکرِ نعمتہ
باپت یا تسنز خوشنودی ژھانڈنہ باپت یا تسندہ خشمہ ژلنہ باپت یا ثواب یا
نجات از عقاب ژھانڈنہ باپت عقبائی آسن یا دنیائی اعلاے مراتب چھہ گڈہ نک
مرتبہ تمکی چھہ منقول از امیر المؤمنین علیہ السلام یا الٰہی ما عبدتک خوفاً من نارک
ولا طمعاً فی جنتک ولکن وجدتک اھلاً للعبادۃ فعبدتک یعنے ای مینہ
معبودہ کرنیہ عبادت مہ ژہ چانہ نارکہ خوفہ نہ طمعہ چانہ بہشتکہ اما ژونمک عبادتس سزاوار
ادہ کرمہٗ عبادت ژہ یلہ نیتِ عبادت بحقیقت مشخص گیہ بیہ نران ژہ ضرور چھہ باپت نیت
سپنن پرت عبادتاہ پس چھہ باطل عبادت کرزہی بی نیت تیتھہ ژہ آبس پٹھ گژھتہ غسل جنابت
گرنہ سُہ مشہ تہ بے نیت یا نیتِ معلومہ سوا اَیہٗ غسلاہ بجا یا یتہٗ ژہ وقتِ پیشینہ پیشین کرہ ژور رکعت
نماز امہ بے تعیین تہ اطاعتِ خدا قصد آسنہ سوا یا معین آستہ نہ خدا یتعالی سندہ اطاعتہ کرنیتہ سوا

یا سُہ نیت آسِت عبادت معیّن کرنہ سِوا باطل تہ حرام چھِہ عبادت کرزِی محض ریا تہ سُمعہ یا
بریاتہ سُمعتہ تہ خدا یتعالا سندِہ اِطاعتہ باپت بریاتہ سُمعتہ عبادت کرن گیہ عبادت کرن
دُنیوی فاسِد غرض ژھاڈان خلقن نشہ یلہ دِچھن سُہ عبادت کران یا بوزن نیت اِطاعت خدا
سان آستن یاتہ رُست یہ عبادتِ ریائی چھِہ کبائر موبقو تہ معاصی مُہلکو منزہ بقرآن تہ احادیث
فرموو رسُول خدا ان صلی اللہ علیہ وآلہ وسلم لَا یَقبَلُ اللّٰہُ عَمَلاً فِیہِ مِقدَارُ ذَرَّۃٍ مِن رِیَاءٍ
قبول کرِ نہ خدا اعملاہ زِہ ذراہ آسِس ریاء بیہ فرموو تم جنابن ریاء کرولن اِیہ نادِنہ در روز
قیامت ژور نامہ اے کافر ای فاجر ای غادر ای خاسِر رُووسعی چون باطل گو اجر چون
بھراہ چھنہ زِہ کِت ازگژمنگ اجرتن زِہ عمل کرت تسندِہ باپت ای مخادع اوس
سُہ جناب ودان تہ سوال کُرہس کیاہ زِہ چھو ودان فرموونک کھوژان چھس آمُتِ ینہ مشرک
سپننس اماتم پرستش کرن نہ صنمس نہ آفتابس نہ ماہتابس نہ کِنہ اما پننو عملو آسن ریا
کران بیہ چھِہ فرموومُت تمی جنابن علیہ وآلہ الصلوٰۃ والسلام بروایت حضرت موسیٰ
بن جعفر علیہما السلام زِہ قیامتک دُہ فرماوہ حق تعالیٰ جماعتاہ جہنمس ین ادہ کرِہ مالکِ جہنمس
خطاب زِہ دِپہ یہند کھر زالنہ تِچیاہ زِہ پیادہ آس مسجدن گژھان بیہ روے یہند
زالنہ تہ کیاہ زِہ وضو آس پورتہ کامل کران بیہ اتھہ یہند زالنہ تہ کیاہ زِہ میانہ درگاہ
کُن آس تمن بدُعا تُلان بیہ زبانِ یہنزِہ زالنہ زِہ تمو آس سٹاہ قرآن پران پرچھنک
خزانہ دار دپہ تمن اے اشقیاء کیاہ چھو کُرمُت زِہ یژہ عملہ آستہ چھو جہنمس سزا وار سپنمت
دپن اس آس عمل کران براے غیرِ خدا ازِ دنگپ ہیوا جرتس زِہ عمل آسو تسندِہ باپت
کران بیہ چھِہ آنحضرتس نشہ صلی اللہ علیہ وآلہ در اسرار الصلوٰۃ منقول زِہ گڈہ لیس
اکاہ منگنہ اِیہ قیامتک دُہ مرداہ آسِہ قاری قرآن بیہ مرداہ زِہ مارہ آسِہ گومُت در
راہ خدا بیہ مرداہ بسیار مالدار لیس فرماوِہ خدا یتعالےٰ قاری قرآنس آیا تعلیم کرنیا یہ سورم
پننِس رسولس پٹھ عرض کرِہ بلے ای پروردگار ادہ فرماوس خدا یہ زونت تتہ منز کیاہ عمل کرت

دپه اسے پروردگار قیام کرم ته هت درآناء لیل ته اطراف نهار اده فرماوس خدایتعالی
دروغ ونت ملائکه دپنس دروغ ونت فرماوس خدایتعالی قصد اوسینه مگر ایزه دپنه
ایه فلان چه قاری اده آو دپنه ته حاضر کرنه ایه مالدار پس فرماوه تس خدایتعالی وسعت
دتمه زه تا اینکه تراو نکنه ته محتاج آسهک کانسه کن جواب دپه بلے ای پروردگار
فرماوس کیاه کرت تت منزه عطا کرمه دپه صله رحم او سس بجا انان صدقات ته
خیرات اوس کڈان پس دپس خدایتعالی دروغ ونت ملائکه دپنس دروغ ونت حقیجان
فرماوس بلکه قصد کرت ایزه دپنه ایه فلان چه سخی دپنه اوته حاضر کرنه یه زه دراو
خدا آسه ماره گومت پس فرماوس خدایتعالی کیاه کرت دپه امر کرت جهاد
کرنس نپنه وته پس کرم قتال یت تان ماره گوسس خدایتعالے فرماوس دروغ ونت
ملایکه دپنس دروغ ونت خدایتعالے فرماوس بلکه قصد کرت ایزه دپنه ایه فلان چه
جری ته شجاع اده فرمو رسول خدا ان صلی اللہ علیه وآله وسلم یه جماعت چه خلق
خدا وزان آسه تم هت جهنم نعوذ باللہ منها آیات ته اخبار چه یه بابه بسیار پس شکاه
چهنه زه عبادت بمحض ریا کرن چه حرام بقصد اطاعت خدا ته بریا ته پس آسنه
درنیت دونوے قصد یعنے اک راے باعث اطاعت خدا ته بیه ریا واجب چه
اخلاص یعنے ریا نشه خالی کرن نیت خالص ته محض کرن براے اطاعت خدا
یه اخلاص بنه درنیت اخطار ببال کرنه ته یا تحریک لسانه نسیت یته پاته بنه ریا
راے باعث عبادت اطاعت خدا تنها آست ریا دلس گذرنه بمحض تصور فقط
بلکه تل آسنه ریاء یله سبب ریا دله منزه کڈه سبب ریا چه دوستی مدح مردم ناخوشی
ذم مردم ته طمع در دنیا یله دردل یم چیز آسن نه ریا کنه آسه سهل آسه عبادت کرن براے
محض اطاعت خدا ننن جاین چه تفصیل بیان علاج ریا فمن شاء فلیرجع الیها
یله زون زه درنیت عبادت چه تر چیز معتبر تشخیص تمکته تمه نسیت قصد اطاعت خدا

آسُن تہ اِخلاص یعنی بے ریا آسُن سُہ قصدِ اطاعتِ خدا بنہ نہ مگر تمہ کامہ زِہ امرِ خدا
آسِہ سُہ گرہ نس پس وضواِیہ قصدِ اطاعتِ خدا کرنہ یلہ آسِہ کُنہ اکہ باپت تمو منزہ یم وننہ
آے یا بیہ کُنہ اکِہ باپت زِہ معلوم گژِہ تمہ باپت تہ چُھہ وضوس امر آمُت پننہ وِندِہ نتہ
چُھہ وضو بدعت بدعت چُھہ حرام نیت وضوکرِہ وقتِ شُستنِ روی بیہ چھہ واجب
تِی با اخلاص نیژ وضوکِس آخرس تان آسُن سُنت چُھہ بیہ بانہ وضوکرِہ کلہ وُتہ اٰسُن
بیہ دچھِن کُن سُہ بھاوُن تہ پرُن بِسۡمِ اللّٰهِ وَبِاللّٰهِ اَللّٰهُمَّ اجۡعَلۡنِیۡ مِنَ التَّوَّابِیۡنَ وَ
اجۡعَلۡنِیۡ مِنَ الۡمُتَطَهِّرِیۡنَ تہ تت منز اتھہ والُن تہ آب تُلُن اتھہ والنہ برونہ ژٔرِ وٕ یہ چھلُن
اَکہ لٹہ یلہ وضو پھُٹمُت آسِہ نِندرِہ یا بولہ دُیہ لٹہ غایط کرنہ تہ جنابتہ تریہ لٹہ تریہ لٹہ لدِہ
آسِس آب تریہ لٹہ بِنیہ بیہ چھلِہ روے تہ زِہ پرت اکاہ دُیہ لٹہ تریہ لٹہ چھلُن چُھہ
حرام تکرارِ مسح چُھہ مکروہ مشروع آسنکہ قصدہ تہ کرُن چُھہ حرام یتہ پاٹہ چھہ سُنت
مرد چھلِہ گُدنکہ چھلنہ گُدن زنبرکِن دیمہ چھلنہ گُدہ اندرکِن زنانہ کرہ امِہ عکس بیہ پت
اَکہ کامِہ وِزِہ دُعا پرُن آبس کُن یلہ کرہ نظر تہ پرہ اَلۡحَمۡدُ لِلّٰهِ الَّذِیۡ جَعَلَ الۡمَآءَ
طَهُوۡرًا وَلَمۡ یَجۡعَلۡهُ نَجِسًا یلہ آس آب لدِہ تہ پرہ اَللّٰهُمَّ لَقِّنِیۡ حُجَّتِیۡ یَوۡمَ اَلۡقَاكَ
وَاَطۡلِقۡ لِسَانِیۡ بِذِکۡرِكَ وَشُکۡرِكَ یلہ نستہ آب لدہ تہ پرہ اَللّٰهُمَّ لَا تُحَرِّمۡنِیۡ
طَیِّبَاتِ الۡجِنَانِ وَاجۡعَلۡنِیۡ مِمَّنۡ یَشُمُّ رِیۡحَهَا وَرَوۡحَهَا وَرَیۡحَانَهَا وَطِیۡبَهَا روی
چھلنکہ وقتہ پرہ اَللّٰهُمَّ بَیِّضۡ وَجۡهِیۡ یَوۡمَ تَسۡوَدُّ فِیۡهِ الۡوُجُوۡهُ وَلَا تُسَوِّدۡ وَجۡهِیۡ یَوۡمَ
تَبۡیَضُّ فِیۡهِ الۡوُجُوۡهُ اَدہ دچھِن اتھہ چھلِہ تہ پرہ اَللّٰهُمَّ اَعۡطِنِیۡ کِتَابِیۡ بِیَمِیۡنِیۡ وَالۡخُلۡدَ
فِی الۡجِنَانِ بِیَسَارِیۡ وَحَاسِبۡنِیۡ حِسَابًا یَّسِیۡرًا اَدہ چھلِہ کھوور اتھہ تہ پرہ اَللّٰهُمَّ
لَا تُعۡطِنِیۡ کِتَابِیۡ بِشِمَالِیۡ وَلَا مِنۡ وَّرَآءِ ظَهۡرِیۡ وَلَا تَجۡعَلۡهَا مَغۡلُوۡلَةً اِلٰی عُنُقِیۡ
وَاَعُوۡذُ بِكَ مِنۡ مُقَطَّعَاتِ النِّیۡرَانِ اَدہ کرہ مسح سرتہ پرہ اَللّٰهُمَّ غَشِّنِیۡ بِرَحۡمَتِكَ
بِرَحۡمَتِكَ وَبَرَکَاتِكَ وَعَفۡوِكَ اَدہ کرہ مسح کھرن تہ پرہ اَللّٰهُمَّ ثَبِّتۡ قَدَمِیۡ

عَلَى الصِّرَاطِ يَوْمَ تَزِلُّ فِيهِ الْأَقْدَامُ وَاجْعَلْ سَعْيِي فِيمَا يُرْضِيكَ عَنِّي يَا ذَا الْجَلَالِ
وَالْإِكْرَامِ یلہ وضوہ نِشہ مُکلتہ پرِہ اَلْحَمْدُ لِلّٰهِ رَبِّ الْعَالَمِيْنَ مکروہ چھِہ وضو پانہ کرِہ
منز بے ضرورت بیس مدد ہُن . بیہ وضوکرُن تمِی آبہٕ زہِ آفتاب سیت آسہ گرم گومُت . بیہ وضوکرُن
تمِی بانہ زہ صورتاہ آسہ جاندار سنز نقش تَت . بیہ تمِی بانہ زہِ طلاکوب یا نقرہ کوب آسہ . بیہ
وضوکرُن مسجدہ منز چھٕمُت یلہ آسس بغیر خواب تہ بغیر باد . بیہ وضوکرُن تمِی آبہٕ زہ ڈُلمُت
آسس رنگ یا بوے نجاستہٕ سوا . بیہ ہکہ ناوُن وضوک آب وضوکِن بندن دَچھِہ سیت
یا بیہ کُنہِ سیت . بیہ وضوکرُن حیوان حرام گوشت طاہر العین سندِہ ژھٕٹہ آبہٕ سیت . بیہ
ژھٕٹہ آبہ تس حیوان سندِہ زہ مازتسند چھِہ مکروہ حرام چھِہ وضودِن بیاک ضرورتہ سوا

**فصل** چھِہ در اغسال غسل چھِہ واجب تہ سُنّت واجب چھِہ غسلِ جنابت . بیہ
غسلِ حیض . بیہ غسلِ نفاس . بیہ غسلِ استحاضہٕ متوسطہ تہ استحاضہٕ کثیرہ . بیہ غسلِ مسِ میت
بیہ غسلِ میت پرت غسلاہ گدِہ نکھ پانژ ومنزہ چھِہ نماز شرط غسلہ سوا چھِنہ صحیح نماز اہ جنازہ
سوا عمداً انسیاناً تہ واجب چھِہ نمازِ واجبہ باپت . بیہ طوافِ واجبہ باپت . بیہ قرآنچہ کتابہ
مس کرنہ باپت ہرگاہ واجب آسہ . بیہ مکہچہ مسجدہ منز تہ مدینچہ مسجدہ منز نکہنہ باپت . بیہ مسجدہ
منز ٹھہرنہ باپت . بیہ سورہ ہائے عزائمو منزہ آیہٕ سجدہ پرنہ باپت غیر آیہٕ سجدہ پرنہ باپت تہ احتیاطاً
غسلِ مسِ میت سوا . بیہ چھِہ واجب صبح برونہ غسل کرُن روزہ تھاونہ باپت جُنبس تہ حائضس
تہ نفساس ییٚنہ خونہ نِشہ پاک تہ ودِہ رادمنزہ روزِہ غسلکی وقت صبحس تان سُنّت چھِہ
غسلِ جمعہ بقولِ بعضے لگنہ احتیاطاً ترک کرُن نیز منز گرِہ تھاوُن قصدِ قربت تہ اطاعت
تہ قصدِ وجوب تہ ندب در فضیلت غسلِ جمعہ چھِہ احادیث سٹاہ آمت تمو منزہ چھِہ از حضرت
امام جعفر صادق علیہ السلام منقول ایزہ غسلِ جمعہ چھِہ پاک کران تہ کفارہ چھِہ تمن گنہن ہند
زِہ بوقوع چھِہ یوان تم اکہ جمعہ پٹہ بیس جمعس تان تس حضرتس نِشہ چھِہ منقول زِہ یُس اکاہ غسلِ جمعہ
کرِہ تہ پرِہ اَشْهَدُ اَنْ لَا اِلٰهَ اِلَّا اللّٰهُ وَحْدَهٗ لَا شَرِيْكَ لَهٗ وَاَشْهَدُ اَنَّ مُحَمَّدًا عَبْدُهٗ

مکروہات وضو

در اغسال واجب

درصورتیکہ اینہا واجب باشند

در غسلہائے مسنونہ

فضیلت غسل جمعہ

وَ رَسُولُهُ اَللّٰهُمَّ صَلِّ عَلٰی مُحَمَّدٍ وَ آلِ مُحَمَّدٍ وَ اجْعَلْنِي مِنَ التَّوَّابِيْنَ وَ اجْعَلْنِي مِنَ
الْمُتَطَهِّرِيْنَ یہ غسل تہ دُعا کرِس پاک بیٚن جمعس تان بہتر چھہ یہ دُعا تہ پرہ اَللّٰهُمَّ طَهِّرْنِي
وَ طَهِّرْ قَلْبِي وَ اَجْرِ عَلٰی لِسَانِي مَحَبَّةً مِنْكَ اَللّٰهُمَّ طَهِّرْنِي وَ طَهِّرْ قَلْبِي مِنْ كُلِّ آفَةٍ
تَمْحَقُ بِهَا دِيْنِي وَ تُبْطِلُ بِهَا عَمَلِي وقت چھہ یتِ غسلس در روزِ جمعہ صبح پھلنہ پتہ زوالس
تان تُت تان نہ کرنہ ایہ تتہ پتہ ایہ بقصدِ قضا کرنہ بٹہ وارہ ہندس شامس تان اما بہتر
چھہ لہ بقصد قربت تہ اطاعت بجا انُن نہ بقصد اداء یا قضا ہرگاہ کوٚنژاہ در روز جمعہ غسل کرنس
کینژاہ مانع سپنہ نس کھوژرہ برسیوارہ دُہ یا شبِ جمعہ بہ نیت تقدیم انہ غسل جمعہ بجا یہ غسل
جمعہ ادا کرتن یا قضا یوت روزِ جمعکس ششقش کرہ تیت چھس ثواب ستاہ بیہ چھہ غسل سُنت
طاق راژن ماہ رمضانکن کتِ شبِ اول ہہ بیہ تریم بیہ پانژم تیہ پاٹھہ تا باحسنر ماہ آخر
ماہ رمضان چھہ یعنے دہہ آخرس منز پرت شبہ غسل سُنت علاوہ بران تروٚہمہ[۲۳] شبہ اول
شب تہ آخر شب چھہ زہ غسل سُنت بیہ چھہ سُنت غسل شبِ عیدِ فطر بیہ روز عید فطر از حضرت
صادق علیہ السلام چھہ منقول زہ غسل کر زیر سقفے نہ زیر آسمان غسل برونہ پر اَللّٰهُمَّ اِيْمَانًا بِكَ
وَ تَصْدِيْقًا بِكِتَابِكَ وَ اتِّبَاعَ سُنَّةِ نَبِيِّكَ صَلَّی اللّٰهُ عَلَيْهِ وَ آلِهٖ اَوہ پر بسم اللہ تہ غسل
کر یلہ فارغ سپنک تہ پر اَللّٰهُمَّ اجْعَلْهُ كَفَّارَةً لِذُنُوْبِي وَ طَهِّرْ دِيْنِي اَللّٰهُمَّ اَذْهِبْ
عَنِّي الدَّنَسَ بیہ چھہ سُنت غسل روز عید قربان کینژو چھہ غسل عیدین واجب زونمت پس
چھہ احتیاط تمن منز غسل ترک نکرُن بیہ شب نیمہ ماہ رجب بیہ شبِ نیمہ ماہ شعبان
بیہ روز مبعث سہ چھہ ستاوہم ماہ رجب بیہ غسل روز ولادتِ باسعادت حضرت
رسالت پناہ صلی اللہ علیہ و آلہ و سلم سہ چھہ سداہم ربیع الاول بیہ غسل روز مباہلہ سہ
چھہ ژوہم[۲۴] ذی الحجہ بیہ غسل دحو الارض سہ چھہ پنژہم[۲۵] ذی قعدہ بیہ غسل
روز عید غدیر ارداہمہ ذیحجہ بیہ غسل روز نوروز بیہ غسل احرام بیہ غسل احرام
عمرہ بیہ غسل طواف خانہ کعبہ تہ مشعر ستہ عرفاتس منز وقوف کرنہ بابت بیہ نحرہ یا

ذبح باپت بیہ حلق باپت بیہ رمیِ جمرات بیہ یلہ ارادہ کرِہ امام خوابس منز وُچھن بیہ غسل زیارت
ییَن اکِس ژُ دہ معصومو منزہ کرِہ بیہ غسلِ توبہ بعدِ توبہ بیہ غُسل دخول حرم مکہ بیہ غسل مکس
اَژَنہ باپت بیہ غُسل مدینہ اَژَنہ باپت بیہ غسل ورِ مسجدِ مدینہ
اَژَنہ باپت بیہ غُسل مسجد الحرام اَژنہ باپت بیہ غسل خانہ کعبس اَژنہ باپت بیہ غُسل
طلبِ حاجت کرَنہ باپت بیہ غسل اِستخارہ کرَنہ باپت بیہ غسل کرُن شُرس زِنہ وِزِہ
بیہ چُھہ غسل یلہ ژیرِ بن نماز طلب باران گژھُن بیہ غسل تس شخصس زِہ عمداً آسِنہ آفتاب
یا ماہتابچہِ گرہنچ نماز پرمژ آسِی سورِی قُرص گرہن رُٹمت بیہ غسل تس اکِس زِہ تریہ دُہہ پتہ
گژھِہ وچھنہ تس شخصس زِہ دارَس لُدمُت آسِک بیہ غُسل مس متیس کرَنہ باپت غسل دنہ پتہ
بیہ غسل چلپاسہ مارَنہ باپت مارہ وِنِہ بیہ غسل تس شخصہ سُند زِہ غسل آسِس ناقِص گرُٹ
ضرورتہ مکہ دوبارہ کرِہ غسل عذر ژلنہ پتہ بیہ غسل دوبارہ کرُن تس شخصس زِہ شک کرِہ غسل
پتہ حدثاہ موجبِ غسل صادر سپنِنس بیہ چُھہ بہوشِ انہ دیوانگی پتہ بیہ غسل متیس
کفن ولنہ باپت بیہ غسل جنابتِ زِن تس زِہ جنب مرِہ بیہ غسل مظلومہ سُند یلہ ارادہ کرِہ
طلبِ مظلمہ کرُن اَدہ سُہ غسل کرِت پرہ زہ رکعتِ نماز تتہِ زِہ حاجباہ آسِنہ آسمانہ نشہ
اَدہ وَنِہ اَللّٰھُمَّ اِنَّ فلانَ بنَ فلان قَدْ ظَلَمَنِي وَلَيْسَ لِيْ اَحَدٌ اَصُوْلُ بِهٖ
غَيْرُكَ فَاسْتَوْفِ لِيْ ظُلَامَتِي السَّاعَةَ بِالْاِسْمِ الَّذِيْ اِذَا سَئَلَكَ بِهِ الْمُضْطَرُّ
اَجَبْتَهٗ فَكَشَفْتَ مَا بِهٖ مِنْ ضُرٍّ وَمَكَّنْتَ لَهٗ فِي الْاَرْضِ وَجَعَلْتَهٗ خَلِيْفَتَكَ
عَلٰى خَلْقِكَ فَاَسْئَلُكَ اَنْ تُصَلِّيَ عَلٰى مُحَمَّدٍ وَّاٰلِ مُحَمَّدٍ وَاَنْ تَسْتَوْفِيَ
ظُلَامَتِي السَّاعَةَ السَّاعَةَ بیہ چُھہ غسل سُنت کھوژنہ باپت ظالمس سُہ خایف غسل کرِہ تہ
نماز پرِہ اَدہ کرِہ بن زانو تھاوِہ تن جاے نمازہ سیت اَدہ وَنِہ ہتَ لَہ یَا حَيُّ يَا قَيُّوْمُ يَا لَا اِلٰهَ اِلَّا
اَنْتَ بِرَحْمَتِكَ اَسْتَغِيْثُ فَصَلِّ عَلٰى مُحَمَّدٍ وَّاٰلِ مُحَمَّدٍ وَاَغِثْنِيَ السَّاعَةَ یلہ فارغ
سپنہ امہ نشہ وُن گژھہ تسند اَسْئَلُكَ اَنْ تُصَلِّيَ عَلٰى مُحَمَّدٍ وَّاٰلِ مُحَمَّدٍ

بلکہ احتیاطاً گژھن بس ویِن تتہِ پتہ نیت قصد قربت کرن ۱۲

وَاَنْ تَلطُفَ وَاَنْ تَغلِبَ لِيْ وَاَنْ تَمکُرَ لِيْ وَاَنْ تَخْدَعَ لِيْ وَاَنْ تَکِیْدَ لِيْ وَاَنْ
تَکْفِیَنِيْ مَؤُنَۃَ فلان بن فلان بِلَا مَؤُنَۃٍ بیہ چھُہ سُنّت غسل نمازِ شکرہ باپت بیہ غسل
تُربت حسینیہؑ تُلنہ باپت پننہ جایہ بیہ سفرس نیرنہ باپت خصوصاً سفر زیارت امام حسینؑ
بیہ چھُہ سُنّت غسل عملِ استفتاح تہ کشفِ نازِلہ کرنہ باپت تیہہ زِہ ترواہمہ تہ ژواہمہ تہ پنداہمہ
تھاوِہ رُوزہ پنداہمہ کرِہ غسل زوالہ وِزِہ غسل زمانی ایہ کرنہ ننس زمالس منز اگرچہ بہتر چھُہ
تِمہ زمانکِس گوڈس منز کرُن غسل جمعہ سوا پھُٹان چھُنہ غسلاہ زمانی کرِت حدثہ سیت ییس غسلاہ
کامہ باپت چھُہ غسل احرام ہہ غسل مکس منز تہ مدینس منز اژُن ہہ تِمہ کامہ برونہ گژھِ کرنہ
یُن اتوے چھُہ زِہ مجزی چھُہ تہ غسل کرنہ یُن اوّلِ رُوز دُہکہ باپت اوّلِ شب راتکہ باپت
بلکہ خالی از قوت چھُنہ کافی آسُن دُہہ لِک غسل راتکہ باپت راژہند غسل دُہہ لکہ باپت
پھُٹان چھُہ یہ غسل حدثہ سیت غسل توبہ تہ دارس لُدمُت وُچھنک غسل کرِہ تِمو کامو تہ کیہ سبب
غسلک سمنہ وِزِہ کرِہ پرت اکہ باپت غسلاہ اکُی تہ چھُہ کافی سارِوی باپت **فصل در شرائط**
**غسل و حقیقتِ آن** واجب چھُہ غسلک آب مُطلق تہ پاک آسُن تہ مباح آسُن سُہ بیہ
مباح آسُن جایہ غسل بیہ جایہ ریختنِ آب غسل بیہ ظرفِ آبِ غسل ہرگاہ غسل کرِت
معلوم سپُن تم غصبی آسن غسل چھُہ صحیح بیہ چھُہ واجب اعضا چھلنکہ وقتہ پاک آسُن بیہ
چھُہ واجب نیت کرُن گوڈک جز چھلنہ وِزِہ سرتہ گردن منزہ کرِی غسلِ ترتیبی نتہ گوڈنکی
آنہ ڈِنگ ڈنکہ کرِی غسل ارتماسی تہ ڈِنگہ سران تیہ پاٹھ زِہ فلان غسل چھُس کران قربۃً الی اللّٰہ
یا برائے اطاعتِ خدا خالی آستہ یہ نیت ریا نِشہ واجب چھُہ غسل اندوآتناوِس
تان آسن یہی نیت بیہ چھُہ واجب چھلُن ظاہر پوست مگر یتہ جبیرہ آسہ یا بیہ کیہ چیز آسہ
ہہ بیہ چھُہ واجب حاجب تُلُن آسی تہ ممکن بیہ حرکت دِن تت زِہ آب واتہ پوستس
تمکہ تحریکہ سوا مُوے چھلُن چھُہ نہ واجب بیہ چھُہ احوط چھلُن سُہ جزء بدنہ منزہ زِہ شک
کرِہ آسنس سُہ از ظاہرِ بدن تہ از باطنِ بدن کرِی غسلِ ترتیبی تہ واجب چھُہ گوڈہ چھلُن سرتہ

وقت غسل از

حقیقت غسل شرائط

گردن گرُدن نبہ ہناہ بد نہ منزہ تہ یقین سِنہ بابت اده بدنک دُچھن نصف مقدمۂ یقین مرعی
تہاوِت اَدہ کھوورنصف تِہ پاٹھ بہتر چھ عورتین وٗنوی چھلِن پرت نصفس سیت واجب
چھُہ آب واتناوُن پرت اکس ہیو تریو منزہ سارسی کانی چُھنہ آبی یوت ہارُن تت پٹھ
واجب چُھنہ ترتیب پانس منز کُنہ اکس عضو بیو تریو عضو و منزہ اگرچہ بہتر چُھ چھلنس منز سُہ رعایۃ
الاعلی فالاعلی تہاوِن اک عضو تمو منزہ چھلِنس ترتیب نہ آسنہ چھہ کانی غسل ترتیبی کرنس
منز سرتہ گردن آبس تل والُن نیتِ غسل کرت اده وچھن نصف نہ اده کھوورنصف یا
کانہ عضُواہ چھلُن آب ہارنہ کانہ آبس منز بڈونہ سیت صحیح چھُ غسل کری اک ڈِنگا دِ سرتہ
گردن چھلہ نچہ نیتٕر بیاک ڈِنگاہ دِنہ دَچھُن نصف بدنک چھلہ نچہ نیتٕر بیاک کھوورُنصف
چھلہ نچہ نیتٕر ہرگاہ آبس تَل آست حرکت دِیہ بَدنس گڈہ سرتہ گردن چھلنہ بابت اَدہ بَدنک
دچھنہ نصفِہ اده کھوورُنصفِہ بابت ظاہراً چھُہ کانی پَس تیہ پاٹھ چُھنہ محتاج بدن آبہ منزہ
نبرکڈنس تہ بیہ بڈٕنس بناءبراصح کری غسل ارتماسی تہ واجب چھُہ بانیت آبس منز ڈِنگ
دِن یت یکدفع آب واتِہ سارسی بَدنس یانیت کرنہ عضُواہ چھلنتہ بیفاصلہ ڈِنگ دِن
یا دگہِ تل اَتُرن واتِسہ آب بیفاصلہ سارسی بَدنس غسلِ ارتماسس چھنہ ترتیب حرام
چھُہ ڈِنگہ سران ہرگاہ اِحرامَس منز آسِہ یا آسِہ تَس روزہ واجبِ معیّن باطل چُھہ غسل
ہرگاہ عمداً تہ کرِہ صحیح چھُہ غسل ہرگاہ روزہ دار سہواً تہ کرِہ عمداً تہ کرِہ سُنّت روزن منز
سُنّت چھُہ مردس تہ زنانہ یلہ آسَن جُنُب اِنزالہ سیت غُسلہ برونہہ بول کرُن بول
نہ ایہ تہ مرد کرِہ اِستبراء اِستنجا بیہ چھُہ سُنّت اتھہ آبس والنہ وِزہ بیہ دعا پرُن بِسمِ اللّٰہ
وَبِاللّٰہِ اَللّٰھُمَّ اجْعَلْنِیْ مِنَ التَّوَّابِیْنَ وَاجْعَلْنِیْ مِنَ الْمُتَطَھِّرِیْنَ بیہ چھُہ سُنّت دُنوے
اتھہ چھلِن گُھنہ وٕ ٹھپہ تریہ مرتبہ اده دہانس تہ بینیٖ آب لدُن تریہ تریہ مرتبہ بیہ مسواک کرُن
بیہ غسلِ ترتیبس منز پرت عضُواہ تریہ مرتبہ چھلُن بیہ بَدَنہ پٹھہ اتھہ پھیرہ وِن بیہ اعضای
ثلثہ تِس پت چھلن تیر کرنہ سِوا بیہ سرتہ گردن دچھنہ اتھہ چھلن سِنہ غسل کران بیہ دعا پرُن

احکام غسل

لہ باعتبار یقین واجب بوزن منز غسل چھ صحیح بوزہ پیس الکل ۱۲

اَللّٰھُمَّ طَھِّرْ قَلْبِیْ وَاشْرَحْ لِیْ صَدْرِیْ وَاَجْرِ عَلٰی لِسَانِیْ مِدْحَتَکَ وَالثَّنَاءَ
عَلَیْکَ اَللّٰھُمَّ اجْعَلْہُ لِیْ طَھُوْرًا وَّشِفَاءً وَّنُوْرًا اِنَّکَ عَلٰی کُلِّ شَیْءٍ قَدِیْرٌ
بیہ چھہ سُنّت غسل ترتیبی کرہ اختیار برا رتماسی بیہ چھہ سُنّت غسل کرنہ وِزہ لنگ آسن بیہ
ہرگاہ غُسل مسِ میت کرہ یا غسل حیض یا استحاضہ یا نفاس وضو کرہ تمہ برونہ یلہ غسل نشہ
فارغ سپنہ یہ دُعا پرِہ اَللّٰھُمَّ طَھِّرْ قَلْبِیْ وَزَکِّ عَمَلِیْ وَاجْعَلْ مَا عِنْدَکَ خَیْرًا
لِّیْ اَللّٰھُمَّ اجْعَلْنِیْ مِنَ التَّوَّابِیْنَ وَاجْعَلْنِیْ مِنَ الْمُتَطَھِّرِیْنَ ہرگاہ کانسہ اکس
کُنہ واجبی غُسلس منز حدثاہ صادر سپنہ بول ہُہ اُوسسہ سُہ غیر غسلِ جنابت غسل
واتناوِہ اَند اَدہ کرہ وضو کافی چھس تتی اُوسسہ غسلِ جنابت تہ اتوے چھہ تلہ تہ کرہ
تِی نتہ چھہ بہتر غسل گڈہ کُرن ادہ وضو تہ کُرن ہرگاہ غسلِ جنابت کرہ جنب بانزال آسنہ
تمہ غسل پتہ ترِیاہ نیرہ زِہ معلوم گژھ نہ مَنی چھا کنہ غیر منی اُوسسہ بول تہ استبراء استنجاء
کرُت تمہ غسلہ چھہ نماز صحیح وُضوک چھنہ احتیاج اُوسسہ بول کرُمت نہ استبراء
کرنہ وضو کرُن چھہ لازم لس اُوسسہ بول کرُمت لازم چھس غسل نوی کرُن فصل
چھہ جنابتس منز جُنب سپنہ مرد تہ زنانہ منی نیرنہ نندرہ منز بیداری منز بے انزال
تے تہ آسنہ مفعولس چھہ زن آستن یا مرد فاعل سندی حُکم غسل کرہ بدخول حشفہ در فرج حیوانات
احتیاطاً ہرگاہ کانژاہ بدنس یا جامس منی لبہ قضا کرہ پرت نماز اَزہ تمہ جُنب سپنہ
برونہ تکنہ آیت حرام چھہ جُنبس نماز واجب تہ سُنّت کرن نماز جنازہ سوا بیہ خانۂ
کعبس طواف کرن بیہ کُنہ عضوہ مس قرآنکن حرفن کرن بیہ خدا تعالیٰ سندس ناستہ
یا کانسہ نبی سندس یا کانسہ امامہ سندس ناس بیہ پرنہ سورہ ہاے عزائم یا کنژاہ تمو
منزہ بسم اللہ تان بہندہ قصدہ احتیاطاً بیہ در مسجدِ مکہ یا مدینہ اژن بیہ باقی مساجدن
منز ٹھہرن مکروہ چھہ کھن تہ چن ہرگاہ نہ تمو برونہ وضو یا مضمضہ تہ استنشاق آسس کرمت
بیہ پرن قرآن منزہ از ہفت آیہ زیادہ از غیر عزائم امہ ختہ سخت تر چھہ کراہتس منز سنّت آیہ

در غسل جنابت

[illegible]

پرنہ بلکہ احوط چھہ تس کیثر اہ نہ پرُن ازقرآن . بیہ چھہ مکروہ مَس کرُن قرآنس حرفن سوا بیہ شنگن بحال جنابت مگر غسل بدل تیمم کرِت دشوار آسنہ وِزہ استعمال آب افضل چھہ تس تعجیل غسل آسی ممکن تمہ . بیہ چھہ تس مکروہ خضاب کرُن بجنابتہ غیر حنا تیہ پاٹھہ چھہ مکروہ خضاب کرِت پان جنب کرُن آسنہ وُنہ خضابن کرمُت یَنِن اثر پوُ **فصل چھہ در حیض** حیض چھہ خوُناہ ازرحم چھہ نیران علامات تہ صفات نشانہ تمک چھہ زہ اغلب اوقات چھہ سیاہ تہ تیرہ آسان بیہ غلیظ تہ گرم تہ بدبوُکم اکہ سوزشہ سان کھوُورِہ گنہ چھہ نیران یتِ تان نہ زنانہ نوہ وَرِش سپنہ یہ خوُن چھُنہ یوان پانژاہ وَرِش سپنت تہِ چھُنہ حیض آسان گر آسی قریشیہ تس چھہ شیٹھہ وَرِش سپنس تان حیض آسُن امکان . بیہ چھہ حیض ترِن دُہن اقلاً آسان ترِن دُہن زیادہ تہ ڈہِن دُہن تان یَس یُس خوناہ تریہ دُہہ کم یا ڈہوُ دُہو ژُر آسہ سہ چھُنہ حیض اقلاً چھہ پاک آسان دن حیضن منز ڈہن دُہن ادہ تہ ڈہِن دُہن کم آسہ پاک تمو دیو حیضو منز آسنہ اکاہ حیض یَس حایض یا چھہ مبتدئہ یا مضطربہ یا ذاتُ العادۃ مُبتدئہ گیہ سی زہ حضیس منز چھُنہ عادتاہ اُوسمُت خوُنہ تس ایہ پچ حضیح صفر تمکہ گدہ پٹھہ کرہ عبادت ترک نتہ خوُن بےصفت حیض اُوس تہ کرہ ترِن دُہن احتیاط تریہ دُہ کرِہ حضیح عمل ڈہِن دُہن تان یت دُہس آسِس ڈہِن دُہن خوُن نِکت تے پکہ ڈُن رُوزِس گدہ پٹھہ زنانہ تت سی حیض زہ خوُن اُوسس بصفتِ حیض آسنہ سہ ترِکو دُہو کم یا ڈہوُ ژُر باقیس زنانہ استحاضہ بنسنہ حیضک تشخیص خوُن بصفتِ حیض ترِن دُہن کم آسنہ ڈہو ژر آسنہ یا سوُری اَکی رنگہ آسنہ خویش ہندس حیضس برابر زنانہ مِنِن حیض ہرگاہ نہ تمِ آسِس یا آسِس تہ مختلف آسِس پننہ شہرکِن ہمسرن برابر زنانہ مِنِن حیض تتہ نہ بنس تہ اقوے چھہ ایزہ مختار چھہ حضیح عمل کرہ پرت رتہ ترِن دُہن یا شن دُہن یا سَتن دُہن یت جایہ مشخص سپُن نہ حیض تتہ کرہ خوُنِ استحاضح عمل مُضطربہ گیہ زنانہ زِہ مقرر عاوت پنُن آسس مشرادمُت سہ تہِ کرہ مُبتدئہ سنزی عمل خویش تہ ہم شہری

ہمسرن کُن رجوع کرنہ سوا در تشخیص حیض مُختار چھہ مبتدئہ سِند پاٹھ پرت رِتہ خون آسِت
یلہ یِژہ ہِنن دُہن تریوتہ شیٚوتہ سَتو دُہو منزہ زانہ خون ہیُن حیض ہرگاہ زمانہ تہ شمارِ ایامِ
حیض دُنوی مشرادمِت آسنس ہرگاہ شمارِ ایامِ حیض آسس یاد تہ زمانِ ایامِ حیض آسس
فراموش حایض زانہ پانس تیتین دُہن خون آسِت رِتس منز یمہ زمانہ خوش گژھس ہرگاہ وقت
اوُسُس یاد تہ عدد فراموش مشخص چھس پرت رِتہ خونکہ سُی زمانہ حایض آسنک درشمار ایام
چھہ مبتدئہ سند پاٹھ مختار احوط چھہ دُنوِن یمن صُورتن اندر عمل برامر یقینی کرن زیادس اندر
دُہن دُہن تان ترک کرُن یہ حایض گژھہ ترک کرُن بجا اَنُن یہ مستحاضس گژھہ اَنُن بجا
ذاتُ العادۃ گیہ زنانہ زِہ دُن رِتَن وُچھہ اکی وَستورہ خُون سُہ یکہ ہِنی عادتہ
عادِ یکن دُہن ہَندِس خونس زانِ حیض حیضکو صفاتو تے خالی آسِہ سُہ طہرہ کِن دُہن ہَندِس
خونس زانِ استحاضہ باصفاتِ حیض تے آسِہ سُہ اکُ دُہ زِہ دُہ عادتہ تے خون
گژھہ تِس ہِت برونہ **مسئلہ** یس زنانہ خونِ حیض آسہ ترِن دُہن یا تمو زُر بیہ دہمہ
دُہہ نہ تِمہ اپور منزہ آسِہ کُنہ دُہہ خونہ نِشہ خالی تمن دُہن خون آسکن دنون طرفن منز
کرہ حایضِ ہنز عمل تمن منزمِن دُہن بے خون آسکن کرہ حایضِ ہنز عمل مُستحاضہ ہنز تہ
احتیاطاً یہ احتیاط کرنہ ترک **مسئلہ** یس زنانہ تریہ دُہہ تہ دہو دُہو برونہ خون
رِیہ نہ تہ نبر آما در رحِم آسنس آسِس احتمال تس چھہ واجب استبراء کرُن ہہنب اندر تہاونہ سیت
حرام چھہ حایضِ پٹھ نمازِ واجب تہ سُنت بیہ طوافِ خانہ کعبہ بیہ مس کرُن کُنہ عضوہ
قرآنکِن حرفن یا خدایتعالی سندس ناوس یا کانسہ نبیِ سندس ناوس یا امامَ سندس
علیہم السلام بیہ مکچہ مسجد تہ مدینچہ مسجدہ منز پکُن تہ بیَن مسجدن منز ٹھہرُن بیہ سورہ ہایِ
عزائم پرن یا ہِناہ تمو منزہ بیہ چھہ حرام تسندِس شوہرس تس مُقاربت کرن عمدً تہ گرہ
تہ تعزیر کرِس کفارہ دِیہ جماع کرنہ اوّلِ حیض اکھ دینارِ طلا در وسط نصفِ دینارِ طلا
در آخر ربعِ دینارِ طلا مدخولۂ آسِہ صحیح چھنہ طلاق تس دِنُ مکروہ چھہ تس درحیض مس

محرماتِ حایض

[illegible]

گُرن قرآنکِن حاشین بیہ قرآن منزٕ ازغیر سورہ ہاے عزائم کینژاہ پرُن بیہ مسجد منز
پکُن آلودہ نہٕ سپنن بیہ قرآن ٹلُن بیہ آتہن تہٕ کہورن مینزِ لاگن بیہ تس جماع کرُن پاک سپنت
غُسل برونہ بیہ تس تمتع تلُن نافِ پٹہٕ زانون تان طریقِ غُسل سپُن بیان اَک واجبی غُسل
چھُہ بیہ واجبی غُسل کنہ کانی خصوصاً جنابت **فصل چھُہ در نِفاس** نفاس چھُہ خوناہ زِہ

در نفاس

زنانن چھُہ یوان شُر زِنہ اقلس ہکِس چھُنہ حدا بنہ زہ اکسی لحظس آسِہ اکثر نفاس چھُہ دہ
دُہ بنہ کانسہ زنانِ آسنہ نِفاس اَصلا کانسہ زنانے زہ شُر اکے شکمہ زِن ابتداے
نفاس زانہ گڈہ ہکُ شُر زِنہ ابتداے ایامِ نِفاس گنڈہ دُیم زِنہ ہرگاہ خون وُچھہ زنگہ
دُہہ تہ دہمہ دُہہ منزہ آسِہ پاک خونکِن دُہن چھُہ نفساء پاکی ہندِن دُہن کرہ پانس پٹہ جاے
احکام نفساء تہ طاہرہ احتیاطاً حیض تہ نفاس چھُہ غُسلس تہ احکامن منز کُنی غُسل چھُنہ واجب
زِنہ نفاس نہِیت اصلا واجب چھُہ تس غُسل کرُن یان سپنہ پاک زِنہ پتہ یی دُہہ سپنہ
دُہن دُہن تان ہرگاہ دہن دُہن ہکِس خون ذہو دُہو تیہ کرہ مستحاضہ سنز عمل **فصل چھُہ در

در استحاضہ

استحاضہ** استحاضہ چھُہ خوناہ زنانن چھُہ ازفرج یوان صفات ہمِک چھُہ زرد رنگ
تہ خنک تہ تُن چھُہ آسان اکثر اوقات مگر یُس شخص سپُن حیض آسن یا نفاس بیہ چھُہ استحاضہ
یُس خوناہ شرعکِن نہ آسہ حیض نہ نفاس صفات حیض تے تت آسن استحاضہ چھُنہ بہرِ
خون نہ زخمکُ خون استحاضہ چھُہ زنانِ پانژاہ ورش سپنہ پتہ تہ آسان آسی غیر قرشی
شیٹہ ورِش سپنت تہ آسی قرشی تت چھُہ ترہ قسم قلیلہ تہ متوسطہ تہ کثیرہ **استحاضہٕ
قلیلہ** گوسُی خون زِہ بہ پہنبس پٹ تہ منز وسِشنہ یس زنانہ یہ آسہ واجب چھُہ تس پرت
نمازِ باپت وضو کرُن اگرچہ زِہ نماز کرتن بیفاصلہ ادا بیہ پہنب بدلاوُن **متوسطہ** گو خون
وسہ پہنبس منز تہ دَجہ واتِنہ واجب چھُہ تس زنانِ سوہمہ علاوہ فرج بدلاون بیہ نماز صبح باپت
غُسل کرُن **کثیرہ** گو دَجہ واتہ خون واجب چھُہ تس بروہمہ علاوہ غُسلاہ کرُن نمازِ پیشین تہ
پسین باپت تِمہ دُنوہ نمازہ اک اکس پتہ کرنہ بیہ غُسلاہ نماز شام تہ خفتن باپت کرُن تہ

تمہ تہ اک اکِس تِچہ کرِنہٖ یلہ مستحاضہ یمہ ساری کامہ کرِہ حکم چھِس زنِ طاہرہ ہُندِ ہرگاہ یمن کامن
منز قصور راہ کرِہ نماز چھِنہٖ صحیح ہرگاہ روزن منز از غسلہاے روز اکاہ ترک کرِہ روزٕ چھِس باطل
خون یلہ روزِس واجب چھُس وضو کرُن اوسمسٕ استحاضہ موجبِ غُسل غُسل تہ سینِس واجب
کرُن **فصل چھُہ درغسلِ میت** درنجاۃ العباد چھُہ ونان صاحب جواہر الکلام سنز اوار چھُہ بیمارن
بلکہ ارِشتہِ ذکرِ موت نہ مشراون بیہ حسنِ ظن کرُن بہ پروردگار بیہ حمد کرُن تس بیہ شکر کرُن
تس بیہ صبر کرُن بیہ اجر منگُن بیہ ترک شکایت کرُن اَوِی زِہ درخبر چھُہ آمُت از
سید البشر ایزِہ بتسُم کرُک عرض کرُہس یارسول اللہ صلّی اللہ علیہ وآلہ وسلّم کیاہ زِہ کرو تبسّم
فرماوِہک تعجب کرُم مومِن سندِہ بیمارِی نِکمہ جزع تہ بےصبری کرِنہ ہرگاہ زانہی کیاہ
چھُہ تس بیمارِی منز از ثواب ہرآیِنہ تہاوِہی دوست زِہ ہمیشہ گژھِس بیمار آسُن
یُت تان ملاقات کرِہی خدایِ عزیز تہ جلیلس بلکہ تیہ چھُہ وارد سپُنمُت نالہٕ بیمار چھُہ تسبیح
کرِیکہ تسنزِہ چھُہ تہلیل خواب تسُند چھُہ برفراش عبادت لرِہ لرِہ پھیرُن تسُند چھُہ جہاد درراہ
خدا ہرِت چھُہ پوان گناہ تس تیہ پاٹھٕ چھُہ گلس برگ ہران بیہ چھُہ ملکِ شمالس وچی سپنان
گناہ نہ لکھِن تس تیہ پاٹھٕ چھُہ وچی سپنان ہملکِ یمین لکھِن تس یُس عملِ خیراہ کران اوس
ارِس منز اَوِی زِہ سُہ چھُہ درحبسِ خدا بیہ چھُہ وارد ایزِہ اکہ راژ ہُندتب چھُہ افضل از عبادیکسال
دُن راژن ہُندتب چھُہ برابرِ عبادتِ دوسال ترن راژن ہُندتب چھُہ شتن ورین ہُندِس
عبادتس برابر بیہ چھُہ ایزِہ یلہ دوست گژھِ خدا یتعالاس بنداہ نظر کرِہ تس کُن پس یلہ نظر
کرِہ تس کُن سوزِہ تس اکاہ تریو منزِہ دردِ سر یاتَب یا اچھہ دُود یُس مرداہ بیمار گژھِ اداہ
کرِہ صبر بیہ منگِہ اجر لکھہ خدا تس اجرہ منزِہ اجرِ ہزار شہید یُس اکاہ بیمار گژھِ راژ اکِس
پِہ قبول کرِہ تت قبول کرِنہ پاٹھٕ بیہ کرِہ ادا الخدا شکر ہمِک چھُہ تس سُہ بیماری مثلِ عبادتِ
شصت سالِ عرض کرُک کیاہ چھُہ قبول ہمِک فرموک صبر کرِہ تت پٹھہ خبر دِیہ نہ پچِ زِہ
اوس تت منز یلہ صبح سپنتہ حمد کرِہ خداس تت پٹھہ زِہ اوس بدرستیکہ فرموو خدایے

درغسل میت

عیادت بیمار بیماری و دربیان ثواب

عزیزن تہ خلیلن یُس بنداہ مبتلا کرُم اَدہ تہُو وتم تہ پوشیدہ عیادت کرون تِرن دُہن
کرہ عطائس مازاہ بہتر ننہ مازہ خُتہ خُوناہ بہتر ننہ خُونہ خُتہ پُوستاہ بہتر ننہ پوستہ خُتہ
ادہ باقی تہاون باقی تہاونہ گناہ آسِنہ مرِے تہ مرہ میانہ رحمژ کن ہرگاہ بیمار گژہ
اَکِس دُہتہ اکس شَبس شکوہ کرِنہ عیادت کرون مبعوث کرہ خدائس قیامتس دہ بالِ خلیل
خود ابراہیم خلیل رحمان تاانکہ گذرِہ صراط مثل برقِ تابان اما بیمارہ سُند حد شکایت
کرُک بحضرتِ صادق علیہ السلام سوال فرمُوومتو مردَ پہ تب آسم ازبیدار اُوس رالتس
راست وَنن یہ چھنہ شکایت بلکہ شکایتھ چھہ ایژہ دِپہ مبتلا سَپُنُس تمی چیزہ زِہ مبتلا سپُن زَنہ
کونہ اَکاہ مِہ وُوت چیزاہ زِہ کانسہ اکس چھنہ سُہ ووتمُت چھنہ شکوے دپُن لتسُند رات
اُوس بیدار تہ تب چھم بیہ یت کینژاہ پَس منافی چھنہ وُن مستحب آسُن بیماری ہُند بایِن اعلام
کرُن حضرت صادق علیہ السلام چھہ فرماوان سزاوار چھہ بیمارس تہ ننزہ ایژہ بایِن ننن
کرِہ ننہ بیماری ہُند اعلام اَدے زِہ عیادتس یِنس یت اجر کُبہ سُہ تمن منز
بیہ کَبن اجر تم تس منز پس سوال کرُہس بلے تمہ ماجور سَپنن تنزہ وتہ تس کُن بکنہ مگہ
سُہ کُنہ پانہ سپنہ تہنزہ وتہ ماجور فرمُوون تسندہ حاصل کرنہ باپت تمن کِت حسنات
سپنہ ماجور تہنزہ وتہ پس لکھہ نہ بن تس کت امہ باپت دہ حسنہ بلند کرنہ ین تس کت دہ
درجہ محو کرنہ ین تس تمہ ستہ دہ سیئہ بلکہ مستحب چھہ تس پانس نشہ اژنس اذن وخول دِن
فرماوان چھہ حضرت ابوالحسنؑ یلہ تُہ ننزہ کانژاہ بیمار گژہ سزاوار چھہ تس لوکن اذن دِن تس
نشہ اژہ نس اَدے زِہ چھنہ کانہ اکاہ مگرتس چھہ دعوتاہ مستجاب یتہ پانہ مستحب چھہ تمن
سنتِ موکدہ بیمارس عیادت کرِن تاانکہ وارِد چھہ سُنّت عیادت کرہ ونس چھہ پرت قدمس
زِہ تلہ گژنہ پتہ انس تان ننہ جایہ حسناتن ہندسُت کرور محو چھہ سپنان تس سیئاتن ہند
سُت کرور بلند چھہ سپنان تس درجاتن ہندسُت کرور موکل چھہ کرنہ یوان تس ملائکن
ہندسُت کرور زِہ عیادت کران آسن تس قبرہ منز بیہ آسن استغفار کران تسندہ باپت

قیامتس تام بلکہ وارد چھہ سپنمُت زہ خدایتعالےٰ کرہ سرزنش بندس اکِس ازبندگانِ خود فرماوِ
تس کیاہ سپنی مانع زہِ زہ یلہ بیمار سپنس عیادت کرت نہ مہِ وپہ سُبحانک سُبحانک ژہ چھک
پروردگارِ عباد مُتالم تہ بیمار چھکنہ سپنان پس فرماوس بیماری بایس جینس مومنہ سنز
پس عیادت کرِتہ تس وتم جُھم نینہ عزتکنہ جلالک ہرگاہ عیادت کرہک تس لبہ ہک مہِ تس نشہ
اوہ سپنہہ کفیلہ چانن حوائجن پس کرہ ہی تم روا یہ چھہ منیس بندہ مومنہ سندہ کرامتہ وانا
الرحمن الرحیم بلکہ تاکید چھہ عیادت کرہلن صبحن منز بیہ شامس منز پس یُس مومناہ عیادت کرہ مومنس
صُبحس مشائعت کرن ستت ساس ملائکہ یلہ مرتہ رحمت رٹس تل تم کرن استغفار
تسندہ بابت شامس تام ہرگاہ عیادت کرس شامس تہ تیتھی اجر چھس صُبحس تام بلکہ چھنہ مرداہ
زہ عیادت کرہ بیمارس شامس مگر نیران چھہ تس سیت ملائکن ہند ستت کرور استغفار چھہ کرا
تسندہ بابت صُبحس تام بیہ چھہ تسندہ بابت خریفاہ درجنت سیر کرہ سوارت تام درچہل سال بلے
تاکید چھنہ عیادتس اچھہ وادس منز بلکہ آمُت چھہ عیادت کرنہ ایہ نہ ارمدنہ صاحب دُمل نہ دندداک
منز تیہ پاٹہ تاکید چھنہ عیادتس یلہ غالب سپنہ مرض یا طولِ گدہ علت بر ہر حال سنز اوار چھہ
عیادت کرہ ونس النماس دُعا کرن از بیمار امِے سببہ زہ سہ چھہ احدثلثہ زہ مستجاب چھہ تہند دُعا
بلکہ دعا تسند چھہ مثلِ دعاےِ ملک بیہ اتھہ تہاون مریض سنزہ زہ پٹ بیہ ہمراہ انُن ہدیاہ
تسندہ بابت میوہ یا خوشبوئی یا بخور یا بیہ کینہ یہ تِمن ہیہ چھہ بیہ پزہ بیمارس برونہ کنہ کم بہن مگر
یلہ ٹوٹہ آسہ تس صحبت تہنز تیہ پاٹہ انُن بیہ آداب بجا ملا محمد تقی مجلسی علیہ الرحمۃ چھہ در کتاب حدیقہ
فرماوان بیہ کرن بیمارہ سندہ بابت دُعا بیہ پرن سورہ حمد ہرگاہ ممکن آسہ ستتِ لٹہ یا رجھ
باسنہ اقلاً اکہ لٹہ تہ چھہ سبب شفاےِ بیمار لازم چھہ بیمارس وصیت کرن ہرگاہ حقوقِ
خدا یکردن آسنس بیہ حقوقِ خلق بلکہ مومن چھہ سُی زہ شنگہ نہ تت تان زہ وصیت پنن آسنہ
زیرِ سرِ تس ہرگاہ کینہ چیز آسن تتہ زہ پرن تس جایتس منز کرن ذمہ ری کرُن ہیہ از حقوقِ خلق یُت
تان بنہ پانہ کرن بجا انُن نتہ گژہ وصیت کرن ہرگاہ نماز تہ روزہ تہ حج بیہ باقی فرائض بجا امت

در وصیت واجب

ہنگام موت عہد و پیمان سنت

بجا وصیت کرہ تموبابت بیہ صدقاتِ جاریہ بابت یوتاہ نبِ وصیت کرہ مالکَس ثلثش تان ہرگاہ طِفلاہ آتس مقرر کرہ لتسندہ بابت وصیاہ عادِل وصیثرپٹ تہاوہ عادل گواہ یت تان نبں پانس کرہ بیے بہرہ نپنہ مال نشہ تہ اوس گُرن ارس منر ضرور تلہ یلہ نہ گُرن در ایام بیماری گُرن چُہہ اہم دنان چُہہ علامہ مجلسی علیہ الرحمہ در حلیۃ المتقین بسند معتبر از حضرت صادقؑ چُہہ منقول زہ یُس اگاہ مرگہ وقتہ وصیتاہ جان کرہ نہ نشانہ چُہہ لتسندہ عقل ہندہ نقصانک تہ مُروتک عرض کرُک یا ابن رسول اللہ صلی اللہ علیہ و آلہ کتہ کنہ کرہ وصیت فرموُوک یلہ نزدیک سپنہ وفات لس تہ لوک سمن لتس نزدیک دیہ اَللّٰھُمَّ فَاطِرَ السَّمٰوٰاتِ وَالْاَرْضِ عَالِمَ الْغَیْبِ وَالشَّھَادَۃِ ھُوَالرَّحْمٰنُ الرَّحِیْمُ اِنِّیْ اَعْھَدُ اِلَیْکَ اَنِّیْ اَشْھَدُ اَنْ لَّآ اِلٰہَ اِلَّآ اَنْتَ وَحْدَکَ لَاشَرِیْکَ لَکَ وَاَنَّ مُحَمَّدًا صَلَّی اللّٰہُ عَلَیْہِ وَاٰلِہٖ عَبْدُکَ وَرَسُوْلُکَ وَاَنَّ السَّاعَۃَ اٰتِیَۃٌ لَّا رَیْبَ فِیْھَا وَاَنَّکَ تُبْعِثُ مَنْ فِی الْقُبُوْرِ وَاَنَّ الْحِسَابَ حَقٌّ وَاَنَّ الْجَنَّۃَ حَقٌّ وَمَا وَعَدَ اللّٰہُ فِیْھَا مِنَ النَّعِیْمِ مِنَ الْمَاْکَلِ وَالْمَشْرَبِ وَالنِّکَاحِ حَقٌّ وَاَنَّ النَّارَ حَقٌّ وَاَنَّ الْاِیْمَانَ حَقٌّ وَاَنَّ الدِّیْنَ کَمَا وَصَفْتَ وَاَنَّ الْاِیْمَانَ کَمَا شَرَعْتَ وَاَنَّ الْقَوْلَ کَمَا قُلْتَ وَاَنَّ الْقُرْاٰنَ کَمَآ اَنْزَلْتَ وَاَنَّکَ اَنْتَ اللّٰہُ الْمَلِکُ الْحَقُّ الْمُبِیْنُ وَاَنِّیْ اَعْھَدُ اِلَیْکَ فِیْ دَارِ دُنْیَاکَ رَضِیْتُ بِکَ رَبًّا وَبِالْاِسْلَامِ دِیْنًا وَبِمُحَمَّدٍؐ نَبِیًّا وَبِعَلِیٍّؑ اِمَامًا وَبِالْقُرْاٰنِ کِتَابًا وَاَنَّ اَھْلَبَیْتِ نَبِیِّکَ عَلَیْہِ وَعَلَیْھِمُ السَّلَامُ اَئِمَّتِیْ اَللّٰھُمَّ اَنْتَ ثِقَتِیْ عِنْدَ شِدَّتِیْ وَرَجَآئِیْ عِنْدَ کُرْبَتِیْ وَعُدَّتِیْ عِنْدَ الْاُمُوْرِ الَّتِیْ تَنْزِلُ بِیْ وَاَنْتَ وَلِیِّیْ فِیْ نِعْمَتِیْ وَاِلٰھِیْ وَاِلٰہُ اٰبَآئِیْ صَلِّ عَلٰی مُحَمَّدٍ وَّاٰلِ مُحَمَّدٍ وَّلَا تَکِلْنِیْ اِلٰی نَفْسِیْ طَرْفَۃَ عَیْنٍ اَبَدًا وَّاٰنِسْ فِیْ قَبْرِیْ وَحْشَتِیْ وَاجْعَلْ لِّیْ عِنْدَکَ عَھْدًا یَّوْمَ اَلْقَاکَ مَنْشُوْرًا اوہ حضرتِ رسولؐ فرموُوزہ یہ چُہہ عہد و پیمان میت تہ دُہہ پٹہ زد ارادہ کرہ زہ وصیت کرہ واجب تہ لازم ترت چُہہ مسلمانس پٹ اوہ حضرت صادقؑ یہ حدیث نقل کرنتہ فرموُوک زہ تصدیق یمہ کتہہ ہنڈ چُہہ در سورہ مریم زہ حقتعالے

چھہ فرماوان لایملکون الشفاعۃ الا من اتخذ عند الرحمٰن عہدًا یعنی قیامس
منز چھنہ مالک شفاعت مگر سُی اگاہ زہ رُمت آسس بخشایش کرہ ونس پروردگارس نشہ
عہداہ حضرت رسولن فرمو حضرت امیر المؤمنینس یہ وصیت رٹہ یاد بنین اہلبیتن تہ
شیعن دِہ یاد تیہ پاٹھ جبرئیلن کر تعلیم مہ ہرگاہ صحیفہ بُنن برونہ یہن درست آسنہ
رُمت تہ جماعتاہ مؤمنین منز کرہ حاضر تہ بنین اعتقادن پٹہ رٹہ تمن گواہ تیہ پاٹھ زہ ونہ
بسم اللہ الرحمٰن الرحیم اشہد ان لا الٰہ الا اللہ وحدہٗ لا شریک لہٗ وان محمدًا
صلی اللہ علیہ والہ عبدہٗ ورسولہٗ وان الجنۃ حق وان النار حق و
ان الساعۃ اٰتیۃ لا ریب فیہا وان اللہ یبعث من فی القبور اَدہ لکھہ کاغذ پڑ چس
پٹ بسم اللہ الرحمٰن الرحیم شہد الشہود المسمون فی ھٰذا الکتاب ان اخاھم
فی اللہ عز وجل فلان بن فلان تہ پنُن نام تہ مال سُند نام لکھہِ استودعہم واقر عندھم
انہ یشہد ان لا الٰہ الا اللہ وحدہٗ لا شریک لہٗ وان محمدًا عبدہٗ ورسولہٗ
وانہ مقر بجمیع الانبیاء والرسل علیہم السلام وان علیًا ولی اللہ و
امامہٗ وان الائمۃ من ولدہٖ ائمتہٗ وان اولہم الحسن والحسین وعلی
ابن الحسین ومحمد بن علی وجعفر بن محمد وموسیٰ بن جعفر وعلی بن موسیٰ و
محمد بن علی وعلی بن محمد والحسن بن علی والقائم الحجۃ علیہم السلام وان
الجنۃ حق وان النار حق وان الساعۃ اٰتیۃ لا ریب فیہا وان اللہ یبعث
من فی القبور وان محمدًا رسولہٗ وجاء بالحق وان علیًا ولی اللہ والخلیفۃ
من بعد رسول اللہ واستخلفہ فی امتہٖ مؤدیًا لامر ربہٖ تبارک وتعالٰی وان
فاطمۃ بنت رسول اللہ وابنیہا الحسن والحسین ابنا رسول اللہ وسبطاہ و
اماما الہدیٰ وقائدا الرحمۃ وان علیًا ومحمدًا وجعفرًا وموسیٰ وعلیًا ومحمدًا
وعلیًا والحسن والحجۃ علیہم السلام ائمۃ وقادۃ ودعاۃ الی اللہ عز وجل و

پکہ ونامہ

حُجَّةٌ عَلٰی عِبَادِهٖ اَدہ دِپہ گواہن زہ نام تھندین یتِ صحیفس منز لکھنہ اے فلان ای فلان نام
تِ سندہیہ اَثْبِتُوْا لِيْ هٰذِهِ الشَّهَادَةَ عِنْدَكُمْ حَتّٰى تُلْقُوْنِيْ بِهَا عِنْدَ الْحَوْضِ یعنی ثبت
کرِو میانہ باپت یہ شہادت پانس نشہ یتِ تان میلومہ یہت حوضس نشہ اَدہ دِنیس گواہ تس یا فلان
نَسْتَوْدِعُ عَلٰی اللّٰهِ وَالشَّهَادَةَ وَالْاِقْرَارَ وَالْاِخَاءَ وَمُوَدِّعُوْهُ عِنْدَ رَسُوْلِ اللّٰهِ
وَنَقْرَءُ عَلَيْكَ السَّلَامَ وَرَحْمَةُ اللّٰهِ وَبَرَكَاتُهٗ یعنی ای فُلان اَس چھہ پشران زہ بخدا
بیہ یہ شہادت چین تہ یہ اسِقرار چُون تہ یہ اخائت چُون بیہ چھہ اَس تہ بودیعت تھاوان رسولِ خدا
نشہ بیہ چھہ پران ژہ پٹھ سلام الخ اَدہ وتُن صحیفس تہ مُہر کرِنس پانس تس شخص منز بیہ مُہر گواہن
منز تہ تھاون دِچھنہ طرفہ میتس جسیدس سوال بیہ طریق وصیت چھا لازم کِنہ مستحب
جواب عمل کرن یتیہ پاٹھہ چھہ سٹاہ خوب امّا واجب آسُن تمِک چھُنہ معلوم سوال اَتہ
چھا گواہی کینہ نفر ترین آسن زنانو منزہ یا مردو منزہ یا مردوِ منزہ یا زنانوِ منزہ کافی
کِنہ گواہی ژہل نفر چھہ بکار جواب ...عا خاص پاٹھہ وارو آسنکہ قصدہ تہ آسہ اِہ
ساروی چھہ جان وتاہ چھہ تو سلیچہ تہ آمرزش سپننہ باپت ضرِ چھنہ سوال یُس اکا
عربے زاننہ گواہن منز ترجمس اَمہ روایتکس انا برزبان کِنہ لفظا امہ روایتک پرہ تیہ پاٹھہ
درباب دعاے عدیلہ و تلقین بیہ یہ کینہ تِن ہُہ چھہ کیاہ چھو فرماوان جواب بہتر چھہ
عربی عبارت امّا ترجمہ تہ ہرگاہ قصدِ خصوصیت کرِسنہ مطلوب آسنکہ احتمالہ پرہ ضرر
چھنہ تیہ پاٹھہ باقی دعان منز تلقین ہش بیہ یہ کینہ تلقینِ ہہ چھہ لفظ پرُن ممکن نہ آسِت
قصدِ خصوصیتہ سوِ ترجمس چھنہ ضرر وقت احتضار چھہ سُنّت زہ شہادتین کرِنس تلقین
بیہ اسِقرار امامن علیہم السّلام بیہ کلمات فرج یہ صورت تہ اَشْهَدُ اَنْ لَا اِلٰهَ اِلَّا اللّٰهُ
وَحْدَهٗ لَا شَرِيْكَ لَهٗ وَاَشْهَدُ اَنَّ مُحَمَّدًا عَبْدُهٗ وَرَسُوْلُهٗ اَرْسَلَهٗ بِالْهُدٰى
وَدِيْنِ الْحَقِّ لِيُظْهِرَهٗ عَلَى الدِّيْنِ كُلِّهٖ وَلَوْ كَرِهَ الْمُشْرِكُوْنَ وَاَشْهَدُ اَنَّ اَمِيْرَ
الْمُؤْمِنِيْنَ عَلِيَّ بْنَ اَبِيْطَالِبٍ عَلَيْهِ الصَّلٰوةُ وَالسَّلَامُ اِمَامٌ حَقٌّ نُصَّ مِنْ قِبَلِ اللّٰهِ

تلقین وقت احتضار

وَقَبِيلِ رَسُولِهِ وَبَعْدَهُ أَوْلَادَهُ الْحَسَنُ وَالْحُسَيْنُ وَعَلِيُّ بْنُ الْحُسَيْنِ وَمُحَمَّدُ بْنُ
عَلِيٍّ وَجَعْفَرُ بْنُ مُحَمَّدٍ وَمُوسَى بْنُ جَعْفَرٍ وَعَلِيُّ بْنُ مُوسَى وَمُحَمَّدُ بْنُ عَلِيٍّ وَعَلِيُّ بْنُ
مُحَمَّدٍ وَالْحَسَنُ بْنُ عَلِيٍّ وَمُحَمَّدُ بْنُ الْحَسَنِ صَاحِبُ الزَّمَانِ صَلَوَاتُ اللهِ عَلَيْهِ وَ
عَلَيْهِمْ أَجْمَعِينَ أَئِمَّتُكَ أَئِمَّةُ الْهُدَى الْأَبْرَارُ وَأَنَّ الْمَوْتَ حَقٌّ وَالْقَبْرَ
حَقٌّ وَسُؤَالَ مُنْكَرٍ وَنَكِيرٍ حَقٌّ وَالْبَعْثَ حَقٌّ وَالنُّشُورَ حَقٌّ وَالْحِسَابَ حَقٌّ وَالْمِيزَانَ
حَقٌّ وَالصِّرَاطَ حَقٌّ وَأَنَّ السَّاعَةَ آتِيَةٌ لَا رَيْبَ فِيهَا وَأَنَّ اللهَ يَبْعَثُ مَنْ فِي
الْقُبُورِ بیہ تہ پرہ کلمات فرج لَا إِلٰهَ إِلَّا اللهُ الْحَلِيمُ الْكَرِيمُ لَا إِلٰهَ إِلَّا اللهُ الْعَلِيُّ
الْعَظِيمُ لَا إِلٰهَ إِلَّا اللهُ الْمَلِكُ الْحَقُّ الْمُبِينُ سُبْحَانَ اللهِ رَبِّ السَّمٰوَاتِ السَّبْعِ
وَرَبِّ الْأَرَضِينَ السَّبْعِ وَمَا فِيهِنَّ وَمَا بَيْنَهُنَّ وَمَا تَحْتَهُنَّ وَمَا فَوْقَهُنَّ
وَهُوَ رَبُّ الْعَرْشِ الْعَظِيمِ وَالْحَمْدُ لِلّٰهِ رَبِّ الْعَالَمِينَ يَا أَللهُ يَا أَللهُ يَا أَللهُ
الَّذِي لَيْسَ كَمِثْلِهِ شَيْءٌ وَهُوَ السَّمِيعُ الْبَصِيرُ نِعْمَ الْمَوْلَى وَنِعْمَ النَّصِيرُ رَبِّ
اغْفِرْ وَارْحَمْ وَتَجَاوَزْ عَمَّا تَعْلَمُ إِنَّكَ أَنْتَ الْأَعَزُّ الْأَجَلُّ الْأَكْرَمُ وَأَنْتَ
خَيْرُ الرَّاحِمِينَ رَبِّ لَا تَذَرْنِي فَرْدًا وَأَنْتَ خَيْرُ الْوَارِثِينَ بیہ سورہ یٰسٓ وَالصّٰٓفّٰت
پرن تس نِش بجلِ نماز ہرگاہ جان گنی سخت آسس بیہ تہ ریٹہ ساوُس کھر وہرنس قلبس کُن تہٕ
زٕ ہرگاہ بہٕ تہٕ رو بقبلہ سینہ بیہ مرنہٕ پتہٕ ڈہنس اچھہ تہ ہُنڈ کھر زیٹہ راوُنس زٕ ویرنس
پہلوُن کُن پتہٕ تراوُنس وُرن کینہ قرآن پرن تس نِشہٕ بیہ زالن تس نِشہٕ رات کتُ وٹِنگ
بیہ کرن مؤمنین خبر تہ تعجیل کرن سہ تلنس مگر یلہ شبہٕ سکتہ آسہ ادہ کرن رجوع علاماتن کُن
صبر کرن ترِن دُہن تام میتس غسل دِنس چھہ ثواب بسیار تہ اجر بیشمار در خبر چھہ آمُت
خدائے عالم چھہ فرماوان یُس اکا میتس غسل دیہ چھلِن سہ تِہ گنہوٕ نشہ زنہ کُس دُہس
ہُہ آسہ بیس خبرہ منز چھہ یِرت مُویکہ شمارہ زٕ دربدن میت چھہ ذہ بندہ آزاد گرنک
ثواب ین تسندس نامہٕ عملس منز لکھنہٕ بلند سپنہٕ تسندہ باپت ہت درجہ اما مشروط

در غسل میت

چھیم ثواب یمی زِہ امانت رٹہ پوشیدہ تھاوہ یُس عیباہ دربدنِ میّت وُچھہ عیب تِنُنْد
تھاوِہ مستور ہرگاہ خیانت کرِہ عیب تِنُنْد ظاہر کرِہ اجرس پنِنس باطل خدا کرِس رسوا
دُنیاس منز تہ آخرتس منز واجب کفائی چھُ پرت مسلمانس غُسل دِنُ مسلمان مُردس بیہ تِس
زِہ در حکمِ مُسلمان چھِہ اَطفالو منزہ ژُھٹوس شُر تان زِہ ازشکم آسِہ ہمیت یا پارۂ آدمی زِہ
استخوان آسِس منز پس چھُنہ غسل واجب مسلمان شُرو منزہ تس شُرس زِہ ازِ شکم آسہ ہمیت
ژُھورہ رِتہ کم بیہ بے استخوان پارس بلکہ پرت اَکِس میوُدُ بو منزہ خرقس وِلتہ کَرِس دفن
سنِس چھُہ میّتَ سُند حکم تہا آستن یا بیس پارس سیت آستن غسل دیہ نہ مَردس مردِس
سِوا زنان زنانِ سِوا یا دیس غُسل شوہر یا نہ محرم دیہ محرمس غُسل پسِ پَردہ ضرورتہ وِزہ زنانہ
زانہ غسل دِت ترٖوہرِس نِچوِس تیہ پاٹہ مرد ترٖورِش کورِہ ہرگاہ نہ ہم جنس یا محرم ہیم
سپنہ ممکن آسنہ غُسل دِان لَمسہ سِوا تہ نظرِ سِوا غُسل دِنُ چھُہ ساقط ہرگاہ بَنہ پَس پَردہ
کیسہ اَتھس تھاوِت غُسل دِنُ ممکن آسہ احوط چھُہ تے کُرُن واجب چھُنہ غُسل دِنُ مسلمانو
منزہ خارجیس تہ غالیس بیہ مرتدس تہ ناصبیس بیہ چھُنہ واجب غسل شہیدس دِنُ کفن
وِلتہ کرِس نماز مگر برہنہ آسِہ تہ گُڈٕہ وِلنس کفن ادہ کَرِس نماز مکروہ چھُہ مخالفس
غُسل دِنُ کونژ اہ آسِت زِہ غسل دیہ تس مگر ضرورتہ وِزہ اقوے چھُہ زِہ میّت سِندِ ن
کارن منز وصیّر تِمنزہ کرِن عمل وصیّتہ تیہ چھُنہ صحیح تَسُنْد تِلہ تُک کاراہ تِسُندِس
وِلیّ سِندہ اِذنَ سِوا ولیّ چھُہ گُڈٕہ شوہر اُوسہ میّت آزاد تہ زنان شوہر وار تہ چھُہ
شوہرس تیہ وِلیّ نسبی خویشو منزہ سُی زِہ بوراشت نیہ مال تَسُنْد سُہ یُس اگاہ تَسُنْدِہ
والدِ ینُو تہ اَولادو منزہ آسِہ تِمو منزہ چھُہ گُڈٕہ ولیّ مُول اَدہ تَسُنْد بوڈ گبر اوسنہ
سُہ تہ ساری گبر ذکور چھِہ مقدّم بر اناث اِحتیاطے چھُہ کورِن تہ اِذن ہیُن
خصوصًا ییلہ میّت زن آسِہ یمہ طبقک کانہ نہ آسنہ وِزہ ولیّ چھُہ یُس اگاہ آسِس
اجدادَو تہ بایو تہ ینو منزہ اَمِہ طبقک تہ نہ کانہ آسِہ ولیّ چھُس یُس اگاہ آسِس تیر وتہ

طریقِ غسل

پُہوتہ ماموتہ ماسوٗمنزٕ پرٛتھ طبقُک ذکُور چھُہ مُقدم تمکیٚن اناثَن پٹھ یموخوتیشوٗ منزٕ نہٕ کانہٕ اُوس ولی چھُہ تس میتیں ادٕ حاکمِ شرع ستہٕ تہٕ نہٕ اُوس ولی چھُہ ادٕ عدول مُؤمنین تِم نہٕ آسِت چھُہ ولایت ساقط ساریٚ مُسلمانَن ہَکَن میتِ سِندِن کارَن قیام کرِتھ طریقِ غسل چھُہ یہی زِ گوڈٕ گژھَن میتیس بدنس نجاستہٕ پاک ادٕ دِنس ترِ غسل ترتیب گوڈٕ آبِ سِدرٕ ادٕ آبِ کافورٕ ادٕ آبِ خالص سیٖت نیّت کرِتھ ستہٕ از عبادت آسنہٕ مکہٕ نیت چھُہ راے دِل باعثِ غُسل ذِنک مَنشأ چھُس امرِ خدا تہٕ لزومِ اطاعتِ خدا آسنہٕ حاضر در ذہن اما بس چھُہ یِتی قصد زِ غُسل دِوان چھُس یمِس میتیس براے اطاعتِ خدا احوط چھُہ وقت مجموعِ اغسالِ ثلثہ کرِتھ پرٛتھ اکہٕ بابت بیٚہ نیت کرَن شروع کرنہٕ وِزِ بیٚہ چھُہ احوط غُسل دِنُن میتس غسلِ ترتیبی واجب چھُہ محرمس غسل دِنہٕ تہٕ آبِ سِدرٕ سیٖت غُسل دِنُن آبِ کافورٕ بدل خالی آبہٕ سیٖت ادٕ دِنُن غُسل آبِ خالصہٕ سیٖت بیٚہ کافور نہٕ تراوُن تَسندِس حنوطس بیٚہ نہٕ کانہٕ خوش بُو یا ہ غیر محرمس کِتھ تہٕ نہٕ سِدر تہٕ کافور بیٚہ غُسل دِنس خالی آبہٕ سیٖت گوڈٕ آبِ سِدرٕ بدل ادٕ آب کافورٕ بدل ادٕ آبِ خالصُک تیٚہ پاٹھٕ غُسل دِتھ سِدر تہٕ کافورٕ بہم سپنہٕ دفنہٕ برُونہ نو دِنس غسل ترٛنوی غُسلو ہرگاہ غُسل دِنُن دشوار سپنہٕ آب نہٕ آسنہٕ یا اَوی زِ میتس غُسل دِنہٕ اعضا جُدا گژھَن یا پوٚست وُنہس سوختہ آسنہٕ مکہٕ یا آبلو مکہٕ تیمم دِنس پرٛتھ غُسل بدل احوط چھُہ ترٛمیس تیممس منز قصد ما فی الذمہ کرُن یا ژورِم تیماہ دِنُن بقصدِ ترٛنوی غُسل یہ تیمم چھُہ تیہ پاٹھٕ زِ زندہ کرِہ نیت تیمم دِوان چھُس یمِس میتس غسلِ آبِ سِدرٕ بدل براے اِطاعتِ خدا تیٚہ پاٹھٕ کرِہ قصد آبِ کافورٕ بدل دۄیمس تیممس منز ترٛمیس منز آبِ خالصہٕ بدل ژورمس منز ترٛنوے غُسلو بدل ادٕ لایہ اتھہ پنن برخاک مسح کرِہ تِمو سیٖت گوڈٕ تیتہٕ سِنزٕ پیشانیٖ بیٚنی ہندِس ہیرِمس طرفس تام ادٕ اتھن ہُنز دۄیہ اُنگجہ ٹنڈِن تام واجب چھُہ آبِ غُسل پاک تہٕ مُطلق آسُن بیٚہ مباح آسُن جاے غُسل تہٕ تختہ بیٚہ ظرفِ آبِ غُسل بیٚہ محلِ رٔختنِ آبِ غُسل سُنت چھُہ یلہِ ارادٕ کرَن میتس غُسل

دِنُ پہرُنس ہتسندِس دِن چاک زہارس تان وارِتھ سِندِہ رُخصتہ ہرگاہ بالغ تہ عاقل آسہِ
نتہ چھِنہ تہِ جایز بیہ چھُہ سُنّت پہرن کڈُنہ وزِہ میّت نہ لرِہ پہُرن بلکہ برِشت آستھی کڈِنس
تل کِن پہرن بیہ اُنگجہِ تسنزہ نبرمی مکنہ بیہ غُسل وزِہ اِحتضارک پانٹھ قبلس کُن آسُن بیہ آب
غسالہ بابت تسندِہ غسلکہ دُباہ جدا کھنن بیہ غسل دِنہ وِزہ میّتس تہ آسمانس منز حایل آسُن
بیہ پیش از غسل یا بعد از غسل تس وضو دنُ بیہ غسّال غسل دِنہ وزِہ میّتس دچھن کُن آسُن
بیہ غسّال پرِت غسلَ برونہ اَتھہ تہ زِہ نِپنہ کھنہ وُٹن تان ترِیہ لٹہ چھلُن بیہ غسّال عورتین میّت
غُسل برونہ کھووُرِہ اَتھہ اَشنان تہ سِدرہ یا سِدر رکہ پُسہ سیت یا تزہری اشنانہ سیت ترِیہ
مرتبہ چھلُن یا زیادہ ترِیہ مرتبہ بلکہ ترِیہ مرتبہ یا زیادہ آب کافورہ تہ خالص تہ بیہ پرت غسلس
منز اَتھہ دُنوے میّتہ سِند اُنگجہ ٹنڈ وہٹہ نرن ہندس نصفس تان تہ چھلن بلکہ اُتہِ چھُہ بہتر ایزہ
گڈٗہ نکِس غُسلس منز آب سِدرہ سیت دُمیس منز آب کافورہ سیت ترِمیس منز آب خالصہ
سیت اَما بہتر چھُہ اتہ ابتدا کرُن اَتھوہٹہ بیہ آب سدرس کھلو دِنُ یت پُس کرہ تمہ پُسہ تہ
سنزہ پوشو سیت سر میّت غسلَ برونہ چھلُن تتہ زِہ دماغن منزہ تہ کنن منز گژھنہ آب سِدرہ
تہ آستہ سنزہ پوشو سیت یا یہ کینہ سنزہ پوشن ہُہ چھُہ بیہ پرت غسلس منز پرت اگاہ
سر و گردن تہ دچھنہ طرفہ تہ کھووُرہ طرفہ منزہ ترِیہ مرتبہ چھلُن بیہ گڈٗہ نکِستہ دُمیس غسلس منز
میّتس شکمہ پٹھہ آہستہ اَتھہ ڈالُن مگر یلہ میّت حاملہ زنان آسہ تہ خوف آسہ طفل سقط
سپنُن بیہ میّت غسلہ وِزہ تہرس پٹہ یا تختس پٹہ تھاوُن یت گُہرن ہُند طرف آسِس تستہ
غسالہ سپنہ آسان پانہ جدا بیہ غسّال تھاوِہ اَتھس کیساہ یا ولِس خِرقاہ ازالۂ نجاست
کرنہ وزِہ یتہ سِندس بدنس غسل دِنہ وزِہ تراوہ سُہ کیسہ تہ سُہ خرقہ کینژ دُپہ چھُہ میّت
غسلَ وزِہ تہ چھُہ سُنّت اَتھس تھومنزہ کینہ آسُن اَما لازم چھُہ اَتھس تھومنزہ کینہ تھاوُن
عورتین آب واتناوُنہ بتہ میّتہ یلہ نہ پانہ واتہ بیہ غسلہ وزِہ ذکرِ خدا کرُن تہ یتہ سِندہ بابت
خدا تعالیٰ اس آمرزش منگن میہ زبان خوش گرس بہتر چھُہ ایزہ غسلَ وزِہ دِپہ ہمیشہ دبہ

اَللّٰهُمَّ هٰذَا بَدَنُ عَبْدِكَ الْمُؤْمِنِ وَقَدْ أَخْرَجْتَ رُوْحَهٗ مِنْ بَدَنِهٖ وَفَرَّقْتَ بَيْنَهُمَا فَعَفْوَكَ فَعَفْوَكَ عَفْوَكَ عَفْوَكَ واوس پتن پتن یا زِ بر یا دِ یہ پرٕ کلمات پرٕہ خصوصاً پرٕہ یلہ رِ پھرہٕ میتس چھلنہ باپت درحدیث چھہٕ یُس اکاہ تمہٕ وِزہٕ یم کلمات پرٕہ خدایِ غفار بخشِہ تس غسالس ساری گناہ یا اکِہ ورہِک گناہ کبیرہ گنہو سوا احتمال چھہٕ زِ معنی حدیث تہٕ مرادِ امام علیہ السلام آسہٕ زِ خدا کرِ آمرزش میتس ساری گنہن غسالس بخشہٕ اکِہ ورہک گناہ بیہ غسال یلہ چھلان کمرس واتہٕ آب ہارِ تتہٕ زیاد بیہ چھلہٕ میتس وارہ وارہ بیہ غسل دِوان اتھہ پھرہٕ وس بدنس یتہٕ اعضان سارنے والِتِ آب مگر عذرہ وِزہٕ بیہ غسل وِزہٕ عورت یتہٕ سند پوشیدہ تھاوُن بیہ غسال پتہٕ اکِہ غسلہ برونہ ترٕ نوی غسلو منزہ اتھہ پتہٕ کھنہ وٕ نتہ تان چھلِن بیہ آب غسل شِن مشکن ہندہ مقدارہ آسُن یتہٕ پاٹھہ رسولِ خدا ان وصیت کرِ حضرت امیرس علیہم الصلوٰۃ والسلام زِ آبہ چوشیو مشکو دِمہ غسل بیہ تھاوِہ پوشیدہ یُس عیب آسِہ میتہ سندس بدنس وُچھہ لوکن کرِہ نہ خبر تیچ تمہ باپت کرِس خدائے کریم گنہن بخشش تتھی سپنہ یتہٕ باج زِ ایاو بیہ غسل دِن میتس برہنہ آسِتہ تہ سترِ عورتن آسِت جامہ سان تے غسل دِن چھہٕ جایز بیہ ترِ نون غسلن منز ابتدا کرُن سرِ میت دچھنہ طرفہ چھلنس بیہ جنبہ آسہٕ میت غسل پتہٕ یا غسل برونہ تس غسلِ جنابت دِن یمی ترٕ زِ غسلِ جنابت دِوان چھِس میتس برائے اطاعتِ خدا بیہ یلہ غسلو نشہٕ فارغ سپنن تہٕ یتہٕ سند بدن خشک کرُن مکروہ چھہٕ میتس گرم آبہ غسل دِن بیہ نم کاسِن بیہ تس محاسنس شانہ کرُن بیہ موے سرس شانہ کرُن بیہ تس موے زِہار کاسُن بیہ غسالہ تسندہ غسلک بیت الخلاس کن تراوُن بیہ چھہٕ ہنرس کن سہٕ تراوُن بیہ میت غسل وِزہٕ بہناوُن بیہ زنگن منز رٹن بیہ تس مست کاسُن بیہ موے زیرِ بغل کاسُن بیہ بروت کاسُن ہرگاہ موے تہٕ نمو منزہ کینژاہ ییس تہٕ گرہٕ کفنس منز تھاوِتہٕ میتس سیت دفن کرُن بیہ تمیس غسلس منز شکس تسندِس ہالِش دِن غسلو نشہٕ فارغ سپنتہٕ میتس ازِ شکم نجاستاہ نیرہ

در تکفین میت

تت جایہ چھلِن غسل دِنہ نو ای کرن قبرِ منزے نچس سینہ مگر چھلِن تہ دشوار آسِت
کفنہ برنہ آیہ تہ چھلِن تت یت تان قبرِ آسنہ والنہ نتہ کفنس کرن نچس جایے متعرِض
چھلُنہ آسِہ دشوار واجب چھہ اَدہ میتس ترٛیو پارچہ کفن کرُن لونگ تہ کفنِ تہ کُتہہ شرط
چھہ لونگ آسِہ ناف تہ کُھٹھِن میان کفنِ شانو پٹہ زنگن نصفس تان کُتہہ زیچھرہ کِن تیوت اَسُن
زہ گنڈ ایس سر کہ طرفہ تہ کھرن ہندِہ طرفہ پتہ کِن تیوتاہ زہ طرف تِمک پن اکِ اکس ٹھ
بہتر بلکہ احوط چھہ لونگ آسِن سینہ پٹہ کھرن تان اما یہ زیادتی ہین دُنون پارچن کرن
بالغ وارثہ سندِہ اِذن سوا نتہ کرن ثُلثہ منزہ آسی وصیت تمہ وارث صغیر آسِت وصیتِ تہ
نہ آسِت کرن نہ ہین زیادہ مقدارِ واجبی خُتہ از مال صغیر ہرگاہ یم ترٛ پارچہ ہیم سینن نہ اکتفا کرن
تِتی زہ میسر آسِہ مُقدم چھہ کُتہہ ہین دُن پارچن آدہ چھہ کفنِ مقدم لونگِ پٹھہ ہرگاہ از کفن
آسِنہ ستر عورتہ سِوا واجب چھہ تتی بہتر چھہ در تکفین گنڈہ ران بند دِلن اَدہ لونگِ اد
کفنِ اَدہ کُتہہ پرت پارچا گژہ تتِ آسُن زہ پوست آسِنہ تمہ منزہ نمایان جایز چھہسنہ
کفن غصبی آسُن بیہ نہ نجس بیہ نہ پاڑو خالِص بیہ نہ پوستک ندگی تہ ماکول اللحم تے آسِہ
معروف چھہ کفن نہ کرُن منُل آسی از حیوان ماکول اللحم آسی از غیر ماکول اللحم معروف چھہ زہ
جایز چھہنہ سہ کفنِ زن چھہ تسندس شوہرس پٹ بابیسار تِمے سہ زنانہ آسِہ مدخولہ
آستن یا غیرِ مدخولہ صغیرہ آستن یا کبیرہ عاقِلہ آستن یا مجنونہ آزاد آستن یا کنیز
دایمی آستن یا انقطاعی مُطیعہ آستن یا ناشِزہ طلاق دِت تہ عِدس منزہ مرہ یلہ
طلاقِ رجعی آسِہ نہ باین شوہر صغیر آستن یا کبیر دیوانہ آستن یا عاقِل فرقاہ چھنہ
کفنِ زن واجب آسنس منز مگر ایزِہ صغیر تہ یا دیوانہ آسنہ وِنِہ چھہ تہندِ مالہ
منزہ واجب ولیس تہندس کفن دِن اما واجب چھنہ کفن بر شوہر نادار تہ مُفلس
واجب کفن وتہہ تیتہ سندِہ اصل ترکہ پٹھہ نہ ثلثہ پٹھہ قرض ادا گرنہ برونہ وصیتہ
وفا گرنہ برونہ سُنت کفن وتہہ ترکہ پٹھہ ورثن ہندِہ اذنہ وصیت نہ آسِہ از ثلث ممن

در کفن مندوب

آسنہ ترکہ ختہ قرض زیاد کفن مندوب و تہ ثلثہ پٹہ آسی وصیت نتہ گرن تہ وارثہ
سندہ اذنہ بیہ لستندہ زہ میت آسہ تسند قرضدار۔ مستحب چھُہ مردس عمامہ گنڈُن
یتہ ینہ میانِ عمامہ ولنس کلس دُن طرفن دنس تحت الحنک ترایم زہ طرف ہنگنہ ال کڈرت دچھن طرف کھوورکن
کھوور دچھن کُن سینس پٹ تراونس مقرر مقدار اہ چھنہ اتہ کافی چھہ کینژاہ گنڈُن عمامح
صورت گھرس بیہ چھہ مستحب ران بند بہتر چھُہ اُسن سہ وُوڈ پاوپنہ کِن زیچھرہ کِن
ساڈ ترزراع سہ ولنس رانن یتہ پاٹہ زِہ اکس اندس تت پارچس دِن منزہ چاک
یُو تاہ زِہ گنڈ ایس کرنہ کمرس پٹ اَدہ والن پارچس رانو منز تہ پٹ کھارن سخت پا
کمرس تان تہ گنڈہ تل کڈن اَدہ ولن تت چیرہ رانن اندواتت کڈن اندتمہ وارہ تل
یا اَندکرن بند بیہ کُنہ پاٹہ نتہ ولن ران بند یتہ پاٹہ زہ تھیگاہس پٹ ہنس گنڈ اَدہ ولن
تت رانن چیرہ یتوت زِہ ڈشکہ منزہ ایسنہ برُون کینہ گٹھن ولان واتِت کڈن اندر نگو
منز دچھن کُن تہ چیر دِن اندواتِت اندکرن بند اما سُنت چھہ ران بند ولنہ برونہ غور تمین
کینژاہ کافورہ منزہ تہ دریرہ منزہ تراوُن بیہ تمن تتہ برونہ یہنب تھاون زنان چھہ مستحب
مقنعہ عمامہ بدل بیہ ران بند بیہ پستان بند سہ چھہ پنہ دار کپراہ زِہ زنان چھہ سینس
پٹ گنڈان مستحب چھُہ بیہ مردستہ زنانہ گتھہ پٹہ بردِمنی ولُن بیہ زہ گتھہ آسن مستحب چھہ
کفن جان آسن حدیث چھُہ زِہ اموات کرن کفن جان آسنہ قیامتس منز فخر تمی جان
کفنہ سیتن محشور کفن کرُک بحضرت موسےٰ بن جعفر تتُ زہ دِن ساس تہ پانژن ہتن اشرفن
اُوس طیار سپنمُت سوروی قرآن اُوس لکھُت مستحب چھہ انسانس کفن ہیُن دِھیا تھاوُن
ماجو سپنہ یلہ نظر کرہ تت فرمودمُت چھہ جناب شیخ زین العابدین علیہ الرحمن بیہ چھہ مستحب
لکھن واجب تہ مستحب پارچن حاشین بیہ جریدتین میت سند نام تہ تسندس مال سند
نام یتہ پاٹہ زِہ فلان بن فلان یَشْهَدُ اَنْ لَا اِلٰهَ اِلَّا اللّٰهُ وَحْدَهٗ لَا شَرِيْكَ لَهٗ
وَاَنَّ مُحَمَّدًا رَسُوْلُ اللّٰهِ وَاَنَّ اَمِيْرَ الْمُؤْمِنِيْنَ عَلِيَّ بْنَ اَبِيْطَالِبٍ عَلَيْهِ السَّلَامُ

روایت سلسلة الذهب

اِمَامٌ حَقٌّ نُصَّ مِنْ قِبَلِ اللّٰهِ تَعَالٰی وَقِبَلِ رَسُوْلِهٖ وَبَعْدَهٗ اَوْلَادُهٗ اَلْحَسَنُ
وَالْحُسَیْنُ وَعَلِيُّ بْنُ الْحُسَیْنِ وَمُحَمَّدُ بْنُ عَلِيٍّ وَجَعْفَرُ بْنُ مُحَمَّدٍ وَمُوْسَی بْنُ جَعْفَرٍ
وَعَلِيُّ بْنُ مُوْسٰی وَمُحَمَّدُ بْنُ عَلِيٍّ وَعَلِيُّ بْنُ مُحَمَّدٍ وَالْحَسَنُ بْنُ عَلِيٍّ وَمُحَمَّدُ بْنُ الْحَسَنِ
صَاحِبُ الزَّمَانِ صَلَوَاتُ اللّٰهِ عَلَیْهِ وَعَلَیْهِمْ اَجْمَعِیْنَ هُمْ اَئِمَّتِيْ وَسَادَتِيْ وَ
وَقَادَتِيْ بِهِمْ اَتَوَلّٰی وَمِنْ اَعْدَائِهِمْ اَتَبَرَّءُ هٰذَا مَا وَعَدَنَا اللّٰهُ وَرَسُوْلُهٗ وَ
صَلَّی اللّٰهُ عَلٰی مُحَمَّدٍ وَّاٰلِهٖ اَجْمَعِیْنَ بیہ تیہ لکهن کفنس اِنَّ الْبَعْثَ وَالثَّوَابَ وَ
الْعِقَابَ حَقٌّ مستحب چهہ سورہ وی قـرآن لکهن یا کینژاہ تہک روایتاہ چهہ در کتاب
کشف الغمہ زِہ کینژو حالکوتہ بزرگو شاہ کو منز لِکھہ حدیثاہ زِہ فرمووُت چهہ حضرت امام
رضا ن علیہ السلام نیشاپورکن لوکن باسند سندو اتناوِت تا پروردگار آبِ طمان
سیت وصیت کرن مہ سیت گژہ دفن کرن مرنہ پتہ وچهک خوابس منز زہ خدائے
مِنانن تِس آمرزش کرمژ بہ برکتِ کلمہ لَا اِلٰهَ اِلَّا اللّٰهُ بیہ باور کرنہ بمحمد صلی اللہ علیہ وآلہ لکهنہ
ئمہ یہ حدیث تعظیم تہ احترامہ کن پس چهہ مناسب لکهن یہ حدیث باسند حَدَّثَنَا مُحَمَّدُ
بْنُ مُوْسَی بْنِ الْمُتَوَکِّلِ وَقَالَ حَدَّثَنَا عَلِيُّ بْنُ اِبْرَاهِیْمَ عَنْ اَبِیْهِ یُوْسُفَ بْنِ
عَقِیْلٍ عَنْ اِسْحٰقَ بْنِ رَاهَوَیْهِ قَالَ لَمَّا وَافٰی اَبُو الْحَسَنِ الرِّضَاءُ عَلَیْهِ السَّلَامُ
نَیْشَابُوْرَ وَاَرَادَ اَنْ یَرْتَحِلَ اِلَی الْمَامُوْنِ فَاجْتَمَعَ اِلَیْهِ اَصْحَابُ الْحَدِیْثِ
فَقَالُوْا یَابْنَ رَسُوْلِ اللّٰهِ تَدْخُلُ عَلَیْنَا وَلَا تُحَدِّثُنَا بِحَدِیْثٍ فَنَسْتَفِیْدَهٗ مِنْكَ وَقَدْ
كَانَ قَعَدَ فِی الْعِمَارِیَةِ فَاَطْلَعَ رَاْسَهٗ فَقَالَ سَمِعْتُ اَبِیْ مُوْسَی بْنَ جَعْفَرٍ
عَلَیْهِ السَّلَامُ یَقُوْلُ سَمِعْتُ اَبِیْ جَعْفَرَ بْنَ مُحَمَّدٍ عَلَیْهِ السَّلَامُ یَقُوْلُ سَمِعْتُ
اَبِیْ عَلِيَّ بْنَ الْحُسَیْنِ عَلَیْهِ السَّلَامُ یَقُوْلُ سَمِعْتُ اَبِی الْحُسَیْنَ بْنَ عَلِيٍّ عَلَیْهِ
السَّلَامُ یَقُوْلُ سَمِعْتُ اَبِیْ اَمِیْرَ الْمُؤْمِنِیْنَ عَلَیْهِ السَّلَامُ یَقُوْلُ سَمِعْتُ
رَسُوْلَ اللّٰهِ صَلَّی اللّٰهُ عَلَیْهِ وَاٰلِهٖ یَقُوْلُ سَمِعْتُ اللّٰهَ عَزَّ وَجَلَّ یَقُوْلُ لَا اِلٰهَ اِلَّا اللّٰهُ

حِصنی فَمَن دَخَلَ حِصنِی آمِنَ مِنْ عَذابِی فلمّا موت الرّاحلۃ قال بشروطہا و
انا من شروطہا یہ حدیث چُھ بیہ سندہ تہ آمُت شاید سند ذکر کرہ نس تہ آسہ مدِ نظر
سُہ تیلہِ حدثنا احمد بن الحسن القطان قال حدثنا عَبدُ الکریم بن محمد الحُسینی
قال حدثنا محمد بن ابراهیم الرّازی قال حدثنا عبد اللہ یحیٰ الاھوازی قال
حدثنی ابوالحسن علی بن عمر وقال حدثنا الحسن محمد بن جمهور قال حدثنی
علیؑ بن ہلالٍ عن علی بن موسی الرضا علیہ السّلام عن علیؑ بن الحسینؑ عن حسینؑ بن علیؑ
علیہ السّلام عن علی بن ابیطالب علیہ السّلام عَن رسول اللہ صلی اللہ علیہ و آلہٖ
عن جبرئیل عن میکائیل عن اسرافیل علیہم السّلام عن اللّوح والقلم قال یقول اللہ
عزوجل ولایۃ علی بن ابیطالبؑ حِصنی فَمَن دَخَلَ حِصنِی اَمِنَ مِنْ عذابی مُستحب چُھ
بیہ جوشن کبیر کفنس لیکھُن بلکہ تتھ منز چھ خبر آمژ زِ یُس اکاہ لیکھہ یہ دُعا پایس کافورہ سیت
اَدہ چھلِہ تتہ آب چھکِہ کفنس خداوند وہاب کرِہ نازل تَسندِ قبرہ منز ہزار نور ایمن کرِہ
تَس ازہولِ نکیر تہ منکر بیہ تلِہ قبرہ ہند عذاب تس نشہ پرت دُہہ آسن اثان تَسندِ قبرہ منز
ستت ساس ملک زِ بشارت دِوان آسَن تس بہشت وسیع کرَن ایہ قبر تسنز تیوتاہ
زہ چشم کرہ کار بیس واتِر منز چُھ یہ عذاب قبرِ تُلمَنہ پتہِ چُھ یمیہ طورہ مسطور زِ پرت اکِس
ملکس سیت چُھ طبقا دِ نورِک نثار کرَن تس تُلن تس بہشتس کُن متکا تھاوَن تسندِ باپت بہشتس
منز تکیہ کرِ تت آرام ہیہ تت منز تیہ عروس قرار ہوان چُھ مجلس منز نیس حُرمتہ ملکہ
بزرگواری نکہ یہ دُعاکہ فرماوان چُھ خدا سِے مہربان زِ حیا چُھس کران تس ہند
نشہ زہ یہ دعا آسِہ برکفن تس کرِہ نس عذاب تاآنکہ فرمُو حضرت امام حسینؑ روحی
لہُ الفداء زِہ وصیت کرمہ بابن امیر المؤمنین علیہ السّلام بڈ وصیتاہ زِہ ای فرزند
لیکھہ یہ دعا میانس کفنس بیہ فرمُو تم بزرگوارن یعمل اَنُم یہ مینن بابن بزرگوارن فرماوُم
بیہ چُھ مُستحب لیکھُن یُس چیزاہ زہ امید رحمت سپنہ حاصل تہِ تم اشعارِہ دَفَنَت

عَلَی الْکَرِیْمِ بِغَیْرِ زَادٍ مِنَ الْحَسَنَاتِ وَالْقَلْبِ السَّلِیْمِ فَحَمْلُ الزَّادِ اَقْبَحُ کُلِّ شَیْءٍ
اِذَا کَانَ الْوُفُوْدُ عَلَی الْکَرِیْمِ درحدیث چھہ حضرت امیر المؤمنین علیہ السلام ین لکھیم اشعار
بر کفن سلمان فارسی رضی اللہ عنہ تیہ پاٹھہ لکھن گینہ دعاہاے بزرگوار بیہ چھہ مستحب
کفنس ذریرہ چھکُن بیہ کفن ہتہ تبرک آسُن بیہ سفید آسُن نہ رنگین اما حبرہ خاص پاٹھہ
سرخ آسہ تہ ضرر چھنہ تیہ کیاہ چھہ دبعضی جنازہ حضرت رسولؐ کفن کرُک سرخ حبرک
بلکہ شاید سرخ آسُن سُہ چھہ بہتر بیہ یمہ پنہ کفن سُوُن سُہ گفنہ منزہ کڈُن بیہ پہنب ستاہ
عورتین تھاوُن گینز وچھہ دُمت اک رطل بیہ کفن پارچہ پرُون تہ چرکین نہ آسُن بیہ کفن
حلال نہ بے شبہ آسُن بیہ کفن جامۂ احرامہ منزہ آسُن یا سُہ جامہ زہ تت منز آسس ستاہ نماز
کرمژ یا بندگی خدا کرمُت بیہ آسہ کفن تبرک سُینمُت ضرایح مقدسن تہ مکانہای متبرکن
پٹھ تراوُنہ سیت بیہ تراوُن کفنس خاکِ شفا بیہ چھلُن کفنس مبارک آبو سیت بیہ لکھُن
کفن سید شہداس علیہ السلام سندہ تربتہ سیت تتہٕ بنہ تہ تربت باقی ائمہؑ علیہم السلام
تتہٕ نہ بنہ بے رنگ چیزہ لکھُن تتہ نہ بنہ تر لکھُن یمہ رنگہ بنہ سیاہی ہوا تتہ نہ بنہ تہ سیاہی سیت
بیہ لکھُن تتہ زہ ن گرہ کفنس لکھُن تتہ نہ بنہ تہ انگجہ سیت کرُن اشارہ انگجہ سیت لکھُن
آثر تتہ سپنہ ظاہر بیہ کفنکس ملس منز سہل انگار ہی کرن سُجر نہ تت ژھاوُن زہ ازران
عام سپنہ مکروہ چھہ کفن ژٹُن شتنرہ سیت یا فولادہ سیت بیہ گفنہ زرکرُن
پننس پھیرہ نس یلہ کفن کرُنس مکروہ چھنہ تت نز آسن مکروہ چھہ تت تکمہ آسن آسنہٕ
تہ ژٹُن تمن بیہ سُوٗنکٕ پن ہگہ سیت ترکرُن بیہ بخور دِن کفنس عودہ سیت یا بیہ گنہ بہ
کفن کرُن کتان لباسہ یا بیہ گنہ ممزوجہ سیت بیہ بے اضطرار سیاہی سہت لکھُن
بیہ بُو یا کرُن کفن گنہ بوسے خوش سیت ذریرہ سوا بیہ ملوث تہ چرکین آسُن کفن
بیہ سُوٗن کفنک پارچہ بیہ بہ مخلوط ابریشم تہ غیر ابریشم کفن کرُن بیہ زیاد کرُن
کفن ژٹن پارچن ہندہ شمارہ ختہ زہ چھہ مشروع تہ مستحب مستحب آسنکہ قصدٕ تہ کرُن

در حنوط

چھہ بدعت تہ حرام بیہ دقّت کرن کفنکس قمیص منز پور سگنہ باپت بیہ یتہ سند عمامہ
بے تحت الحنک تہاوُن تِمہ مگہ تہ کرُن صورت عمامہ اعرابی تہ شیطان حنوط
چھہ واجب سہ گو کافور متھن پرِ ستن اعضان زِہ سجدہ چھہ تمو در نماز کران تم چھہ دکہ
تہ اتھہ تہ کھٹہ تہ کھرن سندن ہُٹن ہند سر اَقوے چھہ زِہ جایز چھہ حنوط کرُن تکفین برونہ
تِمہ تِپہ ران بند ولت تہ اگرچہ اوے چھہ حنوط کرُن تکفین برونہ خصوصًا کفن ولنہ برونہ
کافی چھہ حنوطس منز مستمابے کافور بہتر چھہ آسُن سہ وزنہ کِن ترواہ درہم تہ ثلث درہم
انگریزِ روپیہ گوتہ ترہ روپیہ بر تہ پانژ دانہ تہ ژورجو بمہ ختہ چھہ کم فضلس اندر حنوط
کرُن اکہ مثقالَ شرعی سیت سہ گو پانژ دانہ تہ نوجو تریہ سبعہ کم تقریبًا دونہ شِہ
دانہ اَمہ ختہ چھہ افضل بمیہ ژور مثقال ادہ ژور درہم یعنے اگ رُوپے بر اقوے چھہ
حنوطکُ یہ سارُوی کافور آسُن غسلکہ کافورہ سوا بیہ چھہ بہتر کافور اتھہ سیت موُرن
نہ ہاونہ تہ وکھلہ بیہ متھن سر بینی تہ سینس بیہ کفِدستس بیہ سرس تہ گردن تہ پھکن تہ
رشیس تہ تلہ پتِن تہ سارنی مفصلن بیہ نعلین ہندِہ گنڈ چہ جایے بیہ ہمہ جایہ بوی بد
ظاہر سپنہ بہتر چھہ بر فرج میت کافور تراوُن متھن لگسنہ مگر متھہ زنانہ نتنس شوہرس
شوہر متھہ نتنس زوجس بیہ چھہ بہتر حنوطس منز ابتدا کرُن بہ پیشانی بیہ چھہ مستحب حنوطکس
کافورس کنیثراہ از تربت سید شہدا روحی لہ الفداء ملہ دُن آمانہ تمن اعضان ہندِس
کافورس تمن متھن آسہ تہ تربت مبارکس خلافِ احترام عورت ہسہ انگجہ ٹنڈ ہسہ
مکروہ چھہ کافورس مشک تہ غیر مشک ملہ دُن بیہ حنوط ہاونہ تہ غیرہ ہاونہ نرم کرُن حرام چھہ

در احکام

میت محرمس بکافور حنوط کرُن نیتہ گنہ حرام چھہ تس بآب کافور غسل دِنُ سُنّتِ موکد

جریدتین

چھہ مخصوص شیعس جریدتین تہاوُن ترتہ خرمہ کلکہ شاخک متیتس سیت لوکس تہ بدس
مردستہ زنانہ نیکستہ بدس بیہ ایس اکس پٹ قبرہ ہندِہ عذابک خوف آسہ ہرگاہ
خرمگ بنہ نہ ادہ سدرہ کلکُ سہ تِہ نہ بنہ ادہ بمیہ کلِکُ آسُن زیچھرِہ آسُن گرِہ

پرت اَکِس اَکھ ذراع سۭتہٕ گو کھنہٕ وٹہٕ پٹہ منز مِ اُنگجہ ہندِس سرس تان میان خلقتہ
سِندِہ سراو ادر چھہ پرت اَکِس لموکھ جریدتیو منزہ سُتھر وُلن مستحب چھہ اَکھ دچھن کُرن
گفنہٕ تہٕ پوتس منز تھاوُن بیاکھ گفنہٕ تہٕ کھسب منز کھوورِکن تھاوُن پرت اَکِس سراہ رنجہ
بروُنہ گنہِ آسُن ہرگاہ ممکن سپہٕ نہٕ مگراَگی سُی تھاوُن دچھن کُرن یتہ پاٹھہٕ وننہ آو
جریدتین سیت تھاوُن چھہ مستحب یتہ پاٹھہٕ تھاوُنس تمن امتا تھاوُن تِم دچھن کُرن اَکھ تہٕ
کھوور اَکھ بطریقِ مذکور چھہ بہتر بیہ لِکھُن نجاکِ مرقدِ امام حسینؑ پرت اَکِس جریدتیو
منزہ سُہ دعا زِہ برُونہ سپن بیان اوّل چھس فلان بن فلان یشہد آخر چھس دیم اجمعین
تشییع کرُنس جنازس چھہ ثواب شاہ ازحضرت باقر صلواتُ اللہِ علیہ چھہ منقول زِہ
حضرت موُسان علیہ السلامن کرو در مناجات عرض بہ پروردگار کیاہ ثواب چھہ یس زِہ
مشایعت کَرِ جنازس خدا یتعالان جنر موُوزِہ موُکل کرہ مشایعت کرہ ونس جماعتاہ پنن
ملائکن منزِ مشایعت کرن مشایعت کرونس قبرِ پٹہ قیامتس تان ازحضرت
پیغمبر صلی اللہ علیہ وآلہ چھہ منقول زِہ یُس مژداہ تہ بشارتاہ گژھہ سِے دِن موُمنس یہی
چھہ زِہ دمِس خوش اَکھ تحقیق خدا یتعالان کر آمرزش یم اَکِ مشایعت کری ژِہ مستجاب
کرن دُعا یس اَکِس زِہ چانہٕ باپت رحمت ژاہ دِن یتہٕ پاٹھہٕ چھہ منقول زِہ اوّل تحفہ
موُمن چھہ ایزِہ آمرزش کرن تمس بیہ یس اَکِس زِہ مشایعت کرِہ تس ازحضرت
صادق علیہ السلام چھہ منقول زِہ یُس اکاہ مشایعت کرِہ بجنازہٕ موُمن لکھندین تسندِہ
باپت پرت تسندہ باپت یُت تان ہیرہ لچہ حسنہ محو سپنہ تس لچہ سیئہ بلند سپنن
تسندِہ باپت لچہ درجہ ادہٕ نماز کرن مشایعت کرہ دَن تتہ جنازس پٹہ مقرر کرِہ خداوند
منان لچہ ملکہ زِہ مشایعت کرن جنازس تس مشایعت کرہ ونس کران آسَن تِم تسندِہ
باپت استغفار یُت تان پھیرت ایہ ہرگاہ یہی مشایعت گردُن حاضر
سپنہ دفنہ وِزِہ سُہ جنازہ مقرر کرِہ خدا لچہ ملکہ زِہ استغفار کرن تسندِہ باپت یُت تان

و تشییع جنازہ

قبرِ منزہ مبعوث سپنہٕ یُس نماز کرِہ کانسہٕ متیس نماز کرِہ ونِس جبرئیل تہٕ ستت ساس ملکہ آمرزیدہ سپننس بُرونہم سارِی گناہ ہرگاہ روزِ مشایعت کرِہ دُن یُت تان متیس دفن کرَن بیہ خاک قبرِ پٹہٕ ترادن تسندِہ باپت چھُہ پرت قدمہ باپت نیرزہٕ پٹہٕ پننس منزلس پہیرِہ نس تان قیراطاہ اجرک تمہٕ ثوابک پرت قیراطاہ چھُہ مثلِ کوہِ اُحد میزانِ اعمالس تسندِس منز ایہ تولنہٕ از حضرت امیر المؤمنین علیہ السلام چھُہ منقول یُس اکاہ مشایعت جنازہ کرِہ لکھنہٕ ین تسندِہ باپت زٕ قیراط قیراطاہ مشایعت کرِہ ونِس قیراطاہ نماز کرِہ ونِس بیاکھ قیراطاہ تسندِہ پرارنہ باپت دفن سپنہٕ نس تان قیراطاہ تعزیتہ باپت یُت تان دفن سپنہٕ آدابِ تشییع چھُہ ستہٕ ییلہٕ نظر جنازس کرُن ییِس تہٕ وپہٕ اِنَّا لِلّٰهِ وَاِنَّا اِلَيْهِ رَاجِعُوْنَ اَللّٰهُ اَكْبَرُ هٰذَا مَا وَعَدَنَا اللّٰهُ وَرَسُوْلُهٗ وَصَدَقَ اللّٰهُ وَرَسُوْلُهٗ اَللّٰهُمَّ زِدْنَا اِيْمَانًا وَّتَسْلِيْمًا اَلْحَمْدُ لِلّٰهِ الَّذِيْ تَعَزَّزَ بِالْقُدْرَةِ وَقَهَرَ الْعِبَادَ بِالْمَوْتِ اَوِی زِہ حدیث چھُہ از رسولِ خدا صلی اللہ علیہ وآلہٖ زِہ یُس اکاہ جنازہ وچھِہ یا استقبال کرِہ تت پرِہ یم کلمات باقی روزنہ در آسمان ملکاہ مگر گریہ کرِہ رحمہٕ کرِن یہ دعا پرہ ونِس حضرت امام محمد باقر علیہ السلام ییلہٕ جنازہ آسِن وچھان فرماوان آسِن اَلْحَمْدُ لِلّٰهِ الَّذِيْ لَمْ يَجْعَلْنِيْ مِنَ السَّوَادِ الْمُخْتَرَمِ ییلہٕ جنازہ تُلن تہٕ پرن بِسْمِ اللّٰهِ وَبِاللّٰهِ وَصَلَّى اللّٰهُ عَلٰى مُحَمَّدٍ وَّاٰلِهٖ اَللّٰهُمَّ اغْفِرْ لِلْمُؤْمِنِيْنَ وَالْمُؤْمِنَاتِ بیہ تُلن جنازہ مشایعت کرِہ ون چیوانس پٹہٕ لدِ تہٕ پکہ ناون نہٕ تس اگر ضرورتہ وزِہ بیہ مشایعت کرِہ ون کرن مشایعت پیادہ نہٕ سوار آسِت مگر عذرہ وِزہ تہٕ پہیرنہ وِزِہ در روایت چھُہ زِہ مرداہ موٗد از انصار حضرت رسول صلی اللہ علیہ وآلہٖ تسندِس جنازس ستت آسِ پکان بعضیو کُرک عرض زِہ سوار سپنیو فرموٗک ناخوش چھم زِہ سوار سپنہٕ یمہ حالہٕ زِہ ملائکہ آسن وتہٕ پکان بیہ چھُہ مستحب جنازہ نکھس ہیُن در روایت چھُہ آمُت زِہ یُس اکاہ جنازہ کرِس کھورِس لگہ آمرزش کرِس خدا پنیژہ گناہ بیہ کرِہ جنازس

آدابِ تشییع

در تربیع

تربیع یعنے ژورِہ کنجہ ہیہ تَتْ تِمہ سِپنِس ژتجہن گناہ کبیرِن آمرزش بلکہ ماجہ زنہ کِس دُہس
ہِہ سَپَنہ بیہ چھُہ مستحب تربیع کرُن یمہ طریقِ زِہ گڈہ تِلہ جنازہ بیتہ سُند دچھنہ زِہ
رکن اَدَہ دچھنہ کھُرِہ اَدَہ کھوورِہ کھُرَہ اَدَہ کھوورِہ زِہ ہندِ طرفہ گرٹکہ دورک پاٹہ
بیہ چھُہ مُستحب جنازہ تُلن ژور نفر نہ ژورِہ کم بیہ کرن تعجیل مشایعتس گژہ نس بلکہ ولیہ
ینِوُل تہ تشیع یلہ پیش اِن گڈہ انِ تشیع بجا بیہ گژہ مشایعت کرہ دن باخشوع
آسُن تدبر تہ تفکر کرُن پنُن پان گنھز میتس ہِہ زانُن یعنی فرض نہ گمان تہ خیال کرِہ
زِہ پھیرت اُتہس بدنیا اَدہ کرِہ چارہ آخرتُک بیہ پکہ جنازس پتہ پتہ یا دچھن
یا کھوور نہ برونہ برونہ تہ چھُہ مکروہ بیہ کرن جنازس پوشش تتھی جامہ زِہ زرنگار فاخرہ
آسِنہ بیہ طوافِ زیارت دِن جنازس انبیان ائمن ہنزن قبرن بیہ علمان تہ صلحان
ہنزن قبرن بیہ آسُن صاحب میت پابرہنہ یا پچھِ ژادرہ رُست یا دیہ تغیر پنِنس لباس
تہ وضعس یُتہ لس پرِزہ ناوَن بیہ نن جنازہ تمی وتہ زِہ قبرہ تان آسِہ یژ نزدیک مگر
یلہ باعثاہ آسِہ بیہ وتہ گھژہ نس بیہ وارہ وارہ پکناوَن میتس نہ تیز مگر یلہ خوف فسادِ
میت آسِہ بیہ مجمر یاژ ونگ یا نار زالن نہ ہمراہ لس مگر ضرورتہ وِزِہ پس نن گو اش ہمراہ
تاریکی وِزِہ بیہ مشایعت کرَہ دَن کرَن نہ کتھ مگر بذکر تہ دعا تہ صلوات تہ استغفار
حدیث چھُہ مشایعت کرَہ وِنِس کرن نہ سلام بیہ بہن نہ مُشایعت کرِہ دن ہھیا آسنہ
وِزِہ میت دفنہ باپت مگر یلہ میتس در لحد تہاوَن بیہ کرن نہ زنانہ مشایعت جوان
آستن یا پیر بیہ کرَن ترک اسُن تہ لہو ولعب مشایعت کرہ نکہ حالہ **فصل** چھُہ در نماز
میت یت نمازِہ چھُہ ثوابِ سٹاہ ازآنجملہ چھُہ از پیغمبر صلی اللہ علیہ و آلہ منقول زِہ
یُس اکاہ نماز کرہ بر میت نماز کرن تس ستت ساس ملک ساری گناہ ینس بخشنہ
ہرگاہ نمازِہ پتہ ٹہرِہ یُت تان میتس قبرہ ساوَن تہ برن قبر یُس قدماہ تِلہ تمہ باپت
لکھن تس ثواب مثلِ کوہِ اُحد بلکہ تمہِ ختہ بزرگ وارد چھُہ نماز کرِنہ بر جنازہ کا نہ مومنا

در نماز میت

مگر تندِہ باپت کرِہ خدا بہشت واجب گریلہ منافق آسِہ یا عاقِ والدین واجب
کھانی چھِہ نماز کرن پیت مسلمانس پٹ زِہ حکم آسِہ آمُت تسندِہ کافر آسنک بیہِ لِس
پٹ زِہ درحکم مسلمان آسِہ یِشہ دُہرُ شُرُوہِہ تَسند مُستحب چھِہ یہ نمازتس شُرِس زندہ
زِوہ تہ مرِہ نہ تس شُرِس زِہ مُردہ زِوہ سزاوار چھِہ اِہ نماز کرِہ نس اِزِہ ولی سپنہ پیشوا
ہرگاہ اَوصافِ پیشوائی آسنس نتہ کرِہ سُہ پیشوائیس اکاخوش گژھِس اَولے چھِہ ہاشمی
غیرہاشمی سندہ ختہ ولی کرِہ اختیارتس مؤمن تیں درحکم مؤمن چھِہ نماز جنازس تسندِس چھِہ
پانژ تکبیر گُڈہ نِکہِ تکبیرہ پتہ پرِہ شہادتین دُیمہ پتہ سوزِہ صلوات برپیغمبرتہ آلِ آنجناب ترِیمہ
پتہ کرِہ دعا ازبرائے مؤمنین ژورِمہ پتہ کرِہ ازبرائے میّت پس بعدازتکبیر اول دِیِہ
اَشْهَدُ اَنْ لَا اِلٰهَ اِلَّا اللّٰهُ وَحْدَهُ لَا شَرِيْكَ لَهُ وَاَشْهَدُ اَنَّ مُحَمَّدًا رَسُوْلُ اللّٰهِ
وبعد تکبیر دوم دِیِہ اَللّٰهُمَّ صَلِّ عَلٰى مُحَمَّدٍ وَّاٰلِ مُحَمَّدٍ ترِیمہ تکبیرہ پتہ دِیِہ اَللّٰهُمَّ اغْفِرْ
لِلْمُؤْمِنِيْنَ وَالْمُؤْمِنَاتِ ژورِمہ تکبیرہ پتہ دِیِہ اَللّٰهُمَّ اغْفِرْ لِهٰذَا الْمَيِّتِ اَدہ دِیِہ پانژِم
تکبیر بس چھِہ اِی موافق مشہور چھُہ بہتر زِہ گُڈہ نِکہِ تکبیرہ پتہ دِیِہ اَشْهَدُ اَنْ لَا اِلٰهَ
اِلَّا اللّٰهُ وَحْدَهُ لَا شَرِيْكَ لَهُ وَاَشْهَدُ اَنَّ مُحَمَّدًا عَبْدُهُ وَرَسُوْلُهُ اَرْسَلَهُ
بِالْحَقِّ بَشِيْرًا وَّنَذِيْرًا بَيْنَ يَدَيِ السَّاعَةِ دُیمہ تکبیرہ پتہ دِیِہ اَللّٰهُمَّ صَلِّ عَلٰى
مُحَمَّدٍ وَّاٰلِ مُحَمَّدٍ وَبَارِكْ عَلٰى مُحَمَّدٍ وَّاٰلِ مُحَمَّدٍ وَارْحَمْ مُحَمَّدًا وَّاٰلَ مُحَمَّدٍ
كَاَفْضَلِ مَا صَلَّيْتَ وَبَارَكْتَ وَتَرَحَّمْتَ عَلٰى اِبْرَاهِيْمَ وَاٰلِ اِبْرَاهِيْمَ اِنَّكَ حَمِيْدٌ
مَّجِيْدٌ وَصَلِّ عَلٰى جَمِيْعِ الْاَنْبِيَاءِ وَالْمُرْسَلِيْنَ وَالشُّهَدَاءِ وَالصِّدِّيْقِيْنَ وَجَمِيْعِ
عِبَادِ اللّٰهِ الصَّالِحِيْنَ ترِیمہ تکبیرہ پتہ دِیِہ اَللّٰهُمَّ اغْفِرْ لِلْمُؤْمِنِيْنَ وَالْمُؤْمِنَاتِ وَ
الْمُسْلِمِيْنَ وَالْمُسْلِمَاتِ الْاَحْيَاءِ مِنْهُمْ وَالْاَمْوَاتِ تَابِعْ بَيْنَنَا وَبَيْنَهُمْ بِالْخَيْرَاتِ
اِنَّكَ مُجِيْبُ الدَّعَوَاتِ اِنَّكَ عَلٰى كُلِّ شَيْءٍ قَدِيْرٌ ژورِمہ تکبیرہ پتہ پرِہ اَللّٰهُمَّ اِنَّ هٰذَا
عَبْدُكَ وَابْنُ عَبْدِكَ وَابْنُ اَمَتِكَ نَزَلَ بِكَ وَاَنْتَ خَيْرُ مَنْزُوْلٍ بِهٖ اَللّٰهُمَّ

إِنَّا لَا نَعْلَمُ مِنْهُ إِلَّا خَيْرًا وَأَنْتَ أَعْلَمُ بِهِ مِنَّا اللّٰهُمَّ إِنْ كَانَ مُحْسِنًا فَزِدْ فِي إِحْسَانِهِ
وَإِنْ كَانَ مُسِيئًا فَتَجَاوَزْ عَنْهُ وَاغْفِرْ لَهُ اللّٰهُمَّ اجْعَلْهُ عِنْدَكَ فِي أَعْلَى عِلِّيِّينَ وَ
اخْلُفْ عَلَىٰ أَهْلِهِ فِي الْغَابِرِينَ وَارْحَمْهُ بِرَحْمَتِكَ يَا أَرْحَمَ الرَّاحِمِينَ هرگاه میت زنانه
آسِته ته پاته پرن یه دعا اللّٰهُمَّ إِنَّ هٰذِهِ أَمَتُكَ وَابْنَةُ عَبْدِكَ وَابْنَةُ أَمَتِكَ
نَزَلَتْ بِكَ وَأَنْتَ خَيْرُ مَنْزُولٍ بِهِ اللّٰهُمَّ إِنَّا لَا نَعْلَمُ مِنْهَا إِلَّا خَيْرًا وَأَنْتَ أَعْلَمُ بِهَا
مِنَّا اللّٰهُمَّ إِنْ كَانَتْ مُحْسِنَةً فَزِدْ فِي إِحْسَانِهَا وَإِنْ كَانَتْ مُسِيئَةً فَتَجَاوَزْ عَنْهَا
وَاغْفِرْ لَهَا اللّٰهُمَّ اجْعَلْهَا عِنْدَكَ فِي أَعْلَى عِلِّيِّينَ وَاخْلُفْ عَلَىٰ أَهْلِهَا فِي الْغَابِرِينَ
وَارْحَمْهَا بِرَحْمَتِكَ يَا أَرْحَمَ الرَّاحِمِينَ اوده پره پانځم تکبیر یه وېه رَبَّنَا آتِنَا فِي الدُّنْيَا حَسَنَةً
وَفِي الْآخِرَةِ حَسَنَةً وَقِنَا عَذَابَ النَّارِ نماز میت چه بطول و قصر ادعیه ساه طریق مسطور
ته چه مناسب یئی زه مذکور سپین هرگاه میت مخالف آسه ژوری تکبیر ایه نماز کرنه تس
بهتر چه پانځم تکبیر هرگاه ناصبی یا منافق آسه ضرورت سپینه تمن پته نماز پرنس نماز
گرنس ژورمه تکبیر ته کرنس نفرین ته لعنت بهتر چه ایزه وېه اللّٰهُمَّ اخْزِ عَبْدَكَ وَ
ابْنَ عَبْدِكَ اللّٰهُمَّ أَصْلِهِ نَارَكَ وَأَذِقْهُ أَلِيمَ عِقَابِكَ وَشَدِيدَ عُقُوبَتِكَ
وَأَوْرِدْهُ نَارًا وَامْلَأْ جَوْفَهُ نَارًا وَضَيِّقْ عَلَيْهِ لَحْدَهُ فَإِنَّهُ كَانَ مُعَادِيًا
لِأَوْلِيَائِكَ وَمُوَالِيًا لِأَعْدَائِكَ اللّٰهُمَّ لَا تُخَفِّفْ عَنْهُ الْعَذَابَ وَاصْبُبْ
عَلَيْهِ الْعَذَابَ صَبًّا جنازه تلنه وزه تُندُ وېه لَا تَرْفَعْهُ وَلَا تُزَكِّهِ هرگاه میت
مُستضعف آسه زه تمیز اه آسسته پور زه حق ته باطلس زانه هی اک اکس نشه جدا کرت
پانځم تکبیر یره لس ژورمه تکبیره پته وېه اللّٰهُمَّ اغْفِرْ لِلَّذِينَ تَابُوا وَاتَّبَعُوا سَبِيلَكَ
وَقِهِمْ عَذَابَ الْجَحِيمِ رَبَّنَا وَأَدْخِلْهُمْ جَنَّاتِ عَدْنٍ الَّتِي وَعَدْتَهُمْ وَمَنْ
صَلَحَ مِنْ آبَائِهِمْ وَأَزْوَاجِهِمْ وَذُرِّيَّاتِهِمْ إِنَّكَ أَنْتَ الْعَزِيزُ الْحَكِيمُ هرگاه تس
حقاه ژه پته آسه همسائگی نکه وېک اللّٰهُمَّ إِنَّكَ خَلَقْتَ هٰذِهِ النُّفُوسَ وَأَنْتَ أَعْلَمُ

واجبات نماز جنازه

بِسَرَآئِرِهَا وَعَلَانِیَتِهَا وَمُسْتَقَرِّهَا وَمُسْتَوْدَعِهَا اَللّٰهُمَّ وَهٰذَا عَبْدُكَ وَلَا اَعْلَمُ مِنْهُ
شَرًّا وَاَنْتَ اَعْلَمُ بِهٖ وَقَدْ جِئْنَاكَ شَافِعِیْنَ لَهٗ بَعْدَ مَوْتِهٖ فَاِنْ كَانَ مُسْتَوْجِبًا
فَشَفِّعْنَا فِیْهِ یا یتھی ہُہ بیہ کینہ ہرگاہ میت آسہِ مجہول الحال تہ تنسزہ نمازہ پرہ پاژ تکبیر ژورمہ
تکبیرہ پتہ پرہ اَللّٰهُمَّ اِنْ كَانَ يُحِبُّ الْخَيْرَ وَاَهْلَهٗ فَاغْفِرْ لَهٗ وَارْحَمْهُ وَتَجَاوَزْ عَنْهُ
یا یتھی ہُہ بیہ کینہ ہرگاہ میت طفل آسہِ تنسزہ نماز نہ پرن پاژ تکبیر ژورمہ پتہ پرن اَللّٰهُمَّ اجْعَلْهُ
لِاَبَوَيْهِ وَلَنَا سَلَفًا وَفَرَطًا وَاَجْرًا آسنہ از ابوین تس دونوے مومن نتہ یُس آسن تمو
منزہ مومن تسندی باپت کرن دُعا واجب چھہ یتہ نمازہ نیّت یمی طریقہ زہ قصد کرہ نماز
کران چھس یَس میتس قربۃً الی اللہ تہ قصدس سیت پرہ تکبیر اوّل نماز بیہ تعیین میتس ہا آمہ
وزہ بیہ قیام بیہ رو بقبلہ آسُن با امکان بیہ سرِ میت آسُن نماز گذارس دچھن کُن مگر ماموس
ہرگاہ جنازہ امِہ عکس آسہِ نماز چھہ باطل عمداً انسیاناً تہ جہلاً بیہ میت نمازہ وزہ بر پشت آسُن
آسُن بیہ مکان مباح آسُن بیہ ماحیِ صورتِ نماز ترک کُرُن بیہ سہ نماز بعد از غسل تہ کفن تہ
حنوط آسُن واجب چھنہ نمازِ جنازہ باپت وضو تہ غسل پس جایز چھہ جُنُب تہ حایض غسلہ
برونہ نمازِ جنازہ کرُن اما مستحب چھہ نمازِ جنازہ باپت تیمم کرن متمکن تے آسہ از استعمالِ
آب یتھہ پاٹھہ چھنہ واجب نمازِ جنازہ باپت ازالۂ نجاست کرُن بلکہ قوی چھہ معتبر نہ آسُن
تتہ منز یہ معتبر چھہ بارکوع تہ سجود نمازِ منز تہ سوا زہ ونہ آو اما احوط چھہ مرعی تھاون
تہ سوری زہ معتبر چھہ بارکوع تہ سجود نماز منز شرایطو تہ موانعو تہ ساترہ کو صفاتو منزہ
بانگ تہ قامت . بیہ حمد تہ سورہ بیہ قنوت تہ رکوع تہ سجدہ بیہ تشہد تہ سلام بلکہ تکبیراتِ
ستۂ افتتاحیہ تہ دعاے توجہ بجا انُن چھہ مطلوب آسنکہ قصدہ یت نماز منز بدعت تہ
حرام واجب چھہ میت نمازِ جنازہ وزہ اما مستہ منفردس برونہ کنہ آسُن نہ دچھن کُن تہ
کھوورکُن بیہ نہ غایب بیہ نہ منزہ حایل آسُن دیوار ہہ تا بوتس خلاف بیہ نہ تمہ وزِہ تس نشہ
نماز گذارس ہ دور آسُن مگر نماز گذارو تہ تھند و صفو مگہ بجماعت آستن نماز کران یا بفرادے

بجماعتہ نماز کرن تہ نماز گذار گژھن امامس عادل زٕ انن نماز جنازس منز تلنہ امام ماموٗمہ سندہ کنہٕ
کانہ چیز راہ واجب تہ مستحب تمک اکن دونوہ بجا ہرگاہ ماموم عمداً یا سہواً امامس برونہ تکبیر پرہ
مستحب چھہ امامس پتہ سہ تکبیر دوبارہ پرن ماموم یلہ منز نمازٕ واتہ تکبیر پرہ تہ تت تکبیرس
زانہ پتن گژھک تکبیر تہ پرہ دعا تیہ پاٹھہ پرہ ویتہ تکبیر تہ پہ دیم دعا ترٛیمہ پتہ تریم دعا ہرگاہ
دعا مکلت کنہ ذکرہ مشغول سپنہ یت تان امام تکبیر پرہ ضرر چھنہ ہرگاہ کانسہ کینہ تکبیر
دعا تھند پرنہ آسن دعا پرنہ کھوژہ جنازہ تلنس ادہ تکبیر نہ پرہ سوائے دعا ضرر چھنہ جایز
چھنہ نماز کرن میتیس مگر غسلہ پتہ یا تیممہ صحیحہ پتہ بیہ تکفین تہ حنوطہ پتہ دوبارہ پرن نماز یلہ یہو
برونہ نماز کرن یمس میتس کفن اصلاً آسنہ بیہٕ لس ستر گژھن پانس یا ستر عورت کنہ جامہ تے
گژھن ادہ گژھ لس نماز قبرہ ساونہ برونہ تہ یعنے ستر نہ بنت بالکل قبرہ ساونہ پتہ ستر کرت
عورتس سیرہ سیت کنہ سیت پرکس نماز احوط چھہ میت نماز ہ وزہ تہ برپشت ساون نماز
پتہ وچھنہ لرہ تھاون تہ دفن کرن جایز چھنہ تاخیر نماز میت سہ دفن سپنہ نس تان ہرگاہ
تہ سپنہ عصیاً کن یا نسیاً کن واجب چھہ نماز کرن تس پٹہ مدفون آسیت مرعی تھاوت
استقبال تہ باقی شرایط جایز چھنہ تمہ باپت قبر مژرن واجب چھہ یہ نماز یت تان نہ
در امت آسہ میت نام میت صادق آسنہ نشہ یہی حکم چھہ نماز میت یلہ باطل آسہ بعد غسل
صحیح یا تیمم صحیح یا حنوطہ پتہ نہ گژھنہ ملگہ یا بیہ کانہ شرطاہ فوت آسنہ ملگہ واجب چھہ تس پٹہ
بیہ نماز کرن دفنہ برونہ دفنہ پتہ تہ برونہ صورتک پاٹھہ ہرگاہ نماز کرنہ پتہ مدفون آیت
نن گژھہ سہ احوط چھہ اقوائے نہ چھہ نو کرن تس پٹہ نماز تیہ پاٹھہ چھہ قوی تکرار کرن تس پٹہ
نماز ہرگاہ ظہور تسند تمہ دہہ تہ اتہ پتہ آسہ واجب نماز مستحب نماز نماز جنازس چھہ پر
وقتاہ صالح کراہتہ سوا اما بیش یلہ ایہ نماز فریضکہ فضیلتک وقت مستحب چھہ گژھ نماز فریضہ
اکن بجا برونہ کرنہ نافلتہ نہ قضاء فریضہ بلکہ ہرگاہ بر میت کنہ زنگہ خوف آسہ یا وسعت
وقت نماز حاضر گژھ کرن نماز جنازہ ادا تنگ آسیت نماز حاضرک وقت کرن نماز حاضری ادا

در مسنونات نماز جنازہ

بلکہ ظاہر چھُہ خوفِ فساد میت آسنہ وِزِہ نماز جنازہ بروٚنہہ دفن کرُن سُہ ادہ دفنہ پتہ
اِیہ نمازِ جنازہ کرنہ لس بلکہ قوی چھُہ تِلہِ وقت فریضہ تنگ آسِت تہ سُہ گژھہ دفن کرُن ہرگاہ طِلہِ
دفن کران بنہِ باشارہ نماز فریضہ کرُن دوٗر چھُہ از صواب کرُن تہِ اگرچہ بہتر چھُہ تہ کرِت قضا
تہ سُہ اَنُن بجا جایز چھُہ کینہ میت اکِس نمازِ منز شریک کرن نمازی کُنہ جنازس پران آسہ تہِ
بیاک جنازاہ واتہِ جایز چھُہ سُہ نماز ژھٹن اگوٚنہ ژٹن نماز کرن سنت چھُہ امامستہ منفردس
نماز کرن مردس متیس درمیانِ زنانِ سینس برابر روزُن ہرگاہ مردس تہ زنانِ اکوٚنہ
نماز پرن سُہ فضیلت ژھاڈان میان مرد تھاون امامس سیت سینہ زنانِ ہنٛد مردس میانِ
پرن نماز ِلہ کینژن مُردن پٹہ نماز پرن تہ آسنی ساری از اہل ایمان مرعی تھاون ضمیر کِ تثنیہ
آسن جمع آسُن مذکر آسُن تہ موٗنث آسُن مذکری انِہ ضمیر ارادہ آسنہ وِزِہ میت موٗنثی انہ
انس جنازہ ارادہ کرت شاید اول چھُہ بہتر بیہ چھُہ سنت نماز میت پرُن باوضو تہ باغسل
یا باتیمم آسُن بیہ ساری تکبیرن منز رفع یدین کرُن خصوصاً در تکبیر اول بیہ سٹاہ نکہ جنازس
آسُن تھی زِہ ہوا لِہ وِزِہ وامن لگس جنازس بیہ یہ نماز بجماعت کرن بیہ شیماز بلکہ ساری
ماموم جنازہ یُت نان ٹلن تہ ینہ نو جایو حرکت نہ کرن نماز گذار ومنزہ یم جنازہ ٹلن تہ
ژٹن چھُہ یہ مستحب ساقط بیہ چھُہ سنت امام پرِہ بڈہ یم دُعا تہ تکبیرات ماموم پرن آہستہ بیہ ماموم
اکی ژُن آستہ امامس تِپہ کُنہ روزِہ خلاف یِن نمازن زِہ امامس روزہ اکِت کُنہ بیہ
کرن یہ نماز دُبلِہ مگر بلِہ مانعاہ آسہ بیہ گرہ نماز گذار نمازہ تپہ نِنہ جایہ ٹھراو بقدرِ میانِ دو
تکبیر بیہ کرن نماز جنازہ ژتنی جاین زِہ اکثر آسن تتِ نمازِ میت پران یتہ آسان آسہ لوکن
سمُن تہ نمازِ جنازہ پرُن ایت لوکھ ژرِ میت منزِہ نماز سمن تہژ چھس سببِ آمرزش ژر ازحضرت
امام جعفر صادق علیہ السلام چھُہ روایت زِہ ہرگاہ شخصاہ مرِہ تہ ژتجہ موٗمن سپنن تسندس
جنازس پٹ حاضر تہ دپن اَللّٰهُمَّ اِنَّا لَا نَعْلَمُ مِنْهُ اِلَّا خَيْرًا وَاَنْتَ اَعْلَمُ بِهٖ مِنَّا یعنے
خدایا اسِ چھِنہ زانان یمِس بندہ سنز مگر خوبی تہ نیکی ژِہ چھکھ یژ دانا امِس منز ازما حق سبحانہ تعالےٰ

چھہ فرماوان یہ کر قبول گواہی تہنز اسندِس مارِس منز بخشتم امِس یہ بہ زانان چھس یہ تہ چھونہ تہ زانان. بیہ چھہ سُنت ژورم تکبیرِ پتہ اتھہ تُلتھ دُعا پرُن. بیہ جدّ وجہد کرُن در دعاے میت بیہ قصد شفاعتِ میت کرُن لتہ دعا کرنس منز بیہ کافرس تہ منافقس تہ فاسقس نمازِ جنازس حاضر سپنہ نس منع کرُن. بیہ نمازِ جنازہ مسجدِ منز نہ کرُن بیہ نمازِ جنازہ برونہ تہ یہ لتہ الصلوٰۃ پرُن

**ستم مطلب چھہ در تدفین** از حضرت رضا علیہ السلام چھہ حدیث فایدہ دفنک چھہ ایژہ تہ اگا سپنن نہ مردم تسنزہ بدنچہ خرابی. بیہ تسنزِ رویچہ بدیہ. بیہ تسنزہ بویہ ہنزہ گندیہ گیہ یُت متاذی سپنن نہ احیاء بویہ تسنزہ تہ بدنچہ تباہی. بیہ یُت پوشیدہ روزہ از دشمن تہ دوست یُت دشمن کرن نہ شماتت دوست سپنن نہ محزون دفن کرنس میت چھہ ثوابِ بسیار از انجملہ چھہ از رسولِ خدا آمُت یُس اکاہ قبراہ کھنہ مسلمانن اکس کرِ تت کرِہ ذخیرہ پنُن خدا کرِہ حرام جہنمک نارِ تس پتہ بہشتس منز دیہ تس جاے وارد کرِہ تس تت حوضس پٹ زِہ تتہ آسن ابریق بشمارِ ستارہ ہاے آسمان واجب چھہ دفن کرُن میت سارِنی مکلفن پٹ بوجوبِ کفایی واجب چھہ دفن کرُن تمہ طریقہ زہ پنہان کرن دُبس منز مرِہ تل جسدِ میت تمہ رنگہ زہ محفوظ روزِہ جُثہ تسند درندن ہندہ ضررہ نشہ بوے بدِ تسند لُوکن منز ہیلنہ نشہ واجب چھہ ساون قبرہ منز دچھنہ کرِہ تہ روبقبلہ ہرگاہ ناوِہ منز تہ جہازس منز آسہ دفن کرُن آسنہ امکان مچھہ یہس بانس منز تہاونس تہ گل کرن بند تت تہ دریاس تراونس یا کہرس گنڈنس گُب چیز اہ تہ لامنس دریاس اما احوط چھہ اول ہرگاہ میت آسہ زنانہ غیرِ مسلمان کتابی یا غیرِ کتابی حاملہ آسہ بطفلِ مؤمن واجب چھہ سہ ساون تہر کرتہ قبلس کُن یُت شر آسس روبقبلہ ہرگاہ شرِ آسن نہ وژامُت جایز چھنہ دفن کرُن وقفی زمین بغیرِ قبرستان مسجد ہش یہ بیہ تت ہُہ چھہ بنا براحوط. بیہ چھنہ جایز دفن کرُن غصبی زمینِ اندر. بیہ قبرہ اندر زِہ میتہاہ آسہ بطریقِ شرع دفن تتہ وُنہ آسنہ بوسیدہ سپنمُت حرام چھہ قبر پراٹن تمہ رنگہ زہ میتس سپنہ حُرمتس ہتک یقین آسنہ برونہ مندرِس آسنس نظن اندراس تہ چھنہ جایز تہ

در دفن میت

مستحباتِ دفن

بناء براقوٗے بلکہ زانن نہ پراٹتہ قبور علماء تہ شہداء. بیہ قبور صلحا تہ اولادِ ائمہ مدتِ طویل
تی آسِک گذرمت خصوصًا یتھو منزہ یمہ قبرہ آسن زیارتگاہ کرنہ آمژہ بیہ ملجا اما جایز چھہ قبر پرٲنن
تہ میت کڈُن یلہ دفن آسہ غصبی زمین منز موجبِ ہتکِ حرمت تے تہ آسہ تس عوضِ قبرہ مالکِ
زمینس دِن واجب چھنہ تس قبول کرُن تہ اَولیٰ چھہ تی خصوصًا یلہ میت وارث آسہ یا نسبیِ
خویش سُنت چھہ میت کرُن دفن نزدیک مقبرس منز مگر یلہ دورِ کس مقبرس منز فضیلتاہ آسہ
اَدی زہ بعضے بزرگانِ دین آسن تتہ مدفون نتہ آسہ زیارتِ اہلِ قبور تتہ ساہ سپنان بیہ چھہ
سُنت جنازہ تھاوُن قبرہ نزدیک زہ زراع یا ترٛہ زراع یا ژور تتہ پتہ والنس قبرہ ترٛیہ نقلہ
تہ پاتہ زہ قدم جوراہ ہن جنازہ قبرہ کُن تھک دِن تہ صبر کرَن لمحاہ بیہ ہن جنازہ قدم جوراہ
تہ تھک دِنس لمحاہ صبر کرَن اَدہ تُلنس تہ والنس قبرہ آہستہ آہستہ تہ کیاہ زِہ قبرہ ہندُ
ہول چھہ ساہ پرِزہ نہ میت یکدفع والُن تُت اَتہ چھیم ترٛ تھک دِن جازس مستحب مردانہِ
میت یا زنانہ بیہ چھہ سُنت میت یلہ مرد آسِتہ سر تھاوِنس قبرِ کھرتَل ازجانبِ پایہ قبر
کلہ کِن والنس قبرہ ہرگاہ میت زنانہ آسہ تس تھاوِن قبرہ پٹ بجانبِ قبلہ عرضہ کِن والنس
قبرہ. بیہ زنانہ قبرہ والنہ وِزِہ قبرہ پٹ رٹن ژادر یا پرداہ بیہ یُس شخص متیس قبرِہ ساوِہ
باوِہ آسہ کلاہ تہ عمامہ گرِسنہ آسُن بلکہ سر برہنہ پاے برہنہ آسِت ساوِہ متیس قبرہ بیہ
مُژرِہ جامن تنہ تہ ژادرِ رُست روزِہ. بیہ ہرگاہ میت زنانہ آسہ تہ محرم ہنن ساوِنس
قبرہ شوہر چھہ اَولیٰ ہِین ہندِہ خُتہ شوہر نہ آسِتے بیگانہ قبرہ والنس چھنہ ضرر اما بہتر
چھنہ سہ آسُن صالحو تہ بزرگو منزہ ہرگاہ میت مرد آسہ بہتر چھہ تس بیگانہ قبرہ والُن نہ خویش

یُس محرمو منزہ نزدیک
تریس محرم نہ آست

بیہ چھہ سُنت دعا پرُن میت تابوتہ منزہ تلنہ وِزِہ یہ دعا بِسْمِ اللّٰهِ وَبِاللّٰهِ وَعَلٰی مِلَّةِ رَسُوْلِ
اللّٰهِ صَلَّى اللّٰهُ عَلَيْهِ وَاٰلِهٖ اِلٰی رَحْمَتِكَ لَا اِلٰی عَذَابِكَ اَللّٰهُمَّ افْسَحْ لَهٗ فِیْ قَبْرِهٖ وَ
لَقِّنْهُ فِیْ حُجَّتِهٖ وَثَبِّتْهُ بِالْقَوْلِ الثَّابِتِ وَقِنَا وَاِيَّاهُ عَذَابَ الْقَبْرِ بیہ چھہ سُنت
قبرِ چھنہ وِزِہ یہ دعا پرُن اَللّٰهُمَّ اجْعَلْهُ رَوْضَةً مِّنْ رِّيَاضِ الْجَنَّةِ وَلَا تَجْعَلْهُ حُفْرَةً

مِنْ حُفَرِ النَّارِ بیہ میت قبرِ منز تھاونہ وِزِ یہ دعا پرُن اَللّٰهُمَّ عَبْدُكَ وَابْنُ عَبْدِكَ وَ
ابْنُ اَمَتِكَ نَزَلَ بِكَ وَاَنْتَ خَيْرُ مَنْزُوْلٍ بِهٖ بیہ سہ قبرِ منز تھاو نہ پتہ پرن یہ دعا اَللّٰهُمَّ
جَافِ الْاَرْضَ عَنْ جَنْبَيْهِ وَصَاعِدْ عَمَلَهٗ وَلَقِّهٖ مِنْكَ رِضْوَانًا بیہ کرن قبر سرن
حلقس تان یا متعارف قدس برابر بیہ قبر لیہ آسہ در زمینِ سخت مستحب مقدارہ سہ سرن
کرن تہ برونہ لبہِ یاپت لبہِ کرن شگاف ییتہ سندِ باپت لحد طیار تیوت زِ میتس ساون
تت منز لیہ آسہ قبر نرم زمینِ منز بیہ خوف سہ وست ینگ منز قبرہ کھنن جو یا ہش تہ
میتس ساون تت منز بیہ چھہ سُنت لحد کرن قبرہ قبلہ کنہ بیہ کرن لحد تھزرتہ کشادہ
تو تاہ زِ زانزہ تت منز ہیت بیہ چھہ سُنت یس اگاہ میتس قبرہ منز تھاوہ تہ گنڈ مزرہ کفنس
بیہ کرن میتس بُت وُتھہ بیہ تھاون ییتہ سند بُت برخاک بیہ تھاون تُھس تل لتس یا تھس
برابر کفنس منز خاکِ کربلا آسہ سہ بہتر ینگ خوف آسی تہ تہ لتس دُور تھاوُن سہ روایژ
اکس منز چھہ آمُت زِ زنانا ہ آس زنا کران زنازادہ ژرن آس زنہ پتہ زالان ننن
لوکن ہندہ خوفہ تمسندِس حالس سِیُن نہ تمو مزرہ کانہ آگاہ ماجہ سوا یلہ مُیہ تہ دفن کرکتہ قبرہ
دِژ ہزبرت قبول کرن نہ اَدہ نیک تہ بیس جایہ گرِگ دفن تمہ قبرہ تہ کرنہ قبول اَدہ
آسے تسند لوک در خدمتِ امام جعفر صادقؑ یہ حال کرِگ نقل حضرتن پرژ ماجہ تسنزہ
کیاہ آس کران در حیات ماجہ تسنزہ کرُ تسند قصہ نقل حضرتن فرمُو زمین کرِنہ قبول
اَمِس تہ کیاہ زِ عذاب آس کران خلقن بعذاب خدا قبرہ منز تھاوُس تربتِ حسینؑ
صلوات اللہ علیہ اَدہ تھاوُس سہ قبرہ منز تہ خدا یتعالٰی کرُس ترس زنانہ بیہ چھہ سُنت زیرِ سر
میت تھزراوُن مزرتہ کلیک پاٹہ بیہ تھاون سیراہ یا دتاہ میتس پشتس یا شانس ییتہ برپشت
پیہ نہ بیہ پرہ ولیِ میت قبرہ منز تلقین برونہ سورہ حمد تہ معوذتین تہ قل ہو اللہ احد تہ آیۃ
الکرسی گڈہ اَعُوْذُ بِاللّٰهِ مِنَ الشَّيْطَانِ الرَّجِيْمِ پرِتہ بیہ سورہ صلوات برپیغمبر بیہ چھہ سُنت
لحد وٹنہ برونہ ولی یا بیاکاہ باذنِ ولی دہان بہن کرہ نزدیک گوشِ میت دچھِن اتھہ ہیُن

تہاوہ متیس وچنس نکھس پٹ کھوُوراتھہ ننُن تہاوہ تسندِس کھوورِس نکھس پٹ بقوت
دِیس حرکت تہ اعتقاداتِ حقہ کرِس تلقین خصوصًا ولایتِ ائمہ معصومین علیہم السلام اکہ
مرتبہ یا دُیہ[۲] مرتبہ یا ترٚیہ[۳] مرتبہ یتہ پاٹھہ در روایات چھہ آمُت جامع ترین کلمات چھہ یہ
اِسْمَعْ اِفْهَمْ اِسْمَعْ اِفْهَمْ اِسْمَعْ اِفْهَمْ یافلان بن فلان تسند نام بیہ تسندِس ماٚلِ
سُند نام[۲] تیہ کنہ زہ دیہ مثلاً یا زیدَبن علیٍّ هَلْ اَنْتَ عَلَی الْعَهْدِ الَّذِیْ فَارَقْتَنَا عَلَیْهِ مِنْ
شَهَادَةِ اَنْ لَا اِلٰهَ اِلَّا اللّٰهُ وَحْدَهٗ لَا شَرِیْكَ لَهٗ وَ اَنَّ مُحَمَّدًا صَلَّی اللّٰهُ عَلَیْهِ وَاٰلِهٖ عَبْدُهٗ
وَرَسُوْلُهٗ وَسَیِّدُ النَّبِیِّیْنَ وَخَاتَمُ الْمُرْسَلِیْنَ وَ اَنَّ عَلِیًّا اَمِیْرُ الْمُؤْمِنِیْنَ وَ
سَیِّدُ الْوَصِیِّیْنَ وَ اِمَامٌ اِفْتَرَضَ اللّٰهُ طَاعَتَهٗ عَلَی الْعَالَمِیْنَ وَ اَنَّ الْحَسَنَ وَالْحُسَیْنَ
وَعَلِیَّ بْنَ الْحُسَیْنِ وَمُحَمَّدَ بْنَ عَلِیٍّ وَجَعْفَرَ بْنَ مُحَمَّدٍ وَمُوْسَی بْنَ جَعْفَرٍ وَعَلِیَّ بْنَ
مُوْسٰی وَمُحَمَّدَ بْنَ عَلِیٍّ وَعَلِیَّ بْنَ مُحَمَّدٍ وَالْحَسَنَ بْنَ عَلِیٍّ وَالْقَائِمَ الْحُجَّةَ الْمَهْدِیَّ
صَلَوَاتُ اللّٰهِ عَلَیْهِمْ اَجْمَعِیْنَ اَئِمَّتُكَ اَئِمَّةُ هُدًی اَبْرَارٌ یَا فُلَانَ بْنَ فُلَانٍ
یعنے تسند ناو تہ تسندِس ماٚلِ سُند ناو ہیہ تیہ کنہ وننہ آو اِذَا اَتَاكَ الْمَلَكَانِ الْمُقَرَّبَانِ الرَّسُوْلَیْنِ
مِنْ عِنْدِ اللّٰهِ تَبَارَكَ وَتَعَالٰی وَسَئَلَاكَ عَنْ رَبِّكَ وَعَنْ نَبِیِّكَ وَعَنْ دِیْنِكَ
وَعَنْ كِتَابِكَ وَعَنْ قِبْلَتِكَ وَعَنْ اَئِمَّتِكَ فَلَا تَخَفْ وَلَا تَحْزَنْ وَقُلْ فِیْ جَوَابِهِمَا
اَللّٰهُ جَلَّ جَلَالُهٗ رَبِّیْ وَمُحَمَّدٌ نَبِیِّیْ وَالْاِسْلَامُ دِیْنِیْ وَالْقُرْاٰنُ كِتَابِیْ وَالْكَعْبَةُ
قِبْلَتِیْ وَاَمِیْرُ الْمُؤْمِنِیْنَ عَلِیُّ بْنُ اَبِیْطَالِبٍ اِمَامِیْ وَالْحَسَنُ بْنُ عَلِیٍّ نِ الْمُجْتَبٰی اِمَامِیْ
وَالْحُسَیْنُ بْنُ عَلِیٍّ نِ الشَّهِیْدُ بِكَرْبَلَاءَ اِمَامِیْ وَعَلِیُّ بْنُ الْحُسَیْنِ زَیْنُ الْعَابِدِیْنَ
اِمَامِیْ وَمُحَمَّدُ نِ الْبَاقِرُ عِلْمِ النَّبِیِّیْنَ اِمَامِیْ وَجَعْفَرُ نِ الصَّادِقُ اِمَامِیْ وَمُوْسَی
الْكَاظِمُ اِمَامِیْ وَعَلِیُّ نِ الرِّضَاءُ اِمَامِیْ وَمُحَمَّدُ نِ الْجَوَادُ اِمَامِیْ وَعَلِیُّ نِ الْهَادِیْ
اِمَامِیْ وَالْحَسَنُ الْعَسْكَرِیُّ اِمَامِیْ وَالْحُجَّةُ الْمُنْتَظَرُ اِمَامِیْ هٰؤُلَاءِ صَلَوَاتُ اللّٰهِ
عَلَیْهِمْ اَجْمَعِیْنَ اَئِمَّتِیْ وَسَادَتِیْ وَقَادَتِیْ وَشُفَعَائِیْ بِهِمْ اَتَوَلّٰی وَمِنْ اَعْدَائِهِمْ

تلقین میت

۲ ہیہ

اَمْرَءُ فِي الدُّنْيَا وَالْاٰخِرَةِ ثُمَّ اِعْلَمْ يَا فُلَانَ بْنَ فُلَانٍ یعنے تسند ناو ته تسندس هال سند
ناو هیه تیه کنه وننه آو اِنَّ اللّٰهَ تَبَارَكَ وَتَعَالٰى نِعْمَ الرَّبُّ وَاَنَّ مُحَمَّدًا صَلَّى اللّٰهُ عَلَيْهِ
وَاٰلِهٖ نِعْمَ الرَّسُوْلُ وَاَنَّ اَمِيْرَ الْمُؤْمِنِيْنَ عَلِيَّ بْنَ اَبِيْطَالِبٍ وَاَوْلَادَهُ الْاَئِمَّةَ
الْاَحَدَ عَشَرَ نِعْمَ الْاَئِمَّةُ وَاَنَّ مَا جَاءَ بِهٖ مُحَمَّدٌ صَلَّى اللّٰهُ عَلَيْهِ وَاٰلِهٖ حَقٌّ وَاَنَّ الْمَوْتَ
حَقٌّ وَسُؤَالَ الْمُنْكَرِ وَنَكِيْرٍ فِي الْقَبْرِ حَقٌّ وَالْبَعْثَ حَقٌّ وَالنُّشُوْرَ حَقٌّ وَالصِّرَاطَ حَقٌّ
وَالْمِيْزَانَ حَقٌّ وَتَطَايُرَ الْكُتُبِ حَقٌّ وَالْجَنَّةَ حَقٌّ وَالنَّارَ حَقٌّ وَاَنَّ السَّاعَةَ اٰتِيَةٌ
لَا رَيْبَ فِيْهَا وَاَنَّ اللّٰهَ يَبْعَثُ مَنْ فِي الْقُبُوْرِ هرگاه زنانه آسه دلیں اِسْمَعِيْ اِفْهَمِيْ
تڑیه پهره اده هیه تسند ناو ته تسندس هال سند ناو تیه پاڑه زه دیه مثلاً یا حمیده بنت محمد هَلْ اَنْتِ
عَلَى الْعَهْدِ الَّذِيْ فَارَقْتِنَا تیس زیر پرت دُنون جاین اده اَئِمَّتُكِ پَر نه وزه پره کیفس
تمکس زیر اده هُدًی ابرار پرت هیه بیه تسند ناو ته تسندس هال سند ناو تیه پاڑه وننه آو اده
پره زیر کیفس اِذَا اَتَاكِ پَر نه وزه بیه تت کیفس زه چهه آخر کلمه سَئَلَاكِ پڑه تا عَنْ اَئِمَّتِكِ
اده دیه بدل فَلَا تَخَفْ وَلَا تَحْزَنْ وقل ته ثُمَّ اعْلَمْ فَلَا تَخَافِيْ وَلَا تَحْزَنِيْ وَقُوْلِيْ ثُمَّ
اعْلَمِيْ اده هیه تسند ناو ته تسندس هال سند ناو تیه پاڑه وننه آو اده چهه فرق پره ونس منز
مرد آستن میت یا زنانه مَنْ فِي الْقُبُوْرِ پره ونس تان اده دیه اَفْهِمْتَ تیس زیر پرت یله میت
مرد آسه زیر پرته یله سه زنانه آسه یعنے بوزنته ژه درحدیث چهه میت چهه ونان اده بوزم
اده ونس ثَبَّتَكَ اللّٰهُ بِالْقَوْلِ الثَّابِتِ هَدَاكَ اللّٰهُ اِلٰى صِرَاطٍ مُّسْتَقِيْمٍ عَرَّفَ اللّٰهُ
بَيْنَكَ وَبَيْنَ اَوْلِيَائِكَ فِيْ مُسْتَقَرٍّ مِّنْ رَحْمَتِهٖ اَللّٰهُمَّ جَافِ الْاَرْضَ عَنْ جَنْبَيْهِ
وَاَصْعِدْ بِرُوْحِهٖ اِلَيْكَ وَلَقِّهٖ مِنْكَ رِضْوَانًا هرگاه میت زنانه آسه ته کیفس ثَبَّتَكِ اللّٰهُ
کس بیه هَدَاكِ اللّٰهُ بیه بَيْنَكِ کس بیه اَوْلِيَائِكِ کس پَر پره زیر بیه پره عَنْ جَنْبَيْهِ بدل
بیه بِرُوْحِهٖ ته وَلَقِّهٖ بدل عَنْ جَنْبَيْهَا ته بِرُوْحِهَا وَلَقِّهَا اَللّٰهُمَّ عَفْوَكَ عَفْوَكَ
بهتر چهه ای زه اته پاڑه تلقین کرت تلقین کرن بیه زبان میت آسه بهتر چهه دهانس منز

اگنشتر عقیق تهاون زه نقش آسه تت لَآ اِلٰهَ اِلَّا اللّٰهُ رَبِّیْ وَمُحَمَّدٌ نَبِیِّیْ و اسماء ائمه بیه چهه
سُنت لحدوٹھن سیرِ وتھ یه سیرن هند پاٹھ رٹه کرِه مژ در لحد وسنس. بیه لحد وٹھنس ابتدا بسر میت
کرن بیه لحد وٹھنه پته آخرس تان یه دعا پرن اَللّٰهُمَّ صِلْ وَحْدَتَهٗ وَآنِسْ وَحْشَتَهٗ
وَآمِنْ رَوْعَتَهٗ وَاَسْكِنْ اِلَيْهِ مِنْ رَحْمَتِكَ رَحْمَةً تُغْنِيْهِ بِهَا عَنْ رَحْمَةِ مَنْ
سِوَاكَ فَاِنَّمَا رَحْمَتُكَ لِلطَّالِبِيْنَ هرگاه میت زنانه آسه وَحْدَتَهَا وَحْشَتَهَا رَوْعَتَهَا
اِلَيْهَا اَسْكِنْهَا تُغْنِيْهَا پره بیه قبره منز نیرن از پایے قبر احترامه باپت اوی زه پرت چیز
چهه دروازه قبرِه هند دروازه چهه میت سندن پاین هند طرف بیه قبره منزه نیرنه پته یه
اِنَّا لِلّٰهِ وَاِنَّا اِلَيْهِ رَاجِعُوْنَ اَللّٰهُمَّ ارْفَعْ دَرَجَتَهٗ فِيْ اَعْلٰى عِلِّيِّيْنَ وَاخْلُفْ عَلٰى
اَهْلِهٖ فِي الْغَابِرِيْنَ وَعِنْدَكَ نَحْتَسِبُهٗ يَا رَبَّ الْعَالَمِيْنَ بیه بیگانه میت پشتِ دسته
نیت تراون خاک تسنزِه قبره نه خویشانِ میت. بیه خاک تراونه وِزِه دپن اِنَّا لِلّٰهِ وَاِنَّا
اِلَيْهِ رَاجِعُوْنَ در حدیث چهه آمُت از حضرت امام رضا صلوات الله علیه زه یُس اکاه
پُشتِ دسته سیت مژ تراوه قبره تریه مرتبه دپه اَللّٰهُمَّ اِيْمَانًا بِكَ وَتَصْدِيْقًا بِكِتَابِكَ هٰذَا
مَا وَعَدَنَا اللّٰهُ وَرَسُوْلُهٗ لکهه خدا تس پرت ذره باپت مژه هنده حسناه بیه چهه سُنت
قبر تهزراون زمینِ پٹه یتیه پرزنه بیه ته زیارت کرن. بیه تهزراون سُه بقدر چهار انگشت
مُژرِت یا ملوت. بیه کرن قبر چهار گوشه همواریت بارانِ رحمت هیه تت پٹ قرار
بیه تراون قبرِ پٹھ ذارِ چ سُرخ رِگیه ثواب مُلک چهه سیٹھاه بیه تهاون نشانه بر
سر قبرِ میت بیه تراون قبره پٹه آب. بیه هارن از جانبِ سرِ میت آب کهرن تسندن پان
تتهِ ین هاران بجانب سر هُرِ کینه ته تراون میانهٔ قبر بیه آب هارت حاضر تهاون
قبره پٹ اتهه تمه رنگه زِه قبره سینه اگجن هند نشانه یا تهاون قبره پٹ کهذست بلکه
سُورُی اَتهه بته پاٹه اتهه تهاون چهه بر قبر مؤکد بنی هاشمن منز بته پاٹه مؤکد چهه تس زه
بر میت آسیس نه کرمژ نماز بیه اتهه تهاونه وِزِه روبقبله آسُن بیه تمه وِزِه سته مرتبه پرن

## مکروہاتِ دفن

اِنَّا اَنزَلنَاہُ تِمہِ پتہ پرُن سہ دعا یُس لحدوٹنہ وِزِہ سُنّت آو یا تتہ ہہ بیہ کینہ دعاؤ
منزِہ بیہ ولیِ میّت یا حاضِرو منزِہ اَکاہ باذنِ ولیِ حاضِرن ہندِہ گہٕر نہ پتہ باَوازِ بلند
کرِہ میتیس تلقین یتہ پاٹھہ بیان کرنہ آو درخبر چھِہ یہ تلقین چھِہ بہی باعث زِہ نکیرین چھِنہ اَدہ قبرِ
اَتھران سوال چھِنہ میتیس کران اَک مُلک چھِہ بیس ملکس وِپان تلقین میت چھِہ بس آسِہ سوال
گرِتس اَمس بعضین نِشہ چھِہ ظاہر سپنان زِہ تلقین چھِہ مُستحب ژَن حالن منز اَک اِحتضارہ وِزِہ
دُیم کفن وَلنہ پتہ تریم قبرِہ منزِہ سہ وٹنہ برُونہ ژورم قبرہ پٹھ لوک گژنہ پتہ ضرر چھِنہ یتھ وِلس
بیہ چھِہ سُنّت اِسمِ میت لکھُن تہ برسرِ قبر نصب کرُن مکرُوہ چھِہ باختیار تہ بے ضرورت زِہ
مُردِہ اَکسی قبرِہ دفن کرن تیہٕ پاٹھہ چھِہ مکروہ تِم اَکسی تابُوتس منز لدنِ بیہ سیرِو تہ کنیو تہ
تختو سیت قبرِہ فرش کرُن مگر یلہ زمین نمناک آسِہ یا آب آسِس ظاہر بیہ مژ تراون میتہ
سندِ بنی خویش تسنزِہ قبرِہ اَدی زِہ تہ چھِہ باعثِ سختی تہ قساوتِ قلب بیہ چھِہ مکروہ تِیہ سندن
خویشن تسنزِہ قبرِہ وسُن یہ مکرُوہ نہ آسُن چھِنہ خالی از وجہ بیہ قبرِہ ہندِہ وُپر مژہ قبر برُن بیہ باہی
پُشت قبر کرن بیہ قبر خراب گژنہ پتہ بیہ شیرن جان چھِنہ تہ کرُن خدایتعالیٰ چھِہ فرماوان
بہٕ چھُس دوست تھاوان قبرِ شکستہ تہ دلِ شکستہ تا اینکہ فرماوان چھِہ بہٕ چھُس آسان دِلِ
شِکستس تہ قبرِ شکستس نِشہ مگر تعمیرِ قبُورِ انبیاء تہ ائمہ علیہم السلام بیہ صُلحاً تہ علماء زِہ
تھزن قبرن ہند تعمیر چھِہ مُستحبِ مُوکد بلکہ شاہ وقتہ آسِہ واجب ہرگاہ ترکِ تعمیر موجبِ ہتکِ
حُرمت آسِہ مکرُوہ چھِہ بیہ قبرِہ پٹھ مکان تہ عمارت لدن مگر برقبُورِ انبیاء وائمہ علیہم
السلام بیہ صلحاء بیہ قرآن پرِنہ باپت بیہ پرت بافضیلت غرضہ باپت بیہ قبرِہ گلکاری
کرن تِمہ قبرِہ ہندِہ پتہ نے مژہ آستن لحدوٹنہ سوا بیہ تتہ گچھ لاگُن مگر قبورِ انبیاء تہ ائمہ
بیہ شہداء تہ صُلحاء بیہ قبرِہ پٹھ توقف کرُن اَتھن ہنزِہ قبرِو سوا بیہ قرآن پرِنہ سوا
بیہ قبرِہ پٹھ بہُن بیہ قبرِہ پٹھ نماز کرن یا سُہ محلِ سجُود یا الیستادن قرار دن بیہ بول تہ
غایط مقبرس منز کرُن بیہ قبرستانس منز اسُن بیہ میتن ہنزِ پتہ مودبس جابہ مگر یلہ یمن بشاہد

مُشرفہ تہ مکانہِ لے محترمہ . بیہ میتس گرس منز قبر کرُن اَوَی زہ باٹرن کِتھ چھہ تہ موجبِ وحشت بیہ چھہ نزولِ رحمت تتِ اندر مگر مسلمانن ہندِ مقبرہ خستہ . بیہ چھہ مکروٗہ آلوٗدہ کرُن قبر نجاساتو تہ کثافتو سیت ہرگاہ آلوٗدہ آسہ دوٗر گرِتھ کرُن تہ اَوَے زِ تہ چھہ موجبِ ہتکِ احترامِ میت . بیہ قبرِ پیٹھ بِہن صحیح غرضہ سِوا بلے ہرگاہ زیارتِ قبوٗر بنہِ نہ . مگر قبرِ پیٹھ بِہنہ خرَ چھنہ تمہ پیٹھ بِہنس حدیث چھہ بیہ وِزہ ژاکھ قبرستانس منز قبرو پیٹھ بِہک یُس موٗمن چھہ وتہ بِہنہ سیت لبہ راحت یُس منافق چھہ متالم تہ غمگین سپنہ سہ اَتھہ مطلب چھہ نمازِ ہدیۂ میت تہ زیارتِ قبوٗر بیہ یادگاری اموات تہ ماتمداری تہ تعزیتِ فضیلتِ صبر نمازِ ہدیۂ میت چھہ سُنت نمازِ وحشت تہ چھس پان نماز لیلۃ الدفن تہ . یہ نماز چھہ زہ رکعت گُڈِ چہ[1] رکعژ منز پرِہ سورۂ حمد اَدہ آیۃ الکرسی تا ہم فیہا خالدون احتیاطاً دویمہ[2] رکعژ منز چھہ بہتر اَی زِہ سورۂ حمد پتہ پرِہ انا انزلناہ فی لیلۃ القدر دہ مرتبہ سلام پتہ دِیہ اَللّٰھُمَّ صَلِّ عَلٰی مُحَمَّدٍ وَّاٰلِ مُحَمَّدٍ وَّ ابْعَثْ ثَوَابَ ھَاتَیْنِ الرَّکْعَتَیْنِ اِلٰی قَبْرِ فُلَانٍ بجای فلان ہیہ یتہ سُندنا و یعنی دِیہ الی قبر زید مثلاً . وقت اَمہِ نمازِ ہُند چھہ شب اوّلِ دفنِ میت بہتر چھہ پرُن سہ اَمہِ شبہ خفتن پتہ زیچھر چھیں وقتس صبحکس ناظلس تان اَوَی زِہ لیلۃ الدفن دِین سارسی شبس لیُندمیت آسہ سہ پانہ زانہ یہ نماز پرِت باجارہ تہ دِت یُس باجارہ ہیہ یہ نمازتس چھہ واجب عیباہ چھنہ زِہ رِتھِن زِن یا اَکا چھِن اَتھہ کرہ نادن بے قصدِ خصوصیت ہرہ صدقہ دِن تیتین بے قصدِ خصوصیت نماز پرِنہ ختہ بہتر چھہ مناسب چھہ زہ یہ نماز یہ نماز پرن دفنہ پتہ ہرگاہ اُجر تچہ ہارہ رِٹت یہ نماز وحشت مَنِت گرِتھ ہارہ دِیہ پہیرت مالکس یم نہ بِہن درست پرِتھ . یہ نماز زانن نہ پرِت ہرگاہ آیۃ الکرسیِ بدل سہواً قُل ہُوَ اللہُ اَحَد پرِہ رکوعَ برُنہہ یاد پت پرہ آیۃ الکرسی رکوع پتہ یاد پیہ کرہ نمازِ نو زیارتِ قبوٗرِ موٗمنین چھہ سُنت خصوصاً قبوٗرِ اقارب بیہ سلام کرُن تمِن بمانندِ اَلسَّلَامُ عَلَیْکُمْ یَا اَھْلَ الدِّیَارِ ترَیہ[3] مرتبہ بلکہ رَحِمَکُمُ اللہُ ترَیہ[3] مرتبہ . بیہ ہدیہ کرُن تمن پیٹھ قرآن منزہ یہِ میتر سَنِہ بیہ ترحم کرُن تمن پیٹھ . بیہ استغفار کرُن تہندِ بابت تاکید

نمازِ ہدیۂ میت

در زیارتِ قبوٗرِ موٗمنین

چه یه زیارت کره بس ژندرواره ته بټه واره صحبته برسیواره وه خصوصاً دگرس تکرس مستحب
آسنس چه تاکید مرذنته زنانن یله نه شترشته صبرس منانی آسک آمت چه یله قبرستان اژه ته دیه
السلام على اهل الديار من المؤمنين والمسلمين انتم لنا فرط ونحن ان شاء الله
بكم لاحقون بیه روایته السلام على اهل الديار من المسلمين والمؤمنين رحم الله
المستقدمين منا والمستاخرين وانا ان شاء الله بكم لاحقون بیه روایته السلام
عليكم يا اهل الديار من قوم مؤمنين ورحمة الله وبركاته انتم لنا سلف و
نحن لكم تبع رحم الله المستقدمين منكم والمستاخرين وانا لله وانا اليه راجعون
ښاه احادیث چه زه یس اکاه برادر مومن ښتر قبره نشه پره ستِه لته انا انزلناه بده ترته رو
قیامتکه سینه ایمن بیه روایته لس ته صاحب قبرس کره خدا آمرزش گهن بخشش سنت چه پرنه وزه
تهاوه قبره ټه اتهه ته روبقبله آسه بیه پره یه دعا اللهم ارحم غربته وصل وحدته
وانس وحشته وامن روعته واسكن اليه من رحمتك ما تغنيه بها عن رحمة
من سواك والحقه بمن كان يتولاه مناسب چه ورضمیر تهاون مرعی تانیث ته تثنیه ته
جمع یله صاحب قبر آسه زنانه یا دعا کره دن قبرن یاژرن بیه روایته چه سنت ته یه دعا
پرن اللهم جاف الارض عن جنوبهم وصاعد اليك ارواحهم ولقهم منك رضوانا
واسكن اليهم من رحمتك ما تصل به وحدتهم وتونس به وحشتهم انك
على كل شيء قدير ضمیر وکن چه یه انسب ته قبرستانس بیه روایته چه مستحب قبره نشه پرن
سوره حمد ته معوذتین بیه قل هو الله احد ته آیة الکرسی پرت اکاه تریه مرتبه سوره انا انزلنا
نسته لته ازحضرت رسول صلى الله عليه وآله وسلم چه منقول یس اکاه قبرستانه منزیکه ته سوره
قل هو الله احد پره کهیه پهره ثواب بنک کره قبرستانکن مردن بخشش تمن مردن هنده شماره
لبه اجر ته ثواب بیه روایته یس اکاه آیة الکرسی پره تمک ثواب کره هدیه یا اهل قبور حقتعالی کره
پرت حرفکه شماره ملکاه خلق ته سه کره تسبیح تسنده بایت روز قیامتس تان سزاوار چه زه

فراموش کرن نہ اموات پتہ پاٹھ زِ تہندہ باپت آسن صدقات تہ خیرات دِوان بیہ
نماز کران پانہ یا باجارہ بیہ روزہ تہاوان بیہ حج تہ عمرہ کران تہ زیارت بجا انان پرت
اکاہ پننہ حالہ بیہ آسن تمن بدعا یاد کران نماز و پتہ بیہ دعا قبول آسنہ وقتہ بیہ آسن تہندہ
باپت استغفار کران خصوصًا والدین ہندہ باپت تہ کیاہ زِ تمن چھہ اتھہ از اعمال خیر کوتاہ گمن نہ
پانہ خیرح کاماہ کرت امیدوار چھہ شرن خویشن تہ ایمانی باین برانت چمکہ زِ تم کران
آسہ احسان پس ای پزہ زِ زندہ انہ اعمال خیر زنگہ ہندہ باپت بجا در خبر چھہ فرزنداہ
کوتاہ آسہ درحیات پدر تہ مادر تہند عاق تم مرنہ پتہ سپنہ نیکوکار تہندہ باپت اعمال خیر بجا
انکہ سببہ فرزنداہ کوتاہ آسہ درحیات پدر تہ مادر نیکوکار تم مرنہ پتہ سپنہ عاق تہندہ باپت
اعمال خیر کم بجا انکہ سببہ خیرات انہ تیہ کنہ بجا مالستہ ماجہ ہندہ تہ خویش ہندہ باپت زِ
قروض تہند کرہ ادا تمن کرہ از حقوق خدا تہ خلق بری حج تہ یم عبادات فریضہ آسن تمن فوت
گیمت سعی کرہ تم بعمل النیں منز مزورہ پاتہ یا تبرعہ پاٹھ در حدیث صحیح چھہ منقول زہ حضرت
صادقؑ آسں پرت شبہ ننیں فرزندہ سندہ باپت پرت دُہہ ننین والدین ہندہ باپت زہ رکعت
نماز کران گڈہ نچہ رکعژ منز آس انا انزلناہ دُیمہ رکعژ منز انا اعطیناک پران بسند صحیح چھہ
منقول از حضرت صادقؑ زہ ستاہ چھہ بنان زہ میت چھہ آسان تنگی منز تہ حقتعالی چھس
نوان فراخی منز دپان چھہ لس اِہ فراخی سپنی زِہ فلان مؤمن بوی چانہ باپت نماز پرہ نکہ
سببہ راوین کرُ عرض زہ میت بنہ در دُو رکعت نماز شریک کرن فرماوہس اَوہ فرمووک
میت چھہ خوشحال سپنان تہ فرح لبان تمہ دُعا کہ استغفار کہ سببہ زِہ تسندہ باپت کرن
تیہ پاٹھ زندہ چھہ شاد سپنان تمہ ہریکہ سببہ زِہ لس کتُ نِن بیہ فرمووک میتس چھہ قبرہ منز
اتران نمازہ تہ روزہ بیہ حج تہ تصدق بیہ باقی نیک عملہ تہ دُعا ثواب تمن عملن ہند چھہ
کرہ ون سندِ تہ مُردہ سندہ باپتہ دُنون ہندہ لکھنہ یوان بیس حدیثس منز چھہ یُس اکاہ
مُسلمانو منزہ کانسہ تیتہ سندِ باپت عمل صالحاہ کرہ خدا کرِہ ثوابن تسندن دُگن میت

لبہٕ نفع تہٕ عملہٕ سیٖت روایژ اکِس منز چھہ آمُت ہرگاہ شخصاہ مٔتیس اکِسنزٕ نیژ تصدقاہ
کرِہ حقتعالی کرِہ امر جبرئیل زٕہ ستت ساس ملکہ ہت گژھ تسنزٕہ قبرہ نشہ پرت اکِس آسہٕ اتھس
منز طبقاہ خدایتعالی سنزٕ و نعمژو برت پرت اکاہ وپہ تس مٔتیس اَلسَّلامُ عَلَیکَ ای دوست
خدا یہ چھی ہدیہ فلان مؤمن سندُ چانہ باپت پس پننہ قبر تسنز روشن حقتعالی کرِہ در بہشت
ساس شہرہٕ عطاتس ساس حورہ کرِہ تزویج لتس ساس حُلّہ ولن لتس ساس حاجت کرِن روا
تس حدیث معتبرن منز چھہ منقول زٕہ شے چیز واتن مؤمنس وفاتہ پتہ اوّل فرزنداہ زٕہ تسندہ باپہ
کرِہ استغفار دویم مُصحفاہ یا کتاباہ علمی کتابو منزہ یتِس پتہ روزِہ تہ لوک پرِن تریم گلاہ زِہ
دوِہ تہ لوک تُلن نفع ژورِم آباہ زٕہ جاری کرِہ پانژِم کیوراہ زٕہ کہنہ تتہ تہ خلقِ خدا
سپنن منتفع تمہٕ شیٖم سنتاہ زٕہ لوک کرِن عمل تت ارشادہ تہ خلقن ہندہ ہدایتہ منزہ یا کتابن
ہندہ تصنیفہ منزہ بیہ یہ تت ہو چھہ سزاوار چھہ ماتم ہُن مرنہ پتہ ترٛن دُہن تان مُستحب چھہ
صاحب مصیبتس تغیر ہیٖنہٕ وضعس کرُن بیہ چھہ جایز ودُن تہ ندبہ کرُن تہ میتہ سنز نکی بیہرن بیہ نوحہ
کرُن بحق جایز چھہ اپُزونُن بیہ نہ میتہ سندہ باپت بد چیز کرِن اظہار بہتر چھہ نوحہ گرنہ انُن
مستحب چھہ ترٛن دُہن انِن ماتمدارن بیہ لوک طعام خصوصاً ہمسایہ ترٛن دُہن زیادہ ہن نہ
ماتم مگر زنانہ مطلقا شوہر مرنہ ہیہ ترٛن رتن نہ دُہن دُہن ماتم یتہ پاٹھہ زٕہ رنگین لباس
گنڈٕ نہ زیور رنگ تہ سُنگ گنڈنہ زینت کرِہ نہ نو جامہ تہ اعلی ژہنہ نہ اتھن کھرن منیز
لاگنہ سیاہی ہُن لاگنہ ماتمدارن چھہ حرام بُتہ بُتہ دِن بیہ بُت زلن گیسو گڈن موے
کڈُن مگر مال سندہ باپت بیہ بالہ سندہ باپت چھہ جامہ چاک جایز بعضیو چھہ حرام
زونمت غیر متعارف فریاد دِن بیہ نوحہ بدر وغ کرُن بیہ واویلا تہ واثکلاہ دِین نوحہ شبانہ
کرُن چھہ مکروہ جایز چھہ گریہ باصدا بیصدا اظہار غم تہ اندوہ کرنہ باپت پرت وقتہ پرت طریقہ
نہ حرام مگر یلہ آسہ جزع تہ بے صبری یا راضی نہ آسنہ کرن بقضای الٰہی اکہ دُہہ ژٕ رماتس
بہون چھہ مکروہ مگر قصد آسنہ وِزہ زیادہ سپنن قرآن خوانی تہ دُعا بیہ فاتحہ میتس زٕہ دفع چھہ

و ماتمداری

تہِ یت سپنان سختی میّت یہ ونہ آو ماتمداری منز چھہ حرام تہ مکروہ اکثر چھہ تہ در ماتمِ داری غیرِ
اولیاءِ خدا تہنزِ ماتمداری چھہ بیاکھ حکم لازم چھہ مصیبت زدن صبر کرن بیہ راضی آسن
بقضاءِ الٰہی تہ بحکمِ خدا یقین کرُن زِ یُس کاراہ اصلح چھہ حق سبحانہ تعالیٰ چھہ کران بیہ
زانن زِ خدا چھہ صابرن بیحساب اجر عطا کران سُنّت چھہ مؤمنن ماتمداری گرہن تعزیہ پرسی
تہ تسلّی دِنہ دِین تمن صبر کرن اقل چھہ یتی زِ گرہن تہ ماتمدار وچھہک در خبر چھہ ازسیدِ انبیاء
یُس اکاہ صبر دِیہ کرن غمگینس کانسہ صحراے محشرس منز آسن ساری برہنہ تس دِلن حُلاہ جان بہشتکو
حُلو منزہ یت سُہ شاد سپنہ یُس اکاہ کانسِہ مصیبت زدس صبر سیاوہ تس مصیبت زدہ سند
ثواب کرن عطا تس تسندِہ اجرہ منزہ کینہ کم گژھنہ سوا تم حضرتن فرمُو ثوابِ تعزیہ دِنک تہ صبر
ہیاونک چھہ بہشت منقول چھہ امامِ جعفر صادق علیہ السّلام کو شخصس اکس تعزیتس زِ فرزنداہ
اوسس مُود مُت فرمُو وہس حق سبحانہ تعالیٰ چھہ چانس گُبرس بہتر جانہ ختہ زِ کِتھ چھہ ثوابِ خدا
بہتر چانس گُبرہ سندِہ ختہ بیہ بوزک بصبری چھہ کران بیہ گیس دُبہس رسولِ خدا گوبیہ دُنیا سارِہ
پزہ گہرن عرض کرن با حضرت گبرس آسم بدیہ تمکی چھس غم کہوان حضرتن فرمُود ترہ چیز
چھس بروُنہ اکھ شہادتِ لَا اِلٰہَ اِلَّا اللہ دویم رحمتِ حق سبحانہ تعالیٰ تریم شفاعتِ رسولِ خدا
انشاء اللہ زِ اکاہ گژھ سنہ فوت یمو منزہ ازحضرت امامِ محمد باقر چھہ منقول زِ فرمُووک یُس
مؤمناہ سپنہ کُنہِ مصیبتس مبتلا تہ پرہ اِنَّا لِلّٰهِ وَ اِنَّا اِلَیْهِ رَاجِعُوْنَ تہ صبر کرِہ تت مصیبتس منز
حق سبحانہ تعالیٰ کرس آمرزش تمن تہ برِونہمن گنہن بگر کبیرن اَدہ یلہ سُہ مصیبت یاد اِیس تہ یہی
کلمہ پرِہ حق سبحانہ تعالیٰ کرس آمرزش تمن گنہن زِ کرِمت آسنس تمن دُن کلمن مابین گناہن
کبیرو سوا معنی امہِ کلمک چھہ اس ساری چھہ خدایہ سندِ بندہ اسہ بازگشت آسہ سارِنی
تس کُن اخبار مثوباتِ ماتمداران با ایمان چھہ مطوّلاتن اندر مسطور تیہ چھہ یتی کافی

**فصل چھہ در غسلِ مسِ میّت** واجب چھہ یہ غسل تس اکس زِ بدنہ پننہ منزہ لگس جانداراہ
جُزواہ میتہ سندِہ بدنکس جاندار جزوس سرد سپننہ پتہ تہ غسلَ بروُنہ شہیدس سوا یتہ سند حکم چھہ

تت پارس زِہ زندس گژھ جدا ہرگاہ سُہ خالی استخوان اُوس تمِکِہ مَسہ سپنِہ نہ غسل واجب فرق چھیت غُسلس ہیو غُسلونشہ تیز سیت مگر خاتبس سیت تمِہ علاوہ وضو واجب آسنہ بی غسل آیت مس ستِ چھہ صحیح تہ جایز روزہ تہاوِنہ بیہ مسجدن اژن **فصل** چھُہ دریمم تیمم چھُہ روا عاجز آسنہ وِزہ استعمال کرنس آب عاجز آسہ تمِہ مکلّف کینژن وقتن اکھ آب نایاب آسنہ وِزِہ واجب چھُہ تلِہ ژھاڈُن آب ژورہ طرفہ بقدر یک تیر پرتاب فراز تہ نشیب زمین منز بقدرِ دو تیر پرتاب ہموار زمین منز مگر واجب چھُنہ ژھاڈُن بلِہ معلوم آسہ آب نہ آسُن تمہ منزہ کُنہ طرفہ ہرگاہ معلوم آسہ کُنِہ طرفہ آب آسُن لازِم چھُہ آبس گژھُن تُت ژُرتے آسِہ تمہ مسافتہ خۄتہ دۄیم چھُہ نایاب آسُن آب بدست یہ نکہ اسباب تریم آب ژھاڈُس منز یمہ آسُن جانس یا مالس یا آبرویس کانسہ ظالمِہ سُند یا درندہ سُند یہ خوف آستن پننی بے جرائی کِن ژورُم چھُہ خوف ضرر آسُن استعمال کرنس آب تھُی خوف زِہ آب استعمال کرنہ بیمار سپنہ یا بیماری زیادہ سپنم یا طول کرِ علت بیماری آستن ورم یا اچھِہ ودد یا بیہ کینہ یا یُہی خوف زِہ آب استعمال کرنہ المِاہ واتِم یا دگاہ وتھم تہِژ زِہ عادتاً آسن نہ تہ ہکان یا یُہی خوف زِہ آب استعمال کرنہ پوست پھٹم یا پوستس پھَر سُراہ پیدہ گژھم تتِ زِہ عادۃً آسن نہ تتہ تاب کران پانژم چھُہ آب سپنِس بہم بخشش منگنہ سیت یا قرضہ سیت یا ژمن ہیہ کُنہ سیت اما تیہ پانہ آب بدست انِنس منز چھُہ شخصس نقتاہ تہ ذلتاہ تہ خواریاہ تہِژ زِہ تہ چھُنہ لس مناسبِ حال شیٖم چھُہ آب سپننہ بہم مگر بدل دِنہ سیت مالاہ مُضرِ حال ستم چھُہ آب استعمال کرنس منز آسِہ خوف تشنہ سپنہ نکہ پانہ یا بیاک انساناہ یا حیواناہ مُحتَرم تہِژ تشنگی زِہ خوف آسِہ تمِہ تلف گژھ نکہ یا بیمار گژھ یا مشقت سخت واتنکھ یا ضعف اٹھم چھُہ زِہ وقتس آسنہ گنجایش تیز زِہ وضو کرِہ یا بدست انہ آب نوم چھُہ ازالہ نجاست چھہ شخصس واجب آب چھُس تت سُنب نہ وضوس تہ غُسلس یا اکس سُنب واجب چھُس آبہ سیت ازالہ نجاست کرُن وضو بدل یا غسل بدل تیمم کرن احوط چھہ اتہ گژھہ صرف کرُن آب اَدہ کرُن تیمم واجب آسِت تیمم نماز ہند وقت تنگ آسنہ بابت

وتیمم

یا پانس منز یہ آب اوس پنتھ شخص

دیتِ تمان بیماہ آسنہ وقت نماز گژھہ فوت ۱۲

وضوء کرہ تمِکہ قصدہ یا غُسل باطل چھُہ کرِتھ تیمم بیہ کُنہ غایتکہ قصدہ بعید چھُنہ سُہ وضوء تہ غُسل صحیح آسُن صحیح چھُہ وضوء تہ غُسل ہرگاہ تیمم کرِتھ تمہ آبہ زِ بدست آس مالاہ بدل دِنہ مُضرِ حال یا تُلمنہ ذِلت تہ خواری یا خطرہ سُہ حاصل کران بلکہ بعید چھُنہ وضوء تہ غُسل صحیح آسُن کری سردے ہندِس الم شدیدس تاب کرِتھ یلہ عدم ضررِ مفروض آسہ مانع آسہ خالی اَلم احوط تے چھُہ تمہ وضو تہ غُسلہ بدل تیمم کرُن صحیح چھُنہ تیمم عاجز آسنہ از استعمالِ آب مگر چھُہ صحیح بیہ عجز نہ آسِت نمازِ جنازہ تہ نِندرہ باپت تیمم چھُہ صحیح بروٕے زمین بیہ تمہ تمہ سیت زِ تہ چھُہ زمین ہندس ناوس تل مٔژِ ہش تہ سِک ہش زمین پیٚح تہ چونہ ہُہ یتہ بروٕنہ بنابر اَصح بیہ خاک قبر تہ رنگین مٔژ ہش بیہ سُہ مٔژ زِ تیمم آسہ گُرمت تمہ بیہ گٔن ہش تہ خام سیر تہ ترل ہش بیہ یہ کُنہ پتن ہُہ چھُہ اما احوط چھُہ مٔژِ سیتی تیمم کرُن باختیار ممکن نہ آسِت تیمم کرُن بزمین تیمم کرہ غبارہ تہ گردِ سیت جاکِہ یا مندکہ زینکہ یا گُریالِ ہندہ یا بیہ کُنہ زِ لتہ ہُہ چھُہ اما معتبر چھُہ گردِ سُنبرن ون سیت یا بیہ کُنہ زِ تمہ سیت سمہ ہرگاہ گرد تہ بہم گژہ نہ تیمم کرہ رب سیت رب تہ ممکن نہ آسِت چھُہ فاقد طہورین صحیح چھُنہ تیمم بغیر زمین بیہ تمہ چیزہ زمین چھُنہ ناوس تل زمین منزہ تے تہ در اُمت آسہ گاسہ ہہ بیہ سُن تہ رُپ سہ بیہ یہ کُنہ چھُہ میوسوا کانو منزہ بیہ چھُنہ صحیح ڈاکہ سیت بیہ پختہ سیرہ سیت گٔرہ سیت بیہ چونہ تہ گچہ سیت ہرگاہ تیمم بزمین کرُن ممکن آسہ تہ ممکن نہ آسِت چھُہ احوط اکھ تیمم کرُن تمو سیت بیاکھ گردہ سیت گرد نہ آسِت رب سیت تیمم نہ آسِت تمہ اکے تیمہ کرہ نماز بیہ ادا یا قضا بیہ چھُنہ تیمم صحیح نجس مٔژہ سیت بیہ غصبی مٔژہ سیت مگر مجبورس مانند محبوسین بیہ چھُنہ تیمم صحیح بخاکِ مضاف زِ نبر آسہ از اطلاقِ خاک شرط چھُہ مکان تیمم تہ ظرفِ خاکِ تیمم مباح آسُن مکروہ چھُہ تیمم سکہ سیت تہ خاکِ شورہ زمین سیت از نام زمین نہ نبر آسہ مستحب چھُہ اَتھن دِنن دِن ضربہ تہ بیہ تیمم کرُن تھزرہ زمین ہندہ بلکہ مکروہ چھُہ تیمم کرُن از پستی زمین طریق تیمم کرنچ چھُہ اَتھہ دنوی باہم اندر مہ طرفہ زمین لاین اکی وفعہ اَدہ مسح کرُن تمو ڈکس سارسی تہ دُن جبینن موٕے سرکہ نتہاٹہ ہیرس طرفس بنِ ہندِس تان بیہ دُنون بُمن تان احوط

۲ وسر کرِ تہ

طریق تیمم

چھِہ مُن تہ مسح کرُن ادٕ مسح کرُن وچھنہ اَتھچہ تھر ہرہ پٹہ اُنگجن ہندن ٹنڈن تان کھورہ کھف
دستکہِ باطنہ سیت ادٕ مسح کرُن کھوورس اتھس وَچھنہ اتھک پاٹہ تمکہ باطنہ سیت مسح کرُن چھِہ بکا
ظاہرس میان اُنگشتان چھُنہ از ظاہر ضرب تہ مسح یلہ دشوار آسہ اَتھن ہندہ باطنہ سیت
تلہ اَنہ تھندہ ظاہرہ بجا تم منز اَتھہ یلہ لگِس آسن بنجاستِ غیر مُسریہ ازالہ کرُن میسر آسنہ تھہ کنہ
دیہ ضرب تمو تہ مسح کرِہ تھہ نجاستِ مُسریہ آسِت ازالہ تہ تخفیف میسر نہ آست انہ ضرب
تہ مسح بجا اَتھن ہندہ ظاہرہ سیت واجب چھِہ تیممس منز نیت تمہ باپت چھِہ کافی زِہ قصد کرِہ
تیمم کران چھِس وضوہ بدل یا غُسلہ بدل براے اطاعتِ خدا تہ یت سیتی دیہ ضرب یہ چھِہ وُ اوّل
افعالِ تیمم بیہ چھِہ واجب پانہ بجا انُن تیممک کار تِس بتہ بیہ مسح ہیرہ وُسن بُن تان کران مگر تِس
نہ کرُن بیہ حاجب تُلن ماسِحس تہ ممسوحس بیہ تہِ پاک آسن باختیار اَمّا با اضطرار پس ساقط
چھِہ معسور نہ میسور پانہ عاجز آسِت افعالِ تیمم بجا انہ تِس بیاک زانہ تیمم دِت اما ظاہر چھِہ ایزہ
ضرب دیہ عاجزہ سِندِ وُ اَتھو سیت مسح کرِس تموی سیت تِہ پانہ تہ عاجز آسِت سُہ بیاک لایہ
بِنی اَتھہ تہ مسح کرس تموی سیت آسی ماسِحس یا ممسوحس جبیرہ یا لارت کینژاہ دشوار آسہ تُلن
تہ تیمم کرِہ تیٔہ پانہ واجب چھِہ باطنِ موہیس مسح واتُن اقوےٰ چھِہ ایزہ بس چھِہ اکی ضرب جھکہ
مسح تہ اَتھن ہندہ مسح باپت تیمم وضو بدل آستن یا غسل بدل یُس غسلاہ واجب سپنہ جنابہ
سِوا عذرہ وِزہ کرِہ تیمم تلہ اَک غسل بدل بیاک وضوہ بدل جُنُبس چھِہ بس اَکی تیمم غسل جنابہ بدل
کینژ و وضوہ بدل چھُہ آکی تیمم کافی تیہ پانہ کینژ و غسلو بدل چھِہ اَکی تیمم بس صحیح چھِنہ تیمم وقت
اَژنہ برونہ تمہ تیہ چھِہ صحیح امیدِ زوالِ عذر آسِت تہ نہ آسِت احوط چھِہ تِگی وقت مرِ عی
تھادِت تیمم کرُن یُسہ نمازاہ بہ تیمم صحیح کرن بیہ کرنہ اِعادہ سُہ ہرگاہ تیمم کرِہ کُنہ نمازہ باپت
تمکس وقتس اندر جایز چھِہ تِس تمہِ تیمم بیاک نماز پرن بنِس اوّل وقتس منز مباح چھِہ سپنان
تیمم سیت یُس چیزاہ مباح چھِہ وضوہ تہ غسل سیت باطل چھُہ تیممس کران یُس چیزاہ باطل
چھِہ کران وضو تہ غسل بیہ تُو اناسپنن برِ استعمالِ آب ہرگاہ قادر سپنہ آب استعمال کرنس نما

گران رکوع پتہ تتہٕ کنہٕ کرہ نماز تمام رکوعس واتنہٕ برونہ بعد تطہیر کرہ نماز نو احوطی چھہ یتھ تتہٕ کنہٕ
نماز کرت اعادہ کرن غسل بدل تیمم کرتھہٕ مانند بول تہ غایط حدثاہ کرہ اقوائے چھہ تیمم کرہ وضوہ بدل
یا آباہ لبہ وضوس نسب تہ وضو کرہ حرام چھہ رپہ سند تہ سنہ سند بانہ استعمال کرن کھنتس چیس
لاگن بیہ وضوس تہ غسلس تہ ازالہ نجاست کرنس لاگن یا تموو راے بیہ کنہ منز حرام چھہ تیم تیار
کرن بیہ مزدور تم تیار کرنک سنین بیہ زینت تمو کرن بیہ تم موجود تہ پھرہ تھاون بیہ تمو بیت سع و
شرا کرن بیہ تیم استعمال چھہ بیوو رای یہ حکم چھنہ تعویذہ کس گرس مانند جاے حرز جواد آسی از نقرہ
اما طلاکس گرس منز چھہ احتیاط تہ روا آسن تی چھنہ قوتہ رست بیہ چھنہ زیور جو فدا رزنان حرام
نگریس زیوراہ آسہ بانہ مثال بیماہ چھنہ بطلا و نقرہ نقش کرنس کتابن بیہ دیوارن بیہ بانن تہ سلحن
بیہ یہ کینہ تمن ہہ چھہ حرام چھہ دہان تھاون نقرہ کوب بانس تہ نمکس ملمع بانس رپہ چہ جایہ کھنس تہ
چیس اندر حرام چھہ بکار انن حیوان النجس العین سند دالک بانہ یا بیہ کینہ حرام چھہ پوست مردہ
طاہر العین مشروط بطہارتچن کامن لاگن جایز چھہ طاہر العین سندہ پوستک پرت چیزاہ پرت
کارس لاگن آسی سہ حیوان بطریق شرع مارنہ آمت یا آسہ سہ پوست یا سہ چیز پوستک مسلمان
سندہ اتھہ رٹمت مگر بلیہ یقین آسہ سہ خاص پوست بلبتہ سند آسن اما نمازہ وزہ اینہ یہ پوست
لباس کرنہ کم تے آسہ ازساتر آسی پوست حیوان طاہر العین حرام گوشت یس باہ تیار
گرمت آسہ محترم چیزس مانند خاک تربت پیغمبر تہ ائمہ علیہم السلام آسی سہ احترامہ تہ تعظیمہ بابت
تلمت نجس کرن چھہ حرام نت جایہ کرتنس نجس یا بیس جایہ نجاست چھہ واجب تمہ نشہ دور کرن
ہرگاہ احترامکہ قصدہ آسنہ تلمت خاک کربلوک بانہ ہہ کربلاس منز نجس کرنس سہ چھنہ علیاہ اما
کربلا منز نجس کرنس سہ چھہ اشکال کلی **کتاب الصلوٰة** اِنَّ الصَّلٰوةَ تَنْهٰی عَنِ الْفَحْشَآءِ
وَالْمُنْكَرِ یعنے نماز صحیح زہ مقبول درگاہ آسہ یتہ چھہ رٹان گنہوتہ بد کارونشہ وبہا تطفی النیران
تہ بت چھہ خاموش سپنان نیران نماز چھہ پرت تقی سند قربان پرت مؤمن سند معراج چھلان
چھہ گنہن یتہ پانہ نہر جاری چھہ چھلان کل تہ درن تکرار نماز چھہ پرت دہہ ملی تکرار بہ وصیت

کلاہ و نقرہ و دیگر ظروف و احکام نجس نماز

شوکمار لفظ بار

یعنی نماز پنجگانہ گران نار
نیران بر چمہ نار

نمازہ دنگ کار ١٣ قربان تقرب نی آکھو رنگ دون خدا

کر خدایتعالاان بنماز عیبائش مادام الحیات بیہ لس دراے سارنی انبیان علیہم السلام بلکہ نمانځ
چہ اصلِ اسلام تہ خیرِ عمل بیہ خیر موضوع میزان تہ معیارِ باقی اعمال انام پس یُس اکاه وفاکرہ بنمانځ
اجرِ جمیعِ اعمال رَکړِهٔ تمام قبول سَپنَن اَدَه لس ساری اعمال پس چہ وُن نماز براے اعمال بلکہ براے
دین اسلام بمنزلہ ستونِ فسطاط اوے چہ اَوَّلَ مَا یُحَاسَبُ بِهِ الْعَبْدُ وَیُنْظَرُ فِیْهِ مِنْ
عَمَلِهٖ نماز چہ اوّلِ چیزاه زہ محاسبہ سَپنَہ تت گڈَه نی تبدس نظر کرنہ ایہ گڈه تت اندر
تسندہ عَمَلِ منزہ پس بلیہ نماز قبول سَپنس اده ایہ نظر کرنہ تسنزہ باقی عملہ قبول سَپنس سُہ تہ بلیہ نمانځ
ردسپنس نظر کرنہ ایس نہ باقی عملہ ردسپنس سُہ تہ تارکِ نماز چہ کافر ہرگاه داعیِ ترک نماز اِسْ
استخفاف بدین کرنس نماز چہ سُی زہ زانان اُومنہ حضرت صادق علیہ السلام چیزاه از قربات
تہ از محبوباتِ خدا معرفتہ پتہ افضل نمازِ ختہ بلکہ فرمُودن نوُم پانژ نماز ہاے مفروضات
یُس اکاه برپا تہاوہِ تہ محافظت کرہ تمن براوقاتِ خود ملاقات کرہ خدا ایس قیامتک دُہ
تہ لس کِتُ آسہ عہداه لس نشہ زہ بہشتس اژہ تہ سیت یم اک تہ نمازہ کرہ مژہ آسن نہ محافظت
کرمژ آسنہ تمن پتہ پس امس خدا ہرگاه یژہ تہ بخشس ہرگاه یژہ تہ عذاب کرس نمازِ فریضہ چہ
بہتر ونٗہ حجہ ختہ پرت حجاه چہ بہتر اک پُر طلا گرہ ختہ زہ صدقہ آسہ دِنہ یوان تہ منزہ یُت تان
سورِہ بلکہ نمازِ فریضہ چہ افضل ساس حجہ خُتہ پرت حجاه چہ بہتر دُنیا تہ ما فیہا ختہ طاعتِ
خدا چہ خدمت خدا درزین چیزاه چہنہ از خدمتِ خدا ابرابر نماز یہ چہ ترجمہ تہ چیز گہ بعضیک
زہ اُمت چہس یت بابس منز درجواہر منہج الرشادس منز چہ مذکور زہ از حضرت پیغمبر و ائمہ
طاہرین صلوات اللہ علیہم اجمعین زہ درہنگام وصیت فرمُوول مَنِ اسْتَخَفَّ بِالصَّلٰوۃِ
لَا تَنَالُہٗ شَفَاعَتُنَا وَلَیْسَ مِنَّا یُس اکاه سُبکی کرہ بنماز واتنہ لس شفاعت سُون اَسہ منزہ
چہنہ محسُوب سُہ زان سُبک تمن نماز چہ کینژ قسم اوّل چہ ایزہ چیزاه زانہ تت یہ چہ
باعثِ کفر دُیم چہ نماز کرہ نہ تریم چہ مسائلِ تمک درست کرہ نہ تمیچہ صحیح آسنیچہ تہ باطل آسنیچہ
فکرِ آسنہ ژورم چہ تمکہ وقتس بندس منز آسنہ پانژم چہ نمازِ قضا آسس نگردن تہ بجا انکس

فسطاط بیخ خیمہ

د استخفاف نماز

صَدَدَس آسنہ سال بسال آسہٕ تاخیر کران یُت تام عمر گذرِس کینژاہ وُنہ آسِس قضا بگردن ظاہر چھہ ایزہٕ بنابر قول بانیکہ قضا چھہ موسّع یمہ مقدارہ چھنہ زہ تہاوُنہ سہل انگاری ہِندِس حد واتہ **مسئلہ** ہرگاہ شخص یمہ عالمہ گو نماز آسنیہ صحیح یا نماز آسنہ کرمژ یا نماز قضا آسِس بگردن وصیت تمہ کرہ نہ بنماز استخفاف کرہ ولو منزہ چھہ سہ اما ہرگاہ وصیت تمہ کرن تلہ چھہ حکم کرن ایزہ یمو منزہ چھنہ در نہایت اشکال چھہ تیہ چھہ تت کتاب منز زہ نماز ہند وصفاو منزہ چھہ ایزہ ہرگاہ شخص مرہ نماز ینن آسنہ درست کرمژ برغیر دین حضرت پیغمبر صلی اللہ علیہ وآلہ مرہ تس جاپہ سندس دینس پٹھہ مرہ نہ تیہ پاٹھہ چھہ پانہ حضرت رسالت پناہن باشارہ فرمودمت اکس شخص کُن زہ نماز کرن رکوع تہ سجود بطمانینہ انن نہ بجا فرموک لئن مات ھٰذا کذا اصلوٰتہ لیموتن علی غیر دینی یعنے ہرگاہ یہ شخص مرہ نماز آسِس یمی طریقہ مینس دینس پٹھہ مرہ نہ مراد چھہ یمہ منزہ ایزہ مرنکہ وقتہ ایمان سپنس سلب یا ایزہ عذاب امند آسہ مرنکہ وقتہ عذاب کفار **مسئلہ** زانزہ نمازمیت تارک الصلوٰۃ سندہ کنہ کرن یہ تاثیر رفع سپننس باعث سپننہ باعث تخفیف تی سپنس بجانیہ تیہ ینہ چھہ اکھ مقدمہ تہ کینہ مقصد **مقدمہ** چھہ نمازن ہندس تعدادس منز زان نماز چھہ واجب یا سُنت واجب نماز چھہ ست اوّل نماز شبانہ روزی سہ چھہ پانژ پیشین تہ دگر تہ شام تہ خفتن تہ صبح دویم نماز جمعہ تریم نماز عید رمضان تہ عید قربان ژورم نماز آیات آفتابکہ گرہنیچ تہ زونہ ہندہ گرہنیچ بیہ زلزلہ تہ پرت آسمانی آتیچ زہ موجب خوف آسہ بادہاے سیاہ تہ بادہاے سرخ یہ بیہ تِمن ہُہ چھہ پانژم نماز طواف واجب شیم نماز اموات ستم نماز اہ زہ مکلف چھہ واجب کران پانس پٹھہ نذرہ سیت یا عہدہ سیت یا یمین سیت یا بیمنزہ نماز پانس پٹھہ منہ سیت بیہ نماز قضا تہ نماز احتیاط ساری چھہ وآتان بیہ وُہ نماز سُنت نماز چھہ ستاہ تیہ سپنن تمو منزہ دویہ ترہ بیان اوّل چھہ نماز نافلہ شبانہ روزی بیہ نماز استسقاء یعنے طلب باران بیہ نافلہ ماہ رمضان بیہ نماز شب عید ماہ رمضان بیہ نماز غفیلہ بیہ نماز جعفر طیار بیہ نماز حضرت امیر المؤمنین بیہ نماز حضرت فاطمہ زہرا بیہ

نمازِ پیغمبر صلّی اللّٰہ علیہ وآلہٖ بیہ نماز کاملہ بیہ نماز اعرابی بیہ نماز غدیر بیہ نمازِ شب نیمۂ شعبان بیہ نماز رغایب بیہ نماز شب نیمۂ رجب تہٕ شب مبعث تہٕ روز مبعث بیہ نماز حاجت بیہ نماز شکر بیہ نماز استخارہ بیہ نمانہٕ زیارت بیہ نماز وقت ارادۂ سفر بیہ نماز توبہ بیہ نماز ہدیۂ میّت بیہ نماز روز عاشورا بیہ نماز روز نوروز بیہ نمازِ اوّلِ ہرماہ بیہ نماز مظلوم بیہ نماز برائے خوف ظالم بیہ نماز مہمّات بیہ نماز امرِ مخوفہ وزہ بیہ نماز قضائے دین بیہ نماز دفع شرِ سلطان مقصد اوّل چھُہ وٲجبی نمازن منز **فصل** چھُہ شبانہ روزی نمازن منز تہِ چھِہ سدٚاہ رکعت حضرس منز گاہ رکعت سفرس منز نماز صبح چھِہ زہ رکعت شام ترہ رکعت سفرس منز تہٕ حضرس منز نماز پیشین تہٕ دگر تہٕ خفتن منزہ چھِہ پرت اکاہ ژور رکعت حضرس منز زٕہ رکعت سفرس منز پرتہٕ شب تہٕ پرتہٕ دُہہ چھِہ یہ پانژہ نمازہ واجب پرتہ بالغس تہٕ عاقلس پٹہ حیض دار تہٕ نفاس دار زنانِ سوا زان زِہ نماز کرنہ برونہ گرِن شہ کارِ کرن نوی چھِہ تمن مقدّمات نماز دپان اوّل حدث دور کرن یعنے وضو تہٕ غسل کرُن دوِیم جامس تہٕ بدنس سجدہ کرنچہ جایہ نجاستِ مسریہ تہٕ غیر مسریہ نماز منزہ جایہ نجاست مسریہ دور کرن ترِیم وقت پرزہ ناوُن ژورِم قبلہ پرزہ ناوُن پانژم ستر عورت گرُن شیم مکان نماز وچھُن زہ نماز چھِہ صحیح تیہ گُڈہ ٹُک مقدّمہ تہٕ دیم مقدّمہ سپُن در کتاب طہارت بیان **اما** ترِیم مقدّمہ چھُہ وقت زانُن تہٕ ادہ نماز کرن اوّل وقتِ نمازِ صبح چھُہ یلہ پھُلہ صبح زیچھر چھیس تتہ پٹہ آفتاب کھسنس تان وقت فضیلت صبح چھُہ صبح پھُلنہ پٹہ مشرق کنہٕ سرخی ظاہر گژھنس تان اوّل وقت نماز پیشین چھُہ زوال آفتاب چھِہ سُی ہنگام زِہ ژھائے تمہ چیز چ زہ زمین پٹہ ٹہراون ڈلوم لورہش سر تیز ہرہ کم سپنِت یا پیدہ گژہ نا بُو دگرت ژہ لورہ چھِہ شاخص دپان از اوّل زوال چھُہ نمازِ پیشینس خاص تِ تاہ زِہ فرض تمِک سپنہ ادا ادہ چھُہ اوّل وقتِ دگر بیہ چھُہ ادہ پیشین تہٕ دگر شریک اکس اکس یت تان آفتاب غروب کرِن تان روزہ وقتِ فرض دگری کرنس سنب ادا بیہ وقت چھُہ ادہ دگرُک خاص وقتِ فضیلت نماز پیشین چھُہ زوال پٹہ ژہائے شاخص گژھن تان شاخصس سنب تمہ ژہائی سوا

در مقدّمات نماز

در پنژن وقتن نماز

زِ ہ زوال وِزہ آسِ پتھ روزِمرّ وقتِ فضیلتِ دِگر چھُہ سہ ژھاے سپنہٕ دُگنٕ برابر شاخصٕ سِنٕنہٕ
پتہٕ احتیاطاً اگرچہ دُور چھُنہٕ ابتدائے وقتِ فضیلتِ دگر رٹن زوال پتہٕ اوّلِ وقتِ نماز شام
چھُہ آفتاب غروب کرنہٕ پتہٕ غروبِ آفتاب چھُہ یلہٕ سرخی مشرق گَنہٕ ژلہِ تتہٕ پتہٕ چھُہ وقتِ خاص
نمازِ شام یُت تان ادا سپنہٕ فرضِ نمازِ شام آدہ چھُہ اوّلِ وقتِ خفتن بیہ چھُہ آدہ شام تہٕ
خفتن اَکِ اکِس شریک یُت تان نصفِ شبس تان وِزہ وقتِ فرضِ خفتن گرنسی سُنب ادا سُہ
چھُہ آدہ خفتکی خاص نصفِ شب ایہ پرزہ نادنہٕ گلہٕ پتہٕ گذرنہٕ یم ستارہ چھُہ غروبہٕ وِزہ طلوع کران
مختار تہاونہٕ امہٕ پتھ نمازِ شام تہٕ خفتن یس بیہ زہ نمازہ پتھ گژھن نصفِ شبس نِندرِ پتہٕ یا مشنہٕ
زِنچھِر چھُہ تِس کِتھ نمازِ شام نمازِ خفتنس صحیح تان آدہ چھُہ وقتِ خاص نماز خفتن یلہٕ روزِہ وقت
فرض ہمُک ادا کرنسی سُنب صحیح تان زنانِ کِتھ تہٕ چھُہ یِہی حکم یلہٕ پاک سپنہٕ حیض یا نفاسہٕ
پتہٕ گژھِس شام نماز تہٕ خفتن نماز عادس تہٕ چھُہ یِہی حکم تہٕ کرنہٕ تِے چھُہ گناہگار وقتِ فضیلتِ
نمازِ شام چھُہ غروبہٕ پتہٕ سرخیِ مغرب گژھِس تان آدہ چھُہ وقتِ فضیلتِ خفتن راتھ ہندِ تریم حصہ
گُذرنس تان جائز چھُنہٕ تاخیر نمازِ پننہٕ وقتہٕ بیہ نہٕ تمہٕ برونہٕ انن بجا باطل چھُہ نماز کری یِتھ
پیش از وقت ساری یا کینہٕ ژراہ وقتِ خاص نماز پیشین سُہ کرنہٕ صحیح چھُنہٕ نماز دگر عمداً کرن وقت
خاص نمازِ عصر سُہ کرنہٕ صحیح چھُنہٕ ظُہر عمداً کرن نمازِ شامس تہٕ خفتنس تہٕ چھُہ یِہی حکم عمداً نہٕ تہٕ کرِہ
اَگواے چھُہ ایزِہ صحیح چھُہ نماز اکِس رکعتس تہٕ اکِس فرضس سُنب یلہٕ وقتہٕ لَبہٕ آخرِ ظہرین یا
آخر عشائین منزہ ڈُنوی نمازہ انہٕ بقصدِ ادا انجا اکسی فرضس سُنب یا اکسی رکعتس سُنب
یلہٕ لَبہٕ وقت تہندہ وقتِ آخرہ منزہ تیمم فریضہ چھُہ ادا اگدُک قضا واجب چھُنہٕ نمازہ اہ
ادا ءتہٕ قضا یلہٕ سارسی وقتس منز ہمکِس مُکلّف دیوانہ آسہٕ یا بیہوشِس یا آسہٕ زنانِ حیض یا
نفاسِ واجب چھُس قضا ہرگاہ از وقت نماز گذرِت فرض ہمُک ادا کرنس یوت ونہٕ
بجا انہٕ تمو منزہ عُذر اہ ایس درپیش عُذر ژلتہٕ وقتاہ لَبہٕ زہ فرضِ دو نماز ادا کرنس
یُوت ظُہر ہُنک یا ژہ ڈُنوَے کرہ ادا یا اکی نمازِ ہند فرض ادا کرنس یُوت وجوباً کرِہ اکی ادا

ہرگاہ بقدرِ ادا ے فرضِ یکنماز اُوسنہ از اول وقت گومُت یا بقدرِ ادا ے فرض یک
رکعت اُوسنہ از آخرِ وقت رُودمُت یمن وُن صورژن اندر نہ چھُس واجب اداء تہ نہ قضا
پرت نماز اہ گرہ یقین کرت بِہ تُ وقت ننِس صحیح چھنہ تمہ یقین سوا اَقوا ے چھہ یتھ بِنہ
تہ اکتفا گرُن[۲] خالی از قوت چھنہ عادِل عارِف سنزِ بانگِ سیت اکتفا گرُن نماز چھنہ
صحیح تمہ یقینَ سوا تہ یِہ ظن سوا احوط چھُہ محبُوسس تہ نابیناس تہ ابرس منز تاخیرِ نمازُ یتان
یقین کرن وقت اَژہ نَس یا ظن کرن بتہ نہ سیت یا عادل عارِفَ سنزہ بانگِ سیت
ہرگاہ یتہ پاٹھ وقت اَژُن زانِت تہ نماز کرِت نَن گو خطا آسُن تہ نو کرہ سُہ نماز کرنہ آمژ
آسِہ ساری پتیس از وقت نتہ چھہ صحیح آسی سُہ کران وقت ژامُت ہرگاہ نماز کرہ وقت
پرزہ ناوُنس منز غفلت آسِت بخاطرِ الیسنہ تہ فارغ گژھنس تان نماز آسِس ساری بجا آمژ
وقتس منز صحیح چھہ بنا بر اقوا ے احوط چھُہ دوبارہ کرن منز نمازی تس غافل آسُن بخاطر ایس
تہ وقتِ نماز الیسنَہ نظرِہ نو کرہ تت احوط چھُہ سُہ اَند واتناون اَدہ دوبارہ کرن
واجب چھُہ ظُہرِیَ منزہ گُڈہ نماز پیشین گرُن اَدہ نماز دگر عشایَن منزہ گُڈہ نماز شام کرن
اَدہ نماز خفتن لِیُس یِہ ترتیب ترک کرِہ عمداً یُسہ نماز برونہ کرَن دوبارہ کرہ تت سہوَنَہ تہ
کرَہ تہ دوبارہ کرہ نہ نماز صحیح چھہ سُہ در وقت خاص نماز پیش سے کرنہ آمژ آسِہ یادہ تہ
پیس تیم نماز گران نیت پھیرہ برُونہمہ نماز کُن آسی وُنہ باقی عدول گرُنہ جاے نتہ چھُنہ صحیح برُونہمہ
کُن نیت پھیرن مثلاً نماز شام کرنہ برُونہ کرن سہواً خفتن نماز سہواً نماز خفتن کران تمکہ ژورِہ
رکوع پتہ پیس یاد ترتیب تہ شام کرنہ آسُن اَدہ چھُنہ صحیح شامس کَن نیت پھیرن صحیح چھہ در ماند
ظُہرین عدول نیت کرن تیمہ نمازِہ نشہ برُونہمہ نمازِ کُن بعد فراغ تہ احوطی چھہ اَدہ
دیم نماز بجا انن بہ یقصد مافی الذمہ یہی حکم چھہ تمن قضائی نمازن زہ ترتیب چھہ واجب
تمَن منز اتا واجب چھنہ عدول نیت کرن از نماز ادائی بقضائی بلے جایز چھُہ تہ بلکہ
مُستحب افضل چھُہ نماز فریضہ کرن تیس وقت فضیلتکِس اَولس منز مروی چھہ در کتاب

کافی از زرارہ زِ عرض کرُم بابی جعفر علیہ السلام زِ پرتہ وقت نمازِ منزٕ اوّل چھُوا افضل کِنہ منزم کِنہ آخر پس فرمووُکھ اوّل بدرستیکہ رسولخدا صلّی اللہ علیہ وآلہ فرموو خدائے عزّ وجلّ چھُہ دوست تھاوان یہ خیرہ منزٕ تعجیل کرنہ آیہ یتہ چھُہ تتہ کتاب منز ازابی عبداللہ علیہ السلام فضیلتِ اوّلِ وقت چھُہ آخرِ وقتس ہٹہ یِژ فضیلت چھُہ آخرتس دنیاس ہٹہ یتہ چھُہ تتہ منز زِ تمی جابن فرمووُزہ فضیلت اوّل وقت لبن برآخر وقت چھُہ بہتر مردس پننو شُرو خُتہ بیہ پننہ مالہ خُتہ پرت نماز فریضس چھُہ یہی حال مگر دگرس در روز جمعہ تہ در روز عرفہ نماز پیشین تیہ کرن تت بیہ نماز شام تہ خفتن سوا التہ اکسندہ زہ عرفات پہیر تاخیر کرہ تمن مشعر الحرام واتن تان اگرچہ پت گژھتس تہ راژ ہند ژورم حصہ بلکہ تریم حصہ گذرِتس تان یُس اکاہ گرمی کھوژہ یتہ تھاوِہ ظہرس ژہاے شاخصس برابر سپننس تان یتہ خنک آسہ تہ وزہ یُس گسنہ اقبالِ دِل آسہ یت تھاوِہ فرضس سُہ حاصل سپننس تان اتاجان چھُنہ عادت کرُن تہ یس نماز بجماعت کرہ بنہ آسہ پراران یتہ تھاوِہ نماز جماعت حاصل سپننس تان یلہ نہ در تاخیر آسہ افراطاہ تہ رنگہ زہ سُہ شخص سپننہ مضیع الصّلوٰۃ یُس وزہ دارس مشتاق آسہ نفس باخطا تاخیر نماز کرِہ افطار کرنس تان یتہ پاٹھہ کرِہ تاخیر ہر گاہ بیاک آسہ لتہ انتظار کران مستحاضۂ کثیرس چھُہ بہتر ازِہ نمازظہر انہ وقت فضیلتکس آخرس منز بجا دگرس اول وقت فضیلتس منز یتہ دُنون کرہ وقت فضیلتس منز اکی غسلہ یتہ پاٹھہ کرِہ رفتار در نماز شام تہ عشاء مرتبۂ صبیٰ کرہ تاخیر ظہرین تھندِس آخرِ وقتس تان یتہ تم کرِت نماز شام تہ خفتن یتہ کرہ اکی مرتبہ جامہ چھلت بیہ چھُہ بہتر تاخیر کرن بول دفع کرنہ بابت یا غایط یا باد یتہ ادہ نماز کرہ بتجھ جمع نافلہ گذارس چھُہ بہتر اوّل وقت نافلہ کرُن تمہ تمکہ کرِہ تاخیرِ فرض یس مسافرس تعجیل آسہ بیہ یس قضا بگردن آسہ یت تھاوہ فرض وقت تنگ سپننس تان یموجا یو منزہ کنہ جایہ تاخیر واجب ژورم مقدمہ چھُہ قبلہ قبلہ چھُہ سُی مکان زِہ تت منز چھُہ خانۂ کعبہ از تہہائے زیرِ زمین تا آسمان قریبس تمکس تہ بعیدس تمکس یعنی یت کُن بُٹ کرن چھُہ مطلوب

در قبلہ

مدار چھہ تہ صادق ینس پٹھ احوط تے چھہ تور کُن آسُن بجمیع مقادیم بدن مطلب اوّل
بعیدس چھہ علامتِ قبلہ محراب معصُوم تہ قبر معصُوم بیہ تم امارات زِہ از شارع آمی جدی
ہُہ بیہ یہ بقایسۂ جدی زانہ آو آفتاب ہُہ زون ہش بیہ کانہ کانہ ستارہ ہُہ گِنہ
گُنہ وقتہ بیہ تم امارات زِہ از علم ہیئت درائے تمو منز چھہ دائرہ ہندی جُدی آو
شارع سندہ طرفہ امارت قبلہ تمن زِہ میان عراق آسن تیہ گِنہ زِہ جُدی رٹن تم تتہ دچھنس شانس
پتہ گِنہ احوط چھک زِہ رٹنس تیہ گِنہ یلہ آسہ در نہایت بلندی یا پستی ادہ ییٚن جُدی امارت قبلہ
بین جاین منز قیاس کرنہ بر ملیان عراق امہ مقابیح عمدہ طریق چھہ منہج الرشادہ کہ یا آ
رِکن یہی زِہ یت شہرس منز توجہ بقبلہ مطلوب آسہ وُچھن اوسہ ملکہ تت نقطہ جنوب جُدی رٹن
تتہ برابر میانِ دوشانہ اُوسہ ملکہ تمہ دچھن اَدہ یُت ملکہ دچھن آسہ تتہ تیوت رٹن جدی
از میان دوشانہ وچھنس ہکس کُن کم آسہ تہ کمی ژُر آسہ تہ ژرُہی شلاً کشیر چھہ امہ نقطہ دچھن
گِنہ ستنت درجہ جُدی چھہ روزان تیہ دچھنس رخسارس برابر یَت شہرس ملکہ دچھن آسہ امہ ختہ
ژُر جُدی آسہ استقبال وزہ تیوت ژُر دچھن تتہ یُت تان زِہ گِنہ شہرس ملکہ آسہ مغربس
کُن جُدے روزِہ تتہ نماز گذارس وچھن کُن ایت پٹھ کرقیاس ای زِہ یت شہرس ملکہ جنوبکہ
نُقطہ کھوور آسہ اَدہ یُت آسس تیوت روزِہ نماز گذارس جُدی برونہمہ عکس یَت کُن از میان
دوشانہ ڈلیت کھوورس ہکس کُن اَدہ یت شہرس ملکہ آسہ مشرق اعتدالیس کُن نماز گذارس
تتہ آسہ جُدے کھوورہ زِہ برابر اَتہ پٹھ کرقیاس یت شہرس ملکہ آسہ امہ کھوور بیہ یت
شہرس ملکہ آسہ بنقطہ شمالی بیہ یت شہرس ملکہ آسہ امہ نقطہ کھوور مغربس کُن خلاصۂ فرمائش محقق
طوسی علیہ الرحمہ چھہ زِہ قبلہ زانُنس چھہ سِتاہ وتہ اَسہل چھہ یہی زِہ آفتاب چھہ گذران بر
سر ملکہ یلہ آسہ جوزاس اٹھمس درجس یا سرطانس ترووُہمس طالبِ قبلہ تمن وُہن یہ شہرک
قبلہ ژہاڈان آسہ تمکہ طویلح نہ ملکہ طویلح تفاوت نظر تل انت امہ تفاوتچہ پرتہ درجہ بابت ژور
ژور دقیقہ گنڈت اَدہ یُت زمانہ سہ واتہ دچھہ اٹھمہ جوزا یا ترووُہمہ سرطان ژہاہی آسہ قبلس کُن

۷۵ پیں پتن ذہن دوپہرِت زہ ساعت تہ ژور دقیقہ

اززوال تیتہ زمانہ برونہ آسی سُہ شہرکس مغربکہِ طرفہ نتہ اززوال تیتہ زمانہ آسی سُہ مکس
مشرقکہ طرفہ کشیرِ سندِ پاٹھہ طول کشیر چھِہ اکہٹ آٹھہ درجہ طول مکہ ستہٹ درجہ تفاوت
طولین چھِہ اکترہ درجہ زمانہ اکِ چھِہ واتان زہ ساعت تہ ژور دقیقہ گدرِت ژھاے آسہ
کشیرِہ بطرفِ قبلہ تیتہ پاٹھہ ییہ استقبالس منز اعتماد کرنہ صحیح قطب نماس پٹھہ تہ قبلہ نماس پٹھ
ییہ دُن عادلن ہنزہ گواہی پٹھہ ییہ محراب مسلمان مسجدن پٹھہ ییہ تہندس مقبرس پٹھہ ییہ بر
ظن حاصل گے آسہ لس کافرہ سندِ قولہ . بینائیاہ آسن قبلکس تشخیص منز دوٚیم مطلب واجب
چھِہ روبقبلہ بیقین سپنن یُت تان تہ ممکن تہ دلیل یقینی بہم آسہ جایز چھِنہ نمو نشہ عدول کرُن
تہ ظن تہ دلیل ظنی عمل کرن یقین ممکن نہ آسِت روبقبلہ سپنہ بظن ادہ ییہ امارتہ سہ حاصل
آسس ہرگاہ کینہ امارت بہم آسن تمہ رنگہ زہ اکہ آسہ اکِت کُن قبلہ ہاوان بیاک بیت کُن
واجب چھِہ روبقبلہ کرن تی امارتہ زہ حاصل آسہ تمہ نشہ ظن اقوی سُہ نہ آسِت ادہ تی
امارتہ زہ ظن بیک آسہ اقوے بیو ختہ یتہ پکہ باقی امارتن اندر یورکُن قبلہ مشخص گو بیقین
یاظن جایز چھِنہ تمہ اعراض تہ جہتہ عرفیس پٹھہ اکتفا کرُن تیتہ پاٹھہ جایز چھِنہ تمہ دِچھن تہ کھوٚر
ڈلن تیوتاہ زہ ظن روزِنہ روبقبلہ آسنس کیتواہ بنہ زہ دِچھن تہ کھوٚور کم تے ڈلہ کانی
آسہ قبلہ ڈلنہ باپت تیتہ پاٹھہ درمحاذاتِ اجرام بعیدہ چھِہ مشاہدہ سپنان مانند محاذات
ستارہ ییہ یہ کینہ تمن ہُہ چھِہ ہرگاہ یتہ ینن اجتہاد تہ شہادتِ عدلین تعارض کرنس احوط
چھِہ پرت اکہ حابہ نماز کرن بتکرار یلہ تشخیص قبلہ بیقین تہ ظن متعذر آسہ جہتہ عرفیس کُن
چھِہ بس توجہ کرُن سُہ تہ یلہ ژور جہتہ منزہ مشخص کرُن متعذر آسہ ژورِ مرتبہ کرہ اکہ نماز
ژُن جہتن کُن پرت جہتس کُن اکہِ مرتبہ باوسعتِ وقت نتہ ترتیبی نماز ہ منزی جہتن کُن زہ
وقتس وسعت آسہ اختیار جہتہ چھس ہاپن تان دُی مرتبہ کرہ اک نماز دُن جہتن کُن یا تریہ
مرتبہ کرہ اک نماز ترن جہتن کُن آسنہ تردد مگر دُن جہتن منز یا ترن جہتن منز معتبر چھِہ
تکرار نماز اتہ تمہ رنگہ سپنن زہ یقین گژھہ نماز سپننس قبلس کُن یا نماز سپنن نہ دِچھن قبلہ

یا کھوٗوِ قبلہ تریم **مطلب** واجب چھُہ روبقبلہ روزُن پنجگانہ نمازن منز تہ تھندن تابعن منز سجدۂ سہوس تان احتیاطاً بیہ باقی واجب نمازن منز جنازہ نمازتان واجب چھُہ استقبال محتضر احتضارہ وزِہ تیہ پاٹھہ زِہ برپشت ساوہ لس تہ سر آسس نمازگذارس وچھین کُن بیہ چھُہ واجب استقبال سُہ دفن کرِنس منز تیہ کَنہ زِہ لرہ ساوہ لس تیہ بُت تہ شکم تہ پیش بدن روزِس قبلس کُن بیہ چھُہ واجب استقبال ذبح کرنہ وزِہ تہ نحر کرنہ وزِہ تیہ کنہ زِہ روبقبلہ رٹن پیش بدن حیوان بیہ تنندِہ ذبح تہ نحر جاے روبقبلہ آسُن چھُہ ذبح کرہ ونس احوط [2] مستحب چھُہ روبقبلہ آسُن دعا وزِہ بیہ قرآن پرنہ وزِہ بیہ ذکرہ وزِہ بیہ تعقیب وزِہ بیہ حاکم شرعس مرافعہ وزِہ بیہ سجدۂ شکرہ وزِہ بیہ بہنہ وزِہ مکروہ چھُہ روبقبلہ آسُن جماع کرہ نکہ حالہ بیہ پایجامہ دِرِ کرہ نکہ حالہ بیہ آب دہن تہ آب دماغ کڈہ نکہ حالہ بیہ بیہ حالہ زِہ منافی تعظیم آسِہ حرام چھُہ بُت تہ تھر قبلس کُن کرن بول تہ غایط کرنکہ حالہ تہ نہ کرن استبراء تہ استنجاء وزِہ چھُہ احوط نہ واجب ہرگاہ زانت روبقبلہ آسُن چھُہ واجب عمداً اگرہ خلل تت نمازِ منزے تہ کرِہ تہ باطل چھُہ نماز ذبح منزے تہ کرِہ تہ مُردہ چھُہ ذبیحہ احتضارس منز تہ کرُن چھُہ عصیان تہ کرتہ کرن نمازمیت صحت تمک چھُہ محل اشکال دردفنہ استقبال ترک کرنہ ایہ واجب چھُہ تدارک تمک مُرترادنہ برونہ مُرترادنہ پتہ یت تان نہ میت پاشیدہ سپنہ جاہل مسئلس تہ چھُہ یہی حکم بلہ مقصر آسِہ یُس جاہل بقبلہ آسِہ تمنزہ نمازِ ہند حکم سپن بیان ذبحس تہ احتضارس تہ دفنس منز چھُہ حکم ساقط یس یُورکُن خوش گھرس حیوان کرہ ذبح تیہ پاٹھہ ساوِہ میتس دفنہ وزِہ ہرگاہ کُنہ کُن قبلک یقین یا ظن کرت نمازکرہ تہ پتہ گھرس نش قبلہ ذِلِت آسُن اوسہ قبلہ تت تہ نمازگذارہ سندِس دچھنس طرفس مابین منز یا تت تہ نمازگذارہ سندس کھوٗورِس طرفس مابین منز ندتس دچھن نہ کھوٗور نماز چھُہ صحیح دوبارہ پرن چھُنہ نمازِ منزہ یہ خطا نیس یہ کینہ نمازِ منزہ کرُمت چھُس صحیح چھُہ تہ باقیکہ باپت پھیرہ قبلس کُن ہرگاہ زونن زِہ قبلہ اوس دچھن کُن یا کھوٗور کُن یا موتہ پت

سپن بیان بیہ استقبال میت نماز

[2] اقرب وزیرہ ... تہ لازم مزہ آسُن

پھیرہ روبقبلہ نمازِ منز ... رعایت پہن ... روبقبلہ نماز ...

وقتہ آسہ باقی تہ نماز کرِہ نووٕ چھنہٕ قضا تا حوطے چھہ قضا کرن سہ نماز یمٕن جایین نہ واجب
زانہ منز نمازِہ چھہ یہی حکم احوط بلکہ اقویٰ چھہ ناسی تہ جاہل ملحق نہ کرُن یتِ حکمس منز یُس
یمن تہ یلہ خطاء سہ کرن نماز نووٕ وقتس منز قضا وقتہ نبر ہرگاہ ظن بقبلہ آسِت از وقتِ نماز لبہ بقدر
یک رکعت ہیہ نماز کرن دیمہ رکعژ منز گژھِ نن در قبلہ خطا آسُن تتِ زِہ تمہ خطاء گژہ نماز نو کرن
مُمی نماز کرہ تمام بیہ کینہ چھنہ لازم تس بنابر اقویٰ ساقط چھہ استقبال اشتباہہ وزِہ بیہ نماز
خوف کران بیہ تمہ وزِہ ورندہ ژنس تس ایمن آسِہ نہ بیہ دریاس پیٹھہ ولس نماز کران
بیہ ربہ منز بند آسنہ وزِہ بیہ یس اکس زِہ دریاس آسِہ ژہانٹہ تران جہتِ قبلہ ڈلِت وقت
نماز گژھس تنگ تمی حالہ کرہ نماز بیہ نماز کران سوارہ در حالِ اضطرار بیہ نادہ منز ہرگاہ
بقبلہ پھیرن ممکن آسنہ بیہ بیمار زِہ تہر پٹہ ژنگت آسِہ نماز کران تسہٕ ممکن آسِہ محتضرہ سند
پاٹہ کرہ روبقبلہ بیہ اسیر ستہ یس اکس یموُ منز نبہ احوط چھہ نہ تکبیر احرام برہ روبقبلہ بیہ
یلہ خوف موتِ ذبیحہ آسِہ بیہ یلہ مست تہ باغی حیوانس زخم تہ عقر تذکیہ کرن یا آم شرم مقدمہ
چھہ سترت منز چھہ کینہ مطلب **مطلب اول** واجب چھہ پرت حالہ پرت مکلفس پنٕنین
عورتین پوشیدہ تھاون بیس مکلفہ سنزِہ نظرِہ نشہ مردس مردہ سنزِہ نظرہ نشہ تہ زنانِ سنزِہ
نظرہ نشہ زنانِ مردہ سنزِہ نظرِہ نشہ تہ زنانِ سنزِہ نظرِہ نشہ تم مرد تہ زنانہ اکھ اکس محرم
آسِتن یا نامحرم شوہرس تہ زنانِ سوا آقاس تہ کنیزِ سوا یمو سوا چھہ سارنی واجب پانس
سترِ عورتین کرن مُکلف سنزِہ نظرِہ نشہ غیر مکلف سنزِہ تہ آسی تمیزدار حرام چھہ در ہر حال
پرت مکلفس نظر کرن بیس مکلف سندن عورتن کُن تمیزدار نابالغ سندِن عورتن کُن نظر کرنس
چھہ اشکال اوسہ نزدیک بلوغ تہ آدہ چھہ سہ نظر قطعاً حرام سترِ عورتین علاوہ چھہ واجب
زنانِ سورُی بدن ولُن رُوے مان مُوے تان ہرگاہ کانژہ اوچھان آسِہ محرم یا نامحرم
بالتذاذ تہ ریبہ شوہرس سوا آسی نظر بے شہوت تہ ریبہ آدہ چھہ نہ نامحرم سنزی نظر وُلُن
واجب سورُی بدن زیورتان یلہ نبہ جاہی گندِت آسِہ حلقہ بند سہ حلقس منز نبہ سوا

اَتھوسوا احوطتے چھُس سترِ تمن تہ کرُن آما واجب چھنہ یہ زنانِ نامحرمس تھیِ وُلن چھنہ واجب
نامحرمس تہ چھہ تہ وُچھن حرام یتہ مردن چھہ حرام زنانن ہندن بدنن نظر کرن زنانن تہ
چھُہ تتہٗ حرام مردن ہندن بدنن نظر کرُن بتھِہ تہ اتھوسوا وُچھنہٗ نامحرمس بے شہوت تہ ریبہ
احوطتے چھہ زنانِ نامحرمس نظر نہ کرن تہس نہ اَتھن ۳ آما واجب چھُنہ امہ نظرِ کرُن اجتناب
آما واجب چھنہ مردس حرام نظرہ زنانِ ہنزہ پانس سارسی ستر کرن آما واجب چھُہ تس کرن
نہی از منکر واجب چھُہ سترِ عورتین مردس تہ زنانِ سترِ کل بدن حرام نظر آسنہ وِزِہ تیہ
نہ حرام نظر آسِہ واجب چھنہ تمن ستراہ تتہٗ بخلافِ سترِ برائے نماز ہو واجب چھُہ تمن نمازہ وِزِہ
ستر آسُن وچھان آستن تہِ وِزِہ کانہ یا وچھان متہ آستن خلوت جایہ تے نماز کرزہ یا محرم
ہنزے نظر سترِ نماز چھہ واجب **دیم مطلب** چھُہ ایزہ نماز صحیح آسنس جنازہ سِوا چھہ شرط
تہِ وِزِہ مردس سترِ عورتین آسُن زنانِ ستر آسُن سارسی بدنس بُتہ سِوا تہ اَتھوسوا ہتروپٹہ
بیہ کُھرو سِوا منفصلو پٹہ احوطتے چھُہ تس تمن تہ ستر آسُن خصوصاً تلپتن آما واجب جائے
سجدِ چہ سِوا پیشانی ہنزہ مگر کنیز تہ نابالغ کورِہ زہ تمن چھُہ روا کلہ ننی تھاوُن یہ سِوا تھاوُنہ
زنانہ میاہ موے ہنزہ نن سُنت چھُہ مردس سُورُی بدن وُلُن خصوصاً نافِ پٹہ کُھٹن تان کانے
چھُس اگُی جامہ تِت زِہ پوشیدہ تھاوس پوستگ نگہ حجم عورت تہ احتیاطاً نماز چھہ صحیح
زنانِ یلہ ستر کرت بُت تہ اَتھہ نُن تھاوت نماز کرِہ وچھان تے تہِ وِزِہ تس آسہ کانہ
گناہگار تے سپنہ یلہ کرِہ نماز شوہرس سِوا تس وچھون ہنزہ نظر زہ بشہوت تہ ریبہ آسس وُچھان
**ترِیم مطلب** چھُہ ایزہ نماز گذارہ سُند لباس بغیر مانند کلاہ گرہ پاک آسُن پرت نجاستہ نِشہ
تموسنی سا تو سِوا زِہ در نماز چھُہ عفو سپنہ مثرہ تہ سپُن در کتاب طہارت تفصیل بیان بیہ چھہ
شرط نماز گذارہ سُند سورُی رخت تہ لباس مباح آسُن ساترِ عورت تِمِک غیر ساتر عورت نہ
یمی کُن زہ ملک پنُن آسس سُہ یا آسِس مالک راضی سُہ وُلنس حاصل نہ رضائے مالک
سُہ وُلنس آسس زنانان چھُہ تسند راضی نہ آسُن یا شک چھُس تسندس نت راضی آسنس جائز

چھنہ ولُن سُہ تہ بیہ نماز کرن تت منز تمام لباس آستن ملکِ غیر نماز گذار یا جزوا تمُک
یا تت منز آستن تسند حقاہ زِہ مانعِ تصرف آسِہ تیہی ہُنہٖ شریک آسِہ سُہ لباس منز تہ یا گرنہ
آسِہ تس سیت یا ند آسِہ تس نشِہ یا لباس آسِہ از مالِ میت وُنہ آسِہ قرض تسند ادا کرنہ
**مسئلہ** ہرگاہ شخص یالس اکس خمس آسِنہ دِمُت تہ لباساہ بیہ تمہ مالہ منزہ سُہ ولِتِ گرنہ
نماز تمیاہ زِہ غصب چھُہ سُہ جامہ ناجایز چھہ سُہ ولُن نماز چھہ باطل تت منز **مسئلہ**
ہرگاہ کانسہ لباساہ قرض ہت ہنگہ وقتہ نیت آسِس ادا کرنس شہاہ چھنہ تت منز نماز گرہ نس
گرنہ تمہ وزِہ نیت ادا نکرن یا ادا کرن سُہ از حرام حکم بعضے از اعاظم علماء چھُہ زِہ غصب چھہ
سُہ لباس کینژ وچھہ ملحق گرمُت ہرگاہ ہنگہ وقتہ بالکل نیت ادا آسِنہ از حلال نہ از حرام
غصبی چھہ سُہ نماز چھہ باطل تت منز باطل چھہ نماز گرزی عمداً غصبی رختس منز زانت سُہ
غصبی اسن تہ ولن حرام آستن بلیہ زانت لی زِہ نماز چھہ باطل نت صحیح چھہ نماز غصبی رختس منز
یلہ نہ زانزِہ سُہ غصبی آسُن یا سُہ ولُن حرام آسُن یا یلہ یم دُنوہ مشن یا ایہ نماز تت منز
گرنہ مجبور آسَنہ یا ضرورتہ وزِہ بیہ آسِی لباس نماز گذار پوستِ حیوان تہ شرط چھہ
سُہ آسُن حیوان حلالِ گوشت تہ مُذکی جایز چھُہ آسی رختِ نماز گذار تسندِہ پیرگ تہ
موکُ تہ مونِ ہندُ تہ پرن ہند مذکی آستِ مذکی نہ آستِ پس صحیح چھنہ نماز یلہ رخت
آسِہ تمام یا کینژاہ حیوانِ غیر مذکی سندِہ پوستُک یا حرام گوشت حیوانسندِہ پوستُک
یا موکُ یا مونِ ہندُ یا پیرگ مذکی تے سُہ آسِہ گرزی نماز تت منز عمداً باطل چھہ
جہندہ خون آستن تس یا نہ بقدرِ ساتر واجبی آستن لباس یا تمِہ ختہ کم احوط چھہ ازالہ
گرُن جامس تہ بدنس پیٔں چیزاہ پاک چھہ فضلاتو منزہ حرام گوشت تہ طاہر العین حیوانسندِ
منزہ عرق ہُنہ دُوہُہ دہانُت آب ہُنہ بیہ یہ کینہ تمن ہنہ چھہ انسان سندِ و پاک فضلاتو
سِوا اما تسندیت فضلات مانند آبِ دہن تہ بینی تہ عرق بیہ ودی تہ مذی بیہ یہ کینہ
چھہ تسندِ و پاک فضلاتو منزہ پس ضرراہ چھنہ تمو خصوصاً یلہ ہنن آسن تس آلودہ آسِہ سر

جامہ تہ بدن تمام از حیوان غیر ماکول طاہر العین پاک چیز اتھ آسنہ محمول نماز گذارس ساتر آستن یا غیر ساتر ضرر چھہ نہ ننہ از حیوان پاک چیز اہ محمول ہنس شک آسہ از حیوان ماکول چھوا کنہ از غیر ماکول افوٲے چھہ زہ جایز چھہ محمول آسن یہ مشکوک آسہ شراکہ پوچ دٲن بہ بٹہ بہ بہ بکنیمن ہیہ چھہ ضرر اہ چھنہ جامہ تہ بدن آلودہ آسنس شمع سیت یا چھہ کہ مومہ سیت پانہ یا چھہ سیت بیہ مہ سندہ تہ پشہ سندہ تہ زوہ ہندہ زتہ سیت یا تولرہ ہندہ یا ہندہ بیہ کنہ فضلہ سیت یا تس حیوان سندہ زہ مین ہہ چھہ یا تہندو اجزاو سیت یتہ پانہ ہرگاہ لباسس پٹھ آسہ تہندو فضلا تو تہ اجزاو منزہ کینہ اہ صحیح چھہ نماز بلکہ ہرگاہ شک آسہ لباسس منز یہ چھوا اہ از ماکول کنہ از غیر ماکول نماز چھہ صحیح تت منز جایز چھہ در حال نماز ولن جاماہ زہ ازیشم خز آسہ یا سنجاب یا تہندہ پوستک آسہ بیہ چھنہ جایز مردس در نماز تہ در غیر نماز رخت طلاباف ولن بیہ زیور طلائی گنڈن طلائی واچ تہ تکمہ طلائی تہ کمربند ہہ یمہ حالہ چھنہ تس نماز صحیح ضرر چھنہ محمول آسنس طلا سکہ دار آستن یا سکہ رُست جایز چھہ مردس ولن ابریشمی جاماہ زہ آمیز آسہ تت زہ تت منز چھہ صحیح نماز حرام چھہ تس ابریشم خالصک جاماہ ولن نمازی کرہ تت منز باطل چھس مگر ضرورتہ وزہ جایز چھہ ابریشمی فرش پٹھ بہن لباسس سنجاف تمک کرن احتیاطاً ژورہ اُنگلہ اُنگجہ ملوت زیادہ کرن نہ سُہ اَت ہہ چھہ ٹوپہ ہندہ دم بیہ تکمہ بیہ موہ پن بیہ پہرنک قیطان قباے سند قیطان بیہ یُسہ دج رخس گنڈت آسہ بیہ جیبر چ دج جایز چھہ زنانن نماز منز تہ نماز سوا لباس حریر تہ طلاباف ولن بیہ طلا سیت پانس زینت کرن جایز چھہ مردستہ زنانن نماز منز تمو وراے لباساہ ولن تمک زہ زین چھہ نیران کیس ہش تہ کتان بیہ یہ کینہ چھہ تمو سوا ژورم مطلب چھہ مستحبات تہ مکروہات لباس نماز گذار مستحب چھہ نماز گذارس عمامہ بر سر تہاون نماز وزہ بیہ عمامس تحت الحنک تراون تت چھہ زہ طریقہ اکھ یہی زہ ژدستارک انہ ہنگنہ تل تہ بیس

مستحبات و مکروہات لباس نماز

طرفن لایس پاک یُہی زِ دستار پڑہ تراوہ برونہ کُن میل تھاوس یس طرفن کُن فِلاَ
متہ اتھِن ہُنگنہ تل بیہ چھہ مستحب نمازہ وِزِہ ژادر خصوصاً پیشواس بیہ زیر جامہ زنگن آسُن
پُورِ ستر تے تِمہ سوا آسِہ بیہ لباس متعدد آسُن نمازِ منز بیہ لباس نماز گذارس ترگ آسُن یا کتانک
بیہ سفید آسُن بیہ عقیق دارواجِ منز نماز کرن مکروہ چھہ نماز درلباسِ سیاہ مگر عمامہ تہ موزہ
تہ عبا اِتھِ سیاہی ژ سخت آسس تہ تیژھِس کراہت ژ سخت بیہ قرمز لباس منز بیہ سیر رنگ
لباس منز بیہ زعفرانی رنگ لباسس منز بلکہ بہتر چھہ اجتناب کرُن مطلق رنگین نشہ بیہ
چھُہ مکروہ عمامہ بے تحت الحنک بیہ تنگ رختس منز زِ بدن نما آسِہ یلہ تھاو لزن سہ
بیہ تھاپھرس تہ کرتِن منز زیٹھ تے آسِہ بیہ سنجاب سندس جامس منز بیہ ابریشم آمیز بافت
جامس منز بیہ زنانن حریر خالصکس جامس منز بیہ تس اکسندس لباسس منز زِ ازنجاسات
آسنہ اجتناب کران بیہ تسندس لباسس منز زِ حرامہ نشہ چھُنہ پت روزان بیہ نماز کرن ٹوپ
تہ ڈُورہ تہ عرق چین تہ واج تہ زیور رَخس آسِت بیہ زنانِ صداوارِ خلخال تہ رُنہ آسِت نماز کرن
بیہ نماز کرن صورت داروِاجِ اتھس آسِت بیہ چھُہ مکروہ نمازِ وِزِہ زنانِ نقاب آسُن بیہ
مردس دہان بند آسُن بیہ تھس لباسس منز سہ ولنہ آسس تفوقاہ پِنُن درنظر پانس بیہ نماز
کرن درلباسِ کفارِ تہ دشمنانِ دین بیہ مردس درلباسِ زنان زنانِ درلباسِ مردان بیہ چھُہ
مکروہ توشح تہ التحاف صماء تہ گو کھِرِ تل ژادر پھکس پٹ لاین کھوورس بلکہ یادچھنس تہ
پاکرِ تل اکُن جامہ تہ لایُن اکس شانس پٹ بیہ صورژ دار رختس منز بیہ بے ساق جوراب
منز بیہ کینہ تت ہُنہ چھہ بیہ نماز گذارس نہ آہن پانس سیت تھاوُن بیہ لباسِ چرکین
کثیفس منز بیہ قباے منز یلہ سخت گنڈت آسِہ سٹاہ کمو سیت یا کمر بند سیت تشیم

در مکانِ نماز

مقدمہ چھہ مکان نماز مکانِ نماز چھُہ سُی زِ بدن نماز گذارہ سُند نماز کران قیام تہ
قعود وِزِہ بیہ رکوع تہ سجودہ وِزِہ یت منز وِ بہ تہ تت پتہ روزہ **مطلب اوّل** شرط چھُہ یہ
مکان مباح آسُن بیہ برقرار آسُن بیہ نٹہ منز نہ آسُن بیہ ممکن آسُن نماز ہند کارت منز

بجا انِن نہ ژُھٹ آسن نہ تنگ تِمہ رَنگہِ زِہ افعال نمازٕ تت منز تمام سپنن نہ اداء بیہ نہ جاے
خوف آسن تمہ زنگہ زِہ حرام آسہِ ڈُہرن تتہ بیہ پیش قبرِ امام تہ برابر قبرِ امام نہ آسن بیہ نجس
آسن تَمہ زنگہ زِہ برنہ ایہ نماز گذارس جامہ تہ بدن بیہ نہ ایستادہ رُوز نچہ جاے تہ سجدٕ چہ
جایہ کھسہ وس آسن ژوُرِ اُنگلہ زِر بیہ ڈِکہ تہاوُنچ جاے پاک آسن نجاستِ مُسریہ تہ غیر
مُسریہ نِشہ تہ باقی اعضاں منز جاے نجاستِ مُسریہ نِشہ بیہ ڈِکہ تہاونچہ جاے آسن تِ
زِہ سجدہ چھہ تت پٹہ صحیح بیہ سہ جاے بے حاجب تہ مانع آسن جایز چھنہ نماز غصبی مکانس
منز تمام آستن غصب یا کینژراہ بے واسطہ مباح آستن تت پٹہ یا سٲہ واسطہ اہست

**مسئلہ** مکان نماز چھہ سُوری مباح امّا چار دیواری تہ سقف چھُس غصب اتھ اُوے چھہ
اِیزہ نماز چھہ تت منز صحیح زان زِہ نماز کرن چھہ پرتہ مکانس منز جایز غصبی سِوا غصبی آسہِ
اَوَسے زِہ بی سُند چھہ سہ مکان تمام یا کینژراہ یا چھہ نماز گذارس نیٖتیٖ امّا بیس چھُن دِمت
گرایہ پاٹہ یا تس بیس چھُہ تت منز حقاہ زِہ تت تصرّف کرہ نس چھُہ مانع پس یلہ نہ تس بی سُند
تت مکانس تصرّف کرنس رضا تہ اذن شرعی حاصل آسہِ یا سُہ راضی آسنس شک آسہِ
جایز چھُنہ تصرّف کرُن تت بیہ نماز کرن تت منز کرے زانت غصب آسُن ہِک بیہ مختار
آسِت سُہ نماز چھہ باطل مثلاً کانہ چھہ شریک تت سا سمہ حصہ تسندِہ اذنہ سِوا چھنہ نماز
رُوا تت منز یا آو گرہ نماز گذارس ہمیراثٕ امّا دُنہ چھہ دین میّت ادا کرنہٕ دین آستن بقدر
تمام ترکہ یا قلیل یا کثیر پس حق صاحبان قرض چھہ سارسی ترکس منز تمہ رَنگہ زِہ وارثٕ زانہٕ
تصرّف کرت سارسی ترکس تہندہ رضا تہ اذنہ سِوا اگرس منز تس ہیتہ سندس زانہ نماز کرت
گبرتے آسِن وارث تہس وارثہ سندِہ اذنہ زانہ نہ غیر وارث تہ ترکس تصرّف کرت گرس
منز نماز کرت مگر یلہ وارث آسہِ مُتدین تہ پریشان آسِنہ دینِ میّت ادا کرنس تہ وصیتس منز
وفا کرنس آسہِ مشغول بے پروا آسِنہ زانِ ترکس منز تصرّف کرت خصوصاً یلہ قرض ترکہ
خُتہ کم آسہِ امّا یلہ وارث اَتہ فکرِ آسن نہ تہ مُسامحہ آسِکسلین کارن منز قرض کم آستن یا بسیار

مکانِ نماز کیتھ گژھِ آسُن

تصرف کرُن تِمن ترکس منز بہُن گرس منز چھُہ تِمن حرام تہندس بِن رخصت دِنس چھُنہ شراہ
گرس چھُک حکم خانہ غصبی سارنے چھُہ نماز باطل تتھ منز مگر یلیہ وارث تہ قرضخواہ دُنوہ ادٕن
دِن اَمایت تہاوَن وَصیت چھُہ مشکل ژُر نکیاہ زِہ اَزمیت بَنیہ نہ اِذن تحصیل کرُن تیہ پانہ
آسی وصیتیاہ مالی ترکس منز یا واجب آسہ یِتیہ سنٛدِج ترکہ منزہ کڈُن اَما وُنہ آسن نہ دُنوی
مال ترکہ منزہ در امٕتھ وصیتٕر دفا تنج اداکرُمٕت یت صورژ منز چھُہ سُورُی ترکہ غصب
نماز تہ کانہ تصرفاہ چھُنہ تتھ سارِسی منز حلال تہ رَوا یا آسہ مثلاً حق راہ میں مکانِ نمازس منز
یعنے گِروآسہ پس جایز چھُنہ گِرونہاوہ وَلِنس تہ گرورٕٹہ وَلِنس تصرّف تہ نماز تتھ منز اَگ اَکندہ
اِذنہ سِوا یا تتھ جایہ آسہ برُونہ داتنک حق گیٛنسہ مثل مسجد زمکانہ چھُہ تیٚتہ برُونہ بوٹھمٕت جاۓ
چھُنہ اَدہ بیس سَہ ٹلُن تہ پانہ نماز کرَن کُنہ صورژ منز چھُہ نماز صحیح آسن تہ مشکل مختصر چھُہ اِہی زِہ
نماز چھُہ صحیح تیتی زِہ لباسک پانہ چھُنہ نماز گذارس تصرّف جایز تیتہ ملکیتن آسنہ عین تمک
یا منفعت ہِنک باجارہ رٕنہ یا تحبیبہ سیت یا کانسہِ ہندہ وَصیتہ سیت یا یمن ہُہ بیہ کُنہ کمیت
یا ماذون آسنہ باذن عام زِہ ماذون چھُہ تتھ منز پرٕتھ تصرّفاہ کرہٕنس یا باذنِ خاص زِہ
ماذون چھُہ تتہ نماز کرہٕنس خاص حاصل آسِس یہ اِذن صریح پاٹھہ زِہ یُس اَتھہ اِذن چھُہ دِیس بہی
کرٕ بیتہ یہ خوش کری یا نماز کرٕ تیہ یا بیہ کُنہ لفظ زِہ اِذن آسہ یا اِذنکہ معنیہ آسہ یا آسہِ ماذون
بفحوا یعنے اعتقاد آسِس مالک راضی آسنس یا آسِس یہ اِذن بشاہدِ حال سُہ گو اِذن مستفاد
آسُن امارا تو تہ علاماتو منزہ اِذن کاروانسرایہ اَژنک ہُہ بیہ یُس مکان تتھ ہُہ چھُہ زِہ جایز
چھُہ تتہ نماز کرن باذنِ شاہدِ حالہ اَژہ نکہ پَس ژٕہن جایَن چھُنہ نماز کرہٕنس محتاج باذن صریح
سَپَنی بشاہدِ حال معلوم مالک راضی آسُن یس بگمان رضا بَنِنہ در ملکِ غیر نماز کرن جایز چھُہ
نماز کرن صحران تہ تمن باغن منز زِہ عادتہ آسنہ منع تمن اَژہٕنس یتھ تان مالک راضی
نہ آسنک آثار ظاہر آسن نہ بلکہ جایز چھُہ یمن منز نماز ملکِ دیوانہ تہ یتیم تِمے آسن یتیہ پانہ
چھُہ جایز نماز کرن گرس منز مالسندِس تہ ماجہ ہندس بیہ فرزندہ سندس بیہ بُڈ بَبہ سندِ ستہ

نانہ ہندس بیہ باپندس تہ بنہ ہندس بیہ تیرہ سندس تہ پُپہ ہندس بیہ مامہ سندس تہ ماہہ
ہندس بیہ صدیق سندس یہندہ اِذنہ سوا یلہِ نہ یقین آسہِ یہندس ناخوش آسنس باذنِ
قرآنی زانہ یہند گرہ اَژت تہ غذا یہند کھت تہ یہندن گرن نماز کرِت عضبی جاے
چھہ نماز باطل ہرگاہ زانان آسہ عضب آسن سُہ تہ پنَنہ اختیار کرہ نماز تتہ اما ہرگاہ عضب
آسن سُہ زانان اُوسنہ نہ گرن گناہ نہ چھس نماز باطل ہرگاہ سُہ عضب آسن تہ نماز تت
منز باطل آسن زانان اُوس اما حرام آسن نماز تتہ اُوسنہ زانان گناہ چھنہ اُوسنہ (ادہ) نمازِ
منز قصدِ قربت حاصل یتس نماز چھس باطل نتہ چھس نماز صحیح ہرگاہ زانان آسِت سُہ عضب
آسن تہ مشراوُن تِیا زانان اُوسنہ نماز تتہ حرام تہ باطل آسن یا مشراوِن یم تہ نماز
کرن تتہ سُہ نماز چھہ صحیح ہرگاہ عضبی جاے نماز کرہ پنَنہ اختیارہ سوا اضطرارہ کِن
اَوی زِہ ظالماہ کرہ ناوِس زورہ نماز تتہ یا حبس کرِنس تتہ یا تتہ نیرنہ آسِس خوفِ
تلف پانس نماز چھس صحیح تتہ ہرگاہ تصرفِ نماز زیادہ آسِنہ تت مکانس تصرف
گرہ نِس ہپٹ پتھی ہُنزہ عاجز آسہ حرکت کرنہ نشہ یدی زن بواسطہ آسہ ایستادہ آسن
یا ہت یا بیہ کنہ حالاتو منزہ ہرگاہ تصرفِ غیر تصرف دران مکان زیادہ آسہ موقوف
چھہ تصرفِ زاید بہ اِذنِ مالک ہرگاہ اِذن دِینہ تصرف نبنہ گرن یتھی ہہ زہ نہی کرہ
ایستادہ نماز کرہ نس ہبتہ گڑہ کرن نماز ہرگاہ ہنس تہ منع کرہ ترمیس جانس اِذن دیہ نہ لازم
چھہ تصرفِ زاید لازم نیرن مرعی تہاوُن جایز چھنہ نماز واجب اصلی سوارہ تہ پکان گرن بیہ
نہ تختِ رَوانس منز تہ گاڈ منز پکان کرن بیہ نہ گاسس ہپٹ تہ نرس پٹ بیہ شتہرس پٹ تہ
پہنبس ہپٹ بیہ یہند پاٹھ یت پٹ نماز کران بدنس آرام آسنہ اما یت جایہ حرکت آسہ پانس
ناوہش ہیمہ بازہ ہہ نماز گذارس تتہ نماز کران آسِہ یا نس آرام تہ قرار حاصل نماز چھہ صحیح
تتہ اما قرار آسُن بدنس تہ مکانس نماز کران لازم چھہ اختیارہ وزہ اضطرارہ وزہ
چھہ جایز نماز کرن دُنون اضطراب آسِت اَخوط چھہ نماز نہ کرن یت جاے وُکن قرار آسہ

امانتہٕ منز چھہ تمہ جاے ہند پاٹہٕ زہ ازدہام چھہ تتہ تمہ رنگہ زہ نمازگذارس آسنہ اطمینان زہ
آخرس تان تھاوٕنم بآرام جایز چھنہ نماز تیہ خوف تہ خطر آسہ جنگ صف ہنہ زہ تیر تہ توپہ ا
پکان یا پوہ ونِس دیوارس تہ لرہ مل یا تیہ جانورن تہ درندن ہند خطر آسہ ہرگاہ وقت
نماز تنگ اوس بماے امن ہیم اوسنہ ژلان تتہ کرہ نماز ادا دوان آستن پکان یا
سوارہ خلاصی نہ تتہ آست لازم چھہ نماز کرن تیہ خوف آسہ کم جایز چھنہ نماز کرن پننہ اختیارہ
تیہ تالو تہ بام آسہ پست تمہ رنگہ زہ نمازگذار زانتہ سد ایستادہ روزت یا تیہ جاے تنگ
آسہ تمہ رنگہ زہ ستن ندن پٹہ زانتہ سجدہ کرت یا نمازہ ہندکار نمازگذار ہکنہ پننہ حالہ
کرت ہرگاہ نماز کرہ در نزد قبر مطہر نبی یا امام برابر روزنہ احتیاطاً تت بلکہ پت پہن
روزہ تت یا حایل آسس منزہ حایل سپنہ یس منز ضریح تہ صندوق چھہ تامل نماز چھہ باطل یتہ
نماز کران برنہ بیہ جامہ یا بدن تمہ نجاستہ سیت زہ معفو عنہا چھنہ بیہ چھنہ جایز نماز تتہ جاے
زہ تمکہ حرمتہ آسہ حرام تت پٹ ایستادہ سپن مضر چھہ بے شبہ تہزرتہ سنز وتہد نہ
روزہ نچہ جاے ہندہ تہ سجد چھہ جاے ہند ژورہ انگلہ ژہر گاہ تہزر آسہ یا بکب یا تھہ
ہرگاہ تہزر آسہ زمین دلہ ون آسنہ پس احوط چھہ وچھن ینہ تفاوت اسہ ژور
انگلہ زیادہ **مطلب دویم** شرط چھہ ذکہ تھاونخ جاے پاک آسن بیہ چھہ شرط باختیار تریو چیزو
منزہ اکاہ سہ آسن زمین یا آسن یہ زمین چھہ زوان ہرگاہ خوردنی تہ پوشیدنی منزہ
آسنہ یا آسہ کاغذ صحیح چھنہ سجدہ کرن بیہ کنہ پٹ میوسوا بیہ چھنہ صحیح سجدہ تت پٹ زہ
از زمین چھہ نیران نام زمین چھنہ تت پٹ جاری سپنان ساری معادن ہہ طلا تہ نقرہ بیہ
مس تہ برنج تہ آہن ہہ بیہ الماس تہ زبرجد تہ فیروزہ تہ عقیق تہ یاقوت تہ زمرد بیہ یتمن
ہہ چھہ صحیح چھنہ سجدہ کرن تت پٹ زہ حقتعالان چھہ ہیا کرمت از رویدنی انسان سندہ
کھنہ باپت پس ضرر چھنہ سجدہ کرہ نس بر عقاقیر ادویہ بیہ یہ کھنہ یوان چھہ دراگس منز
صحیح چھہ سجدہ بر کاغذ ساختہ تے آسہ تمہ چیزہ زہ سجدہ چھنہ تت پٹ صحیح حریر تہ ستر تہ

دربیان جای سجده

نکھان ہٕنہ چُونک اجزاءٕ تِے آسنس سیت اما مکروہ چھہ سجدہ یلہ نوشتہ آسہ سُہ سجدہ پیہ بر
غیرِ نوشتہٕ ہرگاہ سجدہ بیہ کتاب ژٕپٹ صحیح چھنہ آسی کتابت با جرم تہ از ماکا یصح السّجود علیہ
صحیح چھُہ سجدہ بر بُوریا تہ حصیر افضل چھُہ سارہ وی خُتہ سجدہ کرُن بر زمین افضل چھُہ تہ
خُتہ سجدہ کرُن برخاکِ حضرت امام حسین علیہ السّلام در خبر چھُہ از حضرت امام جعفر صادق
زِ سجدہ کرُن برخاکِ حضرت امام حسین علیہ السّلام چھُہ زمین نُورانی کران ستمس طبقن تان
بیہ چھُہ آسمانن ژٕٹان یعنے سُہ نماز چھہ البتہ مقبول درگاہ سپنان ہرگاہ نماز گُذارس بیہ نہ
یِموتریو چیزو منزہ کینژاہ سجدہ کرنہ باپت یابنس اما ہکنہ سجدہ کرِتھ تتِ پٹ سردی بکہ
یا گرمی بکہ یا جایہ تقیہ آسنہ بکہ ساقط چھُہ شرط آسن پیشانی تھاون تتِ پٹ واجب چھہ ادہ
پیشانی تھاون پنُنس جامس پٹ ستر کس یا کتانکس تتہ نہ بنت سجدہ کرہ معدنی چیزس پٹ تتہ نہ
بنت کرہ سجدہ اتھچہ تھرِ پٹ اما مقدّم تھاون معدنی بر پُشتِ دست سجدہ کرہ تس منز چھہ اشکال ہرگاہ
منز نمازہ مفقود سپنہ سُہ چیز زہ صحیح چھُہ سجدہ تتِ پٹ تیہ یا زِہ شر اوزلہ سُہ ہت مثلاً یا نماز
آسہ تہ راوہ تھہ گنہ کرہ نماز ہرگاہ وقت ہکُت تنگ آسہ اوی زِہ نماز باقل واجب بجا انس
سُنب یا اکس کعتس سُنب آسنہ وقت با وسعت وقت کرہ نماز نو بیہ چھُہ شرط پیشانی تتِ پٹ
قرار ہِن بیہ پیشانی تتِ پٹہ تھاون پس گُڈکی سجدہ یلہ لارت گژہ سجدگاہ یا رگ یا بیہ کینہ بیہ
سجدہ کرُن تتہ حالہ چھنہ جایز بلکہ واجب چھُہ تہ ڈِکہ پٹہ تُلن تہ ادہ سجدہ کرُن بیہ چھُہ شرط پیشانی تھاوُن
جایہ حایل نہ آسُن پس اُوسہ سجدہ گاہس یا گنگوس مثلاً زیادہ چرک تہ تل سجدہ چھُہ باطل تتِ پٹ
تریم مطلب چھُہ مکروہات منز مکانکن مکروہ چھہ نماز حمامس منز بیہ قبرستانس منز بیہ قبرہ پٹ
بیہ دُن قبرن منز رفعِ کراہت سپنہ اکہ گنہ حایل تھاونہ بیہ نماز کرُن قبر کُن رفعِ کراہت سپنہ
حایل برُونہ کُن تھاونہ بیہ نماز کران طویلن منز بیہ گُبن گند نیچہ جایہ بیہ تیروارن منز بیہ منز بلن
منز پاک تِے آسہ فرش تن منز بیہ حیوانن ذبح کرِنکن جاین بیہ تیہ بُول آسن کران خشک تِے آسہ
بیہ وتہ منز یکہ ونن ضرر نہ آسنہ وِزہ بیہ تیہ کثافتہ بکہ طبیعتس نفرت گژہ بیہ آب پکنیچہ دنہ منز

در مکروہات مکان مصلّی

یکان تہٕ نہٕ آسہ تہٕ وزٕہ . بیہ شورہٕ زار زمین منز بیہ آتشکدس منز بیہ رنن جاے منز تہٕ اشتغالن
منز بیہ آتش پرستن مندرس گرس منز بیہ نجس تہٕ شنفس پٹھ بیہ تیہ بروٗنہ کنہٕ آسہ نار ، روشن
یا شمع یا ژٕونگ وزان بیہ تیہ بروٗنہ کنہٕ آسہ صوٗرتاہ یا سکلاہ بیہ تیہ بروٗنہ کنہٕ آسہ نقشاہ زٕہ
تتہٕ کُن سپنہٕ مشغول بیہ تیہ بروٗنہ کنہٕ قرآن مُژٕرِت آسہ بیہ تتہٕ اُطاقس منز زٕہ صورژہ
تمثال آسن تتہٕ بیہ تیہ بروٗنہ آسہ دیواراہ زٕہ ژمٕر آسہ تتہٕ تری بالوعہ بیہ شراب خانس منز
بیہ تیہ بروٗنہ کنہٕ دروازٕہ آسہ وُت بیہ انسانن ورو بیہ ژٕن وادین اندر ضجنان تہٕ وادی شقرتہٕ
بیداء تہٕ ذات الصلاصل بلکہ یتہٕ زمین منز عذاب چھہ نازل سپنمُت بیہ چھہ مکروہ مردن
بیہ زنان نمازگران زنانہٕ بروٗنہ کُن آسن یا اکاہ تمو منزٕہ بیس دچھن یا کھوور آسن اما احتیاط
شدید چھہ تمن تتہٕ یاہ نماز کرن محرمن تان بلکہ احوط چھہ اکھ اکس برابر نہٕ سپنن تم نماز گران
کُنہ وزٕہ منز نماز تان پس محاذی یلہ سپنن اکھ اکس نماز گران دُنوہ گرن نماز نو پس چھہ بہتر از زٕہ
یت جایہ تم یکو نماز کرن زنانہ روزٕہ مردس تیہ نماز گران توتاہ زٕہ جاے سجدہ تند آسہ یتہٕ
مرد سنزٕہ ایستادہ آسنچہ جاے اما مکروہ چھہ نماز دُنون تہٕ پرنہ یکو تکبیر احرام نتہٕ چھہ
مکروہ تس زٕہ تیہ پرہ سہٕ بروٗہمس چھہ نماز بے کراہت کراہتاہ چھنہٕ یلہ تتہٕ اکھ مکلت باگ
نمازگرہ یا اکی میر ہوا تیہ یاہ چھنہٕ کراہتاہ تہٕ احتیاط بکار ہرگاہ تمن منز حایل آسہ یا دور
بدہٕ ذراع یا اکاہ آسہ بیرٕہ بیاک بن زمین پٹھ یا زنان آسہ مردس تیہ کُن تمہٕ چوسار و ے
صوٗرژٕ و منزٕہ چھہ ژٕجان زنان ہندہٕ سجدچ جاے آسن مردسندن کھرن پتہٕ سُنت چھہ
نمازگذارس سُترٕہ پانس بروٗنہ کنہٕ ہراوُن تیہ کنہٕ زٕہ بروٗنہ کُن رٕٹہ پانس دیواراہ یا ستوناہ
صحراس منز تہٕ ادٕہ بروٗنہ کنہٕ لوٗر یا کلاہ یا پالان یا بیہ کینہ تمن ہِہ یا تہزراوِ مژٕہ منزٕہ کینژاہ بردٕ
کنہٕ یا خطاہ کڈٕہ بروٗنہ کنہٕ پانس تہٕ تتہٕ نزدیک سپنہٕ ایستادہ بعضیو علما و منزٕہ چھہ
فرموومُت اقل مقدار تمُک چھہ اتھس گوسفند شنگہ اکثر چھہ اتھس گُرٕ شنگہ بنا بر مذہب
مشہور سترٕہ امام چھہ بس ماموٗمن ہندہٕ باپتہٕ ژٕورم مطلب مستحب چھہ نماز مسجد منز کرن

ذکر سترہ

فضیلت مسجد

ہمسایس تہٕ غیر ہمسایس دروصایاے ابی ذر چھہٕ منقول زہ یا اَبَا ذَرٍ اَلْکَلِمَةُ الطَّیِّبَةُ
صَدَقَةٌ وَکُلُّ خُطْوَةٍ تَخْطُوهَا اِلَی الصَّلٰوةِ صَدَقَةٌ یعنے بابر ترجمہ محقق مجلسے
علیہ الرحمہ ای ابوذر کلمۂ پاکیزہ تہٕ جان چھہٕ صدقہ یعنے یُسہ کتاہ ژہ وَنَک تمہٕ سنبہ وانفعاہ
مؤمنس اکِس مالاہ درراہِ خداذِ نَکُ ثواب چُھہٕ تتَ یا جان سخن یہ آسہ ازقرآن آسَتن یادعا
یا اذکار یا حکمہ منزہ یا معرفتہ منزہ سوٗ رُی چھہٕ صدقہ کِمیاہ زِہ شکر پرت نعمتِ سِندُ چھہٕ ای زِہ سُہ
صرف کرَن رضاے خداثہاندٕان زبان چھہٕ اکُ نعمِتاہ صدقہ تِمِکُ چھہٕ اِزِہ تمہٕ منزہ کہنہ
کتھہ نیرنہٕ زہٕ خدا سِپنِہ خوشنود تموٗ عِلمکُ صدقہ چھہٕ اِزِہ سُہ کرَن طالبن تمِکِن بدل کہٕرُن
ہِندُ صدقہ چھہٕ اِزِہ تموٗ خدا یتعاے سُند قرب ژہاڈُنس منز سعی کرُن یتہٕ کیاہ فرموٗمُت چھکہ
یِمہ پتہٕ یُس قدماہ ملکہ نماز جماعت مسجدِ منز کرنس کُن یا مطلق نماز کُن صدقہ چھہٕ تہٕ یا اَبَا ذَرٍ
مَنْ اَجَابَ دَاعِیَ اللهِ وَاَحْسَنَ عِمَارَةَ مَسَاجِدِ اللهِ کَانَ ثَوَابُهٗ مِنَ اللهِ الْجَنَّةَ
فَقُلْتُ بِاَبِیْ وَاُمِّیْ یَا رَسُوْلَ اللهِ کَیْفَ نَعْمُرُ مَسَاجِدَ اللهِ قَالَ لَا تُرْفَعُوْا فِیْهَا الْاَصْوَاتُ
وَلَا یُخَاضُ فِیْهَا بِالْبَاطِلِ وَلَا یُشْتَرٰی فِیْهَا وَلَا یُبَاعُ وَاتْرُكِ اللَّغْوَ مَا دُمْتَ
فِیْهَا فَاِنْ لَمْ تَفْعَلْ فَلَا تَلُوْمَنَّ اِلَّا نَفْسَكَ ای ابوذریُس اکاہ اجابت تہٕ قبول کرِہ
نادتہٕ دعوتِ داعیِ خدا یعنے نادس بانگِ سندِس زِہ لوکن چھہٕ خدای سِندہ طرفہ نادِ دوان
بنماز بیہ کرِہ جان آباد تہٕ معموٗر خدایسنزن مسجدن ثواب تسند چھہٕ خدایسندہ طرفہ بہشت
ابوذرن دُپ بابہ تہٕ دِ ذِمِین آسن فِداثِہ یا رسول اللہ کِتہٕ پاٹہ کرو خدایسنزہ مسجدہ آباد فرموٗکُ
یتہٕ کنہ زِہ صدا کرن نہ بلند مسجدِ منز بیہ مشغول سپنن نہ لغوتہٕ باطل گتھن چیز اہ مُلہ ہن نہ تہٕ کنن نہ
تتہٕ ترک کرلغو تہٕ بیفایدہ سخن ایِتس کالس ہِت چھکہ تتہٕ ہرگاہ یہ کرکنہ درقیامت کرکنہ ملامت
گمرینُن پانن یا اَبَا ذَرٍ اِنَّ اللهَ تَعَالٰی یُعْطِیْكَ مَا دُمْتَ جَالِسًا فِی الْمَسْجِدِ بِکُلِّ
نَفَسٍ تَنَفَّسَ فِیْهِ دَرَجَةً فِی الْجَنَّةِ وَتُصَلِّیْ عَلَیْكَ الْمَلٰئِکَةُ وَتُکْتَبُ لَكَ بِکُلِّ
نَفَسٍ تَنَفَّسْتَ فِیْهِ عَشْرُ حَسَنَاتٍ وَتُمْحٰی عَنْكَ عَشْرُ سَیِّئَاتٍ ای ابوذر ایتِس

کالس چھک ہیت مسجد منز حقتعالے کری عطا پرت اکہ نفسہ باپت زہ ژہ کڈک تہ درجاہ بہشتس
منز بیہ سوزن صلوات ژہ پٹ ملائک طلب رحمت کرن چانہ باپت بیہ پرت نفس باپت زہ
مسجد منز کڈک دہ حسنہ لکھنہ نامہ عملس منز ژہ بیہ گرہ نہ دہ گناہ محو یا اباذر اَتَعلَمُ فی
اَیِّ شَیءٍ اُنزِلَت هٰذِهِ الآیَۃ اِصبِرُوا وَصَابِرُوا وَرَابِطُوا وَاتَّقُوا اللهَ لَعَلَّکُم
تُفلِحُونَ قُلتُ لَا فِدَاکَ اَبِی وَ اُمِّی قَالَ فِی اِنتِظَارِ الصَّلوٰۃِ خَلفَ الصَّلوٰۃِ
ای ابوذر زانان چھکہ یہ آیہ کتھ منز آیہ ترجمہ تمک چھہ اکثر مفسرین ہندہ قولہ ایزہ ای جماعت
باایمان صبر کرو بر مشقت طاعات بیہ تت پٹھ زہ تھہو واتو سختیو منزہ دنیاچو تاب کرہ سختین
جنگ کرنچن با دشمنان دین کھوژو از خدا پرہیز کرو گنہونشہ دوہ زہ رستگار سپنو ابوذرن دپ
زاننہ بابہ تہ دِدین آسن فدا ژہ فرمووک یہ آیہ چھہ آمژ پارہ نس منز نمازہ نمازتہ یعنے یُس
اکاہ نماز ظہرہ نشہ مثلاً فارغ سپنہ مسجد منز روزہ تعقیبس مشغول بیہ یاد کرہ نس خدا یت تان
نماز دیگرک وقت فضیلت واتہ تت انہ جماعت بجا ین دن نمازن منز سپننہ مشغول بکار دنیا
صبر چھہ تم کرمت بر مشقت طاعت قدم چھس استوار کرمت نفس تہ شیطان سنزہ ہر منزہ
معارضس منز ینن پان چھس گندمت بر عبادت خدا انتظار کرن نماز دیگرس زہ یت بیہ کرہ
نفسس تہ شیطانس سیت معارضہ تہ مجادلہ تیار چھہ اومت تمن سیت جنگ کرہ نس در
کمین شیطان اوس زہ ایمانکس حصارس رخنہ کرسنہ یہی حال چھہ انتظار کرہ نس مابین عصر تہ
شام بیہ مابین نماز شام تہ عشاء بیہ باقی نمازن منز ہرگانہ کانسہ شغل ضروری آسہ ممکن
چھہ آنحضرتس آسہ مراد ای زہ یہ آیہ چھہ شامل یتہ شامل تہ چھہ ظاہر پاٹھہ جہاد کرہ نس
دشمن سیت تہ ممکن چھہ یہ آیہ نازل آسن یت منز خاص یا اباذر اِسبَاغُ الوُضُوءِ
فِی المَکَارِہِ مِنَ الکَفَّارَاتِ وَکَثرَۃُ الاِختِلَافِ اِلَی المَسَاجِدِ فَذٰلِکُمُ الرِّبَاطُ
اے ابوذر وضوء کامل تہ پور کرن سارو ی شرائطو تہ آدابو تہ سنتو سہ بجا انن سختین تہ نا ملایم
ہوہن منز چھہ کفارات و منزہ موجب کفارہ گناہان سٹھاہ مسجدن گژھن تہ مسجدن ملازم آسن

چه رباط زه حقتعالان چه یت آیه منز امر کرمت یا اباذر ان احب العباد الی المتحابین
بجلالی المتعلقة قلوبهم بالمساجد والمستغفرون بالاسحار اولئک اذا اردت
باهل الارض عقوبة ذکرتهم فصرفت العقوبة عنهم ای ابوذر حقتعالے چه فرماوان
زه یر محبوب چه بندو پنئو منزه مه تمه زه دوستی چهک پانوان تمه میانه مال حلاله یت زه دمت
چهم تمن مسجدن سیت چه دل تهند بنته استغفار چه کران از گناهان خود سحرن اندر یهی
جماعت چه زه یله اراداه کران چهس زه عذاباه سوزه باهل زمین یهنده برکته چهس عذاب
ته عقوبت یو کنه یت یران یا اباذر کل جلوس فی المسجد لغو الا ثلثة قراءة
مصل او ذکر الله او سائل عن علم ای ابوذر پرت جلساه ته آسناه چه مسجده منز
لغو ته بیفایده مگر تریو چیزو بابت نماز گذاره سنده زه نماز منز آسه قرآن پران پاتس
اکسنده زه بیاد خدا آسه مشغول پاتس اکسنده زه علم ته مسایل دین آسه علمان سوال کران
عین الحیاتس منز چه و نان زان زه حقتعالان چه دمت مسجدن خانه پنن اوی زه
خداوند عالمس چهنه مکان پننه قریب ته رحمته بابت چهس کینه جایه مقرر گره مژه دپنگ
پنن خانه یته پاٹه هرگاه کانسه خلقو منزه کانسه سنده احسانک توقع آسه تمسند گره چه گژان
پس چه مسجدن اندر رحمت ته فضل سبحانی زیاده یو جایو ختته واجب نماز زه ریا
نشه دور آسنه مکه چه زرتاکید مسجده منز گرنس یته پاٹه زکوة واجبی علانیه دن چه بهتر
تکیاه زه حق واجب ته دین لازم اد اکره نس ریاشو بنه آسن نماز سنت ته تصدق سنت
ظاهر اکثر احادیث چه ایزه بهتر چه تم مخفی کرن یته پاٹه از بعض احادیث چه ظاهر سپنان
زه نماز نافله گره کرن چه بهتر بیه چه از بعضے احادیث ظاهر سپنان نافله شب بلا
ساری نوافل چه بهتر مسجده منز کرن ممکن چه نماز شب خاص مسجده منز کرن آسه بهتر اوی
زه سٹاه لوک چهنه تت پٹ اگاه سپنان ته آست تمام نوافل مسجده منز کرن چه بهتر
نس اکس زه از ریاء آسه ایمن هرگاه از ریا ایمن آسنه گره کرن چه بهتر بسند معتبر از

حضرت امام محمد باقر علیہ السلام چھہ منقول زِ حضرت رسولن پرژھ جبرئیلس زِ کونہ بقعہ از
بقعہائے زمین چھہ خداوندِ عالمیانس زیٛژ محبوب عرض کرُن مسجدہ مسجدہ ہندِ دُلوگو منزٕ یمی
زِ سارِنے برونہ اژن تُت تہ سارِنے پتہ نیرن منقول چھُہ زِ در توریت چھُہ مرقوم زِ
حقتعالی چھُہ فرماوان خانہ ہائی چھہ در زمین مسجدہ یِس خوشاتس بندہ سندِس حالس
زِ ننِس گرس منز انہِ طہارت بجا مہ کرہ زیارت مینِس گرس منز بدرستیکہ ییٚن اکس زیارت گرنہ
آیہ البتہ لازم چھُہ تس نینِس زیارت کرہ وِنس اکرام گرُن البتہ بشارت دِہ تمن زِ راژہ منزِ
تاریکی منز چھہ مسجدن یوان یہی بشارت زِ در روزِ قیامت آسہ تمن نور تابان بسندِ معتبر چھُہ
منقول از حضرت صادق علیہ السلام زِ فرمُوٗک تہ پٹ چھہ مسجدن اژُن بدرستیکہ تمہ چھہ جائہائے
حقتعالی زمین یُس اکاہ باطہارت مسجدہ اژہ خدا کرِہ تس گنہونشہ پاک تس لکھہ ننِس زیارت کرہ وِنو
منزہ یِس سٕتاہ کرِو مسجدن منز نماز تہ دُعا مسجدن منز کرِو مختلف جاین نماز یکیاہ زِ پرت بقعہ
دِیہ در روزِ قیامت ننِس نماز پرَوُن سندہ باپت گواہی فرمو حضرت رسولن یُس اکاہ زِ فرائین
آسہ سُخن تس تہ مسجد آسہ خانہ تس خدا الدِہ تس کت گراہ بہشتس منز بیہ فرمُوٗک زِ یلہ حقتعالے
چھُہ وچھان جماعتاہ زِ گناہ سٕتاہ کران تہ تژن چھہ تمن منز مؤمنین تمن چھُہ نِدا کران اے
جماعت زِ گناہ مین چھو سٕتاہ کران ہرگاہ تہ منز مومن جماعتاہ آسہہی نہ تژہ زِ مین بالِ
حلالہ چھُہ اک اکس مہربانی کران زمین تہ مسجدہ مینہ چھہ آباد تھاوان بیہ چھہ سحرن منز استغفار
کران مینہ بیہ ہر آئینہ سوزہ ہا بہ تہ عذاب پرو اکرہ ہانہ از حضرتِ صادقؑ چھُہ منقول زِ
ترِ چیز گرن در روزِ قیامت خدائس شکایت خراب مسجد ازِ لوک تمِک آسن نہ تت منز نماز گران
بیہ عالماہ زِ جاہلن منز آسہ تم آسن نہ حرمت تسُند رچھان بیہ مصحفاہ زِ گرد بہہ تت
تت آسن نہ پران منقول چھُہ در وسایل از حضرتِ ابی عبد اللہؑ زِ فرمُوٗک یُس اکاہ پکُ
مسجدہ کُن کُہرِ تراوُن نہ کنہ رطبس تہ یابسس پٹ مگر تسبیح گرتسندِہ باپت زمین ستم زمین تان
تہ فرمُو تم جایَن عبادت کرنہ اینہ خداس کنہ چیزہ مثل خاموشی تہ یکنہ تسندِس خانس کُن

یعنی مسجدِ کُن تیہ چھُہ تَتھ منز منقول از حضرتِ رسولؐ یُس اکاہ پکہِ کُنہِ مسجدِ کُن خدای سُنز وُ مسجدو
منزہ تَسندِہ باپتھ چھہ پرت اکس قدمس زِہ تُلہِ پھیرت یِنس تان پننہِ جایہ دہ حسنہ مَحو
گرنہِ ین تس دہ بدِیہ بلند گرنہِ ین تسندِہ باپتھ دہ درجہ علامۂ مجلسی رحمۃ اللہ علیہ چھُہ در ثوابِ
نمازِ جماعت رِوایاہ لکھان آخرس منز چھُہ تَتھ یُس اکاہ پایہ خودکُنہِ مسجدِ کُن پکہِ نمازِ جماعتُ
باپتھ پرت قدمس زِہ تُلہِ نامۂ عملس منز لکھن تس ستت ساس حسنہ تس کِتھ گرن بیہ بلند
ستت ساس درجہ بیہ ہرگاہ اَتھ عملِ پتھ آسہِ تہ مرِہ حقتعالے کرِہ ساس ملائکہ مُوکل تس زِہ
قبرِ منز گرن عبادت تس در تنہائیِ قبر آسن مونِس تس تہ تسندِہ باپتھ گرن استغفار یُتھ
تان از قبر مبعوث سپنہ بیہ چھہ روایت کران از حضرتِ صادقؑ زِہ حضرتِ رسولنؐ
تھوو شرط ہمسایَن پتھ مسجدِ ہندِن زِہ نمازِ جماعتس سپنن حاضر منقول چھُہ برائے ہمسایگانِ
مسجد چھُہ مطلق نماز واجب مکروہ در بیرونِ مسجد منقول چھُہ از حضرتِ امیرالمؤمنین یُس اکاہ
مسجدِ ہمسایہ آسہِ بیہ آسہِ مکلّف تہ اُز واجب نمازہ گرنہ در مسجد نماز تسنز چھُنہ نماز از حضرتِ
امامِ جعفرِ صادقؑ چھُہ منقول زِہ در زمانِ رسولِ خدا صلّی اللہ علیہ وآلہ وسلّم کُر جماعتہ اکہ
تاخیر نماز گرہ تن مسجدِ منز حضرتن فرموو سُہ جماعتُ زِہ مسجدِ منز چھُنہ نماز کران عنقریب
اَنہ زِن تہ تھندِن گرن منز زالہ گرہ تھندِ زاکُھ تم بتہ افضل مساجد چھہ ژور مسجدہ مسجد الحرام
تہ مسجدِ نبیؐ تہ مسجدِ کوفہ تہ مسجدِ اقصیٰ افضل چھُہ یمن منز مسجد الحرام اَوی زِہ نماز چھُہ تتھ منز دہن
لچھن نمازن برابر نماز در مسجدِ نبیؐ چھُہ دہن ساس نمازن برابر نماز در مسجدِ کوفہ تہ مسجدِ اقصیٰ چھُہ
ساسَس نمازس برابر نماز پرت شہرکس مسجدِ جامعس منز چھُہ ہتس نمازس برابر مسجدِ جامع
چھُہ سُی مسجد زِہ شہرس منز آسنہ تہ ختہ بڈ کانہ یا سارِنی محلن ہند لوک آسن سمان تتہ
نماز در مسجدِ قبیلہ چھُہ پنژہن نمازن برابر نماز در مسجدِ بازار چھُہ ہن نمازن برابر افضل چھُہ
زنانن نماز گرن نیِنَن کُٹھن اندر افضل چھُہ کُٹھو منزہ کُٹھہ اَندرِم کوٹھرہ مخدع چھس
دِپان تیہ پاٹھہ چھُہ مستحب نماز گرن در مشاہدِ ائمہ علیہم السلام تِم چھُہ تِمی خانہ زِہ اگر گو

خدایتعالان آن ترفع ویذکر فیها اسمه ایزه رفعت دنه ایه تمن بیه ایه یاد کرنه تمن
منز نام خدا بلکه تم چهه افضل مسجد وخته بلکه تحقیق پاٹه امت چهه حدیث ای زه نماز در نزد امیر المومنین
علی علیه السلام چهه دن لچهن نمازن برابر بلکه کنه چهه ظاهر سپنان از مفاخرت کربلاته کعبه
کربلا چهه افضل کعبه خته والله اعلم **پانژم مطلب** احکام مسجد مسجد لده نس ته بنا کره نس چهه
ثواب عظیم منقول چهه از حضرت رسول صلی الله علیه وآله من بنی مسجدا فی الدنیا اعطاه
الله بکل شبر منه مسیرة اربعین الف عام مدینة فی الجنة من ذهب
ولؤلؤ ویاقوت وزبرجد یس اکاه مسجداه لده در دنیا عطا کره تس خدا پرت پاوه بابت
تمچه شهراه در بهشت بمسافت چهل هزار سال لداو تمک آسه از طلاته نقره بیه مختهٔ ته یاقوت
بیه زمرد از حضرت امام جعفر صادق علیه السلام چهه منقول زه یس اکاه لده مسجداه لده خدا
تس کت گراه در بهشت راوی چهه ونان یه کلام بوزت تس حضرته سند دهه اکه کمس ته مدینس
منز تهاوم جایه اکس انداندکنه اراده کرم زه زمین کرن هموار مسجد اکه باپت تان اوس سه حضرت
ته کن عبور کران عرض کرم زه فدا سپنه زه امید چهه زه ته آسه مسجده منزه فرمودن یلیه
زان زه مکانس سپنن مسجد هند احکام تل جاری یله مالک تمک کره وقف تت مسجد آسنه بابت
بصیغه وقف ته پاٹه زه دپه وقفته مسجدا قربة الی الله یعنے وقف کرم یه مسجد آسنه باپت
قربة الی الله یعنے براے اطاعت خدا اده پره لتسنده اذنه تت منز مسلماناه نماز صیغه وقف
سپننه پته زمین ته لداوتمه مکانک چهه هیره پٹه تا طبقه پائین زمین سوری مسجد اما هرگاه لده
ٹهراده هیرمی پهر تنها مسجد آسن یا بمه پهرک لداوی تنها نه زیر زمین تو ته چهه صحیح تتی چهه مسجد
هرگاه کانژاه مکاناه لده مسجد آسنکه قصده اده کره تت منز نماز کانه بانی سنده اذنه صیغه
وقف پرنه ته تهاون جاری تت پٹ احکام مسجد احتیاطا یه احتیاط کرن نه ترک هرگاه میرم
پهر سپن قترا مسجد آسن سه خراب گژنه پته آیا تیته تهزه رکس هواس چهوا حکم مسجد کنه نه
یه مسئله چهه محل اشکال یسه مسجد تیار سپنز آسه سه لوره نس چهنه علیاه هرگاه مسجد خرابی آسنه

سہ لورن چھہ بڈ لدنہ بابت جایز آسی لوکن احتیاج تمک یا آسہ تتہ منز صلاح ژر اما
سنگ وخشت تہ مصالح تمک یتہ تان ینہ تتہ لاگن یتہ پاٹھ سنت چھہ بنای مسجد تھہ پانہ
چھہ سنت مسجد نہ ستاہ تھزنہ ستاہ بڈ لدن بیہ طہارت خانہ مسجد نزدیک لدن بیہ مسجدس
ژونگ زالن منقول چھہ از حضرت رسول صلی اللہ علیہ وآلہ وسلم یس اکاہ ژونگ کنہ مسجد
مسجد ومنزہ روشن کرہ ملائک تہ حاملان عرش کرن تسند بابت استغفار یتہ تان مسجد منز
تمہ ژانگہ روشنی آسہ بیہ چھہ سنت مسجد اژنہ وزہ ملاحظہ کرن کھرہ بانس ینہ نجاستہ برت
آسہ بیہ اژنہ وزہ مسجد باوضو آسن بیہ اژنہ وزہ مسجد گڈہ دچھن کھر ژانن تہ یہ دعا پرن
بِسْمِ اللّٰهِ وَبِاللّٰهِ اَلسَّلَامُ عَلَيْكَ اَيُّهَا النَّبِيُّ وَرَحْمَةُ اللّٰهِ وَبَرَكَاتُهٗ اَللّٰهُمَّ
صَلِّ عَلٰى مُحَمَّدٍ وَّاٰلِ مُحَمَّدٍ وَافْتَحْ لَنَا بَابَ رَحْمَتِكَ وَاجْعَلْنَا مِنْ عُمَّارِ مَسَاجِدِكَ
جَلَّ ثَنَاءُ وَجْهِكَ یلہ نیرہ گڈہ کڈہ کھوورکھر تہ پرہ اَللّٰهُمَّ صَلِّ عَلٰى مُحَمَّدٍ وَّاٰلِ مُحَمَّدٍ وَافْتَحْ
لَنَا بَابَ فَضْلِكَ یا اژہ ون پرہ یہ دعا بِسْمِ اللّٰهِ وَالسَّلَامُ عَلٰى رَسُوْلِ اللّٰهِ وَ
صَلَوَاتُ اللّٰهِ وَصَلَوَاتُ مَلٰٓئِكَتِهٖ عَلٰى مُحَمَّدٍ وَّاٰلِ مُحَمَّدٍ وَالسَّلَامُ عَلَيْهِمْ
وَرَحْمَةُ اللّٰهِ وَبَرَكَاتُهٗ تہ نیرہ ون پرہ یہی دعا در حدیقۃ المتقین چھہ اژنہ وزہ اژہ
مسجد باسکینہ تہ وقار اوسے زہ مساجد چھہ خانہ ہائے خدا تعظیم خانہ چھہ صاحب خانہ سنز
تعظیم بیہ دپہ بسم اللہ تہ حمد خدا انہ بجا بیہ سوزہ صلوات بر محمد تہ آل محمد بہتر چھہ ایزہ یہ دعا
پرہ بِسْمِ اللّٰهِ وَالسَّلَامُ عَلٰى رَسُوْلِ اللّٰهِ اِنَّ اللّٰهَ وَمَلٰٓئِكَتَهٗ يُصَلُّوْنَ عَلٰى مُحَمَّدٍ
وَّاٰلِ مُحَمَّدٍ وَالسَّلَامُ عَلَيْهِمْ وَرَحْمَةُ اللّٰهِ وَبَرَكَاتُهٗ رَبِّ اغْفِرْ لِيْ ذُنُوْبِيْ
وَافْتَحْ لِيْ اَبْوَابَ فَضْلِكَ یا پرہ سہ دعا زہ گڈنیے سپن بیان ہرگاہ یہ دعا پرہ تہ برابر چھہ
اکس حج مقبولس اَشْهَدُ اَنْ لَّا اِلٰهَ اِلَّا هُوَ اللّٰهُ وَحْدَهٗ لَا شَرِيْكَ لَهٗ وَاللّٰهُ اَكْبَرُ
كَبِيْرًا وَّالْحَمْدُ لِلّٰهِ كَثِيْرًا وَّسُبْحَانَ اللّٰهِ بُكْرَةً وَّاَصِيْلًا وَّلَا حَوْلَ وَلَا قُوَّةَ
اِلَّا بِاللّٰهِ الْعَلِيِّ الْعَظِيْمِ وَصَلَّى اللّٰهُ عَلٰى مُحَمَّدٍ وَّاٰلِ مُحَمَّدٍ یلہ ارادہ کرہ زہ نیرو نزاوا

چھُہ مسجدہ رواںس پٹ روزہ تہٕ دپہٕ اَللّٰھُمَّ دَعَوْتَنِیْ فَاَجَبْتُ دَعْوَتَكَ وَصَلَّیْتُ مَکْتُوْبَتَكَ
وَانْتَشَرْتُ فِیْ اَرْضِكَ كَمَا اَمَرْتَنِیْ فَاَسْئَلُكَ مِنْ فَضْلِكَ الْعَمَلَ بِطَاعَتِكَ
وَاجْتِنَابَ سَخَطِكَ وَالْكَفَافَ مِنَ الرِّزْقِ بِرَحْمَتِكَ اَدہ کڈہ کھوُور کھُر تہٕ پرہ تے
یہ گُڈٕنِی نیرُنہٕ وزہ سپُن بیان ، بیہ چھُہ سُنّت یلہٕ مسجدہٕ اَژہ زہ رکعت اَنہٕ نمازِ تحیتِ مسجد بجا
اَژنہٕ وزہ ، بیہ اکثر اوقات مسجد تردد کرُن ، بیہ مسجد خوشبو کرُن ، بیہ مسجد منز روبقبلہ بہُن
بیہ حمدِ خدا بجا انُن ، بیہ صلوات سُوزُن ، بیہ حاجت از خدا طلب کرُن ، بیہ مسجد ڈوُن خصوصاً
برِیسوارہ دُہ بیہ شبِ جمعہ منقول چھُہ از حضرتِ رسول یُس اکاہ مسجد ڈُوِہ بریسوارہ دُہ بیہ شبِ
جمعہ تیٖر لَژہ کڈہ بقدر سُرمہ زہ اَچھن چھُہ لاگان حقسبحانہ وتعالیٰ کرہ تسندن گنہن آمرزش مکروہ
چھُہ سِتاہ تھٔد کرُن دیوار بینک مگر یلہ ہمسایَن محافظتہ باپت لازم آسہ ، بیہ تت پٹ کنگرٕ اَنُن
بیہ تتہِ آواز بلند کرُن ، بیہ تتہ شمشیر از غلاف کڈُن ، بیہ تت منز شعر پرُن ، بیہ تت منز شُنگُن
بیہ تتٕ منز کنُن تہٕ ہیُن ، بیہ تت منز امورِ دُنیا حکایت کرُن ، بیہ شُر تہٕ دیوانہ ترٲوُن زہ مسجدِ
اَژُن ، بیہ تت منز وضو کرُن از حدثِ بُول تہٕ غایط ، بیہ تتہ نُن کرُن عورتین یا ناف یاران
یا زانُو ، بیہ تتہ قضا پرُژھُن ، بیہ کانسہ تتہ حد کرُن ، بیہ مسجدِ ہندس دیوارس صورتاہ کڈُن
بے جانہ سنز مثلِ درخت ، بیہ بیہ کینہ تتٕ ہُہ تہٕ سوا ، بیہ مسجدِ منز تھک ترٲوُن ، بیہ مسجد اَژُن
سیٖ زہ از دہن آسہ تس بُوی رُہن یا پران یوان ، بیہ مسجدِ مکتب کرُن ، بیہ تتہ پنُن کار کرُن
خصوصاً ناو دست کاسُن ، بیہ تتہ کتھہ کرُنہ عربی سوا بیہ کُنہ زبان ، بیہ تتہ کریک دِن رُود مُت
لبنہ باپت ، بیہ تتہ زُو مارُن ، بیہ سنگریزہ بھد گیر لاین حرام چھُہ مسجد بطلا نقاشی کرُن بیہ
صُورتِ جاندار تھکس دیوارس کڈُن ، بیہ سُہ نجس کرُن ، بیہ نجاست تُت ژانُن ہرگاہ سبب
ہتک آسہ مسجد باپرنہ ایہ تمہ اتاعیباہ چھُنہ تُت اَژُن یس بابدن نجس یا جامہ نجس ہرگاہ مسجد نہ
ایہ نہ نجاست سرت ، بیہ سنگریزہ زہ فرشِ مسجد آسن مسجد نبر کڈُن ، بیہ تتہ ٹھرن جنُب تہٕ
حایض تہٕ نفساء ، بیہ یُس فرشاہ وقفِ مسجد آسہ درغیر مسجد ترٲوُن ، بیہ از زمین مسجد کینژاہ

پننس ملکس منز یا کوچس منز ژانُن بیہ میت مسجدِ منز دفن کرُن بیہ مصالحِ مسجدُ سہ خراب
گژھت درِ غیر مسجد لاگُن بیہ مسجدِ منز گُل ووُن واجبِ فوری چھہ ازالہ نجاست از مسجد
کرُن تس اکس زہ قادر چھہ تتہ پٹ جنب کرہ سُہ ازالہ غسل کرِت ہرگاہ غسل پرونہ تہ اکس
مُوجبِ مکث در مسجد ہرگاہ زانت زِہ مسجد چھہ نجس مشغولِ نماز سپدُن نماز چھس صحیح تہ گناہگار
سپدُن تے چھس حابہ تے نماز کرہ یلہ نماز کران نجاستِ مسجد آگاہ سپنہ نماز کرہ تمام
خاتمہ بیہ مقصد کہ چھہ وُن امرن اندر امرِ اول چھہ بانگ تہ قامتس منز منقول چھہ ازحضرت
رسُول صلی اللہ علیہ وآلہ یا اَبا ذَرٍ اِذا کانَ العَبدُ فِی اَرضٍ یعنی قفر فتوضأ اَو
تیمّم ثُمَّ اَذَّنَ وَ اَقامَ وَصَلّٰی اَمَرَ اللہُ عَزَّ وَجَلَّ المَلٰئِکَۃَ فَصَفُّوا خَلفَہٗ
صَفًّا لا یُرٰی طَرَفاہُ یَرکَعُونَ بِرُکُوعِہٖ وَیَسجُدُونَ بِسُجُودِہٖ وَیُؤمِنُونَ
عَلٰی دُعائِہٖ اَے ابوذر یلہ بندہ خالی بیابانس منز آسہ تہ وضو کرہ یا تیمم کرہ ہرگاہ آب
آسنہ اَدہ پرہ بانگ تہ قامت تہ نماز کرہ حق تعالےٰ کرہ امر ملائکن زہ صف دِن
تس پتہ تتہ صفاہ زہ زہ طرف نمک اکز نہ وچھت رکوع کرن تم تسندس رکوعس سیت سجدہ
کرن تسندس سجدہ کرنس سیت آمین دِین یلہ سُہ دعا کرہ یا اَبا ذَرٍ مَن اَقامَ وَلَم یُؤذِّن
لَم یُصَلِّ مَعَہٗ اِلَّا مَلَکاہُ اللَّذانِ مَعَہٗ اَے ابوذر یُس اکاہ اقامت پرہ تہ آذان پرہ
نہ تس سیت پرن نہ نماز ملائکو منزہ مگر تمہ زہ زہ تس سیت چھہ در حدیقۃ المتقین چھہ زہ در حدیث
صحیح چھہ منقول از حضرتِ صادقؑ زِہ تمو فرمود زہ ہرگاہ آذان تہ اقامت پرک ژِہ پتہ کرن
نماز زہ صف ملائکو منزہ ہرگاہ اقامت پرک تنہا ژِہ پتہ پرہ نماز اکھ صف ملائکو منزہ
تس حضرتس نشہ چھہ منقول زہ صف چھہ مشرق پیٹھہ مغربس تام در عین الحیات چھہ زہ در
بعضے احادیث چھہ ای زہ کمتر صف چھہ تتہ مابین مشرق تہ مغرب بیشتر چھہ مابین زمین تہ
آسمان یتہ چھہ تتہ منز زہ از حضرت رسُول زہ یُس اکاہ خالص برائے خدا آذان
دیہ حق تعالےٰ کرہ عطا تس ثواب ژتجہن ساسن صدیقن ہند تمندہ شفاعتہ اَژن ژتجہ ساس

گناہگار ہشتس بدرتیکہ یلہ بانگ دیان چھہ اَشہدُ اَن لا اِلٰہ اِلا اللہ نت ساس ملکہ
چھہ تس پٹہ صلوات سوزان بیہ چھہ تسندہ باپت استغفار کران در روزِ قیامت آسہ در سایہ
عرش خدا یت تان حقتعالے ازحساب خلایق فارغ سپنہ ثوابو منزہ دیہ نکو اشہد ان
محمدا رسول اللہ چھہ ژ تجہ ساس ملک لکھان یُس اکاہ نماز جماعتس حاضر سپنہ
تہ راچھ کرہ صفِ اولس پٹہ بیہ لبہ تکبیر اول امام کانسہ مسلمانس کرہ نہ آزار باگمن سند ثواب
کرہ خدا عطا تس دردنیا تہ عقبی بسند معتبر از حضرت امام محمد باقرؑ چھہ منقول زہ یُس اکاہ
دہ سال برائے خدا اذان دیہ حقتعالے بخشہ گناہ تس تیتہ مقدارہ زہ نظر واتہ تس بیہ تیتہ
مقدارہ زہ آسمان کن کھسہ صدا تس یُس تر تہ خشک زہ صدا انسند بوزہ باور کرن تس تت
منزہ ونان چھہ یُس اکاہ تسنزہ بانگہ نماز کران چھہ تس سیت تت مسجد منز تسنزہ نمازہ
ہند بہراہ چھہ تس بیہ ایت لسندہ صدا سیت چھہ نماز کران تیت حسنہ لبہ در حدیث بلال
چھہ از حضرت رسول منقول زہ بانگ چھہ امین مسلمانن ہند تھہندن نمازن تہ روزن پٹ بیہ
مازس تہ خونس تھہندس پٹ از حقتعالے کرن سوال مگر ایزہ عطا کرہ تمن کنہ امر کس
منز کرن نہ شفاعت مگر ایزہ قبول کرہ تھہند شفاعت بیہ فرموک یُس اکاہ برائے
خدا ژ تجہن ورہن بانگ دیہ خدا کرہ در روزِ قیامت تس باعمل اہل صدیق محشور یُس اکاہ
دہن ورہن اذان دیہ در قیامت کرہ بقدر آسمان اول نور عطا تس یُس اکاہ دہن ورہن
دیہ اذان خدا کرہ در قبۂ ابراہیم خلیل ساکن تس یُس اکاہ اکس ورہس دیہ اذان حقتعالے
کرہ در قیامت لسندن گنہن آمرزش کوہ احدکہ گبرہ تے آسنس تم یُس اکاہ خالص
برائے رضائے خدا اکہ نماز باپت اذان دیہ حقتعالے بخشہ گناہ پت کن کرمت
آسنس باقی عمرہ منز گناہ کرنس کرس راچھ بہشتس منز شہیدن ہندس درجس منز دیہ جائے
تس بیس روایتہ منز چھہ تس حضرتس نشہ منقول زہ فرموک ہوّ ذنس اذان تہ اقامتس منز
چھہ حقتعالے عطا کران لسندہ شہیدہ سند ثواب زہ پننس رتس منز آسہ دست و پالایان

بیس حدیثس منز فرمووک یُس اکاہ کُنہ شہرس منز مسلمانن ہندِ وشہرو منزہ اذان دیہ بہشت پیینہ واجب لس  در حدیقۃ المتقین چھیہ یُس اکاہ ستن ورہن اذان دیہ بواسطۂ رضاے خدا فردائے قیامت پیینہ حاضر تت صحراس منز بے گناہ  منقول چھیہ یلہ ملائک چھیہ اذانِ اہلِ زمین بوزان ونان چھیہ یہ چھیہ اذانِ اُمتِ محمد صلی اللہ علیہ وآلہ وسلم حق سبحانہ تعالا اس حمد کرنہ سیت پس چھیہ تم اِستغفار کران براے اُمتِ آنحضرت یُت تان تم ازنمازِ فارغ سپنن  اخبار چھیہ یت بابس بسیار

مبحثِ اوّل زان زہ اذان تہ اقامت چھیہ سُنتِ مؤکدہ نمازِ پنجگانہ باپت خاص پاٹہ اداء آسنہ وزِہ  تمہ قضا آسنہ وِزِہ حضرس منز تہ سفرس منز ارِرس منز تہ بیمارِ منز نماز کرتن بجماعت یا فرادے  مردس تہ زنانِ سخت تی چھیہ تاکید اذان تہ اقامت پرہ لس یتھ منزہ نمازِ ادائی باپت  بیہ نمازِ جہری باپت  بیہ تِمو منزہ خاص نمازِ شام تہ صبح باپت زیٚتھ چھیہ اذان تہ اِقامت منزہ تاکید آسنس منز اِقامت  بلکہ مردن لگِنہ اِحتیاطا ترک کرِن سُہ مگر تیہ ساقط چھیہ  اِقامت دِنیہ پتہ اکہ نمازِ باپت  ازنمازِ پنجگانہ  ساقط چھیہ رخصت پاٹھ اذان دُیمہ نمازِ منز ظہرہ تہ عصرہ منزہ  بیہ شام تہ خفتن منزہ یلہ اد اگرِ بن منزیمن دُن نمازن جمع کرہ  مانندِ نمازِ جمعہ یا ظہر تہ عصرِ روزِ جمعہ  بیہ اذانِ عصرِ روزِ عرفہ عرفاتس منز یلہ کرِہ تت تمہ دُیہ نمازِ ظہرس سیت  بیہ اذانِ نمازِ خفتن لس اکِس زہ عرفاتہ آسہ مشعرُ الحرام یِوان شبِ عیدِ قربان  ہرگاہ جمع کرہ شام تہ خفتن  بیہ اذانِ نمازِ عصر تہ خفتن یس زنانِ آسہ استحاضۂ کثیرہ تہ اک غسل کرِہ براے ظہرین اک غسل کرہ براے عشائین تہ تیمم نمازانہ برونہمہ سیت بجا تیہ پاٹہ مسلوس تہ یلہ اکی وضوہ کرہ زہ نمازہ کینہ نمازہ قضائی کرنہ وزِہ تاکید چھینہ اذان دینس  مگر گڈہ نچہ نمازِ باپتھ  بہتر تے چھیہ براے نمازِ غیرِ اول تہ سُہ دِین  ساقط چھیہ اذان تہ اِقامت دُنوے اکِندہ تم دِنہ نمازِ جماعت بات مسجدہ منز یلہ سَندہ کِنہ  حاضرہ سندہ کِنہ  غائبہ سندہ کِنہ زہ ہرگاہ تت وانہ تل زہ دِنہ آسن نہ نماز گذار متفرق سپیمت نمازِ ہنزہ جایہ  نمازِ جماعتکہ قصدہ اٚتن یا تمہ سوانت جماعت

در احکام اذان و اقامت

فصولِ اذان

ییت گرتن نماز یا بیں یا فرادٕے یلہ تہنز تہ تنز نماز ادا ہی تہ ہم وقت آسن بیہ کرِہ اکتفا بیمنزِہ اذانِ تہ اقامتس ستی زِہ حکایت کرِہ تمن بیہ بوزہ گنہ تم امام آستن یا غیر امام یلہ تمام کرِہ بیہ کینہ ناقص کرِ بانگ اذان تہ اقامتہ منزہ مبحث دُیم اقوٕے چھِہ زِہ فصول اذان چھِہ اڑواہ اللّٰہ اکبر ژور مرتبہ بیہ اَشہدُ اَن لَّا اِلٰہَ اِلَّا اللّٰہ بیہ اَشہدُ اَنَّ مُحَمَّدًا رَّسُولُ اللّٰہِ بیہ حَیَّ عَلَی الصَّلٰوۃِ بیہ حَیَّ عَلَی الفَلَاحِ بیہ حَیَّ عَلیٰ خَیرِ العَمَلِ بیہ اللّٰہُ اَکبَر بیہ لَا اِلٰہَ اِلَّا اللّٰہُ پرٕت اکاہ دُیہ مرتبہ اقامتس چھِہ سدہ افصل اکُ پہ اذانِ ہند پرٕت فصلاہ تہلیل پرُونہ دُیہ دُیہ مرتبہ ادہ قَد قَامَتِ الصَّلٰوۃ دُیہ مرتبہ ادہ دُیہ مرتبہ اللّٰہ اکبر دٕتِ لَا اِلٰہَ اِلَّا اللّٰہُ وِیہ اکی مرتبہ مستحب چھِہ صلوات سوزن بر محمد تہ آلِ محمد تس جناب سُند اسمِ مبارک یا دِ سپننہ وزِہ بیہ کامل کرن شہادتین شہادت دنہ سیت علی چھِہ ولی اللّٰہ تہ امیر المؤمنین درُ اذان تہ غیر اذان تیہ پاٹھہ ضرر چھِنہ تکرار کرِہ نس در شہادتین یا در حَیَّ عَلَی الصَّلٰوۃِ یا در حَیَّ عَلَی الفَلَاحِ تاکید کرنہ تہ مبالغہ کرنہ باپت لوگ سمنس تہ تہندس اعلامس اما سوٗری یہ چھِنہ بانگہ ہند و اجزاہ منزہ رخصت چھِہ تراوہ نس اذان تہ اقامتکو فصلو منزہ زنانِ کافی چھِہ تس اذانِ کنہ تکبیر تہ شہادتین بلکہ شہادتین تنہا اقامتہ کنہ چھِس کافی تکبیر تہ اشہد ان لا الٰہ الا اللّٰہ و ان محمدا عبدہ و رسولہ بیہ ئیں اکاہ ظاہر پاٹھہ اقتدا کرِہ مخالفس تقیہ کرن دٕپہ قد قامتِ الصلواۃ آخر اقامتس تان کھوژِسے صورتِ اقتدا قو گژہ نس اذان تہ اقامت تمام کرنہ بیہ مسافرس تہ ییس تعجیل کار آسِہ تم اذان تہ اقامتہ منزہ پرٕت فصلاہ پرن اکہ مرتبہ تہ چھِہ افضل اذان تمام پرنہ تہ اقامت تراونہ ختہ اما اقامت تمام پرن اذان ترک کرن پس دُور چھِنہ تہ با فضیلت آسن تمن دُون ہند پرٕت فصلاہ اکی مرتبہ پرہ نس پٹھ مکروہ چھِہ ترجیع مگر اعلام کرنہ باپت سُہ گو تکرار شہادتین کرن بلکہ دُور چھِنہ مکروہ آسن مطلق تکرار کنہ فصلک تہند و فصلو منزہ مگر اعلامہ باپت بلکہ سُہ تکرار چھِہ حرام شروع آسنکہ قصدہ یلہ کرزِہ ترجیع مبحث چھِہ تمن دُن ہندِن شرائطن منز

شرط چھہ پرت اکاہ اَذانِ تہ اِقامتہ منزہ بقصد قربت یعنی اطاعتِ خدا پرن با اخلاص یمہ فرضہ باپت پرہ سہ بیہ مُعیّن آسُن سہ فرض ورنیت مُشترک آسنہ وِزہ بیہ آخرس تان تتہ نیرتھ باقی روزُن بیہ چھہ شرط بانگ تہ قامت پرہ وُن عاقل تہ مُسلمان آسُن بلکہ مومن آسُن تہ بنابر اقوٰی امابالغ آسُن پس شرط چھنہ تہ دراذان اقامتہ سوا احتیاطا پس چھہ مُجزی تمیزدار شُر سُنز اذان اِعتناء چھنہ باذانِ غیرِ ممیز بیہ زنانن ہُنزہ اذانِ برائے غیرِ زنان تہ غیرِ محرم احوط چھہ محرم تہ کرنہ اعتناء تتھ بیہ چھہ شرط ترتیب تمن اندر تہ تہندن فصلن اندر یتہ کنہ زِ دُگہ دِیہ اَدہ اِقامت فصول پرت اکِس پرہ یمہ ترتیبہ وننہ آے پس یُس اکاہ گڈہ دِیہ اقامت اَدہ اَذان عمدًا نسیانًا تہ دوبارہ پرہ اِقامت یتہ تان نمازِ منز آو یتہ پاٹھہ ہرگاہ فصلاہ کُنہ فصل برونہ پرہ یا ترک کرہ دوبارہ پرہ تتھ بیہ یہ چھس آخرس تان بترتیب ہرگاہ مَشِتھ گوس حرفاہ اَذانِ منزہ یا دپوسنہ مگر قامتہ یتہ اَقوٰی چھہ زِ ہ کافی چھہ سہ اَذان یتہ فصل چھنہ مُضرتتھ شکہ گژہ تمن منز دوبارہ پرہ مشکوک فیہ تمِک مابعدہت آسی محل یتھ باقی محل گُذرنہ یتہ تت شکس سینہ اِلتفات اِقامت چھہ بیاک محل تتھ منز آسِت اِلتفات کرنہ پانہ اذان ہندس شکس زہ پرمہ کینہ اَدہ کتہ سپنہ تتہ اِلتفات اَذانِ ہندِس فصلکس شکس بلکہ قوی چھہ اَذان تہ اِقامتک پرت فصلاہ چھہ ننیس برونہمس فصلس نسبت بیاک محل بیہ چھہ شرط تمن منز تہ تہندن فصلن منز تہ نمازِ منز موالات زِ ہ زیادہ فصل کرنہ تمن منز یوت زِ ہ شرعیکس عُرفس منز چھنہ نتہ چھہ باطِل ضرراہ چھنہ تتھ فصل کرہ نس زِ ہ قادح موالات چھنہ شرعکس عُرفس اَندر بیہ چھہ شرط تمن منز عربی صورس پرن تم ہرگاہ کانہ چیزاہ تمو منزہ غلط پرہ باطِل چھہ سہ بیہ چھہ شرط بانگ تہ قامت وقت اژِتھ دِپن پس صحیح چھنہ پیش از وقت پرن پرت کاہ اَکاہ تمو منزہ یا کینژاہ کُنہ اکِس تمو منزہ مگر صحیح آسنہ وِزہ نماز ہرگاہ وقت اژِہ سہ پران احوط چھہ سر نو پرن بلکہ یُس دُن نمازن جمع کرہ اَدا گرنس منز کافی چھہ تس بانگ تہ قامت

دِینہ باپت گژہ نکہِ فرضک وقت ژامُت آسُن دُور چُھنہ جایز آسُن فجر سپنہ برونہ اذان دِنُن اِعلامہ باپت فرق چھہ اَذان اِعلامس نمازہ ہنزہ اذان سیت یہی زہ ضرور چھُنہ اذانِ اعلام نمازِ سیت آسُن بیہ چھُنہ جایز تاخیر کرُن تتہ از اوّل وقت نماز ہنزہ اذان خلاف زِہ تاخیر چھُہ سپنان تتھ یوت تاخیر نمازِ سپنہ بلکہ نیت چھنہ شرط اذانِ اعلام شرط حصول ثواب تِہ چھُس سُہ مسئلہ چھُہ تہ باپت مزُورِ رٹُن اَمّا ضرراہ چھُنہ رُوزی رٹُنس تس از بیت المال اقوے چھُہ اِجتناب کرُن از لحن تہ تغیر دراذانِ اعلام ژُورم مبحث

مُستحب چھُہ اَذان دِنس منز طہارت از حدث آسُن بیہ قیام آسُن بیہ کلام نہ کرُن درمیان تتھ بیہ اَذان دِینہ وِزہ بانگ رُوبقبلہ آسُن امّا اقامت پس طہارت از حدث آسُن چھُہ شرط تتہ منز مستحب آسُنس قیام تہ اِستقبال تہ ترک کلام چھُہ تاکید تہ خصُوصًا چھُہ مکروہ کلام قد قامت الصلوٰۃ دِینہ پتہ مگر یلہِ تعلق آسہ تتھ نمازِ سیت تمہ کلامک پاٹھِ زہ کرِنہ اِیہ اماماہ برونہ کُن کرُنس منز یا صف سِدّ کرنس منز بیہ یہ کینہ مین ہُہ چھُہ بلکہ یلہ اِتہ کلامہ دراے کلاماہ کرہ مستحب چھُہ قامت پرن نو بلکہ تاکید چھُہ قامژ منز مُعتبر آسُنس پُس چیزاہ مُعتبر چھُہ نمازِ منز آرام اِہُہ بیہ یہ تتہ ہہ چھُہ مکروہ چھُہ کلام کرُن بانگِ پرِت قامتہ برُونہ مُستحب چھُہ تمن منز پرِت فصلکس آخرس جزم دِن دم دِت پران بانگہِ منز پتُس پت پران قامژ منز اَمانہ تمہ رنگہ زِہ منافی آسہ نہ بقاعدہ وقف بیہ یت فصلکس آخرس اللہ چھُہ الف تہ ہاتمکِ پرہ نس منز ظاہر کرُن بیہ بانگہ منز اُنگجہ زہ گن منز تھاوُنہ بیہ بانگ پران آواز تہ دِن تہ بلند کرَن ہرگاہ بانگ مرد آسہ قامژ منز تہ چھُہ آواز بلند کرن مستحب مگر اَذان بُن مستحب چھُہ پرِت نماز ہنزہ بانگہ تہ قامژ منز فصل کرُن زہ رکعت نماز تمن منز پرِنہ سیت بہتر چھُہ تمہ آسنہ از نافلہ یا اکہ جلسہ سیت یا اکہ سجدہ سیت یا ذکرہ یتہ کنہ زِہ دِیہ سُبحان اللہ یا الحمد للہ یا دُعاییت یا کلامہ سیت درغیرِ نمازِ صبح بہتر چھُہ فصل کرہ نس منز درمیانِ اَذان تہ اِقامت نمازِ شام اقتصار کرُن

در فصل نمودن میان اذان و اقامت

قدم تُھنس یا سکُوتس یا تسبیح پٔر ییَتہٕ پاٹھہ چھُہ بہتر خاص پاٹھہ فصل کرُن قدم تُھنہٕ سیت مُنفرد
ہر گاہ فصل کرِہ بانگہِ باگہِ تہٕ قامتس منز سجدہ یا بہنہٕ سیت تِلہِ پرِہ یہِ دُعا اَللّٰھُمَّ اجْعَلْ قَلْبِیْ
بَارًّا وَعَیْشِیْ قَارًّا وَرِزْقِیْ دَارًّا وَعَمَلِیْ سَارًّا وَاجْعَلْ لِیْ عِنْدَ قَبْرِ رَسُوْلِكَ
صَلَّی اللّٰهُ عَلَیْهِ وَاٰلِهٖ مُسْتَقَرًّا وَّقَرَارًا یہِ دعا تہٕ چھُہ امہِ سجدہ وِزِہ آسُن لَآ اِلٰهَ اِلَّا
اَنْتَ رَبِّیْ سَجَدْتُ لَكَ خَاشِعًا خَاضِعًا ذَلِیْلًا فَصَلِّ عَلٰی مُحَمَّدٍ وَّاٰلِ مُحَمَّدٍ
وَاغْفِرْ لِیْ وَارْحَمْنِیْ وَتُبْ عَلَیَّ اِنَّكَ اَنْتَ التَّوَّابُ الرَّحِیْمُ بہی تہٕ پرِہ یہِ دُعا
سُبْحَانَ مَنْ لَا تَبِیْدُ مَعَالِمُهٗ سُبْحَانَ مَنْ لَا یَنْسٰی ذِکْرُهٗ سُبْحَانَ مَنْ لَا تَخِیْبُ
سَائِلُهٗ سُبْحَانَ مَنْ لَیْسَ لَهٗ حَاجِبٌ یُرْشٰی وَلَا اَبْوَابٌ یُغْشٰی وَلَا تَرْجُمَانٌ
یُنَاجٰی سُبْحَانَ مَنِ اخْتَارَ لِنَفْسِهٖ اَحْسَنَ الْاَسْمَآءِ سُبْحَانَ مَنْ فَلَقَ الْبَحْرَ لِمُوْسٰی
سُبْحَانَ مَنْ لَا یَزْدَادُ عَلٰی کَثْرَةِ الْعَطَایَا اِلَّا کَرَمًا وَّجُوْدًا سُبْحَانَ مَنْ هُوَ
هٰکَذَا وَلَا هٰکَذَا غَیْرُهٗ مستحب چھُہ مؤذن عادل نصب کرُن یُس خوش آواز تہٕ بلند
آواز تہٕ وقت شناس آسُن یُس بانگہِ وِزِہ سُہ تھزِس پٔٹھ آسُن مستحب چھُہ حکایت اذان کرُن اِعلاً
باپت آستن یُس یا نماز باپت نماز جماعت کرنہٕ باپت آستن یا فرادے مُحرم اذانِ سوا حکایت
کرُن گژھِ یہِ بانگ پرتہٕ پرُن یوزِہ ون تہٕ یوزنہٕ وِزِہ باعتنا فصل کرنہٕ سوا اتہ بدل حیٔ
علی الصلوٰة تہٕ حیّ علی الفلاح تہٕ حیّ علی خیر العمل پرِہ لاحول ولا قوة الا باللہ اتوے بی
چھُہ حکایت بہم سپنن تمہِ پانہٕ پرنہٕ اما اتوے تہٕ احوط چھُہ بدلے تھند پرُن یلہِ حکایت کرِہ نماز
کران یُس چھُہ اولے بدلے پرُن تھند یلہِ حکایت کرِہ خلاص منز اجتناب کرنہٕ باپت از کلام
آدمی بہتر چھُہ حکایت کرِہ وُنِس اَیِ زِہ دیِہ شہادتین بانگ نِند بوزنہٕ وِزِہ وَاَنَا اَشْهَدُ
اَنْ لَّآ اِلٰهَ اِلَّا اللّٰهُ وَاَنَّ مُحَمَّدًا رَّسُوْلُ اللّٰهِ اَکْتَفِیْ بِهِمَا عَمَّنْ اَبٰی وَجَحَدَ
وَاُعِیْنُ بِهِمَا مَنْ اَقَرَّ وَشَهِدَ یتہٕ چھُہ آمُت زِہ بوزِہ ون دیتمہِ وِزِہ وَاَنَا اَشْهَدُ
اَنْ لَّآ اِلٰهَ اِلَّا اللّٰهُ وَحْدَهٗ لَا شَرِیْكَ لَهٗ وَاَنَّ مُحَمَّدًا عَبْدُهٗ وَرَسُوْلُهٗ رَضِیْتُ

رَضِیْتُ بِاللّٰہِ رَبًّا وَ بِالْاِسْلَامِ دِیْنًا وَ بِمُحَمَّدٍ رَسُوْلًا وَ بِالْاَئِمَّۃِ الطَّاہِرِیْنَ ادہ
دین اَللّٰھُمَّ رَبَّ ھٰذِہِ الدَّعْوَۃِ التَّآمَّۃِ وَ الصَّلٰوۃِ الْقَآئِمَۃِ اٰتِ مُحَمَّدَ
اِلْوَسِیْلَۃَ وَ الْفَضِیْلَۃَ وَابْعَثْہُ الْمَقَامَ الْمَحْمُوْدَ الَّذِیْ وَعَدْتَہٗ وَارْزُقْنِیْ
شَفَاعَتَہٗ یَوْمَ الْقِیَامَۃِ منقول چہ از حضرت امام جعفر صادق علیہ السلام زہ یُس اکاہ اذان
صبح بوزہ دین اَللّٰھُمَّ اِنِّیْ اَسْئَلُکَ بِاِقْبَالِ نَہَارِکَ وَ اِدْبَارِ لَیْلِکَ وَحُضُوْرِ
صَلَوٰتِکَ وَ اَصْوَاتِ دُعَائِکَ اَنْ تَتُوْبَ عَلَیَّ اِنَّکَ اَنْتَ التَّوَّابُ الرَّحِیْمُ یلہ اذان نماز
شام بوزہ تہ دین اَللّٰھُمَّ اِنِّیْ اَسْئَلُکَ بِاِقْبَالِ لَیْلِکَ وَ اِدْبَارِ نَہَارِکَ بیا پرہ قامتہ تیہ یہ
دعا رَبِّ ھٰذِہِ الدَّعْوَۃِ التَّآمَّۃِ وَ الصَّلٰوۃِ الْقَآئِمَۃِ بَلِّغْ مُحَمَّدًا صَلَّی اللّٰہُ عَلَیْہِ
وَ اٰلِہِ الدَّرَجَۃَ وَ الْوَسِیْلَۃَ وَ الْفَضْلَ وَ الْفَضِیْلَۃَ بِاللّٰہِ اَسْتَفْتِحُ وَ بِاللّٰہِ اَسْتَنْجِحُ
وَ بِمُحَمَّدٍ صَلَّی اللّٰہُ عَلَیْہِ وَ اٰلِہٖ اَتَوَجَّہُ اَللّٰھُمَّ صَلِّ عَلٰی مُحَمَّدٍ وَّ اٰلِ مُحَمَّدٍ وَ
اجْعَلْنِیْ بِھِمْ وَجِیْھًا عِنْدَکَ فِی الدُّنْیَا وَ الْاٰخِرَۃِ مِنَ الْمُقَرَّبِیْنَ تیہ پاٹہ چہ حکایت
اقامت کرن تہ مستحب اما سر او ر چہ مقیمیں یعنے قامت دوئیں قد قامت الصلوۃ پتہ دپہ سہ اَللّٰھُمَّ
اَقِمْھَا وَ اَدِمْھَا وَ اجْعَلْنِیْ مِنْ خَیْرِ صَالِحِیْ اَھْلِھَا پس چہ حکایت کرہ وئیں حکایت
اذان نماز نماز ہندہ بایت بلکہ ہرگاہ بوزے اذان یا اقامت پس چہیں تی حکایت تہ کرسرس
منفرد سنز تمے آسہ سہ اذان یا اقامت سامع امام آستن یا منفرد نابرا قوئے بلکہ ظاہر
چہ مجزی آسن سی اذان تس اکین زہ اقتدا کرہ تس امامس اما معتبر چہ پور بوزن سہ اکتفا کرئس
اندر تمہ سیت پس ہرگاہ بوزنہ فصلاہ یا کم کرہ مؤذن فصلاہ پانہ کرہ تمام تت یمہ منزہ چہ معلوم
سپنان اذان ملفیق تہ چہ مشروع یعنے سہ اذان زہ گنیثراہ تمک بوزنہ سیت کنیثراہ پرنہ سیت
چہ اذان قامت ملفیق تہ چہ مشروع اذان ہندیا پٹہ مکروہ چہ باگہ منزکتہ کرنہ بیہ بگوت
طویل کرن بیہ دچہن تہ کہوور وچہن بیہ پرت اکاہ شہادتینو منزہ منفرد دیہ مرتبہ زیادہ
پرن بیہ اذان دین وتہ پکان بیہ اذان دین سوارہ آست بیہ اذان دین نماز عصر بایت

روزِ جُمعہ بیہ اَذان دِنِ نمازِ عصر باپت حاجیَن در عرفاتِ روزِ عرفہ بیہ تس اَذان دِنِ نمازِ عشاء باپت در مشعر الحرام حرام چھیہ اَذان دِنُن وقتِ نماز آژنہ برونہ اَذان اعلامی صُبح سِوا بیہ دِیُن اَذان منز اَلصّلوٰة خیرٌ من النّوم مگر تقیّہ وِزِہ پانژم مبحث چھیہ تِمن دُن ہِندِن حکمَن اَندر اَذان تہ اِقامت عمداً تراوت یا اَکاہ تِمو منزہ نماز کرن تکبیرِ احرام پَرِت چھنہ جایز نمازژُن تہ اَذان تہ اِقامت دِیُن آما ہرگاہ نِسیاناً تہ کُرن جایز چھُس تکبیرِ احرامہ پَتہ رکوع کرنہ برونہ نماز ژُٹن تہنِدہ باپت یا دِپوان نہ تمہ پَتہ بلِہ عزم کرہ نہ دِینس تم تہ تمہ عزمہ پھیرِہ منزہ آسہ زمانہ گُذرِوُمُت معتدّبہ یتہ پاٹھہ چھُنہ حکم تیتِس زمانس در تردّد رُوزِہ بہتر چھیہ یِتھ نماز ژُٹنہ وِزِہ صلوات سوزِن پَرنبی بیہ سلام کرن یتھ واجب چھُنہ ژُٹنہ باپت تس عدول کرُن بیس واجب نمازکُن ممکن تِتے آسہ تہ یتہ پاٹھہ مشروع چھُنہ عدول کرُن نافلہ نمازِکُن بنابر اقوائے ژُٹنہ نماز اَذان مشرا دنہ باپت تہنا بلکہ نہ اِقامتہ باپت بنابر احتیاط ژُٹنہ اِیہ نہ نمازکِنہ وقتہ بعضے فصول اَذان تہ اِقامت مشرادنہ بلکہ تہند بعضے شرایط تہ بنابر احتیاط جایز چھیہ نماز گذارس تِمو منزہ اقتصار کرُن اکسی پٹھ آما یلہ اِقامت دِیہ عزم آسِت اَذان نہ دِینس پٹھ اَدہ گرِس خوش اَذان تہ دِیَن اَذان دِیہ اَدہ دِیہ بیہ اِقامت ترتیب تہنز مرعی تہاوِنہ باپت ساری سَند پاٹھہ شیشم مبحث مُستحب چھیہ اَذان دِنِ مولودس دچھنس کَنس منز اِقامت دِین تس کھوُورس کَنس منز بیہ اَذان دِیُن خوفناک صحراس منز زِہ جادوگار جِنّن ہِند آسَن وحشتناک صُورژ ہاوان تم دفع گژھنہ باپت لُوک چھیہ تِمن غول بیہ پرام پرام چوک دِپان بیہ اَذان دِیَن تس اکِس در گوش زِہ ژھجہن وِہن آسنہ گوشت کھومُت تم سزاوار چھیہ آسن سہ دچھنہ کنہ بلکہ مُستحب چھیہ یہ تس اکسِندِہ باپت زِہ بدآسہ گومُت خُلق تس امرِ دوم شرطِ قبولِ نمازتہ تمامِ نماز چھیہ ہرگاہ صحیح آسہ اِقبالِ قلب آسُن تمام نمازِ منز تمکِن اقوالن منز افعالن منز در احادیثِ مُتواترہ نبویہ تہ امامیہ چھیہ آمُت نماز گذارس نمازِ منزہ یِت ہنہ منز اقبالِ قلب چھیہ تیتی چھُس مقبولِ درگاہِ خداے وَدُود نماز چھیہ مثلِ جسم اِقبالِ قلب چھیہ تتہ منز مثلِ جان

معمول اذان در صحراے خوفناک

نمازِ بے اقبال چہ زن میتِ بے جان ہرگاہ مُیاہ اقبال اُوسُ تتْ منز زَن چہ شخصاہ زہ از
جان آسہ رَمقاہ باقی لَتْ یہ اقبالِ قلب سَپِنہ در نماز شیو چیزو حاصل اوّل حضورِ قلب یعنی
فکراہ آسِنہ دِلَس تمہ سِوا زہ مشغول چہ تَتْ دیم تفہیم یعنی بفہم اَنُ یہ ونان چہ تریم تعظیم یعنی
نمازِ منز خدا اعظیم زانگ آثار ظاہر کَرَن ژورم ہیبت یعنی خوفاہ عظمتِ پروردگار در دلِ پنہ
تُکہ چہ حاصل سَپنان پانژم رجا یعنی اُمیداہ زِہ خدا یتعالے سَندِہ سعتِ رحمتُ تہ فضلس
یقین آسَنہ چہ بندس حاصل شَشیم حیاءُیس حاصل چہ بندس تقصیرِ طاعتس کُن نظر آسنہ
پس سزاوار چہ اِی زِہ کسالتَ تہ کہالت آسِتْ بیہ بندِہ آلودگی آسِت کرِنہ توجہ بنماز بلکہ
گُڈہ کرِہ دُور تمن تہ بِیہ یمہ سَبیت حضورِ قلب فوت گژس اَدہ سَپِنہ متوجہ نماز یلہ متوجہ نماز
سَپِنہ تہ سزاوار چہ زِہ یہ معنے انہ بخاطرِ پانس زہ بندہ ذلیل چہ زِ و پادشاہِ جلیل تنزہ عبادژ
منز اِیتادہ بیہ ہرگاہ سورُی دِل چہس نظر کرِت بجنابِ اقدسِ الٰہی پس بس چہ تِنے نتہ اَنِ
نظر مہ کُن چہ نظر تہ توجہ حقسبحانہ وتعالاس منقول چہ از حضرتِ رسولؐ زِہ یا اَبَا ذرّ
اُعْبُدِاللّٰہَ کَاَنَّکَ تَرَاہُ فَاِنْ کُنْتَ لَاتَرَاہُ فَاِنَّہٗ یَرَاکَ اے ابوذر تہتہ کُنہ کر عبادتِ خدا
زن آسہن سُہ اوچہان ژی چہن نہ سُہ اوچہان سُہ چہی ژِہ اوچہان در حدیث چہ زِہ ہرگاہ
بندہ متوجہِ غیرِ حقسبحانہ وتعالی سَپِنہ خطاب چہ واتان زِہ اَی بندہ کَس کُن چہک متوجہ سَپنان
آیاتس اکس کُن زِہ بہتر چہ بِنہ خَتہ ہرگاہ تریہ مرتبہ توجہ کرِہ بغیرِ خدا اَدہ کرِنہ بیہ حقسبحانہ تعالے
نظرِ رحمت تس کُن توجہ کرِہ نکو مرتبو منزہ چہ اقلِ مرتبہ یہی زِہ بندہ انہ بفہم یَن لفظن ہندِ معانی
بیہ زانہ مخاطب گرِنہ وِزہ زِہ کَس سَبیت چہس خطاب کران بیہ زانہ زِہ پرت خطابس منز
چہس صادق مثلاً اِیَّاکَ نَعْبُدُ وَاِیَّاکَ نَسْتَعِیْنُ پرِنہ وِزہ زانہ زِہ مُراد چہ امہ خطابہ منزہ
ژی چھی اس عبادت کران بیہ نہ کینہ ژی چھی اس یاری منگان بیہ نہ کینہ پانس زانہ تِل
صادق زِہ پرستش آسِنہ کران نفسانی خواہش یا ری آسِنہ ژہاڈان از غیرِ خدا تکبیر پرِنہ وِزہ
گرِہ عظمتِ خدا ملاحظہ از حضرتِ امام ہمام ابی عبداللہ جعفر بن محمدٍ الصادق چہ منقول زہ

یِلہ تکبیر دِوان تہ خدایُن کرِہن بہ بزرگی تہ عظمت یاد سزاوار چھہ تِلہ زِ غیر حق سبحانہ وتعالیٰ آسہ
چانِہ نظرِ حقیر بدرستی کہ ہرگاہ بندہ تکبیر دِپہ تہ خدشاہ آسن ازبزرگی غیر در خاطر اوی زِ خدیس
سِوا آسہ بیس تہ بزرگ زانان خداوندِ عالمیان فرمادہ زِ ای دروغگو مِہ چھکہ فریب دوان
قسم چھم پننہ عزت تہ جلالک زِ ہرآئینہ کرت ژٕہ پننہ ذکرِ ہندِ حلاوت نِشہ محروم بیہ کرت
ژٕہ پننہ قربہ نِشہ محجوب بیہ کرہ لذتِ مناجات ژٕہ نِشہ مرفوع ہرگاہ بندہ عظمتِ الٰہی ملاحظہ
کرِہ یتہ پاٹھہ پزِہ زِہ اَدہ پزِہ زِہ اَقلاً گنزرِہ حقیر شیطانس تہ دُنیاس تہ نفسِ امارس تہ ہوائے
نفس دِلس منز آسنہ یتہ کنہ زِہ ین کرنہ متابعت ہرگاہ ین متابعت کرن بخاطر آسس
حق سبحانہ وتعالیٰ چھُنہ یہندِہ ختہ اعظم تہ ژٕ باعظمت زُنمُت بلکہ یمہ آسن خدا تسند یتہ پاٹھہ
پانہ حق سبحانہ وتعالیٰ چھہ فرماوان اَفَرَاَیتَ مَنِ اتَّخَذَ اِلٰـھَہٗ ھَوَاہُ یعنی ابا وچھتھا سُہ زِہ خدا
پنُن چھس کرُمُت ہواے نفس یہ ہواے نفس چھس طلب کران متابعت چھہ تس کران تیہ
پاٹھہ چھہ خدایتعالیٰ فرمودمُت اَلَمْ اَعْھَدْ اِلَیْکُمْ یَابَنِیٓ اٰدَمَ اَنْ لَّا تَعْبُدُوا الشَّیْطٰ
اِنَّہٗ لَکُمْ عَدُوٌّ مُّبِیْنٌ یعنے عہد کرُمنا تہ سیت اَے فرزندان آدم زِہ بندگی شیطان مکرو
خلاصہ مقالِ بعضے اعلام چھہ درین باب سزاوار چھہ نماز گذارس باقبال دِل باخشوع تہ خضوع
تہ باسکینہ تہ وقار آسُن بیہ چھہ سزاوارِی زِہ نماز کرِہ نماز کرنہ پاٹھہ وداع کرِہ وَن سندہ
تتہ پس تجدید توبہ تہ انابہ کرِہ استغفار کرِہ سارِنی حالن منز آسس فکر پنُن پنُنس سیدس تہ مولی اَندس
طاعتس منز بیہ پِی زِہ ایستادہ سپنہ پیش پروردگار خود ایستادہ سپننہ پاٹھہ بندہ ذلیل پیش مولائے
خود بیہ پِی زِہ زانِہ یہ ونِہ بیہ پِی زِہ کس سیت چھس بہ مناجات کران تہ کس چھس سوال کران
بیہ پِی زِہ صادق چھہ پننس گفتارس منز یتہ پاٹھہ سپُن بیان بیہ پِی زِہ باطن تسند آسِہ موافق
تتہ زِہ یہ ظاہر چھہ تس پرستش کرنہ منزہ در رکوع تہ سجود بیہ یہ تمن ہِہ چھہ ہرگاہ باطن
موافق آسنہ ظاہرس قبیح گنیثراہ درزی حسن یس اکس فکر آسہ قاصر تس ٹیہ چھہ لازم مطالعہ
کرُن یہ کِہمت چھہ عُلماو دراسرار الصلوٰۃ یس بندس نماز کران دِل آسہ دُنیا کن کارن گسِت

کتھہ کرہ خلقو منزہ اَدنٰی پایہ کینہ سیت سوٗرہی لِ آسِس تس کُن ہرگاہ سُہ تامل کرِہ اَتھ منزہ
زانِ زِہ رفتار چھنہ تس نِنِس ستیِ دِس تہٕ موٗلاس سیت در نماز کران لَس اَدنٰی پایہ سَندِ یُوت سَنِنس اَدِہ اِس
اِمِہ تاملہ تہ حیاءٕ کِن دِلس آب ہرگاہ آسہ از اہلِ حیا پس انسانس پزِہ بدل کرن توانائی پنٕنچ دوٗر
روزہ لَس منز نماز اَندر نفسکِہ گفتگو نشہ بیہ در امورِ دنیا فکر کرنہ نشہ یتہ پاٹھ سزاوار چھہ تس بدل
کرن توانائی پنٕن حذر کرنس اندر شیطانَ سَندِ مکر و تہ فریبو نشہ بیہ مصائد و تہ دامو نشہ اَوی زِہ
سُہ چھہ ہمیشہ عابدس ژلان ہت عبادَتہ منزہ شک کرہ ناوان چھس عبادژ منز بہران چھس توجہ
آسنہ نشہ عبادژکُن بلیہ پزہ ناوہ انسان مکر تہ فریبِ شیطان خاک مال کرِہ بنی لَس یتہ کنہ زہ مخالفت
کرِس اطاعت کرِسنہ نوکرہ نس منز عبادت ازہر ژنس اندر سُہ نا امید کرِس طمع کرنہ نشہ تت
منز تسندِ و دامو منزہ چھہ اَکھ بِہی زِہ عابدس منز چھہ عجب انان یُت مانع آسِس عبادت قبول
سپننس تِچیاہ زہ بندس یا عجب چھنہ بدرجہ قبول و آتان چیراہ بلکہ گُنہاہ زِہ عاقبت آسس ندامت
بہتر چھہ از نماز با عجب یتہ پاٹھ عجب تہ خود پسندی چھہ مانع نمازہ قبول سپننس بند کرن کوتاہ
تہ واجبی حق بیہ زبانِ ناشزہ آسُن بیہ حسد تہ تکبر بیہ غیبت بیہ حرام خوری بیہ شراب خوری
بلکہ بمقتضائے قولِ حقتعالے اِنَّمَا يَتَقَبَّلُ اللهُ مِنَ الْمُتَّقِينَ یعنی قبول چھنہ کران خدا مگر از
پرہیزگاران کانسہ فاسقس سپننہ نماز قبول در منہج الرشاد چھہ لکھان زانِ زِہ نماز چھہ میزان
اَعمال تہ معیارِ اعمال بیہ عمودِ دین تہ مناطِ قبولِ اعمال ہرگاہ بندس قبول سپننہ نماز مقبول
عملن منز سپننہ درج قیامتس منز تسنزہ بیہ کُنہ عمل کرن نہ نظر شرطِ قبولِ نماز چھہ اقبالِ قلب
یعنی دِل آسُن نمازِ کُن خدا یتعالاس کُن یتہ پاٹھ سپُن بیان پس نمازِ بے اقبال چھہ مردود یعنی
سُہ دِن پھیرت نماز گذارس معنی پھیرت دِنک چھہ یِ زِہ سُہ کرنہ دن نہ اجراہ لَس صحیح تی
دِین تَس بظاہرِ شرع یعنی بظاہرِ شرع دِین نہ اعادہ تہ قضا کرن عقاب کرن نہ تمکس ترکس پٹھ
بعضیو چھہ دُنمت زِہ معنی عدمِ قبول چھہ یِ زِہ قبول سپننہ کامل قبولہ برہر تقدیر بلیہ نماز
قبول سپننہ قبول سپنن نہ باقی اعمال مصیبت چھہ سنگین سپنان از نمازہاے اغلبِ ناس

خ نشتہ پاٹھ چھہ مانع نماز قبول سپننس

بیہ تہنز و باقی عملو ہلاکتِ ہمگی چھہ پید اگژان اما عظیم تہ رحیم خدا یتعالان چھہ پننہ لُطفِ عمیم
سیت تدارک تہ تلافی نافلہ نمازہ تہاوِہ مژرہ زِہ یتہ شکستہ چھہ گنڈان پُور چھہ یہ ناقص کران
یمہ تلافی سیت یعنی نافلہ نمازہ کرنہ سیت چھہ واجب نمازِ بے اِقبال قبول سپنان تہ چھہ
باعثِ سپنان قبول سپنس ہمہ اعمال اما یتہ چھہ مسئلہ بیاک زِہ آیا توجہ تہ اقبالِ قلب
یمن نافلہ نمازن چھا پانس منز شرط تلافی کرنہ باپت واجب نمازِ بے اِقبالس کِنہ صحیح نافِلہ
بے اِقبال قلبِ سیت آسن تدارک تہ تلافی چھہ واجب نمازِہ زِہ بے اِقبال آسہ شہیدِ ثانی
اعلی اللہ مقامہ چھہ فرماوان یہ چھہ فراخیاہ تہ لطفاہ از جانبِ خدا زِہ نافِلہ کرنہ سیتی صحیح
پاٹھہ چھہ تم تدارک تہ تلافی کران تامل چھہ اَتھ منز بعضے فقہان دپان چھہ یمن منز گژھہ آسن توجہ
قلب اَدی زِہ تلافی چھہ بے توجہی ہند قولِ اول چھہ اقرب بفراخی لطف تہ بفضلِ الٰہی یہ
پتہ موانعِ قبول نماز فرماوت چھس لکھمت تریم مطلب چھہ تمن کارن منز زِہ اجرِ نماز چھہ کم
کران رفع کرن تم چھہ از مقدماتِ نماز گدٹھہ چھہ پی زِہ جلدی تہ تعجیل کرنہ نماز کرہ نس مگر
در تنگیِ وقت دیم پت نہ رٹن بول تہ غایط یلہ نیرہ دن آسن نہ تم پت رٹن مانع قرار
نتہ چھہ نماز باطل تریم چھہ نماز کران تہک نہ تراون کہن نہ کڈن مگر یلہ پرنس رٹ کرہ ژورم
گلہ تِلنہ ہورکن اچھہ پہرنہ اوریور پانژم چھہ اچھہ وٹنہ بلکہ نظر تہاوِہ بن کن تہ شیم سند
پاٹھہ شیم غافلانہ تہ متکبرانہ کاراہ تہ گندن کاراہ کرنہ نماز منز ستم چھہ پی زِہ نندرہ ہت
تہ باکہالت آسنہ یمہ تیہ چھہ تت منز مذکور زِہ شرایطِ قبول نماز موجود سپننہ تیہ تہ موانع
قبول رفع گژھنہ پتہ کرہ سعی قبولک درجہ بلندی کینس منز نکیاہ زِہ قبولکن درجاتن چھنہ نہایت
بواعثِ ارتفاعِ درجہ نماز چھہ سٹھاہ تمو منزہ چھہ انگشترِ عقیق اتھس تہاون بیہ بوئے خوش
استعمال کرن زِہ کنہ وقتہ چھہ ثواب نمازِ ساسس اتناوان بیہ رشس کنگودن بیہ نماز برونہ
مسواک کرن زِہ سٹھاہ فضایل چھہ تہ باپت بیہ مردس زوجہ آسن نکیاہ زِہ نماز منز قرج
چھہ عزبہ سنزن ستتن نمازن برابر بیو سوا بواعثِ ارتفاعِ درجہ نماز چھہ سٹھاہ دیم مقصد

در قبول شدن نماز بے اقبال بنافله

در کارها مانع قبول نماز

در افعالِ نماز

چھہ در افعالِ نماز درکافی چھہ منقول از حماد بن عیسیٰ از حضرتِ صادق علیہ السلام زِہ فرمووُن
دُہہ اکہ نیک چھا نماز کرن جٕنن دُپن عرض کرُک مِہ اَے آقہ بنہ مِہ چھہ حفظ کتاب حریز در نماز
پس فرمووتم جابن علیہ السلام لازم چھنہ زِہ پٕٹھ وُت نماز کر دُپن وُتھس تس بُرونہ کنہ تُت کرتہ
قبلس کُن تہ پرُم تکبیرِ احرام تہ رکوع کرُم تہ سجدہ کرُم دُپن پس فرمووُن اَی حماد جانن
چھنہ نماز کرن چھِن کیاہ قسمِ تسبیح چھہ مردہ سندہ باپت تہِ منزہ اَی زِہ آمت آسن قِس شیٹھہ وَرِہ یا ستت
وَرِہ پس آسسنہ برپا تھاوتھ اکہ نماز اہ پننِو حدو پورا پاٹھہ دُپ حماد ن پس واتھم پننس پانس ذلت
پس عرض کرُم فدا سپنہ زِہ پس تعلیم کرِمہ نماز پس ایستادہ رود ابوعبداللہ علیہ السلام تُت
کرتہ قبلس کُن سُد اَویزان تراون زِہ پننہ دُنوَے اَتھہ تھاوِن پننن رانن پٕٹھ اَتھن ہنزہ
اُنگجہ آسن اکہ اکس سیت ملوِت تھاوِہ مزہ نزدیک کرن کھُرن تو تاہ زِہ اوس وزہ ہر تمن
اَندرتر اُنگل اُنگجہ مُزرت قبلس کُن رود کھُرن ہنزہ اُنگجہ بت ڈلت آسن نہ تھاوِمت کھُرن قبلہ
نشہ پس دُپن باخشوع اللہ اکبر اَدہ پرن سورہ حمد بترتیل بیہ قل ھو اللہ احد اَدہ کرُن صبر سیاہ
شاہ کھارہ لس بوت استادہ آسِت اَدہ تُلن زہ اتھہ ینن برابر روے خود دُپن اللہ اکبر
وُتھدنہ آسِت اَدہ کرُن رکوع برن اتھہ ینن گُٹھو پننو سیت دُور دُور تھاوِت اکہ اکس نشہ اَتھن
ہنزہ اُنگجہ رد کرن گُٹھ ینن پت کُن تت زِہ ہموار سپنس پُشت تُت زِہ ہرگاہ تراونہ ییہِ تتِ پٕٹھ
قطرہ آبک یا روغنک ڈٕلہِ نہ سُہ مستوی آسنہ پُشت تسند رد کرنہ ٹکہ زانوینن پت کُن پاس
نَدِتن گردن پننہ وچن اچھہ ینہ اَدہ پرن تسبیح تریہ مرتبہ بترتیل پس دُپن سبحان ربی العظیم
وبحمدہ اَدہ سپن سِد ایستادہ پس بلہ آرام رٹن قیامہ نشہ دُپن سمع اللہ لمن حمدہ اَدہ پرن تکبیر
وُتھدنہ آسِت اتھہ تُلن برابر روے خود اَدہ کرُن سجدہ مُزرت رٹن زِہ اتھہ ینن اُنگجہ ملو
تھاوِت باہم برونہ کنہ پننن گُٹھن برابر روے خود پس دُپن سبحان ربی الاعلیٰ وبحمدہ تریہ مرتبہ
تھوُد اوسنہ پننہ بدنہ منزہ کانہ چیز اتھکس کُنہ چیزس پٕٹھ سجدہ کرن آٹھن عضون پٕٹھ
پیشانی تہ کفِ دستس پٕٹھ دُن گُٹھن ہنزن چشمن پٕٹھ بیہ دُن کھُرن ہندِن نٹھن ہندن ٹُنڈن پٕٹھ

۲
مت
۱۲

تہ مینِی پٹھ تہ دِوُن ست بندِ یمو منزٕ فرض چھہ سجدہ کرُن تمِن پٹھ تم چھہ تمہٕ زٕ ذکر کرِمُت خدایِن تم درکتاب خودپس دِوُن وَ اَنَّ الْمَسَاجِدَ لِلّٰهِ وَلَا تَدْعُوا مَعَ اللّٰهِ اَحَدًا تم چھہ پیشانی تہ زٕ اتھہ تہ کُٹھ زٕ کھرن ہندَن ٹھِن ہند ٹنڈ رٕ تہ بیتِ پرزین تھاون چھہ سُنّت سہ چھہ انعام اَدہ تُلن سر بٕنِ از سجدہ پس بلیہ سِدٕ سیٚن بہتہ دِوُن اللّٰہُ اکبر اَدہ کرُن قعود کھوُورِس طرفس پٹھ تھوُوُن ظاہر بٕنیہ دٔچھنِہ کھرک کھوُورِس کھرس باطنس پٹھ دِوُن اَسْتَغْفِرُ اللّٰہَ رَبِّی وَاَتُوْبُ اِلَیْہِ ادہ پرُن تکبیر بہتھی آسِت تہ سجدہ کرُن دُیم تہ دِوُن بیٚیہ پاٹھہ دِوُن گڈکس سجدس منز یاری ژٕہاڈن نہ کُنہ چیزہ بٕنِیہ بدٕ نہ منزٕ ہمکس کُنہ چیزس پٹھ وحال اینکہ تھدرٹھ اُوس کھنہ وٹہ اززِین گرت اُوس زٕ نرِہ بٕنیہ زٕ جناح تہ آسنہ زٕ بٕنیہ تھاوِہ مژٕ زمین پٹھ پس کرِن زٕ رکعت بیٚیہ پاٹھہ اَدہ دِوُن یا حمّاد بیٚیہ پاٹھہ کرٕ نماز تہ اِلتفات مہ کرٕ گندمہ اتھو سیت تہ انجو سیت مہ ترٛاو آب دِہِن دٔچھن تہ کھوُورکُن نہ بروتہ کُن اِنتہٰی تفصیل چھہ درین مقام پی زٕ زان زٕ نماز ہند کار چھہ واجب تہ سُنّت اصل چھہ واجب کارو منزٕ کہ نیّت تہ تکبیرِ احرام تہ قیام تہ رکوع تہ سجدہ بیہ قرائت تہ ذکر بیہ تشہد تہ تسلیم بیہ ترتیب تہ موالات تکبیرِ احرام تہ قیام بیہ رکوع تہ زٕ سجدہ چھہ ارکانِ نماز یِمی معنے زٕ نماز چھہ باطل بلیہ یمو منزٕ کانہ اکاہ ژٕر کرِہ یا کم عمدًا یا سہوًا نیّت تہ چھہ ژٕہی مگر حق چھہ ایزہ سُہ چھہ شرطِ نماز نہ جزءِ نماز زیادتی چھہ تت منز ممکن یا مُضر باقی واجب کار تہ چھہ مانند ارکان عمدًا زیادتہ کم کرِتس اندر نہ سہوًا یعنے باطل چھہ نماز تمو منزے کاراہ ژٕرتہ کم کرِزٕ عمدًا نہ سہوًا

**فصل** نیّت چھہ رایاہ زِہ کار کرِتس پٹھ چھہ تھاوان آسہ سُہ فرمانبرداری حق تعالےٰ اَدہ چھہ نیّت عبادت قصدِ قربت چھہ اَتھ دپان نشاء اَکھ چھہ زانُن بندہ یہ کار چھہ خدا منگان پی تسنِس باعث سُہ کرِتس اَدی زِہ خدا چھہ سزاوار اطاعت تہ عبادت یا تسندہ عظمت باپت یا شکر کرنہ باپت تمِن نعمژن ہند زِہ میہ چھہِن عطا کرمژٕ گڈن زِہ پیدا کرُتس اَدہ کرِہ نم بیہ تیژٕ نعمژٕ عطا زِہ شمار تھہند چھہ ناممکن تتہٕ کُنہ کرِن نعمژٕ عطا پرت اکِس ساروی لوکو منزٕ تمِن تان زِہ مبتلا

چھہ فقریس بیہ ین بلاین منز یا کرہ بندہ اِطاعت تہ عبادت خداس خالص تمنزِہ خوشنودی باپت
یا تسندِہ خشمہ ژلنہ باپت یا تسندِہ حیاکِن غلام سند پاٹھہ زِہ زانہ میانس مالکس چھہ مہ کُن نظر
فرمانبرداری تمنز کرہ تسندِہ حیاکِن تہ شرم کِن یا عبادت کرہ خُداس تمنزِہ بارگاہ منز قُرب ہاوُنہ
باپت یا عبادت کرہ بہشتہ باپت یا بخوفِ جہنم یتھ چھہ زہ نوع اکھ چھہ صحیح تہ اکھ چھہ محلِ اشکال
صحیح نوع چھہ یہی زِہ اِطاعتِ خدا کرہ اوی زِہ خدا کرِہ بہشت روزی لتس یا یہی زِہ خدا کرِس
خلاص از نار بے عیب چھہ یہ نوع نوعِ مشکل چھہ یہی زِہ اِطاعت کرِہ بدلاہ نکھ طریقہ بہشتس سیتھ
خرید و فروخت پاٹھہ بیہ گلکارہ سند پاٹھہ زِہ کار چھہ کران اُجرتہ باپت صاحبِ خانہ سند
فرمان چھنہ اصلا در نظر یژہ عبادت باطِل آسن چھہ اقوے مسئلہ کینہ نمازہ چھہ زِہ شارعن چھہ
تمہ برائے امرِ دُنیا قرار دِژہ مژہ مثلِ نمازِ حاجات تہ نمازِ اِستسقاء بیہ یہ کینہ زِہ علاوہ بر
امرِ اُخروی ثمرِ دُنیوی چھس تمہ باپت مقرر کرمُت مثلِ نمازِ شب آخر تکھ ثوابو علاوہ چھہ دُنیاس منز
باعثِ روزی تہ آبرو بنابرین باوجود این تیہ امرِ دُنیوچ نیت کتہ پاٹھہ ایہ گرنہ تحقیقِ مقام چھہ ایژہ
یژہ نمازِ منز گژہ آسن قصدِ فرمانبرداری خُدا ادہ ہرگاہ فرمانبرداری وسیلہ کرہ سہ امرِ دُنیاہی
حاصِل سپننہ باپت عیباہ چھنہ ہرگاہ عمل کرن یُس دُنیاہی امر حاصِل سپننہ باپت خاص بغایہ
چھہ سہ عمل زان زِہ یہ نیت چھہ شرط عبادتاہ چھنہ صحیح نیژ سوا ساہس تہ غافلہ سند پاٹھہ متردد چھہ
تہ تردد کہ حالہ بے نیت نیژ چھہ شرطِ اخلاص تحصیل امہ شرطک چھہ دربعضِ مقامات ستاہ دشوار
یہ مطلبک توضیح چھہ ایزِہ یلہ بندن ملاحظہ کُر نمازِہ یا بیہ کُنہ عبادژ زِہ خداوندِ عالم چھہ مگان یتھ
یمی زانتھ تل تہ سہ عبادت انن بجا خدا یتعالے سنزِہ فرمانبرداری سوا چھنہ بیاکھ غرضاہ سہ گرنہ
خالِص چھہ سہ نیت ہرگاہ سوائے فرمانبرداری خدا تمہ عبادژک بیاکھ ثمراہ تہ بیاکھ فایداہ تہ
آسس در نظر سہ کران یتھی ہُسہ زِہ لوکھ گژھن میہ خوش یا تم وچھان مہ مدح کرن تعریف کرن
یا یہ کرنہ لوکن ہندِن دلن منز مرتبہ تھدم یا تمن منز یہ نیکی مشہور گژھ یا تم اکرام کرن یا بیہ کینہ تھی
ہُسہ زِہ وضو کران یا غسل کران بدن سرد گژھم یا گرم گژھم یا یمن ہسہ بیہ کینہ یلہ رائے باعثِ عباد

فرمانبرداری خدا بیہ یمو منزہ اکاہ آسہِ تتھ نیتہِ منز چھِ ریا بے ریا چھنہ راے باعثِ عبادت
اَمہِ زِنگہ آسِت پرہ ناوِ تے ولِس یا زوہ اِی زہ یہ عمل کران چھس یہ برائے فرمانبرداری خدا
یا قربۃً الی اللہ سامیٖن مرتبہ نیت سپدنہ خالص تمہِ یُتھ مان نہ راے باعثِ کار خالص فرمانبرداریِ
خدا سپدنہٕ تہِ چھیہ سٹاہ وقتہ سٹاہ لوکن کِتھ غیر آسان اَمّا چارہ چھنہ کینہ نیتِ عبادت خاص
گرِنس ہرگاہ سٹاہ لوک پنہٕ نِن عملن اندر راے باعثِ کار ریائی آسنس مبتلا چھِ پس چھِ
تفصیل تمک وَنُن لازم وُن فصلن منز **فصل اوّل** زان زہ ملاحظۂ مرحوم چھِ سپنان درعباد
کینژہ طریقہ اوّل اَیزہ اصلِ عبادت انہ بجا خاص برائے ریائہٕ مشہور گرِنہ باپت یا
لوکن کنِن گرِنہ باپت یہ عبادت چھِ باطل بے شبہ بیہ چھِ حرام داخل چھِ درگناہ
کبیرہ بلکہ شرک چھِ بخدا اِتیِ زہ اَمہِ نیتہِ سپنہٕ ازاعلائے عبادت تِے سُہ عبادت آسِہ
پرٛتھِی ہِش زِ شخص گو مارہ جہاد کران در رکاب سرورِ انبیاء صلی اللہ علیہ وآلہ اَما نیت
آسس مشہور گرِژھُن تہ ریاء اجراہ چھُنہ در نزد خدا تعالے دُویم ایزہ عمل گرِہ بقصد فرمانبرداری
تہ بقصدِ ریا تہ برابر آسِتن اکھ اکس ہم زہ قصد باعثِ کار آسَنس منز تمہ زنگہ زہ ہرگاہ اکاہ تمو
منزہ آسنہ یاک قصد باعثِ عمل سپنہٕ یا قصدِ فرمانبرداری خدا اسِ ضعیف تمہ زنگہ زہ ہرگاہ
قصدِ ریا آسنہ قصدِ فرمانبرداری خدا کُنی سپدنہ باعثِ عمل یا قصدِ ریا آسہِ ضعیف تمہِ زنگہ
زہ بے قصدِ فرمانبرداری خدا سپدِہ تنہا باعثِ عمل یمن سارِنی صورژن منز چھِ عمل باطل بلکہ
وزرتہ وبال چھِ حاصل تریم ایزہ قصدا اصل عمل چھس خالص اَمّا اکس واجب جُزوس تمکو واجا تو
منزہ گرِن ریاء پس ہرگاہ سُہ جزء قابلِ تدارک چھُنہ مثلِ روزہ مُکن چھُنہ تمکہ جزء ریائی بدل بجا
بیاک جزء انُن یہ عمل تہ چھِ باطل ہرگاہ تہ ممکن آسِہ مثلِ دعا تہ اذان ہرگاہ جزءاہ کانہ تمو
منزہ بقصدِ ریاء پرُن بیہ بے ریاء عمل چھِ صحیح گناہ گرِن تتھ جزوس منز اَما تہ گرِن
در مثلِ نماز ادہ سُہ تدارک گرِن چھِ بے فائدہ نماز چھِ باطل ژورم چھِ ایزہ واجب عمل در بعضے اجزاء
مستحبی گرِہ ریا یُتھی ہُہ زِ قنوت پرُن بریاء یا دُن سجدن منز در استغفر اللہ گرِن ریاء اقوی

چھُہ نوکرن سُہ عمل پانژم ایزہ یُسہ عملاہ مستحب چھہ تہ ترکیبی ہیئت چھنہ ہرگاہ تمکس کُنہ جزء وِبس
منز ریا کرُن یتھی ہہ زہ قرآن چھُہ پران آیاہ پرن بقصدِ ریاء سُی اَک آیہ پرن چھہ باطل باقی
چھُہ صحیح ہرگاہ سُہ سورہ پرن تس آسہ واجب توُتہ چھہ سُی آیہ دوبارہ پرُن کافی ششم چھہ ایزہ یُسہ
عملاہ مستحب چھہ ہیئت ترکیبی تہ چھس مثلِ زیارتِ عاشورا ہرگاہ تمکس اکس لفظس منز یا اکس سلام منز
ریاء کرہ پس ہرگاہ بے ریا پرِہ دوبارہ تت صحیح سپنہ ہرگاہ تتہ پاٹھ تراوُن تہ اصل عمل چھہ باطل
شاید ثواب مطلق زیارت لبہ تمن فقراتن منز زہ بے ریا پرن ہفتم چھُہ ایزہ اصل عمل کرُن بقصدِ
فرمانبرداری خالص اما اختیار کرُن مکان بریاء یتھی زہ نماز کرہ مسجدہ منز بریاء یا کرہ نماز تہ بقصدِ
قربت بریاء اما صفِ اولس منز کرتن چھُس ریاء اتھ ویے چھہ زِ باطل چھہ سُہ نماز ہرگاہ تتہ وتھد نہ
تسند روزن آسہ اوی زِ یُت لوک وُچھنم اما ہرگاہ گرہن تت آسہ ریاء تس ایستادہ سپُن تہ آسِ
بقصدِ قربت خالص ریاء رُست اَظہر چھُہ ایزہ صحیح چھہ نماز اٹھم چھہ ایزہ اصل عمل کرُن بریاء
اما وقتس تمکس منز کرُن ریاء یتھی ہہ زِہ اصل نماز کرن محض برائے خدا اول وقت مثلاً کرن بریاء
اتھ ویے چھہ زِ باطل چھہ سہ نماز نوم چھُہ ایزہ اصل عمل آسہ برائے خدا اما ریاء کرُن صفتس اکس منز
تمکِ صفاتو منزہ زِ حکم علیحدہ چھہ تتہ یتھی زہ نماز کران چھُہ بے ریا اما بجماعت چھُس کران بریا
اتھ ویے چھہ ایزہ ژِہ عمل چھہ باطل دہم چھہ ایزہ ریاء آسنہ مگر ٹھہر ٹھہر پرنس منز کہم چھہ ایزہ ریا
آسِنہ مگر تعجیل پرنس منز بہم چھہ ریاء آسِنہ مگر ہیئتس منز گردن ہیچ رٹن ہش ظاہر چھہ ایزہ
یمن ترِ نون صورتن منز چھہ نماز باطل تر واہم ایزہ نماز کران ریا کرہ کارس اکس منز زِہ در اجزاے
نماز آسنہ یتھی زہ ریا کرِہ تحتُ الحنک تراوہ نس منز ظاہر چھہ ایزہ نماز کرنہ باطل عاصی تی
سپُن ریاء مگہ ژِ دواہم ایزہ ساری عمل آسس برگفر مانبرداری خدا خالص اما عمل کران تس یلہ مردم
وُچھن تہ خوشحال سپنہ یژہ عمل چھُنہ عیباہ پنداہم چھُہ ایزہ اصل عمل تہ صفتہ تمچہ انہ بے ریا بجا اما
بخیال چھُس ریا یوان تہ خوش چھسنہ تہ زاہ اَتہ چھُنہ عیباہ یہ چھُہ خطورِ ریا نہ پانہ ریا بلکہ متاذی تسند
سپُن چھُہ دلیل نہایتِ اخلاص **دُیم فصل** چھُہ ملاحظہ کرہ نس منز کینہ ثمراتِ عمل زہ ہرگاہ

بتہ قصد آسن نہ حاصل سپنن تو تہ تم ثمرات یا آسن مباح گرم یا سرد پننن ہہ غسل کران گرم آبہ یا سرد
آبہ یا آسن راجح تفصیل حکم چھہ در مباحات ایزہ ہرگاہ شخص باعث کار آسہ بندگی خداتہ سہ ثمرہ
تت چھہ ثور قسم اوّل چھہ ایزہ تم دنوی آسن ہمت باعث کار تتی زنگہ زہ کار سپننہ اکی سیت مثلاً
ہرگاہ گرم سپنن آسہ ہنیہ غسل کرہنیہ یت صورژ منز چھہ بظاہر عمل باطل دویم چھہ ایزہ پرت اکاہ
اکاہ آسہ بتو دیومنزہ باعث کار پورپاٹہ تتی زنگہ زہ ہرگاہ عبادت آسہ ہنیہ بجا انہس نہ تمہ ثمرہ باپت
ہرگاہ سہ ثمر آسہ ہنیہ بجا انہس عبادت آسنہ باپت بظاہر چھہ عمل صحیح تریم چھہ ایزہ قصد چھس
دراصل حاصل کرن سہ ثمر قصد عبادت چھس تمچہ تبعیر مثلاً قصد غسل کرہ سرد سپننہ باپت ادہ
کرہ سہ کران قصد بندگی تہ تیہ چھہ عمل باطل ژورم چھہ ایزہ دراصل چھس قصد بندگی قصد ثمر چھس
تمچہ تبغیر ظاہر چھہ ایزہ عیباہ چھنہ تت اما یلہ سہ ثمر راجح آسہ اما نہ نماز باپت تیہی ہہ زہ تکبیر
نماز دپہ بڈہ تہ قصد اعلام غیر کرہ اقوے چھہ ایزہ ہرگاہ تکبیر دراصل بقصد نماز دپہ قصد اعلام
آسس تمچہ تبغیر عیباہ چھنہ تفاوت چھنہ راجس تہ مباحس یت منز خاص پاٹہ تمہ زنگہ زہ ہرگاہ
قصد فرمانبرداری خدا روزسنہ تمہ بیہ نیتژ کرنہ عمل یہ چھہ تمام کلام نیتژ منز تہ تمکس خالص آسنس
منز بس چھی ژہ یہ برونہ زونت در مذمت ریاء از آیات تہ اخبار علاوہ بران بیاک خبراہ تہ چھہ
یتنس بیان سپنان سہ چھہ یہی زہ منقول چھہ از معاذ بن جبل دپہ اکہ اوس ردیفہ حضرت
رسولخداس صلی اللہ علیہ وآلہ وتہ اکہ ڈوٹہم زہ حضرتن کر روے مبارک باسمان تہ دپ
اَلْحَمْدُ لِلّٰهِ الَّذِيْ يَقْضِيْ فِيْ خَلْقِهٖ مَا اَحَبَّ حمد چھہ خاص خداس زہ حکم چھہ کران
پننن خلقن اندر یہ ٹوٹہ تہاوُن ادہ فرموو حضرتن ای معاذ دپم لَبَّيْكَ يَا رَسُوْلَ اللّٰهِ سَيِّدَ
الْمُؤْمِنِيْنَ بیہ فرموک اے معاذ دپم یَا رَسُوْلَ اللّٰهِ اِمَامُ الْخَيْرِ وَنَبِيُّ الرَّحْمَةِ ادہ
فرمووک خبر چھیہ دوان ژہ تے زہ پیغمبرن اک دژپنہ امژ سہ خبر ہرگاہ سہ حفظ کرک نفع
کری ژہ در زندگانی دنیا ہرگاہ تہ بوزکتہ عمل کرکنہ تت حجت آسینہ ژہ در نزد حقسبحانہ وتعالی
ادہ فرمووک زہ حق سبحانہ وتعالان کرست ملک پیدا آسمان تہ زمین پیدا کرنہ برونہ پرت

آسمانس تہ زمینس منز کرن مقرر تم پننہِ عظمتہ چھس بزرگ کرمت پرت اکاہ چھس تمو منزہ دروازس
اکس پٹھ آسمانن ہندو دروازو منزہ کرمت دربان ادہ یلہ حافظانِ اعمال چھہ لکھان عملِ بندہ
از صبح تا شام عمل چھہ بالا نوان زِہ در لوحِ محفوظ کرن ثبت تتہ چھہ نوراہ آسان زن آفتاب
یُت تان گڈہ یکس آسمانس چھہ واتان پَس چھہ حافظانِ اعمال دپان کیاہ جان چھہ یہ عمل
گیژراہ سٹاہ چھہ یہ عمل زِہ یم بندن چھہ کرمژ ملکِ دربانِ آسمان اوّل چھک دپان ٹھہرو یہ
عمل دِیو عالمس اکس تہس برِت بہ چھس ملکِ غیبت یم اکہ چھہ غیبت کرمژ تراونہ تنسز عمل
زِہ مہ نشہ گذرہ ادہ کہارن بیہ دُہہ حافظانِ اعمال عملاہ بیاک زِہ تمہ عمل ہند عالمن آسنہ
غیبت کرمژ تتہ زانن جان تہ بسیار یُت تان واتن باسمانِ دُیم یُس ملکاہ دُرِ آسمان
دُیم چھہ دپک ٹھہرو یہ عمل دِیو صاحبس ننہس تہس برِت تکیاہ زِہ غرض اُوس امس پننو
عملو سیت دنیا بہ چھس موکّل زِہ یُسہ عملاہ دنیا باپت کرن نہ خدایہ سندہ واسطہ تراون نہ
زِہ ہیو رکہارہن تتہ فرمو وحضرتن ادہ ین حافظانِ اعمال بالا عملاہ زِہ یم عیب آسن تہ
خوشحال آسن از کثرتِ صدقہ تہ نماز تریمس آسمانس واتنس تانِ پس تریمہِ آسمانک ملک دپک
ٹھہرو یہ عمل دِیو تہس تہ پشتس ننس صاحبس برِت بہ چھس موکّل تکبّرس ادہ دپہ زِہ یم مزدن کر
عمل اماد مجلس اُوس لوکن پٹھ تکبّر کران پروردگارن ہین چھہ امر کرمُت زِہ تراونہ زِہ اَسنز
عمل گذراون ادہ فرمو وحضرتن زِہ حافظانِ اعمال ین عملاہ بالا زِہ یم عیب آسننہ روشنی
دِیہ یتہ ستارہائے تابان چھہ روشنی دِوان در آسمان تتہ سیت آسن تسبیح تہ روزہ تہ حج زُورمس
آسمانس تان پس یُس ملکاہ ژُورمس آسمانس منز چھہ دپک ٹھہرو تہ یہ عمل دِیو تہس تہ سکمس ننس
صاحبس برِت بہ چھس ملکِ عُجب یہ مرد چھہ عجب کران گمان چھہ کران زِہ کاراہ کرمہ پروردگارن
ہین چھہ امر کرمُت مہ زِہ تراونہ زِہ عمل اَسنز گذراون مہ نشہ پس فرمو وحضرتن حافظانِ
عمل ین عملاہ بالا یتہ پاٹھہ چھہ نہ چھہ نوان شوہرہ سند گرہ بستہ آسہ یہ عملِ جہاد تہ تصدّق تہ نمازہائے
واجبی تہ نوافل صدا آسہِ تتہ مانندِ صدائے شیر روشنی آسن مانندِ روشنی آفتاب یُت تان

بآسمانِ پنجم واتن سہ ملک دِیپ ٹھرِ و بہ چھس ملک حسد برت دیو یہ عمل ننس صاحبس تہس
تہ گژھ دنہ بدرستی کہ یہ بندہ چھہ حسد نِوان علمکن طالبن تہ عابدن ہندیلہ وُچھان چھہ کانسہ چھہ
زیادتی مہ پٹھ در علم تہ عبادت تس پٹھ چھہ حسد نِوان تس سیت چھہ ہر کران تس منز چھہ کتہ کران
پس عمل تسنز لاین وُ گردن تس لعنت کرہ تس عمل تنز پس فرمو و حضرتن حافظانِ عمل نِن عمل بندہ
بالا زِ لبستہ آسہ سہ عمل بنماز تہ زکوۃ تہ حج تہ عمرہ یتہ تان نِن تت شیمس آسمانس تان ملکاہ زِ
موکل چھہ بآسمانِ ششم دِیپ ٹھرِ و بہ چھس صاحبِ رحم یہ دِیو ننس صاحبس تہس برت چشمہ تسنزہ
کرِ و کور تچیاہ زِ یمہ عمل ہند صاحب چھنہ رحم کران کانسہ اکس بلیہ وُچھان چھہ کانسہ بندس از بندگان
خدا اخروی یا دنیوی ضرراہ واتان شماتت تہ خوشحالی چھہ کران امر چھہ کرمت پروردگارن مہ
زِ تراونہ عمل اسنز گذرِ مہ نشہ پس حضرتن فرمو و زِ حافظانِ عمل نِن عملِ بندہ بالا زِ لبستہ آسہ
بعلم تہ اجتہاد تہ ورع تہ پرہیزگاری تہ عبادت تہ طاعتِ بسیار صدا آسہ تت مانندِ صدائے
رعد روشنیاہ آسس مانندِ روشنیِ برق تت آسن ہمراہ ترساس ملک یمو عتیو نشہ آسہ مبر اتمس
آسمانس تان تمیس ملکاہ زِ موکل چھہ تت آسمانس دِیپ ٹھرِ و یہ عمل دِیو صاحبس ننس تہس برت
بہ چھس ملکِ حجاب تراونہ زِ بالان عملاہ براے خدا آسنہ کرمژ بدرستیکہ غرض تسند چھہ ایزہ
بزرگن نشہ آسنہ بلند مرتبہ مجلسن منز کرن امس بہ نیکی یاد شہرن منز گژھہ آوازہ اسند پروردگارن
مین چھہ امر کرمت تراونہ عملاہ زِ بالان سہ آسنہ خالص براے رضای خدا آسمژ پس حضرتن
فرمو و حافظانِ عمل نِن عملِ بندہ بالا استاہ خوشحال آسن زِ لبستہ آسہ سہ عمل بنماز تہ روزہ تہ
حج تہ عمرہ تہ جان خلقہ سیت بیہ ہمیشہ خاموش آسنہ مالایعنی نشہ بیہ بذکرِ بسیار پس ملائکہ
ہفت آسمان تمو ستو ملکوسان کرن تت عملِ مشایعت یتہ تان سارِ وی حجابو گذراون تت
یتہ تان گنذارش کرہ کن حق سبحانہ و تعالاس واتناون تت تت جایہ منز زِ مقرر چھہ گذارش
کرنہ باپت پس ملائکو دِن گواہی بعمل تہ دعا امس بندہ سندِ باپت پس حق سبحانہ و تعالے
فرماوِ زِ تہ چھو حافظانِ عمل میانس بندہ سند بہ چھس اگاہ تت پٹھ زِ یہ امسندس دلس منز

چھہ پس بدرتیکہ یہ عمل چھنہٕ خالص میانہ باپت کرتھ امس پٹھ بین لعنت مین پس ملائکہ دین
امس پٹھ آسن لعنت چین تہٕ لعنت سین بعضِ اعلام چھہ دپان زِ یت خبرِ منز چھہ ریا تریہ مرتبہ گژھ
سپنمُت دور چھنہ زِ لوکن کُن آسہِ منسوب باخلاف مرتبہ اول آسہِ ریای ظاہری ماندِ ریای
عوام مرتبہ دوم آسہِ ریاے پنہانی ماندِ ریای خواص مرتبہ سیم آسہِ ریہاہ یژ خفی برونہہ خُتہ
سُہ چھہ ریاے خاص الخاص اَے عاقل تدبر کر در معنیِ این حدیث اصلاح کرنس خالص عبادت
شایستہ چھہ شاہ مُشکل پس چھہ واجب در عبادت عمل بقصدِ فرمانبرداری خدا یتعالی کرن بیہ
سُہ نیت تہ قصدِ خالص از ریاء کرن بیہ عمل معین پاٹھہ در نیت آسن پس یس چھہ اَتھ منز تیٚ زِ
بندس پلہ نظر ایہ زِ یہ عمل چھہ حقتعالان منز موو مژمہ کرَن توی دتہ تہ کرِہ تَت ضرور چھنہ
در نیت آسن عملہِ ہند صفات ماندِ واجب آسُن یا ندب یا قضاء یا اداء یا قصر یا تمام
مگر پلہ تعیینِ عمل آسہ تَت پٹھ موقوف پس ہرگاہ شخص در وقتِ نمازِ ظہر خدا یتعالی سند امرن
نمازِ ظہر کرنس پٹھ تُل تہ تکبیرِ احرام پرُن ضرور چھنہ تس اَدہ نظرِ تل آسُن ادا آسُن یک
یا قصر یا تمام اما ہرگاہ نماز قضا بذمہ چھس وقتِ ادا تہ چھہ تلہ گژھہ تعیین کرُن قضا کرا کنہ ادا
تہ پاٹھہ واجب چھہ در اولِ نماز نیت قربت آسُن تہ چھہ واجب استدامت تمیٚ یعنی کانہ
کاراہ تا آخرِ نماز بے نیت قربت نہ آسُن یتہ چھہ کینہ مسئلہ اول چھہ ہرگاہ نماز کران نماز
ژٕنٛح نیت کرن یمی معنی زِ عزم کرِہ وُن کرن نہ اَندو اتناوَن نہ کانہ کاراہ از افعالِ نماز
کرِنہ پھور اَمہ نیتہ بہ نیتِ نماز تہ ہرن کرن سُہ اَقوے چھہ ایزِ علیاہ چھنہ تَت احوط چھہ بیہ
کرن سُہ نماز ہرگاہ تمَن وُن نیژرن منز کاراہ از نماز کرُمت آسس اَدہ ژٕنٛچہ نیژر نشہ پھیر نہ
پتہ کرِہ تت پٹھ اکتفا سہ نماز چھہ باطل ہرگاہ در نیت از قطع عدول کرَنہ پتہ بیہ کرن سُہ کار
حکم کرن نماز صحیح آسنَس چھہ مُشکل آسنَسہ تلہ افعالِ نماز شاہ کرمت یا رُکناہ آسہِ زیادہ گومُت
قطعاً چھس نماز باطل ہرگاہ افعالِ بسیار کرن نہ نہ گوس رُکناہ زیادہ صحتِ نماز چھہ محلِ اشکال
دیم چھہ ہرگاہ نمازِ منز نیت کرن زِ قاطعاہ اَنہ بجا تیہی ہُہ زِ کتہ کرہ آدمی کلامہ یا پُشت

در عدول نیت

بقبلہ کرہ مشغول سپننہ برونہ کنہ کارس منز کرن عدول تمہ نیثر بہ نیت نماز عیب چھنہ تت
ہرگاہ تمہ نیثر مشغول نماز سپنمت آسہ تو تہ چھہ اقویٰ زہ نماز چھہ صحیح احتیاط چھہ برونہہ کہ ماٹہ
زہ تمام کرت کرہ اعادہ سہ تریم چھہ ہرگاہ منز نماز تردد گوس زہ نماز ژٹہ کنہ اندو آناوان اَمہ
حال از نماز کینہ کرنہ برونہ خاطر جمع گوس اندو آناوتس ہٹ بی عیب چھہ نماز ہرگاہ باتردد
نماز کرن تمام سہ نماز چھہ باطل ہرگاہ منز نماز کنیثراہ باتردد بجا انت نیت نماز کرن اختیار
تہ باتردد کرمت انن بیہ بجا اوسنہ سہ فعل کنیثر یا کرن زہ زیادہ گو دوبارہ کرنہ قطعاً چھس
نماز باطل ہرگاہ تہ اوسنہ نماز چھہ محل اشکال ژورم چھہ ہرگاہ نماز منز کنیثراہ پیش آس زہ
زانان چھنہ یمہ چھہ نماز باطل کنہ صحیح ہرگاہ نماز اندو آناوہ یمی راے زہ یہ نماز تمام کرت
پرژہ ہرگاہ ونکہ باطل چھہ دوبارہ کرن پتہ تردد چھہ نماز صحیح پانژم چھہ ہرگاہ نمازاہ
کرن مثلاً پیشین سہ کران گوس خیال منزے بیہ نماز ہند زہ نماز دیگر چھم مثلاً کنیثراہ کرن تمچی
رایہ یا تمام کرن تمچی رایہ مجزی چھس سہ نماز تمہ باپت زہ گژھ آسس تمچ نیت شیم چھہ ہرگاہ
نماز منز ساک نماز خیال کرت پتہ گوس خیال گژھ تہ کرم نماز یہی نیت تو تہ چھنہ ضرر تت نیثر
سپنہ حساب یسہ گژھ حقیقت کرمژ چھس اما عدول بہ نیت کرن از نماز لاحق بنماز سابق پتس عدول
کرن اکہ نماز نشہ بیس نماز کن سپن در بحث اوقات بیان ایزہ تہ گژھ چھہ جایز یلہ کرنہ آسہ نماز
سابق تمہ علاوہ چھہ تیہ بیان سپنان ایزہ ہرگاہ نماز سابق پران معلوم گوس زہ یہ چھم اَمژ
بجا زاننہ تمہ نماز کن ادہ نیت پھرت مسئلہ ہرگاہ نماز عصر پرن ہژن مثلاً ادہ کرہ یقین
زہ نماز پیشین کرنہ آسن تہ نیت پھرن بنماز پیشین نیت پھرنہ پتہ زون زہ نماز پیشین چھم کرمت
آیا بنماز پیشین نیت پھرنہ پتہ زانیا اتہ بیہ نیت پھرت بنماز عصر اوے زہ تمی نشہ پھرن نیت
اول آسس تمچی نیت تہ جایز آسن چھنہ خالی از قوت احوط چھہ بیہ نماز عصرس کن نیت پھرت
تہ سہ تمام کرت دوبارہ پرن سہ دویم چھہ ہرگاہ ادائی نماز کرن ہژن یا دپیوس یمہ برونہہ
چھم نمازاہ قضائی بگردن نیت پھرہ ادائی نماز نشہ قضائی نماز کن تریم چھہ ہرگاہ نماز قضائی

گرَن ہٚرَن تہٕ معلوم گوس یِیہٕ برونہِم چھِم نمازاہ قضائی بگردَن نیت پھیرہٕ تت برونہِمہِ قضائی نمازٕ کُن
ژورم چھُہ عدول نیت کرُن از نمازِ واجب بنافلہ یہ چھُہ تتی زِہ نماز گذار آسہِ نمازِ واجب
کران تان سَپنہِ امام مشغول بنمازِ جماعت یہ نماز گذار زانہِ زِہ اندی واتناوہ بہٕ یہ نماز تہٕ
نمازِ جماعت اِیمنہٕ اَتہٕ اَدہ پھیرہٕ نیت دو رکعتی سنت نمازِ کُن ہرگاہ دُیو رکعتوا پُورا وسنہ گو
نیت پھیرنہٕ پتہٕ سنت نمازِ کُن ژٕہ تَت یا اَندِ واتناوِس تہٕ باامام کرِہ اقتدا **مسئلہ** آیا از نمازِ
واجب بنمازِ سُنّت نیت پھیرن جماعتہ باپت چھا جایز تِل زِہ زانِ تمامہٕ کرہ نِین نماز رکوع لبنہٕ
اِمامس سیت کِنہٕ تِلِ تہٕ چھُہ یہ عدول جایز زِہ زانِ نماز تمام کرِہ تہٕ رکوع لبہٕ باامام اَمانماز لبنہٕ
از اوّل باامام اقوائے چھُہ دُیم پانژم چھُہ عدول از نماز جماعت بنمازِ فرادئے عذرہ وِزِہ
یا مطلقا بنا بر اقوائے شیم چھُہ عدول کرُن اکِس امامس کِنہٕ بیس امامس کُن نماز کران یلہ عارضہ
پیش اِیہٕ گژھ کِس امامس ستم چھُہ عدول از قصر کرُن بتمام ہرگاہ مسافر نماز کران کِنہٕ جایے
قصدِ اقامہ کرِہ آٹھم چھُہ عدول کرُن مسافر نماز تمام کرَنہٕ نِشہٕ سُہ قصر کرنس کُن ہرگاہ تس کِنہٕ
جایے قصدِ اقامہ آسِت سُہ رائے پھیرِہ وُنہٕ آسِت گژھ چھُنَے دُن رکعژن اندر عدولکس
یت قسمس منز چھُہ احتیاط اہ **دُیم فصل** چھُہ دٕ **تکبیر احرام** تکبیرِ احرام تہٕ چھُہ رکن باطِل چھُہ نماز
سُہ ترک کرنہٕ عمداً تہٕ سہواً تیٚہٕ پاٹھہٕ چھُہ باطل نماز تکبیرِ احرام ژرگرُنہٕ عمداً تہٕ سہواً ژرگژھ تیٚہٕ پاٹھہٕ
زِہ تکبیراہ پرہٕ تکبیرِ احرامکہ قصدہ اَدہ پرِہ بیاک تکبیراہ تمی قصدہ یمہٕ دُیمہٕ تکبیرہ چھُہ نماز باطِل
اَدہ تریمہ لٹہ پرہ نماز چھُہ صحیح اَدہٕ ژورمہ لٹہ پرہ نماز چھُہ باطِل تیٚہٕ پاٹھہٕ حفت تکبیرِ احرامس منز چھُہ
نماز باطل طاقس منز چھُہ صحیح ہرگاہ نماز گذارس چھُہ بنا کانہ نمازاہ کرَن بیہ نماز ہنْدِہ قصدٕ
پرُن تکبیرِ احرام احوط چھُہ تس نماز تمام کرن تہٕ اَدہ نوٚ کرَن تکبیرِ احرامچ صورت چھُہ اَللہُ
اَکْبَرُ پس نمازاہ اِیَنہٕ گنڈٕنہ یہ پرَنہ سوا اَکمہٕ معنے بیاک لفظاہ تے پرزہ عربی منزہ یا بیہ کنہ زبانہ
منزہ بیہ چھُہ ضرور نماز گنڈنہ ینہ باپت حروف اَکِ صحیح طورہ دہانہ منزہ نیٚنو جایو کڈن صحیح
اِعرابہ برونہ کرِنہ وصل تَت کینژاہ احتیاطاً جایز تے چھُہ وصل کرُن تت دراوّل تہٕ آخرِ اشباع

دِسنہٕ شیر کَرِن نہٕ ہمزہٕ اللہ تہٕ ہمزہٕ اکبر بیہٕ زَبَر ہیچہٕ اکبرس منز تِمہٕ رنگہٕ زِہ الف یا نصفِ الف گژھہٕ
تھنہٕ اِشباع پیٚدہٕ مثلِ آاللہ گژھہِ یا آکبر یا اکبار اللہ کِس ہیِس وِنہٕ اِشباع تِمہٕ رنگہٕ زِہ واو گژھہِ
تَتہٕ پیدا بلیس پَرِ نہٕ تشدید اللہ کِس الفس مِیاہ نَہ دِزہٕ تہٕ عیب چُھنہٕ اَمّا زیادہ مہ دِیِسنہٕ احوط چھُہ
ایزہٕ اللہ کِس لامس تہٕ اکبر کِس ریِس دِیہٕ تفخیم بیہٕ چھُہ لازِم اللہ پتہٕ سِتی پَرہٕ تتہٕ اکبر ژِہن وِنہٕ سوا
تِمن منزِ تیہٕ کُنہ پَرہٕ حرف پَتہٕ حرفن تِمن منز واجب چھُہ تکبیرِ احرام پران پورِ قیام آسُن پس ہرگاہ
سُہ ترک سپنہٕ عمداً یا سہواً نمازِ چھےٚ باطِل بلکہ چارہ چُھنہٕ سُہ پَرِ نہٕ برونہٕ پور استادہ سپنُن
یُتہٕ یقین اَینہٕ زِ پَتہٕ حرفاہ تکبیرِ احرامُک پَرُم با قیامِ تام ہرگاہ امام رکوعس پیٚٹھ آسِہ گوژھاہ
پیہٕ تس اِقتدا کرہٕ تس پَزِہ استادہ روزِتہٕ قرار ہتہٕ تکبیرِ احرام پَرُن آدہٕ رکوعس وسُن
ہرگاہ نہٕ تکبیرِ رکوع پَرہٕ نتہٕ تکبیرِ احرام تِیہٕ سُہ پَتہٕ وسہٕ رکوعس بیہٕ چھُہ واجب تکبیرِ احرام پران
نماز گذارس بدنس ہترار آسُن پس تکبیرِ احرام پران استادہ آسِہ تہٕ قرار نہٕ آسِہ عمداً یا
یا سہواً نمازِ چھےٚ باطِل بیہٕ چھُہ واجب تکبیرِ احرام با نیتِ نماز پَرُن تہٕ چھُہ آسان یلہٕ وُپ زِہ
نیتہٕ گیہٕ رائے باعثِ کار بیہٕ چھُہ واجب تکبیرِ احرامکہٕ اَللہ کِہ ہمزہٕ پَتہٕ سلامِ ہندِس تمِس
حرفس تان پَتہٕ کار اہ از نماز با نیتِ نماز آسُن بیہٕ چھُہ واجب تکبیرِ احرام دہانہٕ نیرُن تتہٕ
زِہ پانس سپنہٕ معلوم تہٕ کنو پتھو بوزنہٕ سیتِ تحقیق پاٹھہٕ ہرگاہ مانعاہ آسِنہٕ نتہٕ تقدیرہٕ پانہٕ واجب
چھُہ تعلیم ہِن تہٕ یاد رٹُن سُہ تس اَکِس زِہ جان آسِنہٕ پران تتہٕ تس چھُنہٕ جایز نماز پَرن وقت
تنگ گژھنہٕ برونہٕ اُمید آسِتہٕ تعلیم لَبنچ ہرگاہ تعلیم ہیہٕ نہٕ عمداً یتہٕ تان تنگ سپنہٕ وقت گناہ
گژھُن نمازِ چھےٚ صحیح بنا بر اقوائے احوط چھُہ تس پَتہٕ نماز قضا کرُن تکبیرِ احرام ہچھتہٕ ہرگاہ پانہٕ
تنہا تکبیرِ احرام پَرُن دشوار آسِہ کانژاہ پَرہٕ تکبیرِ احرام حرفہٕ حرفہٕ یہ عاجز پَرہٕ تتہٕ گنہٕ تسنْدِ
پَرنہٕ پَتہٕ ہرگاہ قادر آسِنہٕ سۄرُی تکبیرِ احرام پَرِنس احوط چھُہ تس تہٕ منزہٕ پَرُن یہ ممکن چھُس بیہٕ
ترجمہٕ باقی آدہٕ دوبارہ کرنِ نماز پورِ تکبیرِ احرامکہٕ ترجمہٕ سیتِ ہرگاہ قدرت چھُنہٕ تکبیرِ احرام
منزہٕ کینہٕ پَرہٕ نس ترجمہٕ تکبیرِ احرام پَرہٕ تِمہٕ بدل بیہٕ زبانِ [2] ہرگاہ حاصل سپنہٕ احتیاط مگر گژھ

گرنہ ییت نماز تمہ کرِ سہ مجزی چھُنہ ترجمہ کنہ بیاک ذِکرا پرن ییت تان نہ تکبیر احرامکہ معنی آسہ
ہرگاہ تہ آسہِ مقدّم تہاوہ تت ترجمس پتھ تکبیر احرامک پاٹھہ زِ خطا آسہِ تمکن حرفن منز یا اعرابن
منز یُس کُل بکمنہ تکبیر احرام پرت صحیح پاٹھی ممکن چھُس تتھی پرہ ہرگاہ بالکل عاجز چھُہ سہ پرنس
دِلس گُذراوِہ الفاظ تمِک اشارہ کرِہ تت کُن اتھہ ییت تہ زِوہ ییت تہ آواز ییت
تہ پاٹھ بیہ مطالب پنن چھُہ ظاہر کران بلکہ دور چھُنہ تس واجب آسُن زِوِہ حرکت دِن ترتیبِ
حروف اقوٰے چھُہ زِ یم احکام چھہ ثابت سُنّت تکبیراتن تہ دُیم مطلب چھُہ زِ مستحب چھہ
تکبیر احرامس ییت بیہ شہ تکبیر پرن یُت ساری ست آسن تہ چھُہ منتہائے فضیلت تمہ تہ چھُہ در
فضیلت پانژ تکبیر ادہ ترِ پرن بلے مستحب چھُہ تکبیر احرام تہ نمازِ ہند ساری تکبیرات پرن
تم چھہ صبح نمازِ منز تکبیر احرامہ سوا گاہ[۱۱] تکبیر شام نماز چھُہ شراہ[۱۶] خفتن نمازہ تہ پیشین نمازہ تہ دیگر نماز
پرت اکس چھہ اکوہ[۲۲] تکبیر یم چھُہ پنچگانہ نمازِ منز نمنت[۹۴] تکبیر تکبیراتِ سبعہ افتتاحیہ ملوت چھہ
ساری واتان اک ہت تہ پنژہ[۱۲۵] تکبیر فایدہ چھُہ پرت نمازِ ہندن گڈہ کن مستحب تکبیرن ایزہ
تم پرتہ منز نمازِ تکبیرس اکس سہو گژھس یا دِ پیسہ مگر محل گُذرِ نہ تیہ گڈہ کی چھُس تمہ بدل بیہ چھُہ مستحب
یمن ییت دُعا پرُن تیہ کنہ زِ گڈہ پرِہ ترِ[۳] تکبیر تہ یہ دعا پرِہ اَللّٰھُمَّ اَنْتَ الْمَلِكُ الْحَقُّ الْمُبِيْنُ
لَا اِلٰهَ اِلَّا اَنْتَ سُبْحَانَكَ اِنِّيْ ظَلَمْتُ نَفْسِيْ فَاغْفِرْ لِيْ ذَنْبِيْ اِنَّهٗ لَا يَغْفِرُ الذُّنُوْبَ اِلَّا
اَنْتَ ادہ پرِہ زہ تکبیر تمو پتہ یہ دعا لَبَّيْكَ وَسَعْدَيْكَ وَالْخَيْرُ فِيْ يَدَيْكَ وَالشَّرُّ لَيْسَ
اِلَيْكَ وَالْمَهْدِيُّ مَنْ هَدَيْتَ لَا مَلْجَأَ وَلَا مَنْجَا اِلَّا اِلَيْكَ سُبْحَانَكَ وَحَنَانَيْكَ
تَبَارَكْتَ وَتَعَالَيْتَ سُبْحَانَكَ رَبَّنَا وَرَبَّ الْبَيْتِ الْحَرَامِ ادہ پرِہ زہ تکبیر تہ یہ دعا
وَجَّهْتُ وَجْهِيَ لِلَّذِيْ فَطَرَ السَّمٰوَاتِ وَالْاَرْضَ حَنِيْفًا مُسْلِمًا وَمَا اَنَا مِنَ الْمُشْرِكِيْنَ
اِنَّ صَلٰوتِيْ وَنُسُكِيْ وَمَحْيَايَ وَمَمَاتِيْ لِلّٰهِ رَبِّ الْعَالَمِيْنَ لَا شَرِيْكَ لَهٗ وَبِذٰلِكَ
اُمِرْتُ وَاَنَا مِنَ الْمُسْلِمِيْنَ مروی چھُہ شیم تکبیرہ پتہ پرِہ یہ دعا يَا مُحْسِنُ قَدْ اَتَاكَ الْمُسِيْءُ
وَقَدْ اَمَرْتَ الْمُحْسِنَ اَنْ يَتَجَاوَزَ عَنِ الْمُسِيْءِ اَنْتَ الْمُحْسِنُ وَاَنَا الْمُسِيْءُ فَصَلِّ عَلٰى

مُحَمَّدٍ وَّ اٰلِ مُحَمَّدٍ وَّ تَجَاوَزْ عَنْ قَبِیْحِ مَا تَعْلَمُ عَنِّیْ بعضے روایاتن منز چھُہ آمُت شیمِ تکبیرِ پتہ
پرٕ یہ دُعا رَبِّ اجْعَلْنِیْ مُقِیْمَ الصَّلٰوۃِ وَمِنْ ذُرِّیَّتِیْ رَبَّنَا وَتَقَبَّلْ دُعَآءِ رَبَّنَا اغْفِرْ لِیْ
وَلِوَالِدَیَّ وَلِلْمُؤْمِنِیْنَ یَوْمَ یَقُوْمُ الْحِسَابُ جایز چھُہ نماز گذارس یِم تکبیر پرٕن اکس تہٕ
بغیر دُعا بیہ چھُہ جایز تس زٕ یِمو منزٕ یُس خوش گژھِس سُی پرٕن بقصدِ تکبیرِ احرام احوط تے چھُہ تِمہ تیژ
پرٕن ستیم تکبیر سنت چھِہ امامس تکبیرِ احرام بوزناون تِم زٕ تس پتہ گژھِہ چھِہ سُنت چھُہ ماموس
سہ لُتہ پرٕن. بیہ چھُہ سُنت تکبیر پرنہ وِزِ اتھہ تُلِن تہ کَنن تان واتناون یا تھِس تان یا ہُٹس تان
تکبیر پرٕن ہِنہ وِزٕ ہیہ اتھن تُلُن اندوا تناوتہ وِزِ سہ واتناوِ اتھن ہندر رفع اند اَدہ تراوِک
سنراوار چھُہ اتھہ ن کَنن پت اما سنراوار چھُہ تِمہ وِزٕ انگجہ مِلوِت آسن بیہ باطن اتھن ہند قِبلس
کُن آسن ظاہر چھُہ ایزٕ اتھہ تُلن چھنہ شرطِ تکبیر پتہ پاٹھہ مخصوص کیفیتیاہ معتبر چھنہ اتھہ تُلن
مستحب آسنس رفعِ یدین تہ تکبیر باہم آسن تان بلکہ سُورِی چھُہ یہ مستحب در مستحب بنا بر اقوئے
فرقاہ چھِہ رفعِ یدین مستحب آسنس منز در تکبیرِ واجب تہ در تکبیرِ مستحب زان زٕ تکبیرِ احرام تِہ یُس
تکبیراہ در نمازِ مستحب چھُہ سنراوار چھُہ ساری تِم قرار تہ آرام ہت پرٕن یِس یِم سُنتی تکبیرات
چھِہ ستہ لوک پران نمان تہ وُتھان تِم سُنت آسنک حکم زانِ نہ گرِت بلکہ فی الجملہ چھُہ در اصلِ نماز
اِشکالاہ حاصل سپنان اوے زٕ جزءِ نماز آسنکِ قصدہ چھُہ پران تِم پتہ جاے سِوا تکبیرِ احرام
یِلہ تِتہ پاٹھہ پرٕن قطعاً چھُہ باطل نماز باقی تکبیرن منز چھُہ چارہ ایزٕ شخص دِیہ پانس سیت قرار
سُنتی تکبیر پرٕنس منز زٕ ہرگاہ تکبیرِ نماز تکبیرِ احرام سوا پننہِ جای پرٕم چھُم سہ جزءِ نماز نتہ چھُہ محض
ذکرِ خدا تیکیاہ زٕ ذکرِ خدا در نماز کرُن چھنہ نماز باطل کران یہ اِشکال چھُہ یِلہ عمداً یِتہ پاٹھہ تکبیر
پرزٕ عیباہ چھنہ سہوًا تہ گژہ تِم **فصل چھُہ در قیام مطلب اوّل** قیام چھُہ رُکن در تکبیر

قیام

احرام بیہ چھُہ رُکن سہ قیام زٕ رکوع چھُہ سپنان تت یتِ یُس یِمو دُو قیامو منزٕ قیاماہ ترک کرِ
عمداً یا سہواً نماز چھس باطل واجبِ غیرِ رُکن چھُہ قرائت پران بیہ رکوع پتہ غیرِ رُکن چھُہ تِیہ اوے
زٕ باطل چھُہ نماز سہ ترک کرنہ عمداً نہ سہواً سُنت چھُہ سُنت کارو وِزِ یمی معنے زٕ زانِ زٕ سہ

قیام تہٕ سنتی کار ترک کرت یُس اکاہ قیامِ متصل بر رکوع سہواً ترک کرِہ تہٕ رکعت کرِہ تمام تتہٕ گنہٕ
قطعاً چھہٕ باطل نماز تِس یتھی زِہ تکبیرِ احرام پتہٕ رکوع یِیہ نہٕ سہواً لوٗٹ اَدہ رکوع یا گرِن یہت
یار کو عکس حدس تان نِت وُتھِت اما زیادہ گژن قیام سہواً چھہٕ یتہٕ پاٹھہٕ زِہ ایستادہ سپنہٕ
بہنچہ جایہٕ تمہٕ سیت چھنہٕ باطل نماز قیام سپنہٕ نماز گذارس کھُرن پٹھ وُہتھ سِد سپنہٕ بیت
پننہٕ حالہ احوط چھہٕ تِس گرون سدرِ اَقوےَ تِہ چھہٕ ایزہ ضرراہ چھنہٕ کلہٕ بن کُن اسنس
اقوے چھہٕ زہ واجب چھنہٕ دُن کھُرن پٹھ بدنُک بار برابر تراوُن بِیہ چھہٕ واجب در قیام
وُتھِدنہ آسُن پننہٕ پانہ نہٕ کُنہِ چیزِس پٹھ تمہٕ رنگہٕ زِہ سُہ چیز تُلنہٕ پِیہ نماز گذار پس ہرگاہ تیہ گنہٕ
عمداً نماز کرِہ نماز چھہٕ باطل بلکہ احوط چھہٕ تِس دوبارہ نماز کرانٕ سہواً تہٕ کرنہٕ در رُکنِ نماز اقوےَ
تِہ چھہٕ صحیح آسُن سُہ اما ضرراہ چھنہٕ ضرورتہ وِزِہ کُنہِ چیزِس پٹھ اعتماد کرت نماز کرِہ اَنِ
مُقدم تہاوہ اَت بہت نماز کرہ نس پٹھ بِیہ سہٹاہ اَک اکِس نِشہ زنگہ دُور تہاوت نماز گرِنس
پٹھ بِیہ ہل روزِت وَچِھن یا کھُور کُن نماز گرِنس پٹھ بِیہ تَت حالس نماز کرہ نس پٹھ زِہ قیام
وَپِن نہٕ تَت ہرگاہ قادر آسنہٕ بر قیام اصلاً کُنہِ صورژِ پٹھ یُمو منزہ اختیار کرِہ یُس حالاہ اقرب
آسہِ بقیام کُنہِ سیت پان تھہراوِت فرق چھنہٕ انسان آستن سُہ یا دیوار یا لوٗر یا بِیہ کینہٕ بلکہ
واجب چھُہ سہ چیز مِل ہِن یا کرایہ اَنُن ہرگاہ بہم سپننہٕ تُمو سِوا ہرگاہ دشوار گژھہ قیام در
کُلِ نماز یا در بعض نماز پتہٕ قسمہ قیاگہ سُہ قیام تان زِہ بصورتِ رکوع چھہٕ نماز کرِہ بہت سُئہ
بہت روزُن چھُس قیام بدلُ پس جاری سپنہٕ بہت نماز پرِنَس یہ بوزت قیاس منز اعتماد
کُنہِ پٹھ کرِت روزُن تان بِیہ یہ کینہٕ تتہٕ سپُن بیان بہت تہٕ نماز دشوار آسِت نماز کرِہ دچھنہٕ
لرِہ شُنگت مدفون سند پاٹھہٕ ہرگاہ تِہ دشوار آسِہ نماز کرِہ کھوورِہ لرِہ شُنگت بر ونہمہِ عکس
ہرگاہ تِہ دشوار آسِہ نماز کرِہ تھر پٹھ شُنگت محتضرہ سند پاٹھہٕ رکوع تہٕ سجدہ کرِہ باشارہ
کلہٕ سیت تتہٕ کنہٕ تنہٕ ہِکہِ اشارہ کرِہ اَچھو سیت یتہٕ کنہٕ زِہ وُٹھ تمِن رکوع کرَنِچ قصدہ تہٕ
سجدہ کرنچہ قصدہ کلہٕ نمرہ رکوع وِزِہ بِیہ سجدہ وِزِہ سجدہ باپت نمرہ رکوع ختہٕ زیادہ یہن

احوط چھہ اَچھو سیت رکوع تہ سجدہ باشارہ کرنہ دِزہ سجدہ باپت وٹہ زیادہ بہن رکوع ختہ اوے
نے چھہ واجب آسُن تہ برہر حال قیام بدَل چھنہ تمو تَپہ مقرر کانہ حالاہ بلکہ یہ طریق نبِس تِمہ طریق کرہ
نماز ادا اما اختیار کرِہ گڈہ یُس حالاہ اقرب آسہ بجبار ادہ حالِ مضطر بنا بر احتیاط اما یلہ
دربعض نماز قیام کرِت واجب چھہ تَس تتی یُت نبِس تِت قیام کرُن ادہ یلہ عاجز گژہ تیتھ بہہ اما ہرگاہ
اَمِس گُڈن قیام کرنہ بجا ایہ قیاماہ واجب زِہ رکن آسنہ مثل قیام در قرائت یا تسبیح تَپہ بیٹھس
قیاماہ رکن بدل بجلوس بیتھی ہِہ زِہ قرائت وُتھدَنہ نیوِت بیس رکوعس بہت وسُن پس تیہ وقتہ کرِہ
احتیاط اک نماز کرَنہ گڈہ وُتھدَنہ روزِت دیم نماز کرِہ گڈہ بہت ادہ قیام کرِت یہ احتیاط کرَنہ
ترک یتہ کینہ چھہ لازم یہ احتیاط ہرگاہ گُڈن قیام کرنہ تہ تَپہ بہنہ از نماز بیس باقیام کم کینہ
کرنہ گڈن کر بہت نماز منز کینژاہ ادہ کینژاہ تھد وُتھت باقیام بیس برونہہ ختہ ژر کرَنہ بیٹھی زِہ
ہرگاہ گُڈہ قیام کرِہ اک رکعت یا بعض رکعت لبہ باقیام بہِت زہ رکعت یا ژُر کرن ہرگاہ گڈہ
نماز بہت کرہ رکعت یا بعض رکعت بِیس کرَنہ پتہ بیِن بہت ژر کرَنہ احتیاطاً کرہ اک نماز تَپہ پاٹھ
بیاک تِیہ پاٹھہ ہرگاہ عاجز آسِہ رکوع تہ سجدہ کرہ نس نہ از قیام وُتہ تہ تمن انہ باشارہ بجا تھر چھہ
تس سجدُک اشارہ بہت کرُن واجب چھہ تس تمن یوتاہ ہکِہ ہرگاہ ہکہ رکوع تہ سجدہ بہت کرِت
بہہ تھِندہ باپت بنا بر اصح ہرگاہ نماز گذارس زہ حال آسن اک یہی زِہ وُتھدِنہ روزنہ ایس
اما رکوع تہ سجدہ نبِس نہ کرُن مگر اشارہ پاٹھہ بیاک یہی زِہ بہِت کرہ نماز تہ رکوع تہ سجدہ زانہ
وارہ کرِت لازم چھہ تس اختیار کرن اک نماز کرن تتہ پاٹھہ بیاک تِیہ پاٹھہ پس ہرگاہ منز نماز
عاجز سَپنہ وُتھدَنہ آسنہ نشہ تہ بہتِ کرِہ نماز بہت کرَنہ نشہ تے عاجز گژِہ تہ وچھنہ لرِہ اڈنگت
کرِہ نماز تیہ پاٹھہ ادہ کھوورِہ لرِہ ادہ برپشت یُس اکاہ برپشت آسِہ نماز منز تہ قادر سپنہ
ہگنتہ تھدو تہ تہ نہ ہکہ تہ بہہ تہ نہ ہکہ تہ لرِہ روزِت کرہ نماز اما قرائت پرَنہ تھمس مرتبس گژُن
گژِہ تور قرائتہ منزہ تیہ پاٹھہ پرنہ قرائت تمس مرتبس سان یُس اکاہ عاجز گژہ قرائت پران
ہرگاہ قادر گژہ بر قیام قرائت تمام کرِت تھدوتہ رکوع باپت مستحب چھنہ تس بیہ قرائت پرن

پیس کرنہ ۔

ہرگاہ قادر گژھ رکوعس منز آرام ہِنہ برونہ منتہی وُتہ راکع سندِس حدس تام جاے چھنہ تس سندین
تہ پاٹھہ چھہ حکم اَمِس ہرگاہ آرام ہِنہ پتہ تہ ذکرِ واجب پرنہ برونہ قادر سپنہِ بلکہ مستحب ذِکر برونہ تہ
اِرادہ آرس پرن شہ ہرگاہ قادر سپنہ برقیام بعد رکوع تہ ذکرِ رکوع سِدوتہ رکوع پتہٕ قیام کرنہ باپت
اما ہرگاہ قادر سپنہ رکوع نشہ وُتھنہ پتہ پس اقوے چھہ ایزہ واجب چھنہ قیام سجدہ کرنہ باپت
تمہ نِشہ احوطی چھہ تہ روشن چھہ تیہ عاجز گژھُک حال نماز کران قادر آسنہ پتہ حتےٰ ییُس اکاہ
عاجز گژھ رکوع وِزہ ذکرِ پتہ بہہ شہ قیامِ بعد رکوعہ باپت اما ذِکر برونہ ہرگاہ ممکن چھُس کمان کرِت
پانس نمان وسُن یت رکوع زیادہ گژھ نہ تتہٕ کنہ وسِتہ ذکر رکوع پرِہ ہرگاہ تہ ممکن سپنِنسہ
بہِ قیامِ بعدِ رکوعہ باپت بہت کرنہ رکوع نو ذکرِ باپت واجب چھہ قرار تہ آرام آسُن قیاس
منز بیہ ہین کارن فریضہ کن منز مثلِ رکوع تہ سجدہ تہ قعود مستحب کارن منز تان تمو منزہ بلکہ دُو
چھنہ جلسہ استراحتس تہ شرط آسُن قرار پس ییٚس اکِس قرار رٹن در قیام بنِہ نہ ہکت آسس
وُتھدنہ روز نس زنگن نٹ آست نماز کرِہ تمی حالہ تہ بہت بنا بر اَصح رکوع تہ کرہ تتہٕ پاٹھہ تتہٕ پاٹھ
پرِہ ذکرِ رکوع تتہٕ پاٹھہ وُتہ رکوعہ پتہ یتہ قیام بدل کرِنہ بہُن اختیار قرار تنے حاصل آسہ
پتو باپت بہنس منز اما ہرگاہ وُتھدنہ ہکنہ روزِت مگر پکان بہت زانہ باقرار نماز کرِت احوط
چھہ تتہٕ پاٹھہ کرن نماز یتہ پاٹھہ تہ ہرگاہ قرار رٹن سارنے حالن منز دشوار آسِن ساقط
چھس اَدہ قرار رٹن واجب چھس اختیار کرُن یُس حالہ اقرب آسہ بنماز **مطلب**
**دُیم** مستحب چھہ در قیام سرتہ گردن سِدرٹن اما عیب چھنہ میاہُل آسنس مستحب چھہ چشمہ
اَدہ وزہ آسنہ بیہ نگاہ سجدس کُن آسن اُدریور نہ اوچھن مستحب چھہ در قیام تھن ہنزہ اَنگجہ
پانوان ہلوت آسنہ بیہ منز اَتھہ رانن پٹ آسن دچھن دچھنہ رانِ پٹ کھوور کھوورِ
رانِ پٹ مستحب چھہ کھرزہ اک اکس نشہ نہ زر دُور تھاون ہلوت تہ نہ تھاون بلکہ
اک اکس نِشہ دُور آسن تم اک اُنگل یا تر[۳] اُنگل اکس پاو تان بیہ تم برابر اک اکس آسن
نہ پت نہ برونہ بیہ اُنگجہ تھنزہ قبلس کُن آسنہ بیہ چھہ مستحب تس زِہ بہت کرہ نماز مربع

قرائت

بہُن قرائت پرنہ وزِہ تہ گوڑنگہ تہ رانہ تھُدرٹِت بہُن رکوعہ وزِہ گُھٹن پٹ رانہ تھُدرٹِت رکوع
کرُن یتہ پاٹھہ چھُہ مُستحب لَتِس وُن سجدن منز تشہد وزِہ کھوورہ ران پٹ بہُن مستحب چھُہ مخصوص
زنانِ قیام وزِہ کھُر اکھ اکِس سیت تھاون . بیہ بیہ بوت رٹہِ سینس کُن اتھو سیت ژُورم
فصل چھُہ **در قراءت مطلب اوّل** واجب چھُہ گوڈنچہ رکعژ منز تہ دیم رکعژ
منز سورۂ حمد پرُن . بیہ تمہ پتہ بیاک سوراہ پورہ پرَن رخصت تے چھُہ آمت نماز گذارس سورۂ
حمدی پوت پرَنس بیماری وِزِہ تہ تعجیل وزِہ بلکہ کُنہ چھُہ تہ واجب وقت تنگ آسنہ وزِہ
تہ خوف وزِہ . بیہ پرت ضرورت وزِہ ہرگاہ سورۂ حمد برونہ عمداً پرِہ نماز کرِہ گڈہ پتہ نو بنا بر
اصح ہرگاہ تہ سہواً کرِہ تہ یاد پیس رکوعہ برونہ بیہ پرِہ سُہ سورہ یا بیاک سوراہ بعد از حمد تھہرتے
چھُہ سُی سورہ پانہ یا ژ دوبارہ پرَن واجب چھُنہ لتِس دوبارہ حمد پرُن پلہ سُہ پرمت آسس بنابر
اصح جایز چھُنہ لتِس از سورہ ہاے دراز زینٹ سوراہ تھِر پرَن زِہ وقتِ نماز روزِنہ پران سُہ تی
عمداً کرِہ تہ نماز چھُہ باطل لتِس تمام تِنہ کرِمرا آسِس اما پلہ تہ سہواً کرِہ یاد پیس پران سُہ عدول
کرِہ بیس سورہ کُن باوسعتِ وقت ہرگاہ یاد پیس سُہ پرنہ پتہ وقتِ نماز فوت گژھنہ پتہ تمام کرِہ نماز
پننن اکھ رکعت تہ نہ لیژ آسِس وقتس منز محتاج چھُنہ سوراہ دوبارہ پرَنس یتہ پاٹھہ چھُنہ جایز اکھ
سوراہ از سورہ ہاے عزایم پرَن ہرگاہ عمداً سُہ پرِہ نماز کرِہ گڈہ پتہ نو پرمت تتہ آسنس مگر
کینژاہ بیک بسم اللہ تے تہ آیہ اما پلہ قصد آسِس سُہ سورہ تمام پرِہ نس یا آیہ سجدکس ماجد بس
تان ہرگاہ سہواً پرَن تہ یاد پیوس نہ نماز منز یا یاد پیوس رکوعہ پتہ نماز چھُہ صحیح کینژاہ چھُنہ کرُن
لتِس ہرگاہ یاد پیوس رکوعہ برونہ آیہ سجدہ پرنہ برونہ سُہ سورہ تراوِہ تہ بیاک سوراہ پرِہ نصفِ
سورہِ نشہ گُذرِ وت آسِتن یا نہ اما ہرگاہ یاد پیس سورِ نشہ فارغ گژِھت احوط چھُہ بیاک سورا
تہ پرِہ بقصدِ قربتِ مطلقہ نہ جزءِ نماز آسنکہ قصدہ دُنون صورژن اندر چھُہ احوط زِہ سجدۂ
تلاوت کرِہ نماز منز یا نماز پتہ نماز منز باشارہ گژِھت ادہ کرِہ گڈہ پتہ نماز نو یہ احتیاط کرِہ
ترک ضرراہ چھُنہ یہ سورہ پرَنس نافلہ نماز منز سجدہ کرِہ تتہ نماز منز یتہ پاٹھہ کرِہ ہرگاہ آیہ سجدہ

کنو بوزہ ادہ کرِہ تمام نافلہ ئن مُجزی چھہ اک سوراہ پرُن معوذتین منزہ اقوے چھہ سورہ والضحیٰ[1]
تہ سورہ الم نشرح چھہ اکی سورہ یتہٕ پاٹھہ چھہ الم ترکیف تہ لایلاف اکی سورہ پس مجزی چھنہ
در نماز گمرُد نوسے پرنہ ترتیب بسم اللہ ہت بنا بر احوط تمہ ختہ چھہ احوط نہ پرنہ تمہ ور نماز
واجب بسم اللہ چھہ پرت سورس گڈس جُزء سورہ سورہ براءتہ سوا اقوے چھہ زہ واجب
چھنہ بسم اللہ پرُن معیّن سورہ ہندِ قصدہ[2] بلکہ بسم اللہ پرِت مطلقہ سورہ ہندہ ادہ یُسہ خوش
گژھس تہ سہ پرِہ اما ہرگاہ بسم اللہ پرُن سورہ معیّنکہ قصدہ کفایت کرِ نہ بیہ سورہ باپت اگرچہ
احوط چھہ بسم اللہ پرُن سورہ معیّن کرِت یتہ پاٹھہ اقوے چھہ زِہ مکروہ چھہ دُن سورن منز قران
کرُن یعنے واجب نمازِ منز سورہ حمد پتہ زہ سورہ پرنہ احوط چھہ تہ ترک کرُن جایز چھہ عدول
کرُن سورہ پران تمہ نشہ بیس سورِکُن باختیاریت تان نہ تمکہ نصفہ دُلمت آسہ مگر سورہ
قل یا ایہا الکافرون تہ سورہ قل ہو اللہ احد زہ جایز چھنہ عدول کرُن یمو نشہ بیس سورِکُن[4] بلکہ
یمو دُیو منزہ تہ اکہ نشہ بیس کُن مگر جایز چھہ یمو دُیو نشہ تہ بیو سوروِ نشہ عدول کرُن بسورہ جمعہ تہ
منافقین روز جمعکس شِہنس منز نماز بیشین کران آستن تلہ یا نمازِ جمعہ یت تان نہ نصفہ دُلمت
آسہ بیہ آسس سورہ جحد نہ توحید پرُن ہیت مُت نسیانہ کن اما یلہ عمداً تہ گرمُت آسس احوط
چھہ عدول نہ کرُن بلکہ احوط چھہ عدول نہ کرُن سورہ جمعہ یا منافقین پران نماز جمعس منز یا در روز جمعہ
نمازِ ظہرس منز بیس سورِکُن نصفہ تہ دُلمت آسہ یہ سوری عدول کرُن چھہ ضرور نہ پیننہ وزِہ
ہرگاہ ضرور پینہ کنہ شراہ از سورہ نشنہ مگہ یا وقت تنگ سپننہ یا بیہ کُنہ زہ تمن ہیہ چھہ
جایز چھہ عدول ادہ پرت سورہ نشہ نصفس تے واتمُت آسہ افضل بلکہ احوط چھہ یتن نشہ
تہ عدول بسورہ توحید کرُن واجب چھہ مردس جہر کرُن قرائت پران صبح نمازِ منز تہ گڈہ کنچ
دُن رکعژن منز شام نمازِ ہنزن تہ خفتن نمازِ ہنزن واجب چھہ مردس قرائت پران سوا ے
بسم اللہ اخفات کرُن ظہرین روز جمعہ سوا بیہ نماز شامس تہ خفتنس تہ ظہرینس بیہ تمن رکعژن
منز تسبیحات پرتن یا سورہ حمد اما روزِ جمعہ پس مستحب چھہ تمہ دُہہ قرائت پران جہر کرُن نماز

[1] بفتحے
[2] قصدہ
[4] نصفہ تہ دلمت آسہ
[3] عدول

جُمعس تہ پیشین نمازِ گُڈہ چَن دُن رکعتن منز پس یُس اکاہ جہرچ جاے اخفات کرہ اِخفاتچ جاے
جہر کرِہ عمداً نمازِ چھہ باطِل تِتھ پس باطِل چھہ نہ نماز ہرگاہ مشراوِ نہ کِن تہ کرِہ یا نہ زانِنگن زِہ
جہر تہ اِخفات چھُہ واجب بلکہ دوبارہ پرِنہ یہ کینہ قرائتہ منزہ بہ جہر پرُن اخفاتچ جاے یا اخفات
پرُن جہرچ جاے نہ زانِنگن یا مشراونہ کِن زانِنہ پتہ تہ یا دِ پِنہ پتہ اما زنانہ پس جہر چھُنہ واجب
تِس پتہ جہر چھُہ واجب مردس بلکہ مختار چھہ سُہ پتہ در جہر واخفات ہرگاہ زانان آسنہ نامحرم
بُوزِنس آواز تسنز قرائت پران ہرگاہ زانہ زِہ نامحرم بُوزِہ آواز مین پس احوط چھہ ایزہ جہر گرِنہ
اما پتہ مردن اخفات چھہ واجب زنانن تہ چھُہ پتہ واجب اِخفات پتہ مرد چھہ معذور در جہر و
اِخفات زنانہ تہ چھہ پتہ معذور جہر گو آواز زِنتُ پرُن اِخفات گو آواز نہ پرُن فرق چھہ نہ
در جہر تہ اِخفات اداے نمازِ تہ قضاے نمازِ منز اما نمازِ جماعتس منز پس واجب چھُہ ایزہ
ماموم پرِہ قرائت باخفات نمازِ ہنزن گُڈہ یچن دُن رکعتن منز اما مس نشہ جدا گژھنہ پتہ
تہاوِہ جاری پانس حکمِ منفرد ضرر چھُنہ [3] بیاک پرُن بُوزنہ آواز تزنہ پرت جایز چھُنہ تت جہر زِہ
قبیح آسہ بیہ زیادہ از معتاد ہرگاہ تہ گرِہ تہ نمازِ چھہ باطِل واجب چھُہ صحیح پرُن سورۂ حمد تہ
سُورہ پس ہرگاہ نماز گرن تہ عمداً تراوُن تمو منزہ حرفاہ یا حرکتاہ بنائی یا اعرابی یا مداہ واجب
یا تشدیداہ یا سکوناہ لازم یا کُنہ حرفہ بدل پرُن بیاک حرفاہ ضادس ظاے تِسے پرِہ یا ترتیب ڈالِ
تہندِن آیاتن منز یا کلماتن منز یا حرفن منز یا پرِنہ تمن بموالات نمازِ چھہ باطِل تِتھ پتہ پاٹھہ چھہ
باطِل نماز ہرگاہ حرفاہ پرِہ بیہ چیز کہ مخرج منزہ یا ثابت تہاوِہ ہمزۂ وصل در درج یا پتہ
کرِہ حذف ہمزۂ قطعی احوط چھہ وقف بحرکت نہ گرُن بیہ نہ وصل بسکون کرُن بلکہ ظاہر چھہ
واجب آسُن سُورہی تہ زِہ واجب چھہ در علم صرف تہ نحو تمہ وراے چھُنہ واجب پتہ کنہ پرُن
زِہ قرار چھہ پیمُت تہ از علماے تجوید مدّ ہیہ تہ ادغام ہہ یا غُنّہ تہ بے غُنّہ ہُہ بیہ امالہ یا
اشباع یا تفخیم یا تسہیل یا ترقیق یا یہ کینہ چھہ مُحتاتو منزہ ادغامِ تنوین تہ ادغامِ نونِ
ساکِنہ تان در یکے از حرفہاے یرملون زِہ بیس کلمس آسہ اَتھ منز مانند لم یکن لہ من رنگ

[3] بااخفات پرنس

احوط تے چھہ مرعی تھاوُن تہٕ یتہٕ پاٹھہ چھہ احوط قرائت کرٕن اکھ قرائتہ سیٖت ستو قرائتو منزٕ
تمہٕ چھہ قرائتِ نافع بیہٕ ابنِ کثیر بیہٕ ابنِ ابی عمرو بیہٕ ابنِ عامر بیہٕ عاصم بیہٕ حمزہ بیہٕ کسائی
اقوٰے تِ چھہ واجب نہ آسُن تہٕ خصوصاً یتہٕ پاٹھہ زٕہ آمُت چھُہ تہٕ بعضے کلماتن منز ترن نشہٕ
زٕہ ترن نشہٕ تِ چھُنہٕ واجب یتہٕ پاٹھہ پرُن بلکہ بس چھُہ قرائت کرن عربے طریقہ تمہٕ زنگہ زٕہ
درعُرفِ عرب لگہٕ تمیز حرف باقی حرفو نشہٕ مثلاً صاد نیرہ چانہٕ دہانہ تمہٕ زنگہ زٕہ درعُرفِ عرب دپن
صاد پرُن نہ سین یُس اکاہ جان آسِنہٕ پران سورہ حمد واجب چھُہ ہیچھن تُس تمکن تے آسہ نماز
کینسہ یتہٕ پرٕہ نس ہٹ بنابر اقوٰے ہرگاہ ہکنہٕ مگر بلچن تہٕ خطاسان پرت یاکینہ حرفِ کثیر حرفو
بدل پرت بیہ یہ تت ہہ چھُہ فافاہہ تہٕ تمام ہہ یتہِ خطاتہ تبدیل زٕہ پرُن نیرٕنہ قرائت
نام منزٕ تِ چھہ مجزی تُس بلکہ اقوٰے چھُہ ایزٕہ واجب چھُہ تُس کینسہ یتہٕ نماز کرن گل سندپاٹھ
بہتر تے چھُہ ترن تے اما یلہ قابلِ تعلیم آسہ تہٕ وقت آسہ تنگ احوط چھُہ تُس نماز کرن کینسہ یتہٕ
ہرگاہ ہنٕتہ نتہ پرٕہ سورہ حمد منزٕ تِتی زٕہ جان چھُہ پران قرآن چھُہ گنز رٕنہ یوان باقی بدل
پرٕہ بیہ کینہ قرآن منزٕ احوط چھُہ تُس تہٕ کرت تکرار پرُن یہ سورہ حمد منزٕ جان چھُہ پران بابِ قیس
یوٗت ہرگاہ سورہ حمد منزٕ کینہ آسِنہ جان پران یا پران آسہ اما زُکم آسنہ تمکس شمارس
یوہ وُن آسنہ پس سہ پرٕہ سورہ حمد بدل بیہ کینہ قرآن منزٕ تمکن آیاتن برابر شمارہ کرن
مرعی تھاوت مساوات آسُن حرفن منز یا زیادہ آسُن بدل ہرگاہ قرآن منزٕ کینہ اوُسنہ
جان پران اَدٕہ کرٕہ سورہ حمد بدل ذکرِ خدا تسبیح سیٖت تہٕ تکبیر سیٖت احوط چھُہ بجاان ذکر ہتمو دُویہ
سیٖت یتہٕ پاٹھہ چھُہ احوط ذکر کرن فاتحہ کِن حرفن برابر اما سورہ یِس واجب چھُہ سُہ تہٕ ہیچھُن یلہ
یُسر ہیچھُن آسہ خالی از وجہ چھُنہٕ جاری تھاوُن تلہ سورہ حمد ہیچھُن میسر نہ آسنک احکام یِس اکس آفتاہ
آسہ درزبان تمہٕ زنگہ زٕہ تہٕ آسِت زانہٕ پرت دِلہ پرٕہ سُہ توہم پاٹھی پرتن احوط چھُہ حرکت دِن
زٕہ حرف تہٕ کلمہ توہم کران یِس کلس ممکن آسہ معنی قرائت بفہم انن دِلس گذرادہ سہ لفظ قرائت
یتہٕ کُن اشارہ کران یتہٕ پاٹھہ تکبیر حرامس منز سیٖن بیان یِس کلس ممکن آسہ نہ بفہم انن تہٕ حرکت دیہ

سُہ زِوِہ اِشارہ کران زِہ بَدَلِ قرائت چھُم ملحوظ آسِت قدرِ قرائت اقوٰے چھُہ اَیزِہ واجب چھُنہ
قرائت یاد پَرَن پَس لَب چھُہ پرن سُہ نوشتہ پٹَہ بلکہ مجزی چھُہ کینسہ قاری سنزِہ پیروی پرُن
احوط تِے چھُہ ازرو ے قرآن تہ کینسہ قاری سنزِہ پیروی پرن تِل مجزی زانُن زِہ یاد کرِتِ پرَن کینسہ
پتہ نماز کرَن آسہِ دشوار مختار چھُہ دُیور کعژ و پتہ نمازِ فریضس منز ذکر پرتن یا سورۂ حمد مشراوِت تِے
آسِس سورۂ حمد گُڈہ نِچَن دُن رکعژن منز اَمَا افضل چھُہ تہ ذکر پَرن مطلقاً اِمامس تہ ماموس تہ
منفردس صورتیم چھُہ سُبْحَانَ اللہِ وَالْحَمْدُ لِلّٰہِ وَلَا اِلٰہَ اِلَّا اللہُ وَاللہُ اَکْبَرُ پس
پَرِہ اَتھ عربی طریقس تہ رفتارس پٹَہ راچھہ کرِت مجزی چھُہ اَکِہ مرتبہ پرُن احوط چھُہ ترِیہ مرتبہ
پس یِہ ذکر چھُہ باہ تسبیحہ بہتر چھُہ استغفار ملُون تَتھ یس اَکِسَہ اِستطاعت یِہ ذِکر پرِنگ آسِہ
یتِیُ نبس تمِہ منزہ تِتیُ پرِہ نتہ پرِہ مطلق ذِکر اَقوٰے چھُہ تخییر چھُہ باقی شروع گرَنہ پتہ ذکرِ منز یا سورۂ
حمدس منز یمی معنی زِہ اکس منز شروع کرِت زانِ تمو منزہ بیس کُن عدول کرِت احوط تِے چھُہ
عدول نہ کرُن شروع پتہ ہرگاہ ارادہ کرِن تسبیح پرِنس زِوِہ گوس نیرت سورۂ حمد احوط چھُہ
اکتفا نہ کرُن تمِہ سیت اَمَا ہرگاہ غافل آسَنہ وِزِہ تہ کرہ قصد آسَنہ سِوا اَکِنہ اَکِس کُن اقوٰے
چھُہ زِہ بس چھُہ یِہ پرُن عادت تے آسِس بیاک پرِنس بلکہ عازم تے آسِہ از اوّل نمازسُہ
بیاک پرِنس احوط چھُہ نو پرُن سُہ بیاک واجب چھُنہ تمِن دُن رکعژن اَکی چیز اہ پرُن تمو منزہ
بلکہ جایز چھُہ اَکِس رکعتس منز سورۂ حمد پرُن بیِس رکعتس منز ذکر لازم چھُہ تہ ذکر یا سورۂ حمد
باخفات پرُن بسم اللہ تان بنابر احتیاط اقوٰی تے چھُہ تہ تہ جہر گرُن یِہ بسم اللہ پتہ تہ چھُہ
جہر و اخفاتس بدل گرَنس جہلہ کِن یا مشراونہ کِن سُی حکم زِہ یِہ بروُنہ پرُن بیان **مطلب دیم**
مستحب چھُہ اَعُوْذُ بِاللہِ السَّمِیْعِ الْعَلِیْمِ مِنَ الشَّیْطٰنِ الرَّجِیْمِ لِتہ پرُن شروع گرَنہ برونہ در
قرائت گُڈہ نِچہ رکعژ منز بیہ جہر گرُن بسم اللہ پرِنس منز تیہ اخفات چھُہ کران واجب آسَنہ کِن
بیہ تحسین آواز گرن بے غنا بیہ حرفن افصاح کرن بیہ قرائت آہستہ آہستہ پرَن بیہ پیا پے
پرَن بیہ وقف کرُن آیاتن ہندَن فاصلَن پٹھ مرعی تہاوت معانی تہند نصیحت رٹان

تِمو سیت منگان آیہ نعمت پران بیہ آیہ نقمت پران یہ کینہ مناسب آسہ پرتہ اکہ نشہ تمو منزہ
مثلاً آیہ رحمت پرنہ وزِہ منگِہ رحمت آیہ عذاب پرنہ وِزِہ منگِہ نجات عذابہ نِشہ بیہ چھِہ مستحب سکتہ
اکہ مرتبہ ژھِیہ کرن اکِہ مرتبہ شاہ گڈنس برابر سورۂ حمد پتہ سورہ پرنس تان بیتہ پاٹہ سورہ پرنہ پتہ
تکبیر پرنس تان رکوعہ باپت یا قنوت باپت یلہ نہ بجا انہ ین جاین یہ کینہ مستحب چھِہ تس
الحمد للہ رب العالمین پرن ہہ سورۂ حمد پتہ بیہ کذالک اللہ ربی پرن ہہ سورۂ توحید پتہ
بیہ چھِہ مستحب از مفصلِ قرآن زِہ سہ چھِہ از سورۂ محمد زیچہ سورہ پرنہ نماز صبحس منز مثلِ سورۂ ہل اتیٰ
بیہ لِیسہ سورہ اہ پرِہ از سورۂ محمد تا عم یتسا لون ژھِیچہ سورہ پرنہ از مفصل قرآن زِہ تِمہ چھِہ از
والضحیٰ تا آخر قرآن اذا جاء نصر اللہ تہ الہٰکم التکاثر ہہ نماز دِگرس شامس منز بیہ تِمہ منزہ سورہا ے
میانہ پرنہ سورۂ اعلیٰ تہ والشمس ہہ نماز پیشینس تہ نماز خفتس منز در روایت چھِہ از حضرت امام محمد
باقر علیہ السلام یُس اکاہ مداومت کرہ سورۂ قٓ پرنس پٹھ واجب نمازن اندر تہ سنت نمازن اندر
خدا کرہ تس روزی فراخ نامۂ عمل دِیس بدستِ راست حساب کرِہ آسان از حضرت علی
بن الحسین صلوات اللہ علیہما چھِہ منقول یُس اکاہ سورۂ ممتحنہ واجب نمازن منز تہ سنت نمازن منز پرِہ
خدا کرِہ دِلس تسندِس بایمان امتحان اَچھِن دِیس نور پانہ تہ شر تسند سپدِن نہ مبتلا بفقر تہ دیوانگی از
حضرت امام محمد باقر علیہ السلام چھِہ منقول یُس اکاہ مداومت کرِہ پرنس پٹھ سورۂ صف واجب
نمازن تہ سنت نمازن منز خدا دِیہ جاے تس در صفِ ملائکہ تہ انبیاء از حضرت صادق
علیہ السلام چھِہ منقول زِہ واجب تہ لازم چھِہ تس اکس پٹھ زِہ شیعہ سون آسہ شبِ جمعہ پرِہ در نماز
شام تہ خفتن سورۂ جمعہ تہ سبح اسم ربک الاعلیٰ بیہ پرِہ تِمہ دُہہ در نماز جمعہ تہ نماز ظہرن سورۂ جمعہ
تہ منافقین یلہ یُت کاراہ کرِہ تہ تِتھی آسہ زِہ عمل کرمُت آسہِس بعمل حضرتِ رسول صلی اللہ علیہ وآلہ ثواب
تسند آسہ زِہ خدا بہشت از حضرت صادق علیہ السلام چھِہ منقول زِہ یُس اکاہ سورۂ تغابن واجب
نمازن منز پرِہ سہ سورہ آسہ شفیع تس در روز قیامت گواہاہ عادل آسہ تس زِہ گواہی دِیس تسندِہ باپت
تس اکس نِشہ زِہ گواہی تسنز کرِہ قبول خدا گژھِن تس نِشہ یُت تان تس در بہشت ژانہ از حضرت

تہ نماز۔

سورۂ ق ثواب

پارہ ہنگ ثواب

سورۂ ممتحنہ

سورۂ صف

سورۂ جمعہ تہ اعلیٰ

سورۂ جمعہ تہ منافقین

سورۂ تغابن

سورۂ طلاق و تحریم

صادق علیہ السلام چھہ منقول زِ یُس اکاہ سورہ طلاق تہ تحریم پرِہ در نمازِ واجب خداو یہ در قیامت
پناہ تس از خوف تہ اندوہ از آتش جہنم لبہ عافیت تس کرِہ داخلِ بہشت تلاوت گرنگہ سببہ تہ محافظت
گرنگہ سببہ یمن دُن سورن ہندس حسرتس اوی زِ یمہ زہ سورہ چھہ از حضرت رسول صلی اللہ علیہ
و آلہ از حضرت صادق علیہ السلام چھہ منقول زِ یُس اکاہ سورۂ تبارک الذی بیدہ الملک راتِ

سورۂ ملک

کِتُ شُنگنہ برونہ در نمازِ واجب پرِہ پیوستہ آسہ در امانِ الٰہی بہشتس اژِس تان تس حضرتس نشہ

سورۂ ن و القلم

چھہ منقول یُس اکاہ سورۂ ن والقلم نمازِ فریضس یا نفلس منز پرِہ خدا کرِہ امین تس یمی نشہ زِ بفقرِ سپننہ
مُبتلا زاہ یلہ مرِہ از فشارِ قبر دیہ نجات تس تس حضرتس نشہ چھہ منقول زِ سٹاہ پرِو سورۂ الحاقہ

سورۂ الحاقہ

بدرستی کہ پرن سُہ در فرائض تہ نوافل ایمانکن چھہ بخدا تہ رسول یہ سورہ چھہ در واقعہ حضرت امیر المومنین
علیہ السلام تہ معاویہ علیہ الہاویہ نازل سپنمژ یُس اکاہ یہ سورہ پرِہ ایمان سپننہ زِ دتس نشہ
تس حضرتس نشہ چھہ منقول زِ یُس اکس ایمان بخدا تہ قرآن پرِس چھہ سزاوار چھہ تس زِ سورہ

سورۂ نوح

نوح پرُن گرِہ نہ ترک بدرستی کہ یُس اکاہ یہ سورہ براے خدا در نمازِ واجبی تہ سُنتی پرِہ خدا کرِہ ساکن
تس در مساکنِ نیکوکاران بیہ تہ بہشت گرِس عطا بیہ زہ ہت حورہ تہ ژور ساس زنانہ کرِہ تزویج تس

سورۂ مزمل

تس حضرتس نشہ چھہ منقول زِ یُس اکاہ سورۂ مزمل پرِہ در نمازِ خفتن یا در نمازِ شب رات تہ دُہ تہ
سُہ سورہ ترِ نوے آسن گواہ تس قیامتس منز خدا جان زندگانی سیت تھاوس زندہ جان مرِ نِہ دیس
موت از حضرت امام محمد باقر علیہ السلام چھہ منقول زِ یُس اکاہ نمازِ واجبس منز سورۂ مدثر پرِہ

سورۂ مدثر

بر خدا چھہ لازم زِ جاے دِیہ تس در جوارِ حضرتِ رسول صلی اللہ علیہ و آلہ در زندگانیِ دنیا ہرگز نہ
شقاوت تس تس حضرتس نشہ چھہ منقول زِ یُس اکاہ سورۂ ہل اتےٰ پرت صُبح بریسوارِہ ہندہ پرِہ

سورۂ ہل اتیٰ علی الانسان

خدا کرِہ عطا تس آٹھ ہت دختر باکرہ ژور ساس زنانہ حور العین بیہ آسہ با حضرت رسول خدا
بسندِ معتبر چھہ منقول از علی بن عمر زِ در خدمت امام علی النقی علیہ السلام گوس بُہ وارِہ دُہ حضرتن فرمُودُنہ
یُوہ وچھکنہ عرض کرُم زِ خوش گوم نہ ژندروارِہ دُہ حرکت کرُن فرمُودُن زِ یُس اکاہ یژہ زِ خدا گژھِم
ژندروارِہ ہندِ شرہ نشہ محفوظ تھاوُن سُہ پرن تمہ دُہہ گوڈہ چہ رکعژ منز نمازِ صبحچہ سورۂ ہل اتی علی الانسان

حقتعالی چھِہ فرماوان زِ پس محفوظ تھاوتم خدان تمہ دُکہِ شرہ نشہ پیشوا سوزن تمن یاری تہ خوشحالی
بیہ سُرور تہ شادی **در حدیث** رجاء بن ضحاک چھُہ زہ حضرت امام رضا علیہ السلام آس ژندروارہ
صُبحس تہ بریسوا صُبحس در رکعتِ اول ہل اتےٰ علی الانسان تہ در رکعت دوم ہل اتاک حدیث الغاشیہ
پران **ازحضرت** صادق علیہ السلام چھِہ منقول زِہ یُس اکاہ سورۂ اذا السمآء انفطرت و اذا السمآء انشقت
در فریضہ یا نافلہ سٟتاہ پرِہ خدا اگرِنہ کانہ حاجت ردتس کانہ مانعاہ گرِنہ از خدا دُورتس در آخرت
کرہ پیوستہ نظر بکرامتھاے خدا خدا تھاوہ برحمت نظرتس کُن یتاں از حساب خلایق فارغ سپنہ
**از آنحضرت** چھِہ بند دیگر منقول زِہ یُس اکاہ در نمازِ واجب سورۂ ویل للمطففین سٟتاہ پرِہ حقتعالے
برات امینی از نار جہنم کرِہ عطاتس بحساب نیس بہشت **منقول** چھُہ از آنحضرت علیہ السلام یُس اکاہ
سورہ والسمآء ذات البروج در فرایض پرِہ سورہ پیغمبران آسنہ حقتعالی کرِہ در قیامت محشورتس پیغمبران
تہ مرسلین تہ صالحین سیت تمن سیت تھاوہ لتس حضرتس نشہ چھُہ منقول یُس اکاہ در فرایض سورۂ
والطارق پرِہ قیامتس منز آسہِ لتس نزد خدا قدر تہ منزلتاہ عظیم در بہشت آسہ از رفیقان پیغمبران
**ازحضرت** صادق علیہ السلام چھُہ منقول زِہ یُس اکاہ سورۂ سبح اسم ربک الاعلی در فریضہ یا نافلہ پرِہ
در روز قیامت دپن لتس از بہشتس یمہ دروازہ یژہاک **ازحضرت** صادق علیہ السلام چھُہ منقول زہ
یُس اکاہ مداومت کرِہ پرنس پٹ سورہ ہل اتاک حدیث الغاشیہ در نماز واجب یا سُنت خدا
وَلِہ لتس نِنہ رحمتہ سیت دنیاس تہ آخرتس منز در روز قیامت کرِہ عطاتس برات امینی از عذاب جہنم
ازحضرت صادق علیہ السلام چھُہ منقول زِہ پرِو سورۂ فجر اَوے زِہ سُہ چھِہ سورہ امام حسین علیہ السلام
یُس اکاہ یہ سورہ پرِہ تہ در بہشت آسہِ در ہمسایگی آنحضرت **ازحضرت** صادق علیہ السلام چھُہ منقول
زِہ یُس اکاہ سورۂ لا اُقسم بہذا البلد در نماز واجب پرِہ دنیاس منز سپنہ صالحین منز معروف زِہ اُس
چھُہ منزلتِ عظیم حقتعالاس نِشہ در قیامت آسہ از رفیقان پیغمبران تہ شہیدان تہ صالحان **ازحضرت**
صادق علیہ السلام چھُہ منقول زِہ یُس اکاہ سورۂ والتین در فرایض تہ نوافل خود پرِہ عطا کرن تس بہشتہ
منزہ یُسہ جاے پسند کرِہ ازحضرت صادق علیہ السلام چھُہ منقول یُس اکاہ سورۂ انّا انزلناہ در نماز

سورۂ ہل اتیٰ
سورۂ غاشیہ
اذا السمآء انفطرت
اذا السمآء انشقت
سورۂ ویل للمطففین
سورۂ بروج
سورۂ والطارق
سورۂ اعلیٰ
سورۂ غاشیہ
سورۂ فجر
سورۂ لا اقسم بہذا البلد
سورۂ والتین
سورۂ انّا انزلناہ

ثوابِ سورۂ اذا زلزلت

فریضہ پرِہ منادی کرِہ از جانب حقتعالےٰ ندا زِہ خدا ین کری آمرزش برُونہِمن گنہن عمل ژٕہ از سر بسندِ معتبر
چھِہ از حضرت صادق علیہ السلام منقول زِہ ملال مہ گرِو پیدہ پَرِنہ سورۂ اذا زلزلت یُس اکھ یہ سورہ
نافلہ نمازن اندر سٕتاہ پَرِہ ہرگز گرِنہ خدا ابتلائس زلزلہ تہ صاعقہ تہ آفتہاے عظیم دُنیایت بیہ
یِوا افتو سیت مارِنہ تس جان کنی وِزِہ بزرگوار ملکاہ اِیہ از جانب پروردگارس نِشہ تہ شانِدس پٕتہِس تہ
ملکِ موتس وپہ از جانبِ حقتعالےٰ بنرمی تہ مدارا کر سلوک با دوست خدا پرنہ باپت سورۂ
اذا زلزلت سٕتاہ اُوس با دِگران یہ سورہ تہ کرِہ سفارش ملکِ موتس پس ملکِ موت
وپہ حقتعالان چھُیہ مہ تہِی امر کُرمُت زِہ کت اَمنس بوزِہ تہ اطاعت کرِہ اَمِس یِتتان
امر کرِمنہ قبض روح گرتشنہ پس آسِہ ملکِ موت تس نِشہ یُتتان پردہ ازیش دیدۂ مومن
تمن تہ جاے پَنن وُچھِہ بہشتس منزتہ وُچھنہ پتہ کرِہ امر ملکِ موتس زِہ قبض روح کرُم پس ملکِ
موت در نہایتِ ملایمت تہ آسانی کرِہ قبض روح تس ستت ساس ملک کرن وُچھ تسندِس
مشایعت بزودی واتناوِنس بہ بہشت از حضرت صادق علیہ السلام چھُیہ منقول یُس اکاہ

ثوابِ سورۂ الہٰکم التکاثر

سورۂ الہٰکم التکاثر در نمازِ واجب پرِہ حقتعالی لکھہِ تسندہ باپت ہِس شہیدن ہُند ثواب یُس
اکاہ در نافلہ پرِہ لکھہ تس کتِ پانژ ہن شہیدن ہند ثواب بیہ واجب نماز اندر ژتچھِہ صف ملائکن
ہند کرن تس سیت نماز بسندِ معتبر چھُیہ از حضرت رسول صلی اللہ علیہ وآلہ منقول ایزہ فرمود کہ
یُس اکاہ سورہ الہٰکم التکاثر شنگنہ وِزِہ پرِہ خدا تہاوہ محفوظ تس از عذاب قبر از حضرت

ثوابِ سورۂ والعصر

رسول صلی اللہ علیہ وآلہ چھُیہ منقول زِہ یُس اکاہ سورہ والعصر در نمازہاے نافلہ پرِہ خدا کرِہ مبعوث
تس در روز قیامت با روے نورانی تہ دندان خندان تہ با چشم روشن تہ خوشحال یِتتان تس

ثوابِ سورۂ ویل لکل ہمزۃ

داخل بہشت کرِہ از حضرت صادق علیہ السلام چھِہ منقول زِہ یُس اکاہ سورہ ویل لکل ہمزۃ
در نمازہاے فریضہ پرِہ فقر کرِہ دور تس نِشہ بیہ کرِہ روزی فراخ تس بیہ مرگِ بد مارِنہ تس از

ثوابِ سورۂ ارایت الذی

حضرت امام محمد باقر علیہ السلام چھُیہ منقول زِہ یُس اکاہ سورہ ارایت الذی یکذب بالدین
پرِہ در نمازہاے فریضہ تہ نافلہ تمی جماعتہ منزہ آسِہ یہنزہ نمازہ تہ روزِہ چھِہ خدا ین قبول کرمژہ

سورۂ انا اعطینا

تس در قیامت دنیا چہ عملونہ کڑی نہ حساب از حضرت جعفر بن محمد علیہما السلام چہ منقول دی اکاہ سورۂ
انا اعطینا در نمازہاے فریضہ تہ نافلہ شاہ پرہ خدا دیہ در قیامت تس حوض کوثرہ آب بیہ دیہ حاے
تس در جوار حضرت رسول صلی اللہ علیہ و آلہ زیر درخت طوبے از حضرت صادق علیہ السلام چہ منقول

سورۂ قل یا ایہا الکافرون و قل ہو اللہ احد

زہ یس اکاہ سورہ قل یا ایہا الکافرون تہ قل ہو اللہ احد در نماز فریضہ پرہ خدا بخشہ گناہ تس
بیہ بالس تہ ماجہ تسنزہ بیہ لستندن بالس تہ ماجہ ہندن شرن ہرگاہ شقی آستہ از دیوان اشقیاء
کرہ محو شسند نام تہ لکھس در دیوان سعداء بیہ تہادہ لس در زندگانی دنیا سعادتمنہ تس مارہ شہید
شہید کرس مبعوث شسند معتبر از حضرت امیر المومنین علیہ السلام چہ منقول زہ حضرت رسول
صلی اللہ علیہ و آلہ سفر س اکس منز برگ نماز اسہ کرتس حضرتس اقتداء در رکعت اول برگ قل یا ایہا الکافرون
تہ در رکعت دوم قل ہو اللہ یلہ فارغ سپن نہ فرموک تہندہ باپت پرم ثلث قرآن تہ ربع قرآن لسند
صحیح از حضرت صادق علیہ السلام چہ منقول زہ ترک مہ کرین قل ہو اللہ تہ قل یا ایہا الکافرون
ستن نمازن منز در نافلہ صبح بیہ در دو رکعت اول نافلہ پیشین بیہ در دو رکعت اول نماز شب
بیہ در نماز احرام بیہ در نماز صبح ہرگاہ ہوا روش آسہ سپنمت تہ سورہ طولانی زانزنہ پرت بیہ
نماز طواف بیس رواہ منز چہ آمت زہ یمن نمازن اوس در رکعت اول قل ہو اللہ احد پران

سورۂ اذا جاء

مگر در نافلہ صبح زہ در رکعت اول اوس قل یا ایہا الکافرون پران از حضرت صادق علیہ السلام
چہ منقول زہ یس اکاہ سورۂ اذا جاء نصر اللہ در نماز فریضہ یا نافلہ پرہ خدا دیہ تس سارنی دشمنن پٹھ
نصرت یلہ از قبر نیرہ تس سیت آسہ ناماہ گویا تتھ نامس منز آسہ امان از صراط تہ نار جہنم بیہ از
صداے جہنم یمہ چیزہ پٹھ گذرہ سہ چیز دیہ بشارت تس نیک آسنچ یت تان داخل بہشت گچھنہ
بیہ لستندہ باپت مژرہ خدا از اسباب خیر تو تاہ زہ دلس آسنہ گذروت تس بیہ آسنہ آرزو
تمک اسمت

سورۂ توحید

سورۂ توحید در نماز پرنس چہ ثوابہاے جزیل تہ تاکید اکید از حضرت صادق
علیہ السلام چہ منقول زہ یس اکس پٹھ اک دوہ گذرتہ پانژ نمازہ کرہ تمن پانژن منز پرنہ قل ہو اللہ
تس کرن خطاب اے بندۂ خدا زہ نماز گذار دانہ چھکنہ بسند معتبر چہ منقول زہ حضرت صادقن

لَہٗ اِلٰھًا وَّاحِدًا اَحَدًا صَمَدًا لَمْ یَتَّخِذْ صَاحِبَۃً وَّلَا وَلَدًا لِکھِ تسندِ ہ باپت حقتعالیٰ عزشانہٗ
پانژہ تاجہ ساس حسنہ محو کرِہ تسندن گنہن ہندہ نامہ منزہ پانژہ تاجہ ساس گناہ بیہ کرہ بلند تسندہ
باپت پانژہ تاجہ ساس درجہ بیس واثر منز چھیہ اُمّت زِہ یہ دُعا آسیہ حرزاہ تسندہ باپت تت
دُہس منز از شر شیطان تہ مردم تہ سلطان تت دُہس منز گناہ کبیرہ ولنہ ایہ نہ تس بیس واثر منز چھیہ
اُمّت یُس اکاہ پرت دُہہ یہ دعا پرِہ حقتعالےٰ کرِہ تسندِہ باپت پانژہ تاجہ ساس درجہ بلند تتھی اسِہ
زِہ یمہ دُہہ آسِس ۱۲ مرتبہ قرآن ختم کرُمت حقتعالیٰ کرہ تس گیت گراہ بنا فضل چھیہ در فضیلت
تسبیح بسند معتبر چھیہ از یونس بن یعقوب منقول زِہ از حضرت صادق علیہ السلام کُرن سوال زِہ یُس اکاہ
ہتہ مرتبہ سبحان اللہ دِپہ تم کرہ ذکر شاہ تہ عمل کرنہ بفرمودہ خدا زِہ امر کرُمت چھس زِہ مہ کرِو شاہ
یاد فرمودن بلے بیہ چھیہ بسند صحیح از آنحضرت منقول زِہ یُس اکاہ دِپہ سُبْحَانَ اللّٰہِ الْعَظِیْمِ
وَبِحَمْدِہٖ سُبْحَانَ اللّٰہِ الْعَظِیْمِ وَبِحَمْدِہٖ حقتعالےٰ لکھہ تسندِہ باپت ۳ ساس حسنہ ۳ ساس
گناہ کرہ محو تس ۳ ساس درجہ کرہ تسندِہ باپت بلند مرغاہ کرہ در بہشت تسندہ باپت پیدا زِہ تسبیح
الٰہی آسِہ کران تسندہ تسبیح کرنک ثواب آسن تسندی بیہ چھیہ از حضرت امیر المومنین علیہ
السلام منقول زِہ فرمودن زِہ یلہ بندہ سبحان اللہ چھیہ دِپان جمیع ملائکہ چھیہ تس ہٹ صلوات سوزان
بیہ چھیہ بسند معتبر از حضرت صادق علیہ السلام منقول زِہ یُس اکاہ ترِہ پہرہ دِپہ سُبْحَانَ اللّٰہِ
الْعَظِیْمِ وَبِحَمْدِہٖ سُبْحَانَ اللّٰہِ الْعَظِیْمِ وَبِحَمْدِہٖ رو کرہ تواُنگری کُن پشت کرہ فقیری
کُن دُبدُب کرہ بہشتکس دروازس بیہ چھیہ از حضرت رسول صلی اللہ علیہ وآلہ منقول زِہ یُس دِپہ
سُبْحَانَ اللّٰہِ وَبِحَمْدِہٖ خدایتعالےٰ لکھہ تسندِہ باپت دہ لچھ حسنہ دہ لچھ گناہ کرِس محو دہ لچھ درجہ
کرِس بلند یُس اکاہ زیادہ دِپہ خدا کرِہ ثواب تسند زیاد یُس اکاہ استغفار کرِہ خدا کرِہ تسندن
گنہن آمرزش بیہ چھیہ بسند معتبر از حضرت صادق علیہ السلام منقول زِہ یُس پرت دُہہ ۳۰ ترِہ ہیژ
سُبْحَانَ اللّٰہِ دِپہ حقتعالےٰ کرہ دفع تس نشہ ستت نوع از بلا زِہ یژ سہل آسِہ تمن منز فقر تہ احتیاج
بیہ سنز تہ چھیہ یہی مضمون از حضرت امیر المومنین علیہ السلام منقول بیہ چھیہ بیہ سنز تس خضر تس

نِشہ منقول زِہ حق سبحانہ وتعالا ان يلہ نور مقدس نبوے صلّى اللہ عليہ وآلہ پيدا کُرسہ کُرِن درحجاب قدرت بهَن سا سن ورهن ساکن تنہ اُوس آنحضرت يہ تسبيح دِپان سُبْحَانَ رَبِّيَ الْأَعْلَى درحجاب عظمت رُود کهن سا سن ورهن تہ يہ تسبيح اُوس دِپان سُبْحَانَ عَالِمِ السِّرِّ وَالْخَفِيَّاتِ درحجاب منت رُود دهن سا سن ورهن تہ يہ تسبيح اُوس دِپان سُبْحَانَ مَنْ هُوَ قَائِمٌ لَا يَلْهُو درحجاب رحمت اُوس نون سا سن ورهن ساکن تہ يہ تسبيح اُوس دِپان سُبْحَانَ الرَّفِيعِ الْأَعْلَى درحجاب سعادت آس آٹهن سا سن ورهن تہ يہ تسبيح اُوس دِپان سُبْحَانَ مَنْ هُوَ دَائِمٌ لَا يَلْهُو درحجاب کرامت ستن سا سن ورهن آس يت تسبيح مشغول سُبْحَانَ مَنْ هُوَ غَنِيٌّ لَا يَفْتَقِرُ درحجاب منزلت آس شِن سا سن ورهن يہ تسبيح دِپان سُبْحَانَ الْعَلِيمِ الْكَرِيمِ درحجاب هدايت رُود پانژن سا سن ورهن تہ يہ تسبيح آس دِپان سُبْحَانَ ذِي الْعَرْشِ الْعَظِيمِ درحجاب نبوت اوسُک ژُور سا سن ورهن قرار تہ يہ تسبيح آس دِپان سُبْحَانَ رَبِّ الْعِزَّةِ عَمَّا يَصِفُونَ درحجاب رفعت رود ترِن سا سن ورهن تہ يہ تسبيح آس دِپان سُبْحَانَ ذِي الْمُلْكِ وَالْمَلَكُوتِ درحجاب هيبت رُود دُن سا سن ورهن تہ يہ تسبيح آس کران سُبْحَانَ اللهِ وَبِحَمْدِهِ درحجاب شفاعت آس سا سس ورهس يت تسبيح مشغول سُبْحَانَ رَبِّيَ الْعَظِيمِ وَبِحَمْدِهِ ژورم فصل چهہ در فضيلت تحميد وانواع محامد بسند معتبر چهہ منقول از حضرت صادق پرژهک زِہ کسہ عمل چهہ نزد خدا بهترين اعمال فرمُوون حمد تس کرُن از حضرت علی بن الحسين صلوات اللہ عليهما چهہ منقول زِہ يُس دِپہ الحمد للہ شکر جميع نعمتهاے خدا چهس ادا گُمت بيہ چهہ بسند معتبر از حضرت رضا عليہ التحيۃ والثنا منقول زِہ حضرت رسولن صلّى اللہ عليہ وآلہ فرمُووزِہ يس اکِس کرِہ خدا نعمتا عطا حمد الٰهی کرِن يس اکِس وِرِی يِيُن ژريرو اتہ استغفار کرِن يس اکِس غماہ بتہ ايہ يا کاراہ دشوار پيہ دِپن لَا حَوْلَ وَلَا قُوَّةَ إِلَّا بِاللهِ بيہ چهہ بسند معتبر بيہ از حضرت امام رضا عليہ التحيۃ والثناء منقول زِہ يلہ بحضرت رسالت پناہ امراہ موجب سرور اُوس فرمادان اُوس اَلْحَمْدُ لِلّٰهِ بِنِعْمَتِهِ تَتِمُّ الصَّالِحَاتِ يلہ امراہ باعث الم اوسُن بيہ ونہ يوان فرمادان اُوس اَلْحَمْدُ لِلّٰهِ

عَلٰی کُلِّ حَالٍ بیہ چھہ بسندِ معتبر از حضرت صادق علیہ السلام منقول زِہ حضرت رسول صلّی اللہ
علیہ وآلہ آس پرتھ دُہہ حمد الٰہی کران تریہ ہتہ تہ شیتہ لٹہ بدنچن رگن ہندہ شمارہ یہ حمدہ سیت
زِہ اَلْحَمْدُ لِلّٰہِ رَبِّ الْعَالَمِیْنَ کَثِیْرًا عَلٰی کُلِّ حَالٍ بیہ چھہ بسندِ معتبر از حضرت
صادق علیہ السلام منقول زِہ یلہ وُچھن کانژاہ زِہ کُنہِ بلایہ آسہِ مبتلا سپنمُت تریہ مرتبہ پریہ تسبیح لِتہ
تُ زِہ سہ بوزنہ اَلْحَمْدُ لِلّٰہِ الَّذِیْ عَافَانِیْ مِمَّا ابْتَلَاکَ بِہٖ وَلَوْ شَاءَ فَعَلَ یہ تہ فرمووُن زِہ یُس
یت حالس منز یہ دُعا پرہ زاہ سپنہ تمہ نوع از بلا ابتلا بیہ چھہ بسندِ معتبر از حضرت صادق علیہ
السلام منقول زِہ یُس دَپہ اَلْحَمْدُ لِلّٰہِ کَمَا ہُوَ اَہْلُہٗ کاتبان اعمال روزن لکھنہ نِشہ پتھ دپن خداوندا
اس چھہ غیب زانان یعنے یت حمدس ثہ چھک سزاوار اُس چھنہ ثواب تمِک زانان حقتعالیٰ
چھہ ترن در جواب فرماوان زِہ یہ بندن ین دُپ تہ لکھو ثواب تمک چھہ مہ پٹ بیہ چھہ بسندِ معتبرہ
بیہ تس حضرتس نِشہ منقول زِہ یُس پرتھ دُہہ تریہ مرتبہ دَپہ اَلْحَمْدُ لِلّٰہِ عَلٰی کُلِّ نِعْمَۃٍ اَوْ ھِیَ کَائِنَۃٌ
کانت
سکر نعمتہاے گذشتہ تہ آیندہ چھس اداگُرُمت پانژم فصل چھہ در استغفار بسندِ معتبر چھہ از
حضرت امیر المؤمنین علیہ السلام منقول زِہ پانس معطر تہ خوشبو استغفارہ سیت رسوا گرہ نہ تہ بوی
بد گنہن ہند بیس حدیثس فرموون استغفار چھہ روزی زیادہ کران بیہ چھہ بسندِ معتبر از حضرت
رسول صلّی اللہ علیہ وآلہ منقول زِہ بہترین دعا ہا چھہ استغفار بیہ چھہ بسندِ معتبر از حضرت صادق
علیہ السلام منقول زِہ یلہ بندہ استغفار بسیار کرہ تسندِ عملِ ہند صحیفہ زِہ ہور چھہ کہسان تابان چھہ
آسان نور چھہ وان بیہ چھہ از حضرت علی بن الحسین علیہما السلام منقول زِہ یُس دَپہ اَسْتَغْفِرُ اللّٰہَ
وَاَتُوْبُ اِلَیْہِ سہ چھنہ متکبر تہ جبار بیہ چھہ بسندِ معتبر از حضرت رسول صلّی اللہ علیہ وآلہ
منقول زِہ استغفار کرن تہ وُن لَا اِلٰہَ اِلَّا اللّٰہُ چھہ بہترین عبادات بیہ چھہ بسندِ معتبر از حضرت
صادق علیہ السلام منقول زِہ حضرت رسول صلّی اللہ علیہ وآلہ یت مجلس بہان آس کم تے بہان
آس وُتھان آسنہ یتہ تان نہ پنژہ لٹہ استغفار کرہن بیہ چھہ بسندِ معتبر تس حضرتس نشہ منقول
زِہ حضرت رسول صلّی اللہ علیہ وآلہ آس ستتِ لٹہ دپان اَسْتَغْفِرُ اللّٰہَ ستت لٹہ آس دپان

وَاَتُوبُ اِلَیۡہِ بیہ چھہ بسندِ معتبر از حضرت صادق علیہ السلام منقول زِ یُس اکاہ گنہاہ کرِہ
ستن ساعتن چھہ تس مُہلت دِوان اَدُ یہ استغفار تہٖ یہ پہرِ کرِہ تس پٹ چھنہ لکھان اَسۡتَغۡفِرُ
اللّٰہَ الَّذِیۡ لَاۤ اِلٰہَ اِلَّا ھُوَ الۡحَیُّ الۡقَیُّوۡمُ وَاَتُوۡبُ اِلَیۡہِ بیہ چھہ بسندِ معتبر بیہ تس حضرتس
نِشہ منقول زِ یُس اکاہ پرت دُہہ تہٖ پہرِ دِیہ اَسۡتَغۡفِرُ اللّٰہَ ستن ہتن گنہن کرِ آمرزش تس خیراہ
چُھنہ تس بندس ہنز زِ پرت دُہہ کرِ ست ہت گناہ بیہ چھہ بسندِ معتبر از حضرت صادق علیہ السلام
منقول زِ یُس مؤمناہ راتس دُہس منز تِچہ گناہِ کبیرہ کرِ تہ باندامت تہٖ پشیمانی وِیہ اَسۡتَغۡفِرُ
اللّٰہَ الَّذِیۡ لَاۤ اِلٰہَ اِلَّا ھُوَ الۡحَیُّ الۡقَیُّوۡمُ بَدِیۡعُ السَّمٰوٰتِ وَالۡاَرۡضِ ذُوالۡجَلَالِ
وَالۡاِکۡرَامِ وَاَسۡئَلُہٗ اَنۡ یُّصَلِّیَ عَلٰی مُحَمَّدٍ وَّاٰلِ مُحَمَّدٍ وَّاَنۡ یَّتُوۡبَ عَلَیَّ البتہ حقتعالیٰ
کرس تِہنز گنہن آمرزش بیہ چُھہ بسندِ معتبر بیہ تس حضرتس نِشہ منقول زِ حضرت رسول صلی اللہ
علیہ وآلہ آس پرت دُہہ تہ پرت شبہ ہتہ لٹہ توبہ تہ استغفار کران تہ حال زِ تس حضرتس نِشہ گناہ
اُوسنہ ہرگز صادر سپنان

اذکار متفرقہ

شیم فصل چھہ ورادِ کارِ متفرقہ بسندِ معتبر چھہ از حضرت جعفر بن محمد
الصادق علیہما السلام منقول زِ فرموون زِ تعجب چھم تس اکسند زِ تس آسہ خوفاہ دشمنہ سند یا غیر دشمنہ
سُند کیاہ زِ چھنہ پناہ نوان یتِ کلمس زِ حَسۡبُنَا اللّٰہُ وَنِعۡمَ الۡوَکِیۡلُ تکیاہ زِ حقتعالیٰ چھہ فرماوا
تہ جاغژون یہ کلمہ پہیر نعمتاہ عظیم ہت از جانب خدا بیہ فضل بسیار وا تس تِہنز بدی عجب چھم تس
اکسندہ زِ غماہ سپنہ عارض تس کیاہ زِ چھنہ پناہ نوان یت کلمس زِ حضرت یُونس علیہ السلام
دُپ در شکم ماہی زِ لَاۤ اِلٰہَ اِلَّاۤ اَنۡتَ سُبۡحٰنَکَ اِنِّیۡ کُنۡتُ مِنَ الظّٰلِمِیۡنَ تکیاہ زِ حقتعالیٰ
چُھہ تِمہ پتہ فرماوان اَدہ کُر اَسہ دعای یونسُ مستجاب نجات دِت تس از غم تِیہ پاٹھہ تس دِت نجات
یِتھہ پاٹھہ چھہ اَس نجات دِوان مؤمنین بیہ چھم تعجب تس اکسندہ زِ دُشمن آسن تس در مقام مکر کیاہ زِ
چُھنہ پناہ نوان یت کلمس زِ اُفَوِّضُ اَمۡرِیۡۤ اِلَی اللّٰہِ اِنَّ اللّٰہَ بَصِیۡرٌۢ بِالۡعِبَادِ تکیاہ زِ حقتعالیٰ
چُھہ فرماوان زِ بلہ مؤمن از آلِ فرعون یہ کلمہ وون خدا ین گرا چھہ تس بدیو نِشہ تہ خبر گود تس
سیت اُوسک مکر کُرمت بیہ چھم عجب تس اکسندہ زِ خواہش مال تہ متاع دُنیا چھس کیاہ زِ چھنہ

یت کلمس کن پاہ نوان مَاشَآءَ اللّٰہُ لَا قُوَّۃَ اِلَّا بِاللّٰہِ اتحیاہ زِہ حقتعالے چُھہ فرماوان ہومن بایے
کافرمایس وُپ کیاہ زہ یلہ باغس ننیس ژاک یہ کلمہ وُنت نہ ہرگاہ مہ یُت چھک وُچھان زہ مال تہ فرزند
چھم چینہ ختہ کم دِوَہ پروردگار مون بہتر چینہ باغ ختہ عطا کرم بیہ چُھہ بسند معتبر تس حضرتس نشہ صلوات
اللہ علیہ منقول زِہ شخصاہ آودرخدمت حضرت رسول صلی اللہ علیہ وآلہ شکایت کرن سینکہ وسوسہ تہ
بیار قرضہ تہ احتیاج حضرتن فرموورِہ بکرر یرنم کلمات تَوَکَّلْتُ عَلَی الْحَیِّ الَّذِیْ لَا یَمُوْتُ وَالْحَمْدُ
لِلّٰہِ الَّذِیْ لَمْ یَتَّخِذْ صَاحِبَۃً وَّلَا وَلَدًا وَّلَمْ یَکُنْ لَّہٗ شَرِیْکٌ فِی الْمُلْکِ وَلَمْ یَکُنْ لَّہٗ وَلِیٌّ
مِّنَ الذُّلِّ وَکَبِّرْہُ تَکْبِیْرًا کم وقتہ اکہ پتہ آوسہ مرد درخدمت آنحضرت تہ وُین تمہ دعا کہ برکتہ حقتعالان
کُر برطرف مِیون وسوسہ بیہ کرنم قرض ادا تہ روزی کرنم فراخ بیہ چُھہ بسند صحیحہ بیہ تس حضرتس نشہ منقول
زِہ حضرت رسولن صلی اللہ علیہ وآلہ فرموورِہ حضرت آدمن علیہ السلام کرحقتعالاس شکایت وسوسہ خاطر
تہ اندوہ جبرئیل علیہ السلام وُت تہ وُین یا آدم وَپ لَاحَوْلَ وَلَا قُوَّۃَ اِلَّا بِاللّٰہِ یلہ آدمن علیہ السلام
یہ کلمہ وُن وسوسہ تہ اندوہ سپنس برطرف بیہ چُھہ بسند معتبر از حضرت رسول صلی اللہ علیہ وآلہ منقول
زِہ یس اکس پٹ نعمتہاے خدا سٹاہ سپنن وپہ اَلْحَمْدُ لِلّٰہِ رَبِّ الْعَالَمِیْنَ یس اکس پٹ فقر تہ احتیاج
زیادتی سٹاہ کرہ وپہ لَاحَوْلَ وَلَا قُوَّۃَ اِلَّا بِاللّٰہِ الْعَلِیِّ الْعَظِیْمِ بدرستیکہ یہ کلمہ چُھہ گنجاہ از
گنجہاے بہشت تث منز چھہ دوستتن دادن ہند شفاء زِہ کمتر تمو منزہ چُھہ غم تہ اندوہ بیہ چُھہ بسند
صحیح از حضرت صادق علیہ السلام منقول زِہ در شب معراج کرحقتعالان بحضرت رسول صلی اللہ علیہ
وآلہ وحی زِہ عطا کرے ژہ زِہ کلمہ از خزینہ ہاے عرش خود لَاحَوْلَ وَلَا قُوَّۃَ اِلَّا بِاللّٰہِ وَلَا
مَلْجَأَ مِنْکَ اِلَّا اِلَیْکَ بیہ چُھہ بسند معتبر از حضرت رسول صلی اللہ علیہ وآلہ منقول زِہ یس
اکس غماہ عارض سپنہ وُین لَاحَوْلَ وَلَا قُوَّۃَ اِلَّا بِاللّٰہِ الْعَلِیِّ الْعَظِیْمِ بیس حدثیس منز چھہ
منقول زِہ وُپ ابوذرن رحمہ اللہ زِہ مہ کر وصیت حضرت رسولن صلی اللہ علیہ وآلہ زِہ یہ کلمہ وُپ
سٹاہ بیہ چُھہ بسند صحیح از حضرت صادق علیہ السلام منقول زِہ یُس اکاہ پرت وُہہ ہتہ لٹہ لَاحَوْلَ
وَلَا قُوَّۃَ اِلَّا بِاللّٰہِ وَپہ حقتعالے کرہ تس نشہ دفع ستت نوع از بلاء زِہ یژ سہل آسہ تمن منز غم تہ اندوہ

بیہ چھہ بسند معتبر از آنحضرت منقول نہ یس اکاہ ختم کرہ دعا پنن دنپہ سیت ماشاء اللہ لاحول ولاقوۃ
الا باللہ البتہ دعا تسند سپنہ مستجاب بیہ چھہ بسند معتبرہ بیہ تس حضرتس نشہ منقول نہ یس
اکاہ ستت لٹہ دپہ ماشاء اللہ لاحول ولاقوۃ الا باللہ حقتعالے پھرہ تس کنہ ستت نوع از
بلاء زہ یژکم آسہ تمن منز دیوانہ سپنہ تہ بسبب دیوانگی ہلاک گژہ بیس حدیثس منز چھہ تس حضرتس نشہ منقول
زہ خدایس چھہ ملکاہ موکل گدہ کس آسمانس اسماعیل چھس نام یلہ بندہ دپان چھہ یا ارحم الراحمین سہ
ملک چھس دپان ارحم الراحمین بوز صدا چون یس حاجت چھی منگ عطا کری بیہ چھہ بسند صحیح تس
حضرتس نشہ منقول نہ یس اکاہ دہ لٹہ دپہ یا اللہ حقتعالی کرہ خطاب تس لبیک کیاہ حاجت چھی
تہ یاٹہ چھہ ہرگاہ دہ لٹہ یا رب دپہ یہی خطاب کرہ تس بیہ چھہ بسند صحیح تس حضرتس نشہ منقول زہ
یس اکاہ دپہ یا ربی اللہ تیس کالس زہ اک نفس کرس وفا تس کرہ خطاب حقتعالی لبیک حاجت
پنن ون بیس حدیثس منز فرمودن مینس با بنو فرزندو منزہ گوا کاہ بیمار مین ہابن گرگذارتس کن فرمودن
زہ دہ لٹہ دپ یا اللہ زہ کانہ مؤمناہ چھنہ دہ مرتبہ یہ کلمہ ونان مگر پروردگار عالم چھہ فرمادان زہ
لبیک اے بندہ مینہ حاجت پنن کر سوال بیہ چھہ بسند معتبر از حضرت امام رضا علیہ التحیۃ
والثناء منقول زہ بابہ وچھم در خواب زہ فرمودن ہرگاہ کنہ شدژتہ سختی گرفتار سپنک ستاہ دپ
یا رؤف یا رحیم بیہ چھہ بسند معتبر از حضرت صادق علیہ السلام منقول زہ پننو صحابو منزہ
بعضین فرمودن ژہاں چھکہ ژہ زہ تعلیم کری اسم اعظم الٰہی پر سورہ حمد تہ سورہ قل ہو اللہ احد
تہ آیۃ الکرسی تہ سورہ انا انزلناہ فی لیلۃ القدر پس روبقبلہ کریس ژہ حاجت چھی طلب کر از خدا بیہ چھہ
بسند معتبر از حضرت امام رضا علیہ السلام منقول زہ اسم اکبر خدا چھہ یا حی یا قیوم بیس وایژ
چھہ از حضرت علی بن الحسین علیہما السلام منقول زہ یہ دعا چھہ مشتمل بر اسم اعظم یا اللہ یا اللہ
وَحْدَکَ وَحْدَکَ لَا شَرِیْکَ لَکَ اَنْتَ الْمَنَّانُ بَدِیْعُ السَّمٰوَاتِ وَالْاَرْضِ ذُوالْجَلَالِ
وَالْاِکْرَامِ وَ ذُوالْاَسْمَاءِ الْعِظَامِ وَ ذُوالْعِزِّ الَّذِیْ لَا یُرَامُ وَ اِلٰھُکُمْ اِلٰہٌ وَّاحِدٌ
لَا اِلٰہَ اِلَّا ھُوَ الرَّحْمٰنُ الرَّحِیْمُ وَصَلَّی اللّٰہُ عَلٰی مُحَمَّدٍ وَّ اٰلِہٖ اَجْمَعِیْنَ یہ دعا پرنہ تہ

یُس حاجت چھی طلب کر بیہ چھہ بسندِ معتبر از سکین بن عمار منقول زِ دپُن شَبہ اکہ اُوس دِرِکہ شُنگِت شخصاہ آو مہ بخواب دپُن تھُد وُت زِ شخصاہ چھہ خداس در زیرِ میزاب ربُّ الارباب سَندِ اسمِ اعظمہ سیت مَنگان بیدار گوس تہ نِندرِ ہیَم آدہ دِتُن بارِ دیگر مہ صداتی وَنُن بیدار گوس تہ بیہ ہیَم نِندر ترِیمہ مرتبہ دِتُن مہ صدا زِ تھُدوُت زِ موسی بن جعفر علیہما السلام چھہ خداس مَنگان باسم اعظم میزابس تل سکین چھہ وَنان وُتھُس تہ غُسل کُرم یلہ نبز دِجر آس شخصاہ وُچھم زِ جامہ نِین چھُس بر دُلُت تہ درسجدہ چھہ پتہ گنہِ بوزھُس تس یہ دُعا اُوس پران یَا نُوْرُ یَا قُدُّوْسُ ترِیہ مرتبہ یَا حَیُّ یَا قَیُّوْمُ ترِیہ مرتبہ یَا حَيُّ لَا يَمُوْتُ ترِیہ مرتبہ یَا حَيُّ حِیْنَ لَاحَيَّ ترِیہ مرتبہ یَا حَيُّ لَا اِلٰهَ اِلَّا اَنْتَ ترِیہ مرتبہ اَسْئَلُكَ بِلَا اِلٰهَ اِلَّا اَنْتَ ترِیہ مرتبہ اَسْئَلُكَ بِاسْمِكَ بِسْمِ اللّٰهِ الرَّحْمٰنِ الرَّحِیْمِ الْعَزِیْزِ الْمُبِیْنِ ترِیہ مرتبہ سکینن دُپ آنحضرتن تیژہ پھِرہ پَرِ یہ دعا زِ مِہ رُود یاد بیہ چھہ بسندِ معتبر از حضرت امام محمد باقر علیہ السلام منقول زِ یُس ہُمناہ یم کلمات پرِہ بہ چھس ضامن تس دنیاس تہ آخرتس منز اما در دنیا پس ملائکہ دِن بشارت تس در ہنگام مُردن و اما در آخرت پس حقتعالے کرِہ عطا تس ہرت کلمکہ شمارہ در بہشت گراہ دُعا چھہ یہ یَا اَسْمَعَ السَّامِعِیْنَ وَیَا اَبْصَرَ النَّاظِرِیْنَ وَیَا اَسْرَعَ الْحَاسِبِیْنَ وَیَا اَرْحَمَ الرَّاحِمِیْنَ وَیَا اَحْکَمَ الْحَاکِمِیْنَ

## دیم باب

چھہ تمن ذکرن منز زِ مخصوص چھہ کینژن وقتن یہ باب چھہ مشتمل بر چند فصل

## فصل اوّل

چھہ در تعقیب نماز صبح تہ شام بیہ تمن ذکرن منز زِ پرِنہ گژھن در صبح تہ شام بسندہاے معتبرہ چھہ از حضرت امام موسی کاظم علیہ السلام منقول زِ یلہ شام نماز نِشہ فارغ سپنک نِنہ جاے مہ کر حرکت کینہ سیت مہ کرکت یِت تان ہتِ لٹہ وَنکپ بِسْمِ اللّٰهِ الرَّحْمٰنِ الرَّحِیْمِ لَاحَوْلَ وَلَاقُوَّةَ اِلَّا بِاللّٰهِ الْعَلِیِّ الْعَظِیْمِ تیہ پاٹھہ پرِہ ہتِ لٹہ صبح نمازِ پتہ بدرستی کہ یُس اکاہ یمن دُن وقتن منز یہ پرِن حق تعالی کرِہ دفع تس نِشہ ہت نوع از انواع بلا زِ کمتر چھہ تمن منز کارِ تہ تہِر بیہ شر شیطان تہ شر پادشاہا بیہ از حضرت امام رضا علیہ السلام چھہ منقول زِ یُس اکاہ ہتِ مرتبہ یم کلمات پرِہ بعد از نمازِ صبح باسمِ اعظمِ خدا چھہ نزدیک از سیاہی چشم بسفیدی چشم بدرستی کہ اسم اعظم چھہ یمن کلماتن منز داخل

تہ شام نمازہ پتہ

کینژہ بسند معتبرہ از حضرت صادق علیہ السلام چھُہ منقول زِہ یُس اکاہ یم کلمات صبح نمازِ پتہ ست
مرتبہ پرِہ حقتعالے کرِہ ستت نوع از بلا دفع تس نشہ زِہ یژکم آسہ تمن منز قولنج تہ بھرتہ دیوانگی تہ جذام
ہرگاہ نام تُس در دیوانِ اشقیاء آسہ محو کرِہ تس تتہ تہ در نامۂ سعداء کرِتس ثبت بییس روایژ منز
چھُہ یوسی ثواب تریہ مرتبہ آمُت بیہ چھُہ بسند معتبر از حضرت صادق علیہ السلام منقول یُس
ہتِ لَٹہ صبح نمازِ پتہ وَنِہ مَاشَاءَ اللّٰهُ لَا حَوْلَ وَلَا قُوَّةَ اِلَّا بِاللّٰهِ الْعَلِیِّ الْعَظِیْمِ تمہ وُنِہ
وُچھنہ امراہ زِہ مکروہ آسہ تس بیہ چھُہ بسند ہائے معتبرہ از حضرت صادق علیہ السلام منقول زِہ
یُس اکاہ آفتاب کھسنہ برونہ تہ آفتاب لوسنہ برونہ یہ تہلیل پرِہ زِہ لَا اِلٰهَ اِلَّا اللّٰهُ وَحْدَهٗ
لَا شَرِیْكَ لَهٗ لَهُ الْمُلْكُ وَلَهُ الْحَمْدُ یُحْیِیْ وَیُمِیْتُ وَیُحْیِیْ وَهُوَ حَیٌّ لَا یَمُوْتُ
بِیَدِهِ الْخَیْرُ وَهُوَ عَلٰی كُلِّ شَیْءٍ قَدِیْرٌ تسندِ ن گنہن ہند کفارہ آسہ تت دُہس منز بیہ روایژن
خداس کرِنہ ملاقات بنداہ تسندِہ ختہ آسن بہتر عمل ہت مگر یم تسنز عمل کرِتھ آسہ بییس روایژ
منز چھُہ آمُت سُنت واجب چھُہ زِہ یہ تہلیل دَہ مرتبہ پرُن بیہ دَپُن دَہ مرتبہ اَعُوْذُ بِاللّٰهِ
السَّمِیْعِ الْعَلِیْمِ مِنْ هَمَزَاتِ الشَّیَاطِیْنِ وَاَعُوْذُ بِاللّٰهِ اَنْ یَّحْضُرُوْنَ اِنَّ اللّٰهَ هُوَ
السَّمِیْعُ الْعَلِیْمُ فرمُوون زِہ ہرگاہ یمہ زِہ ذِکرہ مین دُن وقتن منز مشراوک قضا کرِتھ یا نماز
چھُک قضا کران احادیث چھہ بیہ ذِکرِ ہنز فضیلژ منز سٹاہ بیہ چھُہ بسند معتبرہ بیہ از
حضرت امام محمد باقر علیہ السلام منقول زِہ یس اکاہ آفتاب کھسنہ وِزِہ دِہ پہرِہ یہ تہلیل دِپہ زِہ بیان
سپُن بیہ سوزِہ دہ مرتبہ صلوات بر محمد و آل محمد بیہ دِپہ پانژہ ترہ مرتبہ سُبْحَانَ اللّٰهِ بیہ پانژہ
ترِہ مرتبہ لَا اِلٰهَ اِلَّا اللّٰهُ پانژہ ترہ مرتبہ اَلْحَمْدُ لِلّٰهِ تس لکھن نہ تت صباحس منز از غافلان
بیہ چھُہ بسند معتبر از حضرت صادق علیہ السلام منقول زِہ یس اکاہ در وقت شام ہت لَٹہ اللّٰہ
اکبر وُپھی آسہ زِہ ست بندہ آسنس آزاد کرمت بیہ چھُہ بسند معتبر از حضرت امام محمد باقر
علیہ السلام منقول زِہ یُس اکاہ ہت لٹہ اللّٰہ اکبر دِپہ آفتاب کھسنہ برونہ بیہ آفتاب لوسنہ برونہ
حقتعالے لکھہ ہت بندہ آزاد کرنک ثواب در نامہ عمل تس بیہ چھُہ بسند معتبر بیہ تس

حضرتس نشہ منقول زِ ہ حضرت رسولن صلی اللہ علیہ وآلہ فرمووُ در فرزند آدم چھ ترِہت تہ شیٹھ رگہ
تمو منزِ چھِ اکِ ہت تہ شیت در حرکت اکِ ہت تہ شیت بیہ ساکن ہر گاہ رگاہ متحرک رگو منزو ساکن
سپنہ یا رگاہ ساکن رگو منزِ متحرک سپنہ نِندر پنہ تس اوی آس حضرت رسول صلی اللہ در ہر
صبح تہ شام ترِیہ ہتِ تہ شیٹھ لٹہ دپان اَلْحَمْدُ لِلّٰهِ رَبِّ الْعَالَمِيْنَ كَثِيْرًا عَلٰى كُلِّ حَالٍ
بسند معتبرہ چھ تس حضرتس نشہ منقول زِ ہ یُس اکاہ ژور مرتبہ در صبح دِیہ اَلْحَمْدُ لِلّٰهِ رَبِّ
الْعَالَمِيْنَ تحقیق پاٹھہ چھس شکر تہِ ہ دوہک ادا کرُمت یِتہ پاٹھہ ہر گاہ در شام ژور مرتبہ دِیہ تمہ شک
شکر چھس ادا کرُمت بیہ چھ بسند معتبر از حضرت امام محمد باقر علیہ السلام منقول زِ ہ عبو حضرت
رسول صلی اللہ علیہ وآلہ سپُن شخصس اکس کِن زِ ہ باغس نِنِس اُوس کُل وَوان حضرت سپُن ایستادہ تہ
فرمووُک زِ ہ زِ چھیہ خوش زِ ہ راہنمائی کرے سہ کُل وَوہ نس زِ ہ اصل تِمک آسہ ژ باثبات تہ
میوہ تِمک آسہ ژ جلد واتہ وُن تہ ژ جان تہ ژ باقی عرض کرُن بلے فرمووُک در ہر صبح تہ شام
دِپ سُبْحَانَ اللّٰهِ وَالْحَمْدُ لِلّٰهِ وَلَا اِلٰهَ اِلَّا اللّٰهُ وَاللّٰهُ اَكْبَرُ بیہ کرِہ حقتعالے پرت
تسبیحکہ شمارہ ژِ ہ وہ کُل در بہشت عطا پر از انواع میوہ ہا بیہ چھ بسند معتبر تس حضرتس نشہ
منقول زِ ہ در ہر صبح پریہ دعا اَصْبَحْتُ بِاللّٰهِ مُؤْمِنًا عَلٰى دِيْنِ مُحَمَّدٍ وَّسُنَّتِهٖ وَدِيْنِ
الْاَوْصِيَآءِ وَسُنَّتِهِمْ اٰمَنْتُ بِسِرِّهِمْ وَعَلَانِيَتِهِمْ وَشَاهِدِهِمْ وَغَآئِبِهِمْ وَاَعُوْذُ
بِاللّٰهِ مِمَّا اسْتَعَاذَ مِنْهُ رَسُوْلُ اللّٰهِ صَلَّى اللّٰهُ عَلَيْهِ وَاٰلِهٖ وَعَلِيٌّ وَّالْاَوْصِيَآءُ صَلَوٰتُ
اللّٰهِ عَلَيْهِمْ وَاَرْغَبُ اِلَى اللّٰهِ فِيْمَا رَغِبُوْا اِلَيْهِ وَلَا حَوْلَ وَلَا قُوَّةَ اِلَّا بِاللّٰهِ بیہ چھ بسند
معتبر از حضرت امیر المؤمنین علیہ السلام منقول زِ ہ یُس اکاہ در صبح تہ شام ترِیہ مرتبہ دِیہ رَضِيْتُ بِاللّٰهِ
رَبًّا وَّبِالْاِسْلَامِ دِيْنًا وَّبِمُحَمَّدٍ صَلَّى اللّٰهُ عَلَيْهِ وَاٰلِهٖ نَبِيًّا وَّبِالْقُرْاٰنِ بَلَاغًا وَّ
بِعَلِيٍّ اِمَامًا وَّبِالْاَوْصِيَآءِ مِنْ وُّلْدِهٖ اَئِمَّةً البتہ برحق تعالے چھ لازم زِ ہ در روز قیامت
کرِہ راضی تس بیہ چھ بسند معتبر از حضرت امام محمد باقر علیہ السلام منقول زِ ہ یُس بنداہ آفتاب
کھسنہ برونہ یہ دعا پرِہ اَللّٰهُ اَكْبَرُ اللّٰهُ اَكْبَرُ كَبِيْرًا وَّسُبْحَانَ اللّٰهِ بُكْرَةً وَّاَصِيْلًا

وَالْحَمْدُ لِلّٰهِ رَبِّ الْعَالَمِيْنَ كَثِيْرًا لَا شَرِيْكَ لَهٗ وَصَلَّى اللّٰهُ عَلٰى مُحَمَّدٍ وَّاٰلِهٖ
ہمکاہ سپننہ پیش تہ یہ دعا رٹہ درمیانِ بال خوذ تہ کہسہ آسمان یلہ ور آسمان اوّل اتھ ملائکہ دپن تس
زہ کیاہ چھی در جواب دپہ زہ مومن منز گر شخص اک نمو کلماتو کلام تہ پرہ تمن پٹ یم کلمات
ملائکہ دپن زہ خدا کرن رحم تس اکس یم یم کلمات پرمت چھہ گناہ بخشن تس ادہ یہ آسمانہ گذرہ ملائکہ
کرن سوال تس یلہ جواب دپہ تہ تیتی دعا کرن یتہ پاٹھہ حاملان عرش کرن تسندہ باپت دعا
سہ ملک نیہ نم کلمات تہ در دیوان کنوز زہ مومن ہند اعمالِ خالص چھہ ثبت تتہ ثبت کرہ بیہ چھہ
بسندِ عالی از ابو حمزہ ثمالی منقول زہ از حضرت امام محمد باقر علیہ السلام گرن سوال تفسیر تک
زہ حقتعالان فرموو در شانِ حضرت ابراهیم زہ حقوق الٰہی تہ اوامر تسند وانی تہ تمام کرن ادا
حضرتن فرموو زہ یلہ صبح اوس سپنان تریہ مرتبہ اوس وپان اَصْبَحْتُ وَرَبِّيْ مَحْمُوْدًا
اَصْبَحْتُ لَا اُشْرِكُ بِاللّٰهِ شَيْئًا وَّلَا اَدْعُوْ مَعَ اللّٰهِ اِلٰهًا وَّلَا اَتَّخِذُ مِنْ دُوْنِهٖ
وَلِيًّا یتہ پاٹھہ اوس تریہ مرتبہ (درشام) وَنان وہرگاہ در شام پرن دونون جاین گرہ دپن اَمْسَيْتُ بیہ
چھہ بسند صحیح از حضرت امام جعفر صادق علیہ السلام منقول زہ یلہ حضرت نوح علیہ السلام در ہر
صبح تہ شام آس یہ دعا پران اَللّٰهُمَّ اِنِّيْ اُشْهِدُكَ اَنَّهٗ مَا اَصْبَحَ بِيْ مِنْ نِعْمَةٍ
اَوْ عَافِيَةٍ فِيْ دِيْنٍ اَوْ دُنْيَا فَمِنْكَ وَحْدَكَ لَا شَرِيْكَ لَكَ لَكَ الْحَمْدُ وَلَكَ الشُّكْرُ
حَتّٰى تَرْضٰى وَبَعْدَ الرِّضَا اوسے فرموو حقتعالان تس عبدِ شکور یعنے بندہ شاہ شکر گرہ ون
ہرگاہ در شام پرہ یتہ پاٹھہ ونہ اَنَّهٗ مَا اَمْسٰى بِيْ مِنْ نِعْمَةٍ بیہ چھہ بسند معتبر از حضرت
امام محمد باقر علیہ السلام منقول زہ یس اکس انگشتر عقیق و چھنس الفص آسہ تمہ برونہی زہ کینسہ گن نظر
کرہ عقیق پھرہ منز اتھس گن تہ تتہ نگینس گن کرہ نظر تہ سورہ اِنَّا اَنْزَلْنَاهُ فِيْ لَيْلَةِ الْقَدْرِ
پرہ اَدہ پرہ یہ دعا اٰمَنْتُ بِاللّٰهِ وَحْدَهٗ لَا شَرِيْكَ لَهٗ وَكَفَرْتُ بِالْجِبْتِ وَالطَّاغُوْتِ
وَاٰمَنْتُ بِسِرِّ اٰلِ مُحَمَّدٍ وَعَلَانِيَتِهِمْ وَظَاهِرِهِمْ وَبَاطِنِهِمْ وَاَوَّلِهِمْ وَاٰخِرِهِمْ حقتعالیٰ کرہ تس
تتھ وہس منز از جمیع بلاہای آسمان زمین راچھ بیہ چھہ بسند معتبر تس حضرتس نشہ منقول زہ یس کانماز صبح تہ

ستِ لَنہٕ استغفار دِپہ خدا کرِہ آمرزش تس سٕتت ساس گناہ تِ کرمت آسنس بیہ چھُ بسند معتبر
از حضرت امیر المومنین علیہ السلام منقول زِ یُس در وقت شام تریہ مرتبہ دِپہ سُبحَانَ اللّٰہِ حِینَ تُمسُونَ
وَحِینَ تُصبِحُونَ وَلَہُ الحَمدُ فِی السَّمٰوَاتِ وَعَشِیًّا وَحِینَ تُظهِرُونَ کانہٕ چیز اہ گژھنہٕ
تَمہِ شبہ فوت تس سارِی شر تہٕ بدِیہ تَمِہ شبچہ سَپَن دفع تَس تِیہ پاٹھ ہرگاہ در صبح تریہ مرتبہ پرِہ کانہ
چیز اہ تتِ دُہس منز گژھنہ فوت تس تہٕ ساری شرُ تتِ دُہس منز گژھن تس دُور بیہ چھُ بسند معتبر از
حضرت صادق علیہ السلام منقول زِ یُس اکاہ بعد از نماز شام تریہ مرتبہ دِپہ اَلحَمدُ لِلّٰہِ الَّذِی
یَفعَلُ مَا یَشَآءُ وَلَا یَفعَلُ مَا یَشَآءُ غَیرُہٗ حق تعالیٰ کرِہ تس خیر بسیار کرامت بیہ چھُ بسند صحیح منقول
از حضرتِ صادق علیہ السلام زِ فرمائش حضرت رسالت پناہ صلی اللہ علیہ وآلہ چھُہ یلہ معراج گوس ملائکو
کرِہ تعلیم یہ دُعا زِ ہر صبح وشام چھُس پران اَللّٰھُمَّ اِنَّ ظُلمِی اَصبَحَ مُستَجِیرًا بِعَفوِکَ وَذَنبِی
اَصبَحَ مُستَجِیرًا بِمَغفِرَتِکَ وَذُلِّی اَصبَحَ مُستَجِیرًا بِعِزَّتِکَ وَفَقرِی اَصبَحَ مُستَجِیرًا
بِغِنَاکَ وَوَجهِیَ البَالِی اَصبَحَ مُستَجِیرًا بِوَجهِکَ البَاقِی الَّذِی لَا یَفنٰی بیہ چھُ بسند
معتبر از حضرت امام محمد باقر علیہ السلام منقول زِ شَیبَہ ہذلی آو بخدمت حضرت رسول صلی اللہ
علیہ وآلہ عرض کُرن یا رسول اللہ بہٕ بڈُوس قوت چھم ضعیف سُنمت یمن عملن عادت اُوسم کرمت
از نماز تہٕ روزہ تہٕ حج تہٕ جہاد تمو نشہ چھُس پتٕ رُودمت مہ کر تعلیم زِ کلام اہ حق تعالی دِیہ تمہ سیتن نفع مہ سبک
کرِہ پٹ یا رسول اللہ حضرتن فرمو بیہ وَن یہ سخن یُت تان تریہ پھیرہ یہ کلام اعادہ کُرن حضرتن
فرمو زِ ژہ اَند اَند رودنہ کانہ کلاہ تہٕ کلوخاہ مگر ایزہ ودن ژہ پٹ ترحم کرنکہ سببہ یلہ نماز صبح
کرک دہ مرتبہ وپ سُبحَانَ اللّٰہِ العَظِیمِ وَبِحَمدِہٖ وَلَا حَولَ وَلَا قُوَّۃَ اِلَّا بِاللّٰہِ العَلِیِّ
العَظِیمِ بد رستی کہ خدا دِنی ژہ عافیت یمہ ذِکرہ ہندہ سببہ نابینا سپننہ نشہ تہٕ دیوانہ گژھنہ نشہ
بیہ جذام تہٕ فقرہ نشہ بیہ از ضعف تہٕ پیری عرض کُرن یا رسول اللہ یہ چھُہ برائے دُنیا آخرتہ باپت
کیاہ گژھہ پرُن فرمووُن زِ بعد از ہر نماز وپ اَللّٰھُمَّ اھدِنِی مِن عِندِکَ وَاَفِض عَلَیَّ مِن
فَضلِکَ وَانشُر عَلَیَّ مِن رَحمَتِکَ وَاَنزِل عَلَیَّ مِن بَرَکَاتِکَ تمہ تیہ فرمووُک ہرگاہ کانہ اہ

یہ دُعا عمداً اترک کرنہ یُت تان از دنیا گژہ درقیامت مُقرّرن تسندِہ باپت شتس آٹھ دروازہ زہ یمہ درواز یژہ تہ اژہ بیہ چھُہ بسند معتبر از حضرت امام جعفر صادق علیہ السلام منقول زہ یُس اکاہ پرت دُہہ پنژہ مرتبہ دِپہ اَللّٰھُمَّ اغْفِرْ لِلْمُؤْمِنِیْنَ وَالْمُؤْمِنَاتِ وَالْمُسْلِمِیْنَ وَالْمُسْلِمَاتِ حق تعالیٰ پرت مومنس اکسندہ شمارہ زہ گومُت چھُہ بیہ یُس اِیہ تا روزقیامت حسنات لکھہ تسندس نامہ عملس منز بیہ کرہ محوتس گناہ بیہ کرہ تسندِہ باپت درجہ بلند بیہ چھُہ بسند معتبر از ہلقام منقول زہ بحضرت موسی بن جعفر علیہما السلام کرُم عرض زہ دعاءاہ کرتہ مِہ تعلیم زہ جامع مطالب دنیا تہ آخرت آسہ حضرتن فرمُو وزہ بعد از صبح تا طلوع آفتاب دِپ سُبْحَانَ اللّٰہِ الْعَظِیْمِ وَبِحَمْدِہٖ اَسْتَغْفِرُ اللّٰہَ وَاَسْئَلُہٗ مِنْ فَضْلِہٖ ہلقامن دُپ زہ بہ اُوسُس ژھ بدحال تہ زیر پریشان پننو خویشو منزہ یمہ دعا کہ برکتہ چھُہ ازحال مہ سارنی سندہ خُتہ بہتر فرمُومُت چھُہ شیخ طوسین علیہ الرحمۃ والرضوان در تعقیب نماز صبح زہ ہت مرتبہ دِپ اَسْتَغْفِرُ اللّٰہَ وَاَتُوْبُ اِلَیْہِ بیہ دِپ ہت مرتبہ اَسْئَلُ اللّٰہَ الْعَافِیَۃَ بیہ دِپ ہت مرتبہ اَسْتَجِیْرُ بِاللّٰہِ مِنَ النَّارِ وَاَسْئَلُہُ الْجَنَّۃَ بیہ دِپ ہت مرتبہ اَسْئَلُ اللّٰہَ الْحُوْرَ الْعِیْنَ بیہ پرہ ہت پھِرہ قُلْ ھُوَ اللّٰہُ اَحَدٌ بیہ ہت پھِرہ پرہ صَلَّی اللّٰہُ عَلٰی مُحَمَّدٍ وَّاٰلِ مُحَمَّدٍ بیہ دِپہ ہت پھِرہ سُبْحَانَ اللّٰہِ وَالْحَمْدُ لِلّٰہِ وَلَا اِلٰہَ اِلَّا اللّٰہُ وَاللّٰہُ اَکْبَرُ وَلَا حَوْلَ وَلَا قُوَّۃَ اِلَّا بِاللّٰہِ الْعَلِیِّ الْعَظِیْمِ بیہ دِہ پھِرہ آیۃ الکرسی تہ دِہ پھِرہ انا انزلناہ پرہ بیہ پرہ دِہ مرتبہ یہ دُعا اَللّٰھُمَّ اقْذِفْ فِیْ قُلُوْبِ الْعِبَادِ مَحَبَّتِیْ وَضَمِّنِ السَّمٰوَاتِ وَالْاَرْضَ رِزْقِیْ وَاَلْقِ الرُّعْبَ فِیْ قُلُوْبِ اَعْدَآئِکَ مِنِّیْ وَانْشُرْ رَحْمَتَکَ لِیْ وَاَتْمِمْ نِعْمَتَکَ عَلَیَّ وَاجْعَلْھَا مَوْصُوْلَۃً بِکَرَامَتِکَ اِلَیَّ وَاَوْزِعْنِیْ شُکْرَکَ وَاَوْجِبْ لِیَ الْمَزِیْدَ مِنْ لَّدُنْکَ وَلَا تُنْسِنِیْ ذِکْرَکَ وَلَا تَجْعَلْنِیْ مِنَ الْغَافِلِیْنَ

## دویم فصل

چھُہ تمن ذکرن تہ دُعان منز یم پرت نماز پتہ گژھن پرن گژھ تسبیح حضرت زہراء علیہا السلام اُمُت تہ یتن یمہ برونہ مفصل پاٹھہ بیان آدہ چھس وُنمُت بیہ چھُہ بسند صحیح از حضرت صادق علیہ السلام منقول زہ دُہہ اکہ فرمُو حضرت رسولن صلی اللہ علیہ وآلہ پننین اصحابن زہ یہ کینہ چھو تہ جامہ تہ بانہ

ہرگاہ سنبروک تہ اک اکس پٹ تھاووک آسمان تان کھیسنہ عرض کرک نہ یارسول اللہ فرمووک زہ
یژہان چہوہ زہ تہ کروور ھسمائی تت عَمَل پٹ زہ اصل چہ تت بر زمین تہ شاخ چھس ور آسمان
عرض کرک بلی یارسول اللہ فرموون زہ یُس اکاہ تہ منزہ از نماز واجب فارغ سپینہ ترہ مرتبہ دپن
سُبْحَانَ اللهِ وَالْحَمْدُ لِلّٰهِ وَلَا اِلٰهَ اِلَّا اللهُ وَاللهُ اَكْبَرُ بدرستی کہ اصل این کلمات چہ
درزمین تہ شاخ تِک چہ در آسمان وفع چہ کران وزن تہ غرق سپین تہ خانہ خراب سپین تہ کریں
گرن بیہ مرگہاے بدنپنس پرہ ونس نشہ یی چہ باقیات الصالحات بیہ چہ بسند معتبرہ
بیہ از حضرت صادق علیہ السلام منقول زہ یُس اکاہ ترجہ مرتبہ یہ تسبیحات اربعہ پرت فریضہ نمازہ
پتہ پرہ تمہ برونہ زہ کہرپن پہرہ قبلہ کنہ یُس حاجاہ خدا یس منگہ عطا کرہ تس بیہ چہ بسند معتبر از حضرت
امام محمد باقر علیہ السلام منقول زہ فرموون زہ دعا منزہ یژ کم چیزاہ زہ بس چہ نماز فریضہ پتہ ای چہ
زہ ونک اَللّٰهُمَّ اِنِّيْ اَسْئَلُكَ مِنْ كُلِّ خَيْرٍ اَحَاطَ بِهٖ عِلْمُكَ وَاَعُوْذُ بِكَ مِنْ كُلِّ
شَرٍّ اَحَاطَ بِهٖ عِلْمُكَ اَللّٰهُمَّ اِنِّيْ اَسْئَلُكَ عَافِيَتَكَ فِيْ اُمُوْرِيْ كُلِّهَا وَاَعُوْذُ بِكَ
مِنْ خِزْيِ الدُّنْيَا وَعَذَابِ الْاٰخِرَةِ بیہ چہ بسند معتبرہ بیہ منقول زہ محمد ابن ابراہیمن لکہہ
بخدمت حضرت امام موسےٰ علیہ السلام زہ یژہان چہس زہ دعاء اوگرومہ تعلیم زہ نماز پتہ آسہ پران
حق تعالیٰ کرہ تمہ سببہ بینہ باپت خیر دنیا تہ آخرت جمع حضرتن لکہس دپ اَعُوْذُ بِوَجْهِكَ الْكَرِيْمِ
وَعِزَّتِكَ الَّتِيْ لَا تُرَامُ وَقُدْرَتِكَ الَّتِيْ لَا يَمْتَنِعُ مِنْهَا شَيْءٌ مِنْ شَرِّ الدُّنْيَا وَالْاٰخِرَةِ
وَمِنْ شَرِّ الْاَوْجَاعِ كُلِّهَا بیہ چہ بسند معتبر از حضرت صادق علیہ السلام منقول زہ یُس اکاہ
واجب نمازہ پتہ ترہ مرتبہ سُبْحَانَ اللهِ دپہ بدنس پٹ روز نسہ گناہ کانہ گمرا یزہ ہرتہ پیس
بیہ چہ بسند معتبر از حضرت امیرالمؤمنین علیہ السلام منقول زہ یُس اکاہ یژہ زہ یلہ از دنیا گرہ
تہ گنہو نشہ گرہ پاک آسُن بیغش طلاک پاہ کانسہ اکسند مظلمہ گرنہ تس نشہ آسن زہ تس منگہی
تس پزہ نمازہاے پنجگانہ پتہ بہ مرتبہ قُلْ هُوَ اللهُ اَحَدٌ پرن اوہ مژرہ اتھہ پن آسمان کن
تہ دپہ اَللّٰهُمَّ اِنِّيْ اَسْئَلُكَ بِاسْمِكَ الْمَكْنُوْنِ الْمَخْزُوْنِ الطَّاهِرِ الطُّهْرِ الْمُبَارَكِ وَاَسْئَلُكَ

بِاسْمِكَ الْعَظِيمِ وَسُلْطَانِكَ الْقَدِيمِ يَا وَاهِبَ الْعَطَايَا وَيَا مُطْلِقَ الْأُسَارَىٰ وَ
يَا فَكَّاكَ الرِّقَابِ مِنَ النَّارِ أَسْئَلُكَ أَنْ تُصَلِّيَ عَلَىٰ مُحَمَّدٍ وَآلِ مُحَمَّدٍ وَأَنْ تُعْتِقَ رَقَبَتِي
مِنَ النَّارِ وَأَنْ تُخْرِجَنِي مِنَ الدُّنْيَا آمِنًا وَتُدْخِلَنِي الْجَنَّةَ سَالِمًا وَأَنْ تَجْعَلَ
دُعَائِي أَوَّلَهُ فَلَاحًا وَأَوْسَطَهُ نَجَاحًا وَآخِرَهُ صَلَاحًا إِنَّكَ أَنْتَ عَلَّامُ الْغُيُوبِ
یمہ پتہ فرمووُن زہ یہ چھُہ مخفی دعاء وُمنزہ زہ حضرت رسالت پناہ صلی اللہ علیہ وآلہ وسلمن چھُہ مہ تعلیم
کرُمُت . بیہ فرمووُنم زہ تعلیم کرُن بحضرت امام حسن تہ حضرت امام حسین صلوات اللہ علیہما بیہ چھُہ
بسند معتبر از حضرت صادق علیہ السلام منقول زہ یلہ حضرت رسالت پناہ صلی اللہ علیہ وآلہ وسلمن
فتح مکہ کرُتہ نماز ظہر کرُک اصحاب ہت نزد حجر الاسود دیلہ سلام وٚنکپ تہ ترٚیہ مرتبہ ملک اتھہ تہ ترٚیہ
مرتبہ دٚپک اَللهُ أَكْبَرُ اَدہ پرُک یہ دُعا لَا إِلٰهَ إِلَّا اللّٰهُ وَحْدَهٗ وَحْدَهٗ أَنْجَزَ وَعْدَهٗ وَنَصَرَ عَبْدَهٗ
وَأَعَزَّ جُنْدَهٗ وَغَلَبَ الْأَحْزَابَ وَحْدَهٗ فَلَهُ الْمُلْكُ وَلَهُ الْحَمْدُ يُحْيِي وَيُمِيتُ وَهُوَ
عَلَىٰ كُلِّ شَيْءٍ قَدِيرٌ اَدہ کرُک روباصحابِ خودتہ فرمووُک ترک مہ کرِدیم ترٚ تکبیرتہ یہ دُعا پرِتھ واجب
نمازِ پتہ بدرستی کہ یُس اکاہ بعد از سلام نمازیہ پرِہ تحقیق پاٹھ ادا کرُمُت چھُن یہ تس پٹھ واجب چھُہ
از شکرِ حق تعالی بر تقویتِ اسلام تہ اہل اسلام بیہ چھُہ بسند صحیح منقول از احمد بن محمد بن ابی نصر
بزنطی زہ بخدمتِ حضرتِ امام رضا علیہ السلام کرُم عرض کتہ پاٹھ گژھہ صلوات تہ سلام سوزُن برِ حضرت
رسول صلی اللہ علیہ وآلہ حضرتن فرموو زہ اَلسَّلَامُ عَلَيْكَ يَا رَسُولَ اللّٰهِ وَرَحْمَةُ اللّٰهِ وَبَرَكَاتُهٗ
اَلسَّلَامُ عَلَيْكَ يَا مُحَمَّدَ بْنَ عَبْدِ اللّٰهِ اَلسَّلَامُ عَلَيْكَ يَا خِيَرَةَ اللّٰهِ اَلسَّلَامُ عَلَيْكَ يَا
حَبِيبَ اللّٰهِ اَلسَّلَامُ عَلَيْكَ يَا صِفْوَةَ اللّٰهِ اَلسَّلَامُ عَلَيْكَ يَا أَمِينَ اللّٰهِ أَشْهَدُ أَنَّكَ
رَسُولُ اللّٰهِ وَأَشْهَدُ أَنَّكَ مُحَمَّدُ بْنُ عَبْدِ اللّٰهِ وَأَشْهَدُ أَنَّكَ قَدْ نَصَحْتَ لِأُمَّتِكَ وَجَاهَدْتَ
فِي سَبِيلِ رَبِّكَ وَعَبَدْتَهٗ حَتَّىٰ أَتَاكَ الْيَقِينُ فَجَزَاكَ اللّٰهُ يَا رَسُولَ اللّٰهِ أَفْضَلَ مَا جَزَىٰ
نَبِيًّا عَنْ أُمَّتِهٖ اَللّٰهُمَّ صَلِّ عَلَىٰ مُحَمَّدٍ وَآلِ مُحَمَّدٍ أَفْضَلَ مَا صَلَّيْتَ عَلَىٰ إِبْرَاهِيمَ وَآلِ
إِبْرَاهِيمَ إِنَّكَ حَمِيدٌ مَجِيدٌ بیہ چھُہ موافق احادیث معتبرہ از یہ پرِتھ نمازِ پتہ دٚپُن اَللّٰهُمَّ صَلِّ عَلَىٰ

مُحَمَّدٍ وَّاٰلِ مُحَمَّدٍ وَاَعِذْنَا مِنَ النَّارِ وَارْزُقْنَا الْجَنَّةَ وَزَوِّجْنَا مِنَ الْحُوْرِ الْعِيْنِ
**ترِیم فصل** چھہ درتعقیب مخصوص نماز پیشین **بسندِ معتبر** چھہ ازحضرت امیر المؤمنین
علیہ السلام منقول زِ حضرت رسول صلی اللہ علیہ وآلہ اوس بعد از نماز ظہر یہ دعا پران لَا اِلٰهَ
اِلَّا اللّٰهُ الْعَظِيْمُ الْحَلِيْمُ لَا اِلٰهَ اِلَّا اللّٰهُ الرَّبُّ الْعَرْشِ الْكَرِيْمُ وَالْحَمْدُ لِلّٰهِ رَبِّ الْعَالَمِيْنَ
اَللّٰهُمَّ اِنِّيْ اَسْئَلُكَ مُوْجِبَاتِ رَحْمَتِكَ وَعَزَائِمَ مَغْفِرَتِكَ وَالْغَنِيْمَةَ مِنْ كُلِّ خَيْرٍ
وَالسَّلَامَةَ مِنْ كُلِّ اِثْمٍ اَللّٰهُمَّ لَا تَدَعْ لِيْ ذَنْبًا اِلَّا غَفَرْتَهٗ وَلَا هَمًّا اِلَّا فَرَّجْتَهٗ وَلَا
سُقْمًا اِلَّا شَفَيْتَهٗ وَلَا عَيْبًا اِلَّا سَتَرْتَهٗ وَلَا رِزْقًا اِلَّا بَسَطْتَهٗ وَلَا خَوْفًا اِلَّا اٰمَنْتَهٗ وَلَا
سُوْٓءً اِلَّا صَرَفْتَهٗ وَلَا حَاجَةً هِيَ لَكَ رِضًا وَّلِيْ فِيْهَا صَلَاحٌ اِلَّا قَضَيْتَهَا يَا اَرْحَمَ الرَّاحِمِيْنَ
اٰمِيْنَ رَبَّ الْعَالَمِيْنَ **ژورِم فصل** چھہ درتعقیب مخصوص نماز عصر **بسند** معتبر چھہ
ازحضرت امام جعفر صادق علیہ السلام منقول زِ یُس اکاہ نماز عصرہ پتہ ستَتہٕ مرتبہ استغفار کرِ حقتعالیٰ
بخشہ تس ست ہتھ گناہ ہرگاہ ست ہتھ گناہ آسنہٕ نہٕ باقی گناہ بخش مالِ سندِ وگنہو منزہ ہرگاہ
مالس تسندس تیت گناہ آسن نہٕ تسندِ ماجہ ہندِ وگنہو منزہ نتہ باپسندِ وگنہو منزہ نتہ بینہ ہندِ وگنہو منزہ
تہٕ پاٹھہ باقی خویشو منزہ یُس تس زِ دیکتر آسہ بیس حدیثس منز چھہ ست ستتہ مرتبہ استغفار امت
ثواب عظیم دہ مرتبہ سورہ انا انزلناہ پرُن بابت نماز عصر پتہ درخواص سورہ سپن بیان بیہ چھہ
**بسند معتبر** ازحضرت رسول صلی اللہ علیہ وآلہ منقول زِ یُس اکاہ پرِت دُہ نماز عصر پتہ
اکِ مرتبہ وِ یہ اَسْتَغْفِرُ اللّٰهَ الَّذِيْ لَا اِلٰهَ اِلَّا هُوَ الْحَيُّ الْقَيُّوْمُ الرَّحْمٰنُ الرَّحِيْمُ ذَا الْجَلَالِ
وَالْاِكْرَامِ اَسْئَلُهٗ اَنْ يَّتُوْبَ عَلَيَّ تَوْبَةَ عَبْدٍ ذَلِيْلٍ خَاضِعٍ فَقِيْرٍ بَآئِسٍ مِسْكِيْنٍ مُسْتَكِيْنٍ
مُسْتَجِيْرٍ لَا يَمْلِكُ لِنَفْسِهٖ نَفْعًا وَّلَا ضَرًّا وَّلَا مَوْتًا وَّلَا حَيٰوةً وَّلَا نُشُوْرًا حقتعالیٰ کرِ آمرزش
تسندِن گنہن ہند صحیفہ ژٹن ستاہ گناہ تِ تت منز آسن **پانژم فصل** چھہ درتعقیب
مخصوص نماز خفتن **بسند معتبر** چھہ از امام محمد باقر علیہ السلام منقول زِ یُس اکاہ بعد از نماز
خفتن ہتِ مرتبہ سورہ اِنَّا اَنْزَلْنٰهُ فِيْ لَيْلَةِ الْقَدْرِ پرِ درضمان الٰہی آسہ تا صبح شیخ طوسین

رحمۃ اللہ علیہ چھہ نقل کرمت زہ مستحب چھہ نماز خفتن پتہ سورہ حمد تہ قل ہو اللہ احد تہ قل اعوذ برب
الفلق تہ قل اعوذ برب الناس پت اکہ دہ مرتبہ پرن بیہ تسبیحات اربعہ دہ مرتبہ پرن **ششم**
**فصل** چھہ در سجدۂ شکر کافی چھہ یہ فصل گمنہ یہ یہ برونہ ییٖن بیان **ہفتم فصل** چھہ تمن
ذکرن منز زہ شنگنہ وزہ گژھن پرنہ زان زہ مستحب چھہ زہ شنگنہ وزہ باوضو آسُن بیہ ایزہ
وچھنہ لرہ شنگرُ و بقبلہ بیہ پرہ تمہ سورہ تہ آیات در فضایل قرآن یم ونہ آے بہترین اذکار
چھہ یمہ وقتہ تسبیح حضرت فاطمہ زہرا صلوات اللہ علیہا تیہ پاٹھہ چھہ **بسند معتبر** از حضرت صادق
علیہ السلام منقول زہ یلہ آدمی جاے ییٖنہ شنگان چھہ بزرگوار ملکاہ تہ متمرد شیطاناہ چھہ تس
گن مبادرت کران ملک چھس دپان دُہ ییٖن گرختم نیکی سیت تہ شب ییٖن کرابتدا نیکی سیت
شیطان چھس دپان دُہ ییٖن کرختم گنہ سیت شب ییٖن مُرز گنہ سیت اَدہ اطاعت ملک سرن
تہ تسبیح حضرت زہراء علیہا السلام پرن ملک چھہ تس شیطانس لایان تس نشہ چھس دور کران
تس چھہ محافظت تہ نگاہبانی کران یت تان بیدار سپنہ اَدہ چھہ بیہ شیطان یوان تس چھہ امر
کران رات کرختم تہ دہ مُرز گنہ سیت تہ ملک چھہ تس نیکی امر کران پس ہرگاہ اطاعت ملک گرن تہ تسبیح
حضرت فاطمہ زہراء صلوات اللہ علیہا پرن سہ ملک چھہ شیطانس تس نشہ دور کران تہ حقتعالی چھہ
عبادت ساری تمہ راتہ منز تسندس نامۂ عملس منز لکھان بیہ چھہ **بسند معتبر** از حضرت امام علی النقی علیہ
السلام منقول زہ فرمووُن اسہ اہلبیتن چھہ شنگنہ وزہ دہ خصلتہ باطہارت چھہ آسان وچھنہ زہ کن
چھہ شنگان اتھہ چھہ تہس تل تھاوان بیہ چھہ تسبیح حضرت زہرائے پران بیہ چھہ وبقبلہ شنگان بیہ
چھہ سورہ حمد نہ آیۃ الکرسی تہ آیہ شہد اللہ پران پس یُس اکہ تیہ پاٹھہ کرہ بہرہ ییٖن چھس نیومت ثواب نزہ
تت شمس منز بیہ چھہ **بسند معتبرہ** از حضرت صادق علیہ السلام منقول زہ یُس اکہ شنگنہ وزہ کہ مرتبہ
انا انزلناہ پرہ حقتعالی کرہ کہ ملک مؤکل تس پٹ زہ راچھہ کرن تس صحبس تان **شیطان** رجیم سندہ
شرہ نشہ بیہ چھہ **بسند معتبر** تس حضرتس نشہ منقول زہ یس اکہ یہ وزہ برخت خواب گژھہ
کہ مرتبہ سورہ قل ہو اللہ احد پرہ گناہان آیندہ تسندین بخشنہ پانژہن ورہن تان ہیس حدیثس منز فرموون

**در اذکار وقت خواب**

زِہ یُس اکاہ در خواب کھوڑہ شُنگنہ وِزہ پرِہ قل اعوذ برب النّاس تہ قل اعوذ برب الفلق تہ آیۃ الکرسے
بیہ چھہ بسند معتبر تس حضرتس نشہ منقول زِہ یُس اکاہ شُنگنہ وِزہ ترِیہ مرتبہ دِیہ اَلْحَمْدُ لِلّٰہِ
الَّذِیْ عَلَا فَقَھَرَ وَالْحَمْدُ لِلّٰہِ الَّذِیْ بَطَنَ فَخَبَرَ وَالْحَمْدُ لِلّٰہِ الَّذِیْ مَلَکَ فَقَدَرَ
وَالْحَمْدُ لِلّٰہِ الَّذِیْ یُحْیِ الْمَوْتٰی وَیُمِیْتُ الْاَحْیَاۤءَ وَھُوَ عَلٰی کُلِّ شَیْءٍ قَدِیْرٌ گُنہوَنزہ نیرہ مانند
روندیکھاجہ زاوییس حدثیس منز فرموون زِہ حضرت رسولؐ شُنگنہ وِزہ آس آیۃ الکرسی پران تہ تمہ
پتہ آس فرماوان زِہ بِسْمِ اللّٰہِ اٰمَنْتُ بِاللّٰہِ وَکَفَرْتُ بِالطَّاغُوْتِ اَللّٰھُمَّ احْفَظْنِیْ فِیْ یَقْظَتِیْ
وَمَنَامِیْ بیہ چھُ بسند معتبر از حضرت امام موسیٰ کاظمؑ منقول زِہ یُس اکاہ یِژہ زِہ منز راتس پنہ بیدار
یہ دعا پرِن اَللّٰھُمَّ لَا تُنْسِنِیْ ذِکْرَکَ وَلَا تُؤْمِنِّیْ مَکْرَکَ وَلَا تَجْعَلْنِیْ مِنَ الْغَافِلِیْنَ وَ
اَنْبِھْنِیْ لِاَحَبِّ السَّاعَاتِ اِلَیْکَ اَدْعُوْکَ فِیْھَا فَتَسْتَجِیْبُ لِیْ وَاَسْئَلُکَ فَتُعْطِیْنِیْ وَ
اَسْتَغْفِرُکَ فَتَغْفِرُ لِیْ اِنَّہٗ لَا یَغْفِرُ الذُّنُوْبَ اِلَّا اَنْتَ یَا اَرْحَمَ الرَّاحِمِیْنَ فرموون
زِہ یلہ یہ دُعا پرِہ حقتعالے سوزِمس زِہ ملکس کرن بیدار گوی بیدا تہ مطلب چھہ تی گوِزہ بیدار
تہ حقتعالے فرماوہ تمن زِہ تسندِہ باپت کرن استغفار ہرگاہ بیدار سپنہ یُس حاجتہ حقتعالا
منگہ عطا کرِہ تس بییہ چھُ از حضرت امام محمد باقرؑ منقول زِہ یلہ در شب لرِہ پھیرہ سُنت چھہ
زِہ دِیہ اَلْحَمْدُ لِلّٰہِ وَاللّٰہُ اَکْبَرُ روایت چھہ کرمژ سید ابن طاوسن علیہ الرحمہ بسند معتبر از حضرت
صادقؑ زِہ یُس اکاہ یِژہ زِہ حضرت رسولؐ وُچھن در خواب نماز خفتن پتہ کرہ غسل تہ ژور رکعت کرہ
نمانہ پرت رکعژ پرِہ سورہ حمد پتہ ہتہ مرتبہ آیۃ الکرسی بعداز نماز سوزہ ساس مرتبہ صلوات بر محمد و
آل محمد پاک اکس وتھرِس پٹ شُنگِہ تتھس زِہ حلالس تہ حرامس آسنہ تت پٹہ وٹی کرمت
وچھن اتھہ تھاوِہ تھس تل تہ ہتہ مرتبہ دِیہ سُبْحَانَ اللّٰہِ وَالْحَمْدُ لِلّٰہِ وَلَا اِلٰہَ اِلَّا اللّٰہُ وَاللّٰہُ
اَکْبَرُ وَلَا حَوْلَ وَلَا قُوَّۃَ اِلَّا بِاللّٰہِ بیہ دِیہ ہتہ مرتبہ مَاشَاءَ اللّٰہُ تہ شُنگِہ تس حضرتس وُچھہ
خوابس منز بیہ چھُ تمہ سیدن نقل کرمت زِہ ہرگاہ یِژہ امیر المؤمنینؑ در خواب وچھن تہ شُنگنہ
وِزہ پرِہ یہ دُعا اَللّٰھُمَّ اِنِّیْ اَسْئَلُکَ یَا مَنْ لُطْفُہٗ خَفِیٌّ وَاَیَادِیْہِ بَاسِطَۃٌ لَا تَنْقَضِیْ اَسْئَلُکَ

بِلُطْفِكَ الْخَفِيِّ الَّذِيْ مَا لَطُفْتَ بِهٖ لِعَبْدٍ اِلَّا لَقِيَ اَنْ تُرِيَنِيْ مَوْلَايَ اَمِيْرَ الْمُؤْمِنِيْنَ فِيْ مَنَامِيْ
بیہ سنندہ چھس روایت کرمتٕریں اکاہ یژہ زہ نین میت وچھن در خواب یا طہارت شُنگن تہ تسبیح حضرت
فاطمہؑ پرن ادہ پرن یہ دعا اَللّٰهُمَّ اَنْتَ الْحَيُّ الَّذِيْ لَا يُوْصَفُ وَالْاِيْمَانُ يُعْرَفُ مِنْهُ مِنْكَ بَدَتِ
الْاَشْيَاءُ وَاِلَيْكَ تَعُوْدُ فَمَا اَقْبَلَ مِنْهَا كُنْتَ مَلْجَاهُ وَمَنْجَاهُ وَمَا اَدْبَرَ مِنْهَا لَمْ يَكُنْ لَهٗ مَلْجَاً وَلَا
مَنْجًى مِنْكَ اِلَّا اِلَيْكَ فَاَسْئَلُكَ بِلَا اِلٰهَ اِلَّا اَنْتَ وَاَسْئَلُكَ بِبِسْمِ اللّٰهِ الرَّحْمٰنِ الرَّحِيْمِ
وَبِحَقِّ حَبِيْبِكَ مُحَمَّدٍ سَيِّدِ النَّبِيِّيْنَ وَبِحَقِّ عَلِيٍّ خَيْرِ الْوَصِيِّيْنَ وَبِحَقِّ فَاطِمَةَ سَيِّدَةِ نِسَاءِ
الْعَالَمِيْنَ وَبِحَقِّ الْحَسَنِ وَالْحُسَيْنِ الَّذَيْنِ جَعَلْتَهُمَا سَيِّدَيْ شَبَابِ اَهْلِ الْجَنَّةِ عَلَيْهِمُ
اَجْمَعِيْنَ السَّلَامُ اَنْ تُصَلِّيَ عَلٰى مُحَمَّدٍ وَّاٰلِ مُحَمَّدٍ وَاَنْ تُرِيَنِيْ مَيِّتِيْ عَلَى الْحَالِ الَّتِيْ هُوَ
عَلَيْهَا بخوف زیادہ طول یہ فصل منزہ سپن یتی منقول طالب باقی کرہ اصل منزہ تہ معلوم **دیوباب**
چھہ **در احکام خلل** تم خلل زہ نماز چھہ باطل تھو بیہ تم خلل باطل چھنہ نماز تمو پس تت منز چھہ زہ
مطلب **اول** چھہ تم خلل زہ نماز چھہ باطل کران ونہ چھہ یوان تمو منزہ یتہ اردٰاہ **اول** چھہ نماز
کران عمداً یا سہواً حدث صادر گژھن یعنے از اول تکبیر احرام تا آخر سلام کنہ جایہ وضو یا غسل
پھٹن **دیم** چھہ قبلہ کنہ بے ضرورت عمداً اتہ سہواً پت کن پھیرن یا عمد گو چھن کن یا کھوور کن پھیرن
ہرگاہ سہواً آتہ کرہ احوط چھہ سہ نماز بیہ کرن اداء در وقت قضا وقتہ پتہ **تریم** چھہ ایزہ بیہ غسلہ تہ
وضوہ یا تیممہ نماز کران تمو منزہ کنہ خلل آسن تھی ہہ زہ کانہ عضواہ آسس چھلنہ رود مت یا
کنہ عضوس آسنہ مسح کرمت یا اوس آب وضو یا غسل یا خاک تیمم مضاف یا مشتبہ مضاف ست
یا اوس نجس یا مشتبہ نجس ست یا اوس آب یا خاک غصبی یا مشتبہ غصبس ست تہ زانت کرن
وضو یا غسل یا تیمم **ژورم** چھہ شک کرن دو رکعتی واجب نماز ہندن یا سہ رکعتی واجب نماز ہندن رکعژن
منز یژہ اک کرمہ کنہ زہ یا ژہ کرمہ کنہ ترہ مثل نماز صبح بیہ نماز شام بیہ در نماز چہار رکعتی گدہ پہن
دُن رکعژن منز یا دُن تہ ترن منز یا دُن تہ ترن تہ ژٕن منز سجدہ زٕد کامل کرنہ برونہ یعنے
دُیمہ سجدچ ذکر واجب پرنہ برونہ احوط تے چھہ دُیمہ سجدہ پتہ کلہ تلت تہ زانن **پانژم** چھہ سہواً

رکناہ نکرن نماز ہندو ارکانو منزٕ تمہِ چھہ نیت تہ تکبیر احرام تہ قیام بیہ رکوع تہ زٕہ سجدہ ہرگاہ یاد پنینہ
یُت تان محل تمیُک گُذرہ تِس اکس ندپاٹھہ زٕ ترک کرِہ قیام یا نیت یا دپنینہ تہ تکبیر احرام دپہ یا تکبیر
احرام دپنہ یا دپنینہ تہ تہ رکوع کرِہ تیٚتہٕ گژھہ چھہ نماز باطل ہرگاہ رکناہ عمداً یا سہواً زیادہ کرِہ شیم چھہ
رکعت زیادہ کرن عمداً یا سہواً استم چھہ رکعتاہ یا زیادہ مشراوُن ہرگاہ یاد پیس تژہ کاماہ کرنہ تہ
زٕہ نماز چھہ باطل کران عمداً تہ سہواً مثل حدث یا پشت بقبلہ کرُن اما ہرگاہ یاد پیس تژہ کاماہ پننہ
تہ زِ عمداً سہ کرنہ چھہ نماز باطل سہواً تہ کرنہ چھنہ نماز باطل کتھہ کرنہ شِشہ دُیو حرف تلہ وا ناوِ
نماز آند باطل چھنہ آٹھم چھہ نماز کراں کاراہ کرُن تتھ زِ نماز روزنہ تمہ صورتِ نماز سکار فعلِ
کثیر آستن یا فعل قلیل نماز کراں وُٹہ تُلن ہش بیہ شُرن کرن ہش بیہ یُس کاراہ زٕ عرفاً پن نماز گداس
تمہ نماز چھنہ کراں کم کامہ دیتن تہ یا ژرہ کامہ سیت یی کن چھہ سکوتِ طویلہ نماز باطل گژھان اما یہ کارہ
محو گژھنہ صورت نماز اما برہم کرِہ موالات یعنے تس پت بجاآنن نماز ہند کار تمو منزٕ تے نمازِ منزٕ عمداً
کاراہ کرِہ نماز چھہ باطل تہ آسِت چھہ درشرعیت کینہ کار خاص زٕ عیب چھنہ در نماز واجب تم کرِہ نس
زو نمُت چھک زِہ تم چھنہ ماحی صورتِ نماز موالات کرن نہ برطرف تمو منزٕ چھہ نماز کراں مارتہ عقرب
مارُن تمو منزٕ چھہ نمازِ منزٕ نمن تہ بُڈ سُند عصا تُلن تہ تس اتھہ دِن تمو منزٕ چھہ زنانہ شُر پِن تُلن تہ کھنہ
ہن تہ دُفون تہ تھپر تہاوُن تمو منزٕ چھہ کلہ سیت یا اتھہ سیت اشارہ کرن کُنہ کارہ باپت تمو منزٕ
چھہ نماز کراں کُش پالس تمو منزٕ چھہ ہرگاہ نماز کراں قبلہ کنہ بردیوارِ مسجد مکروہ طبع چیزاہ وُچھہ نمازہ
منزے پکِہ کینہ قدم برونہ تہ تت تُلہ کُنہ سیت تیٚتہ نیران چھہ بیاک مسئلہ یہی زٕ ہرگاہ معلوم گوس
درنماز مسجد چھہ نجس نماز چھس صحیح اما ہرگاہ سہ نجاست برونہ کنہ آس امکان آسس شر اکہ پکِہ سیت
مثلاً برطرف کرن تیٚتہ پاٹھہ زٕ کینہ قدم پکِہ برونہ تہ ازالہ کرِہ تتھ خالی از وجہ چھنہ حکم کرن تہ واجب
آسنس نوم چھہ ساری نماز پننہ وقتہ برونہ کرن عمداً اکرتن تہ یا سہواً تیٚتہ پاٹھہ چھہ باطل نماز ہرگاہ
وقت اژہ نس غیر معتبر گمان کرِتھ پرن شرن تہ وقت واتہ نماز کراں دہم چھہ زانت در مکان
غصبی یا در جامۂ غصبی یا بر فرشِ غصبی نماز کرن کھم چھہ دست بستہ بے تقیہ عمداً نماز کرن ہم چھہ نماز کرن

عمدًا کینژراہ کہن یا ژُن ترا وہم چھِہ بقہقہہ عمدًا آسُن ژداہم چُھہ برائے امورِ دنیا عمدًا باآواز یا بی آواز
وُدُن پنداہم چُھہ از واجبات نماز واجباہ عمدًا ترک کرُن رکن متہ آستن اما ہرگاہ جہل مسئلہ کِن
اخفات کرِہ جہر چھِہ جایہ یا جہر کرِہ بجائے اخفات عمدًا نماز چھِہ صحیح تَہ شُراہم چُھہ از واجبات نماز
واجباہ زیادہ کرُن سداہم چُھہ پانس کشفِ عورت کرُن ارداہم چُھہ کتہ کرنہ عمدًا دُیو حرفو یا ژرِ
بے معنے آستن یا بامعنے یا تہ اکی حرفہ سیت زِ مطلباہ بیہ تمہ بفہم مثل قِ زِہ عرب زبان گوز را چھِہ گرِ
پس ہرگاہ یت حرفاہ عمدًا در نماز ونزِہ زانت زِہ دلالت چھِس بر مطلب نماز چھِہ باطل باطل
چھِنہ نماز عمدًا امدِ دِنہ حرفِ مدس تہ حرفِ لینس زیادہ تی تِمے کرِہ تت منز بیہ نہ آوازہ سیت ژاسِنہ
بیہ وُوشہ چھِہ بیہ نالچِہ بیہ ٹھکہ چھِہ سیت اما ہیند ناوے نقل کرزِہ نماز چھِہ باطل زان زِہ باطل
چھِہ کران نمازِ کلامِ آدمی اما نماز کران قرآن پرُن یا ذکرِ خدا کرُن یا دُعا پرُن یعنے خدا یس کینژ
منگُن پس عیباہ چھُنہ تت آسنہ قرآن موجبِ سجدہ بیہ ہرگاہ پرِہ از قرآن قرا نکہ قصدہ ذِکر ذکر
کرنکہِ قصدہ دُعا دُعا کہ قصدہ نتہ کرِہ پرت اکاہ تمو منزِہ نمازِ باطل ہرگاہ نماز گذارس کونژراہ
کُنہ کارس پٹھ اگاہ کرُن آسہ مثلاً امام چھِس اگاہ کرُن زِہ رکوعس منز از قرآن پرِہ فَارْكَعُوا
مَعَ الرَّاكِعِيْنَ بقصد قرآن یا اگاہ کرُن چھِس امام یا موم زِہ وُت بحولِ اللہِ تعالیٰ وَقُوَّتِہٖ اَقُوْمُ
وَاَقْعُدُ پرِہ ذکر خدا کرنکہ قصدہ یا تشہدس پہنس پٹھ تم اگاہ کرنہ باپت دِیہ اَلْحَمْدُ لِلّٰہِ ذکر خدا کرنکہ
تہ حمد تس کرنکہِ قصدہ یا کُنہ پٹھ اگاہ کرنہ باپت از دعا کینژراہ پرُن دُعائے قصدہ نماز چھِنہ باطل ہرگاہ
از قرآن کینژراہ پرُن تمی مطلبکہ قصدہ تھِہ زِہ سہ آیہ پرن زِہ رکوع کر قرآن آسنکہ قصدہ سوا
بحول اللہ الی آخرہ پرُن زِہ وُت یا تہو الحمد للہ پرُن زِہ بہ یا ہو ذکر خدا قصد کرنہ سوا نماز چھِہ باطل
ہرگاہ از قرآن پرِہ لفظاہ زِہ در کلام آدمی تہ چھِہ یوان مشخص کرِت قرآن آسنک پرِہ تت نتہ کرِس
ستہ نماز باطل ہرگاہ دُعا بحرام کرِہ ور نماز دعائے بد کرُن ہُہ مؤمنس ظلم نماز چھِہ باطل زانان تہ
آسہ حرام آسُن تہ اما ضرر چھِنہ نت ہُہ کرِہ نس ہرگاہ جاہل بموضوع آسہ تھِہ ہُہ زِہ یس دعائے بد کرُن
گمان اُدس کافر چُھہ آخر اوس سہ مؤمن ظاہر چُھہ ایزِہ سلام تحیہ یعنے سلام تعارفی چھِہ کلام آدمی

سلام تعارفی

کرزی سہ نمازکران عمداً نماز چھہ باطل تیہی پاٹھہ چھہ نماز باطل بیہ تعارفی کلام کرنہ تت مثل صَبَّحَكَ اللهُ
بِالْخَيْرِ وَمَسَّاكَ اللهُ بیہ یہ کینہ ہین ہہ چھہ **مسئلہ** ہرگاہ نمازکران کانسہ سلام کرن یا دپن کانسہ
صَبَّحَكَ اللهُ بِالْخَيْرِ قصداوس خالص تعارفاہ زِہ بجا اَنُن بےشبہ چھس باطل سہ نماز ہرگاہ قصد
اوس خالص دُعاہ منگُن از خدا زِہ سلامت تھاوہ لتس یا صبح لتسند تس نسبت بخیر کرِہ یا اوس
باعث یہ کلام کرہ نس تعارُف اما کرُن دُعاکہ قصدہ باطل چھنہ نماز دُنون صورتن منز زان زِہ جواب
سلامِ تعارفی تہ چھہ کلام آدمی یلہ تعارفکے قصدہ جواب دِ زِہ تہ آسِت چھہ خاص پاٹھہ جواب سلام دِن
واجب جواب نہ دِیہ نمازِ منزہ نماز چھنہ باطل اما گناہ چھس حاصل یہ جواب سلام کرہ نس منز چھہ
کینہ مسئلہ **اوّل** چھہ یہی زِہ لازم چھہ زِن سلامن جواب یہی دِن پس دپہ جواب سَلَامٌ عَلَيْكَ
سَلَامٌ عَلَيْكَ جواب سَلَامٌ عَلَيْكُمْ سَلَامٌ عَلَيْكُمْ جواب اَلسَّلَامُ عَلَيْكَ اَلسَّلَامُ عَلَيْكَ
جواب اَلسَّلَامُ عَلَيْكُمْ اَلسَّلَامُ عَلَيْكُمْ پس ہرگاہ نمازگذار دپہ درجواب عَلَيْكَ السَّلَامُ
نا صحیح آسن چھہ مُشکل **دویم** چھہ ہرگاہ سلام کرِہ دپہ عَلَيْكَ السَّلَامُ جواب دپس سَلَامٌ عَلَيْكَ باقصد
دعا احتیاطاً **تریم** چھہ ہرگاہ نمازگذارس سلام کرن تہ دپن سَلَام یا اَلسَّلَام جواب دپہ سَلَامٌ
عَلَيْكَ یا سَلَامٌ عَلَيْكُمْ قصد دعا کرت احتیاطاً **ژورم** چھہ ہرگاہ سلام غلط آسِہ احوط چھہ جواب
دِن صحیح بقصد دعا **پانژم** چھہ ہرگاہ جماعتاہ حاضر آسہ کینہ آسن در نماز کینہ آسن فارغ کانژہاہ یہ
تہ سلام کرِہ ہرگاہ نمازگذار زانہ زِہ مِہ کرن سلام یا شک چھس مہ کرنہ کِنہ بیس جواب دِیہ نہ ہرگاہ یہ
زانِ زِہ مِہ تہ کرن اَدہ ہرگاہ لتس برونہ جواب سلام کرُ کانسہ نمازگذار کرِہ نہ اوہ تتہ دِیس پانہ جواب
**شیم** چھہ ہرگاہ اکھ زُن کینژہ چھرہ تیُس پتہ سلام کرِہ تو تاہ زِہ منزہ آسنہ جواب دِتہ توت
طولاہ تہ گونہ ظاہر چھہ ازِہ اکھ جواب چھہ بس ہرگاہ اکھ سلام کرن تہ جواب آو کرنہ تت تہ طول
گو بیہ کرن سلام دویم جواب تہ چھہ لازم ہرگاہ بتکرار پن سلام یا جواب تمہ رنگہ زِہ زنمہ نبر آسِہ
اَدہ چھنہ جواب لازم **ستم** چھہ یت جاے جواب سلام واجب چھہ جواب گرِہ فوراً دِن پس
ہرگاہ توت طول دِت جواب دِتُن زِہ نبر اوس رسمی جواب تحیتہ نشہ نماز چھہ باطل **آٹھم** چھہ ہرگاہ

تیٖز وارشہ سلام کرِہ جواب سلام کرُن تِس چھُہ واجب ہرگاہ تیٖز وارشہ جواب سلام تِس کرِہ احوط چھُہ مکلفس تیٚلِس جواب سلام کرُن باقصدِ دعا یا قرآن ہرگاہ در نماز آسِہ **نوم** چھُہ ہرگاہ سلام کرِہ ووٚن زُر آسِہ تِت زِہ جواب گژھِس عٔدہ نہٕ بُڈہ وِن لازم چھُنہ تہٕ نماز کران در غیر نماز آسی خارق عادت بُڈہ صدا دِنس محتاج تہٕ واجب آسُن چھُہ جایے تامل **دھم** چھُہ ہرگاہ شخص در نماز پنٛد تراوِہ مستحب چھُس زِہ دپہ اَلْحَمْدُ لِلّٰهِ کَمَا هُوَ اَهْلُهٗ وَصَلَّی اللّٰهُ عَلٰی مُحَمَّدٍ وَّاٰلِهٖ یا اَلْحَمْدُ لِلّٰهِ تنہا ہرگاہ پنٛد کانسہ ہنز بوٗزہ مستحب چھُس حمد خدا **کھم** چھُہ نماز کران تسمیہ عاطس کرُن یعنی وُنُن تِس زِہ یُس پنٛد تراوِہ یَرْحَمُكَ اللّٰهُ یَرْحَمُكُمُ اللّٰهُ بیہ زان زِہ تکرار آیہ یا کلمہ کرُن وسواسہ کِن چھُہ در کلام بیجا داخل بیہ مبطل نماز مدٕونس ہنز حرف مدٕس زِہ کلس کڈہ پننہ صورژ منزہ چھُہ اشکال اما ہرگاہ آیاہ فراموش گرِہ تمہ باپت پرِہ برٛونہم تاک یتہ سہ بخاطر ایس تہ صحیح آسُن چھُنہ خالی ازوجہ اما ہرگاہ کلمہ یا اعراب تِک زانُنہ مشکل چھُہ سُہ کینژہ طریقہ پرُن یُت صحیح طریقہ گژھِس احوط چھُہ بیاک سورہ پرن یتہ ییم مبطلات وِن مراد اُوس تہ تہ سپُن تمام ییہ یتہ زانِ زِہ واجب نماز ژٹن چھُہ حرام کُنہ چھُہ واجب نماز ژٹن کُنہ وقتہ چھُہ سُہ ژٹن مباح اما واجب آسُن ژٹن سُہ پس تت چھُہ کینہ صورژ **اول** چھُہ ایزہ مشغول نماز آسِہ خوفاہ گژھِس پیدہ زوس پٹ تتہ روزنہ نماز کران تہ وقت آسِہ باوسعت تتہ چھُس لازم نماز ژٹن ہرگاہ تمی حالہ نماز کرِہ احتیاطاً چھس باطل نماز اقوی چھُہ ایزہ صحیح چھس **دیم** چھُہ زِہ نماز اندو اتناوس ہنز آسِس خوف. بینس جانس پٹ زِہ محترم آسِہ **تریم** چھُہ موقوف آسِہ بچاوُن کانسہ ہندجان زِہ با احترام چھُہ نماز ژٹس پٹ ییتھی زِہ کانژاہ سپن غرق یا کیرس گو نماز گذارہ اُو نماز ژٹہ زِہ زانِ تِس خلاص کرِت یتہ چھُہ نماز ژٹن لازم ہرگاہ امہ وِزہ بنماز مشغول روزہ اقوی چھُہ نماز چھس صحیح اما گناہ کرُن ہرگاہ ییمن صورژن اندر وقتس وسعت آسنہ تتہ نیرہ باشارہ نماز کران بجانہ وارہ پائ یہ ممکن چھُن اما یمہ جایہ زِہ نماز واجب ژٹن چھُہ مباح تتہ پس تل چھُہ زِہ خوف سپنہ مال تلف گژھنک یا تل زِہ کانژاہ دارس کینژاہ تہ تِس وُچھِہ تہ کھوژِہ دوبارہ بیمنہ انتھہ ییمن جاین چھُہ ماذون نماز ژٹنس ہرگاہ نہ کرُن نہ نماز چھس صحیح **مسئلہ** مستحب چھُہ نماز ژٹنہ وِزہ یتہ مباح چھُہ ژٹن بیہ یتہ واجب

چھہ رٕن سٕہ دپہ اَلسَّلَامُ عَلَیْكَ اَیُّھَا النَّبِیُّ وَرَحْمَةُ اللّٰہِ وَبَرَكَاتُہٗ **دوٚیم مطلب** چھہ ترن خللن
ہندن حکمن منز زٕہ نماز کران ہم گرٔست چھہ نماز صحیح تم چھہ پاژ قسم **اوّل** چھہ ستی زٕہ کاراہ چھنہ تمہ خللہ باپت
واجب گرٔن تہ چھہ ستن جاین **اوّل** چھہ یہی زٕہ نمازِ ہند غیر رُکن واجب کاراہ گرِ نیرِ تمہ محل گذرت پتہ یاد
اک سجدہ تہ تشہد تہ تمہ صلوات شنہ سوا یتمی ہہ زٕہ قرائت پرٕ نہ سہواً یا سورہ حمد یا سورہ یا کینژاہ
تمہ منزہ پرٕ نہ سہواً رکوع پتہ پیس یاد یا جہر وا اخفاتس منز سہو کرٕہ قرائت پران تپے پیس یاد یا در ذکر
رکوع سہو کرٕہ یا تتہ منز آرام ہن کرٕہ فراموش رکوع پتہ کلہ تلت پیس یاد یا بعد رکوع انہ نہ قیام بجا
یا آرام ہیہ نہ تت منز سہواً سجدس پتہ پیس یاد یا واجب ذکر سجدچ سہواً پرٕ نہ یا اکاہ ستو بندو منزہ
پیشانی سوا در سجدہ بر زمین سہواً اتھاوِ نہ یا سجدس منز آرام ہیہ نہ سجدہ پتہ کلہ تلت پیس یاد یا فراموش
کرٕہ ہُن دُن سجدن منز یا آرام تتہ ہن کرٕ فراموش دوٚیمس سجدس پتہ پیس یاد التفات کرٕ نہ یت کمی کٔن
نماز کرٕہ تمام **دوٚیم** جاے چھہ یہی زٕہ شک کرٕ کُنہ کامہ منز بیس کامہ اثرت رُکن آستن سُہ کوٚم یا غیر رُکن
واجب آستن یا سُنت تس تشخصہ سند پاٹھہ زٕہ شک کرٕہ تیژ منز تکبیر پرٕت یا شک کرٕہ تکبیرس منز قرائت
پران یا ساری قرائژ منز یا سورِ منز رکوع کران یا قنوت پران یا سورہ حمد پرٕہ نس سورہ پران یا تہندس
اوّلس منز آخر پران یا تہنز کُنہ آیہ منز تمہ تیم آیہ پران یا کُنہ کلمس منز تمہ تیم کلمہ پران یا شک کرٕہ در رکوع
یا تمہ پتہ کس قیامس منز یا تت منز آرام ہنس سجدس وسان یا شک کرٕہ سجدہ کرٕہ نس ایستادہ سپنت
یا تشہدس اثرت یا شک کرٕہ تشہد پرٕہ نس یا تمک واجب کاراہ کرٕہ نس ایستادہ سپنت تت شکس
کرٕ نہ نگاہ تہ نماز کرٕہ تمام اما کرٕ نہ شک وتہنس اندر سجدس منز اقوے چھیٚی زٕہ واجب چھہ سجدہ گرٔن
**تریم** جاے چھہ یہی زٕہ شک کرٕہ کُنہ کامہ منز بیس کامہ اثرٕ نہ رُو نہ ظن آسس کرٕہ نس پتہ یتہ تراوِ نہ
عمل باحتیاط کرن **ژوٚرم** جاے چھہ یہی زٕہ زیادہ کرٕہ واجب کاراہ غیر رُکن سہواً قرائت ہش تہ تشہد
ہُہ بیہ سلام ہش **پانژم** جاے چھہ یہی زٕہ شک کرٕہ اکاہ امامس تہ ماموس منزہ بیس یاد آست عمل
پننہ بیندس یادس پتہ **شیم** جاے چھہ شکِ کثیر الشک یعنی تس اکثر پاٹھہ زٕہ شک کرٕہ تریہ پھِرہ
تس پتہ بناتھاوہ ادہ سٕہ کار کرٕہ نس ہیک ہرگاہ تہ بناتھاوِ نہ عمل باطل آسنہ نتہ تھاوہ بنا کرٕ نس پتہ

شک آستن رکعاتن منز یا افعالن ارکانن یا در غیر ارکان **ستم** چھہ سہو کرہ سہوس منز یعنے تت چیزن منز
زہ سہو کرنہ چھہ واجب سجدۂ سہو ہہ نماز احتیاط ہہ یا شک کرہ سہو کرمہ کنہ نہ **دیم قسم** چھہ سی
خلل زہ تدارک چھہ واجب تہ سجدۂ سہوہ سوا تس اسند باپتہ زہ شک کرہ کنہ کامہ منز ایس کامہ
اگر نہ برونہ تدارک چھس پی زہ سہ کوم کرہ شک کرنہ پتہ تیتھی ہہ زہ شک کرہ تکبیر احرام پرہ نس
قرائت پرن ہنہ برونہ تکبیر احرام پرہ یا شک کرہ قرائتہ منزہ پرہ نس کانہ کلماہ یا آیاہ یا سورہ
حمد یا سورہ یا ساری قرائت پرہ نس منز تہ تیم پرن ہنہ یا گرن ہنہ برونہ صحیح پرہ نس تیے شک
آسہ تہ پرہ یت منز شک چھس یا شک کرہ رکوعس منز تیح واجب ذکر پرہ نس ذکر پرہ یا شک کرہ
رکوع کرہ نس ایستادہ آست رکوع کرہ یا شک کرہ زہ سجدہ یا اک سجدہ کرہ نس وتھن ہنہ برونہ
یا تشہدس اتھنہ برونہ تدارک چھہ پی زہ سجدہ کرہ **مسئلہ** ہرگاہ تدارک کرنہ پتہ یاد پوس زہ
کرمت اوسم سہ کارتہ زیادہ گوم اوسنہ رکن تہ نماز چھہ صحیح اوسہ رکن تہ نماز چھہ باطل مگر
یلہ رکوع آسہ تدارکہ وزہ حد رکوع واتنہ برونہ پیس یاد تہ سجدس وسہ رکوع گرہ نہ ادہ دیم صحیح چھہ نماز
**ترِیم قسم** چھہ سی خلل زہ تدارک تمک چھہ واجب سجدۂ سہوہت تتھ چھہ دہ جایہ **اول** چھہ یہی زہ
سورۂ حمد سہواً پرہ نہ سورہ پرت پیس یاد پت پھیرہ سورۂ حمد پرہ ادہ سورہ بیہ **دیم** چھہ یہی زہ رکوع
کرہ نہ سہواً بہت سجدہ کرنہ برونہ پیس یاد پت پھیرہ تہ رکوع کرہ تہند وتہت ہرگاہ وتہند نہ آست
رکوع مشراومت آسن تیہ بوہمت آسہ نتہ رکوعس وسان رکوع مشراون تہ سجدہ باپت بوہ نمتھی وتھنہ
رکوعکس حدس تان **ترِیم** چھہ یہی زہ زہ سجدہ کرنہ سہواً **ژورم** چھہ یہی زہ اک سجدہ کرہ نہ سہواً
**پانژم** چھہ یہی زہ تشہد پرہ نہ سہواً تہند وتہت رکوع برونہ پیس یاد پت پھیرہ تہ انہ بجایہ یمو منزہ
مشرومت چھس **شیم** چھہ یہی زہ اک سجدہ کرہ نہ سہواً **ستم** چھہ یہی زہ تشہد پرہ نہ سہواً رکوع کرت پیس یاد
نماز کرہ تمام تہ یہ یمو منزہ مشہمت چھس تت کرہ قضا **آٹھم** چھہ یہی زہ اک سجدہ کرہ نہ سہواً **نوم** چھہ یہی زہ
تشہد پرہ نہ سہواً **دہم** چھہ یہی زہ تیح صلوات پرہ نہ سہواً سلام پتہ پیس یاد تہ کرہ قضا ادہ یہ یمو منزہ
مشہمت چھس پس تدارک پرت جایہ ہندس پن بیان بیہ چھہ واجب پرت جایہ باپت یمو منزہ سجدۂ سہو کرن

**مسئلہ** واجب چھہ سلام پتہ سجدہ سہو کرنہ برونہ قضا کرُن یہ مُتھمُت چھُس اک سجدہ تہ تشہدتہ تہ تمچہ صلواتھ منز ترتیب یعنی گُڈہ کرِ قضا یہ گُڈہ مُتھمُت چھُس اَدہ کرِ تت یہ تمہ پتہ مُتھمُت چھُس مثلاً اگر سہ گُڈہ تشہد مُتھمُت اَدہ سجدہ سلام پتہ کرِ نیت زِ مُتھمُت تشہد یمہ نمازِ ہند کران چھُس براے اطاعت خدا تہ تشہد پرِ اَدہ کرِ مُتھمُت سجدہ نیت کرِت **ژورم قسم** چھہ سُہ خلل زِ تمہ چھہ نمازِ احتیاط واجب تت چھہ ژورِ صورژ **اک** یہی زِ شک کرِ ژرِ رکعتی نمازِ منز سجدو دُیو پتہ زِ کرمہ کنہ ترٚ بناتھاوہ ترَن پٹھ بیاک رکعت کرِت سلام پتہ کرِ نمازِ احتیاط اک رکعت ایستادہ یا زٚہ رکعت بہت **دویم** چھہ یہی زِ شک کرِ ژرِ رکعتی نمازِ منز ترِ کرمہ کنہ ژور بناتھاوِ ژرن پٹھ سلام پتہ کرِ نمازِ احتیاط اک رکعت ایستادہ یا زٚہ رکعت بہت **تریم** چھہ یہی زِ شک کرِ ژرِ رکعتی نمازِ منز سجدو دُیو پتہ زٚہ کرمہ کنہ ژور بناتھاوہ ژرن پٹھ سلام پتہ کرِ نمازِ احتیاط زٚہ رکعژ ایستادہ **ژورم** چھہ یہی زِ شک کرِ ژرِ رکعتی نمازِ منز سجدو دُیو پتہ زٚہ کرمہ ترٚ کرمہ کنہ ژور بناتھاوِ ژرن پٹھ سلام پتہ کرِ نمازِ احتیاط زٚہ نمازہ گُڈہ زٚہ رکعژ ایستادہ اَدہ کرِ بیاک نماز اک رکعت ایستادہ یا زٚہ رکعت بہت **در نمازِ احتیاط** چھہ واجب نیت یمہ صورژ زِ اک رکعتِ نمازِ احتیاط ایستادہ کران چھُس یا زٚہ رکعت بہت یا زٚہ رکعت ایستادہ کران چھُس فلان نمازِ ہند براے اطاعتِ خدا تہ تکبیر دِیہ اَدہ پرِ سورہ حمد تنہا تہ رکوع تہ سجدہ کرِ بیہ تشہد تہ سلام دِیہ تت منز تھاوِہ مرعی تہ سورٚی زِ شرط فرض منز ہرگاہ نمازِ احتیاط فرضکہ وقتہ پتہ گرِ در نیت تھاوِہ بجاے ادا قضا **پانژم قسم** چھہ سُہ زِ تمہ چھہ سجدہ سہوی یوت واجب سپدان سہ چھہ سہواً کلام کرنہ بیہ بیجا سلام باپت بیہ ژان تہ پانژن منز شک کرنہ باپت بیہ سہواً نماز کران تشہد دُتھہ نیہ ہُن گژھہ یا ہیہ تیہ دُتھد نہ روزن گژھہ پس معلوم گوزہ سجدہ سہو چھہ واجب تیتہ تدارکہ سوا یمہ برونہ سپدُن بیان سجدہ سہو چھہ واجب دِتھن جاین باتدارک یمہ علاوہ گژھہ ژانُن زِ یہ سجدہ چھہ واجب پرت زیادتی تہ کمی باپت زِ در نماز گژھہ نماز سپننہ باطل تمہ واجب چھہ در سجدہ سہو نیت یمہ صورژ زِ سجدہ سہو فلان نمازِ ہند فلان خللک کران چھُس براے اطاعت خدا یلہ دِت تھاوہ نیژر زمین پیشانی تھاونس ست بند سجدک تھاوہ بر زمین آرام ہت دِیہ بسم اللہ و باللہ السلام

عَلَيْكَ اَيُّهَا النَّبِيُّ وَرَحْمَةُ اللّٰهِ وَبَرَكَاتُهٗ یا دپه بِسْمِ اللّٰهِ وَبِاللّٰهِ اَللّٰهُمَّ صَلِّ عَلٰی مُحَمَّدٍ وَ
اٰلِ مُحَمَّدٍ ته کله تِلِه زمین ﭨپه ته آرام هیه اَده کره تته کنه یاک سجده اَده بهه ته تشهد خفیف پره
تمی هیه زه وپه اَشْهَدُ اَنْ لَّا اِلٰهَ اِلَّا اللّٰهُ وَاَشْهَدُ اَنَّ مُحَمَّدًا رَّسُوْلُ اللّٰهِ اَللّٰهُمَّ صَلِّ عَلٰی
مُحَمَّدٍ وَّاٰلِ مُحَمَّدٍ یا تشهد نماز پره پس وپه سلام اَلسَّلَامُ عَلَيْكُمْ اولی چهه اَلسَّلَامُ عَلَيْكُمْ وَرَحْمَةُ
اللّٰهِ وَبَرَكَاتُهٗ وین یه سجده کرنه وزه گژه باطهارت آسن احوط چهه ایزه بجا انیت سجدس نتر یه یکا
چهه انان درسجدهٔ نماز ترک کره یته یه ترک چهه کران تته تفاوت هتاونه یت سجدس نتر ته درسجدهٔ نماز گر
ذکر نتر یته پره تیے یه ونه آو واجب چهه امه بابت زه سجده فوراً گرن هرگاه کره نه یا تاخیر کره گرن
نتر نماز تستر گژه نه باطل فرض تاخیر احوط چهه ترک نکرن سه سلام نتر ته تت نتر ستاه فاصلاتی
گومت آسه هرگاه فراموش کره یله یا دپیس ته تل کره هرگاه سجدهٔ سهو کیتر وسبلو واجب سپنه واجب
چهه پرت سبه بابت زه سجده کرن بهتر چهه سبن هنزه ترتیب تم بجا انن **تریم باب** چهه
باقی واجب نمازن نتر تت نتر چهه گینه **بحث اول** چهه درنماز جمعه زان زه درین زمان غیبت امام
علیه السلام چهه نماز جمعه واجب آسنس اختلاف اصح چهه ایزه مکلف چهه مختار روز جمعه نماز جمعه کرن
یا نماز پیشین اما ثواب نماز جمعه نماز پیشین خته زر آسنه تکه چهه بهتر ایزه تمه وهنه کره پیشین نماز
هنزه جایه نماز جمعه احوط چهه تمه پته نماز پیشین ته گرن نماز جمعه چهه زه رکعت مثل نماز صبح آسطن
زنن چهه ساقط سه تم چهه آک زنانه دیم بنده تو یم مسافر ژور مزنابینا پاتزم عاجر بد
شیم عاجز بیمار سیتم مشلول زه عاجز آسه وته گینس اٹھم سه شخص زه تستره جایه یته
آسه نماز جمعه گرنچه جایه تان دیونه سخ زیاد یو منزه کانژاه زنان ته بندس ته مسافرس سوا
حاضر سینه نماز جمعه چهنه ساقط تس واجب چهه وقت نماز جمعه ملاحظه کرن وقت تمک
چهه ازاول زوال تت تان زه یسه ژهاے شا خصس حچه بعد زوال پیدا گران سه گره شاخصس
برابر احوط چهه تے زه تاخیر گرن نه تت آذان ته خطبکه مقدار خته زیاد بیه تمه کو توازموخته
منبرس کهسن ته تمه وسن ته دعاے پیش از نماز هه بیه یه یمه ورای ین هه چهه از اول زوال بیه چهه

واجب بجماعت گرُن سُہ تیاہ زِہ نمازِ جمعہ بفرادے گرُن چھُہ حرام بیہ
چھُہ حرام بیہ چھُہ واجب جماعتِ نمازِ جمعہ پاٹرزن آسن اِمامس سان تہ تمو
خُتہ کم بیہ چھُہ واجب پٔنیاز پرٖہ نمازِ جمعہ کرنہ برونہ زٕہ خطبہ واجب چھُہ تمن منز با قدرت ایستادہ آسُن
پرت اکس منز خدائے تعالاس حمد گرُن بلفظ الحمد للہ بنابر احوط بیہ صلوات سوزن برجنابِ حضرت رسالت
پناہ بلفظ صلوات بنابر احوط بیہ چھُہ احوط علاوہ گرُن شہادت برسالتِ آنجناب درخطبۂ اوّل ثانی
تی چھُہ تِمے زٕہ واجب چھِنہ تہ بیہ وعظ گرُن تہ وصیت بتقوی کرن معین لفظاہ چھِنہ تت منز ضرور
کفایت کرِہ مثل اِتَّقُوا اللہَ وَاَطِیْعُوْہُ بیہ چھُہ واجب کوچک سوراہ پرُن درخطبۂ اوّل بلکہ دوشون
منز بنابر احوط ہرگاہ بزرگ سوراہ پرِہ کفایت کرِہ نہ بیہ چھُہ واجب ہِن دِن خطبن منز کم میاہ بہتر چھُہ
تی زِہ سورہ قل ہو اللہ پرِ نکہِ مقدارہ بہِہ دُمیس خطبس منز امِہ علاوہ زِہ وَنہ آو واجب صلوات
سوزن برائمہ مسلمین صلوات اللہ علیہم اجمعین بیہ طلب کرن مغفرت تہ آمرزش برائے مومنین
تہ مومنات حرام چھُہ برامام کتھہ گرنہ خطبہ پران تیہ پاٹھ چھُہ برماموین تہ واجب چھُہ نمازِ جمعہ کرن ماموین
پت گن دِن خطبس برامام چھُہ تت بٔدِہ پرُن زِہ بوزہ نادِہ پانژن زنن یا ژرن بیہ چھُہ واجب امام
آسِہ باوضو خطبہ پرنہ وِزِہ بیہ آسِس بدن تہ لباس پاک بیہ ہرگاہ نمازِ جمعہ دُن جاین گرن واجب
چھُہ فاصلہ آسُن تمن منز اکِ فرسنخ یا زیاد پس ہرگاہ اکہِ فرسخہ کم آسِہ تہ دُنوی نماز سپنن اکی وقتہ
یا معلوم اسِنہ برونہ کُسہ سپن تہ تیہ کُسہ سپن دُنون جماعژن چھُہ نماز باطل ہرگاہ یمن دُن جاین
پتہ برونہ نماز گرن ثابت جایہ برونہ گرک نماز تہنز چھُہ صحیح تہ بیہ جایہ ہنز چھُہ باطل نظر چھُہ تکبیرِ احرامس
کُن یمو سُہ برونہ پرُ نماز تہنز چھُہ صحیح یمو تہ پرُ نماز تہنز چھُہ باطل سُنت چھُہ روزِ جمعہ غسل گرُن یتہ
پاٹھ درکتابِ طہارت سپن بیان بیہ رخت پژجان تہ پاک کرن بیہ دستار وُڈِہ دِن بیہ ژادر وَلن
منج آستن یا کیر بیہ پنن پان بُوی خوش معطر گرُن بیہ مست کاٹن بیہ نم کاسُن بروت ہن بیہ
بشارب اصلاح گرُن بیہ قرائت روزِ جمعہ درنمازِ جمعہ تہ نمازِ پیشین بجہر پرُن بیہ یمن دُن نمازن
تہ نمازِ دِگرس تمِہ دُہہ دررکعتِ اوّل سورہ جمعہ تہ دررکعتِ دُیم سورہ منافقین پرُن بیہ خطبہ پرنہ وِزِہ

شمشیرِ پٹ یاکمانِ پٹ یاعصاس پٹ تکیہ کرُن . بیہ یلہ خُطبہ پَرَنہ برمنبر کھسہ حاضرن کرہ سلام بیہ کرِنہ خطبس منز تطویل سِتاہ . بیہ در نماز جمعہ در رکعت اول قنوت رکوع برونہ پرُن در رکعتِ دوم رکوع پتہ . بیہ زوالہ برونہ تہِ دُہہ نافلہ پرن دُہ رکعت . بیہ وقتہ ہکہ تہ وقتہ کرک افضل چھِہ پتی زِہ شہ رکعت کرہ آفتاب کھسنہ پتہ مُیہ اکہ شہ رکعت تہِ پتہ کم زمانہ گرٔہت . شہ رکعت زوالہ برونہ نیاہ زہ رکعت زوالہ پتہ . بیہ چھِہ سُنت دررو زجمعہ شاہ صدقہ دِنُ . بیہ صلوات برنبی تہ آلِ نبی سوزن ساس پھِرِ قان بیہ سورہ نِساء تہ ہوُد تہ کہف تہ والصافات تہ الرحمن پرُن . بیہ سورہ توحید صبح پتہ ہتہ پھِرِ پرُن بیہ ہتہ پھِرِ استغفار کرُن کنیثرو چھِہ دُمت بیہ ہتہ پھِرِ اَللّٰھُمَّ صَلِّ عَلٰی مُحَمَّدٍ وَّاٰلِ مُحَمَّدٍ وَّعَجِّلْ فَرَجَھُمْ پرُن . بیہ چھِہ سُنت نماز ظہر در مسجد کرُن . حرام چھِہ سفر زوالہ پتہ نماز برونہ روزجمعہ مکروہ چھِہ سہ صبح پتہ کارزان زِہ یہ تیہ لکھنہ آو تہ چھِہ قلیلاہ ازکثیر روزجمعہ کو اعمالِ حسنو منزہ . طالب کرِہ معلوم پیہ اعمالِ خیر خصوصاً اذکار تہ ادعیہ بیو کتابو منزہ . خوش چھِہ مذکور گرٔہن تیہ کینہ اخبار زِہ در تفسیر منہج الصادقین چھِہ مسطوری زِہ . از جابر چھِہ منقول زِہ جناب رسولؐ جمعہ اکِہ از روزِ ہائے جمعہ کھت برمنبر تہ دِنُن زانوزِہ خداین کُر نماز جمعہ واجب تہ لازم یت وہرس منز یت رِتس منز تہ یت دُہس منز تہ یت ساعتس منز تہ یت مسجدِ منز لیں اکاہ سُہ ترادِہ مینس حیاتس منز مینہ حیاتہ پتہ یہ وزِہ امام عادل آسس خدا مہ کرن جمع پریشانی تسنز بِتہ ندس کسبس پٹ برکت مہ دِین . تس مہ آسن حج مبرور تہ روزہ مقبول ہرگاہ توبہ کرِہ توبہ کرِہ قبول تس . بتہ چھِہ مروی تس حضرتس نشہ زِہ بہتر دُہو منزہ زِہ آفتاب چھِہ تمن منز کھسان . چھِہ روزجمعہ یہی دُہ اُدس زِہ خدا یتعالان کر آدمؑ پیدا یت دُہس منز نون سہ بہ بہشت . یت دُہس منز سوزن بر زمین یت دُہس منز کرن قبض روح قیامت سپنیہ قایم یت دُہس منز یہ دُہ چھِہ زِ خدا یوم المزید کانہ فرشتاہ تہ کانہ جانداراہ آسنہ وحشیو منزہ تہ پرندو منزہ تہ درندو منزہ تہ از انعام مگر یمہ دُہہ چھِہ بہ تسبیح خدا مشغول سپنان آفتاب کھسنگہ وقتہ پیٹہ لوسنس تان بیم آسنکن قیامت سپنس تتہ منز یت چھِہ خدایس نشہ یوم المزید نام تتہ منز چھِہ ساعتاہ زِہ کانہ مومناہ کرِہ نہ دعا تتہ منز مگر مستجاب سپنہ . سہ چھِہ سُی وقت امام سپنِہ فارغ خطبہ نشہ تہ موذن

دپہ قامت . بیہ روایژ چھہ سہ نیم ساعت آخرِ روز غروبس تان دُپت چھک زہ تمہ زمانہ زہ آفتاب آسہ اڈ لوسمت اڈ رود مت . بیہ چھہ ازحضرات ائمہ اطہار صلوات اللہ علیہم اجمعین منقول بنده یلہ در روزہاے غیر جمعہ دُعا کرہ خدایتعالی تھاوس اجابتِ دعا پتھ جمعس تان حُرمتہ بابت روز جمکہ یتہ چھہ تمن نشہ آمت زہ یَومُ الجُمعَةِ سَیّدُ الاَیّامِ وَاَعظَمُهَا عِندَ اللّٰهِ مِن یَومِ الفِطرِ وَیَومِ الاَضحٰی یعنی روزِ جمعہ چھہ سردار دہن ہندتہ زِ باعظمت تمو منزہ خدایس نشہ . بیہ چھہ زِ باعظمت زد خدا عید فطرہ تہ عید قربانہ ختہ . بیہ چھہ روایت عمران بن حصین زہ یُس اکاہ روزِ جمعہ غسل کرہ گنہن تسندن سپنہ کھارہ یلہ قدم تھاوہ مسجد منزہ وتہ پرت قدمہ بابت زہ تلہ دہن ورہن ہند عمل صالح لکھن پتس . بیہ یلہ نماز جمعہ نشہ فارغ سپنہ دُن تس ورہن ہنز جان عمل درنامہ عمل کرن درج حتّٰی بیہ چھہ انس بن مالکن تہ ازحضرت رسول صلی اللہ علیہ وآلہ روایت کرمژ زہ شب جمعہ نوس بہ آسمان ستت شہرہ وچھم عرشس تل وُسعت پرٹ اکھ اوس مثلِ دنیا . برت اوس فرشتو سیت ساری آس خدایس تسبیح تہ تہلیل کران دیان آس خدایا گناہ بخش تمن زہ مشغول سپان چھہ نماز جمعس گناہ بخش تمن زہ غسل جمعہ کران چھہ . بیت اخبار چھہ سپاہ بکثرت شکاہ چھنہ تتھ منز زہ روز جمعہ چھہ دُہاہ بڈہ تہاہ عیداہ بڈہ عظمتہ منز ادار چھہ بندن تعظیم سپاہ کرن ات عبادت کرنہ سیت امہ دُہہ نہایت امہ دُہہ پت روزنہ سیت گنہو نشہ . بیہ توبہ کرنہ سیت سارنے بڈن ساعتن تہ بڈن دُہن چھہ تعظیم پی رگھہ بس چھہ درشان روز جمعہ تہ تعظیم تمچہ بابت روایاہ زہ در کتاب کافی چھہ مروی ازمولانا حضرت امام رضا علیہ السلام سہ چھہ یہی زہ قَالَ قَالَ رَسُولُ اللّٰهِ صَلَّی اللّٰهُ عَلَیهِ وَاٰلِهٖ اِنَّ الجُمعَةَ سَیّدُ الاَیّامِ یُضَاعِفُ اللّٰهُ عَزَّ وَجَلَّ فِیهِ الحَسَنَاتِ وَیَمحُو فِیهِ السَّیّئَاتِ وَیَرفَعُ فِیهِ الدَّرَجَاتِ وَیَستَجِیبُ فِیهِ الدَّعَوَاتِ وَیَکشِفُ فِیهِ الکُرُبَاتِ وَیَقضِی فِیهِ الحَوَائِجَ العِظَامَ وَهُوَ یَومُ المَزِیدِ لِلّٰهِ فِیهِ عُتَقَاءُ وَطُلَقَاءُ مِنَ النَّارِ مَا دَعَا فِیهِ اَحَدٌ مِنَ النَّاسِ وَقَد عَرَفَ حَقَّهُ وَحُرمَتَهُ اِلَّا کَانَ حَقًّا عَلَی اللّٰهِ عَزَّ وَجَلَّ اَن یَجعَلَهُ مِن عُتَقَائِهٖ وَطُلَقَائِهٖ مِنَ النَّارِ فَاِن مَاتَ فِی یَومِهٖ وَلَیلَتِهٖ مَاتَ شَهِیدًا اٰمِنًا وَمَا استَخَفَّ اَحَدٌ بِحُرمَتِهٖ وَضَیَّعَ حَقَّهُ

اِلَّا کَانَ حَقًّا عَلَی اللّٰہِ عَزَّ وَجَلَّ اَنْ یُصْلِیَہٗ نَارَ جَہَنَّمَ اِلَّا اَنْ یَتُوْبَ یعنی فرموون
زہ فرموو رسولخدان صلّی اللہ علیہ وآلہ روز جمعہ چھ دُہن ہند سردار دو چندان چھ کران خدا عزّ وجلّ
تتمنز حسنات بیہ چھ محو کران بدی تہ سیئات بیہ چھ بلند کران تتمنز درجات بیہ چھ مستجاب
کران تتمنز دعوات یعنی منگون ہند منگن بیہ چھ دور کران تتمنز کربات یعنی غم بیہ چھ کڈان
تتمنز بڈ بڈ حاجات سہ چھ یوم المزید خدایس چھ تتہ اندر آزاد کرن جماعتاہ تہ آزاد کرن جماعتاہ
نار جہنمہ منزہ دعا کرنہ یعنی منگنہ خدایس تتمنز کانسہ اک از مردم و حال انیکہ زونمت اوس حق
تمک تہ حرمت تمک مگر ایزہ حق چھ بر خدا اگرہ تس آزاد کرمتو تہ رہا گرمتو منزہ از نار جہنم ادہ مرہ تمہ
دُہہ یا تمہ شبہ شہید مرہ تہ مبعوث سپنہ با امن یعنی بتخوف بیہ کرنہ سکی کینسہ اک حر تس تمکس تہ ضایع
کرن نہ حق تمک مگر ایزہ حق چھ بر خدای عزّ وجلّ ایزہ تس ژانہ در نار جہنم مگر ایزہ توبہ کرہ بیہ چھ
مردی ایزہ شب جمعہ چھ مثل روز جمعہ بلکہ کہی تہ زندہ تھاون سہ بنماز تہ دعا یعنی بلکہ کہی تہ تتر اتس

## پر نمازہ بیہ منگ خدایس حاجات دیم بحث چھ در نماز عیدین یعنی نماز عید فطر

نماز عید قربان یہ نماز چھ واجب تمنی زہ نماز جمعہ چھ واجب تمن ہر گاہ امام علیہ السلام ظاہر
آسہ در زمان غیبت امام چھ سنّت تمن تان زہ نماز جمعہ چھ ساقط تمن تنہا زایزہ کرت یہ نماز
اما بجماعت کرن چھ افضل یہ نماز چھ زہ رکعت یمہ کیفیتر انن بجا زہ نیت کرہ ایزہ نماز عید کرن
چھس اوی زہ سنّت چھ قربۃً الی اللہ ات سیتی پرہ تکبیر احرام تیہ پاٹھ سیتن بیان ادہ پرہ
الحمد تہ سورہ بیاک ادہ دیہ پانژ تکبیر پرت اکہ تکبیرہ تیہ پرہ قنوتاہ ادہ دیہ تکبیر رکوع رکوع تہ
باقی رکعت انہ بجا نماز صبحک پاٹھہ دُیمہ رکعتہ پرہ قرائتہ تیہ ژور تکبیر پرت اکہ تکبیرہ تیہ پرہ
قنوتاہ ادہ دیہ تکبیر رکوع تہ رکوعس وسہ باقی رکعت بجا انت دیہ سلام وقت یہ نماز ہند چھ
آفتاب کہنہ تیہ زوالس تان ہر گاہ فوت گژہ تلہ ساقط چھ ادہ سنّت چھ زہ گڈ چر رکعتہ پرہ
الحمد تیہ سورہ اعلیٰ دُیمہ رکعتہ سورہ والشمس بیہ پرت تکبیراہ پرنہ وزہ اتھہ تلن گژن تان بیہ پرن
اتھہ تلت تھس برابر یہ دعا اَللّٰھُمَّ اَھْلَ الْکِبْرِیَاءِ وَالْعَظَمَۃِ وَاَھْلَ الْجُوْدِ وَالْجَبَرُوْتِ وَ

نماز عیدین

اَهلَ العَفوِ وَ الرَّحمَةِ وَاَهلَ التَّقوٰی وَالمَغفِرَةِ اَسئَلُكَ بِحَقِّ هٰذَا اليَومِ الَّذِی جَعَلتَهُ
لِلمُسلِمِینَ عِیدًا وَلِمُحَمَّدٍ وَّاٰلِهٖ ذُخرًا وَمَزِیدًا اَن تُصَلِّیَ عَلٰی مُحَمَّدٍ وَّاٰلِ مُحَمَّدٍ وَاَن تُدخِلَنِی
فِی کُلِّ خَیرٍ اَدخَلتَ فِیهِ مُحَمَّدًا وَّاٰلَ مُحَمَّدٍ وَاَن تُخرِجَنِی مِن کُلِّ سُوٓءٍ اَخرَجتَ مِنهُ
مُحَمَّدًا وَّاٰلَ مُحَمَّدٍ صَلَوٰتُكَ عَلَیهِ وَعَلَیهِم اَللّٰهُمَّ اِنِّی اَسئَلُكَ خَیرَ مَا سَئَلَكَ بِهٖ عِبَادُكَ
الصّٰلِحُونَ وَاَعُوذُ بِكَ مِمَّا استَعَاذَ مِنهُ عِبَادُكَ المُخلَصُونَ جامع عباسی تہ چہ بہی
دعا اما زیادہ چہس ذُخرًا پتہ وَشَرَفًا وَکَرَامَةً اَدہ چہس وَمَزِیدًا الی آخرہ بیہ چہس بجایے
اَسئَلُكَ نَسئَلُكَ بیہ بجای اَن تُدخِلَنِی اَن تُدخِلَنَا بیہ چہ بجاے اَن تُخرِجَنِی اَن تُخرِجَنَا
بیہ چہ بجاے اَللّٰهُمَّ اِنِّی اَسئَلُكَ اَللّٰهُمَّ اِنَّا نَسئَلُكَ بیہ چہ انسب یلہ بیہ نماز کرزہ بجماعت
بیہ چہ سنت زہ نماز بروتہ غسل کرن بیہ لباس جان تہ پاک کرن بیہ دستار گندن بیہ بصحرا گرن
نماز باپت پیادہ تہ نہ وُور با وقار تہ آہستگی بیہ وِرِہ ذکر خدا بیہ نماز زمین پٹ بلی حائل گرن
بیہ نماز پتہ ژہ خطبہ پرن تتہ گنہ در نماز جمعہ سین جاین بیہ چہ سنت ایزہ ہرگاہ نماز عید فطر اوس
خطبس منز کرہ فطرہ ذنگ آداب بیان ہرگاہ نماز عید قربان اوس قربان کرنک آداب
کرک بیان بیہ چہ سنت زہ خطبہ پرہ ایستادہ بیہ گرن نماز در صحراء تکہ مکہ معظمہ سواے زہ نماز تتہ
گرن چہ در مسجد الحرام اولے بیہ چہ ایزہ از جاے نماز پھیرہ نکہ وقتہ بیہ وتہ ین بیہ عید
فطر کہ دوہ نماز نیر نہ بروتہ غذا کھین در عید قربان پھیرت نہ پتہ مکروہ چہ گنہ کرن خطبہ پرنہ
وزہ بیہ سحر گرن عید دوہ صبح پھلنہ پتہ نماز عید گرنہ بروتہ بیہ بجاے نماز سلاح بتہ نہ ین
بیہ نماز نافلہ گرن تمہ نماز بروتہ تہ تمہ نماز پتہ نماز تحیت مسجد تان سواے نماز تحیت مسجد
پیغمبر صلی اللہ علیہ وآلہ بیہ مسجد منز منبر نماز جایہ کڈن بلکہ منبراہ کرن تیار تتی ازگل سنت
چھ بیہ تکبیر پرن در عید ماہ رمضان ژورو نمازو پتہ شبہ تکہ نماز شامہ تہ نماز خفتنہ پتہ
دُہلہ نماز صبحہ تہ نماز عیدہ پتہ در عید قربان پندہ ہو نمازو پتہ اول چہس نماز پشین روز عید
پتہ چھس نماز صبح ترا و ہمک تمن زہ در منے آسن اتامیہ ہین جاین آسن تمن چھ در عید قربان

سُنت یم تکبیرات دٕہو نمازو پتہ اوّل چھس نمازِ پیشین روزِ عید پتم چھس بہک نمازِ صبح صورت تکبیر چھُ یہ در عیدِ ماہ رمضان اَللّٰہُ اَکبرُ اَللّٰہُ اَکبرُ اَللّٰہُ اَکبرُ لَا اِلٰہَ اِلَّا اللّٰہُ وَ اللّٰہُ اَکبرُ عَلیٰ مَاھَدَانَا در عیدِ قربان اَتھ ہُرراوِتھ آخرس اَللّٰہُ اَکبرُ عَلیٰ مَا رَزَقنَا مِن بَھِیمَۃِ الاَنعَامِ وَالحَمدُ لِلّٰہِ عَلیٰ مَا اَبلَانَا احوط چھُ یم تکبیرات در عیدین ترک نگرن **ترمہ بحث**

درنمازِ آیات

**چھہ در نماز آیات** واجب سپان چھہ یہ نماز آفتابس گرہن لگنہ سیت زہ کسوف چھس دپان بیہ زونہ گرہن لگنہ سیت زہ خسوف چھس دپان بیہ زلزلہ یعنی زمین ہلنہ سیت بیہ ییس امراہ آسمانی خوف دِوُن آسہ لوکن سخت واوِہ سخت تاریکی ہش بیہ ییس امراہ آسہ ہولناک کرِ یِکہ حشر یہ یہ کینہ تتھ ہہ چھُ وقتِ نماز کسوف تہ خسوف چھہ گرہن لگنہ پتہ تمہ نشہ مکلنس تان تمام ہرگاہ زٕ نس گنجایش نمازا آسنہ نمازِ چھنہ واجب تلہ ہرگاہ زانہ تموسنزہ کنہ گرہن آسُن اَدہ سارسی چھس گرہن اُوس نمازِ قضا کرن چھہ واجب نتہ چھنہ واجب قضا ہرگاہ تہ زانہ نس منز تقصیر آسس کرمُت یا زانتھ آسس مشروُمت تلہ چھہ پرتھ حالہ واجب قضا اما یموسوا بیہ آیات زہ قرار چھنہ تمن زلزلہ ہہ داوِہ انہ گٹہ ہش تہندِ وقت نماز چھُ تہندہ ظاہر گژھنہ پتہ تا آخرِ عمر ییس مکلف انہ تہنزہ نمازہ بقصدِ ادا بجا آرام تیہ تمُت آسہ تم امرن زہ تمہ باپت چھہ یہ نماز کران یہ نماز گژھنہ واجب عالم نہ گرہ یہندس ظہور کرہ نس سُنت چھہ نمازِ کسوف تہ خسوف بیہ پرُن ہرگاہ نمازِ نشہ مکلت گرہن آسہ باقی ہرگاہ نمازِ فریضیکہ وقتہ گرہناہ آسہ تموسنزہ مختار چھُ یُسہ نمازا ہیژہ تتہ گرہ گڈہ آسی وسعت دُنون ہندس وقتس نتہ گرہ گڈہ تتھ نماز وقت یمک چھہ تنگ نمازِ آیات چھہ

چھس

زہ رکعت پرتھ رکعتھ چھس پانژ رکوع طریق سہ ادا کرنچ چھہ یہی زہ نیت کرِہ نمازِ کسوف کرِلہ مثلاً او زہ واجب چھہ قربۃً الی اللہ اتھ پتی دِپہ تکبیر اَدہ پرِہ الحمد تہ بیاک سوراہ اَدہ کرِہ رکوع بلہ رکوع پٹہ وُتھہ تہ بیہ پرِہ الحمد تہ سوراہ بیاک پتہ کنہ کرِہ پانژ رکوع پانژمہ رکوع پٹہ وُتھت وسہ سجدس تہ باقی رکعت آنہ بجا اَدہ وُتھہ دُیم رکعت تہ کرِہ تتہ کنہ ہرگاہ خوش گژھس پتہ کنہ کرِہ زہ سورہ حمد پتہ پرِہ بیہ سورہ منزہ اَدلہ کنہ ہناہ تہ رکوع کرِہ بلہ رکوع پٹہ وُتھہ تہ سورِ منزہ پرِہ بیہ ہناہ تتی پٹہ زہ

تراوڑھن رکوع کرنہ برونہ یتہ پاٹھہ پرت اکہ رکوعہ پتہ وتھت پرہ سورِ منزہ ہناہ زِہ برونہ چھس تراوُڑ
تہ یتہ تان سورہ گژھ تمام تہ ترتیب پانژمہ رکوعہ برونہ مثلاً تکبیرِ احرامہ پتہ یلہ سورہ پرک تہ ادہ
پرک سورہ قل ہو اللہ منزہ بِسْمِ اللّٰہِ الرَّحْمٰنِ الرَّحِیْمِ تہ گرک رکوع یلہ تمہ پتہ وتھکتہ الحمد پرہ تہ پرک
قُلْ ھُوَ اللّٰہُ اَحَدٌ تہ گرک رکوع یلہ تمہ پتہ وتھکتہ پرک اَللّٰہُ الصَّمَدُ تہ گرک رکوع یلہ تمہ پتہ وتھکتہ
پرک لَمْ یَلِدْ وَلَمْ یُوْلَدْ تہ گرک رکوع یلہ تمہ پتہ وتھکتہ دِسک سجدس باقی رکعت گرت وتھکتہ دیم
رکعت گرک یتہ پاٹھہ یا برونہم پاٹھہ یتہ چھہ بیہ صورژ تہ اما کافی چھہ ژہ کتیتی زہ بیان سپن ظاہر
چھہ ایزہ نمازِ فریضہ تہ نمازِ آیات چھہ کُنی واجاتن اندر بیہ مستحباتن اندر بیہ در قیام تہ قعود بیہ
رکوع تہ سجود بیہ شرائطن اندر بیہ سہوس تہ شکس اندر بیہ زیادہ تہ کم گژھنس منز در رکعات تہ
اجزاء بیہ یہ کینہ یمو دراے چھہ رکوعات زاید چھہ تیہ ارکان باطل چھہ نماز زیادہ تہ کم گژھنہ
تم عمداً تہ سہواً یتھہ پاٹھہ چھہ قیام متصل تھہند یتہ پاٹھہ در نمازِ یومی سپن بیان پس ہر گاہ شک گژھ
در شمارِ رکعات نماز چھہ باطل تمہ بیہ ہر گاہ شک گژھ رکوع گرنس منز پس یومی نمازِ ہند پاٹھہ
وچھہ آسنہ محل تیج باقی تہ رکوع گرِ آسنہ تہ تتہ شکس گرنہ التفات[2] نماز چھنہ امہ سکہ باطل تمہ
سوا زِ ن گژھ زِہ رکوع اوس کم یا امہ شکہ گژھ شک در شمارِ رکعات یتہ کنہ زِ زانہ نہ یہ اوسمہ
پانژم رکوع کنہ شیم مستحب چھہ نماز آیات بجماعت گرن ادا آستن یا قضا سالم ترین صورت اقتدا چھہ
یہی زِہ ماموم لبہ امامس گڈکہ رکوع برونہ یا رکوعس منز گڈ چھہ رکعژ ہندس یا دیمہ رکعژ ہندس
تتہ دیمہ دِیہ ادہ پنن گڈچ رکعت قرار تہ جدا گژھنچہ جایہ گژھ امامس نشہ جدا تہ نماز گژھ تمام
ادہ بغرادے امام چھہ تلان ماموم سندہ کنہ در نمازِ آیات قراتھی یا تژ یومی نمازِ ہند پاٹھہ
بیہ چھہ مستحب در نمازِ آیات پرث دیمہ رکوع برونہ دہو رکوعو منزہ قنوت پرن ساری واتن
پانژ قنوت اکھ دیمہ رکوعہ برونہ دیم ژورمہ رکوعہ برونہ تریم شیمہ رکوعہ برونہ ژورم آٹھمہ
رکوعہ برونہ پانژم دہمہ رکوعہ برونہ جایز چھہ اکتفا گرن زیوتھو اکھ پانژمہ رکوعہ برونہ
بیاکھ دہمہ رکوعہ برونہ تتہ کنہ چھہ جایز اکی قنوت پرن دہمہ رکوعہ برونہ بیہ چھہ مستحب ای گژھ

[2] محل باقی

تکبیر پَرِتھ یِمہ وِزِ رکوعس وَسہ بیہ پَرِتھ تِمہ وِزِ رکوعہ پیٹھ وۄتھتھ پانژِمہ تہ دٕہِمہ رکوعہ بغوازِ تِمو پیٹھ
وۄتھتھ پرِہ سَمِعَ اللّٰہُ لِمَنْ حَمِدَہٗ بیہ چھپہ مستحب تتہ منز طوٗل دِن خصوصاً نمازِ کسوفس منز
بیہ پَرَن سورہائے درازِ مثل یٰس تہ روم تہ کہف تہ یُسہ سورہ یمن ہِش چھہ بیہ پرتھ قیامس منز سورا
کامِل پَرَن بیہ قرائتہِ تمن قیامن برابر کرن تقریباً بیہ پرتھ رکوعس تہ سجدس منز طوٗل دِن پیٹھ
طوٗل تمن برابر دِن بیہ تتہ منز قرائت بجہر پَرَن شبانہ کرتن نماز یا روزانہ در نمازِ کسوفہ تار یا بر
اصح بیہ یہ نماز کرن مسجدن اندر بلکہ تہندن صحنن اَندر نمازِ آیات حاصل سپننہ پتہ سببِ وجوب
تمک چھہ واجب پرتھ مکلفس پیٹھ آزاد آستن یا بندہ حاضر آستن یا مسافر نابینا آستن
یا بینا مرد آستن یا زنانہ حایض تہ نفساس سوا زِہ واجب چھہ تمن پیٹھ نمازِ آیاتِ وقتیہ نہ ادا
نہ قضا اما نمازِ آیاتِ غیر وقتیہ پس واجب چھہ تمن پیٹھ کرن سہ احتیاطاً بلکہ وقتیہ تہ پاک سپنہ پتہ

## ژۄرِم بحث چھہ در نمازِ طوافِ خانہ کعبہ سُہ چھہ زِہ رکعتہ چھکہ پانہ



واجب چھہ یلہ طواف واجب آسہ واجب چھہ زِہ نمازِ طواف واجب کرہ پس مقامِ ابراہیم
ژۄر دور آسنہ تہ نشہ ہرگاہ تہ بنہ تِکہ اکہ جانبہ پَرِہ ادہ چھہ نماز از مسجد الحرام پرتھ جایہ جائز
اما الاقرب فالاقرب مرعی تھاوتھ نمازِ طوافِ سُنّت پَرِہ یتہ خوش آیس مسجد الحرام منزہ
بلکہ مکس منز چھہ پرتھ جایہ جائز سہ کرن بیہ کرہ نمازِ طواف نشہ بلت سعی کرنہ بروٗنہ سنت
چھہ گۄڈ چہ رکعژ منز سورہ توحید دۄیمہ رکعژ منز سورہ قل یا ایہا الکافرون پَرن احوط چھہ بیہ طوافِ واجبہ
پتہ بیفاصلہ نماز کرن

## پانژِم بحث چھہ در نمازِ قضا



ہرگاہ کانسہ آسہ نمازِ یومی واجب
فوت گمژ عمداً یا سہواً اگر مُژ آسنہ اۄوی زِہ مکس تمام وقتس منز شنگت اوس یا گرن تلہ فراموش
یا اوس نایاب آب تہ خاک وضو تہ غسل کرنہ باپت ادہ مو بدل تیمم کرنہ باپت یا اۄوی زِہ باطل



اوس کمژ شرعیکن مسایل نماز نہ زانہ مگر باجتہاد یا بتقلید یا باحتیاط یا نمازِ خلل اوسنہ کنہ شرطس
یا گنہ واجبس اندر یا بیہ کنہ مگر تنہ خللاہ زِہ نماز آسہ باطل تِمہ ادہ نیرِن وقتس منز آسنہ اعادہ
گمژ سہ یمن سارنی صورتن اندر چھہ واجب سہ نمازِ یومی قضا کرن یعنی وقتہ پتہ کرن نمازِ جمعہ سوا

واجب چھنہ قضا گرنہ تمہ نمازہ زہ فوت گیہ طفولیژ منز یا دیوانگی منز یا بیہوشی منز یا در کفر اصلی یا در
حیض یا در نفاس امّا واجب چھہ احتیاطاً بیہوش قضا گرن تیم دُہہ نمازن ہند ہر گاہ دُہلہ بیہوش
بیہ یا پیم رات ہر گاہ رات کِت بیہوش بیہ بلکہ احوط چھہ قضا کرہ سارے نمازہ بیہوش آسکہ
زانچہ خصوصاً یلہ بیہوش آسہ گومت پنہ فعلہ خصوصاً یلہ کرا آسس معصیتہ ہرگاہ وقت نمازشہ بالغ گژھ یا دیوانہ عاقل سپنہ
یا بیہوش بہوش بیہ یا زنانہ سپنہ پاک از حیض تہ نفاس یا سپنہ کافر اصلی مسلمان یا سپنہ مخالف
مؤمن وقتہ منزہ لبن بقدرِ نماز یا اکس رکعژ سنب سُہ نماز چھک اداء گر کنہ تلہ تہ واجب چھہ
قضا تمِک تیہ چھہ واجب قضا تس پٹ زہ از اول وقت نماز وقتاہ بقدرِ نماز مختار گذرِ ت تس پننہ
حالک حسابہ وُنہ آسس نماز کرہ نہ تہ یمو عذرو منزہ سپنس عذراہ عارض فارغ تہ اوسنہ تا آخرِ وقت
تہ عذرہ نشہ مرتد یلہ مسلمان سپنہ واجب چھہ تس نمازہ ہاسے زمانِ ارتداد قضا گرنہ مخالف یلہ
مؤمن سپنہ قضا کرہ نہ نمازہ برونہمہ آسسنہ بموافق مذہب خود گرمژہ اداء تتہ کرو سارن نمازن
وجوباً قضا مستحب چھہ تمیز دارشرس عادت دِن نماز گرہ نس فرایض نمازہ بیہ نوافل نمازہ ادا
کرہ نس تمہ بیہ قضا گرہ نس تمہ بیہ تہندن شرایطن تہ احکامن پٹ بلکہ پرت عبادژ پٹ اقوے
چھہ زہ عبادتِ اطفال چھہ شرعی واجب چھہ برولی تمیز دارشرس بلکہ بے تمیزس تہ منع گرن شرس
تمیز دارس تہ بے تمیزس تت امرس زہ تت منز چھیہ ضرر تمن یا چھہ ضرر تہ فساد تت منز یا پس تمن
یا خلقو منزہ کانسہ بیہ تت چیزس زہ شارع مقدسن چھنہ خواہش گرمژ تمک وجود نہ آسن در خارج
یُس فساد معلوم چھہ زہ مراد شارع چھہ در خارج نہ سپنن سُہ پس منع گرک ولی کہندس تہ جنس میں نجاسات
بیہ تت چیزس زہ مضرِ بدن چھہ تیہ پاٹہ گرک منع ژور گرنس بیہ از زناتہ لواطہ بیہ تت امرن زہ
یمن ہِہ چھہ بلکہ مانندِ غناتہ بظاہر اما یم حرام کارین ہہ چھنہ مضر آسنس تہ مفسد آسنس منز حریرتہ
طلاولن ہِہ اقوے چھہ زہ واجب چھنہ شرس منع گرن تم کار گرہ نس تیہ پاٹہ نماز یومی واجب
چھہ قضا گرن تتہ پاٹہ چھہ نماز واجب غیر یومی تہ قضا گرن واجب نماز عیدین سوا یمہ تفصیلہ یمہ
برونہ سپن بیان مستحب چھہ نافلہ نمازو منزہ راتیہ نافلہ قضا گرنہ تاکید چھہ تہ مستحب آسنس یت تان

زہ تعجب چھہ تمہ کن کران پروردگار تعالی شانہ بیہ فرشتہ بلکہ مباہات چھہ کران تمہ تمن سیت تاکید
چھنہ کنہ قضا کرہ نس یہ نافلہ نمازہ بیارس بیاری تہ بیار ہہس عذرس منز ییس اکاہ نہ قضا کرہ
مستحب چھہ تس صدقہ یت اتھہ والس اؤنے تمک چھہ پرت دیور کھڑو باپت اک مدن مد
گو زور م حصہ اکسندہ فطرک توت نہ بلکہ اَدہ دیہ راشہندہ و نافلو باپت اک مد اما نماز چھہ افضل
نافلہ قضا کرہ نس چھنہ فرقاہ وقتن اندر زان زہ راتک نافلہ دہلہ قضا کرت دہلک راتلہ ین
کینہ نماز وتراکی شبہ قضا کرن یہی حال چھہ راتبی نافلن ہند تہ یتہ پاٹھہ چھنہ فرق در قضای
نماز فریضہ تہ وقتن منز زان زہ نماز روزہ در شب قضا کرت شبک فریضہ دہلہ قضا کرت
یتہ کنہ کرہ سفرچ نماز قصرے قضا حضرس منز حضرچ نماز تمامی قضا سفرس منز واجب
چھہ قضا کرنہ واجب نماز ہاے یومی یہ ترتیب فوت آسن گیشرہ مثلاً گدہ آسس فوت گیمژ
صبح نماز اہ پیشین نماز اَدہ خفتن نماز پس گُدہ کرہ صبح نماز اَدہ پیشین اَدہ نماز خفتن
وجوباً یتہ پاٹھہ کرہ قضا گدہ نماز دگر اَدہ نماز پیشین ہرگاہ فوت گومت آسہ گدہ نماز دگر اَدہ
نماز پیشین واجب چھہ قضا کرن تہ ترتیب تل زہ معلوم آسہ یمن نمازن ہندہ فوت گژھنچ ترتیب
ہرگاہ نہ معلوم اوسنہ اما ممکن چھہ ترتیب حاصل کرن بہ نیت یا قضا کرنہ تکرار واجب
چھہ تہ کنہ سہ ترتیب حاصل کرن بہ نیت یا قضا کرنہ بتکرار آسنہ بتکرار قضا کرہ نس مشقاہ سخت
نہ چھہ اقوی ایزہ واجب چھنہ ترتیب در قضا تحصیل کرن تحصیل ترتیب بہ نیت بنہ تل کرن زہ فوت گیمژہ
نمازہ آسن رکعاتن منز تہ جہر واخفاتس منز کنی اَوے زہ تمہ آسن اکی نماز نماز پچگانہ منزہ کینژن دہن
فوت گیمژہ یا کینہ نمازہ تمو منزہ نماز پیشین تہ نماز دگر ہہ پس یتہ دُنون صورژن منز ترتیب فوایت نہ
معلوم اوس بس چھہ تحصیل کرنہ باپت در قضا قصد کرن گدچہ نماز اینہ یہ قضا کران چھس تتہ نمازہ گدہ چھم بگردن
روز مرقربۃ الی اللہ ذمیہ کرہ یتہ کنہ تمہ تمیہ ہندہ قصدہ یتہ کنہ گژہ کران آخرس تان یہ گویلہ فوت گیمژ نماز اسہ اکی
کینژن دہن نماز ظہر یا عصر ہہ اما یلہ کنہ دہک ظہر آسہ کنہ دہک عصر مثلاً زانتہ بروونہ کسہ چھم فوت
گیمژ یتھ ورد رکعت نماز کرہ قصد کرہ تتہ قضا کران چھس گدہ یسہ نماز چھم فوت گیمژ اَدہ بیاک رکعتی نماز تمہ تمیہ ہندہ قصدہ یتہ کنہ آخرس

بہ نیت بنہٖ ترتیب حاصل کرٕنۍ یلہ تمہ نمازہ آسن صبح تہ شام یا اکاہ از نماز ظہرٕنۍ تہ بیہ خفتن بلکہ ترتیب
گژھنہٖ حاصل تیٚہ قضا تکرار کرنہٕ سوا مثلاً یلہ نہ زانِ زہ گڈہٕ چھہ نماز صبح فوت گومت کنہ نماز شام
دُنون قضا کرت گڈہٕ یُسہ آسہ قضا کرشرت کرہ دیمہ تیہٕ قضا بیہ تیہٕ کنہ کرہ ہرگاہ تمہ زہ نمازہ آسن
اکاہ از ظہرٕنۍ بیاک نماز خفتن دُن دُہن منز فوت گیمژہ ہرگاہ تُرٛ آسن یا تمہ خُتہ ژٕرہ گڈہ یت کرہ قضا
تہ تت کرہ پرت اکہ تیہٕ قضا بیہ تیٚہ پاڈٕ کرہ دُیمہ ننپو تمو منزہ پرت اکہ تیہٕ قضا بیہ تیہٕ کنہ کرہ ترٛیمہ
ژورمہ تیہٕ ژورمہ پانژمہ تیہٕ الی آخرہ اما فتوے چھہ ایزہ ہرگاہ تمو منزہ آسن پانژ نمازہ گیمژہ
زانان آسنہ برونہ گسہ گیم تہ تیہٕ گسہ گیم پانژہ پہرہ کرہ قضا تمن تیہٕ کنہ زہ گڈی کرہ قضا نماز صبح
ادہ کرہ نماز پیشین ادہ دگر ادہ شام ادہ خفتن دیمہ پہرہ کرہ ابتدا از نماز پیشین ادہ دگر ادہ شام ادہ
خفتن تیہٕ کرہ پانژ نمازہ ابتدا کرت از دگر ادہ ابتدا کرت از شام ادہ از خفتن یہ کرنہٕ سپنس معلوم
حصولِ ترتیب تیہٕ گنہ کرہ سُہ دہ قضا ہرگاہ تمن پانژن ست آسن بیاک نماز فریضہ نہ فوت گومت
ہرگاہ فوت چھس گیمژہ نمازہ سفرس تہ حضرس معلوم کینہ نمازہ اما زانان چھنہ زہ گڈ چہ کمہ چھیم تہ
تمہ کمہ چھیم لیس چھہ ترتیب حاصل گژھنہ باپت پرت نماز دُہچہ ژٕ رکعتی نمازہ قصر تہ کرنہ تمام تہ یہ سوے
چھہ یلہ ارادہ آسہ احتیاط نتہ ژونت ایزہ اقوے چھہ ساقط چھہ ترتیب باجہل یلہ تکرار قضا کرہ تس
منز آسہ مشقتاہ غیر محمول **مسئلہ** نمازِ قضا چھنہ واجب گرنۍ نماز اداس برونہ بلکہ ہکہ نماز ادا
برونہ کرت اما احوط چھہ گڈہ کرنۍ نمازِ قضا پتہ تھاون نمازِ اداء آخر وقتس تان یلہ گنجایش آسہ
تتہ خصوصاً یلہ نمازِ قضا اکی آسہ خصوصاً یلہ تمی دُہچ آسہ بلکہ تمہ دُہچ مطلق نماز اکہ آسہ تن یا زیاد
**مسئلہ** واجب چھنہ نمازِ قضا فوراً گرنۍ **مسئلہ** یُسہ نمازہ فوت آسن درسفر گیمژ قصری
کرہ قضا تت درحضر تہ آسہ تن یُسہ نمازہ فوت آسن درحضر گیمژ تمامی کرہ قضا تت درسفر تہ آست
امایہ گوتل زہ یلہ آسہ درتمام وقت نمازِ فوت شدہ مسافر یا حاضر تیہٕ اُوس تمکس اوّل وقتس منز
حاضر ادہ مسافر یا اوّل وقتِ مسافر تہ در آخر وقت حاضر در قضا چھہ با اختیار قصر کرتن تت یا
تمام بقولِ اقوے احوط چھہ قصر تہ تمام تہ **مسئلہ** یُس اکس نماز ہیچکا نہ منزہ اکہ نماز آسہ فوت

گیشر زانان آسنہ سہ کسہ چھم تموٗنزٕ قضا کرٕ صبح نمازاہ تہ شام نمازاہ تہ اکھ چھار رکعتیاہ قصد کرٕ تتھ سیٖ نمازٕ زہ بگردن چھس چھار کعتی نمازِ یومی منزہ مختار چھہ تت منز درجہر واخفات ہرگاہ فوت آسس گیشر سہ نماز سفرس منز قضا کرٕ نمازِ شام اکھ بیہ ورکعتی نمازاہ بقصدِ مافی الذمہ تت منز چھہ مختار درجہر واخفات **مسئلہ** یس اکس فوت آسہ گیشر نمازاہ کینژہ پہرہ معلوم چھسنہ شمار تہند یا چھس فوت گیشرٕ کینہ نمازہ زٕ معلوم چھسنہ کمہ چھم تہ کیژہ چھم تہ قضا کرٕ تیژہ نمازہ زٕ یقین کرہ بری سپنس **مسئلہ** یتہ سندہ کنہ گژھن قضا نمازہ کرنہ تمی ترتیبِ زہ فوت آسن تس گیشرٕ تہ ترتیب ہرگاہ سہ معلوم آسہ ہرگاہ نہ تہ معلوم اوس واجب حاصل گرن تکرار نماز بروٗنہم پاٹھ ہرگاہ مشقتِ غیر محمول تت منز آسنہ یتہ چھہ تتہ گنہ اتوٗے تی زہ واجب چھنہ تہ ترتیب درقضا حاصل گرن **مسئلہ** یلہ میت سندہ کنہ قضا کرہ تس ترتیب حاصل گرن واجب آسنہ جایز چھنہ کینہ زن تسندہ کنہ بیکدفعہ قضا نمازہ گرن تی گرن صحیح چھہ اکثری نماز پس زہ زنیے یتہ گنہ اکھ ورہ گرن صحیح چھہ اڈی ورہ **مسئلہ** واجب چھہ درقضا ترتیب فوایت مرعی عقاون تلہ زٕ د قضا آسہ قضاے نمازہ ہاے پنجگانہ بین قضا نمازن منز چھنہ واجب تہ پس زانزہ نمازِ خسوف قضا کرت نمازِ کسوفہ بروٗنہ یتہ تے سہ آسہ فوت گیشر **شیم بحث** چھہ در **قضاے نمازِ والدین** تمنہ قضا نگردن روزہ نمازن ہند یا روزن ہند واجب چھہ تہندس ولیس تہندہ کنہ تہ قضا گرن یلہ بعذر آسنک نمازہ گرنہ روزمرہ رونہ درنہ روزمرہ یہ ولی چھہ سیٖ گبر تہند زہ تس ختہ آسکنہ بڈ گبراہ کانہ تسنزہ ونیبی آسک بیہ کانہ گبر تہ پانون باگرت گرن تم تہنزہ قضا نمازہ کسنز چھہ تمن پٹ واجب کفایی اکسندہ گرنہ وسہ بین تہ نگہہ شرط چھنہ یہ گبر مرنہ ورزہ تہندہ بالغ تہ عاقل تہ حاضر آسن تی آسہ نابالغس چھہ واجب یہ قضا بعدِ بلوغ دیوانس چھہ واجب دیوانگی ژلنہ تہ غایبس چھہ واجب تہ خبردار گژھت ہرگاہ از والدین کانسہ نمازہ یا روزہ فوت آسن بی عذر گیشر سہل انگاری گرنہ مگہ مسائل زانس منز مقصر آستن یا مقصر تہ آستن وصیت تہ گرنہ براے قضا واجب چھنہ بر اکبر اولاد تمہ قضا گرہ

وقضاے نمازِ والدین

بلکہ مُطلق عباداتِ بدنیہ محضنہ تہِ بِیہ نہ قضا کرہ ناوِنہ از ترکہ تسندِن وارثن پٹ اتا احوط چُھہ کبارِ ورثہ اجیرارِن تلہِ برائے قضا اُجرت گژِہ از اصلِ مالِ میت کڈن تہ کرہ نس وصیت آستن یا نہ بعذر آستن فوت گیمژہ نمازہ یا بے عُذر علی الظاہر فرق چھنہ نمازِ منز تہ بین عباداتن منز بیرون سپننس منز از اصلِ مال **مسئلہ** ہرگاہ ولی مرِہ یہ قضا کرنہ واجب چُھنہ تسندِس ولیس قضا کرُن تہِ بِیہ نہ میتِ اولہ سندِن باقی ولین **مسئلہ** ہرگاہ شخص نمازِ واجب اجارہ کرہ نہ مرِہ واجب چھنہ سُہ کرن ولیس تسندِس **مسئلہ** ہرگاہ میت قضا کرنہ باپت بیس وصیت کرِہ یا بیاک کرِہ تبرعاً تسندِہ کِنہ قضا از اکبرِ اولاد چُھہ ساقط قضا ادہ ہرگاہ بوصیت عمل سپنہ نہ چُھنہ ساقط **مسئلہ** جایز چھہ ولیس بیاکاہ اجیر کرُن خصوصاً یلہِ یہ نمازِ قضا کرُن تس مشکل آسہ

**ستم فصل** چھہ در نمازِ اجارہ جایز چُھہ میت سنزِ قضا نمازہ کرہ نس اجیر سپنن یمہ نمازِ ہندِ اجارہ قبول کرُن واجب چھس سُہ نماز ادہ ہرگاہ کانسہ گُبر آسنہ یا نمازہ آسنس بعذر فوت گیمژہ واجب چُھہ تس مرنہ ورِزہ وصیت کرن زِہ تمہ کرہ ناوِنہ تس اجارہ پاٹہ اُجرت ثُلثن تسندِہ ثُلثِ مالہ یا اصلِ مالہ پٹہ تِیہ پاٹہ سپنن بابن یہ اجیر گژِہ بمسائلِ ضروریِ نماز عالم آسُن بیہ عادل آسُن عاجز نہ آسُن از بعض افعالِ نماز مثلِ قیام واجب چُھنہ در نمازِ اجارہ فوراً مشغول بنماز سپنُن یا در اکثر اوقات تتہ مشغول آسُن بلکہ بس چھہ تمہ زِنگہ کرُن زِہ عرفاً دِین کران چھہ تتہ منز چُھنہ کاہلی کران جایز چُھہ نمازِ اجارہ باپت اکِسندِہ کنہ کینہ زن ہا اجیر کرن اما پرتہ اکس کتھ نماز کرہ نک وقت مُشخص کرِت تِیہ پاٹہ در بحثِ قضا سپنُن بیان مرد یلہ اجیر سپنہ زنان ہندِہ کِنہ قضا نمازہ کرہ نس یا زنانہ سپنہ مردہ سندہ کِنہ پرتہ اکاہ کرہ تمو منزِ پننہ حسابہ جہر و اخفات

**آٹھم بحث** چُھہ تتہ نمازِہ منز زِہ واجب چھہ سپنان نیاز تہا و نہ تہ سُہ کرہ نس پٹ عہد کرہ نہ تہ قسم کرہ نہ سیت ہرگاہ کیفیت تمہ نمازِ ہنز شرعچن معروف نمازن مخالف آسنہ بیہ آسن نذرک شرایط موجود یمی کن زِہ شخص آسہ بالغ تہ عاقل تہ مسلمان بِیہ باقصد تہ پننہ ہا اختیارہ زنانہ کرِہ نذر شوہرہ سندِہ اذنہ بندہ برخصتِ مولائے فرزند مالِ سندِہ اِذنہ اقویٰ تِی چُھہ شرط نہ آسُن اِذنِ یہ

شرط چھہ نیاز تھاوہ‌ن صیغہ عربی آستن یا بیہ زبان تث چھہ کینہ صورژ اکھ یہی زہ دپہ مثلاً
ہرگاہ حق سبحانہ وتعالی مہ مالاہ کرہ عطا یا دیہ بیمارس منیس شفا یا بیہ کانہ مطلباہ خدائیس چھہ مہ پٹ
زہ زہ رکعت نماز کرہ یا نماز جعفر طیار کرہ یا نماز اہ بیہ کانہ بیاکھ صورت چھہ یہی زہ دپہ ہرگاہ بہ
فلان طاعت کرہ یا فلان گناہ ترک کرہ تہ بہ پت چھہ خدائیس مہ پٹ ای زہ زہ رکعت نماز کرہ
بیاکھ صورت چھہ یہی زہ مثلاً دپہ ہرگاہ از رات بہ نماز شب کرہ نہ تیلہ کفارہ باپت چھہ مہ پٹ خدائیس
ایزہ فلان نماز کرہ بے دغدغہ بیہ نذر گژھنہ ین صورژن منز اکہ سہ مطلب دراو یہ باپت نذر
تھاوُن واجب چھس سہ نماز کرن کرنہ تہ کفارہ چھس واجب ہرگاہ نذر تھاوُن کانہ گناہ کرہ‌ن
پٹ یتھی ہہ زہ دپہ ہرگاہ شراب چوم خدائیس چھہ مہ پٹ ای زہ زہ رکعت نماز کرہ صحیح چھنہ نذر
پتہ گژھنہ چھنہ صحیح نذر ہرگاہ نذر تھاوہ نماز اہ زہ کیفیت تیم آسہ شرعس منز معروف نمازن مخالف مثلاً
نذر تھاوِہ ترہ رکعت نماز اہ بیک سلام یا پانژہ رکعت نماز اہ بیک سلام یا زہ رکعت ژورہ
رکوعہ واجب چھنہ نماز نذر چھہ باطل ہرگاہ در نذر صحیح صیغہ پرن بے شرط یتھی ہہ زہ دپن
خدا یتعالاس چھہ مہ پٹ ایزہ زہ نماز کرہ نذر صحیح سپنس منز چھہ اختلاف اصح چھہ ایزہ صحیح
چھہ ہرگاہ بہ نیت نذر تھاوُن تہ صیغہ تِک پرن تہ سنت چھہ وفا کرن احوط تہ ہرگاہ در نذر
رکعات نماز در نذر معین آسنہ اکھ رکعت نماز کرن چھہ کافی اما بعنوان وتر گرس عہد تہ قسم
چھہ در احکام مثل نذر مگر اقوی چھہ در یمین یعنی قسم عدم اعتبار اذن پدر تہ شوہر اُو تہندُ نہی
آسیت سپنہ یمین منعقد ہرگاہ تمن اطلاع آسنہ تمن تان چھہ حل تمِک دخلاہ چھنہ نہی و مضاس
باج ہندس اما عہد ہرگاہ گژھہ بغیر عربے ونگ یتھی ہہ زہ دپک عہد گرم با خدا زہ زہ رکعت
نماز کرہ یا عہد گرم با خدا زہ یلہ یت چیزاہ آسہ زہ رکعت نماز کرہ اکہ پرک ای بعربی تہ کافی چھہ
پس گژھ چہ صورژ پتہ وَنک عاهدتُ اللّٰه اَنْ اُصَلِّيَ رَكْعَتَيْنِ ویہ صورژ پتہ عاهدتُ اللّٰه
اَنَّهُ مَتٰى كَانَ كَذَا فَعَلَيَّ اَنْ اُصَلِّيَ رَكْعَتَيْنِ مثلاً اما قسم یتھی ہہ زہ دپہ واللّٰه یا باللّٰه فلان نماز
کرہ بس چھہ یتی سہ نماز واجب سپنس اکہ یہ زبان آسہ مثل واللّٰه چھہ یت لفظ معنی تِک آسہ یم تروے

سپنن پننہ جایہ تفصیل بیان ہرگاہ در صیغۂ نذر وقت گنڈِت اوس مطلب نیرت چھہ واجب تمی وقتہ
تت وفا کرُن کرن نہ تلِہ تہ کفارہ دِیہ یتہٕ پاٹھہ چھہ در خلاف عہدتہ یمین تہِ کفارہ دِنُن واجب ہرگاہ در
وفاے نذر وقت مشخص آسنہ ساری عمرِ چھہ تمِک وقت احوط چھہ فوراً کرُن در خلاف عہد تہ نذر
چھہ اتھوے کفارہ ماہ رمضان دِن کفارہ مخالفتِ قسم چھہ بندہ آزاد کرُن یا دہن مسکینن غذا دِن
پرت مسکینس اک مُد یا دہن مسکینن پوشش دِن پرت اکس زہ جامہ معتبر چھہ آسن تم اکِ پھرن تہ بیاک
ژادر بنا بر احوط اما دوٚرچھنہ کانی آسُن اک جامہ زہ ساتر عورت آسِہ ہرگاہ تمہِ عاجز آسِہ ترن دہن بتھاوہ
روزہ **ژوٚرِم باب** چھہ نمازِ جماعتس منز سُنت موکد چھہ فرایض نمازہ بجماعت کرنہ سارِی
تہ ادائی تہنزہ تہ قضائی تہنزہ خصوصاً یومی واجب نمازہ خصوصاً ادائی تہنزہ خصوصاً نمازِ صبح تہ
نمازِ شام تہ نمازِ خفتن تہند ژ تاکید چھہ یت منز مسجدِ ہندس ہمسایس بلکہ تس اکس زہ نمازِ جماعتچ بانگ
بوزہ گنو نماز بجماعت کرہ نس چھہ فضیلت بر نمازِ فرادے یعنی تنہا کرہ نس پٹھ ژ[۲۴]وہ درجہ یا پنژہ[۲۵] یا
شاوہ[۲۶] یا کنہ ترہ[۲۹] اک رکعت بجماعت چھہ ژوہن[۲۴] رکعن برابر ترہن زہ تمو منزہ چھہ پرت رکعتاہ
خدایتعالاس ژیر محبوب ژتجہن[۲۴] ورہن عبادت کرنہ ختہ بلکہ نماز بجماعت کرن چھہ افضل فرادے
نماز کرنہ ختہ کنو مسجدِ منز زہ نماز چھہ تت منز ساسن نمازن برابر پس نماز بجماعت کرن چھہ دن افضل ساسنہ
نمازہ ختہ بلکہ مروی چھہ نماز بجماعت چھہ دُن ساسن نمازن برابر بلکہ ہرگاہ نماز بجماعت سپنہ
عالمس یتہ زہ مروی چھہ تس منز تہِ یِی زہ نماز تس سیت چھہ ساسن نمازس برابر دوچندان سپنہ اجر
تک یمہ حالہ زہ واتہ ترن[۳] ساسن نمازن برابر بلکہ نمازی عالمس یتہ سپنہ در مسجدِ جامع پس سہ نماز
واتہ ترن لچھس نمازن برابر یم ساری ثواب چھہ ماموم اکی آسِت امہ دُگن چھہ ثواب یلہ ماموم زہ[۲] آسن
تہ دُگن چھہ ثواب یلہ ماموم ترہ آسن یتہٕ پاٹھہ گژھن برونہہ دوچندان سپنان ماموماہ ماموماہ ہژ
دہن تان اَدہ ہرگاہ ماموم دہو زیادہ آسن پس ہرگاہ ساری آسمان کاغذ گژھن دریاے سیٹھن
کُل قلم گژھن جن تہ انسان ملائکہ مِہت لیسندہ سپنن ہکن نہ اکہ رکعژ ہند ثواب لیکھت بہرحال وجب
چھنہ نماز بجماعت کرن در اصل مگر نمازِ جمعہ تہ نمازِ عیدین تمو شرط زہ تہندن بحثن منز سپن بیان

بلکہ مشروع تہ چھنہ جماعت کُنہ اکِس منز نافلہ نمازَ منزہ زِہ در اصل چھہ سُنت در نماز عید غدیر یِتہِ
بنابر اقوٰی تہ احوط سوائے نمازِ استسقاء اَمابیماہ چھنہ بجماعت کرہ ِتن نمازہ اَزِہ فرض آس دراصل
بعرض سپن نفل سُہ نماز عید دیش بیہ سُہ نماز فریضہ زِہ تبرّعاً آسہ بیِندِہ کِنہ تتِ بجا انان یا سُہ نماز
زِہ استحباباً کرہ اعادہ تتِ صحیح چھہ پنجگانہ نماز پرِن لس یتہ زِہ پنجگانہ نماز کران آسہ اکی نماز آستن
امَس تہ ماموس تموَ منزہ یا مختلف یتہ کِنہ زِہ از نماز پنجگانہ آسہ امام سنز نماز اکاہ تہ ماموہ سنز باک
نماز یا اکِس آسہ قصر بیس تمام یا اکِس آسہ ادا تہ بیس قضا یا اکِس واجب بیس سُنت بلکہ جایز چھہ بقولِ
قوِی نماز یومی گرن لس یتہ زِہ فریضہ طواف آسہ کران یتہ پاٹھہ چھہ جایز فریضہ طواف گرن لس یتہ
زِہ فریضہ یومی آسہ کران بجماعت کرہ نمازِ آیات نمازِ آیات کرہ وِنس یتہ نماز جنازہ نمازِ جنازہ
کرہ وِنس یتہ نمازِ عید نمازِ عید کرہ وِنس یتہ پیوتر یو منزہ کرِنہ کُنہ نمازِ بجماعت بیہ نمازِ ہندِس
نماز گذارس یتہ تمو منزہ بیہ کرِنہ یومی نمازِ ہندِس نماز گذارس یتہ یا نماز طواف کرہ وِنس یتہ یومی
نماز ن تہ کرِنہ بجماعت تمن یتہ احوط چھہ بجماعت نکرن کانسہ یتہ نمازِ احتیاط بیہ چھہ اقوٰی
بجماعت نکرن کانسہ یتہ نافلہ منذورہ جماعت سپنہ دیوز نوسیت زِہ اکھ آسہ امام بیاکھ
ماموم امام ایستادہ آست رکوع کرہ ِنس تان ماموم تیتس اقتداء کرِس گژھ رکعت لبہ ینہِ نمازِ ہنز
رکوعس پٹ امام آست تہ ذکر تمِ پرِنہ یتہ تہ اَماتمہ یتہ ژھن ہنہ برونہ پس چھہ ماموس گژھ رکعت
لبنگ آخر یلہِ رکوع کرہ امام بر رکوع آست اَمابکار چھہ لس رکوع گرن امام بر رکوع آست ینِہ گژھ
رکعژ منز تمہ یتہ **مسئلہ** ہرگاہ ماموم آو امام آسنگہ وقتہ رکوعس پٹ تم گرِتس سیت رکوع اَمازون
زِہ یلِہ بہ بجدِ رکوع ووتس تہ امام اوس تمہ یتہ وُتھان یا شک گوس سُہ تمہ وِزِہ بر رکوع آستس منز
نمازِ چھس باطل **مسئلہ** اَمس ماموس چھہ جایز اقتدا گرن ہرگاہ احتمال آسِس رکوع لبہ با امام
احوط تی چھہ تتِ پٹ اطمینان آسُن اَدہ رکوع لبن لس نیت ترِ صحیح چھس نماز نتہ چھس باطل **مسئلہ**
ہرگاہ امام نیت گرِت تہ تکبیر احرام پرِت رکوع کرِنہ برونہ زون زِہ امام لبن نہ رکوعس پٹ جایز چھنہ
رکوع گرن لس بلکہ واجب چھہ لس قصد انفراد کرِت نماز پنن کرن یا انتظار امام کرن ینِس رکعژ سُہ

وُتھنس تان **مسئلہ** ہرگاہ ماموم کھوژِ زِ صفس پُت تان واتہ امام تلہ رکوع پٹہ کلہ تتی گرِ نیت
بیہ پرِ تکبیرِ احرام تہ رکوع کرِ اَدہ پکہِ صفس تان پکتن رکوعس منز یا تمہ پتہ وُتھِت یا بہت سجدہ کرنہ
باپت یا دُن سجدن منز یا تمہ پتہ یا وُتھِت دُیہ رکعتہ باپت اما احوط چھہ اقوٰے نہ چھہ پکنہ وِزِ
اَتہ واجب گنیزرہٕ پرُن قرائت ہش ذِکرہش بیہ یہ پران واجب چھہ قبلہ آسُن بیہ نہ تتہ گنہ پکُن
زِ قبلہ پھیرہ تمہ اقوٰے چھُنہ جایز چھہ بیہ اقتدا کرنہ وِزِ دُور آسُن تو تاہ زِ اقتداء صادق آسن
آسنہٕ نبر یمہ کُن چھہ ماموس جایز نماز منز پکُن افضل جابی ژہاڈان بیہ پاٹھ جایز چھہ تہ تہاد صف آسنچہ
کراہتہ منزہ خلاصی ژہاڈان بلکہ ظاہر چھہ زِ یمہ سواتہ چھُہ نہ جایز برابر چھہ مسجد منز پیتھن یہ کرنہ یا
بیس جایہ بیہ چھہ برابر پکُن امامس کُن آسِتن یا پتہ کُن یا دچھن کُن یا کھوورِ کُن جایز چھہ تہ ادی زِ
تتہ منز چھُنہ مگر فعلِ قلیل نماز کرانِ مبطلاتن منز زونت زِ فعل قلیل چھنہ نماز باطل کران یلہ نہ
صورتِ نماز محو کرِ اقوٰے چھہ واجب چھُنہ کھر کھکھرہ پکنا وان پکُن اَتہ بلکہ جایز چھہ تس کھر تُلان پکُن
تہ رنگہ زِ صورتِ نماز سپنہ نہ محو **مسئلہ** رکعت نہ لیہ اقتدا کرِت امامس رکوعس منز میلنہ سوا
اما فضیلت جماعتہ لبہ تمہ یت جایہ کرِ اقتداء تمہ باپت ہرگاہ ماموم واتہ تمی وقتہ زِ امامن آسہ
سر از رکوع تُلمُت سجدس آسنہ وُنہ وُتھمُت یا وُتھمُت آسہ یت صورژ منز چھس سُنت نیتِ اقتداء
کرُن تہ تکبیر احرام پرُن تہ امامس میلُن بیہ گنہ زِ تس سیت اکھ سجدہ یا زہ سجدہ کرُن یہ اختیار چھس
اَدہ یلہ امام وُتھہ بیا اکھ رکعت کرنہِ ماموم تہ اوتھہ نیت نو کرِت تہ تکبیرِ احرام نو پرِت انہ نماز بجا
ہرگاہ ماموم تمی وقتہ واتہ زِ امام آسہ دُیمہ سجدہ وُتھِت تشہدس بوٚٹھمُت سُنت چھُنہ نیت کرِت پرِہ
تکبیرِ احرام تس سیت بہہ تہ ذِکرِ خدا کرِ تہ اَدہ اوسہ سُہ تشہد امامس تشہد اول امامس سیت وُتھہ
ماموم تلہ برونٹھی نیرِت تہ تکبیرِ احرام کرِ نماز تمام اوسہ سُہ تشہد امامس پتم یہ ماموم کرِ صبر یلہ امام
سلام وِنِتھ تان اَدہ وُتھہ نیت نو کرِ نہ تہ تکبیرِ احرام پرِہ نہ بجا انہ پنن نماز رکعت نہ لبُن تہ فضیلتِ
جماعت لبُن پیتی **مسئلہ** جایز چھہ امہ باپت اقتداء کرُن یمہ رکعژ ہندِن سجدن منز آسہ پس
ہرگاہ اقتداء کرِ امام تمہ رکعژ ہندِس سجدس آسِتھ پس سجدہ کرِ تس سیت اکھ یا زہ اَدہ پرارس

سلام تان آده وتهه ینن نماز کره نه فضیلت جماعت سپنس حاصل اما یته کره نیت نو اده پره تکبیر
احرام ته احوط چهه نماز تمام کرن گڈ پچے نیثر ته تکبیره اده نو کرن سه احوط چهه اقتدا نه کرن لس
در غیر حال تشهد هر گاه ته کرن ته احوط چهه ته کرن یه مذکور گو یعنے سه نماز تمام کرت نو کرن
**بحث** جماعت صحیح آسنس چهه شرط ماموس نماز کران وتهنه وزه ته یهنه وزه نماز هند و بیو حالو زه
امام نظر آسن یا سی ماموم زه اماس آسه وچهان بیواسطه یا بواسطه اک ماموم یا کینه پس حجاب ته
حایل یعنے ٹهر آست اماس گنه یا لس ماموس گنه زه منزه چهه صحیح چهنه جماعت یه حایل دیوار آسن
یا بیه کینه انسان ماه آسن نماز نکران یا نماز گذار بغیر ادے یا ماموماه زه معلوم آسه نماز باطل
آسن لس اما یه شرط چهه مرد آسنه وزه ماموم اما زنانه پس بمیاه چهنه امام یا ماموم تمو کته حایل
آست مشاهده نه کره لس بلکه امام سند احوال زنان آسه تمه کن بلکه لس متابعت کرت یه آست چهه
لس ته احوط حایل نه آسن **مسئله** بمیاه چهنه حایلاه تت زهٹ آسنس زه رٹ کره نه مشاهده
کرنس امام یا ماموم **مسئله** احوط چهه حایلاه نه آسن تت زه تم مشاهده کره لس آسه یهنه وزے
یوت مانع درجمیع احوال **مسئله** صحیح چهه جماعت حایل پنجره آست یا بیه کینه تت یه زه
مانع آسه اوریور تره لس ته مشاهده کره لس نماز هندن حالن منز امام بیواسطه ماموم بنا بر اقوی
احوط تمے چهه تت حایل تنه آسن **مسئله** احوط ته اقوا ے چهه تت حایل ته نه آسن زه تت منز
سوراخ آسنه آسه کنه حاله یه مشاهده حاصل نه درجمیع احوال **مسئله** حایل چهنه تاریکی ته غبار
بیه یه کینه تمن یه چهه **مسئله** ضرر راه چهنه منزه وت آسنس یا جوے هر گاه نه تمه دور گره
ماموم تو تاه زه در جماعت چهه توت دور آسن ما یه وا **مسئله** هر گاه حایل شیشه آسه یا یه
تت یه چهه زه مانع چهه اوریور تره لس نه مشاهده کره لس احوط چهه اقوا ے نه چهه تت حایل تنه
آسن **مسئله** ضرر کره نه ماموین اک اکس حایل آسنس **مسئله** ضرر کره نه کینه ماموم
صف اول امام نه وچهن تمه صفچه درازی مگه نه دیواره مگه **مسئله** ضرر چهنه دیم صف بروهم
ختمه درانه آسنس **مسئله** دیوارس منز یته محراب آسه امام تت منز روز نه آسه دیوار حایل

آسنه

دچھِن تہٕ کھوٗرِیم ماموٗم آسُن اِمام مشاہدہ کرہٕ نَس صحیح چھُنہٕ اِقتدا تِمَن لٕتَن اَکِس خلاف زِٕ تِکِس بَرٕ
برابر چھہٕ صحیح چھِہ اِقتداء تَس حایِل نہٕ آسنہٕ مگہ کینژراہ تَس **مسئلہ** دِبہٕ چھِہ صحیح آسُن منز اِقتدا
تھہٕندِ زِٕ تَس دچھِن تہٕ کھوٗر چھِہ یُس دروازس پیٹھ پَرچھِہ حایِل نہٕ آسنہٕ تَس نسبت میلِت آسِت تِم
تَس چھِہ زِٕ وجہ اقوٗاے چھِہ تمو منزہٕ یِی زِٕ جایز چھُہ احوط چھہٕ تِمو منزہٕ یِی زِٕ جایز چھُنہٕ یِہی حال چھُہ
بروٗنہٕ کنہٕ تھَم یا ژِھوٗن حایِل آسُنس میلِت آسِت تَس اَکِس زِٕ بروٗنہٕ چھُنہٕ کینژراہ حایِل تَس اما بروٗنہٕ
تھَم یا تَتھ ہِیہٕ بیہہٕ کینہٕ حایِل آسِت نکہٕ آسنہٕ بِی حالس شکاہ چھُنہٕ اقتداء باطِل آسُنس
**مسئلہ** یہ حایِل زِٕ جماعت چھِہ باطِل کران ہرگاہ اوّلِ نماز اوسنہٕ اما منز نمازِٕ گو پَیدا
پَس اقوٗاے چھُہ جماعت چھِہ باطِل تِتہٕ کنہٕ چھِہ باطِل ہرگاہ منزہٕ حایِل سپنہٕ نابینا یا تَس ہِیہٕ
بیہہٕ کانہٕ زِٕ زانہٕ حایِل سپنہٕ تہٕ تِتہٕ گژِھ **مسئلہ** بیاہ چھُنہٕ بے قرار چیزاہ منزہٕ بینس پکوٗن
شخصاہ ہِیہٕ زِٕ اکِہ طرفہٕ بیہہٕ بیہہٕ طرفہٕ نیرہٕ بیہہٕ چھُہ شرط جماعت صحیح آسُنس جایہٕ اِمام زِٕ ملوٗمہٕ
منزہٕ جایہٕ خُتہٕ تھزٕ آسن اکِہ پاوٕ زیادہ مگر یلہٕ عرفاً زمین ہموار آسِت کھسہٕ وُن آسہٕ امامس گُن جا
چھہٕ ماموٗم تھزرس آسُن یوتاہ آسہٕ بیہہٕ چھُہ شرط اقتدا آسُنس ماموٗم نہٕ اِمامس نشہٕ تیوتاہ دوٗر آسُن
زِٕ عادتاً آسَن تِتہٕ دوٗر آسُن جماعتس نسبت سِٹھاہ گمزران مگر یلہٕ ماموٗمن ہِندہٕ واسطہٕ تووت دوٗر
آسہٕ اما افضل تہٕ احوط چھُہ تِم منزہٕ سجدٕ چھِہ جایہٕ پٹہٕ بروٗنہِم منزہٕ وُتھدنہٕ روزِنچہٕ جایہٕ تان اکِہ قدمہٕ
نہٕ ژِرٕ آسُن ترک سپنہٕ بیہہٕ احتیاط پس جایہٕ چھُہ یمن فن جاین دوٗر آسُن تِمیس اکِہ قدم پیٹھہٕ
ناجایز چھُہ آسِی دوٗر زِ تِتہٕ یمہٕ خُتہٕ ژِرٕ احوط چھُہ مرعی تھاوُن تہٕ رسمی قدم **مسئلہ** خلل کرِنہٕ
اِقتداس تِمن صفن ہِند ژِھن یعنی تِمن منز ماموٗم اکِہ اکِس نشہٕ سِٹھاہ دوٗر آسُن صفِ اوّلس بدل
زِٕ ژِھن تِمک یعنی سِٹھاہ دوٗرِ آسُن تِتہٕ کرہٕ خلل تِمندِس اقتداس زِٕ بیواسطہٕ ماموٗم پیٹھہٕ از
امام سِٹھاہ دوٗر اما آسِی ژِھن صفِ اوّلس بیتھِس اکِہ زُن وِپہٕ یا بیتھِس اکِہ قدم پیٹھہٕ پَس
خلل کرہٕ نہٕ سہٕ ژِھن تہٕ پس کلامہٕ چھُنہٕ صحیح آسُنس تَس اکِس منزہٕ چھُس ماموٗم اِمامس تان تھہٕندہٕ
تکبیر وُپنہٕ تِتہٕ بلکہٕ تِم تھیاسے فماز آسِت معلوم آسِت تکبیر احرام چھُک وُپنہٕ یا معلوم نہٕ آسِت

سہ ڈیُن نہ وَیُن تہند جایز چھہ تس تکبیر حرام تِمن برونہ ڈیُن احوط تِ چھہ تہ نکمن **مسئلہ**
ہرگاہ منز نماز ہ دُوہ برنہ کرہ اندواتہ منز مِن ہنز نماز سہ قصر آسنہ تِمن یا نیت انفراد کرنہ یا نماز
باطل گژھنہ یا بیہ کنہ نگہ اَکُوسے چھہ اقتدا چھہ باطل نماز گژھ بفرادوسے کرن بہت تی آسن
وُنہ تمم منزم اما ہرگاہ وُورکس تلہ نیت انفراد کرنہ برونہ کنہ کارس مشغول سپننہ برونہ امامس یا ماموس
نزدیک گژھن ممکن آسہ منافی نماز بعل بنیہ سوا تی گژھ صحیح چھہ اقتدا بیہ کرن بیہ چھہ اقتدا صحیح
آسنس شرط اول نماز نہ میان نماز ماموم سنز و تہند نہ روزنہ جاے نہ امامہ سنز ہ وُتہد نہ روزنچہ
جایہ برونہ آسن اقتدا آسِتی عمداً برونہ نیرہ نماز چھس باطل سہواً تہ جبر نہ تہ کرہ نماز چھس صحیح
جایز چھہ امامس تہ ماموس بیہ زہ جایہ برابر آسنہ **تریم بحث** بیہ چھہ ماموس عد جماعت شرط
نیت اقتداء کرن پس ہرگاہ نیت اقتداء کرنہ نہ متابعت کرہ نماز منز یہ واجب چھہ
برمنفرد تہ کرنہ تہ پرنہ مثل سورہ حمد تہ سورہ نماز چھس باطل ہرگاہ شک کرہ نیت اقتدا کرہٕ نس ظاہر
آسِت پانس منز اقتداک آثار تہ یہ کرت آسُن ہہ تث شکس کرنہ التفات پانس زانہ ماموم
بیہ چھہ شرط امام معین کرن نامہ سیت یا اشارہ سیت یا صفت سیت پس ہرگاہ برونہ نماز کرمان
زہ عادل آسن تہ نیت کرہ یمو منزہ اکس پتہ نماز کرہ یا دُنون صحیح چھہ نہ اقتدا متابعتہ نکہ برونہم
پاٹھہ گژھس نماز تہ باطل **مسئلہ** جایز چھہ ماموس از نیت جماعت بانفراد عدول کرن پرت
حالہ تہ آسِت چھہ احوط عدول نہ کرُن **مسئلہ** جایز چھہ منفردس باقتدا نیت پھرن قرائت
پرن چھہ گنڈہ چن دن رکعن منز در نماز اخفاتی نکروہ ماموس تس ماموس زہ پت چھہ امامس
عد نماز کنہ رکعہ احوط چھہ سہ ہنز پرن تس مستحب چھہ امام سہ پرنہ دزہ مشغول روزن نہ تسبیح تحمید
تہ صلوات بر محمد تہ آل محمد پتہ قرائت پرن بجہر چھہ واجب اَکُوسے تہ احوط چھہ تتہ قرائت نہ پرن
تتہ یعنے گنڈہ چن دن رکعن منز یلہ بوزہ کنو امام پران ہمہمہ تسے بوزہ بلکہ منز ادار چھہ تس کرن
دن بلکہ احوط چھہ تس بآرام آسن امام قرائت کران اَکُوسے تی چھہ زہ واجب چھہ تہ اما
یلہ نہ کنو بوزہ ہمہمہ تان جایز چھہ پرن بلکہ تہ مستحب آسُن چھہ قوی احوط چھہ پرن تلہ قرائت بقصد قربت

نہ جزء نماز آسنگہ قصدہ اما تمہ رکعژ پس واجب چھہ تتہ ماموس قرائت یا ذکر پرن پتہ پاٹھہ وا جب
چھہ امامس زان زہ نماز منز وتھد نہ روزن تہ رکوعس نمن بیہ تمہ پتہ کالہ تلن تہ سجدس وسن بیہ
تمہ وتھن تہ تمہ پتہ بہن یا بیہ کینہ ین ہنہ چھہ بغیر زبان چھہ گرنہ یوان ساری گی افعال نماز تکبیر پرن
بیہ سورہ حمد پرن بیہ سورہ تہ تسبیحات پرن بیہ ذکرِ رکوع تہ سجدہ بیہ تشہد تہ سلام بیہ یہ کینہ ین
ہنہ چھہ در نماز پرنہ ییس منز ساری گی اقوالِ نماز واجب چھہ متابعت کرن در افعالِ نماز یعنی ماموا
امامس سیت سیت کرن تم کار نماز کران یا پتہ پتہ کرن تس کرنی[۴] اما ژریت تہ گژنہ روزن ناجا
چھہ کاراہ تمو منز اِمامس برونہ کرن تہ کرن ژریت روزت تہ چھہ ناجایز اما ہرگاہ عمداً متابعت
کرن نہ تیہ ژریت روزنہ یا برونہ کاراہ کرنہ گناہ کرن اقتداء چھس باقی نماز چھس صحیح احوط تی
چھہ ساہ پت روزنچہ صورژ منز نماز سر نو کرن خصوصاً پت روزنہ وزہ دون رکنن منز بلکہ اکس
رکنس ہرگاہ کاراہ عمداً برونہ کرہ جایز چھنہ ادہ بیہ سہ کار کرن متابعتہ باپت ہرگاہ تہ کرہ نماز
گژھس باطل رکن آستن سہ کار یا غیر رکن مثلاً رکوع پٹھہ وتھہ امامس برونہ عمداً یا سجدہ پٹھہ عمداً
ادہ کرہ بیہ سہ رکوع یا سجدہ متابعتہ باپت نماز چھہ باطل دونون صورژن منز بلکہ دورچھنہ باطل
آسن نماز ہرگاہ سہ کار بیہ کرہ سہواً آسی رکن اما ہرگاہ تیہ متابعت سہواً کرنہ آستن تہ پیہ
گمان کرنہ زہ امام دراو یہ گوم گرت بیس کامہ منز اقوا یہ چھہ زہ واجب چھس بیہ سہ کار
کرن متابعتہ باپت مثلاً ماموم وتھہ اِمامس برونہ رکوع پٹھہ یا سجدہ پٹھہ سہواً یا گمان کرنہ پیہ
زہ امام وت دچھن تہ اِمام اوس رکوعسی پٹھ یا سجدس پٹھ پس بیہ وسہ تت رکوعس یا
سجدس اِمامس متابعت کرنہ باپت وجوبا رکن تہ یہ تیہ زیادہ کرہ تہ چھہ معفو در جماعت یرین
جاین اما ہرگاہ تہ کرن نہ اقوے چھہ گناہ گار گو نماز چھس صحیح احوط چھہ نماز سرِ نو کرن
**مسئلہ** ہرگاہ ماموماہ اِمامس برونہ رکوع کرہ احوط چھہ تس زہ ذکر پرن تتہ ادہ یلہ با امام بیہ
سہ متابعتہ باپت رکوع کرہ ذکر تہ پرہ بیہ **مسئلہ** ہرگاہ ماموماہ اِمامس برونہ سہواً رکوع کرہ
ادہ پھیرنہ پت تدارک کرنہ ات متابعت نہ کرنس سہواً احوط چھس نماز سرِ نو کرن ہرگاہ تہ کرہ

امام بقرائت مشغول آست **مسئلہ** اَتوٗے چھُہ نماز کرِہ نوٗے ماٗمُوم ہرگاہ قرائت پران تس برونہ
عمداً رکوٗع کرِہ پتہٕ پاٹھہ کرِہ نوٗی نماز ہرگاہ رکوع پتہٕ امامس برونہ وُتہ واجب ذکر پرَنہ عمداً باطل چھس
نماز وُنہِ کرِن واجب ذکر نہ پرَنہ باپت نہ متابعت ترک کرَنہ باپت پتہٕ پاٹھہ کرِہ نماز نوٗی احتیاطاً
ہرگاہ رکوٗع پتہٕ وُتھہ ذکر پرَنہ برونہ بفراموشی متابعت گرِنہ عمداً یہ سوٗرُی گو در متابعتِ افعالِ نماز
امّا اقوالِ نماز واجب چھُہ نہ یو منزہ متابعت کرَن اِمامس تکبیر جرامس یعنی تکبیر احرام امامس پتہٕ
پرُن پس صحیح چھُنہ ماموٗمس تکبیرِ احرام امام تمہ نشہ مکلنہ برونہ پرُن پس ہرگاہ ماموٗم تکبیر احرام دپہ
اِمام سُہ دپان نمازِ ماموٗم صحیح آسنس تہ ٹکہ تاتل اتوٗے چھُہ واجب چھُنہ متابعت تکبیرِ احرامہ سوا
کُنہ واجب قولس منز مگر احوط چھُہ تہٕ متابعت کرَن خصوصاً در سلام امام چھُہ تُلان قرائت ماموٗمہ

چھُنہ

سندہ کنہ گڈہ چھ دُن رکعژن منز کرِے اِقتداء پس تمن منز یمہ سوا چھُنہ امام تُلان ماموٗمہ سندہ کنہ
در نماز کانہ چیز اہ تہٕ سوٗرُی چھُہ پانس کرُن تس **مسئلہ** ہرگاہ ماموم واتہ امام آسہ ینن تریم رکعت
کرَنہ یا ژوٗرم کرَنہ وُتھمت کرِے تلہ اِقتداء تہ واجب چھُس قرائت پرَن باخفات بجہری پرَن
نتہ نمازِ منز واجب آسہ یَنبی تمام کرِہ نتہٕ ہرگاہ سورہ پرَنہ آسَن تہ امام وَسِہ رکوٗعس سورہ
تھادِہ پرَنہ تہ رکوٗع کرِہ امامس ستیت ہرگاہ وُنہ اُوٗسُس سورہ حمد تمام کرَنہ امام وَسِہ برکوٗع سورہ
حمد ژُلنس تہ رکوٗع کرَہ نس با اِمام چھُہ اِشکال پس احتیاط تراوِہ نہ عدول کرَنہ بانفراد ہرگاہ ماموٗم
اوّل اقتداء زانہِ زہ کرِے وُن کرِن اقتداء تہٕ سورہ حمد سینم نہ تمام پس احوط چھُہ تس پارُن یتہ
تان امام رکوٗع کرِہ اَدہ کرِہ نیت تہ تکبیر پرِہ تہ رکوٗع کرِہ با اِمام سورہ حمد پرِہ نہٕ یہ احتیاط کرُن نہ
ترک ہرگاہ ماموٗم واتہِ امام آسہ دُیم رکعت کرَنہ وُتھمت کرِے اقتدا تہٕ امام تُلِہ قرائت تسندہ
کنہ تتہ رکعژ منز نہ دُیمہ تسنزہ منز زہ بیان سپُن زہ امام چھُہ تُلان ماموٗمہ سندہ کنہ قرائت یمن تہ
تسندِن گڈ چھ دُن رکعژن منز یتہ چھُہ ماموٗمس دُیم رکعت امامس تریم پس ماموٗم پرِہ یتہ پانہ
از قرائت یہ میتر سینس مستحب چھُس متابعت کرَن تشہدس تہ قنوٗتس تسندِس پتہٕ روزِہ
اِمامس تتہ کارس منز زہ واجب چھُس پانس اِمامس سوا رکوع آستن یا سجدہ یا بیہ کانہ

ہیُدق اقتداء

واجب کاماہ سُہ کارکرہ پت رُوزِت اِمامس نشہ اَدہ میلہ تس یلِنہ تیتِہ پت رُوزنہ فوت گژِہ
عُرفانہ چھِہ مُعیّن نیت اِنفراد مگرآسِی سُہ کار قرائت زِہ تِمِک حال سپُن بیان احوط چھِہ پت
گژھنہ وِزِہ امامس دُن رُکنن یا اکِس ماموس قصدِ نمازِ فرادٔے کرُن نافِلہ کران نہ کھوژِہ
زِہ اَندٔے یہ واَتناوِہ اَتھہ گژھِم بجماعت گُڈٕ رکعت یاساری نماز سُنّت چھِہ تِم نافِلہ ژٕن
پرِہ نہ نے وُنہ آسِہ تکبیرِ احرام ہرگاہ یتِہ خوفہ وِزِہ نمازِ واجب کران آسِہ سُنّت چھِہ نیت
پھرن سُنّت نمازِہ کُن تہ زِہ رکعت کرن تمام یلِہ یہ کرنہ جماعت لبِہ شرط چھِہ اتہِ محلِ عدول
باقی آسُن پس اوسہ ترٕیِمہ رکعژِ ہندِس رکوعس وُتھِہُن نیت پھیرِہ نہ اَدہ سُنّت نمازِ کُن بلکہ اَتھ
چھِہ عدول نکرُن وُتھہُت تِے آسِہ ترٕیمہ رکعژِ باپت ہرگاہ عدول کرِت کھوژِہ زِہ رکعت تمام
کرنہ رکعتِ اوّل ہیمِنہ بجماعت اتھِہ اقویٰ چھِہ جایز چھِہ عدولہ تہِ ژٕن سُہ اِبتدائی نافِلک
پاٹھ احوط چھِہ نہ ژٕن بلکہ اندواَتناوِن سُہ زِہ رکعت بیہ چھِہ اقویٰ تہ احوط واجب نماز
نہ ژٕن تمہِ عدولہ سِوا بلکہ احوط چھِہ عدول نکرُن یلِہ زانِہ جماعت زانہ لبِت نیت پھِرنہ
سُنّت نمازِ کُن تہ کرنہ سُہ زِہ رکعت تمام بلکہ انداَتناوِہ سُہ نمازِ واجب اَدہ گژھِس بجماعت
بیہ سُنّت چھِہ تہِ **ژُورِم بحث** شرط چھِہ امام جماعت عادِل آسُن یعنے باعدالت
آسُن عدالت گیہ خوبی ظاہر یتِہ کنہ بیان سپنہ پس جایز چھِہ نماز کرُن فاسقس پتہ بیہ نہ تس
اکِس پتہ زِہ معلوم آسِنہ تسُند حال عادِل چھِہ سُہ شخص زِہ ظاہر پاٹھ آسہِ شخصاہ نیک زِہ گناہان

آسِنہ

کبیرہ کرِہ نہ نِشہ پت روزان گناہان صغیرن پٹھ آسِنہ اصرار کران منافی مروّت تہ آسِنہ بجا
انان یعنی تِتھ کار تہ آسِنہ کران زِہ تِموہِیہ دردین بے پرواز انہ ہرگاہ گمان سپنہِ تس شخصہ سندہ
یہ حالہ پی زِہ تس چھِہ دلس منز تقوٰے تہ خوف خدا توی چھِہ گناہان کبایر ترک کران تہ صغایرن پٹھ
چھِنہ اصرار ییس منز آسِنہ یہ گمان حاصل تس منز چھِنہ عدالت ثابت **پانژِم باب** چھِہ در

نمازِ سفر

نمازِ سفر واجب چھِہ سفرس منز پرِت اکِس ژُرکعتی یومی نمازِ منزہ تِمِہ زِہ رکعژ کم کرنہ گندِہ چھِنی دُون
رکعژن پٹھ ژِھٹ راوُن نمازِ یہ کرہ یس چھِہ قصر دپان قصر کرُن چھِہ پرِت جایہ واجب ژٕدروجایو سِوا

نمازِ حاجت بیاکھ

کرِہ بُہ چھُس ضامن از جانب خداوندِ عالم زِہ تَتھ ساعتس منز سَپنِہ تقدیرِ حاجت روا تہٕ مطلب نیرن تس تمو منزہ چھِہ سُی زِہ حضرت امامِ علیؔ بن موسےٰ الرضا علیہ السّلام چھِہ فرمووُمت زِہ یس اکھ حاجتاہ آسہِ زِہ تنگ آسہِ آمُت تس پزِہ بسُوے خدا یتعالیٰ حاجت انُن بُدوارِہ تہ تہ بریسوارِہ دُہ تہ روزِ جمُعہ تہاوِن روزہ تہ روزِ جمعہ چھلِن سر خطمی سَیتِ تہ ژٕ پاک جامہ وَلِن بیہ کرن خوشبو پانس ادہ دِین صدقہ مردس اکس زِہ مسلمان آسہِ یوت ہِکہِ بیہ گژِہ تتِ جایہ زِہ کانہ حجاب آسنہٕ تس تہ آسمانس منز روکرِہ بقبلہ تہ زِہ رکعت نماز کرِہ پرت رکعتس پرِہ سورۂ حمد اکہ مرتبہ بیہ سورۂ قُل ہو اللہ احد پنداہِ مرتبہ یتہٕ کنہٕ پرِہ پنداہِ مرتبہ اتھ سورِہ پرت رکوعس پتہٕ بیہ رکوعِ پتہٕ وُتہِت بیہ پرت سجدس پتہٕ بیہ تمہٕ تہٕ پتہٕ ہِہت بیہ یلہٕ تشہدہ باپت بِہہ پنداہِ مرتبہ پرِہ ادہ پرِہ تشہد تہ سلام دِیہ سلامہِ پتہٕ پرِہ پنداہِ مرتبہ ادہ کرِہ سجدہ تہ پنداہِ مرتبہ پرِہ ادہ کرِہ سجدہ تہ دِپہ درسجدہ وَدان یَا جَوَادُ یَا مَاجِدُ یَا وَاحِدُ یَا اَحَدُ یَا صَمَدُ یَا مَنْ لَمْ یَلِدْ وَلَمْ یُوْلَدْ وَلَمْ یَکُنْ لَّہٗ کُفُوًا اَحَدٌ یَا مَنْ ھُوَ کَذَا وَلَا ھٰکَذَا غَیْرُہٗ اَشْھَدُ اَنَّ کُلَّ مَعْبُوْدٍ مِّنْ لَّدُنْ عَرْشِکَ اِلٰی قَرَارِ اَرْضِکَ بَاطِلٌ اِلَّا وَجْھَکَ الْکَرِیْمِ جَلَّ جَلَالُکَ یَا مُعِزَّ کُلِّ ذَلِیْلٍ یَا مُذِلَّ کُلِّ عَزِیْزٍ تَعْلَمُ کُرْبَتِیْ فَصَلِّ عَلٰی مُحَمَّدٍ وَّاٰلِہٖ ادہ تھاوِہ دچھنہ طرفہ بُتھ بر زمین تہ ترِیہ پھیرِہ دِپہ ادہ تہاوِہ کھووُرِہ طرفہ بتھ بر زمین تہ ترِیہ پھیرِہ پرِہ فرمووُمت چھِہ امام رضان علیہ السّلام یلہٕ بندہ یہ کار کرِہ خدا یتعالیٰ کرِہ حاجت تسند روا توجہ پزِہ کرن پننِس حاجتس منز بمحمد تہ آلِ محمد علیہ وعلیہم السلام تہ نام پرت اکُند ہیہ **پنداہم** چھِہ نمازِ شکر فرمایش امام جعفر صادق علیہ السّلام چھِہ یلہٕ خدا یتعالےٰ بندس نعمتاہ ارزانی کرِہ پزِہ تس زِہ زِہ رکعت نماز کرِہ سورۂ حمدہ پتہٕ پرِہ گُڈٕ چہ رکعتس سورۂ قل ہو اللہ احد دویمہ رکعتس سورۂ قل یا ایُّہا الکافرون بیہ دِپہ رکوعس سجدس منز گُڈٕ چہ رکعتس لِلّٰہِ شُکْرًا شُکْرًا وَحَمْدًا حَمْدًا دویمہ رکعتس دِپہ رکوعس تہ سجدس منز اَلْحَمْدُ لِلّٰہِ الَّذِیْ اسْتَجَابَ لِیْ دُعَآئِیْ وَاَعْطَانِیْ مَسْئَلَتِیْ بیہ چھِہ فرمایش امامِ جعفر صادق علیہ السّلام یلہٕ کانژاہ صبحس تہ شامس یہ دعا پرِہ تحقیق پاٹھہٕ آسِس ادا

کُرُت شکر تہٕ نعمژ ہند زٕہ ارزانی چھہٕ سپنمژ تَس تہٕ دُہہٕ دعا چھہٕ یہٕ اَللّٰھُمَّ مَا اَصْبَحَتْ مِنْ نِعْمَۃٍ اَوْ عَافِیَۃٍ فِیْ دِیْنٍ اَوْ دُنْیَا فَمِنْكَ وَحْدَكَ لَاشَرِیْكَ لَكَ لَكَ الْحَمْدُ وَلَكَ الشُّكْرُ بِھَا عَلَیَّ حَتّٰی تَرْضٰی وَبَعْدَ الرِّضَا فرمایش امام محمد باقر علیہ السلام چھہٕ زٕہ ہر گاہ نظر کرہ کانسہ کُن بلاے اَکِس تہٕ زحمژ اَکِس آسہٕ گرفتار تریہ مرتبہ دِپہ تت زٕہ سُہ بوزِ نہٕ اَلْحَمْدُ لِلّٰہِ الَّذِیْ عَافَانِیْ مِمَّا ابْتَلَاہُ اللّٰہُ بِہٖ وَلَوْشَاءَ فَعَلَ شراہم چھہٕ نمازِ استخارہ امام جعفر صادق علیہ السلام چھہٕ فرمادان زٕہ یلہٕ خوش گژھی زٕہ کاراہ کرُک شہٕ پرچہ اَن ترِن لِکھہٕ بِسْمِ اللّٰہِ الرَّحْمٰنِ الرَّحِیْمِ خِیَرَۃٌ مِّنَ اللّٰہِ الْعَزِیْزِ الْحَکِیْمِ لِفُلَانِ بْنِ فُلَانٍ اِفْعَلْ ترِن پرچن لِکھہٕ بِسْمِ اللّٰہِ الرَّحْمٰنِ الرَّحِیْمِ خِیَرَۃٌ مِّنَ اللّٰہِ الْعَزِیْزِ الْحَکِیْمِ لِفُلَانِ بْنِ فُلَانٍ لَا تَفْعَلْ اَدہ تھاوِتھ جاے نمازِ تَل تہٕ زٕہ رکعت نماز کر نماز کرِت کرسجدہ تہٕ تتہٕ دِپ ہتہٕ پھیرہ اَسْتَخِیْرُ اللّٰہَ بِرَحْمَتِہٖ خِیَرَۃً فِیْ عَافِیَۃٍ اَدہ یہ تہٕ دِپ اَللّٰھُمَّ خِرْلِیْ فِیْ جَمِیْعِ اُمُوْرِیْ فِیْ یُسْرٍ مِّنْكَ وَعَافِیَۃٍ اَدہ تھاو یم پرچہ اَک اَکِس پٹھ تہٕ اَکہٕ کڈک نبر ترِن تان ادہ ہر گاہ تمن ترنہ وَن اِفعل اُدس سُہ کار کر ہرگاہ تمن ترِنوَن لاتفعل اُوس لِکھِت سُہ کار مہٕ کر ہرگاہ تمن پرچن گُنہ اُوس اِفعل لِکھِت گُنہ لاتفعل بیہ پرچہ کڈک پانژن تان یہ ازافعل تہٕ لاتفعل تمن اندر ژُر آسہٕ تت کرعمل سداہم چھہٕ نمازِ زیارت حضرتِ رسالت پناہ تہٕ ایمہٕ معصومین سُہ چھہٕ زٕہ رکعت کرِنہٕ زیارت کرِت پتہٕ تت یلہٕ زیارت حضرت امیر المؤمنین علیہ السلام کرِہ زٕہ رکعژ کرہ نماز زیارت حضرت آدم علیہ السلام بیہ زٕہ رکعژ نماز زیارت حضرت نوح علیہ السلام اَدی زٕہ تم چھہٕ تت مکانس منز مدفون سُنت چھہٕ زٕہ نماز زیارت کرن دربالاے سر بعضے ازمجتہدین چھہٕ اَت پٹھ ہرگاہ شخصاہ از دُور زیارت کرِہ یعنے بیس شہرس آسہٕ گدہ کرِہ زٕہ رکعت نماز زیارت اَدہ کرہ زیارت اردا ہم چھہٕ نماز اہ زِہ سفرس نیرنہ وِزہ کرِہ یہ نماز تس اکِس اراد سفر چھہٕ یہ نماز چھہٕ زٕہ رکعژ پرت رکعژ پرِہ سورہ حمد تہٕ بیاک سوراہ اَکہٕ مرتبہ یلہٕ از نماز فارغ سپنہٕ یہ دُعا پرِہ اَللّٰھُمَّ اِنِّیْ اَسْتَوْدِعُكَ نَفْسِیْ وَاَھْلِیْ وَمَالِیْ وَدِیْنِیْ وَدُنْیَایَ وَاٰخِرَتِیْ وَخَوَاتِیْمَ عَمَلِیْ کنوہم چھہٕ نماز توبہ سُہ چھہٕ زٕہ رکعژ پرت رکعژ پرِہ سورہٕ حمد بیہ تیسہ

نمازِ استخارہ

نمازِ زیارتِ ائمہ

نمازِ سفر

نمازِ توبہ

سُورهٔ خوش گرځي یه نماز کړه تو به پته ته غُسل تو به پته یله نماز نِشه فارغ سپنه دعای تو به پړه یُ
درصحیفهٔ کاملِه چهٔ مذکُور **وهم** چه نماز هدیه میت یه سپین در کتاب طهارت بیان **اکو هم** چه نماز

روز عاشورا یه نماز چه ژور رکعت دُیه سلام گڈ چه رکغر پړه سورهٔ حمد اده سورهٔ قل یا ایها
الکافرون اکه مرتبه دیمه رکغر سورهٔ حمد اده سورهٔ قل هو الله احد اکه مرتبه تریمه رکغر سورهٔ حمد
اده سورهٔ احزاب اکه مرتبه ژورمه رکغر سورهٔ حمد اده سورهٔ منافقین اکه مرتبه بعد نماز کړه
زیارتِ امام حسین علیه السلام **ژتو وهم** چه نمازِ روزِ نوروز یه نماز چه ژور رکغر گڈ چه رکغر پړه

سورهٔ حمد اکه مرتبه اده سورهٔ انا انزلناه ده مرتبه دُیمه رکغر پړه سورهٔ حمده پته سورهٔ قل یا ایها
الکافرون ده مرتبه تریمه رکغر سورهٔ حمده پته سورهٔ قل هو الله احد[۲] ژورمه رکغر سورهٔ حمده پته
پرت اکاه از سورهٔ قل اعوذ برب الفلق ته قل اعوذ برب الناس ده مرتبه بعد از سلام کړه سجده
تر یه دعا پړه اَللّٰهُمَّ صَلِّ عَلٰی مُحَمَّدٍ وَّاٰلِ مُحَمَّدٍ الْاَوْصِيَاۤءِ الْمَرْضِيِّيْنَ وَعَلٰی جَمِيْعِ اَنْبِيَاۤئِكَ
وَرُسُلِكَ بِاَفْضَلِ صَلَوَاتِكَ وَبَارِكْ عَلَيْهِمْ بِاَفْضَلِ بَرَكَاتِكَ وَصَلِّ عَلٰی
اَرْوَاحِهِمْ وَاَجْسَادِهِمْ اَللّٰهُمَّ بَارِكْ عَلٰی مُحَمَّدٍ وَّاٰلِ مُحَمَّدٍ وَبَارِكْ لَنَا
فِيْ يَوْمِنَا هٰذَا الَّذِيْ فَضَّلْتَهٗ وَكَرَّمْتَهٗ وَشَرَّفْتَهٗ وَعَظَّمْتَ خَطَرَهٗ اَللّٰهُمَّ
بَارِكْ لِيْ فِيْمَا اَنْعَمْتَ بِهٖ عَلَيَّ حَتّٰی لَا اَشْكُرَ اَحَدًا غَيْرَكَ وَوَسِّعْ عَلَيَّ فِيْ
رِزْقِيْ يَا ذَا الْجَلَالِ وَالْاِكْرَامِ وقت چه یت نمازه فارغ سپننه پته نماز پیشینه ته نماز
دِگره ته پهنده نافله نِشه یله اول وقت کړنه ین **ترُوهم** چه نماز اول ماه سُنّت چه پرت
دُهه زه اولِ ماه آسه زه رکعتِ نماز کړن گڈ چه رکغر پړه سورهٔ حمده پته سورهٔ قل هو الله
احد تره پهره دیمه رکغر سُورهٔ حمده پته تره پهره سورهٔ انا انزلناه بیه دیه صدقه یه ترل آسمان
آسه درحدیث چه زه مُل هیه یه عمله سلامتی تمام ماه سُنّت چه نماز پته پړه بِسْمِ اللّٰهِ الرَّحْمٰنِ
الرَّحِيْمِ وَمَا مِنْ دَآبَّةٍ اِلَّا عَلَی اللّٰهِ رِزْقُهَا وَيَعْلَمُ مُسْتَقَرَّهَا وَمُسْتَوْدَعَهَا
كُلٌّ فِيْ كِتَابٍ مُّبِيْنٍ بِسْمِ اللّٰهِ الرَّحْمٰنِ الرَّحِيْمِ وَاِنْ يَّمْسَسْكَ اللّٰهُ بِضُرٍّ فَلَا كَاشِفَ

نماز هدیه میت

نماز روز عاشورا

نماز نوروز

[۲] زه مرتبه

نمازِ اولِ ماه

لَہٗ اِلَّا ھُوَ وَاِنْ یُرِدْکَ بِخَیْرٍ فَلَا رَآدَّ لِفَضْلِہٖ یُصِیْبُ بِہٖ مَنْ یَّشَآءُ مِنْ عِبَادِہٖ
وَھُوَ الْغَفُوْرُ الرَّحِیْمُ بِسْمِ اللّٰہِ الرَّحْمٰنِ الرَّحِیْمِ سَیَجْعَلُ اللّٰہُ بَعْدَ عُسْرٍ یُّسْرًا
مَاشَآءَ اللّٰہُ لَا قُوَّۃَ اِلَّا بِاللّٰہِ حَسْبُنَا اللّٰہُ وَنِعْمَ الْوَکِیْلُ وَاُفَوِّضُ اَمْرِیْٓ اِلَی
اللّٰہِ اِنَّ اللّٰہَ بَصِیْرٌ بِالْعِبَادِ لَآ اِلٰہَ اِلَّآ اَنْتَ سُبْحَانَکَ اِنِّیْ کُنْتُ مِنَ الظّٰلِمِیْنَ
رَبِّ اِنِّیْ لِمَآ اَنْزَلْتَ اِلَیَّ مِنْ خَیْرٍ فَقِیْرٌ رَبِّ لَا تَذَرْنِیْ فَرْدًا وَّاَنْتَ خَیْرُ الْوٰرِثِیْنَ
ظاہر چھُہ پی زہ ساری دُہس زا نزہ کرِت یہ نماز ژوہم چھِہ نماز مظلوم یلہ خواہش کرہ ژہ دُن
دادِ پَن پنیُم ہم چھِہ نماز ظالمس کھوژنہ باپت یمہ زِہ نمازہ سیٹھہ سُنتی عَملن ہُنز بیان یہ نمازہ
سُنتی یت تان بیان گیہ ساری چھہ از کُتبِ تقلیہ یہ منقول بیہ کینہ نمازہ چھہ توُ منزہ از کتاب
وسایل نقل کرنہ یوان ارادہ چھُہ تمو باپت تہ استغنا گُرن اوّل چھِہ نماز مہمات روایت
چھہ کران حسن طبرسی در مکارم الاخلاق از حسین بن علی علیہما السلام فرموودن زِہ یلہ ژہ اسی
مہمات تہ ژور رکعت نماز کر جان اَن بجا قنوت تہند تہ ارکان تہند گُڈ چہ رکعژ پرک الحمد اکہ
مرتبہ بیہ حَسْبُنَا اللّٰہُ وَنِعْمَ الْوَکِیْلُ سَت مرتبہ دیمہ رکعژ الحمد اکہ مرتبہ بیہ مَاشَآءَ اللّٰہُ
لَا قُوَّۃَ اِلَّا بِاللّٰہِ اِنْ تَرَنِ اَنَا اَقَلَّ مِنْکَ مَالًا وَّوَلَدًا سَتِ مرتبہ تریمہ رکعژ
الحمد اکہ مرتبہ بیہ وَاُفَوِّضُ اَمْرِیْٓ اِلَی اللّٰہِ اِنَّ اللّٰہَ بَصِیْرٌ بِالْعِبَادِ اَدہ منگہ حاجت
پُن دیم چھہ نماز عسر مروی چھُہ از حضرتِ ابی عبد اللہ علیہ السلام یلہ ژہ پٹ وشوار سینہ
امراہ زہ رکعت نماز کرک پرک گُڈ چہ رکعژ سورہ حمد بیہ سورہ قل ہو اللہ احد بیہ اِنَّا فَتَحْنَا
تا وَیَنْصُرَکَ اللّٰہُ نَصْرًا عَزِیْزًا دیمہ رکعژ سورہ حمد بیہ قل ہو اللہ احد بیہ الم نشرح لک
مجرب چھہ تریم چھہ نماز امر مخوفہ وزہ روایت چھہ کران محمد بن حسن در مصباح سند خود از ابراہیم
بن عمر الصنعانی از ابی عبد اللہ علیہ السلام زِہ فرموون امر مخوفہ باپت پرک زہ رکعت نماز
یہ چھہ سُی نماز زِہ کران آس حضرت زہراء علیہا السلام پرک گُڈہ چہ رکعژ الحمد اکہ مرتبہ بیہ
قل ہو اللہ احد پانژاہ مرتبہ دیمہ رکعژ تہ پرک تی اَدہ یلہ سلام دِک تہ صلوات سوزک برِنبے

نماز مظلوم نماز ظالم

نمازِ مہمات

سَت مرتبہ

نمازِ عسر

نماز امر مخوفہ

نماز قضای دین

اوه تلک اتهه پرک ته ذکر کرک دُعا ژورم چهه نماز قضاے دین روایت چهه کران محمد بن یعقوب جاغر اکه نشه سانو اصحابو منزه از احمد بن محمد بن عیسیٰ از احمد بن ابی داوُد از ابی حمزه از حضرت ابی جعفر علیه السلام آو مرداه در خدمت حضرت رسالت مآبؐ دُپن یا رسول اللہ بہ چھس صاحب عیال ته قرضدار سخت چهه میون حال تعلیم کرمه تت دُعا زِه یله تمه منگه خداس روزی کرِه مه چیراه زِه تمه سیت کره قرض ادا ته یاری ژهاده تمه سیت بر عیال خود فرمووهس یا عبد الله وضو کر ته کامل کر وضو پتھ اوه کر زه رکعت نماز پور کرک رکوع ته سجود تمن منز اوه دپ یَا مَاجِدُ یَا وَاحِدُ یَا كَرِيمُ اَتَوَجَّهُ اِلَيْكَ بِنَبِيِّكَ نَبِيِّ الرَّحْمَةِ يَا مُحَمَّدُ يَا رَسُوْلَ اللهِ اِنِّي اَتَوَجَّهُ اِلَى اللهِ رَبِّكَ وَرَبِّ كُلِّ شَيْءٍ اَنْ تُصَلِّيَ عَلٰى مُحَمَّدٍ وَعَلٰى اٰهْلِبَيْتِهِ وَاَسْئَلُكَ نَفْحَةً مِنْ نَفَحَاتِكَ وَفَتْحًا يَسِيْرًا وَرِزْقًا وَاسِعًا اَلُمُّ بِهٖ شَعْثِيْ وَاَقْضِيْ بِهٖ دَيْنِيْ وَاَسْتَعِيْنُ بِهٖ عَلٰى عِيَالِيْ

نماز شر سلطان دفع

پانژم چهه نماز شر سُلطان دفع سپننه باپت روایت چهه کران حسن بن محمد طوسی در کتاب آمالی از پدر خود از فحام از محمد بن احمد الهاشمی از سهل بن یعقوب از حسن بن عبد الله بن مطهر از محمد بن سلیمان الدیلمی از پدر خود زِه دپن آو مرد در خدمت حضرت صادق علیه السلام پس عرض کرن مینه سیّده شکوه کران چهسه دینه اکِه زِه مه پٹ چهه بیه سلطانس اکُسُند زِه ظلم کرن مه فرمووهس یله رات اژی نماز کر زه رکعت پرگُدچه رکعژ تمو منزه الحمد بیه آیة الکرسی

دیه رکعژ الحمد بیه سوره حشره منزه لَوْ اَنْزَلْنَا هٰذَا الْقُرْاٰنَ عَلٰى جَبَلٍ تا آخر سوره اوه تل قرآن ته تهاو بر سرته دپ بِحَقِّ هٰذَا الْقُرْاٰنِ وَبِحَقِّ مَنْ اَرْسَلْتَهٗ وَبِحَقِّ كُلِّ مُؤْمِنٍ مَدَحْتَهٗ فِيْهِ وَبِحَقِّكَ عَلَيْهِمْ فَلَا اَحَدَ اَعْرَفُ بِحَقِّكَ مِنْكَ يَا اَللّٰهُ ده مرتبه يَا مُحَمَّدُ ده مرتبه يَا عَلِيُّ ده مرتبه يَا فَاطِمَةُ ده مرتبه يَا حَسَنُ ده مرتبه يَا حُسَيْنُ ده مرتبه يَا عَلِيَّ بْنَ الْحُسَيْنِ ده مرتبه يَا مُحَمَّدَ بْنَ عَلِيٍّ ده مرتبه يَا جَعْفَرَ بْنَ

مُحمّدِ دہ مرتبہ یا مُوسیٰ بن جعفرؑ دہ رتبہ یا علیؑ بن مُوسیٰ دہ مرتبہ یا مُحمّد بن علیؑ
دہ مرتبہ یا علیؑ بن مُحمّدِ دہ مرتبہ یا حسن بن علیؑ دہ مرتبہ یا الحُجّۃُ دہ مرتبہ
اَدہ منگ حاجت پَنَن دُپُن ادہ گوسہ مرد تہ بیہ آو مُدّتہ اکہ پتہ قرض اُوسُس نکہ وُتھمت
تہ شایستہ سِنمت اوس تس کِت سُلطان بزرگ گیشر آس تواگری تسنز ترِٹم باب
مستحبی نمازن ہندن حکمن منز تمو منزہ چُھہ اوّل یِی زہ مستحبی نماز چھہ بے سورۃ تہ صحیح مگر افضل
خصُوصیت آسِس در سورۃ خاص مثل نماز شبِ عید فطر دیم چھہ عیب چھنہ پرہ نس تت منز
زہ سورۃ یا زیاد تریم چھہ یِی زہ عیب چھنہ تتہ منز سورۃ اندرہ ہناہ پرہ نس باقی تراوہ نس
ژُورِم چھہ یِی زہ قیام چُھنہ شرط تتہ پس زان زہ سُنّت نمازہ پنہ اختیارہ آست
بہت کرت **مسئلہ** ہرگاہ یژہ بہت سُنّت نمازہ کرہ وُن وُتھدنہ نماز کرہ نک
ثواب لبن اَدہ کرن بہتِ دُن رکعژن اکی حساب **مسئلہ** خدا یتعالیٰ سندِ والطافو
منزہ چُھہ زہ ہرگاہ مستحب نماز در حال اختیار بہت کرہ تہ رکوع کرہ تہد وُتھہت وُتھدنہ
نماز کرہ نک ثواب سپنن حاصل تس پانژم چھہ یِی زہ جایز چھہ در نافلہ عدول کُرن اکہ
سورِہ نشہ بیس سورِہ کُن شیم چھہ یِی زہ کفایت کرہ در نافلہ سورہ منزہ کینژاہ پرُن ہرگاہ
تنہا بسم اللہ آسہ مشخص سُورہ ہندِ قصدہ تتہ چُھہ جان ستم چھہ یِی زہ زیادہ گژہن رکن در
نافلہ بظاہر گرنہ نماز باطل آٹھم چھہ یِی زہ رکنہ کم گژھہ اتوے چھنہ نماز باطل
نوم چھہ یِی زہ لازم چھہ نافلہ کران مُہمت کار کیجا آئن وُکنس منزتے بیس یاد زُونت زہ
در نافلہ رُکن ژُرگژہن چھنہ مُضر دھم چھہ یِی زہ در رکعات نافلہ شک گژھت چھہ مختار
بناتھاوُن کمس پٹ یا ژِرس ہپٹ ہرگاہ ژُرس پٹ بناتھاوِ نہ عمل خراب گژہ نہ تتہ تہاوِ
بنا کمس پٹ افضل چُھہ کمس پٹ بناتھاوُن افعالن منز شک کرہ نس اندر چھہ نافلہ تہ فریضہ
کُنی کھم چھہ یِی زہ قضاے اجزاے فراموش شدہ زہ در نماز واجب چھنہ لازم در
نافلہ چُھنہ بہم چھہ یِی زہ ممکن آست قرارہت سُنّت نماز کرن شرط چُھنہ تتہ کھڑا

در احکام نمازِ مستحبی

رہت نماز کرَن پس وتہٕ پکان زانزہٕ سُنّت نماز گرِت دوان تیٖ آسہٕ شرط چھنہٕ یہٕ وزہٕ سُنّت نمازہ روبقبلہ آسُن رکوع تہٕ سجدہ کرِہ کلکہٕ یا اَچھن ہندہ اشارہ سیت ترٛوہم چھُہ یِی زہٕ درحالتِ اختیار زانِ زہٕ ناوِہ منز سُنّت نماز کرِت ژداہم چھُہ مکروہ چھنہٕ سُنّت نماز کرن خانہ کعبس منز تہٕ تکِس باس پٹھ پنداہم چھُہ شروع چھنہٕ سُنّت نماز بجماعت کرَن نمازِ استسقا سِوا شراہم چھُہ جایز چھُہ سُنّت نماز ژٔن اما کینژاہ چھُہ احتیاط تَتھ منز تمو مقامو سِوا زہٕ سہ ژٔن چھُہ مستحب جماعت لَبنہٕ باپت تیہٕ پاٹھہٕ یِہٕ برونہٕ سپُن بیان سداہم چھُہ صحیح چھُہ سُنّت نماز کرن واجب نمازِ ہند وقت اَژِت ارداہم چھُہ قضاے نماز واجب بگردن آسِت عیب چھُنہٕ سُنّت نماز کرَہ لَس کنوہم چھُہ بہتر چھُہ سُنّت نماز گرِہ کرَن مسجدہ ہندہ نمازِ تحیّتہٕ سِوا وُہم چھُہ ہرگاہ شخصاہ سُنّت نماز آسِہ کران مول یا ماج دِیِس صدا سُنّت چھُس زہٕ تِمَن جواب دِن باطل تیٖ گرٕہس نماز اکوہم چھُہ باطل چھُہ سُنّت نماز بیہ سُنّت کارک پاٹھہٕ ہرگاہ کرہ سہ منع آسِت مال سُند یا ماجہ ہند یا مالکہ سُند اما ہرگاہ تہِند منع آسِنہٕ تہٕ شک چھُس زہٕ راضی چھِہ یہ کرَہ لَس کَنہٕ نہٕ صحیح چھُہ نماز مگر یلہ خدمژ تہنزہ ضرر گرٕہس نہٕ زٕتووہم چھُہ سُنّت نماز چھُہ جایز بنیابت میّت کرَن شروع چھُنہٕ زندہ سنز نیابژ کرَن مگر یُس نماز جُز زیارت حج تہٕ عمرہ چھُہ شرعس منز چھُہ خاص پاٹھہٕ وارِد

تمت




قال اللہ تبارک وتعالیٰ مَثَلُ الَّذِیْنَ یُنْفِقُوْنَ اَمْوَالَھُمْ فِیْ سَبِیْلِ اللّٰہِ کَمَثَلِ حَبَّۃٍ اَنْبَتَتْ سَبْعَ
سَنَابِلَ فِیْ کُلِّ سُنْبُلَۃٍ مِّائَۃُ حَبَّۃٍ وَاللّٰہُ یُضَاعِفُ لِمَنْ یَّشَآءُ یعنی فرمُو خدای تبارک وتعالیٰ ان
بجسبِ ترجمہٕ محققین زِہ مثل تہ داستان چُھہ تِمہ جماعژ ہِنْد زِہ صرف کران چھِہ مال پنُن در راہِ حق سبحانہ وتعالیٰ یعنی
دِوان چھِہ زکوٰۃ تہ خمُس بیہ چھِہ خرچ کران در جہاد تہ حج بیہ یہ چھِہ بیو ورای ین ہُہ باعث خوشنودی خدا
آسنس منز تِتھس دانس اکِس ہِہ چُھہ زہ کہن تت ست ہل پرت ہلس آسن ہت پھلہ یعنی یتہ پاٹھہ تم دانہ چھِہ
زیِن منز تراوان اَس چھک اکِس ست ہت عطا کران یتہٕ پاٹھہ یہ کینہ سانہ وتہ صرف چھِہ کران اکِس
ست ہت ہِو مومنن خدایتعالیٰ چُھہ مضاعف کران یس اکسندہ بابت ژہان چُھہ یہ چُھِہ دُو چندان کرہ
اقل مراتب اکثر تمِک چھِہ سہ مقدار زِہ حساب تمک زانِنہٕ کانہ سوائے حق سبحانہ وتعالیٰ قال رسول
اللہ صَلَّی اللّٰہُ عَلَیْہِ وَاٰلِہٖ وَسَلَّمَ اِنَّ اللّٰہَ فَرَضَ عَلَیْکُمُ الزَّکوٰۃَ کَمَا فَرَضَ عَلَیْکُمُ الصَّلٰوۃَ
زَکُّوْا اَمْوَالَکُمْ تُقْبَلُ صَلٰوتُکُمْ یعنی پیغمبرن صلی اللہ علیہ وآلہ وسلم فرمُو خدایتعالٰان کَر فرض
تُہٕ پٹھ زکوٰۃ یتہ پاٹھہ فرض کرن تہِ پٹھ نماز زکوٰۃ دِیو مالن ہنز یتہ قبول سپنن نماز تُہنز ہ حضرت رسولن
صلی اللہ علیہ وآلہ کَر پانژ زن مسجدہ منزہ بیرون ونن ز ازکران چھیو تہ یتہ تہ زکوٰۃ چھیونہ دِوان فرمایش امام
موسیٰ کاظم علیہ السلام چُھہ حَصِّنُوْا اَمْوَالَکُمْ بِالزَّکوٰۃِ یعنی حصار کرِو مالن پنن زکاتس یت آیات
روایات چھِہ زکات واجب آسنس منز بیہ سہ ندنکس وعیدس تہ شومی عاقبتس منز بے حصر تہ بیشمار ونان چھِہ زکات
چھِہ ند کلام خداے بی نیاز قرین نمازیت زانن یُس اکاہ نماز کرہ تہ زکات دِینہٕ قیام کر نہ بنماز تم یعنی نماز چھِنہ مقبول

ملا محمد تقی مجلسیؒ چھہ ونان در احادیث صحیحہ چھہ آمُت از ائمہ معصومین زہ حقتعالان کر مقرر باپت فقراء تہ مساکین در اموالِ اغنیاء مقدار اوزہ تمن آسہ کافی ہرگاہ زانہی زہ تمن چھنہ تہ بس ژر کرِہی مقرر یُس ضرا فقیرن واتان چھہ یمی کِنہ چھہ زِہ اغنیاء چھنہ حقِ فقراء دِوان ہرگاہ تہ دِہن تمن بفراخی عیش کرِہن تم گذران مالِ اغنیاء تہ سینہی زیادہ ییتہ چھہ ونان زہ حق سبحانہ و تعالان چھہ مقرر کرمُت زِہ پرت نماز اہ چھہ بہتر وہنو گنھو ختہ تھوزِہ پر از طلا آسن تہ تت کرِہ در راہِ خدا صرف کُوت حسرت چھہ تس اکِس زِہ کینہ درہم زکاژہند آسن واجب تس تمہ دِینہ تہ پرت دُہہ کرِہ پانس محروم از صد خانہ پُر از طلاء اکہ درہک حساب چھہ شیتہ ساس خانہ تمپنان کُلِ دنیاس سینہ اک خانہ پُر از طلا ہم ہرگاہ حساب کرن برونہہ آیہ ہندہ حسابہ پرت خلتا داتہ ست ہت خانہ پرت وہس برابر واتن ستت ساس خانہ ورس واتن پنژہ ساس تہ ژٗہ لچھہ خانہ پس کیژاہ بے سعادتی آدمی چھہ زہ حق سبحانہ و تعالان آسہ مال تس عطا کرمُت بییُس اناہ وِدہ تہ زمین چھکہ اکس دِیس ست ہت زیادہ بییُس لاہ ہندس یانہ دِتن بندس منگہ تمی منزہ قرضہ پاٹھہ مَنْ ذَا الَّذِیْ يُقْرِضُ اللّٰهَ قَرْضًا حَسَنًا فَيُضٰعِفَهٗ لَهٗٓ اَضْعَافًا كَثِيْرَةً یمہ حالہ بندہ پننہ ختہ کرِن اک گوسفند تھو منزہ یا زہ اکہ ہتہ [120] تہ وُہو منزہ یا پنژہ [25] درہم ساسہ درہمہ منزہ دِینہ تمن فقیرن زِہ ساری چھس یا بی پدری تہ مادری پننہ یمہ نجلکہ واسطہ کرِہ پانس پرت ورہہ ییتہ ساس خانہ ہاے پر از طلا نشہ محروم انتہی بعض کلامہ علاوہ بران چھہ زکوٰۃ نماز ہند پاٹھہ از ضروریاتِ دین یُس اکاہ زکوٰۃ دِینہ تہ حلال زانہ ندِن کافر چھُسہ مگر یلہ نہ تہ زنمُت آسِس اوی زہ تت زدیکی آسہ مسلمان سینمُت یا آسہ منزل اشتہ مسلمان مملکتہ نشہ دور از حضرت صادقؑ چھہ منقول زہ یُس اکاہ پت رٹہ اک قیراطاہ از زکوٰۃ یعنی اڈداناہ زہ ساری گیہ ژور جو بقول بعض علماء پس مومن تہ چھنہ مسلمان تہ چھنہ الخ بیہ فرموون نماز چھنہ مقبول تس بیہ فرموون خوش گژِس یہودی مرتن یا نصرانی یعنی از مسلمانی چھنہ بہرہ بیہ چھہ بطریق صحیح از پیغمبر تہ ائمہ طاہرینؑ منقول زہ یس اکس رُپ تہ سُن آسہ زکوٰۃ تمیچ دینہ حق سبحانہ و تعالی کرِہ محشور تس ترِہ زمین منزہ کھر ہرسنہ تت پٹ لغزندہ آسہ مسلط کرِہ تس پٹ اک اژدہا زہ موی سر آسنہ تس حرارتچہ شدتہ ژلکہ تہ زہرچہ حدتہ ژلکہ یا عمرہ منزہ درازی نکہ آسِس موے ہرِتہ پومُت سُہ اژدہا دوِہ تس پتہ سُہ شخص آسہ ژلان یلہ زانہ زہ خلاصی چھنہ اتھہ ینِن یہ دہانس

تس تہ اتھس ژ ایس بیتیم چھہ ژ ایان اده پیٹنس طوق بگردن تہ بچھہ تس پی چھہ معنی قول خدا یتعالی سیطوقون

ما بخلوا بہ یوم القیامۃ یعنی جلدی گرنہ ین طوق بگردن مالدارسہ مال زہ زکوٰة تیم دِژ کنہ قیامتک دہ

یس اکس شتر یا گاو یا گوسفند آسہ زکوٰة تہنز دنیہ خدا اکرہ محشورتس صحرائے لغز ندس منز سہ آسہ افتادہ پٹ یکس

یس سم شگافتہ چھہ مثل گاو تہ گوسفند ژپ ین تس دندو سیت تہ نیشہ سیت پرت صاحب بشاہ پنہ نیشہ

مثل شیر تس آسنہ خلاصی تن نشہ یت تان عاقبت تس پی رسوا ایکنہ تیم زن ین زراعت آسہ یا باغ یا خرما یہ انگور

زکوٰة تہنز آسکنہ دژ منز حقتعالی ژہنہ سہ زمین ہنز رہ گرت تسنزہ گردنہ بستمس طبقس تان یہ سوری سپنہ یار پی حالہ

سپنن محشور قیامتک دہ ساری ختہ چھہ بدترایی زہ یموی حالو گندہ راونک خلقن زہ یہی جماعت چھہ زہ کم چیزہ

اکہ بابت از حقوق الٰہی زہ واجب اوس ین پٹ تہ دتک نہ پین پان گرک محروم از رحمتہای غیر متناہی الٰہی

ملایک تہ خلایق سپنن تہندن حالن پٹ آگاہ یہ کینہ واجب چھہ مالہ منزہ صرف گرن ترِ قسم چھہ تت زکوٰة مال

بیہ زکوٰة فطرہ بیہ خمس پرت اکاہ چھہ یمو منزہ واجب تہ سنت یم سپنن ترن مقصدن منز بیان **مقصد**

**اول** چھہ در زکوٰة یہ چھہ واجب نون چیزن منز شتر تہ گاو تہ گوسفند بیہ جو تہ گندم بیہ خرمہ تہ موزیر بیہ طلا

تہ نقرہ سنت چھہ یمو منزہ زہ از زمین نیرہ پینن تہ تولن تت دان ہنہ تہ مکای ہش بیہ یہ تت ہنہ چھہ سبزی

سوا تہ میوہ و سوا الیر تہ خربزہ تہ واگن ہنہ سنگ تہ ژونٹ ہنہ بیہ در مال تجارت بیہ گرن منز یم ہنزہ آسن

گاسہ کھوان یت منز چھہ آٹھہ باب گوڈنگ **باب** چھہ در شرایط زکوٰة واجب چھہ زکوٰة شخص پٹ ایسی

بالغ تہ عاقل تہ آزاد تہ جایز التصرف بیہ پور مالک پس واجب چھنہ زکوٰة نابالغس پٹ اما یلہ تجارت کرہ

تس کت ولی شرع تسند س مالس مستحب چھہ ولیس تسندہ طرفہ زکوٰة کڈن مال تجارت منزہ پتہ پاٹھہ مستحب چھہ تس

زکوٰة کڈن تسند و غلاتو منزہ اما تسندہ چار پایو منزہ زکوٰة کڈہ نس چھہ تردد احوط چھہ نہ کڈن حمل چھنہ نابالغس

منز داخل بنا بر اصح زکوٰة کڈہ نس چھہ متولی ولی نہ نابالغ تہ غیر ولی اما غایب آست ولی سپنہ متولی

حاکم شرع ہرگاہ غنی ولی مال نابالغ قرضہ پاٹھہ تلہ تہ پنہ بابت تجارت کرس نفع چھہ مال ولی تس پٹ چھہ زکوٰة

سنت ہرگاہ غیر ولی نابالغسند مال تلہ ضامن سپنہ نفع سپنہ نابالغسند مال ہرگاہ بعین مال خرید تہ فروخت

کرن زکوٰة آسنہ کانسہ اکس پٹ پتہ پاٹھہ چھنہ زکوٰة واجب در مال دیوانہ اما مستحب چھہ زکوٰة ہرگاہ

عقوبت مانع زکوٰة حیوانات

عقوبت زرداران زکوٰة غلات

در بیان اقسام زکوٰة سوائے

در شرایط زکوٰة

ولی تسندس مالس تجارت کرِہ تیٚہ پاٹھہ چھِنہ واجب زکوٰۃ بندس پٹھ یس مالہٕ زکوی تس دۄر دست آسہِ واجب چھہ
تسندس مالکس پٹھ تس ہِن تہٕ زکوٰۃ ادا کرن تیٚہ پاٹھہ چھِنہ زکوٰۃ واجب دۄر مالِ مغصوب بیہ نہ راوُمت مالس منز بیہ نہ
در مالِ مسروق بیہ نہ غایب مالس منز زِہ بدست آمُت آسِنہ وارثن نہ مالکس نہ تہندس وکیلس بیہ نہ در مالِ
مقروض زِہ ونہ آسِہ وزم نہ والس نِشہ فقیر آستن یا غنی تکیاہ زِہ مالکہ بِن مالن ہندزانہ تمِن منز تصرف
کرِت ہرگاہ یم مال کینہ ورِہ گژھِت بدست مالکن سُنت چھہ تس اکِہ وریُک زکوٰۃ کڈُن تیٚہ پاٹھہ چھِنہ زکوٰۃ واجب
در مالِ وقفِ وقفِ خاص تیِ سُہ آسِہ بیہ نہ تمکِس نماس منز یلہِ وقف عام آسِہ منحصر تیُے آسِہ اکِس منز
ہرگاہ کونژاہ مالاہ وزم نیہ اکِس حولس تھاوِہ تت پانس نِشہ موجود تس پٹھ چھہ واجب زکوٰۃ تمہٕ نہ وزم
دِنہ والس پٹھ قرض آسُن چھُنہ مانع وجوبِ زکوٰۃ پس ہرگاہ کانسہ پانس نِشہ زہ ہت درہم آسن اکہ ساس
درہم آسِس قرض زکوٰۃ گژھنہ ساقط تس یلہِ کانسہ پٹھ زکوٰۃ واجب سپنِہ تہٕ زانہ سُہ یا امام یا نایبِ امام
دِت یا مستحقس یا عاملس دِت ضامن سپنِہ ہرگاہ فوت یا تلف گژھس سُہ ہرگاہ ہکِنہ تمِن دِت تہٕ تلف
سپنِس ضامن چھُنہ ہرگاہ بعامل دِیہ تہٕ تس اتھہِ سپنِہ تلف ضامن چھُنہ ہرگاہ کانژاہ مرِہ تہٕ مالس پٹھ
آسِس زکوٰۃ تہٕ دین زکوٰۃ تہٕ دین متقدم بر دین کافرس پٹھ تیِ زکوٰۃ چھہ واجب اما صحیح چھِنہ کڈی سُہ مسلمان
سپنِہ تیٚہ گژھِس ساقط **دیم باب** چھہ در شروطِ زکوٰۃ حیوانات یعنی گاؤ گوسفند تہٕ شتر تم چھہ ژور

شرائط زکوٰۃ حیوانات

شرط اوّل چھہ حول سُہ گوزہ تم آسن دست کہن تن پورن بہم رت داتنہ سپنِہ زکوٰۃ واجب سارِس حولس
منز گژھِن شرائط زکوٰۃ موجود آسن پس منز حولہ تھوراہ کنِہ پیدا کرِہ تہٕ بحال یِیہ بیہ حول زانہ داہ تیِ پتہ رضوون ہِند
ابتدای حول چھہ ماجن زِنہ پتہ ہرگاہ شیر ساتمہ چن بچہ بدین سیر سپنہ تیٚہ ہرگاہ شیر معلوغہ چن **دوٚیم** چھہ خوراک
تہند بچہ آسن در تمام حول پس واجب چھِنہ زکوٰۃ تس حیوانس منز زِہ گاسہ چھس دوان در تمام حول یا در بعض از زمان حول
تیٚہ زِہ چرندگی خالص وزنسہ صادق تیتس زِہ مالس علف دِنہ ترییم چھہ سہ حیوان کارکُن تہٕ بارکش نہٕ آسُن پس کارکُن
گُو تہٕ دونٹس منز چھِنہ زکوٰۃ واجب ہرگاہ در بعض حول کار کرن تہٕ وچھن کارکُن چھکہ دپان کِنہ نہٕ یہ دنگ تمیُک علی سان
ژُورم چھہ نصاب یعنی تمہ شمارہ آسن تم حیوان زِہ زکوٰۃ چھکہ واجب تت منز کڈن پرت حیوانس چھہ بیو تریو
حیوانو منز کینہ نصاب ونٹس چھہ باہ نصاب اوّل چھس زِہ پانژ آسن تت منز چھہ زکوٰۃ اکہ گوسفند دیم

نصاب

زۄ زکوة چھہ تت منز زہ گوسفند تریم چھہ پنداہ تت منز چھہ ژ ۆدم چھہ وُہ تت منز چھہ ژُور پانژم چھہ پنژہ
تت منز چھہ زکوة پانژ گوسفند شیم چھہ شتوہ تت منز چھہ زکوة بنتِ مخاض یعنی سہ وُنٹھ زہ وارش آسہ پور ستم چھہ ینن
شیترہ تت منز چھہ زکوة بنتِ لبون یعنی دُو ورش پور آٹھم چھہ شیتاجہ تت منز چھہ زکوة حقہ یعنی وُنٹھ ژُ ورش پور
نوم چھہ اکہاٹھ زکوة چھہ تت منز جذعہ یعنی پور ژ ورش وُنٹھ دھم چھہ شستت تت منز چھہ زکوة زہ بنت
لبون کھم چھہ اکہ نمت زکوة چھہ تت منز زہ حقہ بھم چھہ اک ہت تہ اکوہ زکوة چھہ تت منز ژ بنتِ لبون اکس
ہس تہ ژہن چھہ اک حقہ تہ زہ بنت لبون اکس ہس تہ ژہجن چھہ زہ حقہ تہ اک بنتِ لبون پس ماند زہ ہت چھہ مختار
ژور حقہ دتین یا پانژ بنت لبون زکواتاہ چھنہ پانژ وُختہ کمن منز بیہ نہ تمن منز زہ نصابن منز چھہ کُنہ نصابس وانت
چھہ تہ تمیہ ختہ کم شتق چھک پان مثلاً نون منز چھہ پانژن منز زکوة اک گوسفند بیہ نصابہ چھہ ژ ور زیادہ ہت
چھنہ زکوة دنہ گوسفند زکوة تہ سہ گژہ وارش آسُن نہ تمہ کم دنہ رہاوج پانژھاول سہ گژہ دُوہر آسُن نہ تمہ کم
گینن چھہ زہ نصاب اول چھہ ترہ زکوة تہنز چھہ اک تبیع یا تبیعہ یعنی وارشن ژ یا وارشن ژہنز نہ کم ورہ ختہ دُ
چھہ ژتجہ زکوة تمچ چھہ اک مُسِنہ یعنی دوورش سینژ گاو داندچھنہ جایز زکوة دن مگر بقیمت بیہ ژ راسِت چھہ واجب زکوة
ترہ اک تبیع یا تبیعہ ژتجہ اک مُسِنہ اکس ہس تہ وُہن منز چھہ مختار ژور تبیع یا تبیعہ دتین یا ترے مسنہ ژ ہو ختہ کمن منز
چھنہ کینہ زکوة یتہ پاٹہ چھنہ ترہن تہ ژتجہن منز من نہ وقص چھک پان کینہ زکوة یلہ نہ برابر ژتجہ آسن ژ گیناہ
زکوة دن واجب چھہ تمہ سنہ آسنہ گیناہ اوہ دیہ بقیمت سینش تہ گینن کرن بکوتہ شمار زکوة پرت قسمچ کڈن تمی قسمہ ہرگا
کانسہ دہ سینشہ آسن گین آسنس وُہ منیش ہند تبیعہ لیہ شہ دنیار گینن ہند ژ دنیار تبیع یا تبیعہ دِن گینو یا مینشو منزہ
پُس ژور دنیار لیہ درگاو کوہی چھنہ کینہ زکوة ہرگاہ کوہی گینو تہ شہری گینو منزہ ژ ہو حاصل سین ژ ہوس پیند ناوصادق
یتہ تند حکم چھس تیرن تہ ژھاولن چھہ پانژ نصاب اول ژتجہ قول بعضی چھہ اکتاجہ زکوة چھہ تت منز اک گوسفند دویم
چھہ اک ہت اکوہ زکوة چھہ تمن منز زہ گوسفند تریم چھہ زہ ہت تہ اک زکوة چھہ تت منز ژ گوسفند ژ ودم چھہ
ژ ہت تہ اک زکوة چھہ تت منز ژور گوسفند پانژم چھہ ژور ہت تہ اک بیہ یتہ تمہ زیادہ آسہ ادہ چھہ زکوة پرت
اکہ ہتہ بابت اک گوسفند کینژ وچھہ ونمُت تریہ ہتہ تہ اکہ تیہ زہ تیم نصاب چھہ پرت اکہ ہتہ تہ اکہ بابت چھہ پاک
گوسفند ژ تجو ختہ کمن چھنہ زکوة میان دو نصاب تہ زِہ عفو چھس دپان چھنہ کینہ زکوة آسی تمہ نصابہ کم ترہ

در نصاب گوسفند

ژہاول چھہ تیہ اکی جنس زہ ملوت کرہ تہ شمار زکوة پرت اکہ نوعچ رٹن تتی نوعہ منزہ پس ہرگاہ کانسہ آسن
وُہ تیرتہ وُہ ژہاول تسیہ زکوة ژھاولو منزہ رٹن پانژ روپیہ لبیہ تیرن منز لبیہ ژور تو راہ رٹن برای زکوة
زہ ساڈہ ژور لبیہ تُس اکاہ تیرو منزہ زکوة رٹن یعنی اکہ ورہہ ختہ لگنہ کم آسن مالک چھہ مختار یس خوش
گژھس تت دیہ زکوة ین حیوانن ہند باقی احکام چھہ ننین جاین مذکور **ترییم باب** چھہ طلاو نقرچہ
زکاتس منز واجب چھہ زکوة ین منز ترییہ شرطہ اول حول یُس ونہ آو تم گژھن باقی شرط ہت حولس منز موجود آسن
**دویم** چھہ تم سکہ دار آسن یسکہ معاملہ پرون تیہ سکہ آسا سکہ چھڑ مت تی سکہ آسک **ترییم** چھہ نصاب
سُنس چھہ زہ نصاب **اوّل** چھہ ۲۰ دینار زکوة چھہ تت منز اڈ دینار **دویم** چھہ تمہ زیادہ ژور دینار زکوة
چھہ تت منز زہ قیراط پرت دینار اہ چھہ وُہ قیراط تیہ پاٹھ یُود یو نصابو ختہ زیادہ آسنہ ویزہ پرت ژور دینار
بابت دیہ زہ قیراط زکوة کمس منز دُہ ہو دینار و ختہ ادہ ژور و ختہ زہ عفو چھس دیان چھنہ کینہ زکوة اک دینار
چھہ اک مثقال شرعی نزدیک بیک اشرفی حلبی رُپس چھہ زہ نصاب **اوّل** زہ ہت درہم زکوة چھہ تت
منز پانژ درہم **دویم** چھہ ژتجہ درہم زہ دُیو ہتو ختہ زیادہ آسن زکوة چھہ تت منز اک درہم تیہ پاٹھ چھہ
پرت ژتجن دیہ ہنہ درہمہ زیادس منز اک درہم کمس منز دُیو ہتو ختہ ادہ کمس منز ژتجہو ختہ زہ تت تہ چھہ عفو
دیان چھنہ کینہ زکوة درہم اوس دور اولِ اسلام دُیہ نوعہ درہم بغلی تہ درہم طبری درہم بغلی اوس آٹھہ دانہ درہم
طبری ژور دانہ ادہ دِنگ درہم دراسلام شہ دانہ قرار پرت دانیاہ چھہ آٹھ جو تمو جو منزہ زہ میانہ آسن
بجرس تہ لوچرس منز پرت ست مثقالہ چھہ یوزن وہ درہم پرت درہماہ چھہ اڈ مثقال تہ پانژم حصہ مثقالک یس عشر
منز تیہ مثقال یا درہم وین مراد آسہ مثقال تہ درہم شرعی پس وُہ دینار چھہ ہموزن آٹھاوہ درہم تہ ژور سبع درہم
زہ ہت درہم چھہ ہموزن اک ہت تہ ژتجہ مثقال مثقال چھہ ہموزن درہم تہ ترِ سبع درہم تیہ پاٹھ درہم چھہ ست
عشر مثقال مدار چھہ درباب زکوة یت وزنس پٹھ اعتبار چھنہ وزن سانقش تہ لا حقس پس واتن گژھ پرت سکہ دارک
وزن ناقصک تہ زایدک درہمک تہ دینارک تہ بیہ سکہ دار رپک تہ سنک یت وزنس زہ در تغییر نصابہای
طلاو نقرہ سُند بیان گژھس منز تی تہ وزنہ واتہ واتن گژھ یمہ وزنہ تحقیقاً نہ تقریباً پس در نقدین چھنہ مدار زکوة
شمار پس اوّل نصاب طلا چھہ میانہ ویگہ وانوکن ہموزن اک ساس تہ ترِ ہت تہ اکہ شتت جو تہ ترِ سبع جو

شمار زکوة نصاب نقدین

اوی زہ پرت دیناراہ یعنی شرعی مثقالاہ چھُہ تیہ وُہ قیراط پرت اک قیراطاہ چھُہ ترِ جونہ ترِ سُبع جوس شرعی

مثقال چھُہ اَرہاٹھ جونہ ژور سُبع جو تیہ چھُہ بنای اوزان جو دانہ تیہ دانِ تہ ماشس تہ تولس ہیُٹ دان چھہ تیہ

شہ سرخہ یعنی بہ جو ماشہ چھُہ تیہ آٹھہ سرخہ یعنی شراہ جو تولہ چھُہ اک ہت تہ دوہمت جو پس واتان چھُہ یہ نصاب

دانوکن اک ہت تہ ژداہ دانہ تہ ترِ جونہ ترِ سُبع جو ماشوکن پانژشیت ماشہ تہ کہ جونہ ترِ سُبع جو تولوکن ست تولہ

تہ زہ دانہ تہ ترِ جونہ ترِ سُبع جو اَوی زہ تولہ چھُہ دانوکن شراہ دانہ ماشوکن بہ ماشہ پس چھہ دیم نصاب طلا اک تولہ

تہ شہ دانہ تہ دہ جونہ زہ سُبع جو تیہ کنہ زہ مثقال شرعی چھہ پانژ دانہ تہ آٹھ جونہ ژور سُبع جو اول نصاب نقرہ

چھہ پانژاہ تولہ تیہ کنہ زہ تولہ چھہ بوزن ژور درہم درہم بوزن اَرتاجہ جو آسنہ چھہ ژور دانہ نصاب دوم

نقرہ چھہ دہ تولہ امی حسابہ روپیہ انگریزی چھہ اک تولہ پس یَس اکس کُہن رتن یمہ پانژاہ روپیہ پانس نشہ موجود

آسن واجب چھہ تس پہم رت اژت اک روپی تہ اک آنہ تمہ منزہ زکوٰۃ کڈن آسنہ امہ ختہ ژر اوہ کڈہ پرت اکہ

دہ منزہ اک ژ آنہ زکوٰۃ پانژہ ہوختہ کمس منز ادہ دہوختہ کمس منز چھنہ کینہ زکوٰۃ ہرگاہ کانسہ مالدارن کنہ نقد چ کینژن

درہن کوٰۃ آسنہ دژمژ تیژ زکوٰۃ چھس تمہ منزہ واجب کڈن زہ نقد گرہ ازنصاب اول کم مثلاً ہرگاہ اکوہ دینار آسس تہ پانژن

درہن آسنہ زکوٰۃ کڈمژ ترن درہن منز زکوٰۃ چھس واجب کڈن پس کڈہ تمو منزہ ڈ ڈ مثقال یا آسنس شن درہن پانس نشہ

پانژہ وزہ روپیہ تہ کنہ درہہ آسنہ تمہ منزہ زکوٰۃ کڈمژ واجب چھس تمو منزہ شہ روپیہ تہ اک ژ آنہ زکوٰۃ کڈن

در زکوٰۃ حیوانات تہ چھہ یہی حال زکوٰۃ چھہ تِل واجب نہ تمام نصاب آسہ سکہ دار سکہ معاملہ در تمام حول آسہ نہ تہ حالہ

باقی معاملہ آسنہ تمہ سیت کرمت پس بے سکہ ریتہ سُنس منز بانہ یہ زیور رہہ یا بیہ کینہ یہ ترن یہ چھُہ چھنہ زکوٰۃ واجب

منقوش تی آسن بغیر سکہ معاملہ ہرگاہ حول گذرنہ برونہ سکہ دارس گالہ یا زیور کرہ زکوٰۃ تیہ پنہ ساقط زکوٰۃ نشہ ژلنہ

قصدہ تے کرمت آسس ہرگاہ حول گذرنہ تیہ تہ کرہ زکوٰۃ واجب پنہ ساقط بانہ کرن رنگ تہ نسک چھہ حرام

تیہ یا چھہ تمن منز کہن تہ چن اما تمن منز چھنہ زکوٰۃ روایت چھہ زکوٰۃ زیور چھہ یہ دن طلا و نقرہ کس کھٹس منز یت تمان منز

خالص تہند نصاب واتہ زکوٰۃ چھنہ واجب یلہ نصاب واتہ خالص کڈہ بقدر زکوٰۃ یا مغشوش منزی کڈہ ہرگاہ تہ

یکان آسنہ تہ خالص دیہ نہ خالص تمک معلوم آسنہ صاف کرہ نادمس جدا کرہ نادن جان تیچ یلہ صرافی منز

برابر آسن یا نوان یلون تمن زکوٰۃ دِن از اعلیٰ یا میانہ یا بنسبت **ژورم باب** چھہ در زکوٰۃ غلات یعنی

زکوٰۃ غلات

کنک تہ وُشکہ تہ خرماتہ موزِمین منز چھِہ زکوٰۃ واجب دُیہ شرط اوّل چھُہ یہی زِ مالکس آسن حاصل زراعت یا مالک
سپننہ تیہ زراعتس تسندِس ملکس منز آسن ظاہر گیمیت تیہ پاٹھ زِ خصیل آسہِ تس بِلک آمُرتہ تھاوِمُژ آسِس یِتیّان غلہ گوس
ہرگاہ دانہ نخت سپننہ تیہ کانسہ بِلک بیہ زکوٰۃ چھِہ واجب گژھہ کِس مالکس تیہ پاٹھ چھِنہ زکوٰۃ واجب تس اکِس زِ مالکِ غلہ
سپنہِ بریع یا ہبہ یاتت ہہ بیہ کُنہِ کینژن ورہن تے موجود آسُس دوییم چھِہ نصاب سُہ چھُہ پانژ وسق پرت
وسقاہ چھِہ شیٹ صاع پرت صاعاہ چھُہ ژور مُد پرت مُداہ چھِہ زِ رطل تہ ربع رطل پرت رطلاہ چھِہ مثقال شرعی ہموزن
اکہ نمت مثقالہ بدرہم شرعی ہموزن اک ہت تہ ترِ درہم پس رطل چھُہ تولہ حسابہ ساڈ دیہ ترہ تولہ مُدگو ترِ ستت تولہ
تہ زہ دانہ صاع گوزہ ہت تہ ساڈ دومت تولہ تم گی ساڈ ترسیر تہ ساڈ بہ تولہ تکیاہ زِ انگریزی سیر چھُہ شیٹ تولہ
پس اک وسق چھُہ پانژ من تہ ارداہ سیر تہ زہ تولہ بِن انگریزی من انگریزی چھُہ ژتجہ سیر پس نصاب غلہ چھُہ بِن انگریزی ساٹھ من دہ
دایہ یا وہ بخروار خام چھُہ نہ کہار تہ ترواہ ترک تہ منٹ بیہ شہ روپیہ بر ونکن چھِہ کہار تیہ شراہ ترک ترک چھِہ شہ سیر سیر
چھُہ شہ ستت روپیہ بر روپیہ بر چھِہ پندہ دانہ دان چھِہ شہ رژہ اک رژہ چھِہ زہ جو میانہ زکوٰۃ چھِہ ات منز تہ آمہ
ژرس منز عُشر یعنے دہم حصہ پس یَس صاحبِ زراعتس زراعتہ منزہ یہ مقدار یا زیادہ کنک یا وُشکہ بنہ مِلک پنُن
آسِس تمہ رنگہ زِ یہ ونہ آو واجب چھُہ تس پٹ تمہ منزہ دہِ مَنہ اک من زکوٰۃ کڈن ہرگاہ سگ آسہِ تت باغس یا
زراعتس آبِ روان یا باران یا شبنم یا ازعروق نصفِ عُشر چھِہ اَت زکوٰۃ یعنے وُہِ من اک من ہرگاہ سگ آسِس
بدلو دست یا دانہ تہ گاو یا ونٹھ یا تول یا چرخہ بیہ یہ تمن ہِہ چھُہ ہرگاہ دُنوی سگ آسَن ژرِیس آسِس تہ تت
کرن عمل ہرگاہ دُنوی سگ برابر آسن نصفس کڈِن دَہِ اک زکوٰۃ نصفس وُہِ اک اما واجب چھِہ زکوٰۃ کڈن تمی منزہ
زِہ پت روزِہ حصہ پادشاہ نہ باج پادشاہ تلت بیہ زکوی زراعتچہ ساری لاگت تلِت برونہم تہ تیم آسی باقی بقدر
نصاب بنابر اقوا اے احوط تی چھِہ زکوٰۃ کڈن باج تہ لاگت تلنہ برونہ تلی آسِہ غلہ بجد نصاب لاگر نشہ چھِہ مراد تیہ
سی خرچ زِہ زراعت چھُہ محتاج تت کُن تیہ برونہ مزورش خندق دِنِنخ تہ گنڈ کرِنخ کہنِنخ تہ واپنخ تہ شیر پنخ
بیہ گُل کڈنخ تہ آب اَننخ تہ سگ لدِنخ بیہ راچھہ کرِنخ بیہ دِنخ تہ لونِنخ تہ کہنِنخ بیہ یہ کینہ نیو وراہی کِن
ہہ چھُہ کرایہ زمین زراعت تان غصبی تے سُہ آسِہ بیہ مُل کارکُن چارپاین ہند بیہ آلاتن ہند بیہ نقصان
سپنہ آلاتو منزہ تہ کارکُنو منزہ بیہ مالکہ سندِ وجاموُ منزہ ہرگاہ نقصان گژھہ بسبب زراعت زکوی تہ غیرِ زکوی زکوی

پٹہ ٹلن تتی زِ ہ تت پٹ پھلہ ییہ چھہ لاگت بول آسی تی مالک زِ ہ زکوٰة تمۍ چھہ گڈ مژ یا تمی مالک زِ ہ زکوٰة چھنہ تت پٹ واجب گیژ دور چھینہ بول تہ لاگت کار کُن تیہ مطلقا بقیمت ٹلن گنڈنہ ییہ نہ لاگژمنز سہ کار زِ ہ مالک کرہ نِنہ یا نہ یا بیاکاہ کرِہ تبرعاً ہرگاہ بازراعت زکوی غیر زکوی نہ آسہ لاگت پھالون دُنون پٹ ہرگاہ زمین کھنہ نس تہ ونش زیادتی کرہ عادتہ ختہ زراعتِ غیر زکوی باپت زاید گنڈن نہ لاگژمنز ہرگاہ گڈنی دُنوی وانیس منز مقصوداس پھالونہ ییہ دُنون پٹ یہ دُنون ہندہ باپت مقصوداوس یہ وانیہ منزہ اکہِ کی باپت مقصود آسہ تیژ چھیہ لاگژمنز فصوص تت ہرگاہ ورا اول غیرِ زکوی مقصود اوس عمل تمام کرت گوز کوی تہ مقصود لاگت تمۍ سپنہ در زکوی محسوب ہرگاہ ال ییہ زراعت درحساب ییہ ال تمک بییہ یہ تمہ تیہ تاوان دیہ نہ برونہم تمہ ہرگاہ بول معیوب ورِہ لاگژمنز انہ قیمت معیوب یُس چیز اہ لاگژمنز آسنس شک کرِہ تلہِ نہ تت غلہ زکوی منزہ زکوٰة چھہ واجب سپنان وُشکِ تہ کنکس تہ خرمن منز یلہ پِنن پِنن نادییک صادق درمویز چھیہ واجب یلہ انگور دَنس بناء براقوی ہرگاہ زکوٰة دنس منز کنکس تہ وُشکِ صاف گژھنہ تیہ تم درانگور مویز گژھنہ تیہ دررطب خرمہ گژھنہ تیہ بی عذر تاخیر کرہ ضامن سپنہ صاف کرہ نس تان وانہ وُشکِ تہ کنگک ہمنس تان درمویز تہ خرما چھیہ تاخیر جایز ضامن سپننہ سوا زکوٰة چھیہ واجب زکوی مالس منز در مال تجارت تیے سہ آسہ جایز چھنہ تصرف کرن درمالِ زکوی ضامن سپننہ سوا بمقدار زکوٰة ہرگاہ کُنہ زکوی جنسس مالک تصرف کرہ واجب چھس مقدار زکوٰة تمۍ معلوم کرن یت زکوٰة دنہ ورِہ عوض تمک مستحقس وا تناوِہ زکوٰة واجب سپنیت ہرگاہ مالک مرِہ زکوٰة ییہ گڈنہ از اصل مال تمام ترکس برابر تیے دین آسس بلکہ ہرگاہ ترکہ قرضہ ختہ کم آسہ مقدم چھیہ زکوٰة بر دین بنابر اصح ہرگاہ بے تقصیر یا داکرن ممکن سپننہ برونہ زکوٰة تلف سپنہ واجب چھنہ عوض تمک ہرگاہ زمین کرایہ دیہ زراعتہ باپت زکوٰة چھہ مستاجرس زراعت کرہ ونس تمکس پٹ کنک تہ وُشکہ چھیہ تیہ زہ جنس اکی جنس تیے رباس منز چھیہ گنزرنہ یوان جایز چھیہ زکوٰة قیمت گڈن سارن جنسن منز

## پانژم باب چھہ در زکوٰة مالِ تجارت

یہ زکوٰة چھیہ سُنت کیثر وچھیہ دُمیت زہ واجب چھیہ یہ مال چھیہ مالاہ زِ ہ مالک سپنن تت کننہ تہ نہ سپنیت بییہ تمہ سیت زِ ہ تمن سہ چھیہ ہرگاہ بییہ آسیک مالک سپننہ ورِہ تت قصد تمہ سیت سوداکرہ نک پس یُس مالاہ دِنس میراثہ کِن یا ہبہ کن یا دفعہ کِن یا تصدقہ کِن یا زنانِ مہرہ کِن یا مردس خلعہ کِن یا اُل ہیہ مالاہ صدقہ دنہ باپت زکوٰة چھنہ مین منز در زکوٰة مالِ تجارت چھیہ شرط حول تیہ کنہ در طلا و نقرہ سپُن بیان پس ہرگاہ متاع بخشہ کانسہ حول گذرنہ برونہ زکوٰة چھیہ

در وقت وجوب زکوٰة

در زکوٰة مال التجارة

ساقط بیہ چھُہ شرط قیمت تمہ مالکُ واتُن بنصاب طلاو نقرہ بیہ چھُہ شرط مُولس کینہہ چھنُن سارس حولس منز زکوة چھ
برعین متاع بیہ چھہ معتبر باقی آسن سُہ در تمام حول پس ہرگاہ بیاک متاع بدل ہیس ماگنس ساقط سپنس زکوة اول حول
چھُہ ہنہ پٹہ گنڈک متاع بحساب قیمت تمک پزنہ از نصاب طلاو نقرہ بیہ مُولہ ختہ کم گژھن پس ہرگاہ قیمت متاع مدۃ
اکہ پتہ برابر نصاب یا سرمایہ واتہ تت واتنہ پتہ زانہ حولک ابتدا ہرگاہ متاعس قیمت ہُرہ ہر آسن بقدر نصاب
اصلکُ حول گذرنہ پتہ دیہ زکوة اصل ہُرک حول زانہ ہُرِنُن گژھنہ پتہ زکوة تمچ چھُہ ربع عشر یعنے ژتجہِ اک
زکوة واجبی تہ شُنتی سمنہ دریک مال پس ہرگاہ مالک سپنہ اکس کوی نصابس مثلاً وُہن دینارن یا دُن ہتن درہمن
زکوة تجارت سپنہ ساقط زکوة مال سپنہ لازم ہرگاہ مالاہ سرمایہ ختہ کم گژھ تہ کینہ ورہ گذرن تیتھی پاٹھہ زکوة یکسالہ
چھُہ سُنت ہرگاہ مالاہ ہیتہ تمہ سیت کسب کرنہ قصدہ اوہ کرہ قصد وِرتھاوُن سُہ زکوة چھنہ تت منز ہرگاہ مالاہ ہیہ
وِرتھاونہ باپت پتہ کرہ قصد کسب کرُن تمہ احوط چھنہ کوة دن باشرائط ہرگاہ در مال مضاربہ مالکس نفعاہ بنہ یا اصل
مال ہلوت کڈن تت زکوة مال تجارت از حصۂ عامل تہ کڈن زکوة ہرگاہ بحد نصاب آسہ **ششیم باب** چھُہ بیہ
کینژن چیزن منز زکوة چھُہ تمن منز تہ سنت تم چھُہ ژ نوع **اوّل** تیے زہ زمین چھنہ وان تہ ہینہ نس تتہ تولنس
منز چھیہ ہوان بیہ چھنہ زکوة تت منز واجب دان ہُہ مکائی ہش مونگ ہُہ مہ تہ مُٹ ہُہ کیس ہش بیہ بیہ کینہ
یمو وراے ییمن ہیہ چھُہ سینر لوتہ خرزہ سوا ہرگاہ بحد نصاب آسن تہ مالک سپنن تت بزراعت قدر زکوة تمچ زہ
عُشر چھیہ یا نصف عُشر لاگت ساری ثلث چھُہ تیتھی کنہ زہ درباب زکوة غلہ سپن بیان **دویم** نوع چھُہ گرُس منز
چھُہ زکوة سُنت ژور شرطہ **اوّل** حول یعنی کہن رتن آسہ مالکس نشہ **دویم** پھیر پھیر آسہ در تمام حول کھوان علف دِن
آسنہ پوان **تریم** چھُہ زہ مادیان آسہ **ژورم** چھُہ مالکہ سنزہ ملکیتہ آسہ باقی در تمام حول یی کن زہ راد ژر آسنہ
ژورنہ آمژ آسنہ اکس گرُس چھُہ زکوة زہ دینار ہرگاہ ہین ادرِ م دُنوی اصیل آسن پرت دیناراہ سُنک چھُہ اک
شرعی مثقال اک دینار شرعی چھین کوة ہرگاہ ہین ناو تمو منزہ اکی آسہ اصیل ماکانژاہ اصیل در غیر اسپ تہ بندہ زکوة
نہ چھنہ واجب نہ چھُہ سُنت اما بندہ پس بہتر چھُہ تس منز پرت ورہ اک صاع کڈن فطرکہ صاع سوا **تریم** چھُہ دکان تہ لرہ
تہ گرہ تہ اسباب بیہ ییمن ہیہ چھُہ زہ کرایہ باپت آسنس مہیا تہاست نہ لسنہ باپت سنت چھُہ زہ یمہ قسمچہ حاصلی منزہ
زکوة کڈن سُہ چھُہ ربع عُشر یعنی ژتجہ اک یت منز چھنہ حول تہ نصاب شرط اما ہرگاہ یہ حاصلی نقد یا زکوی جنس آسہ بیہ

بحدِ نصاب بیہ آسہ ور تمام حولِ مالکس نِشہ زکوٰة سپنہ تت منز واجب یُس گراہ تہ جایاہ سپنہ بابت آسہ بیہ سامانہ
بنک آسن نہ تجارتہ بابت سُنت چھنہ زکوٰة تِمن منز کینژو چھِہ روایت کرمژ زِ پرت مالس منز چھِہ زکوٰة ستم باب
چھِہ زکوٰہِندن حقدارن منز تِم چھِہ آٹھہ اول فقیر دویم مسکین تِم گی تیہ تِمہ زِ مالکِ معاش تہ خرچِ یکسالہ
آسن نہ کینژو چھِہ وُمت فقیر چھِہ ژِ بدحال از مسکین تکیاہ زِ پناہ نو حضرت رسولن صلی اللہ علیہ وآلہ وسلم فقرہ نِشہ
زِ دِپن نعوذ باللہ من الفقر یعنی پناہ چھِس نوان بحدا از فقیری ژھانڈن مسکینی زِ دِپن اللّٰھم احینی
مسکیناً وامتنی مسکیناً واحشرنی فی زمرة المساکین یعنی بارخدایا زندہ تھاوم مسکین آسنکہ حالس
تہ مارم مسکین آسنکہِ حالہ محشور کرُم مسکینن ہندس زمرس منز کینژو چھِہ دپمت مسکین چھِہ ژِ بدحال بنابر روایتِ اہلبیت
علیہم السلام بیہ ضابطہ زانہ زِ فقیرس یا مسکینس زکوٰة دِت سُہ چھُہ یُہی زِ مالک آسنہ شخص نفس معاشس تہ عیالکس
معاشس ہیبن تن یعنی امور معاش ورہک پنن تہ پننہ عیالک چھِنہ بدست نہ قیمت تھند نہ سرمایاہ توت زِ تمہ تجارت
کران تِنکہِ نفعہ سیت کرِہی ورہس گذران نہ چھِس سباہ نہ کاراہ نہ مکاناہ نہ دُکاناہ نہ زمیناہ نہ از آلات تہ اسباب
کینژاہ زِ زمیہ پٹہ تہ حاصلی پٹہ یکھس ورہک معاش پس فقیر تہ مسکین چھِنہ تِم تاجر تہ تِم کسب دار بیہ تِم زمینہ وال تہ
آلات تہ اسباب وال زِ زانن رِنجہ پٹہ تہ زمیہ پٹہ تہ حاصلی پٹہ بی عسر وحرج ورہک تحصیل معاش کرِت اما فقیر تہ
مسکین چھِہ یم یلہ نہ رنجہ پٹہ تہ زمیہ پٹہ تہ حاصلی پٹہ ورہک گذران ہکِک یا ہکک اما باعسر وحرج آسہ پس چار زِ
چھِہ تمن زکوٰة دِن تہ تمن رٹن یُس اکاہ بر کسب قادر چھِہ اما کران چھِنہ کھالژکن واجب چھِہ تس احتیاطاً زکوٰة نہ ہینن
ہرگاہ کسب کرِنہ دا جاہ ترک سپنہ تحصیل اجتہاد تہ تِنک مقدمات بیہ فقیر چھِہ سُہ ہرگاہ کانسہ گرہ آسہ بیہ کینژ بیہ غلام
بیہ حیوان سواری تہ رنگہ زِ حاجت آسِس تِم آسنک بیہ شوبہ تس تِم آسن فقیر آست زکوٰة رٹس کرہ سنہ منع
بلکہ ظاہر چھِہ یِی زِ شخص آسن تِم چیز زِ محتاج چھِہ تمن کُن از اسباب بیہ ظروف تہ فرش بیہ علمی کتاب بیہ بیہ موادراے
چھِہ محتاج آست معاشِ سالیانہ خود تہ عیالِ خود فقیر چھِہ ہرگاہ کانژاہ فقیر آسنک دعا کرِہ معلوم آسہ صدق
یا کذب تسند عمل سپنہ تت بیہ معلوم آسہ ہرگاہ حال تسند مجہول آسہ قبول چھِہ تسند قول یعنی زکوٰة دِلس ہرگاہ
امامکن آسیت تسند حال معلوم کرُن خصوصاً یلہ بیرونہ کُن فقیر آسُن معلوم آسہ ہرگاہ تہ معلوم آسنہ واجب
چھِہ احتیاطاً زکوٰة دِنسہ مگر ظن کرِت تسندس پِزس خصوصاً یلہ بر ونہ غنی آسہ اوسمت زکوٰة یلہ فقیرس دِن

واجب چھنہ باوُن لتس زِ یہ چھی زکوٰة پس ہرگاہ ذی عزت آسہِ مستحق آسِت زکوٰة رٹنس گژھس حیا جایز چھیہ بلکہ مستحب چھُ
بصورت بخشش وِ ون ظاہر پاٹھہ بہ نیتِ زکوٰة واقعہ پاٹھہ بلکہ زکوٰة دن بسم اللہ زِ وِہنہ تس اگر زِ تہ زِیہ ہنہ گرِہ حیا
بلکہ ہرگاہ تصریح کرس دِنہ وُول یہ چھنہ زکوٰة بدروغ تے تہ گرِہ تہ بقبضہ انہ مستحق تت مجزی چھہ ہرگاہ قبضہ تھنداوس
غیر زکوٰة آسنگہ قصدہ بلکہ قبضہ کرس مالک سپننگہِ قصدہ وجہ تمک در نظر تھاونہ سوا ہرگاہ کانسہ زکوٰة دیہ اوی زِ
فقیر چھُہ تتہِ زونُن زِ غنی اوُس پھیرِت ہس باقی آسِت عین تمک بلکہ تلف گژھت تہ بنا بر اصح زانت قابض
سہ زکوٰة آسن جاہل تے آسہِ حرام آسنس غنیس زکوٰة رٹن ہرگاہ زکوٰة دِنہ وُول کانسہ زکوٰة واتناوِہ بنا تھاوِت
اَتُ پٹ زِ غنی چھُہ زانان نہ آسِت زِ بر غنی چھہ زکوٰة حرام یا زانان آسِت گرِہ عمداً تہ تستہِ ہن پھیرِت سہ باقی
آسِت عین زکوٰة تلف آست تہ نیہ پھیرِتہ ہِن گرِہ زکوٰة ہرگاہ متعذر گژھہ پھیرِت ین ضامن سپننہ واتناون وُول
ہرگاہ امام آسہِ یا ساعی اما ہرگاہ واتناون وُول مالک آسہِ اقوا یہ چھہ تہ احوط چھہ یی زِ ضامن چھہ تھی
چھُہ ہرگاہ زکوٰة نیہ وُول زُن گو زِ کافر اوُس یا فاسق یا سُی زِ نفقہ تسند بر مالک واجبی اوُس یا ہاشمی اوُس زکوٰة
دِنہ وُول آسِت غیر ہاشمی تریم چھُہ عامل تم چھہ تتی زِ سعی چھہ کران سمبرنس منز تہ تحصیل کرہ نس منز زکوٰة بیہ سہ
باگرنس منز مستحق اندر یت قسمس منز چھُہ عامل تہ کاتب تہ محاسب تہ راچھہ شریک یا ہیم امامس تہ نایبس تہ قاضیس چھنہ

عاملین

عاملانہ نصیب در زمانِ غیبت امام چھُہ یہ سہم ساقط ہرگاہ نایب امام مبسوط الید آسنہ نتہ چھہ ثابت ژُودم چھُہ
مؤلفة القلوب یہ چھہ جماعتاہ کافرن ہنز زِ مایل چھہ کرنہ یوان بجہاد دِیہندہ باپت چھہ سہماہ در زکوٰة معین یُت
مُسلمان سیت یکن در جہاد بیہ کافر مسلمانو منزہ مؤلفة القلوب آسن منز چھہ زِ قول کینژَو چھُہ دُیمت زِ از مؤلفة
القلوب چھہ مسلمانو منزہ ژُور طایفہ اوّل بزرگن ہنز سہ جماعت زِ در اسلام آسن ثابت قدم رقیب تہ ہمچشم آسنگ
کافرن منز یلہ ہن مسلمان منز انعام کرن کافر ہمچشم تھندکرن رغبت باسلام دُیم چھہ تم بزرگ زِ جماعتاہ
آسِک ضعیف از مال دِلس منز آسہِ غرض خوراک تھند بیہ یاری تھندہ توقع تریم چھہ جماعتاہ از مسلمانان زِ
مسلمان مملکتہ ہندن طرفن تہ حدن منز آسن تم ہرگاہ تمن کینژاہ دِن تہ منع کرن کافرن مسلمان مملکتن اتھ نش ژودم
چھُہ طایفاہ زِ جماعتاہ چھہ تھندہ بہیہ زکوٰة اداکران ہرگاہ چیزاہ دِن تمن زکوٰة سمبرن ہرگاہ دِن معطّل تھاوِن در

مؤلفة القلوب

زمانِ غیبتِ امام چھُہ یہ سہم ساقط پانژم چھہ فی الرقاب تم چھہ ترٛ طایفہ اوّل مکاتبان یم چھہ تم بندہ زِ مالکن تھند

فی الرقاب

آسہ تمن سیت مقرر کرمُت فلان مبلغ دِتم آزاد آسِن اده آسَن تمہ عاجز ادا کرنس دُتیم چھہ تم بندہ زِہ زحمت تہ
سختی منز آسَن یت زکوژ منز ہن تمن مِل تہ آزاد کرہ نک تریم چھہ کینہ بندہ زحمتاہ تہ مشقتاہ تِنہ آسک تہ تمن لہ
از قید بندگی یلہ نہ مستحقاہ بیاک آسہ یت تمِس قسمس منز چھک خلاف کرمُت تِیَہ پاٹھ یت منز زِہ بندہ ہن مِل کفارہ
باپت تس آسِند زِہ عاجز آسہ اقوی چھیہ زِہ جایز چھیہ شیم چھہ غارمون تمہ چھیہ تمی زِہ قرضچہ بلایہ منز آسن گرفتار

غارمین

نہ معصیتہ نکہ عاجز آسن تہ ادا کرہ لس اما یم اک قرض کنہ معصیتس منز صرف کر یمہ سہمہ منزہ دِن نہ زکوۃ یتس
ہرگاہ توبہ کرمُت آسِن تہ فقیر گومُت آسہ تس دِن از سہم فقرا نہ یمہ سہمہ منزہ ہرگاہ زانن نہ کت منز چھس صرف کرمُت
کینژ وچھہ دُمُت دِنسہ دِن چھہ بہتر جایز چھہ صاحب قرضس دِن بیرخصتِ قرضدار تسندہ مزہ تیہ کرن تسندس
قرضس سیت حساب یا قرضدارس دِن زِہ پانہ کرہ قرض ادا ستیم چھہ فی سبیل اللہ تہ چھہ یسہ مصلحتاہ موجب تقرب

فی سبیل اللہ

بخدا آسہ کدل دِن ہہ تہ رباطہ ہہ بیہ تعمیر مساجد ہہ بیہ مدرسہ تہ کاروان سرایہ بیہ اعانت کرن حاجن تہ
زایرن ہرگاہ عاجز آسن حج تہ زیارت کرنہ پننہ مال پٹھہ بیہ اکرام کرُن ہہ عالمن بیہ یم مشغول تحصیل علم آسن
بیہ مکلاون شیعہ ظالمن ہندہ اتھہ منزہ بیہ یمن ہہ چھیہ خیرہ چھ مصلحتہ منزہ اما احوط چھیہ حاجن تہ زایرن منز بیہ
یہ تمن ہہ چھیہ اعانت از زکوۃ کرن ہرگاہ فقیر آسن اقوی تِے چھیہ خلاف تمک اٹھم چھیہ ابن سبیل سُہ چھیہ

ابن سبیل

غریب تہ محتاج زِہ پنہ تولکو نشہ آسہ دور لگمُت غنی تی آسہ پننس شہرس منز یمی شرطہ زِہ قدرت آسِنہ قرض
نہ کنہ تس مال ہنن تتہ یا بیہ کانہ وتاہ بیہ آسہ سفر تسند مباح پس توتاہ دِن لس زِہ پننس شہرس منزواتہ ہرگا
زیادہ وِتمُت آسہ ہس یا تم آسہ در مؤنت غیر سفر خرج کرمُت پھیرت ہس بیہ چھیہ داخل ابن سبیل مہمان جایز

باقی شرطہای زکوۃ

چھہ مہمانی کرن تس زکوژ منزہ اٹھم باب چھیہ در باقی شرطہای زکوۃ شرط چھیہ مستحقن ہندن بارن طایفن منز
سوای مؤلفۃ القلوب ایمان بیہ چھیہ شرط عدالت فقران تہ مساکینن منز بنا بر احوط پس از سہم فقرا دِن نہ
زکوۃ غیر عادلس خصوصاً تس اکس زِہ ننن پاٹھہ آسہ گناہان کبیرہ کران اقوی تِے چھہ ایمانہ بمعنی اخص ختہ زیادہ
شرط نہ آسُن متفاوت تِے آسن رجحان کِن فردن منز بلکہ اقوی تِے چھہ جایز نہ آسُن زکوۃ دِن یلہ دِلس منز آسہ
اعانت بر گناہ یا اغرا بقبیح نہ دِلس منز آسہ یت رٹن تمہ نشہ بلی عدالت چھیہ شرط عاملن منز بنا بر احوط اما غارمن تہ ابن
سبیل تہ رقاب پس شرط چھنہ عدالت تمن منز ادہ کتہ آسہ عدالت شرط یلہ دِنہ بیہ زکوۃ از سہم فی سبیل اللہ تعالیٰ

بیہ چھُہ فقران تہٕ مسکینن منز شرط واجب النفقہ نہٕ آسن تِم مول ہِہ تہٕ ماج ہِش بیہ بڑٕ بب ہِہ تہٕ نان ہِش بیہ اولادٕ ہِہ
اَولادن ہند اولادٕ ہِہ بیہ زوجہ ہِش تہٕ مملوک ہِہ زانزِہ زکوٰۃ دِت اطفالِ مؤمنین فاسق تِی آسن تہند مال نہٕ مخالفن
تہٕ شُرِن تہندِن حرام چھہ زکوٰۃ ہاشمین پیٹھ مگر یلیہ زکوٰۃ از ہاشمی آسِہ یا زکوٰۃ سُنّت آسِہ یا تِم فقیر آسِت اسکنہ خُمسٕ پیٹھ تہٕ
معاش پکان فقرا تہٕ مساکین بیہ عامل تہٕ مؤلفۃ القلوب زکوٰۃ یلیہ دِنِ یِت منز سہٕ خرچ کرن اختیار چھک اما رقاب تہٕ
غارمون تہٕ فی سبیل اللہ بیہ باپت زکوٰۃ دِنِ تہٕ صرف گژھ تت منز کرن مثلاً رقاب کرن آزادی منز صرف غارم کرن
دراداے دَین غازی کرن جہاد ابن سبیل کرہ در سفر ہرگاہ بیہ کنہ منز صرف کرن یِم تہٕ پھیرت ہنک در غازیان تہٕ
عاملان تہٕ مؤلفۃ القلوب چھہ فقیر آسن شرط باور کرن فقیرس فقرک دعوا کرہ نس منز ہرگاہ زانزہ تمہ برونہ فقیر اوس
ہرگاہ برونہ کُن فقیر آسُن تَسند نامعلوم آسِہ تہٕ دعواے فقر کرہ یا دعوا کرہ پی زِہ مال وسُم تہٕ تلف گوم تہٕ نادار گوس احوط
چھُہ پی زِہ باور کرہ نَسنہ تہٕ تت مگر حاصل آسِت ظن تہٕ پزٕ آسنس بیہ چھُہ احوط زِہ باور کرن نہٕ سندس دعوای کتابت
یلیہ نہٕ مالک تکذیب کرِس بیہ نہٕ غارمس دعوای قرض یلیہ نہٕ قرضخواہ تکذیب کرس بیہ نہٕ ابن سبیل در دعواے
احتیاج حیہ احتیاط کرن نہٕ بن دعوان منز بے حصول ظن کُنہ جایہ ترک یتہ پاٹھہ نہٕ ترک کرن یہ معلوم آسک پزہ تہٕ اپزہ
منزہ جایز چھُہ ساری زکوٰۃ یمن ویہ میو مستحقو منزہ اکسی طایفس بیہ چھُہ جایز توت دیہ اکس فقیرس زِہ غنی سپنہ
اما غنی سپنت چھہ تس پیٹھ زکوٰۃ حرام افضل چھُہ پی زِہ زکوٰۃ باگرہ بر جمیع اصناف یژکم چیزاہ زِہ اکس فقیرس دیہ احوط
چھہ زِہ توت آسِہ زِہ دراول نصاب نقدین چھہ واجب تہٕ اقوی چھہ زِہ جایز چھہ تمہ ختہ کمتر دِنُن خصوصاً یلیہ فقرا ستاہ
آسن تہٕ مال واتنہ سارِن واجب چھہ زکوٰۃ ادا کرن یلیہ واجب پِن جایز چھہ نہٕ سہ ادا کرہ نس تاخیر کرِن مگر کُنہ عذرہ مگہ
تِھی زِہ مستحق حاضر آسنہ یا آسِہ مال غایب بیہ پُیس عذراہ بیہ وراے چھُہ تِھی زِہ معین مستحقاہ آسِس نظرِہ تل ہرگاہ
بی عذر تاخیر کرہ ضامن سپنہ جایز چھہ زکوٰۃ ادا کرن واجب سپنہ برونہ مگر بطریقِ قرض واجب سپنہ پتہ کرس از
زکوٰۃ حساب ہرگاہ قرض گیرس استحقاق باقی آسِہ یا امی قرضہ غنی گومُت آسِہ ہرگاہ تمہ ورای بیہ مالہ غنی سپنمُت
آسِہ زکوٰۃ گژھ بیہ کانسہ دِن مالکس واتہ زِہ پھیرت ہیس تہٕ بیہ کانسہ دِیہ استحقاق تِی آسِہ تس قرض گیرس ہرگاہ
بہ غنی یا فاسق قرض دیہ زکوٰۃ واجب سپنہ پتہ تِم مستحق گژھن جایز چھہ زِہ تت قرض کرہ از زکوٰۃ حساب آدِی
چھہ پی زِہ جایز چھہ زکوٰۃ دِنِ از موضع مال مستحق آسِت تہٕ بیس جایہ اما ہرگاہ تہٕ گرِت سہ تلف گیہ ضامن چھُہ

ہرگاہ مستحق نہ آسنہ تہ بس جا نہ بیس تہ تلف سپنہِ ضامن چھُنہ واجب چھہ زکوٰۃ واتناوہ باماؑم یا نایب اماؑم
ہرگاہ طلب کرن در زمان غیبت چھُہ سنّت بفقیہ امین واتناون جایز چھُہ مالکس رنؔہ وکیل کرہ کانسہ زِہ تسندِہ بابت
کڈہ زکوٰۃ تہ ادا کرِہ واجب چھہ نیّت کرن واتناو نہ وِزِہ بمستحق یا عامل یا فقیہ یا اماؑم یتہ کنہ زِہ یہ زکوٰۃ دِوان
چھُس اَدی زِہ واجب چھُہ تقرب بخدا وکیل کرہ نیّت از طرف موکّل دِوان چھُس ہرگاہ زکوٰۃ کانسہ اکس
از امام یا نایب یا فقیہ دیہ بری الذمہ سپنہ تلف تی سہ گژھہ تہ مستحقس واتنہ ہرگاہ مخالفاہ پانس بہس زکوٰۃ
دیہ ادہ سپنہِ بنو ر ایمان بنیا بیہ دیہ زکوٰۃ یہ برونہ دِتِن اعتبار کرِنہ تہ بین عباوژن خلاف زِہ احتیاج چھکنہ بیہ کرہ
ہرگاہ مالک دعوا کرِہ زکوٰۃ دِژم یا حول گوم نہ یا یہ مال چھُم ودیعت قبول کرُن تسند قول بی سوگند **مقصد دویم**

در زکوٰۃ فطرہ

چھُہ در زکوٰۃ فطرہ یہ چھُہ واجب سپناپن ماہ شوالکہ ہلالہ وِزِہ بر بالغ تہ عاقل تہ باہوش بیہ آزاد یلہ مالک معاش
یکسالہ آسہ یا کسبا نہ ہنر اہ زانہ یکہ تمہ سیت ورہس گذران کرت علاوہ بران مالک مقدار فطرہ آست بلکہ یا مالک
نہ آست تہ اَتْ زیادتی پٹ احتیاطا پس واجب چھُنہ زکوٰۃ فطر بر نابالغ تہ دیوانہ بیہ نہ تس اکس پٹ زِہ ہنگام ہلال
شوال آسہ بیہوش گومُت بیہ نہ بر بندہ بیہ نہ بر فقیر زِہ مالکِ معاش سالیانہ خود تہ عیال خود آسنہ قرضکہ مالہ علاوہ
بیہ یتہ سیت چھُہ نہ بمالس تکسب کار احوط تے چھُہ غارس زِہ مالکِ معاش سالیانہ آسہ کڈن زکوٰۃ فطرہ
بلکہ احوط چھُہ یہ تس اکس تہ زِہ مالک آسہ یکی از نصاب زکوٰہی یا قیمتس تمکس بلکہ احوط چھہ تس اکس زِہ زیادہ آسن کر
معاش یکے وزنہ یک شب اک صاع کڈن سی بر زکوٰۃ فطرہ بلکہ مستحب چھُہ فقیرس سُہ اکی صاع کڈن در ہر حال
یتہ کنہ تی کرہ زِہ صاع پھیرہ وِہ عیالس اکہ اکِہ اتھن پیٹ ادہ یلہ دَوَرہ تس کُن واتہ صدقہ دیہ تت مکروہ چھُہ تس
صدقہ دنہ تتہ بیگانس بیہ بصدقہ تہ غیر صدقہ رٹن . بر ہر حال شرایط جمع آست چھُہ واجب زکوٰۃ فطرہ کڈن نفسہ
کنہ تہ ساری عیالہ کنہ ماہ شوال اَژنہ وِزِہ بحکم شرع تی تنک اَژن آسہ عیال چھہ یم آسن از زوجہ دایمی تہ متعہ تہ بندہ
بیہ مول تہ ماج بیہ جد تہ جدّہ بیہ اولاد تہ اولادن ہند اولاد بیہ بای تہ بنہ بیہ باقی خویش یا بیگانہ آستن خدمتگار
بیہ یا بیکانہ بلکہ اسیر تہ بیہ یُس تس سہ چھُہ بجرام تے اسیر کرُمت آسہ بیہ مہمان ہرگاہ شوال اَژنہ وِزہ صادق یتہ
تس شخصہ سُند عیال آسُن شہ ادہ کہیتن کینہ یا متہ کہیتن مہمان سپنہ لس اَسہ وقتہ پتہ تہ امہ وقتہ برونہ چھنہ اعتبار
اما بہتر چھہ کڈن تہندہ کنہ زِہ بدعوت اُمُت آسس امہ شبہ از اہل شہر بلکہ تمو وراے تہندہ کنہ تہ زِہ آمت آسن

تِس نِشہِ کہنہ باپت مہمان تِنہٕ آسن بعُرف زکوۃ مہمان چھہ واجب تِل زٕ ہ برسم غصب آسِنہٕ رائُت خانداره سُند گره
نتہ چھنہ واجب خانذارس پِٹھ بلکہ واجب چھُس پانس تس ہرگاه پرٕه لازٕه انہٕ وُن فقیر آسِہ قدرت آسِنہ مہمانسنز زکوۃ
کڈہ نس کِنہِ پاٹھ واجب چھہ مہمانس زکوۃ پنن پانہ کڈن ہرگاه غنی آسِہ ہرگاه مہمان کره وُن فقیر آسِت زانہ بقرض تہ
مانند قرض مہمانسنز زکوۃ دِت اده کڈہ سُہ یا کڈہ نہ احوط چھہ دُنوَن صورتن منز مہمان زکوۃ پنن پانہ کڈن ہرگاه غنی آسہ
بلکہ خالی از قوت چھُنہ تہ اوُ باعصیان میزبان غنی تہ صادق آسِت مہمان تسند عیال آسن اقوٰی چھہ ساقط چھہ زکوۃ
از مہمان احوط تی چھس فی فرقاهِ چھنہ عیالہ کِنہ زکوۃ کڈہ نس منز درمیان صغیر تہ کبیر بیہ آزاد تہ بنده بیہ مسلمان تہ کافر
شرط چھہ یہ زکوۃ نیت کرت کڈن بین عبادتن ہند پاٹھ صحیح چھنہ کڈہی سُہ کافر بیہ مخالف ساقط چھہ کافرس ہرگاه
بعد ہلال مسلمان سپنہِ نہ مخالفس ہرگاه بنور ایمان بنیا سپنہِ ہرگاه شبِ شوال اَتھ نہ برونہ بلکلحظہ یا سپتی تت
سپنہِ نابالغ بالغ یا کافر مسلمان یا دیوانس ژلِہ دیوانگی یا بیہوشس بیہوشی یا فقیر سپنہِ غنی یا بنده سپنہ آزاد تہ
غنی واجب چھہ فطره ہرگاه تہ سپنہِ شبِ شوال اَتھ فطره سپنہ واجب اماً مستحبّ چھہ یلہ تہ بنہ پیش از
زوال تیٔ پاٹھ چھہ کلام واجب تہ سُنّت آسنس منز زکوۃ ہرگاه شبِ شوال اتھ نہ برونہ یا سپتی تت مالکِ سپنہِ
مملوکس اکس یا شراه زوس یا بیہ کانہ زٕه عیال تُسند آسِہ پس ہرگاه تہ بنہ وقت وجوب اتھ نہ برونہ یا سپتی
تت واجب چھُہ تسنده کِنہ فطره کڈن نتہ چھنہ واجب اوُ مستحبّ چھہ زوالہ برونہ واجب چھہ فطره کڈن
از زوجہ متعہ تیے آسِہ بیہ مملوکہ سندِہ کِنہ درعیال آسِت تِم واجب متہ آستن نفقہ ناشزه آسنہ مگہ بیہ یہ تت بہ
چھُہ ہرگاه تِم درعیال رٔژت آسنہ تِم بیہ کانسہ واجب آسِت نفقہ تہند تس پس اقویٰ چھہ واجب چھنہ تہنز زکوۃ
کڈن تیہ پاٹھ واجب چھُنہ نفقہ واجب نہ آسِت احوط چھہ دنوان صورتن منز کڈن زکوۃ ہرگاه تمن درعیال
رٔژتہ تشبہ بیہ کانہ زٕه تونگر آسِہ واجب چھہ فطره تہند کڈن تس پِٹھ نہ تمن پانس پِٹھ کڈہ تہٕ تہ سُہ تہنده
کِنہ امایلہ نادار آسِہ پس احوط چھُہ شوہر تہ مالک زکوۃ کڈن تہنده کِنہ واجب تِنہٕ آسِک نفقہ تہند اقویٰ چھہ
عدم وجوب ہرگاه صغیره سندِہ مالہ پیٹھ نفقہ دیہ تس فطره چھہ ساقط تس نِشہِ بیہ مالس نِشہِ احوط چھہ مول تسنز
زکوۃ کڈن پس اگِسنز زکوۃ بیس واجب گیہ پانس چھہ ساقط تس غنی تیے آسِہ اماً مہمانِ غنیس بلہ نہ صادق آسِس
عیال میزبان آسُن زکوۃ چھہ واجب تس پانس پِٹھ یُسہ زنانہ مالدار آسِہ تہ شوہر آسس نادار توت زٕه خرج تسند آسہ

بشقت کران یا یکنہ تسنز زکوٰۃ کڈِت اقویٰ چھہ دُنون صورژن منز یِ زِہ زنان چھہ واجب پانس زکوٰۃ پنن کڈن یتہ پاٹھ پانہ کڈِہ ہرگاہ خرج پنن پانس تان آسِس ہرگاہ خرج تسند با غیر شوہر آسہ زکوٰۃ تسنز چھیہ غیرس پٹ یتہ پاٹھ چھہ حکم غیر زن تہ تمو منزہ زِہ شخص چھہ واجب النفقہ مول ہُہ تہ فرزند ہِہ ہرگاہ خرج پنن آسِک پانس تان یا چھہ بیند عیال لتن سوا فرق چھنہ زکوٰۃ عیال واجب آسن غایب آسنس منز تمو نشہ بیہ حاضر آسنس منز تمن نشہ ہرگاہ عیالہ وول غیر ہاشمی آسِہ تہ عیال آسِس ہاشمی حرام چھہ فطرہ تسند ہاشمیس کِت ہرگاہ پانہ ہاشمی آسہ تہ عیال آسِس غیر ہاشمی فطرہ تسند چھہ حلال ہاشمین اَوی زِہ مدار فطرہ چھہ بر صاحب عیال نہ عیال اَوی چھہ زِہ ہرگاہ عیال پانس پٹ تکلیف ہِیہ تہ زکوٰۃ پنن کڈِہ بے اذنِ صاحب عیال نکہ وسنہ لتن بلکہ فطرہ چھنہ یتمو دِت بلکہ احوط چھہ یِ تہند منز زکوٰۃ کڈِہ لتن تان تبرع اَتس کنہ جایز آسن تِی تہ خالی از قوت چھنہ اما تسند اذن آسِت تہ کڈِہ لتن تسندِہ مالہ منزہ پس اشکالاہ چھنہ تہ جایز آسن منز یتہ پاٹھ اشکال چھنہ تہ کڈِہ لتن اذنِ وِ منز تسنزِہ وکالژ پنن مال تِی تہ آسِہ یس اذنِ ونہ آو ہرگاہ اذن دیہ زکوٰۃ کڈِہ لتن اذن دِ تسندِہ کنہ وکیل کرنہ سوا پانس پٹ رجوع تہا ونہ سوا مشکل چھہ خالی از قوت تنہ تہ جایز آسن چھہ یتہ پاٹھ بوزت تبرعس منز ہرگاہ غنی سپنہ عیال فقیرہ سند ولوچھان آسنہ کن خالی از قوت چھنہ فطرہ تسند واجب آسُن مالدارس پٹ ہرگاہ عیال غنی ہنگہ تہ منگہ عیال فقیر سپنہ اقویٰ چھہ زِہ فطرہ تسند چھنہ مالدارس پٹ یہ زکوٰۃ کڈِہ تُک وقت چھہ ہلالِ شبِ عید تا زوالِ آفتابِ روزِ عید یمہ وقتہ برونہ دِیِہ نہ مگر قرضہ پاٹھ حساب کرہ زکوٰۃ تت پنہ وِنہ تیر منز سنت چھہ کڈن سُہ نماز کرہ نچہ جایہ نیرنہ برونہ جایز چھنہ از نماز پت تہاون باختیار ہرگاہ برونہ دِت زانہ پنہ مالہ نشہ تہاوہ جدا تت واجب چھہ قضا تمک اما قربۃ الی اللہ دِیہ نیت ادا تہ قضا کرنہ سوا مستحق آسِت ہرگاہ ولس تاخیر کرہ ضامن سپنہ جایز چھنہ نیپنہ شہرہ بیس شہرس نن مستحق آسِت بنا بر احوط اقویٰ چھہ زِہ جایز چھہ اما ہرگاہ تلف گژھہ تہ ضامن چھہ مصرفِ زکوٰۃ فطرہ چھہ زکوٰۃ مالک مستحق ہرگاہ مستحق نہ آسِت تاخیر کرہ تہ ضامن چھنہ احوط چھہ زہ اکس فقیرس اکہ صاع کم نہ دِن مگر یلہ فقیر آسن ستاہ نہ مال آسِہ کم جایز چھہ اگر فقیرس دِن ڈِلہ کیت صاع بیہ چھہ جایز زِد مالکس اشناوِہ پانہ مستحقن سنت چھس با امام دِیہ یا نایبِ امام در زمانِ غیبت دِیہ بفقیہِ امامیِ امین نیت کرت مقدار زکوٰۃ فطرہ چھہ زِہ کڈِہ تت مکلف پننہ کنہ تہ پننہ عیالہ

در وقت فطرہ

در مقدار فطرہ

کِنہٕ پرٛت اَسِندہ کِنہٕ اَکھ صاع صاع چھُہ نو رطلِ عراقی پرٛت رطلاہ چھُہ اَکھ ہت تہٕ وُہ درہم درہم چھُہ اَرتاچہ جَو بہٕ جَو چھِہ یِتھ طرفس منز اَکھ دان پس چھِہ درہم ژور دانہ شراہ دانہ چھِہ یورکُن اَکھ تولہ پس ژورِ درہم چھِہ اَکھ تولہ رطلِ عراقی چھِہ دُیہ ترہ تولہ ساڈ اما بتولہ کشمیری چھُہ ژُویہ ترہ تولہ تہٕ دہ دانہ تچیاہ زہ تولہ کشمیر چھِہ وُکھن پنداہ دانہ پس صاع چھِہ یِتہ ترہٹ تہٕ بہ تولہ سیر وکن چھِہ صاع ساڈ ترسیر انگریزی تہٕ ساڈ بہ تولہ سیر انگریزی چھُہ پوشِیت تولہ کاشر چھِہ ژور سیر تہٕ آٹھ تولہ تچیاہ زہ سیر چھُہ یِتہ یعنی کشیر منز شہ شت تولہ تولہ چھِہ پنداہ دانہ زکوۃ فطر کڈہ مُکلّف از گندم تہٕ جَو تہٕ خرما مویز تہٕ برنج تہٕ یہ خوراک چھس ورہس افضل چھِہ خرماء اَدہ مویز ادہ یہ ژُر خوراک چھِہ ورہس تس ماپس یا تسندس شہرس جایز چھُہ قیمت کڈُن جایز چھِہ اَکھ صاع کینژن جنسو منزہ کڈن مگر باعتبار قیمت ہرگاہ جماعتاہ کینہ صاع کینژن جنسن ہند کڈہ جایز چھِہ اوٹ تہٕ ژٹ چھِنہ از اجناسِ فطرہ تہٕ گژھِہ قیمت کرِت دِن ہرگاہ کانہ چیزاہ فقیرس زیادہ نافع آسہ سُنت چھِہ تس دِنہ باپت یِ اختیار کرُن ہرگاہ کِنہ جنسہ منزہ زکوۃ دِژن تمہ پتہ ژون کم آسن سہ واجب چھُس پور کرُن سہ تمی جنسہ کفایت کرہ قیمت دِن بلکہ تہٕ چھُہ ژیراج ہرگاہ انفع آسہ ازبرائے فقیر کیاہ فاقد قوت غالب آسن زکوۃ دِہ کیاہ متہ آستن اولی چھِہ یِہ زہ قیمت دِن اَنہ نقرہ ہرچند فرق چھِنہ درمیانِ طلاہ تہٕ نقرہ تہٕ پول سیاہ معتبر چھُہ قیمت کڈہ نکہ وقتک بیہ اداکر نکہ بلدک نہ مالکہ سندہ بلدک بیہ کرن در قیمت رجوع بنرخِ بازار **ترِیم مقصد** چھُہ در خمس یہ چھُہ فرض کرمُت خدا تعالیٰ جل شانہٗ برائے جناب محمد صلی اللہ علیہ وآلہ بیہ ذریت آنجناب بعوضِ زکوۃ اکرام کرنہ باپت تمن از زکوۃ دنیا تِ چھِہ سورُی تہندی مال پس تُیں اکاہ رُتہ تمہ منزہ درہماہ زہ اداکرِہ نہ تِت یا تمہ ختہ کم داخل آسہ تمی منزہ ظلم کرگ اہلبیتن بیہ تہندن غاصبن منز بلکہ تُیں حلال یہ رُٹن انہ سہ آسہ کافر منزہ یِت منز چھِہ **فصل اوّل** چھُہ تمن منزہ خمس چھُہ واجب تمن اندر تم چھِہ ست چیز **اوّل** چھُہ غنیمتاہ زہ انِت تاراج از دار الحرب باذنِ امامٔ یہ بِی اذنِ امام انِن تہٕ سورُی چھِہ مال امامٔ تُیں مالاہ باغین ہِن تاراج باغی چھِہ تمہ زہ برامامِ زمان آسِک خروج کرمُت بیہ مشرکن ہند تِم غدارہ پانس چھِہ تموسیت مُل ہوان بیہ سہ مال زہ تت پٹ آسک صلح کرمُت تہٕ سورُی چھِہ داخل غنیمتس منز **دُیِم** چھِہ کانہ کان چھِہ سہ چیز زہ زمینِ منزہ چھِہ کڈان تت خواہ روان آستن نِفط ہُتہ تہٕ کبریت ہِہ بیہ قیر ہُہ یا بستہ آستن طلاہِہ تہٕ نقرہ ہہ بیہ قلعی ہِش تہٕ ناگ ہُہ تہٕ سیماب ہہ بیہ جواہر ہہ

ماند یاقوت تہ فیروزہ تہ عقیق بیہ یہ کینہ تمن ہہ چھہ بیہ یہ کانو منزہ چھُہ نُون تہ گچ تہ چُونہ گلِ اَرمنی تہ سُرمہ ہی شرطہ زہ قیمت تمُک آسہ دہ دینار طلا ساری خسرج تمہ پٹہ والنہ تیہ ترمی چھہ گنج سُہ چھہ مالاہ زہ در زمین چھکہ دفن کرمُت یا چھکہ در دیوار تھاومت بلکہ در درخت تہ خزانہ تت پٹ صادق آسہت تھاونہ آمُت آسہ ذخیرہ باپتہ تہ خالص محافظتہ باپت نقد آسہتن یا غیرِ نقد خواہ در بلد کفار حربی آسہ ادہ تہ آسہت اثر اسلام آسہتن تت یا متہ آسہتن در زمین موات آسہتن یا آباد وخواہ در بلادِ اسلام آسہتن امّا یت صورژ منز چھُنہ خالی ہی نِشہ زہ یا آو لبنہ در بلادِ اسلام در زمین موات یا در زمین خراب زہ مالک چھُنہ یا تت زمینِ منز زہ مالک چھُس یہ تمہ فرضہ سوا خزانہ لبنہ برونہم سارنی صورژن منز چھہ خمس واجب تمُک لبونس ہیٹ باقی چھُہ لبہ ون سُند مال کیاہ تت مالس اثرِ اسلام آسہتن یا متہ آسہتن امّا یتم صُورت زہ زمین آسہ مالک کانہ لبہ ونس سوا پس ہر گاہ معلوم چھُس زہ یم یت زمینِ مالک آس تمو منزہ اوسنہ یت مالس مالک کانہ خمس تمُک چھُہ از صاحبانِ خمس باقیس پیٹھ سُہ مالِک ہر گاہ معلوم چھُنہ تسُند حال رجوع کرہ تمہ کو مالکو منزہ تس اکس کُن زہ یت زمانس نزدیک اُوس مالک تت زمینِ پس ہر گاہ سُہ ادعای ملکیتِ مال کرہ تس دیہ بتہ منگنہ سوا امارت آسنہ سوا کیاہ دِہ کیت آسہتن مدعی یا اگی ہر گاہ سُہ انکار کرہ تس برونہم مالکس کُن کرہ رجوع ادہ ہر گاہ تم ادعا کُر حکم تسُند تہ چھُہ حکم برونہم سُند تیہ پاٹھ چھہ حکم سارِن منز تیہ پاٹھ چھُہ ہر گاہ حیوانا مُل ہیہ تس اندرہ لبہ مالاہ ہر گاہ مُل ہیہ گاڈ داہ تسندہ شکمہ منزہ لبہ کینژاہ تہ چھُہ لبہ ون سُند بعد خمس فرقاہ چھُنہ یت منز زہ لبہ وُن نابالغ آسہ یا بالغ کافر آسہتن یا مسلمان آزاد آسہتن یا بندہ شرط چھُہ تیہ خمس آسہتن لِی زہ یہ لبنہ آو تہ لبہ ساری خسرج والت دہ دینارِ طلا ذُو ترمی چھُہ سہ مال زہ از دریا چھہ نِغوّ اصی کہاران نصاب تمُک چھُہ اکُ دینار طلا یہ کینہ از روے در یافتَن حکم معدن چھُہ تت پاٹھ چھہ مالاہ زہ ہُر بیانہ آسہ نِنہ تہ نِنہ عیالکہ معاشِ سالیانہ ختہ عاید و منزہ ہنرن ہندِ و بیہ حاصلیو منزہ زراعتن ہندو بیہ نفعو منزہ تجاراتن ہندو بلکہ بیہ باقی کسبن ہندِ و کسب آسہ تی مباحات سمبرن یا مال بڈرادن یا چار پاین رچھن یا بالاقیمت کرن یا بیہ کینہ زہ کسب نادس تل چھُہ کم تیہ سُہ پنان آسہ سکار کرُن ہہ بیہ زرِن تہ زالُن سمبرن تہ سارُن تہ کنُن ہہ بیہ مشکِ کارکرُن ہہ بیہ مزدوری پنن ہہ عباداتن ہندتان بیہ شُرن تعلیم کرن بش بیہ از صحرا گاسہ اَنُن ہہ بیہ ما چھہ تہ شہد کوہی سمبرن ہہ بیہ عاملازی تہ قاصد گری کرن اش

. بیہ بجبالہ کانسہ ہند کار اہ پانس ہٹ رُن ہُہ . بیہ ژُس بساہ ہیو ورای چھہ یُس مالاہ زِ ہرہ کسبی کارہ سِوا مالس واجب چھہ احتیاطاً خمُس تمِک دِن خمس سِتہ آستن اصل مال . بیہ چھُہ واجب احتیاطاً خمس دِن تمہ مالُک زِ ہ مالک سینہ تت ہیہ سیت . بیہ بہدیہ یہ بیہ بجایزہ واتہ سیت . بیہ بوراثت واتہ سیت یا نہ میراثُس خمس آسہ محسوب کرمت بیہ یاد نہ سیت بیہ بوصیت واتہ سیت . بیہ تمہ سِکارکُ زِ ہ مالک سینہ تت بز حمت . بیہ ہیز ہ زیادتی ہند ہرگاہ زیادتی یعنی آسہ پیس خمس چھنہ تت میراثس منز زِ خمس کڈت آسہ . بیہ دِیہ عوض خلع تہ مہر . بیہ درخمس تہ زکوۃ تہ صدقۂ مندوبہ . بیہ یمن ہہ چھُہ اما یہندس مالس منز چھُہ خمُس واجب . تیہ کُنہ بیہ برونہ ونہ آد تیہ پاٹھہ نہ واجب چھہ خمسی مالس منز اکہ لٹہ خمُس دِ نہ تیہ . اما ماس تمکس منز چھُہ خمُس واجب اعتبار چھُنہ ہرہ نس قیمتہ بازارس ہرگاہ مالاہ مُل ہیہ کسب کرنہ باپت تمہ سیت ادہ تھہدس قیمت تہ کنہ غلطی کن یا زیادتی زہاٹاں یا بیہ کُنہ مکہ یُت تان بیہ واتہ قیمت تمِک باصلح دِ لِنہ قرار ہت مُت آسہ تم قیمتین در تمامِ حول . بیہ ہرگاہ عیناہ مُل ہیہ کسب کرنہ باپت تمکہ نماسیت یا تمکو ژہوو سیت یا تہ کرایہ دِ نہ سیت یا بیہ کُنہ کارہ زِ یمن ہہ چھُہ ادہ تھہدوس قیمت تہ گُنن نہ واجب چھُنہ تس ہٹ از اصل مال خمُس کڈن بلکہ واجب چھُہ تس ہٹ خمُس تہ منزہ کڈن زِ ہ حاصل سپنس او ہرگاہ کنس واجب سپنہ خمُس تس ہٹ تمکس قیمتس منز تہ معلوم چھُہ خمس چھُہ واجب تت منز زِ ہ ہرمایہ آسہ برخرچ معاش سالیانہ خود تہ عیالِ خود ابتدا امہ ورہک چھُہ شروع کرہ نکُ وقت در کار تہ کسب یا شروع بزراعت کرُن یا شروع در تجارت کرُن یم عوائد حاصل سپن ہنگہ تہ منگہ کارو سوا تھہ ابتدائے سال چھُہ تم حاصل سپنہ تیہ پس ہرگاہ غرۂ ماہ رمضان مثلاً کانہ کسباہ کرہ نس یا تیجار تاہ کرہ نس یا زراعت کرہ نس شروع کرہ تہ پٹھہ بیہ ماہ رمضانکس غرس تان گو دَرہ یعنی بہ رت آمی ورہک پن خرچ معاش تہ پننہ عیالک خرچ معاش زِ یہ پہ تہ مزیہ پہ تہ حاصلی پہ ساری تمت ہرگاہ کینژاہ ہُرِس واجب چھُس ہرمایاک خمُس دِن تیہ پاٹھہ بوزہ ورہ تہ خمس تمہ مالُک زِ ہ غرۂ ماہ رمضان مثلاً بی کسب کار عاید گژھس عیال شخص چھُہ تمِ لوک زِ ہ تہند نفقہ چھُہ واجب لس . بیہ تم لوک زِ ہ واجب چھُنہ تہند ہ نفقہ صادق آست تم عیال تستند آسُن عرفاً خرج معاش سالیانہ حبہ زانہ رجوع کرت بعرف مختلف آسنہ مکہ یہ خرج ہی ہی آسنہ سہ ورس زمانن تہ مکانن منز بیہ اشخاصن منز بیہ عارضن تہ احوالن منز بیہ یہ کینہ یت ہہ چھُہ فرق آسنہ سوئے آت خرچس منز زِ ہ تت کن چھُہ محتاج در خوراک تہ پوشاک . بیہ بس جایہ منز بیہ یمن ہہ چھُہ بیہ تت خرچس منز زِ ہ تت کن چھُہ محتاج زیارژ کرنہ باپت صدقات دِنہ باپت . بیہ عطایات تہ ہدیہ کرنہ باپت بیہ مہمانی دِنہ باپت بیہ اکرام تہ احسان کرنہ باپت

وزنبد کسبی

وعیال

بیہ تم حق ادا کرنہ باپت زہ لازم چھہ سپنان نذرہ بیت تہ کفارہ بیت. بیہ یہ کینہ یمو سوا چھہ دین تہ ارش جنایت ہہ
یاتہ ہنزہ تلف کرہس عمداً تہ بخطاء بیہ تت خرچس منز زہ محتاج چھہ تت کُن چارو ویاہ یا غلام یا کینہ زاہ آسنہ باپت
یا کینہ بانہ تہ کینہ اسباب یا کینہ فرش تہ کینہ کتابہ آسنہ بابت بلکہ بیہ تت خرچس منز زہ تت کُن چھہ محتاج ینوول کرنہ باپتھ
شُرن بیہ ختنہ کرنہ باپت تمن بیہ بیت کُن محتاج چھہ بیماری منز تہ کاتراہ مرہ نس منز عیالہ منزہ بیہ یم خرچ یمو دراے چھہ ونہکو
تمو اخراجاتو منزہ زہ ممکن چھنہ محصور کرن تم اوشرط چھہ اقتصار کرن یمو منزہ یعنی تتی خرچ کرن زہ عادۃً چھہ لایق تندس
حالس تمہ زنگہ زہ ہرگاہ خرچ تمہ کم کرہ روزنہ تنن ہہن منز خرچ کرنہ امہ زرتت زہ سفیہ تہ مسرف ڈیس بلکہ احوط چھہ
اتوی نہ چھہ خرج معاش کرہ نس منز میانہ روی کرن تہدہ پایہ نہ گرن خرچ معاش تمہ زنگہ زہ اسراف نہ آست آسنہ
لایق حالس تس آسہ نہ نفقہ وسیع کرہ تمہ بابہ **مسئلہ** ہرگاہ غیر مال التجارتہ منزہ ظلماہ گوس یا تر ورنو ہس یا تلف گو ورس
در خرج معاش سپنہ نہ محسوب گومت تے آس سہ نقصان تہندس ہہس منز **مسئلہ** شرط چھہ حساب کرہس دین تہ
مانند دین در معاش سالیانہ تمہ برونہم آسن ادا کرن ممکن نہ آست بیت ورہس تان نا بر احتیاط یا گردن گرہن رکجس
ورہس منز نہ سہ دین تہ مانند دین بگردن گرتہس رکجہ ورہہ تیہ پس تہ او تھنہ برونہمہ ورہ پتہ استطاعت حج تان پس
سہ چھہ خرج معاش منزہ تمی ورہکہ زہ مستطیع سپن تت منز نہ تمہ برونہمہ منزہ پس ہرگاہ مستطیع سپن پانژہ متوسیت مثلاً
زورہت چھس تمہ منزہ برونہمن ورہن ہندن کارن ہندہ ہرمایہ مثلاً واجب چھس خمس تمن ژن تمن منز خرچ چھس معاش
منزہ تمہ ورہکہ زہ مستطیع سپن تت منز ہرگاہ رفیق نہ نس امہ ورہ تہ چھہ خرج حج امہ ورہکہ ہرمایہ منزہ پس ہرگاہ ہرمایہ
ورہ آسہ ماہ رمضان حج سپنس واجب تت منز اما رفیق در اسنہ امہ ورہ بیت تان ورہ تمام گو ماہ شعبان نہ گذرنہ
قافلہ نیرہ نس برونہ پوچھس کرمت یہ خرچس پوس ادہ چھہ واجب خمس تمہ ورہکس ہرمالس منز تہ حاصل تے چھس استطاعت
تمی ورہ بلکہ ہرگاہ رفیق نیرت پانہ نیر نہ بعصیان پس احوط چھہ اقوے نہ چھہ خمس کڈن تمہ ہرمایہ منزہ زہ حج بابت
اوس تیہ کنہ چھہ احوط خمس کڈن تمہ ہرمایک زہ ہرہ خرچ کم کرنہ پانس پتہ عیالس پتہ تنگی کرت خصوصاً یلہ
سہ کم خرچی گنز رنہ بیہ نہ پی زہ پانس پتہ کرن نقصان اما ہرگاہ باسراف خرچ کرہ واجب چھہ خمس تت منز زہ تمہ سپن
اسراف مثلاً ہرگاہ نمت تشوبن خرچ کرن باسراف کرن تت خرج واجب چھس دین منز خمس کڈن ہرگاہ ہرس
یہ ورہکہ گذرانہ باپت تہاومت چھس یہلو منزہ خمس کڈہ تمو منزہ ورہ گرتہ اما یک بناء برحول زیادہ آسنس پتہ

چھہ وُرُن ہِہ تہ وَتھرُن ہُہ بیہ بانہ ہِہ تہ لباس ہہ پس اقوی چھیہ زِہ خمس چھنہ تت منز ادہ کتہ آسہ بندس منز تہ گرس منز او ہرگاہ فرض سپنہ تَت کُن محتاج نہ آسُن درمُونتِ سال پس احوط چھہ اتھ وے نہ چھہ تمہ منزہ خمس کڈُن واللہ العالم **مسئلہ** ہرگاہ زِی تہ مُرغی تہ حاصلی سوا تس نشہ آسہ مالہ بیاک زِہ خمس چھنہ تت منز پس اقوی چھہ خرچ معاش سالیانہ تُلُن زِیِ پٹہ تہ یہ تَت ہہ چھہ نہ تمہ مالہ پٹہ زِہ خمس چُھنہ تت منز یا خمس ہِمک چھہ اداگُمت نہ دُنوی مالو پٹہ باگرِت خرچ تمن یت تیتھی ہہ زِہ وِہِک گذران چھہ اک ہت مثلاً زِی تہ چِہ اک ہت یت مالس منز خمس چُھنہ سُتہ چِہ اک ہت پس خرچ معاش سالیانہ کرنہ پھالوت زِی پٹہ پانژاہ تمہ بیہ مالہ پٹہ پانژاہ احوط تے تی چھہ خصوصاً سُوُرِی خرچ معاش تُلَن تمی بے خمس مالہ پٹہ اُوظاہر چھہ معاش سالیانہ منزہ نہ زانُن یہ آسہ تمہ منزہ گرہ ہہ بیہ بندہ ہہ بیہ یہ کینہ تمہ سوا چھُہ نہ آست تہ زِی پٹہ بلکہ قوی چُھہ تی یعنی خرچ معاش سالیانہ تُلُن ورِیچہ پننہ کمایہ پٹہ یلہ بیاکاہ وِرِس نفقہ دِیہ تس واجب آسنہ کِن یا باحسان پس یلہ بزوجہ شوہر نفقہ دِوان آسہ واجب چھہ تس زنانہ پٹ پننہ زِی منز خمس کڈُن تیَہ پاٹہ چُھہ تس اکُسند حال زِہ بیاک آسہ باحسان وِرِس نفقہ دِوان تیَہ پاٹہ چھہ یعنی تُلنہ زِیِ پٹہ کینہ ورِیچہ یکینہ وُدمُت آسہ ازامو معاش برونہمہ ورہ منزہ تت کینہ زِہ مراد چھہ ہمیشہ آسن تہ گرہ ہُتہ بندہ ہہ بیہ یہ کینہ تمن ہہ چھہ اُو ہرگاہ نہ تلف گرِہت ارادہ کرِہ مل ہت زِی مندس وِرِس منز گندہ لاگت تیح معاشس منز ہرگاہ کِنہ تت نہ نوکرس قیمت تھاوہ نوچہ لاگرہ بت آسی برابر تت آسی کم تہ پُورہ وِس زِیِ پٹہ ہرگاہ ہرِس کینہ تہ رُوزہِ داخل ورا ارباح زِہ واجب چھہ خمس تمن منز تیَہ پاٹہ چھہ حکم تمہ چیزک زِہ ہت مُت آسہ ذخیرہ تھاونہ باپتہ ارادہ کرہ کمن سُہ ہرگاہ منزہ وُنہِ زینن وُول مرِہ زِی حاصل گرِہت ساقط چھس باقی وِہک خرچ معاش خمس بیہ گڈنہ تسندہ کِنہ زِیِ منزہ باقی وِہک خرچ بوزنہ سوا ہرگاہ کانسہ تھوو چیزا یمی گمانہ زِہ امور معاش چھم محتاج گو نہ تت کُن ادہ خمس تمک دِیہ واللہ العالم **مسئلہ** یُس کاسباہ زِہ پرتہ دُہہ زیان چھہ اول سال چھہ پس یتہ کنہ یمہ برونہ ونہ آومُی وقت زِہ گڈہ نی کران بکسب شروع تمی وقتہ پٹہ سارنی دُہن منزہ زِیِ پٹہ وِہک خرچ معاش کرِت یہ ہرس خمس تمک چھس واجب وُن مثلاً خیاط ہرگاہ درخیاطی اول ماہ رمضان شروع کرُن تا آخر ماہ شعبان زینن ترہت تہ شیٹ روپیہ پرت دُہہ اک روپی ات وِرِس گژھ خرچ معاش ترہت واجب چھس شیٹھ پیو منزہ بہ روپیہ خمس دِن بلکہ احوط تہ اقوی چُھہ تی کرن اکسی تجارتس منز تہ یلہ پھر تھر کرِہ سیت تت نہ منزہ

کینژہ پیہ نفع ییہ اکسی وریہس منزہ اول تمک چھہ وراولِ تجارت شروع کرُن یعنی تمو سارو نفعو منزہ تمہ وریک
خرج معاش تُلت کڈہ باقیس خمس بلکہ شاید اقوی ہے تہ احوط چھہ تی کرن کینہ تجارت کرِن منزہ اکسی وریہس منز اول تمک چھہ
یہ دقتہ شروع تجارت کرُن پتہ ساروی تجارتن ہندِ وُتر یو پتہ تمہ وریک خرج معاش کرِت یہ ہرس واجب چھیس تمک خمس دِن
پرت اکِہ نفعہ بابت ٹھراونہ حولاہ جدا زمیندار گڈہ نی یلہ ییرہ زراعت کرنہ آدہ تہ پتہ ہن تن پِیت فصل ودِہ سارنی فصلن
ہنزہ حاصلی پتہ تمہ وریک خرج معاش بوزت یہ ہرس حاصلو منزہ واجب چھیس تمک خمس دن ہیمہ چھنہ زِی منزہ تہ حاصلی منزہ
بوزہ تس یہ خرج گوس تم حاصلِ سپنہ برونہ ہرگاہ حاصل سپنہ مُتر یاہ تہ حاصلیاہ یہ ورہ تجارت یا زراعت کرن تن بلکہ
حاصل سپنن تم دو یہ ورہ پتو منزہ خرج معاش سال اول بوزن تہ ہر یمہ منزہ خمس کڈن بسہ ٹہراوُن دیمہ وریک ابتدا گرِ
دریک انتہا ادہ نمی وریچہ حاصلی منزہ خرج معاش بوزن تہ باقیس خمس کڈنس چھہ زہ وجہ تیم چھنہ خالی از قوت **مسئلہ** خمس
چھہ درعین سارن تمن منز خصوصاً زین تہ مژین تہ حاصلین منز پس یلہ تمو منزہ گنہ پٹ وجوب خمس قرار سیادہ چھنہ
جایز تس کنہ زنگہ تت تصرف کرن بلکہ ہرگاہ تجارت کرہ تہ مالکس عینس ادی سہ مال تلف گژھِس ضامن چھیہ تمکس خمس
ہرگاہ تتہ ہرس کینہہ ہر یمالس منز چھہ تسند زور حصہ یا ژم حصہ چھیہ خمسک آما در ارباح مکاسب حول تمام گژھنہ برونہ پتس توے
چھہ پی زہ جایز چھیہ تلہ تمن منز تصرف کرُن ہرگاہ تلہ تمن تجارت کرہ تہ مُتر یاہ تت منز چھیہ خمسک حصہ تیہ پاٹھہ چھہ
ہرگاہ تلہ خمس ادا کرہ تہ پتہ سپنہ ظاہر زِی تہ مُتری چھہ برابر سالیانہ معاشس یہ بخمس دِتن حساب کرنہ خمس تت
جایز چھیہ تس پھیرت ہن تہ موجود آست بلکہ قوی چھہ پی زہ ضامن چھہ مستحق تہ تلف گومت آسِت ہرگاہ زنانان
آسِنہ دِتم مالکن تمک حول تمام گژھنہ برونہ **ششم** چھہ زمین کافر ذمی زہ مسلمانس نشہ آسِ ملیہ ژ زہ اصل زمین منز کڈہ زنان
خمس یا تمچہ حاصلی منزہ پرت ورہ **ہفتم** چھہ مال حلال زہ آمیز آسہ با حرام زہ مالک تمک چھنہ معلوم تہ اگ اکس وقتہ
زانز کنیم زہ مال جدا کرت مقدار کنہ اکاک آسِنہ مالکس تمکس معلوم ہرگاہ مالکس زانہ تہ مصالحہ کرہ تس سیت ہرگاہ مقدار مال
حرام زانتہ صدقہ کرہ تت ہرگاہ زانہ خمسہ ختہ چھیہ مال حرام زیادہ خمس دیہ زیادہ تی دیہ صدقہ نیتہ ظنکہ حسابہ لضا باہ چھہ در
غنایم دار الحرب بیہ نہ تت مالس زہ آمیز آسہ بحرام بیہ در زمین ذمی بیہ در ارباح تجارات کمس ہیندس منزہ چھہ خمس واجب
زیادس منزہ پیس اکاہ گنج لبہ یا معدن لبہ یا از غواصی کینژاہ حاصل کرہ خمس چھہ واجب نابالغ آستن یا بالغ کافر آستن
یا مسلمان کنہ اکس چھنہ تمو منزہ حول شرط بلکہ یہ وِز حاصل سپنہ خمس چھہ واجب مگر ارباح تجارات تہ صناعات تہ زراعات

جایز چھ خمسُن تمکِس تاخیر کرن تا آخر سال احتیاطاً بہتر چھ اول سال کڈُن سُہ **دویم فصل چھ مستحقان خمسن**
**باگرنچہ کیفیہ منز** خمسُس گژھن شہ حصہ کرن نصف تمک زِ چھ سہم خدا تعالیٰ بیہ سہم رسول خدا صلی اللہ علیہ وآلہ وسلم بیہ
سہم ذوی القربیٰ یعنی خویش رسول یم ساری چھ مال امام باقی ترٛے سہم چھ یتیمن ہندٕ تہ مسکینن ہندٕ تہ ابناء سبیل بنی ہاشمو
منزٕ تم چھ تم زِ منسوب چھ عبد المطلب مال ہندکن نہ ماجہ ہندکن تنہا تیٖہ کنہ گفتہ سید مرتضیٰ چھ زِ تم چھ درین اولاد
ابیطالب بیہ عباس تہ حرث بیہ ابی لہب مراد یتیم چھ نابالغ زِ مول آسنہ شرط چھ سُہ فقیر آسُن مراد بیہ مسکین چھ
سُہ اکاہ زِ مالک معاش سالیانہ آسنہ کُنہ ہنزہ تہ زانہ تہ پیدہ گرِت یتھُن یمہ برونہ بیان ابن سبیل چھ مسافر یُس محتاج
آسہ سفرس منز با بسیار تےٚ آسہ نہ تِس شہرس منز یمن منز چھ ایمان شرط نہ عدالت نزد اکثر فقہاء امام علیہ السلام ظاہر
آسنکہ زمانہ خمس سورُی کرن تسلیم تس یُت بقدر کفایت تمن دِ تاناوہ تت منز یُہ کم گژھ تس پورہ وہ ہرگاہ ہُریس تہ
چھ تسندُی امام غایب آسنکہ زمانہ نصف خمُس دِ یہ مالک یمن ترن طایفن یا یہ باگرت مخصوص کرِ نہ اکسی طایفس بناء بر احوط
اقویٰ چھ زِ جایز چھ اکسی دُن یا اکِ نصف زِ مال امام چھ یمنی ترن طایفن دِ یہ باگرِت یہ وزہ محتاج آسن تہ جاہ زِ واجب
چھ برامام تہند خرج سال پورہ وُن ظاہر آسنکس زمانس منز واجب چھ حصہ امام صرف کرُن تمن منز باذن فقیہ عادلِ امامی یُس جامع
شرایطِ فتویٰ آسہ باگرت دِ یہ تمن طایفن تہ احتیاجکہ حسابہ ہرگاہ ہُرہ کینہ تہ نیہ بیس شہرس تفضیل دِ یہ فاطمی ساداتن بنی
ادہ بین طالبین اکہ دریکہ خرج معاش ختہ زیادہ دیکنہ جایز چھ بلیہ قرضاہ آسہ بر مستحق زندس یا مُردس تہ خمسہ منز حساب
کرن جایز چھ خمس نُن از بلد مال مستحق آسِت تہ بیس بلدس اما ہرگاہ تہ تلف گژھ بنیس شہرس مستحق آسِت ضامن سپنہ
ہرگاہ در بلد مال مستحق آسنہ خمس بیس شہرس نوان تہ تلف گژھنہ چھنہ ضامن **ترییم فصل چھ در انفال** تہ چھ
تی زِ مخصوص چھ با امام نت چھ کینہ قسم **قسم اول** چھ زِ بیناہ زِ مودمت آسن تمک لوک ساری یا آسن تہ زلمت
سُہ آسِک تراو **قسم دوییم** چھ زِ بیناہ زِ لوکو ینیو آسِہ مسلمانن بشیر مٕے جنگ تہ قتال تمہ قبیلہ چھ بحرین **ترییم** چھ زمیناہ زِ
زاہ چھنہ آباد گیشہ تہ مالکاہ چھنہ اُدسمُت تت بیہ کُہن ہندسر تہ دریا تہ رودخانہ بیہ نیستان بیہ کینہ تمن منز از معادن
غیر جادن آسِہ **ژورم** چھ نفیس چیز تہ بہتر چیزہاے پادشاہان کفار تم چیز زِ غصب آسن نہ رُٹمت تموا از مسلمانان تہ دی
**پانژم** چھ یہ زارت تِلہ امام دار الحرب کیہ غنیمتہ منزہ **شییم** چھ غنیمتاہ زِ قتال کرت بی اذن امام بدست کرن مسلم
چھ میراث لاوارث مسلمان تہ کافر ذمی امام علیہ السلام ظاہر آسنکہ زمانہ چھ بہ حرام تصرف کرن تسندِ حقوقن منز تندہ

اِذنہ سِوا ہرگاہ کانژاہ تسندہ اِذنہ سِوا تصرف کرِہ تہ غاصب چُھہ نماوتہ حاصلی چھیہ مال امام علیہ السّلام امام علیہ السّلام
غایب آسنکہ زمانہ چھیہ حلال شیعین مناکح یعنی تمہ کنیزہ زہ بے اذن امام آسن اسیرانہ آمژہ بیہ سکونت کرہ نچہ جایہ زہ مخصوص
امام آسہ سنہ بین ہِش زہ اوّل اقسام انفال ہین بیان یا سہ جاسکونت زہِ ہنیم چھپہ ازباج تجارت تہ صناعات زہِ خمس اوس
تمن منز خمس کڈنہ برونہ بیہ متاجر یعنے تم چیز زہ حق امام چھہ تت منز ملِہ ہیہ شیعہ تمن ترس اکس ہنشہ زہ کافر چھیہ یا کافرس ہِہ
تمو منزہ زہِ خمسک اعتقاد چھکنہ حقوقِ امام تہ سادات بوزان چھنہ در زمانِ غیبت یم تر چیز شیعین مباح آمنس پٹ
چھک اجماع کرمت ینژو چھیہ وہپت شیعین چھیہ مباح تصرف در جمیع انفال زمین غیر معمور نیستان ہِہ بیہ بیتہ آسہ از
معدن تہ درخت تہ گیاہ اما میراث لاوارث چھنہ مباح مگر از برائے فقرای شہر زہِ مالک آسہ تت مودمت بناء براحوط
بہتر چھیہ دِن تہ بفقیہ جامع الشرائط خاتمہ این کتاب چھہ باقی صدقاتن منز تت منز چھیہ زہ فصل **فصل اوّل** واجب چھیہ
تصدق کرن یعنی در راہِ خدا مالاہ دِن تمہ سوازہِ وننہ آو مگر یلیہ کانسہ پٹ واجب پینہ نذر یا عہد یا یمین یا کفارہ سیت
حکم ین ہند سپنہ بمیہ تیہ بیان اما سنّت چھہ تصدق کرن یوت طاقت چُھس ییژ گنجایش چھس یا لداری منز ہرگاہ آسہ بالغ
بیہ عاقل بیہ جایز التصرف در مال بیہ بشرطِ نیت بیہ ایجاب تہ قبولِ فعلی تے تہ آسہ بیہ قبض باذن مالک کرن زہ شرط چھنہ
تصدق زنہ وَنس سُہ فقیر آسن جایز چھنہ ادہ صدقہ بصیرت زُن افضل چھہ تت منز مخفی دِن مگر یلیہ متہم آسہ زہ تارکِ تصدق
چُھہ یا آسس ارادہ لوک متابعت کرن پتس اما در تصدق واجب پس افضل چھیہ ژھایہ نہ تھاون سُہ سنّت چھہ چیز منگنہ بروٗنہ
عطا کرن بیہ چیز دِنہ وِزہ فقیرس نشہ ژھایہ روزن کُنہ حجابس پتٕھ یا تاریکی منز سُنّت چھہ سناہ تصدق کرن در
در وقت حاجت بیہ در ماہ رمضان بیہ ہنین خویشن پٹ خصوصاً یتیمن تہندن بیہ ز بنی ہاشم خصوصاً یم علوی آسن بیہ چھیہ
سنّت تصدق کرن در اوّلِ روز بیہ اوّلِ شب بیہ در روزِ جمعہ در ماہ رمضان بیہ ینہ اتھہ دِن خصوصاً بیمارہ سندہ بابت
بیہ امر کران بیمار تہ غیر بیمار فقیرس پی زہِ دعا کرِہ تسندہ بابت بیہ چھیہ سنّت سُی چیز بدل کرن زہِ تو نہ آسس بیہ جنتیار کرن
تصدق کرنہ بابت یہ مالن برگزیدہ آسہ بیہ یاری کرن تصدق بفقیر واتنس بیہ چھیہ سنّت دِدہ وُن بوسہ دِن پننس
اتھس تصدق کرنہ تیہ بیہ بوسہ دِن تت چیزس زہِ بصدقہ دیہ ادہ دیہ تہ فقیرس مکروہ چھیہ احتیاج تہ فقر اظہار کرن بیہ
چھیہ مکروہ منگن بتاکید چھیہ تہ آمت محلس منز مکروہ چھیہ رد کرن سایل جایز چھیہ تصدق بذمّی دِن بلکہ راجح چھیہ تہ خصوصاً
ہرگاہ خویش آسہ حکم غیر شیعہ تہ چھیہ تیہ یاتہ از باقی اہل اسلام جایز چھنہ بنی ہاشم زکوۃ زُن مگر در حال ضرورت مگر یلیہ

زکوٰة از بنی ہاشم آسہ حرام چھنہ تمن ہٹ صدقاتِ واجبہ زکوٰژ سوا از منذورات تہ کفارات بیہ یتین ہہ چھ احوطی
چھہ نہ رٹن تم بلکہ نہ دِن اقوٰے تی یی چھہ زِہ جایز چھہ تہ اما صدقۂ مندوبہ جایز چھہ سہ رٹن تہ دِن بی اشکال

**فصل چھہ در صدقات تہ عطاہائے مستحبہ یم در معراج السّعادة چھہ منقول ہا خبار بیان تے سپن یمہ برونہ تم باجمال تم چھہ کینہ**

**نوع اوّل** چھہ صدقات مستحبہ ثواب صدقۂ مستحب دِنک چھہ بسیار بیہ چھہ فایدہ تت بیشمار از جناب ستطاب
نبوی چھہ منقول زِہ خدایا چھہ زِہ تس سوا چھنہ خدایاہ دفع چھہ کران صدقہ سیت بیماری تہ مصیبت بیہ غرق سپنن تہ
خانہ برسرو ستین بیہ دیوانگی تم یگانہٗ آفاتن یتہٗ کنہ گنزرِن ستت نوع شرن ہند زہ تمن چھہ خدا تعالیٰ برکتِ
صدقہ دفع کران تس حضرتس نشہِ چھہ منقول زہ پرت کانہ آسہ در روزِ قیامت پننہِ صدقکس سایس تل یتنان لوکھ
از حساب فارغ گژھن بیہ فرمووُن زِہ زمین قیامت چھہ نار مگر سایۂ مومن زِہ صدقہ پنن تراوہ سایہ تس یتہ چھہ تمن جنابس نشہ
منقول زِہ ہرگاہ سایلاہ کانسہ مردہ سنزہِ صورژ رات کِت سوال کرِہ ردمہ کرن سہ یہ تخصیص چھہ پاوی زہ احتمال چھہ
ملکاہ آسِہ کانسہ مردہ سنزہ صورژ سوال رات کِت کران باپت امتحان منقول چھہ زِہ وحی سپن موسیٰ نس یا موسیٰ سایس
کراکرام ذِہ سیت چیزاہ کم یا کتاہ کرنہ جان بدستیکہ زِہ نشہ یوان چھہ کانژاہ زِہ نہ چھہ انسان نہ چھہ جن بلکہ از جملۂ ملائکہ
چھہ امتحان کران چھی تژہ تت نعمتہ منزہ عطا کرتھ چھیم تژِہ تہ سوال کران چھی تژہ پس وچھہ زِہ کِت رفتار کرک تژہ اوے
کُرتغیب پیغمبرِ خدان رد نہ کرنس ہٹ سایل سوار تے آسہ گرس اکس از حضرت امام محمد باقرؑ چھہ منقول زِہ خوبی تہ صدقہ
چھہ برطرف کران فقیری ہرادان چھہ در عمر دفع کران چھہ ستٔس صاحبس نشہِ ستت قسمہ بدحالہ مرن از حضرت امام جعفرِ صادق
علیہ السّلام چھہ منقول زِہ دوا کرو پنن بیمارن صدقہ سیت دفع کرون بلاد عاء سیت طلب کرو روزی صدقہ سیت بدستیکہ
صدقہ چھہ نیران ہنگنہ منزہ ستن تن شیطانن یعنی یلہ کانہ صدقہ دِنک قصد کرہ ست ہتہ شیطانہ چھہ تس وسوسہ کران کانہ
چیزاہ چھنہ برشیطان تژ گران تمہ ختہ زِہ صدقاہ دِنہ بیہ مومنس اکس یہ صدقہ چھہ گژھہ بدست خداوا تان تمہ برونہ زِہ
بدست فقیر واتہ یتہ چھہ تس جنابس نشہ منقول زہ مستحب چھہ بیمارہ سندہ باپت زِہ کینژاہ دِیہ بسایل امر کرہ تس سایلس زِہ
تسندِہ باپت کرہ دعایس اکاہ صدقہ دیہ صبحس خدا کرہ تس نشہ دفع تمہ دُہچ نحوست بیس حدیثس منز چھہ تس سِروس نشہ مروے
زِہ یس اکاہ در اوّلِ روز صدقہ دیہ خدا کرہ تس نشہ دفع یُس شراہ تمہ دُہہ وسِہ از آسمان یُس اکاہ در اوّل شب صدقہ دیہ خدا
کرہ تس نشہِ دفع یُس شراہ تمہ ساتہ وسِہ از آسمان تس نشہ تلہ یہ حضرت یلہ نماز خفتن کرہی تہ پہراہ رات منزہ گژھی ہمسایس

بدوش اناناه زِ تت منز اُوس آسان گوشت ته ژچه بیه درہم بدر خانهٔ فقیران مدینه آس نِوان تِمَن آس ہاگرت دِوان
کانژاه اُوسنه تس حضرتس پَزه ناوان یُت تان از دنیاگو فقیر ویلیه وچهه زِ سه تقسیم گو موقوف زونگ اُده حضرت امام جعفرِ
صادق اُوس تس حضرتس کرُک سوال زِ ہ سایل چُھہ اَسه سوال کران ته زانون نه سه حضرتن فرمود زِ عطا کریس اکَسندِه
دلس حاپِن اثر گژه بیه چانس دلس رحم یِیه شخص اک کرُتس حضرتس سوال زِ شخصاه چھه چیزاه بیس اَتھه دِوان زِ فقیرن دِیه
فرمووک تس واتنا دن والس تِه چُھہ ثواب عطا کرن والَسند ہه کم گژهنه تسنده اجره منزه کینژاه ہرگاه معروف نه نیکی پھیره
شتن اتهن ثواب دِنه ین سارنی تِمن کم گژهنه سوا مالکه سَندِه اجره منزه کینژاه صدقه یا آب کره نکس ثوابس منز چھه اخبار ستاه آمت
در حدیث چُھہ گڈه یت عملِه در آخرت ثواب یِن تصدق یا آب چُھہ از حضرت امام محمد باقر علیه السلام چھه مروی زِ حق تعالی
چُھہ دوست تھاوان سیراب کرن تشنه جگریس اکاه سیراب کره جگر تشنه چاروای سَند یا بیه کانسه ہند سایه کره تس خدا در
سایهٔ عرشِ خود یِیه دِہه سایاه آسنه مگر سایه تمِیُک بیه چُھہ از حضرت امام جعفر صادقؑ منقول زِ ہ ہرگاه آب دِیه کانسه
یته آب آسه تس اکِس ہه چُھہ زِ بنداه کرن آزادیُس اکاه آب دِیه کانسه یته آب آسِنه تس اکِس ہه چُھہ زِ بنداه
کرُن آزادیُس اکاه آب دِیه کانسه یته آب آسَنه تس اکِس ہه چُھہ زِ نفساه کرن زنده یم اک زُن زنده کرُتس اکِس ہه
چھه زِ ساری خلق آسِنس زنده کرمت زان زِ ہ پرژھُک از حضرت پیغمبر زِ کونه صدقه چھه افضل فرمووک یُہی زِ دِک ازا
دِزه ته زنده گانی ہنز امید آسی بیه کھوژک محتاج گژهنس تراوکنه صدقه دِن یت تانِ وواتی ہش پٹ دیک خلانس
یُت فلانس یوت مخفی سه روزِن خلافاه چھنه یت منز زِ پنهان یا ٹہ صدقه دِن چھه فضل ته ثواب تمک چھه اکمل اما
اختلاف چُھہ یت منز زِ آیا برائے فقیر چھاه بهتر زِ ژهایه رٹه لوکن کرنه اظهار کرنه نه افضل چُھہ یی زِ نُن کرِ علانیه
کینژ و چُھہ دِمت پنهان چھه افضل طایفاه چھه یت پٹ گومُت زِ نز چھه اوّلے حق چُھہ یی زِ کانه اکاه چُھنه ہمیو
دُیو قولو منز صحیح بلکه تِه چُھہ بقصد ته نیت مختلف سپنان یس طالب سعادتس گژه پننِن احوالن ملاحظه کرن زِ یس امراه
قصد قربس نِش نزدیک آسه بیه آسه یا نِشه ته سارِ واقاتو نِشه دُور تت کره اختیار مثلاً ہرگاه طبیعت تسند مایل آسه ته
مخفی روزه نس کن اَدی زِ ہیم آسِ از نظر مردم پن یا لمی ہمیه زِ بیا کهی اکاه تت پٹ چینه تاده مه کینه دینه اَدی زِ
صدقه رٹن یا ژهایه رٹنس منز آسِه ژہی بیه کانه آشناه نز کره رٹنس منز ہرگاه غرض آسِ اغنیا رغبت کرن کینژاه دنس منز
تس یل آسِ تِمی اظهار کرن تِه اظهار کرنه پانس اَنه برو یتهٔ یا ٹہ ہرگاه زانه زِ یم دِنم خوش چھه تس نُن کرن شکر گذاری

ثواب آب دادن

تسنز ترِ مدح تس کرن مطلقاً کرنہ اظہار پانس اَنہٕ برویت نہ عطا کرہ وُنس اعانت کرہٕ صفتِ بدس پٹ مختصر گژھ مراٰب
دل خود آسن بیت وقایق تہ نحتہ کرہ ملاحظہ تحیاہ زہٕ اعمال اعضاء تہ جوارح ملاحظہ نہٕ کرِت یم نحتہ چھہ سپنان باعث خندہٕ
شیطان تہ تسنزہٕ شماتتک باعث یم وقایق زانن چھہ علماہ زہٕ آمت چھہ تمک اک مسئلہ زانُن چھہ بہتر اکس ورس عبادت کرنہ
خُتہ تحیاہ زہٕ امہٕ علمہ سیتِ چھہ عبادت ہمہٕ عمر زندہ سپنان جاہل آسنہ سیت تت چھہ عبادت ہمہٕ عمر مران ( ہدیہ ) چھہ ہدیہ
ہدیہ چھہ سی چیز زہٕ شخص کرِہ مومن بالسندہ بابت عطا یا لدہ تس اظہار محبت تہ دوستی محکم کرنہ باپت سُہ بوی فقیر آستن یا غنی
یہ چھہ امر اہ مستحسن تہ مطلوب درشرع چھہ پسندیدہ تہ مندوب فرمو حضرت پیغمبرن دوستی کرد یا نوان تہ ہدیہ لدِو اکس زہ
تہ چھہ کینہ برطرف کران ازحضرت امیر المومنین چھہ منقول زہ بہ لدہ ہدیہ مسلمان بابس پڑ توٗ بہ چھم زہِ تت کرہ تصدق فرمو
حضرت صادقن زہٕ اکرامہ منزہ آدمی سندہِ بابس ینیس چھہ پی زہ تحفہ تسند کرہٕ قبول یہ آسِس تسندہِ باپت لدہ تحفہ تکلف
کرنہ تو ( میہمانی ) چھہ مہمانی کرن تمہٕ باپت چھہ ثواب خریق تہ اجرجمیل در شریعت مقدسہ چھہ آمتہ ازحضرت پیغمبر چھہ منقول زہ ییس اکاہ
مہمانی کرنہ کانہ خیر چھنہ تس منز بیہ فرمودن یلہ پژکنہ قومس پٹ واتہ روزی چھہ تس سیت آسمانہ وسان یلہ کینہ کھیہ خدا بخشہ
تمہ قومک گناہ تیہ فرمودن ہ کانہ مہماناہ چھنہ اژان کُنہ قومس پٹ مگر روزی تسند چھہ کھنہ منزہ تسنزہٕ تیہ چھہ جابس نشہ
مروی زہ یلہ خدا اکِنہ قومک ارادہ خیر کرہ ہدیہ لدان چھہ تہندہ باپت عرض کُرہک کیا یہ ہدیہ فرمودن مہمان چھہ یوان پنن
روزی ہِت گناہان اہل خانہ چھہ تُلت گژھان فرمودن ہیت گرس مہمان اژنہ ملایک تہ چھنہ تت اژان ازحضرت امیر المومنین
علیہ السلام چھہ زہ کانہ مومناہ چھنہ زہِ صدائے پای مہمان یوزہ تہ خوشحال سپنہ تمہِ نگرِی زہ خدا چھہ ساری گناہ بخشان تس
پُرتیِ کُرمت آسِس میان زمین تہ آسمان دُہہ اکہ ودتم جابن سبب ودہ تُک پرژہک فرمودن ہت دہ گی زہ مہمان ودتنہ
مِہ کھوژان چھس زہ مرتبہ مون آسہٕ خدا ایس نشہ سیت گومُت ابراہیم خلیل الرحمن یلہ تژہان اُوس زہ کینہ کھیہ ہِی اکس ملیس یا
دُن ملین اوس تہ پچھان کانژاہ لبن تہ تس سیت کھمہ غذا تس آس ابو الضیفان دپان یم ساری اخبار زہٕ فضل و ثوابس منز طعام
دیکس تہ آب دِیکس چھہ وامتت دلالت چھہ کران مہمانی پٹ تم اخبار چھہ حدہ گذرت وارد سپنمت چھہ زہِ ییس اکاہ پنس برادٕ
مومنس کھاوہ بُت تان سیر کرہِ تس آب دیہ تس یت تان سیراب کرہٕ تس دُور کرِہ تس خدا از نار ست خندق پرت دُن
خندقن منز آسہ پانژن ہتن ورہن ہُنت بیس وایژ منز چھہ آمُت ییس اکاہ کھاوہ مومنس اکس یت تان سیر کرِہ تس کانہ اکاہ
ازمخلوقات خدا ازانتہ تمک ثوابچ قدر نہ ملکاہ مقرب نہ نبیاہ مرسل مگر خداوند عزوجل مخفی سہ روزن مہمانی زہِ ییت ثواب

ازجملہ صدقات چھ ہدیہ

مہمانی

مہمانی مومن

مہمانی مومن

چھہ تمہِ باپت آمت سُہ مہمانی چھنہ زِ رسم چھہ یہِ مانہ کرن لوکن منز زِہ بقصد ریا تہ افتخار تہ خود نمائی چھہ جماعتاہ از اہل دنیا
سُمبران ہرزہ گوئی تہ غیبت مسلمین چھہ کران زنگار نگ اسراف چھہ کران بلکہ سہ مہمانی چھہ زِ مقصود آسہِ تمہ نشہ تقرب
بخدا بیہ اقتدا بسُنت رسول خدا بیہ دلجوئی کرن باین بیہ شاد کرن دل مؤمن قصد فخر تہ خود نمائی آسنہ سنراوار چھہ
تی زِ فقیرن تہ نکین کرہِ مہمان ثواب تہ فضیلت تے چھہ اغنیاۂ تہ مطلق مردم مہمان کرہ لس مستحب چھہ لتس زہ مہمانی کرہِ
خویشن تہ ہمسایَن کرِنہ فراموش بیہ پسند زا ازِ پڑ لازِہ گژھن چھہ شاق تس ٹپ تکلیف کرسنہ بیہ کرہ زُود غذا حاضر در حدیث
چھہ زہ جلدی چھہ پرت کارس منز از شیطان مگر پاژن چیزن منز زِہ جلدی چھہ تمن منز طریقہ پیغمبر خدا طعام انن برائے
مہمان بیہ تلن میت بیہ پشوہر درِن ماکرہ کور بیہ ادا کرن قرض بیہ توبہ کرن از گناہ تیہ چھہ سنت زِہ طعام حاضر کرن سیر
سپنہ لس یوت نہ تمہ کم زِہ موجب نقص آبرو چھہ نہ تمہ زر زِہ تضیع مال سپنہ بیہ اسراف پز ہس سیت کرہ بکشادہ روئی تہ خوش گفتار
یتمان زِہ گژھنہ وزہ کرس شایعت گرہ کس یس تان بیہ ہیہ نہ مہمانس خدمت مہمانہ سندہ باپت تہ چھہ کینہ آداب از انجملہ چھہ
یِ زِہ دعوتِ مہمانی برادر مؤمن بھاوہ قبول فرق تھاونہ درمیان فقیر تہ غنی بلکہ فقیرس وبیہ وعدہ پز جلد بعد مسافت سپنہ
وعدہ دِنس مانع مگر یلیہ زہ سٹاہ دُور آسہِ فرمو حضرت پیغمبرن نپنہ امتس منز س حاضرس تہ غایبس چھس وصیت کران زِہ قبول
کرن دعوت مسلمان پانژ میل تیِ وت آسہ ہرگاہ روزہ سُنتی آسنس عذر تھاونہ تت بلکہ ہرگاہ چھہ زِہ سُہ سپنہ کینہ کہنہ
خوشحال افطار کرہ ثواب تمہ افطارک آسہ روزِ وختہ ژر از حضرت امام جعفر صادقؑ چھہ مروی زِہ یُس اکاہ روزہ دار آسہ
تہ برادر دینی واتہ وِپنہ روزہ چھم خدا الکھہ تسندہ باپت ثواب روزہ یکسال اما گژھنہ تس غرض پڑ لازِہ گژھہ تنگ شکم پرتھی آسن
بلکہ غرض تسند آسہ اکرام کرن بہ برادر مؤمن خود تہ متابعت سُنت پیغمبر ہرگاہ زانہ زِہ مہمانی کرہ ون چھہ فاسقو منز تہ ظالمو
منز یا غرض چھہ لتس ضیافت دِنس منز مباہات تہ خود نمائی سنراوار چھہ یِ زِہ وعدہ وِتسنہ تیہ یاہ ہرگاہ طعام میزبان
یا گرہ تسندہ حرام آسہ یا شبہ آسہ زِہ تہ بیہ گناہ گرنہ تیھی بہ زِہ بانہ آسہ طلا و نقرہ یا آسہ غنا یا ساز یا آسہ میزبان اسراف
کرت یا سپنہ تہ لہو و لعب یا ہرزہ گوئی یا غیبت مسلمان بین ہانی صورژن منز چھہ اولیٰ وعدہ نہ دِن تمہن صورژن منز
چھہ مکن حرام از حضرت صادقؑ چھہ منقول زِہ سنراوار مؤمن چھنہ تت مجلسہ بہن زِہ تت منز سپنہ معصیت خدا تہ ہکنہ منع کرت
یُس اکاہ لاچار آسہِ کانسہ ظالمہ سندس سفرس حاضر سپنہ لس یت تان بس کم کینہ کھیہ میل کرہ نہ بغذا ہائے خوب از جملہ آداب
مہمان چھہ یِ زِہ یلہ میزبانہ سند گرہ اژہ میل کرہ نہ ہیرکن ہنس بلکہ تیہ نس بہہ تتہِ ہرگاہ خاندار جایاہ لتس ہاوہ بہہ تتی

آداب مہمانی

آداب مہمانی

حق معلوم و حق حصاد و جداد

سٕتھاہ وچھنہ تت جایہ کرنۍ طعام ان تہ گڈٕ انہِ تحیت بجا تمن یت زہ بہت چھہ تہ زیر گژھنہ میزبانہ سندہِ گرٕ تمن تھاوٕنہ
پرارہ وُن بلکہ گژھ تس منز ژُت کرٕ تعجیل امانہ توت زٕ تھندس کارس سپنہ خلل تمہ وقت کارتہ تیاری ووزہ اژنہ تمن پٹ دود
چُھہ حق معلوم تہ حق حصاد تہ حق جداد حق معلوم گو یہ کینہ آدمی پانس پٹ قرار دیہ زہ پرت دُہہ یا پرت ہفتہ یا پرت رتہ یا پرت
ورہ دِمہ نیپہ مالہ منزہ واجبی صدقاتو سوا فقیرن یا صلۂ رحم انہِ بجا حق حصاد جداد گو یُس چُھ گیاہ ابرہ منزہ یا لُوواہ یا تھپاہ
زراعتہ منزہ یا مُٹھاہ کنِکہ منزہ یا میوہ منزہ یا بیو محصولاتو منزہ زہ آدمی دِیہ لوُنہ منزہ محصولاتن خوشہ چینن تہ تمن فقیرن زہِ
حاضر گژھن تت ثواب منز ریٹ اکہ کن یو منزہ چُھہ اخبار سٹھاہ آمت از حضرت صادقؑ چھہ منقول زہ خدا تعالیٰ ان کُر مقرر
در اموال اغنیا کینہ حق زکاتہ سوا یتہ پانہٕ در قرآن چھہ زہ وَفِیٓ اَمۡوَالِهِمۡ حَقٌّ مَّعۡلُومٌ سوای کوہ چھہ تہ چھہ سی چیز زہ
آدمی دیہ قرار پانس پٹ در مال خود لازم چھہ تس پٹ زہ بقدر وسع تہ طاقت دیہ برقرار یہ کینہ پانس پٹ قرار دیہ تہ ہر گاہ
خوش گژھس پرت دُہہ ہر گاہ خوش گژھس پرت جمعہ ہر گاہ خوش گژھس پرت رتہ مداومت پزہ کرن یتھ پٹ اخبار چھہ
مضمونہ بسیار یتہ چھہ از آنحضرت منقول زہ در زراعت چھہ زہ حق اکھ یُہی زہ ہر گاہ دِکنہ مؤاخذہ سپنی تمہ بابت دوشیہ
یُہی زہ سہ دِلس منز چھی ثواب اما یس حق زہ مواخذہ سپنی تت پٹ زکوٰۃ چھہ اما یس حق زہ سہ دِلس منز چھہ ثواب سی
چُھہ زہ خدا تعالیٰ چھہ فرماوان وَاٰتُوۡا حَقَّهٗ يَوۡمَ حَصَادِهٖ حق زراعت واتناوِ لونہ نیکہ دُہہ حقدارن تمکن یعنے
یہ دِک دستہ دِک یُت تان لُونہٕ نیشہ فارغ گژھک حدیث اکس منز فرمودن زہ خلاصہ تمک چھہ یی زہ رات کت
مہ ژٹو میوہ تہ مہ لُنو تہ مہ وَدِ وُبول یہ مہ دِیوک دُونھہ ہر گاہ تہ گرِ فقرا روزن بے نصیب پانژم چھہ قرض دِین تہ

پنژم قرض دِین و فضیلت صدقات

از ثمرات سخاوت فضل تہ ثواب تمک چھہ بے نہایت فرماوان چھہ حضرت امام محمد باقرؑ یس اکاہ قرض دِیہ کانسہ مردس
تتہ زمانس تان زہ قدرت آسس ادا کرہ تس تہ مال تسند چھہ زکاتس منز پانہ سہ ملائکہ ہت چھہ درنہ زُیت تان تتھ پیرتۍ
از حضرت صادق علیہ السلام چھہ منقول زہ بر در بہشت چھہ لکھت زہ ثواب صدقہ چھہ دُہن برابر ثواب قرض چھہ ارداہن
بیس حدیثس اندر چھہ از آنسرور منقول زہ یس مُوسٹھاہ کانسہ مومنس قرض دِیہ از برائے خدا پرت آتہ چھس ثواب صدقہ
یُت تان مال تس واتہ سہ ہر یک چھہ یی زہ پرت آنس منز زانہ تس مطالبہ کرت دُیلنہ مطالبہ کرہ ثواب صدقہ چھس
مخفی مہ روزن زہ یُس ستہ رضا زہ ثواب چھہ تت پٹ آمت قرض الحسنہ چھہ زہ از برائے خدا آسہ اما
یُس قرض زہ تمہ بابت چھہ آمت زہ نفع دنیوی واتہ مالہ والس غرض تسند چھہ یہ نفع تلن ثواب چھنہ تت

ستیم چھہ مہلت دِن پریشان تہ نادار قرضدارس یا بجل کرُن قرض تس یتہ عمل تہ چھہ فضیلت شاہ بلکہ از جملۂ واجبات
چھہ حضرتِ صادقؑ چھہ فرماوان یُس اکاہ ارادہ ییہ زہ خدا تراوُن تس پٹھ سایہ تت یُس منز تسندہ سایہ سوا آسہ سایاہ
مہلت دین نادارس کانہہ یا گذرِن تسندہ باپت پننہ حقہ نشہ فرمووُ پیغمبرن دُہہ اکہ کونہ چھہ زہ یژہ خدایتعالی تہاو
تس از شعلۂ جہنم پنُنِس سایس منز فرموُک ییہ پاسہ مرتبہ پرت مرتبہ کرُہس عرض یا رسول اللہ کونہ چھہ فرمُوُن یس چھہ
زہ مہلت دیہ پننِس قرضدارس یا گذرہ پننہ حقہ نشہ بییہ فرموُن دُہہ اکہ کھت حضرت رسولؐ پر منبر تہ حمد وثنای
الٰہی اَنُن بجا پیغمبرن پٹھ سوزُن درُود دادہ فرموُک ایہا الناس حاضر تھند وآنادُن غایبن تھندِن یُس اکاہ مہلت
دِیہ پریشان تہ نادار قرضدارس تسندِہ باپت چھُہ در نزدِ خدا پرت دُہہ ثواب صدقۂ تنگ تت مال یُت تان تس نشہ
رٹہ در بخصوص چھہ اخبار شاہ یس یا اہل ایمان چھہ لازم بلہ کینژاہ کانسہ نشہ طلب آسہ تسہ آسنہ تہ ادا کرنس پٹھ قادر مہلت
دِن تس تنگی کرن تس پٹھ یہ زمانک اغنیاے تنگ چشم ہرگاہ دیناراہ از فقیر طلب آسک دنیا چھہ تس پٹھ تنگ کران
دہ تہ رات چھہ تس بیچارس یکسان کران بییہ چھہ بیہ گروٗخ دِتلِس بند کران بییہ چھہ مجلسن تہ مجمعن منز زبان تس تنز غیر منز
مُرران بییہ چھہ تس اذیت کران کینہ آسہ زہ تس کرن مضروب تہ مجروح بگر دن چھک گرہان تمہ دیہ جراحت کیتو اوُتمہ
ختہ زیادہ بعضہ دارک ہہہ باپت قلیل مال خسیس دنیا چھہ کیتین حرام کارن مرتکب سپنان ستم چھہ اعانت کرن مسلمانن
تہ سوا زہ وننہ آو تن لباس وِن تہ بس جلے دِن ہش بییہ سوار گرُن ہہ بییہ پہ دِن ہُہ بییہ میوہ رای یہ یمن ہہ چھہ
یمن ہارنی چھہ ثواب بے نہایت تہ فضیلت بغایت اہم چھہ یہ کینہ دِوان چھہ آدمی پننہ کنہ رچھنہ باپت آبرو
پنُن تہ مرعی تہاونہ باپت حُرمت پنُن بییہ دفع کرنہ باپت شر اشرار بییہ پٹ رٹنہ باپت ظلم ظالمان پانس نشہ تیہ چھہ از
ثمرۂ سخاوت کیتاہ بخیل چھہ زہ دات تمن بخلہ نگہ مذلت تہ خواری ہند انواع آبرو پنُن دنگ برباد در بعضی اخبار چھہ
وارد بذلِ مال براے حفظ آبروی خود چھہ در حکم صدقہ قوم چھہ مسجدہ تہ مدرسہ کرن بییہ تموو رای دِن مثل کدل تہ
رباط بییہ جاری کرن کاریز بییہ کُل دَوَن بییہ یمن ہہ یہ چھہ تمہ منز زہ اثر تمک روزہ باقی در روزگار تا قیامت روز
بروز سینہ نفع تمک عاید مالکس تکیس از حضرت امام جعفر صادقؑ چھہ منقول زہ یُس اکاہ مسجداہ بناکرہ خدا کرہ تس کیت
گراہ در بہشت بنا یتہ چھہ از آنحضرت منقول زہ شہ چیز چھہ زہ ثواب تھند چھہ بعد از وفات مومنس واتان اول فرزندہ
زِہ تسندہ باپت کرہ آمرزش طلب دِیم مصحفاہ زہ پانس پتہ تہادِہ تریم کُلاہ زہ دِدہ ژورم کوراہ زہ کہنہ پانژم

از جملۂ صدقات چھہ مہلت دین ناداران قرضداران

از جملۂ صدقات چھہ اعانت مسلمین

از صدقات چھہ حفظ آبرو کرن

از صدقات چھہ مسجد مدرسہ کران

صدقهٔ جاریه زِ یکه وُن تهاوه پانس نِپه سپننهٔ منتفع تمه نا کرن مدرسه ته کدل ته رباط بیه وقف کرن بیه
زراعتگاه ته گام بیه یه تمن ہُہ چھه شیم چھه تاه زه تس تپه کرن عمل تت

# کتاب الصوم

روزه چھه افضلِ عبادت حضرت رسول صلی الله علیه چھه فرماوان روزه دار چھه در عبادت بر فرش خواب تی آسه یت
تان کانسه مسلمانس غیبت کرنه از امام حسن بن علی علیهما السلام چھه منقول زِ ه قوماه آوا زیہو دینز د حضرت رسول صلے
الله علیه واله وسلم تہند اعلمن کُر سوال کمه باپت کر خدان روزه چانه امتہ باپت ترّوه فرض برونهہ امتہ پٹ امہ ختہ
زیاده فرموو پیغمبرن علیه السلام زِ یلیه آدمن علیه السلام کنک کھوباقی رُود در شکم تس ترّہن دُہن پس فرض کر خدایتعالان
بر آدم ته تسنزه اُمتہ پٹ ترّہن دُہن کرگگی ته تشنگی بیه کینه رات کِت کھوان چھه فضلاه چھه از خدای عزوجل اده کر فرض
یه خدایتعالان مانیه اُمتہ پٹ اده پر کُ آیه کُتِبَ عَلَيْكُمُ الصِّيَامُ كَمَا كُتِبَ عَلَى الَّذِينَ مِنْ قَبْلِكُمْ لَعَلَّكُمْ
تَتَّقُونَ اَيَّامًا مَّعْدُوْدَاتٍ یہودِپ پُرونت ای محمد کیاه چھه جزاتس اکسندزه روزه تهاوه فرموو پیغمبرن
چھنه کانه مؤمناه زِه روزه تہاوه در ماه رمضان از برای خدا مگر یی زِه واجب گره خدایتعالا تسنده باپت ست خصلت
اوّل یی زِه حرام انه بگداز تسندِه بدنه منزه دُویم نزدیک سپننه رحمتِ خدای عزوجل ترییم آسه کفاره گناه
تسندس مالس تا آدم ژُودم آسان کره خداتس پٹ سکرات موت پانژم آسه امان از گرسنگی ته تشنگی روز قیامت شیم
دیه تس خدایتعالی خلاصی از آتش جهنم ستیم دیه تس طعام از طیبات بهشت یہودِپ پُرونت ای محمد صلی الله علیه
واله وسلم روایات چھه بسیار یتِ منز چھه آٹھه باب **باب اوّل** چھه در کیفیت روزه بیه در اقسام روزه روزه
گیه پت رٔتِ بغض کھرکُڈنه نِشه مفطراتن پٹ نیت کرت صبح پهلینه پٹه آفتاب لوسنس تان مفطراتن چھه زه قسم اکھ یُہی
زه واجب چھه تمه قضا ته کفاره بیاک یُہی زه واجب چھه تمه قضا کفاره سِوا تیه پاٹه سپنه بیان روزه چھه صحیح یله
روزه دار آسه بالغ ته عاقل ته مسلمان ته مسلمان شُر تمیز دار یلنه روزدار در سفر آسه بیه نه بیمار بیه آسیه پاک از حیض
ته نفاس بیه از جنابت بیه آسنه بیہوش ته مست روزه چھه ژُور قسم اوّل چھه واجب واجب نه چھه شه قسم روزه

روزه واجبی

روزہ سنتی

ماہ رمضان بیہ نذر تہ عہد تہ یمین بیہ روزہ کفارہ بیہ بدل ہدی تمتع بیہ روزہ اعتکاف واجب بیہ قضاے واجب دوییم
چھہ سُنت تمہ چھہ ورہس سارنی دُہن ہنزہ روزہ مگر ییٚن دُہن چھہ واجب یا مکروہ یا حرام سُنتِ مؤکد چھہ پرت رتہ گڈ چہ ربیوار
ہنزہ روزہ گڈنکو دہود ہو منزہ بیہ گڈ چہ بد وارہ ہنزہ روزہ ڈُہو دہو منزہ بیہ تمہ برسیوارہ ہنزہ تیمو دہود ہو منزہ بیہ
روزہ ایام بیض پرت رتہ تم چھہ ترواہم ژُداہم تہ پنداہم بیہ روزہ عید غدیر اراداہمہ ذی الحجہ بیہ روز ولادت نبی
سداہمہ ربیع الاول بیہ روز مبعث ستاوہمہ رجب بیہ روز دحو الارض پنژہ تہمہ ذیقعدہ بیہ روز مباہلہ پنژہ تہمہ ذی الحجہ
کینژ چھہ دُمپت ژُوہمہ تمکہ بیہ روز عرفہ تس کسند زہ از دعا گرثہنہ سُست بیہ آسہ اول ماہ معین بیہ اول ذی الحجہ

روزہ مکروہ

بیہ تمہ تیہ دُہن دُہن تان سارنی عید سِوا بیہ در تمام ماہ رجب تہ ماہ شعبان بیہ پرت ربیوارہ بیہ پرت جمعہ بیہ
اول محرم بیہ تریمہ تمکہ بیہ ستمہ تمکہ بیہ روز عاشورا بروچہ خرن تر سیم چھہ روزہ مکروہ تمہ چھہ روزہ عرفہ تس اکسنزہ
زہ از دعا گرثہ سُست یا آسہ در اول ماہ شک بیہ سُنت روزہ مہمان بے اذن میزبان یا روزہ میزبان بی اذن
مہمان واجب چھہ احتیاطاً فرزند تھاونہ روزہ بے اذن پدر بیہ چھہ مکروہ روزہ زن بی اذن شوہر بیہ سُنت روزہ

حرام روزہ

بندہ بے اذن خواجہ مزاحم آسِت ییٚن دُنون ہنزہ روزہ بحق زوج تہ سید اقوی چھہ یی زہ صحیح چھنہ ژُور چھہ
حرام روزہ تمہ چھہ نور وزہ ہر دو عید بیہ ایام تشریق یعنی کہم تہ بہم تہ تراہم ذی الحجہ تس اکس زہ در منی آسہ بیہ روزہ روز
شک بہ نیت ماہ رمضان اما روزہ تھاونہ تمہ دُہہ بیہ کنہ واجبی وزن ہنزہ نیژ حرام چھنہ بیہ چھہ حرام روزہ نذر
معصیت بیہ روزہ صمت یعنی یی زہ کتہ کرنہ کینہ بیہ روزہ وصال یعنی یی زہ کالہ چن ژہٹرنہ یا یی زہ شام کینہ
منز کرہ تاخیر سحرس تان بیہ واجب روزہ بیمار آسِت تمہ رنگہ روزہ تھاونہ سیت واتس ضرر بیہ واجب روزہ سفرس
منز سوای روزہ بدل ہدی تمتع بیہ بدل بدنہ تس اکس زہ از عرفات نیرہ پیش از غروب آفتاب عرفک دُہ دیمیرباب

شرائط روزہ

چھہ در شرائط روزہ واجب آسنس منز چھہ شرط اول بالغ آسُن پس نابالغس پٹ چھنہ روزہ واجب آسِس تے روزہ
تھاونک طاقت اما سُنت چھہ تس عادت دِن روزہ تھاونک ہفت سالہ آسنہ روزہ ہکنہ سخت رٹن تس در
نہ سالگی روزہ تسنزہ آسن درست ہرگاہ شک کرن تسندس بالغ سپنہ پتھ منز روزہ چھنہ واجب ہرگاہ منز دُہہ
بالغ سپنہ سُنت چھہ زہ نفس رٹہ پت از مفطرات ہرگاہ کینہ کہوُت آسِس دوییم چھہ عاقل آسُن یہ چھہ شرط وجوب
تہ شرط صحیح آسنک روزہ پس دیوانہ سنزن روزن چھنہ اعتبار امر کرن نہ تس روزہ تھاوہ لس تیہ کنہ نابالغس امر

کرن یتھی چھُہ سہ شخص یِزہ بیہوش گومُت آسہ برونہ آستنس نیت کرِتھ یا متہ آستنس روزہ تمِنزہ چھِنہ صحیح تس پٹھ
چھِنہ قضا واجب    علاج باپت خوردنی تہ آشامیدنی کانہہ چیز دِتہٕ آسِس ہرگاہ منز دُہہ عاقل سپنہ یا بیہوش
بیہ سُنت چھِس یُزہ نفس رٹہ ہرگاہ پننہ فعلہ بیہوش سپنہ واجب چھِس قضا احتیاطاً علاج باپت    تی خوردنی
تہ آشامیدنی تس دِوُت مت آسہ ہرگاہ آخر روز دیوانہ گژھہ یا بیہوش سپنہ تمہ دُہچہ روزہ گژھِنس باطل ہرگاہ منز دُہہ
عاقل گژھہ یا بیہوش بیہ سُنت چھہ زِہ نفس رٹہ ہرگاہ پننہ فعلہ بیہوش سپنہ قضا چھِس واجب بناء بر احوطیس اکاہ درجاب
چھہ روزہ چھِس صحیح ہرگاہ در شب نیت آسس کرِتھ یا بیدار گژھہ زوالہ برونہ تہ نیت کرِہ ہرگاہ بیدار گژھہ نہ مگر زوالہ پتہ
نیت آسہ سنہ تمہ برونہ کرِتھ قضا چھِس واجب تریم چھہ مسلمان آسُن یہ چھہ شرط روزہ صحیح آسنس نہ واجب آسنس
تحیاہ زِہ بر کافر تہ چھہ واجب روزہ صحیح چھِنہ تس مسلمان سپنہ پتہ چھِس ساقط ہرگاہ منز دُہہ مسلمان سپنہ سُنت چھِس زِہ
نفس رٹہ پت آما یہ روزہ بارتداد فوت گژھہن قضا تمک چھُہ واجب ہرگاہ منز دُہہ مرتد سپنہ روزہ گژھِنس باطل افطارہ
برونہ تے بیہ مسلمان سپنہ ژُورم چھہ در سفر نہ آسُن یہ چھہ شرط روزۂ واجبی صحیح آسنس یعنی یُس سفراہ چھہ واجب
کران نماز قصر کرن روزۂ ماہ رمضان تہ بیہ واجبی روزہ چھِنہ صحیح تتہ منز بلکہ قضا چھہ واجب مگر روزۂ نذر زِہ قید کرِتھ
آسہ سفرس اکسند پاٹھہ زِہ نذر کرِہ فلان ماہ رجبس تھاوِہ روزہ در سفر تے آسہ بیہ روزۂ سہ روز بدل ہدی تمتع تس اکسندہ
زِہ عاجز آسہ نہ تمہ چھِس منز بیہ روزہ ارداہ دُہ تس ژُونتہ سندہ بدل زِہ واجب چھہ کھارہ یا پتس اکس پٹھ زِہ پیش
ازغروب آفتاب نیرہ روز عرفہ از عرفات یلہ عاجز آسہ ازبدنہ آما روزہ سُنت پس جائز چھِنہ تمِہ در سفر مگر ترن دُہن برائے
حاجت در مدینہ حکم روزہ چھُہ در سفر حکم قصر نماز پس ہرگاہ روزۂ واجبی در سفر تھاوہ باطل چھہ قضا چھہ واجب مگر یلہ جاہل
مقصر آسہ زِہ روزہ چھِس صحیح ہرگاہ گنہ جایہ نیت اقامت دہ روزہ کرِہ روزہ چھہ واجب ہرگاہ تردد کرِہ گنہ جایہ اکہ
رِتہ پتہ چھِس روزہ واجب ہرگاہ زانہ زِہ زوالہ برونہ نیٖس شہرس یا بجاے اقامت دہ روزدِ اتہ مختار چھہ افطار کرتن
یا نفس رٹن نفس رٹن چھہ بہتر ادہ یلہ تُت زوالہ برونہ واتہ افطار کرِنہ نیت روزہ کرِہ واجب آسنہ کُن کانی چھہ
ہرگاہ افطار کرِت یا زوالہ پتہ واتہ سُنت چھِس زِہ نفس رٹہ ہرگاہ زوالہ برونہ سفر کرِہ نفس رٹن چھہ واجب جائز چھِنہ
افطار تت جایہ تام زِہ بوزنہ بیہ نہ تتہ اذان تہ دیوار بیہ نہ نظرہ تیہ پاٹھو ننہ آو پانژم چھہ بدنس آزار آسُن
پس صحیح چھِنہ روزۂ بیمار یلہ ضرر کرِہ نس روزہ مضر آسنہ روزہ چھہ بیمارہ سندس لیکھِس تان یا با معرفتہ دال سندِ

ونس تان واجب چھُہ تس پتہ قضا ہرگاہ تژہ بیمار آست روزہ تھاوِہ صحیح چھنہ قضا چھُہ واجب ہرگاہ بیمار بلہ افطار
کرنہ پتہ یا بعد از زوال نفس رٹہ ہرگاہ زوالہ پتہ بلہ افطار آسنہ کرمُت واجب چھہ نیت کرن تہ نفس رٹن تہ دُہہ احوط
چھُہ قضا تھاونہ تمِہ دُہچہ روزہ شیم چھہ پاک آسن از حیض تہ نفاس یہ چھُہ شرط روزہ صحیح آسنس یعنی صحیح چھنہ روزہ
تس زنانہ زہ حیض آسِس یا نفاس از غروب آفتاب اکہ لحظہ برونہ تے پیدہ گژھِس تہ یا خون روزِس صبحہ پتہ ہرگاہ
پاک گژھِ صبحہ پتہ سُنت چھُس زِہ تمِہ دُہہ رٹہ نفس مین پتہ چھہ روزہ قضا تھاونہ واجب نہ نماز ہرگاہ راتلہ پاک سپنہ
غسل کرنہ روزہ کرِہ قضا تہ کفارہ چھُنہ اما مستحاضہ بلیہ تم غسل زہ واجب چھُہ تس پتہ دُہلہ کرن بجا انہ روزہ تسنزہ
چھہ صحیح نتہ چھہ باطل قضا سپنس واجب ستم چھُہ پاک آسُن جنب آسنہ نشہ پس ہرگاہ جنب راتلہ غسل کرنہ عمداً
یتُ تان صبح پھُلہِ یا تراوہ نندر نیت کرنہ زہ راتلی کرہ غسل یا شُگہ بیدار گژھنہ پتہ اکہ مرتبہ یا زیادہ بیہ
یتُ تان صبح پھُلہ روزہ چھِس باطل قضا چھُس واجب ہرگاہ از غسل عاجز آسہ تہ تیمم کرِہ ہرگاہ صبحہ پتہ بیدار گژھِ جنب
آسہ صحیح چھہ روزہ ماہ رمضان تہ روزہ نذر معین تہ نذر مطلق روزہ قضائی چھنہ صحیح سُنت روزن منز چھہ خلاف
محتلم سپنُن دُہلہِ نندرہ سیت یا بے قصد چھنہ روزہ باطل کران تہ جایز چھہ تاخیر غسل قضائی روزن چھہ شرط
بالغ تہ عاقل آسن در تمام روز بیہ نہ آسُن کافر تہ بیہوش پس چھُہ واجب قضا بر مرتد تہ حایض تہ نفساء بیہ بر
مسافر تہ بیمار بعد زوال عذر **تریم باب** چھہ در نیت نیت چھہ شرط روزن منز صحیح چھنہ روزہ واجب تہ
سُنت نیز سوا معین آسُن یا غیر معین در روزہ ماہ رمضان چھُہ کافی نیت روزہ تہ قربت یتہ کُنہ زِہ بگاہ تھاوٗ
روزہ قربۃً الی اللہ اما در غیر رمضان پس واجب چھہ در نیت تعیین روزہ زِہ کیاہ چھِم قضا چھہ کنہ نذر یا کفارہ یا کینہ
یمہ طریقہ زِہ بگاہ تھاوہ روزہ قضای ماہ رمضان قربۃً الی اللہ وقت نیت چھہ از اول شب صبح پھُلنس تان در روزہ
ماہ رمضان تہ نذر معین پس ہرگاہ نیت کرِہ نہ عمداً یتُ تان صبح پھُلہ روزہ چھِس باطل ہرگاہ فراموش کرِہ یا از انہ بگاہ
آسہ از ماہ رمضان پیش از زوال سپنس معلوم زوالس تان کرِہ نیت ہرگاہ از زوال گذرہ روزہ چھہ باطل قضا چھہ واجب
اما روزہ غیر معین قضا یتہ تہ روزہ نذر مطلق بیہ روزہ سُنت پس وقت نیت تمک چھہ از اول شب تا زوال در
نجاۃ العباد چھُہ وقت نیتِ روزہ سُنت چھہ از اول شب آفتاب لوسنس تان روزہ نیت کرہ نس سُنب وقت
بنا بر قوے جایز چھُہ اول ماہ رمضان ساری ماہ رمضانکن روزن ہنز نیت کرن واجب چھہ احتیاطاً تہ کرت

ادہ پرت دُہہ بابت بیہ نیت کرن جایز چھنہ روزہ روزِ شک بہ نیت ماہ رمضان سنت چھہ یمی نیتر زہ ارشعبان
چھہ ادہ ہرگاہ ظاہر گژھہ زِ ماہ رمضان اوس محسوب چھُہ ہرگاہ تمہ دُہہ بہ نیت ماہ رمضان روزہ تھاوِہ باطل
چھہ قضا کرن ورنہ ہرگاہ ظاہر سپنہ ماہ رمضان اوس ہرگاہ تمہ دُہہ بہ نیت افطار اوس معلوم گوس زوالہ برونہ
زِ ماہ رمضان چھُہ افطار چھُنہ کرمت نیت کرہ تیچ ہرگاہ بعد از زوال تہ معلوم سپنہ نفس رٹہ بر سبیل وجوب بیہ
تھاوِہ تیہ قضا ہرگاہ نیت روزہ آست در روز ظاہر سپنہ ماہ رمضان چھُہ نیت وجوب کرہ زوالہ تیہ مجرا
چھُس ہرگاہ روز شکہ روزہ تھاوِہ بیہ فرضچہ نیتر روزہ چھُہ محسوب تت منز ادہ ظاہر گژھہ ماہ رمضان چھہ
تی کنہ چھہ محسوب تت فرض کرہ قضا واجب چھہ زِ بر حکم نیت آسِہ تا آخر روز ادہ ہرگاہ منز دُہہ نیت افطار کرہ
یا مرتد سپنہ بیہ تے ادہ مسلمان سپنہ یا تردد کرہ افطار کراکنہ تہ روزہ چھُس باطل تیہ پاٹھہ نیت افساد کرہ زوالہ برونہ
بیہ کرہ نیت توتہ روزہ تھاوِہ یمن تمن ژِن مسلن منز چھِک خلاف کرُمت **ژوُرِم باب** چھُہ در حکم افطار

احکام مفطرات

افطار یا چھُہ واجب قضا کران کفارہ سوا یا چھُہ واجب کران قضا کفارہ سان قضا تہ کفارہ چھُہ واجب سپنان
افطار کرنہ در روزہ ماہ رمضان بیہ در روزہ نذرِ معین بیہ تمس منز بیہ در روزہ قضای ماہ رمضان زوالہ تیہ اما
افطار زِ واجب چھُہ کران قضا کفارہ سان تم چھہ دہ امر **اول** کھین کینہ تہ چن کینہ خوردنی تہ آشامیدنی منز عمداً
نہ سہواً یہی حکم چھُہ تت پس ماندہ طعامس زِ درمیخ دندان آسِہ رُودمُت یا طعام کھوُن آسہ صبح پھلمت نہ نگلِہ بیہ ذرد بن
چھُس بلکہ تہ گژھہ آسہ منز نبرِ تراوُن یا کھوُن طعام بلیہ گمان کرن روزہ چھہم باطل کھین چھم روا اما معلوم چھُنہ زِ نیت
صورژ منز چھیس کفارہ واجب یا دِرینی ہیہ کینہ زِ حلقس واتن تہ **دوییم** چھُہ جماع کرن با آدمی بیہ غیر آدمی با انزال
تہ بی انزال مفعولس تہ چھہ حکم فاعل مرداستن با زنانہ یہی حکم چھُہ ہرگاہ جماع کرہ زنانان آسِہ زِ راژ منز چھُنہ تونا درود
مُکلنہ تیہ بہ کزِہ غسل کرت ہرگاہ گمان کرت زِ رات چھہ باقی تہ غلط آست بجماع مشغول سپنہ وقتس ملاحظہ کرنہ قضا چھہ
واجب کفارہ سوا با ملاحظۂ وقت تہ چھُہ احوط قضا تیہ پاٹھہ چھُہ قضا تہ کفارہ لازم ہرگاہ صبح پھلہ
تہ آسِہ بجماع مشغول تہ ترک کرنہ تلی ترک کرِہ قضا چھُہ واجب کفارہ سوا ہرگاہ گمان آست رات چھہ باقی بی ملاحظہ
وقت سپن مشغول جماع ہرگاہ دنت تقصیر آسنہ واجب چھیس تو تہ احتیاطاً قضا ہرگاہ زنانہ آسِہ اطاعت کرمت
در جماع روزہ چھس تمام بہ تن پٹھ تہ چھُہ قضا تہ کفارہ واجب پرت اکس کرن تعزیر بیترہ تازیانہ لانیہ سیت ہرگاہ مردن

آسی جبر کُرمُت زنانِ ہنزِ روزہ چھ صحیح مردس پٹھ چھ واجب قضا بیہ زہ کفارہ اکھ پننہ بابت بیاکھ
ازبرائے زن زنانہ پٹھ چھنہ لہٖ واجب کفارہ تریم چھ منی انُن عمداً اتھہ سیت یا زنانہ سیت گندنہ یا بیہ کُنہ پاٹھہ
ژوؤم چھ حلقس واتنادن غبار غلیظ آٹہ گردِش بیہ یہ تِمن ہہ چھ ہرگاہ بے اختیار یا آگاہ
آسنہ سوا غبار حلقس واتہٖ کینہ سپنہٖ لازم عمد نہٕ واتنادن گو پانس راچھنہ نکرن غبار و تہمت آسنہ وزِہ تہمت
آسنس ڈونہ منہ یا بگیہٕ نسہ ہندِہ یا وادہ سیت یا بیہ کُنہ سیت ہرگاہ نیرہ تیٚاہ آب دہن یا بانسماہ برتراوتہ تی
سپنہٖ حکم افطار گُ مگر یلہ نگلہ عمداً تتہٕ پانژم چھ جنب روزن صبح پھٹلنس تان شیم چھ جنب شنگن بی نیت
غسل صبح پھٹلنس تان تیہٕ کُنہ ترِیمہ مرتبہ دوِیہ مرتبہ بیدار سپنہٖ تہٕ نیت غسل تہٕ آسی تیہ کُنہ زِہ
شنگہ نیت غسل آست تہ بیدار گژہ ادہ شنگہ بیہ تہ بیدار گژہ دُیمہ لٹہ ادہ شنگہِ بیہ ترِیمہ لٹہ تہ بیدار گژہ نہ
صُبحس تان واجب چھ قضا کفارہ تہ بنا براحوط اما واجب آسنک چھنہ معلوم ستیم چھ عمداً آبس تل کلہ
والُن آٹھم چھ برخدا تہ رسول بیہ ائمہ علیہم السلام عمداً اپُز گنڈُن نوم چھ امالہ بایع کرُن دھم
عمداً قی کرُن اما یمہ افطارہ قضا چھ واجب کفارہ سوا سہ چھ شہ چیز اول شنگن جنب دُیمہ لٹہ نیت غسل آست
تہ تہ زہ اکہ لٹہ آسہ بیدار گومُت تیہٕ کُنہ زِہ شنگہ تہ بیدار گژہ ادہ شنگہ بیہ نیت غسل آست بیدار گژہ نہ صبحس
تان گڈہ نکہ شنگنہ سپنہ کینہ واجب دوئیم چھ منی ین نظر کرنہ شہوتس زنانہ کن زہ نظر کرن چھس حرام
تس با شہوت بنا براحوط اقوی چھ زہ واجب چھنہ مگر یلہ عادت آسی ترِ نظرہِ منی ہنس تریم چھ آب
حلقس وا تُن آسی لدنہ نکہ خُنکی بابت یا عبث قضا چھ واجب ہرگاہ وضوہ بابت یا غسلہ بابت یا ازالہ
نجاست کرنہ بابت یا برائے دوا آب لدہ آسی بانستہ تہ حلقس واتہ بے اختیار کینہ سپنہٖ واجب مکروہ
چھ روزہ دارس مبالغہ کرُن در مضمضہ تہ استنشاق ژورم چھ کھن تہ چن بیہ یہ تمن ہہ چھ صبح پھلت یی گمانہ
زِہ رات چھ باقی وقت ملاحظہ کرنہ سوا تو اما آست بِی آستنس خبر دژمژ زہ رات چھ باقی یا متہ آستنس یا
دُیمت آستنس نہ رات چھنہ باقی تم آسہ دروغ گمان کرمُت مگر یلہ دُیو عادل آسی خبر دژمژ زِہ رات رُوز نہ
تم کرُنہ اعتبار تت بلکہ عدل واحد تہ بنا براحوط واجب چھس قضا کفارہ تہ پانژم چھ کھن تہ چن بیہ یہ
ہہ چھ شام واتنہ برونہ تاریکی کِن یا بی سنزِہ تقلید کن ہرگاہ ظن غالب ابر آست افطار کرہ کینہ سپنہٖ واجب

